# حاجی بابا

اصل

جیمز جسٹنین موریر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# حآج بابہٕ




اصٕل

جیمز جسٹنین موریر

فارسی حاجی بابا اصفہانی کِتابِہ ہُنٛد کوشُر ترجمہ

ترجمہٕ کار

ڈاکٹر شمس الدّین احمد

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

سِرؠ نگر

ناشر *

سیکرٹیری جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سری نگر

چھاپ *

جے، کے آفسیٹ پرنٹرز، دہلی ۶

قیمت *

# عرضِ ناشر

حاجی بابا اصفہانی چھُ فارسی زبانۍ ہِندیو سیاحت ناموٚ منٛز وِکھٕت تہٕ دِلچسپ سیاحت نامہٕ، تِکیازِ اَتھ منٛز چھِ اِنسٲنی نفسیاتٕکۍ مختلِف وَتھن طنز و مزاحہٕکِس وَرٕدلِس ڈٲلتھ زِندگی ہِندۍن ہیٚرن ہنٛز باوَتھ کران، پانہٕ حٲجی بابس چھُ امہٕ سفرٕک سارِوۍ کھوتہٕ دِلچسپ کِردار یُس زِندگی ہِندِس پرتھ ہنگامس تہٕ پرتھ محشرس پیٚٹھ بے پناہ طنزٕ تہٕ مزاحکیو کانو سیٚتۍ زیٚنان چھُ، یٚہندۍن یِمن کانن ہُند زہر چھُ واریاہس کالس پتن وٲلِس تتھ تُلان، اکادمی کوٚر ترجمن ہِندِس سِلسِلس منٛز امہٕ کتابہٕ ہُند انتخاب تہٕ ڈاکٹر شمس الدین احمد صابس آیہٕ کام مَنٛزِ تھاونہٕ۔ ڈاکٹر صاب چھِ فارسی زبانۍ ہِندۍ بہلہِ پایہٕ ووستاد، تہٕ امہٕ برونٛہہ چھُ یمو ڈاکٹر زین العابدین ہنٛز "پیامبر" ناوِچ سیرت النبیؐ کتابہٕ ہُند ترجمہٕ کوٚرمُت، یُس اکادمی شایع کوٚرمُت چھُ۔ یہٕ کتاب کٲشرِس منٛز پھِرنہٕ سیٚتۍ چھُ ساننِ ترجمن ہِندِس خزانس منٛز بناکھ موٗل لال شٲمِل سپدان۔

محمد یوسف ٹینگ
سیکرٹری کلچرل اکادمی

سری نگر۔ ۳۰ر دسمبر ۱۹۷۶ء

# گوڈکتھ

فارسی حاجی بابا اصفہانی چھُ اصلی انگریزی زبانِ منز لیکھنہٕ آمُت The Adventures of Haji Baba of Ispahan ناوچہ کتابہ ہُند فارسی ترجمہ[1]۔ انگریزی زبانِ منز چھےٚ یہ کتاب جیمس جسٹینین موریرن لیچھمٕژ تہٕ حاجی شیخ احمد کرمانی ین فارسی زبانِ منز پھیرمٕژ۔

وننہٕ چھُ یِوان زِ حاجی باباہن چھےٚ پننہٕ یہ کتاب استانبولس منز پانہٕ لیچھمٕژ۔ استانبول پیٹھ ییرتھ پیوٚمُت توقات ناو جایہ سخ بیمار۔ یمنے دوہن اوس اکھ انگریز سائلہ موٚت پرجیرآین پرسیک یُس پیشہ کنہِ ڈاکٹر اوس ایرانک سائل کرِتھ توقات ووتمُت۔ حاجی باباہن (یُس یتیمہ یورکُن یہٕ حاجی بابہ وننہٕ) بوزٕ زِ اپرانہٕ پیٹھ چھُ گُستام آمُت۔ تمیٚ سوٗز ڈاکٹرس شیٚچھ۔ بٕرونٛہہ چھِ یم دوٚشوٕے قسطنطنیہ ہس منز اکھ اکس سمکھیمتۍ آسان۔ پرٛانۍ زان آسنہٕ کنہٕ چھُ ڈاکٹر حاجی بابس علاج کران تہٕ چھُس بلہٕ راوان۔ حاجی بابہ چھُ ڈاکٹرس شکرانہٕ کرنہٕ کہ معاوضہ پننہٕ یہ کتاب ڈالی دِوان۔ ڈاکٹر یُس پانہٕ بہلہ پایک اکھ مشرقی ادب شناس اوس چھُ آسان یہٕ ڈالی رٹتھ سیٹھا خوش گژھان تہٕ سنہ ۱۸۲۴ ہس منز یہ کتاب ہیتھ لنڈن واتان تہٕ اتھی وری یس منز چھُ جیمس جسٹینین موریر اتھ کتابہ انگریزی زبانِ منز پھران۔

مےٚ چھُ باسان زِ یہ چھےٚنہٕ صحی۔ یکیا زِ بہلہ پایہ کین مشرقی ادب شناسن منز چھُنہٕ کُنہ ڈِ ڈاکٹر پرجیرآین پرسیک ناوُک کانٛہہ تہٕ ناو تیٚتھ مشہور یُتھ تسُند حوالہ آسہٕ ہا دِنہٕ یِوان۔ ہرگاہ مانو زِ سہ چھُ پٔرزو پاٚٹھۍ اکھ مشرقی ادب شناس اوسمُت سہ کیٛاز دیہ ہا یہ کتاب بیٚیس کانٛسہ اکس تریٚیمہ زبانِ منز ترجمہ کرنہٕ موکھ یوسہٕ تس پننہٕ زبان اُس تہٕ پتہٕ کُنہٕ دیہ ہا پننہٕ ناماوٕری اتھ منز گژھنہٕ۔ وُنیکتام چھُنہٕ حاجی بابنہٕ اتھ لیچھمٕژ امہ کتابہ ہُند کانٛہہ پےٚ پتاہ تہٕ یوسہٕ ناماوٕری حاجی بابا اصفہانی کتابہ چھےٚ تمہ کتابہ ہُند اصل ذاتک نوٚن پرٛنہٕ موکھ چھُ اکھ ہیتھ وری کانٛہہ یتھ یہ اختلاف اکی ساتہٕ ختم سپدِ ہا۔ تحقیق کرن والین چھ اتھ منز ژھونڈ کرِتھ اوٚ موکھ زِ حاجی بابنہٕ اکھ چھُنہٕ مولہ کانٛہہ کتاب۔ بیٚیہ چھےٚ یہ کتھ مشکلے یہن باسان زِ حاجی با

[1] ایرانچہ بہلہ پایکہ ادیب سید محمد علی جمال زادنہٕ وننہٕ موجوب چھےٚ یہ کتاب مرزا حبیب اصفہانی ین لیچھمٕژ اما پوز وننہٕ چھُنہٕ اتھ کُنہ پتھ علمی تحقیق کرنہٕ آمٕژ۔

(ہرگاہ یہ پوز آسہ) کیاہ دِیہ ہا پرٛتھ ہش نہٕلہ پازٕ پٔچ کتاب ڈاکٹرس ڈٲلی تہٕ پانہٕ روزٕ ہا اکھ زورادار اَدیبکہ خٔشی ہٕند
ہمیشہ کہ خاطرٕ لوٚب۔ میأنی کنہٕ چھُ یہ بٔلی قِصہٕ اکھ پانہٕ جیمس موریرن گونٛدمُت تہٕ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ صداقت
ایرٲنی زندگی پیٹھ ڈٔنٛتھی زہرٕ ہیو کُہیپ ژٕنیچہٕ ہانٛژ نِشہٕ بٔچنہٕ موکھ چھُ موریرن اَصل کتابہٕ ہٕنٛد لیکھن وول حاجی
بابہٕ ناوُک اکھاہ پانے دِلے اِستادٕ کوٚرمُت۔ یُس ہِندس آسنس منٛز نہٕ کانٛہہ حقیقتھے چھنہٕ۔ اَصل کتاب چھے
انگریزی پأٹھی گوڈنیچہ لٹہٕ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ اَمیُک لیکھن وول چھُ پانہٕ جیمس جسٹینین موریر۔

جیمس موریر سُنٛد قبیلہٕ چھُ اصلی فرانٛسُک۔ اَمِ سُنٛد اجداد چھِ فرانس ترٛاوِتھ سوئٹزرلینڈ یوان بموٚ
قبیلچ اَکہ لَنٛجہِ ہٕندی کینٛہہ نفر چھِ تجارت کرن وٲلی آسان یمو منٛز اکھ ایزاک موریر ۱۷۵۰ہس منٛز سمرنا (ترکی)
ہس منٛز زیوان چھُ تہٕ ۱۸۱۷ ہس منٛز چھُ سُہ طووُنہٕ سیتی قسطنطنیہ ہس منٛز مران۔ تس اُسو برطانوی رعیتھ
آسنکی حق حاصل سپدی میتہٕ تہٕ قسطنطنیہ ہس منٛز بنیوو سُہ برطانیہ ہُک سفیر۔ سمرنا ہس منٛز روزن وول ہالینڈُک
کونسل جنرل پنٛنز کٔلیر آران لینپ ناوچ کورٕ سیتی کوٚرن نیتھر۔

ایزاک موریرس زاے ژور نیچوی۔ جان فلپ موریر، جیمس جسٹینین موریر، ڈیوڈ رچرڈ موریر تہٕ ولیم
موریر۔ جان فلپ، جیمس تہٕ ڈیوڈ اُسی ترٛیشوے تہ کاٹلی تہٕ واقف کار سفیر۔ ولیم ژاو سمندری فوجس منٛز تہٕ بنیوو
وٕسنہ کمانڈر۔

جیمس موریر زاو ۱۷۸۰ء منٛز سمرنا ہس منٛز۔ انگلستان کس ہارو سکولس منٛز پرن تالیم۔ یمن دوہن
سُہ قسطنطنیہ ہس منٛز مالس سیتی روزان اوس تمن دوہن گیہ تس مرہار فورڈ جونسس سیتی زان تہٕ ۱۸۰۸ء منٛز
ڈراو تس سیتی سمندری جہازس منٛز بمبیہ بیتہٕ پیٹھ ہار فورڈس ایران گژھن اوس۔ تس پیٹھ کینٛژس کالس بمبیہ
روزن۔ ہار فورڈ اوس ایرانس منٛز انگلستانُک سفیر مقرر سپدمُت تہٕ موریر اوس تمی پنُن ذأتی سکتر بنوومُت۔ بمبیہ
منٛزے سپد موریر سفارتُک سکتر مقرر تہٕ اُمس دٲتی یم رتہٕ کالہ ایران کس دارالخلافہ تہرانس منٛز۔ سفیرسند
واتنہٕ پتے سپد ایران کس بادشاہس سیتی اکھ معاہدہ تہٕ ۱۸۰۹ء منٛز ڈراو موریر ایران کس سفیر میرزا ابوالحسنس
سیتی لنڈن۔ سُہ ووت تبریز، ارضِ روم تہٕ ایشیاے کوچک کنہٕ سمرنا تہٕ اَتہٕ پیٹھ ڈراو سمندرچ وَتہٕ قسطنطنیہ
کنہٕ انگلستان کُن۔ یمنہٕ اَمہ سفرکہ حالات چھِ موریرن سفرنامہ ایران، آرمینیا تہٕ ایشیاے کوچک ناوچ ۱۸۱۲ء
منٛز چھپے مژ کتابہٕ منٛز لیکھمتی۔ اَتھ کتابہ چھُ فرانسیسی تہٕ جرمن زبانن منٛز ترجمہ سپدمُت۔
یمن دوہن سُہ انگلینڈس منٛز اوس، تمن دوہن آو سُہ تہران دربار کس خاص سفیر سر گور آوسلے سُنٛد سکتر

مُقرر کرنہٕ۔ ۱۸۱۰ء منز ڈراو سُہ تس سیتۍ اَبی جہازس منز۔ یتھۍ پٲٹھۍ گو آدسلے رۄس تہٕ فرانسُک ملکن پانہٕ وٲنۍ سوٗمبہٕ کرنہٕ کِہن مامُلن پیٹھ کنٛھ باتھ کرِتھ تہٕ ۱۸۱۲ء منز ایران کِس بادشاہس سیتۍ مٲہدٕ کرِتھ معہ کلیہو سُہ آو ۱۸۱۴ء منز واپس انگلستان تہٕ موریر بنوو عارضی افسر تہران کِس سفارت خانس منز۔ ۱۸۱۵ء منز دوت موریرس انگلستان پیٹھ ناد تہٕ ڈراو سُہ گرٕ ڈٕنیچہ وَتہٕ انگلستان کُن۔ یتھۍ پٲٹھۍ دوٚیمہ سفرُک تجربہ تہٕ چھ تمۍ "سفرنامہ روٗم، ایران، آرمینیا تہٕ ایشیاے کوچک تا قسطنطنیہ" ناوچہ کتابہ منز بیان کوٚرمت یوسہ ۱۸۱۸ء منز چھپیٖمژ چھپے مگر ۱۸۲۴ء پیٹھ ۱۸۲۶ء تام روٗد سُہ میکسیکوہس منز خاص کمشنر ییتہٕ تمۍ تتھ مٲہدس پیٹھ دستخط کوٚرۍ یُس تتھ ریاستس تہٕ انگلستانس پانہٕ وٲنۍ سپُد۔ ۱۸۱۷ء منز اوس سُہ پنشنی گومت۔

جیمس موریر روٗد باقے وٲنسہ زِندٕ روزنس تام اَکھ ادیب۔ کینژن کالس اوس سُہ اَکھ نامادار ناول لیکھن وول تہٕ یوٚدوے تسند ہر رسالہ تہٕ روٗدی بڈٕ کامیاب اَما پوٚز حاجی بابا آف اصفہان لیکھنہ کِنۍ گوٚ سُہ ادبی دُنیاہس منز ہمیشہ باپیک اَکھ لیکھن وول آسنہ کِنۍ نامادار تہٕ اَمی کتابہ کِنۍ زانہٕ تس پرٛیتھ کانٛہہ تِہنٛز ہنٛز بیٚیہ کانٛہہ کتاب تہٕ ڈرامہ تہٕ اَتھ کتابہ پیٹھۍ۔ یہ کتاب چھپے تمہ وقتہٕ کہ ایرٲنۍ معاشرتک اَکھ اَہم مُقابلہ حالات بدمس پیٹھ کِنۍ لیچھی موریرن یہ کتاب اَکہ تمہ طریقہٕ یُس بظاہر اَکھ ناول لیکھنُک طریقہ چھُ مگر یُس سیتۍ سیتۍ اَکہ زمانُک تہٕ اَمہ زمانہٕ کِہن لوکہ پیٹھ بڈِین واقاتن ہُنٛد تمام رسمن تہٕ رواجن، پوٚرٕ ایرٲنۍ قوم کِہن صِفتن تہٕ طبقہٕ واد بُرٕ عادتن، جاگیردارانہٕ ظُلمن تہٕ بیوٚن بیوٚن ہِنٛدٕ ژھرُک یا بُرژوٗک اَکھ روزنامچہ چھُ۔ ووہ پرٛتھ مُلکہ کِس اُکس اِنسان سُنٛد کنہ مُلکہ کہ معاشرُک پوٗرٕ پاٹھۍ ویرٕ چھنہ نادِتھ تہٕ پرٛیتھ علاقہٕ کِہن روزن والین ہِنٛدین عادتن، لسنس بسنس، ووتھنس بیہنس، کھینس چینس، کام کار کرنہٕ کِس طریقس مردن، زنانن، لوکٹین، بڈین، جوانن تہٕ بڈین ہِنٛدس سوچنہ کِس طریقس، تِہنٛدس کامہ کارس تتھ پاٹھۍ منٛزی گژھن زٕ زن باسہ لیکھن وول تِہنٛزی گرُک کانٛہہ باژ، چھے نہ صرف اَکھ مُشکل کامے یاژ بلکہ چھے سیٹھا ناممکن کنٛھ باسان۔ مگر اَکہ منٛزنی نظرٕ تہٕ رُت موقعہٕ بدس پیٹھ کِنۍ دِژ موریرن یہ کام تژھ کامیٲبی سان انجام زِ تسنٛد ناو روٗد زِندٕ۔ یوٚدوے اَمہ کتابہ ہُنٛد مقصدی پہلو سروانٹیس پیٹھ ڈان کِذوٹ کتابہ سیتۍ زٲنۍ چھُ یان زٕ اَکہ سماجکۍ یا معاشرکۍ ٹیپ ژٕھٹنہٕ اَما پوٚز اَمہ کہ اسلوبہٕ چہ فایدٕ مینٛد طرف آسنہٕ کہ اہمیژ نشہ تہٕ ہیکو نہٕ اِنکار کرِتھ۔ یہ اسلوب چھُ تمام تمہ صِفت تھوان یمہ اُکس کامیاب تاریخ لیکھن وٲلس، اُکس زبردست ناول نِگارس، آسن گژھن، ٹیپ ژٕٹن وٲلس، رتس رومان نِگارس، منطق تہٕ نفسیاتک عِلم زانن وٲلس

اُکس اُدیبس منز آسنۍ گژھن۔ اَکھ بیاکھ صِفتھ چھُ یُس مورٕیرس منز چھُ تہٕ یَمہٕ کِنہٕ سہٕ یہِ کتاب لیکھنس
منز وِیتھ پوٚٹھ اہمیت تھوَوان چھُ، چھُ یہِ زِ یَتھ کِردارس چھُ تِتھ باگٕھ دٔنٛزرھ دِوان زِ تٮ۪سنٛد چھینہٕ کانٛہہ
تہٕ پہلو باقے روزان یُسنہٕ اَچھن برونٛہہ کُن وٲتھ پیٚیہِ۔ یہِ صِفت چھُ کتابہٕ ڈرامٲیی خصوصیت تہٕ دِوان
تہٕ مورٕیر چھُ پَتھین موقن پیٹھ زِندگی سیٹھاہ واتھ تھَوَن والین کامیاب ڈراما لیکھن والین نِکھہ یِوان۔

ہمعصٔری بروٚنٛہہ یُس ایرآن اوس سُہ چھینہٕ اَز۔ اَزیُک ایران چھُ ترقی پسند ایران۔ اَزیُک ایران
چھُ اَتھ کِس روشن فکر جوان شہنشاہ محمد رضا شاہ پہلوی آریامہرس اَتھہ موجود دورس کین تمام ہنٚرٕوری
پہلوٚن منز بروٚنٛہہ پکان۔ اَزیُک ایران چھُ دولتہٕ سیٹھاہ گرٛزان۔ اَزیُک ایرآن چھُ مسکینس کیو امیرس
پھانٛپھلنُک موقہٕ دِوان۔ اَز چھہ تتہٕ کارخانہٕ، میلہٕ، بڈٕ بڈٕ دِہہ تہٕ تیٚنٛد یم سیٚیکہٕ شاٹھن تہٕ پھُلے اَنان چھہ۔
اَز چھِے تتہٕ بجہٕ بجہٕ شکیل سَرٛکہٕ یِمن منز پوشہٕ چمن تہٕ اٮ۪ندہ اٮ۪ندہ شہِلۍ کُل تہٕ آبہٕ جوہ تہٕ دسان چھِے۔ اَز چھُ
ژھ پاسے تتہٕ تٲلیمہٕ ہُنٛد گاش وہراونہٕ یِوان۔ اَز چھُ تتہٕ عٔلمس، اُدبس تہٕ ہنرس ہیوٚر وول برنہٕ یِوان۔ اَز چھہ تتہٕ
ڈاکٹر، انجنیئر، فنکار، گوٚنماتھ تہٕ اُدیب جایہٕ جایہٕ۔ اَز چھُ کاشکار تتہٕ پانہٕ زمینُک مٲلک۔ اَز چھُ سُہ پانہٕ
فصل ووپداوان تہٕ شروٗ باغٕہ ہیٚتھ یِنہٕ برٛتھ کھیوان تہٕ کھیاوان تہٕ چھُ شہنشاہ ایرانن جاگیرداراںہٕ
نِظام موٗلے گولمُت تہٕ اَکھٕتہٕ چھُن سورُے شاہی جاگیر کاشکارَن منز بٲگرٕتھ تم تمکو مٲلک بناوِمٕتۍ۔
اَز چھُ ایرانُک گرٛوس تٲلیم یافتہ تہٕ چھُ بادشاہن فوجہ کِس اُکس حصس یِتھ سپاہ دانش ونان چھہ منٛز تھوٚومتے
زِ گامہٕ گامہٕ پھیرتھ کرن تم تٲلیم عام تہٕ گامن منز سارِے آبٲدی مرد کیو زنانہٕ سپدن پرٛ نہٕ لیکھنہٕ میتۍ۔
اَزیُک ایران چھُ یوٗرپہٕ کِس کُنہٕ تہٕ ترقی پسند ملکس ہیوہ بنان۔ ظٲہری لحاظ کِنہٕ ترقی پسند طریقہ پانناونہٕ
کِنہٕ، خرافاتن لتہ دِنہٕ کِنہٕ تہٕ آزاد خیالی ہان لسنہٕ بسنہٕ کِنہٕ چھُ اَزیُک ایرآن اَکھ مغربی ملک باسان۔
یِوٚدوے یہِ ترقی وِنہِ گامن منز حدِ کمالس وٲتہٕ مژ چھینہٕ اما پوز تہرآن، اصفہان، شیراز، تبریز، اہواز، مشہد
تہٕ باقے ریاستن منز چھُ مغربُک سیٹھاہ اثر۔ یہِ چھُس وٕری وارِن ایرانس منز روٗدمُت تہٕ از تہٕ چھُس یہِ تٲلیمی استفاد
مولکھ پروٗری توریلون گژھان تہٕ یہِ چھُس تہٕ اَمہٕ ترقی ہُنٛد شاہد یَمہٕ دٕو ایران بروٚنٛہہ پکان چھُ۔ سو نظر تل اَنٛتھ تہٕ موجودہ شہنشاہ
محمد رضا شاہ پہلوی یِنس پنٕنس قومس خلوصہ برٛژٕ وٕتہٕ ہاوٕ نصیب آسنہٕ کِنہٕ بَرکتہٕ آسنہٕ سُہ دوہ دوٗر نیٚیلہٕ
ایران دُنیہِ ہِکیو بہلہٕ پایہٕ کِیو ترقی کرن والیو ملکو منز اَکھ ملک آسہٕ گرٛزن ہینہٕ یِوان۔

مورٕیر سنٛدِ وقتُک ایران اوس جاگیرداراںہٕ نظامُک ایرآن یٮ۪تہٕ شوٗنگمتین وٕزناونے اُسیہٕ

یِمیتہٕ جہالتس منٛز وٕلنہٕ آمتین عام لُکن اَنہٕ گَٹہٕ سیٛتۍ منٛز روزنس دِل کران اوس۔ یِمیتہٕ عام انسان بارٕ خرید کرِ پانٛژھ زنٛدگی گُذاران اوس، یُس دوٚہے دوہس زوٗ جان تہٕ بیتہ شامس مالکہٕ سُنٛز لگابہٕ کیٛنژہ اُرزمان روزُن پیوان اوس یِ دپہٕ مالکنہٕ کہیں ہٕ۔ یِمیتہٕ پٕتہٕ کانٛہہ یِزتہٕ وول پیشاہ لُکن حاصل کرنُک موقعہٕ اوس۔ یِمیتہٕ حاکمَن اَفسرن تہٕ رٕسوٗخ والیٚن کیٚتُت پٕہیتھ کانٛہہ دوہ عیش ہُند دوہ اوس تہٕ پٕہیتھ کانٛہہ راتھ برأتھ ہُنٛز راتھ اَسٕس۔ یِمیتہٕ گریستیَن ہُنٛد رٕتہٕ چیٛنٛہ چیٛنٛہ زمیندار تہٕ جاگیردار پٕہیتھ رنٛگہٕ وہیٚژان اَسۍ۔ یِمیتہٕ مُفلسی، ژھرٕ تہٕ جہالتُک کرُہُن اوٚبر عام لُکن کلَس پیٹھ ژھاے تراوِتھ سیٚتۍ سیٚتۍ پکان اوس۔ یِمیتہٕ کینٛژن اُمیر گرن منٛز تہٕ بادشاہ سٕنٛدِس دربارس منٛز شمع دزان اوس تہٕ باقیٚن اَس دیٛہہ ژھیٚتے۔ یِمیتہٕ پٕہیتھ کانٛہہ زیٚٹھ طبقہٕ بادشاہَس خوش کرنہٕ موکھ مکأری کأم ہیٚتھ پنُن دوہ ہا کڈان اوس۔ یِمیتہٕ لٕکٕٹ طبقہٕ جنٛٹ کرِ کرِ پانس کھوتہٕ لٕکٕٹ طبقہٕ کیٚن لُکن سیٚتۍ ٹھگی وَرتأوِتھ تِمن تہٕ اَتھ پیٛٹھ تأرِتھ پنُن ٹاسا کڈان اَسۍ۔ یِمیتہٕ اقتصأدی بدحألی آسنہٕ کِنۍ پلنۍ اَخلاق تہٕ بِگران اَسۍ۔ موٚریر سٕنٛدِ وَقتُک یہ ایران یُس تیٚنٛزِ کتابہٕ منٛز نوٚن نیران چھُ اوس تِمن بادشاہَن ہٕنٛدِ وَقتُک ایران یِموٚ بابہٕ تہٕ پنُن مکانہٕ سیر سیر والنس کانٛہہ وٲپہٕ وُچھ۔ یِمو پنُن عأیش آرام پوشنہٕ موکھ پنُن مُلُک پرٕ مُلکس رٕہنہ تھوو۔ یِمو کھیٚلس را چھ کرنہٕ مادِنہٕ بانۍ مُسلہٕ وول تہٕ دوہ پرن کورکھ تِہُنٛز ناٹہٕ کھینَس سال۔ تواریخ تہٕ چھُ یِمن کتھن شأہد تہٕ موٚریرن چھُ یِمہ ساریے کیٚنژہ پنٕنس خاص لیکھنہٕ کِس طریقس منٛز رٕژھ رٕژھ کردار نگأری ہٕنٛدِس رنٛگس منٛز دوٚ شرِ چھُ راوُمُت۔ تہٕ یہ چھُ پُنٛزی پانٛژھ موٚریر سُنٛد اخلأقی جوٗرِتھ زِ پرٕ مُلُک اَکھ ذمہ دار تہٕ نوزُک مُلازمت منٛٹہٕ ہینہٕ وول اَسِتھ تہٕ چھُ اُمی جبر وِتسَن کأم ہیٚتھ شخصی نظامہٕ کیٚن تمام قُبحن سام ہیٚتھ کھوتہٕ وَرأیی اَکھ کامیاب داستان منٛز۔

اَما پوز موٚریر سٕنٛدِ تِمہ وَقتہٕ کِس ایرأنی معاشرس ٹیپ ژٹنُک طریقہٕ چھُ ہُنا تِہنٛد دار تہٕ زہر بُربِتھ موٚریر چھُ پٕہیتھ تِتھ جِرِس پیٹھ یُس ایرأنی چھُ، بامے سُہ انسان آسہِ یا خر، دوا بھول آسہِ یا جبر، اَسِن کھنگاہ تراوان۔ سُہ چھُ اَمہ معاشرہ کیٚن سارنۍ لُکن زیچھ نظرِ وُچھان۔ تہٕ تِہنٛدِس طور طریقس کُنٛڈی ژاران۔ سُہ چھُنہٕ اَکہٕ قومہٕ کِس تِہنٛدِس منٛز رُل گامتین رِوایژن تہٕ پاس وُچھان یِمہ رِوایژ تِتھ قومس زوٗ کھوتہٕ تہٕ ٹاچھ آسان چھیٚنۍ۔ قومن چھیٚنۍ ہیٚوٚن ہیٚوٚن رِوایژ۔ اَکس اَکہٕ طریقہٕ چھِ تہٕ بیٚیس بیٚیہ طریقہٕ۔ یِمن رِوایژن پیٹھ ٹھٹھہ کرنہٕ موکھ قلم تُلُن گوو تِتھ قومس سیٚتۍ زیادتی کرٕنۍ تہٕ اَکھ بوٚڈ توہین کرُن۔ یِہوے وجہ چھُ زِ خال خالے آسہِ اَز تام کانٛسہ لیکھن والی کُنہٕ قومہٕ کیٚن رِوایژن پیٹھ سُہ قوم بیٚین نِش لٕکٕٹ یا بٕتہٕ آسنہٕ کِنۍ یا تِمن ٹھٹھہ کرٕنۍ

معہ کھ قلم ژھٕمٕت۔ ہرگاہ تہٕ آسہ ہاو دُت چلہٕ وُن تیٚلہ ییہ ہا نہٕ کُنہ قومس بٔیس قومس سیتھ نکھہ ینس برابری ییتھ پأٹھ زن از اکھ قوم بٔیس قومس نکھہ آمُت چھُ۔

موٗریر چھُ امہ حسابہٕ بدبین۔ تٔمۍ ژ نظر چھےٚ قبح پیٹھ ڈٔلتھ حُسنس کُن گژھان نہٕ۔ اکھ تأمیری ٹیپ زٕٹن وول گژھہ حضرت عیسیٰ سُند کرپأٹھ معہ رد ہیوٗن سندین دٔندن ہندِ کہٕ تأریف کرنٕی، ہم سفید موختکی پأٹھ تس پٔژنزلان بوزنہٕ آسہ۔ تیٚلہ تس ینو باجو تس معہ رد ہاہیوٗن سُندی قبیح گنٕژ اوہ ز اُمی سُند سیتھ چھ سارۍ سے پھٕکہ ووٗمت، یا اُمی سُند مُکریر کہنی چھُ اُمی سُند نہ اسنہٕ جان یا کوتاہ بدشکل تہٕ موٗکرٕ ڈاتھ چھُ۔

موٗریر سُنٕز کتابہٕ چھُ امہ رنگہٕ معمول ژمان تکیا ژ تمۍ چھُ فقط اکہ قومک سُہ طرف بیان کوٚرمُت یُس نہٕ تس پانس ٹار گھوتُت چھُ تہٕ بٔیس رتیس طرفس کُن نظر دِنی چھُنہ تمۍ گوارہ سے کوٚرمُت یُس نہٕ اکس بے لاگ صراف سُند شان چھُ۔

مگر یہ کنہٕ نُتھ تہٕ چھےٚ موٗریر سُنٕز "حاجی بابا آف اصفہان" ینس حسنٕ یتس منز اکھ بے جوڑ کتاب یساد تہٕ آب رواںنک ہیوٗہ طرزِ تحریر مُناسب تہٕ جل فکرِ ترٕوینہٕ زبانہٕ ورأے ییتھ پأٹھ بظاہر اکی سے اِنسانس اندی اندی بیٚنہٕ ییر یتھ ینہٕ یٔنہٕ رنگ ینہٕ ینہٕ جایہ خصوصیت ہیتھ نٕنہ ڈٔامتہ چھ سُہ چھُ موٗریرس تہٕ موٗریر سُنٕز کتابہٕ ادبی دُنیہس منز اکھ اہم جاے دِوان۔ کم قلیل وقتس منز اکس قوم کس پوٗر مزاجس ژکہ زأنی کار سپدُن سُتہ اکس تیتھس انسانہٕ سُند یُس بٔیی اکہ قومک سایہ بٔدی میل دوٗر روزان آسہ چھُ یُزی پأٹھ اکھ بوٚڈ قلہ پاوُن تہٕ موٗریر چھُ کُنہٕ زوُن یہ قلہ پاونس منز سیٹھا کامیاب سپدمُت تہٕ اوے تہٕ چھےٚ اُمی سُنٕز یہ اہم کتاب اکھ کارناہمہ زانُنس لایق۔ یوٗد وسے تمہ وقتہ کِس ایرانس پیٹھ واریاہ کتابہٕ تواریخن ہنٕز شکلہ منز لیکھنہٕ آمژ تہٕ موجود چھےٚ۔ اما پوز تمہ وقتک ایران، ایرأنی معاشرت، ایرأنی مزاج تہٕ ماحول زانُنہ معہ کھ چھےٚ تمن سارنے کتابن فقط موٗریر سُنٕز "حاجی بابا آف اصفہانی" یا ژ پیٹھ نیران۔ تہٕ ہرگاہ ییہے اکھ کتاب باقے آسہ ہا، بٔیہ کُنہ کتابہٕ ہنٕز اسنہٕ ضرور رٕتھی۔ امہ کنی گژھہ یہ کتاب اکھ سنجید تواریخ زانُنہ ینٕز۔

لارڈ کرزن چھُ موٗریر سُنٕز حاجی بابا آف اصفہان کتابہٕ پیٹھ پننٕز راے دِتھ لیکھان:

Even were the Persians to be blotted out of existence as a nation, even though Tehran Meshed and Shiraz were to share the fate of

Persepolis and Susa, it (Haji Baba) would yet remain as a portrait of unrivalled humour and accuracy, of a people who though now in their decadence, have played an immense and still play a not wholly insignificant part in the complex drama of Asiatic polities....

To explain the history and elucidate the character of this composite people great tomes have been written. I am conscious myself of having added no inconsiderable quota to to their bulk; but if all this solid literature were to be burned by an international hangman tomarrow, and were Haji Baba and the sketches of Sir Jhon Malcolm alone to survive, I believe that the future diplomatist or traveller who visited Persia, or the scholar who explored it from a distance would from their pages, derive more exact information about Persian manners, and acquire a surer insight into Persian character than he would gain from years of independent study or months of local residence. Together the two works are an epitome of modern and moribund Iran.

موریر سٕنٛز "حاجی بابا آف اصفہان" کتابہٕ کوٗر فارسی زبٲنۍ منٛز ایرانکو أکۍ عالمن ترجمہ، یُس
حاجی شیخ احمد کرمانی ناو اوس۔

حاجی شیخ احمد کرمانی زاو ۱۸۵۵ء منٛز کرمانس منٛز۔ مٲلِس اوس ناو احمد بن ملّا جعفر پیش نماز۔ أمی
سٕنٛز دلیل چھےٚ سادٕ تہٕ عجیب بُرٕ۔ کرمانس منٛز عربی پٔرِتھ پتہٕ گو اصفہان یتِتہٕ أمِس میرزا آغا خان کرمانی نِس
سٕتۍ زان گیہٕ۔ آغا خان اوس بابی مذہبک تہٕ حاجی شیخ احمدن تہٕ کوٚر یوٗہے مذہب پانس پیٹھ قبوٗل۔ ۱۳۰۵ھ
منٛز گٔے یم دۆشوٕے زٕنۍ پرٛتھ ملکن ہٕنٛز زبان ہیچھنہٕ موکھ قسطنطنیہ۔ حاجی شیخ احمد کرمانی اوس اَتہٕ مشرقی زبانہٕ
پرٛناوِتھ پننۍ اوذقہٕ تیار کران تہٕ سیٚتۍ سیٚتۍ ہیچھن فرانسیسی، انگریزی تہٕ مغربی ترکی (ترکی عثمانلی) زبانہٕ تہٕ۔
اصفہان کِس میرزا حبیب ناوکِس أکِس کٕمہ نما تہٕ شیندٕ دٕتہٕ سیٚتۍ کوٚر أمۍ وارِہن انگریزی تہٕ فرانسیسی کتابن منٛز
منٛز موریر سٕنٛز حاجی بابا آف اصفہان تہٕ فرانسکِس لی ساج سٕنٛز جل بلاس تہٕ شامل چھےٚ فارسی بٲنۍ منٛز ترجمہ تہٕ یم
ترجمہ پتہٕ کرِتھ ناماوار تہٕ یمن پیٚٹھ عام قبوٗل لیکھ۔ یمو وۄٲ ے لیکھ أمۍ حکمتس پیٹھ تہٕ پیش کتابہٕ میرزا آغا
خان بنیوو اختر ناوکہ اخبارک أکھ قٲبل اڈیٹر۔ یہٕ اخبار اوس ایران تہٕ ہندوستان تہٕ واتان۔ ایرانکہ بادشاہن
کوٚر یہٕ اخبار دیدٕ دوٗر آسنہٕ کنہٕ ایرانس منٛز بنٛد۔ یمو دشوٕے زنو کوٚر میرزا یحییٰ شیرازی بابی سٕنٛز بیٚنہٕ تہٕ کور
سٕتۍ نیتھر۔ میرزا یحییٰ بابی چھُ بابی مذہبس منٛز صبح ازل ناوٕ سٕتۍ زیادٕ مشہوٗر۔

قسطنطنیہ ہَس منٛز آسے حاجی شیخ احمد کرمانی تہٕ میرزا آغا خان دشوٕے ایرانٕۍ حکومت کِس شہس
پیٹھ سازش کرنہٕ کِس چھُنہس پیٹھ رٔٹِتھ زنہٕ۔ ترکہٕ کِس بادشاہ سٕنٛد حکمہ موجوب آو تمن مقدمہ چلاونہٕ یتمہ تلہٕ
تِم ملہٕ سپدکہ۔ دٔپان تکلیف تُلنہٕ کِس ماوضس منٛز دِتۍ ترکہ بادشاہن یمن پانٛژٕ پانٛژٕ ہتھ توما نہٕ ینامہٕ

أمہ پتہٕ کرٕ یمو دشوٕے بابی فرقہٕ کِس أکِس بڈس وتہٕ ہاوکُن یُس سید جمال الدین ناو اوس،
پارومی۔ ایران کین مجتہدن ہٕند ناو لیکھ یمو چیٹھ ز سُنی تہٕ شیعہ دۄن درین منٛز اختلاف منٛزاوِتھ پُنٛز
ترکس سیٚتۍ اتھ واس کرِتھ آسہ پانہٕ دٲنۍ کُن سپدن پُتھ ایران وۆپرن ہند ظلمہ تہٕ ستمہ نشہٕ آزاد سپدِ۔
ایرانٕۍ افسرو رٕچھ یمہ چیٹھ تہٕ ترکہ کِس بادشاہس آو وننہٕ زِ یم دشوٕے گرٛٹھن رٔٹِتھ سپتھ ایران سوزنۍ۔
یمن دشوٕنی اسہ ایران نوان زِ ترکی بادشاہن سوز تار زِ یم گرٛٹھن تہٕ تبریز جایہ پیٹھے رُکاونۍ۔ تہرانس
منٛز ترکی سفیر حنیف پاشا اوس ترکی بادشاہ سٕنٛدِ طرفہٕ ایران کِس بادشاہس ناصرالدین شاہ قاچارس

پادشاہ سٕنٛز ہیبتُک پتہٕ آسٕہ وُچھِم وُری پوٗر سپدنس پیٹھ مبارکبادی کرنہٕ گژھہِ تمن دوٗن زٕنٛن مٲنۍ زیٚنہ پیٚچھ
تہٕ وَنہٕ بیٚزٕ دھان۔ مگر یہ غرض تہٕنٛد سپد نہٕ قبوٗل۔ پتہٕ آسہٕ بہ وُرۍ ہُک جشن مناونہٕ برونٛہہ موٗر ناصرالدین
شاہ قاچار اکہِ بابی مذہبچہِ جوانَن شاہ عبدالعظیم آستانس منٛز گولی لٲیِتھ ۱۷ ذی قعد ۱۳۱۳ھ (اول مئی ۱۸۹۶ء)
امہِ سیٖتی پیٚیہ حاجی شیخ احمد کرمانی تہٕ تہٕنٛدِس بٲجس آغا خانس پٮ۪ٹھ سخت بدنٲم وارِ ے موہرٕ تمن دوت
تہران واتناونُک حکم۔ اما پوٚز یم وٲتی نہٕ تور۔ تہران پیٹھٕ تارواتنہٕ کنہٕ آو یمن دوشونی زٕنٛن تبریز شہرس
منٛز تتہِ کِس گورنرس برونٛہہ کنہٕ اکس ذبح خانس منٛز کھٔژ کرنہٕ۔ نہٕ گورنرس تہٕ پھوٗٹ یہ وُچھتھ اوش۔ یہ
واقہ سپد ۹ صفر ۱۳۱۴ھ (۱۵ جولائی ۱۸۹۶ء) منٛز تہٕ لاشہٕ آیہ کھیتھ تام کیریس منٛز ژھاونہٕ۔

حاجی شیخ احمد کرمانی یس روحی تخلص اوس، تٔہنٛد فارسی ترجمہ چھُ اکھ شاہکار ترجمہٕ۔ پانہٕ ایرانی
آسنہٕ کنہ تہٕ تمہِ وقتہٕ کِس مروجہ نظامس مخالف آسنہٕ کنہ یہ زَن تہٕنٛدِ زندگی ہٕنٛدۍ معاصر حالات زانہہ تھہ
ننان چھہ، لوگ تمس موریرن انگریزی حاجی بابا آف اصفہان اکہ سہ ٹیپلاہ اکس منٛز پیمہ کنہٕ تموٚ اتھ
کتابہٕ جایہ جایہ زبانی نشوو تہ پٲراو کوٚر۔ پننہٕ ملکہٕ کس مزاجس واقف تہٕ زانی یار آسنہٕ کنہٕ کوٚر تموٚ اصلکس اظہار
بیان کِس اندازس مناسب تغیر تہٕ اَر۔ تہٕ میٹھ، مَدرٕ، وَنہٕ ونی زبان یتھ سیٹھاہ وُسہ چارچھ، کٔرن تتھ پاٹھی
استعمال زگہ ڈگہ اسہ ایرانس منٛز داریتس وقتس یتھ پرٛژھنہ۔ یہ چھے حاجی شیخ احمد کرمانی سنٛز پانے
لیچھمژ کتاب۔ پننی وطنہٕ کِس اکس باے سنٛدِس ٹیپ ترتس پیٹھ گوو نہٕ تمن ہرگز تہٕ پتہ تہٕ اکھتے
کوٚر کھ لیکھن والس شاباش تہٕ گوڈنیچ لٹہ اکس ترژھ زبانی منٛز پرٛژھ کتاب لیکھنہٕ پتس پیٹھ یتھ زبانی منٛز
تم دوہ ہے کیتھ کران یا لیکھان چھہ، اسہ نہٕ ایرانی وہران گژھنہ۔ پزر چھُ یہ زِ شیخ احمد کرمانی سٕنٛد ترجمہ چھُ اصلہ
کھوتہٕ زیادٕ رت۔ موریر ہینکہ ہانہٕ فارسی زبٲنی ہنٛد زٲوی جار فارسی زبٲنی ہنٛدی مناسب وقتن پیٹھ مناسب
محاورٕ، مثالہٕ، زبٲنی ہنٛد کور، مزدار ٹیپ، ژوکی، موٚدری تہٕ ٹیٹھ ژھوٚٹی تہٕ بٔڈ جملہٕ، ژھل تہٕ وہ لگن
تتھ پاٹھۍ ورتاوِتھ یتھ پاٹھۍ شیخ احمد کرمانی ین ورتاوی مت چھہ۔ امہ ترجمچ زبان چھے عام فارسی زبان
یوسہ ان پڑھ سنٛز تہٕ چھے تہٕ اکس پرٕ ہمت سنٛز تہٕ۔ یوسہ اکس بیقلہ سنٛز زبان تہٕ چھے تہٕ اکس گاہِ سنٛز تہٕ۔
یوسہ اکس عام انسان سنٛز تہٕ چھے تہٕ اکس پادشاہ سنٛز تہٕ۔ اوے چھے یہ کتاب موریر سنٛد اصل انگریزی
کتابہ کھوتہٕ زیادٕ نامدار۔ اکھتے چھہ یہ وَنُن پزٕ زِ شیخ احمد کرمانی پنٕنے زانٛہ رووو موریر تہٕ ژٕ کپن چھُ امی
دُنیہس منٛز شیخ احمد کرمانی سٕنٛدے ناداُمہ ترجمہ کنہٕ اتھ کتابہ سیٖتی ہیوان۔ امہ کتابہ پتہٕ امی

موٚل چھُ تِمن محاورن، برجستہٕ تہٕ جٔل فِکِر ترٛن والین ضرب الامثالن تہٕ وضعدار عبارتن ہٕنٛدِ رنٛگہٕ وۄتھ لیکھی تس مٔنٛز یِم ترجمہ کرن وٲلی اَتھ باپتہٕ ہُراوِتھ ہیٚکہٕ چھِ۔

●

اَز سٕتھ یا اَتھ وٕرِی برٛونٛہہ دوٚپ مےٚ زِ یہِ فارسی ترجمہ پھِرن بہٕ کٲشرِ زبانی مٔنٛز۔ مےٚ تُل اَمہِ معوکھ قلم تہٕ ہیوٚتُم ترجمہ کرُن۔ مٔنٛز روٗد یہِ ترجمہ اَتھی ہیٚتھ تہٕ نامکمل تِکیازِ مختلف کالجن مٔنٛز تبدیلی سپدنہٕ رکنہٕ اَسنہٕ مےٚ فرصتھے یِوان۔ کالجو پیٚٹھ ژامس بہٕ یونیورسٹی مٔنٛز تہٕ اَتہٕ اوسُس وونی فرصتھ ژھانڈان زِ تہران یونیورسٹی ہِنٛدِ طرفہٕ وظیفہ دِنہٕ پِنہٕ کِنہِ ہیوٚ مےٚ کٔشیرِ ہنٛدیس اَکس فارسی گوٚ نماتھ محمد رضا مشتاقس پیٹھ تحقیق کرنہٕ معوکھ تہران گژھن۔ یِتیتہٕ بہٕ ترٛین وُرین روٗدُس۔ ایرانس مٔنٛز روٗزِتھ آو مےٚ ایرانی زندگی، ایرانی مزاجس تہٕ ماحولس نِکھ ہیٚتھ سام ہینک رُت موقہٕ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ وقتس سٕتہٕ سٕتہٕ چھِ قوم تہٕ وارِیاہس حدس تانی بدلان۔ اَما پوٚز مزاجہٕ بدلنس تہٕ روایتہٕ بدلنس چھُ سٹھا وقت لگان۔ ایرانس مٔنٛز چھُ وارِیاہن علاقن مٔنٛز وِنہٕ تہٕ حاجی بابہٕ زِنٛدے۔

کٔشیرِ چھُ ایرانی معاشرتُک سٹھا اَثر تِکیازِ یِمو بزرگو یِتیتہٕ اسلامُک تبلیغ کوٚر تِم اَسی سٲری ایرانکی۔ یِم عادتھ، یِم کینہہ رسم، یِم کینہہ کار یا پیشہ، یُس وۄہ ٹھنٛک بِہنٛک، کھینٛک چینٛک تہٕ وارِیاہن موقن پیٚٹھ کنٛتھ باتھ کرنُک طریقا سےٚ ایرانس مٔنٛز وُچھ سہٕ وُچھم زِ زِ پِنہٕ کٔشیرِ ہیوٚ۔ یُس دراصل اَسہِ اَز شےٚ ہیٚتھ وٕرِی پرون رکن مٔنٛز چھُ۔ طشت ناری، دستارخانہٕ، بِہِتھ بِہِتھ کھیوان، وٕندس کرن مٔنٛز اَتھ کام کرُن، بادام وارِ گرٕ ھتہٕ رتہٕ کالہٕ ترٛیِن ہُنٛد پھُلیہِ وُتھرن مالہٕ بناونہٕ، بڈین ہنٛزِ ڈفرین مٔنٛز کنیٚھ گنٛدِ۔ مردِ یاد ہین ہنٛزِ اَنگ گیوٚن ڈفر لاگنہٕ، زنانن ہُنٛد سماوارس مٔنٛز چاے یا قہوٕ کرُن، ککری شند یاداوِتھ جِنٛد ہیتھ پھیرُن، عام دوہہ شامن یاگی تلکن ہنٛز وانن پیٚٹھ گرٕ ھتہٕ سکہٕ تیمہ کھینہٕ، درویش لاگِتھ کسش نالی ترٛاوِتھ کینٛژن ہُنٛد پیٚچھن، خاندرن خوندرن پیٚٹھ، ... ... ... شریہہ ژھکنہٕ تہٕ شبکھنار وانہٕ، وِنہٕ وُن، گرِس پیٚٹھ مہرانِ کڈن، اَستانن گژھن تہٕ بابن ہُنٛد ندر و نیاز رٔٹن۔ یِم تہٕ بیٚیہِ وارِیاہ یِتھی ہیوی چیز چھِ ایرانس مٔنٛز تیتھے پاٹھو ییتھہٕ پاٹھی اَسہِ یِتیتہٕ رٔچھ۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ یہِ سورُے چھُ یور ایرانہٕ پیٚٹھ آمُت، اَمہِ کِنہ چھِ اَسی اَتھ خول وخسن مٔنٛز ایرانس سٕتہٕ رلان۔ یہِ کٲشُر ترجمہ پٔرِتھ سپدِ بانٛسے پرن والین میانین یِمن کتھن ہُنٛد تصدیق۔

ترجمہ کرنس منز کتھہ حدس تانی چھس بہٕ کامیاب گومُت یہ چھُ پرن والین پرکھاوُن۔ بہٕ وونہٕ حرف یُتھےٚ یوت زِ مےٚ چھےٚ کوشش کرمٕژ زِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد وُسجار دِمہٕ بہٕ ہاوتھ۔ کأشرِ زبان چھےٚ شیٖرٕج معولل تہٕ رٕژ زبان یتھنہٕ کانٛہہ کمی چھےٚ۔ وُنی کیٛن چھُ اَسہِ یہٕ زبان ادبی مأدانس منز پھانٛپھلاونُک موقعہ میسر۔ اَسہِ پیٚزِ اَتھ زبأنی لول بَرُن تہٕ کیازِ یہٕ چھےٚ اَسہِ پننٕژ زبان۔ یَمہٕ پٮ۪تھ کانٛہہ چیز پیٚزِ اَسہِ تابتھ بناوُن اَدی یُس چیز اَسہِ نہٕ سُہ۔ توٚے ہیکو اَسہِ اَکھ قومہٕ کہِ حیثیتہٕ زنٛدٕ روٗزتھ۔ خاص کرِتھ پیٚزِ اَسہِ پننِس زبان ووتلاوٕنی یتھ منز ساٚنی پرٛأنی بُزرگ یمو اَدبہٕ کس پرٛیتھ صنفس منز ناو پتھ کُن تروومُت چھُ تہٕ یِمن پیٚٹھ اَسہِ ازٕ وِشان چھینہٕ، بولان چالان اَسہِ تہٕ پننہِ کارنامہ پتھ کُن ترأوِتھ گیٚے۔ یہی نظرِ تل تھوٚوِتھ پھیُر مےٚ فارسی حاجی بابا اصفہانی پننہٕ کأشرِ زبأنی منز۔ مےٚ چھُ فارسی کتابہِ ہُنٛد روٗح پننہِ جایہِ تھوٚونس پیٚٹھ پننہِ کنہِ سیٹھا جو کمُت تہٕ یہٕ ترجمہ کرنس پیٚٹھ چھِم سیٹھاہ محنتھ کرمٕژ۔ ہرگاہ پرن والین یہٕ ترجمہ پسند آو بہٕ زانہٕ میأنی یہٕ محنتھ پھےٚ رِتھ کھٚرٕمٕژ۔

بہٕ چھس رحمان راہی صابنُن شُکرگُذار زِ تمو دِژ یتھ کتابہِ تنظر نہٕ لیوٚکھمُک تعارُف۔ راہی صاب چھ بہلہِ پایکی کأشرۍ گو نماتھ آسنس سیتۍ سیتۍ فارسی زبأنی ہیٚنٛدۍ تہِ ووستاد۔ اَمہ کنہِ چھس بہٕ زانان تہُنٛد یتھ کتابہِ پیٚٹھ اَکھ موختصر تعارُف لیکھُن سیٹھا۔

ترجمہ کرَن وول

ڈاکٹر شمس الدین احمد

پروفیسر تہٕ صدر شعبۂ فارسی کشمیر یونیورسٹی

سرینگر (کشمیر)

۱۸ دسمبر ۱۹۶۸ء

۲۷ رمضان ۱۳۸۸ھ

# حاجۍ بابن زیٚون تہٕ پرٛٮ۪ھن (١)

میانِس مٲلِس اوس ناو حسن کربلائی یُس اصفہانُک
اکھ نامہ وار ناگ اوس۔ پیٚلہٕ سٕ سَداہ وُہر ووت، تمہ
کرُ اَکِس شماہ کِنِن دٲلِس ہمسایہ وانہٕ وٲلۍ سٕتۍ
کوٚر نیتھر۔ اَما پوٚز سو پیٚیہ نہٕ تس بچھر ہیٚتۍ۔ سو اُس
مٲنجھہٕ تہٕ بابہٕ صٲبَس تہٕ اُس تس کُنۍ کیٚہ پیٚہن مے
پننہٕ ووٚستادلی تہٕ ناماوارۍ کِنۍ اُسۍ تِتھۍ تِہنٛدۍ خریدار خاص
کرِتھ بڈۍ بڈۍ تاجر یوان، ہِ ترٛٲتۍ وٲرۍ کٲم کَپب
کرِتھ گوس بیاکھ نیتھر کرنُک دِس ہٲدہٕ۔ اَکِس دیایہٕ
دٲلِس صرافس مُنجن کوٚر تہٕ ووت پننس مطلبس تیاز
بابہٕ صٲبن اوس تس صرافس تینٛدِ گومُس کو سمت تہٕ
توٚیے تہٕ ہیتھ کِنہٕ تمہ صرافن نکاہ کرِتھ۔ اَدٕ مو کچھرٕ
بابہٕ صٲب مو کلہٕ ہِسے گو ڈانبچھ زنانہٕ ہِنٛدِ ووٚہ ٹد مزہٕ نیشہ
تہٕ نوٚتس ہیہر بابس [ یُس اَصلس کھوٹ کرنس تہٕ
کھوچرورتاونس منز ووستاد اوس ] ٹھیکہ ہیے پننہٕ
پرہیزگارۍ، ذراو میون بابہٕ صٲب کربلا کِنۍ تہٕ نوٚو زنانہٕ
تجن سیتۍ۔ اَمۍ تسفرس منز آس بہٕ تہٕ یِتھ دُنیہس منز
سفرس نیرنہٕ برٛونٛہہ اُسو میانِس مٲلِس صرف حسن
ناگو دونان مگر اَمہ پتہٕ ہُر یوو تس کربلائی ناوک ہٕدہٕ۔
پننِس دِلس تسلیا کرِنہٕ مو کچھ کھُدو میانہٕ حاجہ [ تینٛدِ
دُسونہٕ سٕتۍ زانہہ رِہٕ تربیت دِنہٕ ] مٕتۍ خوج ناوتھ مے

ناوِتھ بیت اللہ وُچھت پنہٕ دالین چھ آسانہٕ
روٗدمتۍ سارۍ وُمرتہٕ اَمہ ناو سیتۍ بڈیو ستۍ بڈ ییزھ
یتھ لایق نہٕ بہٕ اوستُم۔

سفرس نیرنہٕ برٛونٛہہ اوس بابہٕ صٲبن پنن
وان زِ بچھس ژالنس حوالہ کوٚرمُت مگر تور پیٚتھ پیٚیلہٕ تمہ
کامہٕ ہُنٛد بازر جان وُچھ تمۍ ہیوٚت تس وان دالِس
کربلا ناو کرِ کتھ تہٕ بنیہ پننہٕ پرہیزگارۍ ٹھیکہ ٹھیکہ
ژھینن دونۍ نقدین خریدارن دِئے مولوین تہٕ
عالمن تہٕ ٹھیکہ۔ میانہٕ رچھنہٕ پیٚنکُ مانہٕ مطلب اوس
یِنہٕ نہٕ بہٕ گو ژھس کھوٚرچلاونس منز۔ ووستادسیدُن
تہٕ میانی لیکھہ پرٕ گوٚتھ پیٚئے آسنہٕ ز دوہ یہ خارادہ تہٕ
نماز اگر چھم تگنہٕ ہٲنۍ۔ اَما پوٚز قسمت اوسُم جان تہٕ
اَکِس اوخن صٲبس کوٚر ہمس حوالہ۔ یُس سائنس
وانس نکھ اَکِس مُلند منز سبق پرناوان اوس۔ بابہٕ
صٲب اوس پننہٕ دین دارۍ پٔز راونہٕ مو کچھ اُسس
اوخنس [ بابہٕ صٲبنہٕ وننہٕ کِنۍ ] فی سبیل اللہ مس
کاسان۔ اوخن صٲبن پیٚلہٕ بہٕ دانس منز وُچھس
تمہ ہیوٚت بابہٕ صٲبنہٕ جانی مادہنہٕ بہٕ مصحف پرناوُن
پانس پیٚٹھ منٛز۔ محنتہٕ مشقتہٕ کرِتھ لارِیو مے
پیوٚنت کھنٛڈ اَکِس دوہن وُرِہن منز۔ مے ہیوٚت
قرانِ مجید رحمانی پرِن تہٕ زبر پاٹھۍ چھٹھۍ بیترِ تہٕ
لیکھنی۔ بیچھرنہٕ آسن دوہن اوشس نہٕ بہٕ بہچھتہ کینہہ
تہٕ روزان۔ مٲلۍ سٕنٛدِس دانس منز ہیوٚت مے ناوٕدکار

چوب کھیٚنۍ کھیٚنۍ ہیٚنٛو چھُن تہٕ یٚمہ دوٚہ ہیہ خریدار گژھتی
اُمسہِ آسان تمہ دوٚہ ہیہٕ اوس سٕتۍ خرٛ والیِن تہٕ ووٛنیٛہ
والیِن پیوان مس کاشُن۔ پوٚز گوٚ یہ زِ بہٕ کیاہ کاسہٕ ہٕ
رتمن مس، تمن بچارین اوسُس بہٕ ذرٛائی ناپہٕ کران گُمر
موٚزوٗری اوسُسکھ پوٚر پوٚر ہیوان۔

ییٚلہ بہٕ شٔراہ وُہُر ووتُس، مُشکلہ سانۍ ہیٚکہٕ ہٕ
کانٛہہ وٕرٛنیتھ زِ بہٕ اوسسہٕ کھوٚر چلاونس منز ووہستاد
رکنہ زیو چلاونس منز۔ ناگِرد کامہ منز اوسُس بہٕ بڈٕ
نرمی سان مس کاسنس منز رُت اِصلاح ہاوسُنس
منز وُلٹہِ وار ریش، تمن تلہ کنہ وال تہٕ کنن ہنٛدۍ
وال کاسنس منز جان ناگِرد۔ حمامس منز اٹھ نہٕ بڑونٛتھ
تہٕ حمامس منز اٹھِتھ سارنۍ کامن واتنہٕ ورٛأے اوسنہٕ
مألِش کرنس، صابن مٹھنس تہٕ ٹیس گٹ ٹس منز
[ یمیُٚک رِواج زیادٕہ مشرق کین مُلکن منز چھُ ] مٕۍ
ہیوٚہ کانٛہہ تہٕ دوہستاد۔ یٚیٚلہ بہٕ خریدار شینٛز نرٕ زنگہ
رٹان اوسُس، یتھٕر پاٹھٕ اوسُسن مألشہ سیتۍ تاسرٕ اُرٕۍ
تُلان۔ ٹِیس نیرنیچ آواز اُس بوزنس لایق آسان
تہٕ میانین اٹھن تہٕ اونٛگجن ہُنٛد یکُن اوس اکھ وُچھنس
لایق تماشاہ۔

اوٚتھن صابنہ برکتہ کور مےٚ پننس کامس منز
بڈٕ ین گوٚ نمأین خاص کٔرِتھ شیخ سعدی تہٕ خواجہ حافظ
سٕندۍ بأتھ تہٕ تمن ہٕنٛز خوٚشتہٕ میچھر یادٕ۔ کُنہ کُنہ ساتہٕ
اوسُس لوٚت لوٚت گیونہ ہنانہٕ کران۔ امہ سیتۍ گوٚو مےٚ
صفتن ہُر ہُر تہٕ خریدارن ہُنٛد بنیوس بہٕ پوٚر دوس
دانڈ پیشہ اُمسہِ مےٚ پنُن یارکن زانان، اَدٕ یٚیتھ
رتم آسہ ہن چاہے حمامس منز یا کُنہ باغس منز سۍ
سیتۍ اُمسہ نالی نال آسان۔

بابہ صابُن وان اوس شاہی سرایہ نکھہ تہٕ
اکھ سرایہ منز اوس لکہ عرصاتھا جماہ آسان
امہ کِنۍ اوس سون وان اکھ اکس سمکھنہٕ موکھ
اکھ بیٹھا کھابنیومُت تہٕ سأری اُمسہ پانہٕ وأنۍ اُتی
سمکھان۔ خواہ تم شہرکۍ آسہن یا بٔیمہ کُنہ جایہ ہنٛدۍ
کُنہ وز اُمسہ خریدار میأنۍ مخولہ بوٚزِتھ تہٕ حاضر جوأبی
وُچھتھ موٚزوٗر کھوٚتہٕ مےٚ زیٚٹھۍ ہار دوان۔

خریدارو منز اوس اکھ تاجراہ اکھ یُس
بغداد کی اوس تہٕ ناو اوسُس عثمان آغہ۔ اُمس
اوس مےٚ سیتۍ دوہ ٹھُن ہیٚہن بڈٕ خوش کران تکیاز
تُرکی لُکن سیتۍ لین دین آسنہٕ کِنۍ اوسُس بہٕ تہٕ
بلۍ ترکی زبان چلاوان۔ اَدے اوس اُمس میأنِس
مألشہ اَتھہ مس کاسناونہٕ کھوتہٕ میانی اَتھ مس
کاسناوُن خوش کران۔ یمن یمن جاین یہ چھیوٚر
اوس تمن سارنۍ ہنٛدۍ تأریف چھُ تمہ تقریرِ
تہٕ بیچر سان کران زِ مےٚ گیمیہ پانس سفرس نیرنس
پیٹھ شَیِخ پاٹھۍ کل۔ اُمس اوس یمنۍ دوہ ہن منز
پانس تہٕ سفرس نیرُن۔ آکھتے اُکیس حساب بیتر
لیکھنہ خاطرِ اکس منشی سٕنز ضرورت۔ بہٕ اوسُس

قلم تہٕ کھوٗر چلاونس منز ووستادٕ اسی یتھے۔ امی کوٗر

سنج زور تہٕ بڑٕ لج کوٗرنس۔ بیٚییہ ہوٚسی نم تم شالی

تارکھ زمےٚ کوٗرُس یتھرا۔ باہٕ صابٕنس ییٚلہ مےٚ

یہ کتھ باو، ہٕنن فایدٕ نظرٕ تل اتھ کوٗر تمی نکارٕ تہٕ دوٚ تیم

زمومولی نفعہ خاطرٕ ہنٛز کام کار راوٕرن تہٕ وارٕ کارٕ

خطرٕ ملی ہیٚون گو یہ کاہ چار۔ مگر دُنی یا دوٗر زاٚ تھ

تہٕ بیٚییہ میون تنخاہ زبرٕ دچھتھ گو آخر راضی۔ یڈ

برٕتھ دوہ یہ خاراہ کرٕتھ تہٕ نوٚن کھورٕ ہنٛز گیڈراہ

اکھ دِتھ دیتم روٗ خصتھ۔

اماپوز میانٕہ حاجہ اوسہٕ اکھ سودٕ ہٕنس خرٕ کانٛہ

نفعا بوز پرٕیوان۔ سہ اٚسنہٕ ہرگز تہٕ میٚنی دوٗرٕ کانچھان

تہٕ بیٚییہ اسنہٕ سہ مےٚ ہوٚس شیعہ سُنٛد تہٕ اکس سُنٛو یُس

سیتو سفرٕس نیرُن رُت زانان۔ مگر ییٚلہ تمہٕ وچھ

زمےٚ چھُ دِل دزامت تہٕ فکرٕ توٗرُس بُتھ ماگرٕ چھم

نیچو آبادٕ گئیہ سہ تہٕ راضی۔ ڈیٚنبر دود چھُ حاجر آسونے

زوچہ دٕجاہ دِژنم، بیٚییہ دٕیتنم دواہ ڈبہ اکھ زیہٕ دواہ

چھُ اٚڈج پھُٹنس تہٕ وادِ دیگرٕ وزٕ تہٕ بیٚییہ صابٕ نے

اندرٕ میٚن نیٚبرٕ میٚن بیمارٕن لگان سیتی کوٗرنم باندٕ باند

زنیرنہٕ وزٕ اٚژی زٕ بیٚییہ پوٚت کھورٕ واپس چھتھ وارٕ

تہٕ کارٕ سفرٕ بیٚھ واپس یکھ۔

## حاجی بابُن گوڈنیک سفر (۲)

تہٕ تسنٛد تُرکمانن ہنٛد سوداگرٕ سپدُن

عثمان آغہٕ دزاو خراسان کُن یہ سوداگرٕ ییٚتہ موکھ

زمشہدس منز۔ بخارا چہ کیٚہ بیٚیہ ملی ہیٚتھ کیٚنہ اتشولس

منز۔ یہ زانی تون شخصا اکھ ڈیوٗٹھ پوٚٹھ، ژھوٚٹ

تہٕ موٚٹ، کلہ سیٚہٹھا بوٚڈ تہٕ گردن پھیٚکین منز زن

سینہٕ۔ ریش گوٚن تہٕ کٕرہٕ ہٕن، بُتھِ شِشلی مُسْر، ویٚتھ

نستاہ کیٚڈتھ یہ سہٕ پرٕتھ وزٕ پریڈان اٚسی آسان۔

یہ اٚسی نیٚبرٕم ہمیشہ اماپوز اندرٕ ہے کینہ اوس

رُت مُسلمان۔ نمازن تہٕ روز دٕری کیٚنژ اوس سنج

ڈاڈ۔ یبادتس تہٕ اوسُس یہٕ دُن کینہہ۔ وہٕ کھن ہیٚن

تہٕ اوسُس جان۔ دٕنٛد کیٚہ کارٕس منز تہٕ اوس گاشُن

پھعہ لنے جہ رابہٕ گُڈتھ ترنہٕ آبہٕ اچھ مُچھ پھلان

ایرانس منز روٗزتھ ہرگاہ تسنٛد تلہ تراد تلہٕ نشان اوسہٕ

اماپوز اندرٕ ہے کینہ اوس شیعن ہنٛد دُشمن۔ دُنیہٕ ہٕس

منز اوسُسہٕ پوٚنٛسس یوت تُوٚکھ بیٚییہ کانٛہہ تہٕ چیز ہاہ

یوٚت تام یہٕ راتھ کیٚنژ پونٛسہ کُنہٕ جایہ وارٕ پاٚنٛژھن

رٕژھرٕتھ تھاوٕ ہے توٚت تام اوسہٕ شوٚنکان۔ یا یہٕ

زن اوس ژوٗرٕ ژھیٚیہ شراب چوان مگر تنہٕ وانہٕ شراب

چینہٕ والین اوس سنج لعنت کران۔ آمہٕ پتہٕ تہٕ اوس

تسنٛد کھیٚن چیٚن تہٕ تسنٛدی پلو پوشاکھ بیترٕ بڈٕ جان۔

تبتہٕ دیگہٕ آسہٕ دوہ ہے گرٕ یکہ وٕنی ہے تہٕ چلم اٚسی سیتھ

ساتہٕ چلہٕ وٕنی روزان۔

یونٛس بہارٕس منز اوس قافلہٕ نیرُن دول

تہٕ اٚسی تہٕ تگو سفرٕ چ تیاری کرٕنہ۔ عثمان آغن ہیٚوت

پٹھ خاطرٕ اکھ اوٗرٕ تہٕ دوٗر قاطرٕ سُندٕ تہٕ میانہٕ خاطر ہیتھ تِم ٹوٗٹ اکھ یَس بیٛٹھ بارٕ بیگارٕ یاں زٕنٛٹھیلہ، بعضہٕ، اۄنگنٛھٹھ، آبہٕ مَشک تہٕ بێیہ تہٕ اورکو یور کیٛ چیز گنٛڈتھ اسہٕ تہٕ آس بیمنے گیٛنٛھن منٛز گنٛڈنہٕ۔ اکھ لونٛڈتھ تہٕ اُہس سیٖتی یُس نوکر تہٕ اوسُس تہٕ داژ تہٕ ساماںہٕ کھالنس والنس تہٕ ادسُس لگان۔ اَمی سُند مٕہ کِھ اوٗنٕ نٕچر اکھ کراہٕ بیٛٹھ۔ اَمِس نچرس لوٗد اَسہ وُرٕن وٕتھرُن، لیف، گدیلہ، سٕشانٛد گنٛڈتھ، قالین تہٕ رَنٛن بانہٕ بیٛٹھ تہٕ بێیس نچرس لدٕ ئدٕ سوٗنٛدٕ ق جوراہٕ یَن منٛز خوٚہ جہ سُند سور ئے داش نداش اوس۔ بس یہ اوس سون سفرُک ساماںہٕ۔

سفرس نیرنہٕ برٛونٛہہ واٹج عثمان آغن کَلہ بیٛٹھ دستار تلہٕ کنٛج غار کھ چینہٕ تہٕ تھوٗن اَتھ منٛز سعہٕ یہٕ سُندی بیٛنژاہ پونٛڈ زٕ خبر چھا سختی وِزٕ مایِن بکار۔ اَمہ سیرِج اُسہٕ تَس تہٕ مےٚ ورائے بێیہ کانٛہہ تہٕ خبر۔ باقے روپیہ تھوٗن سفید دالوِن گوژرِن منٛز بیٛنٹن پٮۄن تل صوٗنٛدقس انٛدر ژٕوٗر۔

ییٚلہ قافلہٕ تیار سپُد۔ اَتھ منٛز اُسہ زٕ ہتھ وۄنٛہٹھ، پانژٕ ہتھ گُرٕ تہٕ قاطر یمن بیٛٹھ عراق گژھن وول مال تہٕ اَسبابہٕ لَدِتھ اوس۔ قافلس سیٖتی اُسہٕ تاجر، مال ہیننہٕ والی سوداگار، گُرٕ والی تہٕ مرکیان۔ یم اُسہٕ ہتھ دوٚن ہتھ نفر سٕمان۔ یِمو ورائے رٕلے یہ نفر بیٛنژاہ مربیٚیہ اَسہ سیٖتی، یمن

اوس حضرت امام رضاؒ سُندِ روضہ یاریکج زیارت کرنہٕ گژھن تہٕ یہنٛدِ سیٖتی لوٗگ سانِس قافلس اکھ مذہبی رنٛگ تہٕ لگو زٕون سون قافلہ یوٗہے اکھ کوٚبرکھا میوٚہ۔ یتھن موقن چھ سلح ساماںہٕ گنٛڈن بُڈ لازِم۔ عثمان آغن یِتھیس بوٗنٛدقہٕ ماس بوٗزِتھ واٹج راوان اُس تہٕ تلوار یِہُندِ زٕ تمہٕ سیٖتی نٮ۪نٛدرٕ۔ گلان اَمی تمو تہٕ گوٗنٛڈ سِلے ساماںہٕ، زٕ بیٛٹھ زٕ یوٗلٹھ بوٗنٛدکھا اکھ تژوون ذٕ چھتہٕ کھوورِ پھیکین الونٛد، کَرٛتھو بوٗنی رکھو گنٛڈتِھ اکھ بیٛٹھ۔ یتھ منٛز گولہ تہٕ شور تھوٗو نچہ گییہ آسہ۔ کارتوس مالاہ اکھ تہٕ ترٛاوُن نالی۔ بوٗنٛدق صاف کرنُک سیخ اکھ ٹھکُن بیٛنٹہ منٛز تہٕ پستولہ جوراہ تہٕ ترٛاوُن بانس اَدیزان۔ کمرس گنٛڈن ہیٚج تلوار۔ زِن تہٕ اَتھ سِلے سامانس منٛز گرٕ یِکھ دژایس مےٚ تہٕ کوٗر یی۔ صرف اوس مےٚ اکھ بوٗڈ نیزاہ اَتھس منٛز یُریمانہٕ، یُتھ آغس تہٕ نوکرس منٛز فرق روزِ یون سٕہ نوکر لوٗنٛدتھ تہٕ ژاو پھُٹمرٕ تلوار کھنٛڈاہ تہٕ نقلی بوٗنٛدقہ ٹوٗنکا اکھ اَتھس کیتھ ہیتھ قافلس منٛز تہٕ دژاو برٛونٛہہ برٛونٛہہ۔

دوہ اوس رٕت تہٕ ساتھ تہٕ اوس جان، ییٚلہ زیارتس گژھن والیو ہٕنٛدیو نقیبو پٕریتھ طرفٕ "نیرو وو! نیرو وو!" چہ کٕرِ یہ دِژٕ تہٕ کاش پھولہ وُنے ذٕراہ اُسو شہرٕ یہ ڈیٛنٛرٕ کیٛنہ۔ گوڈنکس پڑاوس بیٛٹھ زٕ ییہ اُسو سارِی سِلے ساماںہٕ والی پکہ ڈٕٹِہ۔ یوٗ دوے اَسہ۔

سلے سامانہٕ گنڈِتھ تہٕ اوس اَماپوٚز اَسہِ اَسہِ نہٕ ہرگز تہٕ
جنگ لڑن وٲلی بوزنہٕ یوان۔ سیٖدؠ ساد تہٕ سیٚٹھا
نیے کھیٚپہ اَسہِ لبنہٕ یوان۔ بہٕ اوسُس سفرس
نوٚوُے ڈرامت، پانس اَندی پٮ۪تھ یہ تماشہ وُچھتھ کوس
سیٚٹھا خوش تہٕ اَتھ خوشی منز چھُس گرُس کھارن
تہٕ چھُس سہ وٕہ پوٚنشہ تلہٕ ناوان۔ عُثمان آغن ییلہ
میانی یہ توٚہ تیمبری وُچھی، تس گوٚ یتھے ہیوٚہ تہٕ گرُس
پیٚٹھ اوٚلاران مےٚ نکھ تہٕ چھُم دپان: "حاجیا! اگر
ژٕ یتھے پاٚٹھ گرُی وٕہ رۄد کھ تُلان، یاد تھاوُو زِ
منزٕ لُس کیا واتھ نہٕ سر سۄ بوٚ تھ۔" یارن دوستن
باگرووم تیٚتھ لولہ زِ گوڈنکی ہےٚ پرٕ اوس پیٚٹھ کوٚشُم
وارِ یُہن مس۔ خۄ جُس کرُم ہنا زیادے پہن خذمتھ
سہ اوس گرُس پیٚٹھ تھوکمُت تہٕ ژھیٚونمُت، تمِس کرُم
ترٛتھ مالش تہٕ مۄ ہٹا ڈٕ مَس زن مۄہرد اَسہِ تھ زِند
گوٚ۔ چشم زخم لگنہٕ ورأے واتی اَسہِ طہران۔ پانس تہٕ
گرُین تھکھ دِنہٕ مۄ کھ بیٚیہ نفری منز ہر رسید نہٕ
مۄ کھ رۄدی اَسہِ اَتہٕ دۄہن دوہ ہتن۔ اَتہٕ پیٚٹھ اَسہِ
ژٕ دۄہ نی خطرناک پرٕ او دوٗر کینہہ تہٕ۔ یاغی تُرکمانَن
ہندی اکی قبیلن اَمن مشہد پٮ۪ٹھ وتھ ژٲٹمژ۔ تہٕ اَمی
دوہ ہیہ اوسکھ اَکس قافلس پیٚٹھ حملہ کرِتھ تہٕ ہندی
مال تہٕ اسبابہٕ سورُے لوٗٹ نیوٗمُت۔ اَکھتے اَسکھ
قافلہ وٲلی تہٕ قاد کرِمتی۔ یہ پیمنا کھ خبر بوزِتھ کھیو
اَسہِ سارِوے ژراس تہٕ سارے گے پریشان، خاص کرِتھ
عُثمان آغہ۔ تس گوٚ زِ و لرزٕ اَمن ہوٚشک نیستن
ہُند کاربار تراونس پیٚٹھ تہٕ گینو تیار۔ اما پوٚز سہ

چون عشق حرم باشد سہل است بیابانہا

سیٚتی بوزن استنبولہٕ پیٚٹھ یہ شیچھ تہٕ زِ کیٚہ پٮ۪تہٕ
پھٹے واریاہ دِرٕ گے منزٕ۔ اَمیہ سیٚتی گیٚس شتھ ہش
تہٕ تُرٛ ودن پھِرِ کھ ہیوٚہ۔

طہرانس تہٕ اَندی پٮ۪تھ علاقن منز رۄدی یمن
دوہن نقیب زیارتس گرِ کھن والین سعہ نیراوان
بڑ بڑے جماعتہٕ اَکھ رلے یہ اَسہِ سیٚتی۔ نقیب
ووٚتھ۔ "پرِ تو حمداہ خۄدایس کن۔ یہ جماعتھ پیٚوہ
مےٚ اَنی موٚہ یہ چھُو نورٌ علیٰ نور۔" تہٕ اَدہ دوہ نی خوف
تہٕ رۄزُو بیوسواس۔" یہ نقیب اوس دپان (یِم
گنٲہ اَمی سنزی گرِدنہٕ) زِ اَکہ دوہ ہیہ اوس اَمی
مشہد پٮ۪ٹھ وتہٕ پیٚٹھ اَکس موٚمنس تُرکمانَن کلہ
نیوٗمُت ژٲٹِتھ۔ تِہٕ پیٚٹھ اوس یہ بوٗہ دوٗری تہٕ ببیہ
بیم آسنس منز ناما دار گومُت۔ شکلہ کنہ اوس نقیب
سخ بیمنا کھ۔ بدلے پوشاکھ اوسُس نالی۔ قد کنہ اوس
تھوٚد تہٕ شانہٕ اَسِس کُشاد۔ بُتھ اوسُس تاپہ سیٚتی
کرِہُن کال ہیوٚہ تہٕ بُتھس لبہٕ آسُس پھٹِتھ ڈرامژ۔
اَچھ آسَس زن اَوری ژامژٕ۔ ریشہ کنہ اَسِس
ہوٚ نگنہٕ پیٚٹھ ژھاولی آیہ وال تارٕ۔ بیٚین ہاونہٕ موٚہ
زِ یہ کیا چھُسنہٕ کانسہ کھوژان، اَسِن زرہ نالی
تراومژ تہٕ کلس پیٚٹھ فولادچ ٹوپیاہ تہٕ شانن تام

شُشتِرُ وِسینہ بنداہ لوگُت۔ ہیٚچ شمشیراہ اویزان تہٕ شانہٕ پیٚٹھۍ چھرۍ اکھ سپر الاٗنتھ تراوِتھ اوس۔ زن بلاین تہٕ موتس سیٚتۍ بوٗزتھ کھیٚنہ دراموت۔ میٚہٕ اوس رجزِ پران تہٕ دپان:

ہِیل کوُ تا کتفُ بازوی گردان بینند
شیر کوُ تا کف و سرپنجہ مردان بینند
از قضاہای قدر گرچہ گریزی نہ بوُد
ہر قضائے کہ قدر بر سرِ کرد آن بینند

گرُ تہٕ اوسُس نہٕ ناکارٕ۔ تَس اوس برو جرد کہ سیٚٹھاہ رنج گُنہ پیٚٹھ نہٕ کنہ وراٗے اوسُس تہٕ بیٚنیہ کانٛہہ چیز نوٗن۔ سینہٕ بندس تہٕ تنکہٕ اٗسس گنڈی تہٕ رتہٕ نہٕ الاٗنتھ۔ لوٗٹ تہٕ گردن اٗسس ماٗنتھٕ ژنگتھ۔ زن تہٕ وارِ کارٕ ماتمی ذوالجناح (ماتمی گرُ) اوس۔

یہ نقیب اوس یہ ژوٗٹ سیٚٹھاہ ہیچھو لاف تہٕ نمرُدٕنۍ دَم دوان تہٕ ترکمانن تہٕ حقارتھ کران تہٕ پیٚٹھ نظرِ وُچھان زِ عثمان آغن زون یہ نر گنڈُن لایق تاوِیز۔ زن تہٕ یہ نقیب تہندِ خاطرٕ یُہے دُعایہ خاص رنج کتابن ہش اوس۔ تہٕ اوس عثمان آغہٕ تس سیٚتۍ زٕ لِتھ مِلیتھ دپان اوس ؎

چہ باک از موجِ بحر آن را کہ باشد نوح کشتی بان

نوروزس اٗسی ہفتہ جوراہ گامُت۔ مُشک ژھیٚہ وٕنۍ ہیوٚن اٗنۍ بہارٕ نِچ خوش خبر۔ کاٹزتلہٕ بیٚیمو ہرٕ دتہٕ وٕند ژٕلی فاقے تہٕ فقرے۔ چمنکی تونۍ دراے زمینہ پھٹٕ وٕنۍ پوشہٕ فوجا ہیٚتھ وونزُل قزلباش گوہ لاب اَتھس منز اٗنیہٕ موکھ۔ چمنن ہندی لوٗترٕ تہٕ پوشہٕ باغن پیٚٹھ چلہٕ کرن واٗلی ہرُد تہٕ وٕند رُدی لیف ہیٚتھ ژوٗر۔ ترکن ہندی پاٹھۍ بچہٕ اُچھ کرِتھ پھلے دراے فوجو فوجو تہٕ جنگلن ژھایہٕ روزٕ وٕنۍ پیٚبرزل دراے جمانژو جمانژو بہارکس بادشاہس تابیاداری کرِ تہٕ موکھ نیبر۔ ترکمانن ہندی پاٹھۍ کرِ ہیٚنہ کال ہیو کاو ژٕلی قبچاق مادانن کُن تِھتھے پاٹھۍ ہیٚتھ پاٹھۍ بندرِ کون ژٕلان چھہ۔ وٕند بٔڈ داٗز بیٚنیہ توتے یُیتہٕ دراموژ اٗس۔ ووں اوس ژوہ باٗری ہزار داستانن تہٕ بُلبُلن ہُند بول بوش کنن گرژھان، زنتہ اٗسی وُنان ؎

ہمگانیم ز ایرانِ صفا
ہر کہ ز اہلِ صفاست خوش باشد

شاہ عبدالعظیم محلچہٕ بجہ مُشدِ منز یمیہ اٗسی ساری جمعہ نماز پرِتھ تہٕ بیکہ دوہ ہیٚ درژاے اٗسی نقیبن ہندی یم نعرٕ تہٕ کریکہ بوٗزتھ برونہہ کُن زِ ؎

زائرِ مشہدِ رضا ہستیم
ہر کہ ز اہلِ رضاست خوش باشد

گوہ ڈنیٚتھے آو اَسہ شورِ لدِ مادانا ہُتھ یٚتھ وُچھتھ نہ اوس اُچھن گاش تہٕ نہ دِلس قرارے روزان۔ اَتھ آبہٕ تہٕ گاسہٕ رٕسِتس مادانس پکی اٗسی وارٕ وارٕ پیٚلہ اٗسی بٔستی نزدیکہ واتان اٗسی یا کانٛہہ قافلاہ دوٗرِ یکان اٗسن وُچھان۔ ساٗنی نقیب اٗسی کرِ یکہٕ دی دی

گرین ہنداین زیہن تِلہ کنہ الا اَنڈے ثراؤ ہیتن ڈولن
ژانڈاہ ژانڈاہ دِوان ۔

راتس دوہ ہس اُس سائرس قافلس منند
ترکمانن ہنیز کنتہ چلان ۔ بس اُس تہے کا ماہ کاراہ تہ
بیہندی غمن اُسہ ساڑی کھینتہ ۔ پاؤدوے ترکمانن ہنیز
بودوری تہ تمن کھوڑنس بیچھ اوس اَسہ سار پنے
اُکھ واس ۔ اما یوز زانفری آسنک وشنیر تہ زیارتس
گژھن والین ہنیز برکتہ سیتہ آسیہ کنہ اُسہ اُسہ
سنخ براَودِ چھکان تہ اُسہ گئے دِوہ ۔ دم اُسہ دِوان زِ

کہ کو ترکمان تایلی ببنگرد
جوان مردی و پُر دلی ببنگرد
گر او مرد، ما جملہ مردافگنیم
در او شیر، ما جملہ شیراوژنیم
بکامش چنان آب سازیم تلخ
کہ یکسر دود تا بخارا و بلخ

ساری اُسہ دِپان "ہتہ سہ ثراو کتھا ۔ قسم خدایہ شُنہ
تِکہ سہ پیہ تن، ہرگاہ ساسہ بدبو نہ پین، امام رضا ہنند
مدتہ سیتہ ثراوون نہ اکھہ تہ زنڈ"۔

یہ سون عثمان آغہ اوس اندرے اندرے زمیومت
بیچارس اَڈن اَڈن اُسہس نتھ نتھ زاہر ۔ اما یوز بیٹھ
سیتہ دم دِنس تہ آنی آنی کرنس منز رڈد نہ ہرگز تہ پتھ
نیبر کنہ اوس یہ تہ سارنے ہندہ پاٹھی تم نمرودی
دم دِوان زن اوس سار دمہ ترکمانن کھش کران اوسمت۔

پیٹھ نقیبن وچھ زِ پتہ ہا چھ بڑ برونہہ وَنان ۔ تمس گو
بُتیاہ نہ ظاہر سو پاچھن زِ اما مئے وراَسے تہ ہیکیا
بیٹھہ کانہہ لاف دِتھ ۔ گوڈ شُرُن وٹھنیاہ دِتھ چھس
دیان ۔ "ہتہ سہ کر خدایہ خدایہ ! ترکمانن ہُند
ناونیو بیٹھ ہیوان گو سہ ہند نیچہ سیتہ گنڈن

نیاز موده دلیری خویش به خود مبال
ندیده دشمن خود را مکر به کینه مبند

ترکمانن گژھہ مئے ہیوہ دلواہ مقابلس آسن
یہ چھ خدایہ سُنہ فرماون زِ اَلخبیثات للخبیثین
خبیثن گژھن خبیثے بُتھہ الگن ۔

شغال بیشۂ مازندران را
نہ گیرد جز سگ مازندرانی

مگر عثمان آغہ اوس سُنی آسنچ رِ ز تھچھ کرتھ
تہ اُتھو ووہ میز پیٹھ دِلس تسلیاہ کران زِ حضرت
ابو بکر صدیق رض تہ حضرت عمر فاروق رض صاحبن شفاعتہ
سیتہ بچہ بہ ترکمانن ہندِ ینجہ تلہ ۔ اَوے اوس تمو
سُنی لبتہ پینہ کنہ کلس سبز دستاراہ گو اَنڈمت تہ
پان سُنین ہندہ پاٹھی بار اوُمت ۔ مگر یِمن وُنس
چھنے خبر سے زِ تس اوس نہ سید آسنس سیتہ پانس
پننس قاطرس سیتہ ہشر آسنہ کھوتہ ژور ہشر
کینہہ ۔

کینژن دوہن رودی اُسہ پتھے پاٹھی پکان ۔
اکہ دوہ اکہ چھ سہ وڑھوار نقیب وَنان "بیٹھ

دوستو! ظاہر چھُ یوٚہ زِ سُہ پرٛاد یِیتہٕ ترکھان وُلِتھ
چھہ یِوان۔ تیار رٕوزِو تہٕ دِل تھٲوِو ڈٲہو۔ تُہٕ چھِنہٕ بانبرِو
ہرگاہ خُدا مہ کرِن کانہہ بلاے تُہِنز بِییہ، زُودک
پرواے گژھِنہٕ کرٕنی، دَر بر گژِھ ہاوُن۔ ییتھِنہٕ دِل
کمزور تھٲوِو یا کھوژِو، اَد، تہٕ زانی زیوٗ زِ مومکلے یِہ کیاہ
یِہ بوٗزِتھ گو سیٹھاہ پھِکر یاوُن وول عثمان آغہ دَم
چھُسُو۔ گوڈنیتھ کرِن کام زِ یُس رِسلے سامانہٕ گنٛڈِتھ
اوس سُہ کیاہ مژراوُن رٕسے۔ گرٕس تھوٚون تنکھ
چارِتھ تہٕ امہ پتہٕ ہیوٚتن اُہرتہٕ واٲہ کرٕن زِ یہِ ظاہر
کیاہ سہ چھُو مسٛے قوٲنج۔ ییٚلہِ لکن دُشمنس سیٚتی
اُمی سٕنٛد تُہنز لکنک تسلی گو اُو کیاہ ہیٚتھ بڈ کپرٛزا ادرا
اکھ کلہ بیٚٹھِتھ تہٕ تُہنز چارِتھ ہیوٚتھ استغفر اللہ پرنہٕ
تہٕ تسبیح پھیرنہٕ تہٕ پُتشروُن پان ہنٛز لاٲنس۔ بییہ
اُس تس زیادٕ پتن پرژھ نقیب سے ہیٚچھ زِ تُہنز بلایہ
اگر کانہہ تارِ دِنہٕ وول چھُ سُہ چھُ یوٚہ۔ نقیبن اُمی
خطرِ نشانہِ پھِنہٕ موکھ پیٚنہٕ مزٕھ کینہہ تاوِیز گنٛڈِی مٕتو۔
تہٕ دیان اوس "یُوہ کیاہ گو تیر ہنٛد سیٚد سُنک تہٕ
تلوارِ ہُنٛدی گژھنک سامانہٕ۔ یُس یِہ سامانہٕ سیٚتی آسہ
سُہ بوزِ تون فولادُک۔ سُہ کتہٕ وسہ تمس تلوار یا سُہ
کتہٕ لگہ تمس تیر۔ تم لگن چلاوُن واٲلس پانسے
تیر تہٕ تلوارِ کرن تیٚلی کام ییٚلہِ چلاوُن واٲلس یم
تاوِیز گنٛڈِتھ آسن۔"

فولادُک بنیوٚت یہِ نقیب اوس زِ ترٛاٮ
جُسوار نفر ہیٚچھ برٛونٛہہ برٛونٛہ دور ہتا تُلان۔
تہٕ کُنہ کُنہ سانتہٕ اوس پنٛنہ بہادری تہٕ جگر ہاونہٕ موکھ
گرٕس تہٕ ٹکہ ناوان۔ بییہ بلہ پٹھ نیرہٕ ہتوہس منٛز
تھوٚد کھالان۔

آخر پیٚتھ اَسو کھوژان اُسو تی آونہٕ گوڈنیتھ
گو کیٚنژن بوٚندقہٕ ٹاسن ہنٛز صداہ۔ امہ پتہٕ وۄزھ
شیخ گرد تہٕ گو ژوہ پارو زن انہ گوٹ۔ تیتھ شور گو زِ
اَسہ دوٚپ ظاہرا پھٹو اسہ کن۔ ہیٚمہ تہٕ خوفہٕ سیٚتی
ہوٚکھی۔ تِہنزیِن ڈٲل رنگ تہٕ واٲنج ہیٚرن راونی۔ تیتھ
حالہ گو زنتہٕ چاروایِن تہٕ تور فِکر زِ کو سہ تام بلاے
پھِٹے وۄتلِتھ آمژ۔ پانز ڈہ پنٛدہن ژرین ہنٛدی
پاٹھو آے سانہٕ قافلکو لوکھ اکھ اکس نکھہ۔ اَد ییٚلہِ
حملہ کرن والین ہنٛدی کلہ گردِ منٛز نشنہ ہیٚتن نیرنہٕ
اَد متہٕ بوزی تو اسہ کس حال سپد۔ یِمن اسہ منٛز
رِسلے سامانہٕ گنٛڈِتھ اوس، بوٚندقہ چلاونچ پھِنہ کیٚتھے
غلافہ منٛز تلوار کڈنہٕ وراے آسے تم کٹھو بچن ہنٛدی
پاٹھو اور یور چھکراونہٕ۔ اُڈی ژالی تہٕ اُڈی پییہ
گرِو پیٚٹھ وسو۔ اَڈ یو ہیٚوٚت بڈ بڈ وُدن تہٕ اُڈی
اَسو بڈ ہمتہٕ کرِتھ دوان "سانہٕ امامہ! اَسہ مسکین
کرحض اکھ رۄٹ۔ ؤنی کین کرِو حفظ یاری! اسانس
دادِس واتو حفض سانہٕ امامہ!" سُہ نقیب یُس دَم
اوس دوان زِ اسو گے اُسی سُہ، پور گو تیتھ پاٹھو
غاٮب زِ پتہٕ تہٕ بوزنہٕ تسنز خبراہ اتراہ۔ گرِ و والیو ژھ

گرٛٮ۪ن تنکہٕ، بورٕدِ ژھ دأرِتھ تہٕ گرٕو ہیتھ کٕڈِکھ ژھ۔ ترکمانن ہنٛد اکہ تیٖر بارانہٕ سیٖتی گیہٕ اَمہ چھلہٕ چھانگر۔ اَمہ پتہٕ کوٚر تمو اَسہ پیٹھ حملہٕ۔ تکھ گنٛڈکھ تہٕ ساانہٕ مُژ رووُکھ تہٕ نیوُکھ سورُے لوٗٹِتھ۔ پتہٕ کینٛژن ژہن منٛز بنیہٕ یہ تم سأنی تہٕ ساانہٕ سامانکہ مالکھ۔

عثمان آغہٕ اوس اَکھ ہوٗل ہالیہٕ منٛز گنٛڈ اُکس تٔلی ژامُت تہٕ رسہٕ سیٖتی بَہِتھ ژ تقدیرِن کیا آسہ میانہٕ حقہٕ لیوٗکھمت۔ ہنٛگہٕ منٛگہٕ پیوٚ بُدٕ بُڑھ یوٚہے ترم ترم چوکاہ ہیوٚ اَکھ ترکمانا تَس نِش واتِتھ ظاہر کوٚرس شکھ زِ یہ چھےٚ ویٖٹھ پۄٹھ بہریا کیا ہتام۔ لتہٕ سیٖتی پھِر اُمو یہ بہرکو ہیوٚر کٔن۔ ییٚلہ اَمِس کیٚنژ ژادرِ لوٗٹِتھ نظرِ گیہٕ، گٔنے کھۄنت وُرکاوِتھ چھُس وَنان۔ "وۄہوٚ ھوٚد ہیا رأفضا! دۄہ لا پکوٚ مےٚ سیٖتی!" رِہاے رس عُثمان آغَس ژاو زوِ لرِ زِ ساری سِے پانس الہٕ الہٕ تہٕ ہیٖرِٛ شیٖعن لعنت تہٕ سُنیٖین رحمت سوزٕنی، دلہٕ ترکمانس دِل پھیرِ۔ مگر تمہٕ ملعونن نہٕ سوٚز حضرت علی صاحبس رحمت تہٕ نہٕ سوٚزُن حضرتِ عمرِ فاروق صاحبس فاتے، عثمان آغن سۄ رحمت تہٕ لعنت سوزٕنی گیہٕ ژھنمژ یِرتہٕ سۄ کھ تھوٚوُنس سبز دستار کلس پیٹھ، کرُتہٕ پٔلوٚ تہٕ بیزار روٗدس ستر عور تھاوٕنس پیٹھ۔ باقے یہ اوسُس تہٕ نیوٗہس سورُے۔ تمی سِے برونٛہہ کنہٕ وُج اُمو ترکمانن یُس برابر دِلہٕ ہیوٚہ اوس، عثمان آغنی فرد تہٕ شلوار لوگُن زنگن۔ اَمہ پتہٕ آسے ترکمان مےٚ کُن مےٚ وُچھکہ پوشاکھ نٲلی یُس نہٕ میانہٕ ژُنہٕ پیٹھ دالنس لاینقے اوس تہٕ ترٛاوُہس بہٕ۔ پہنٛز اَمہ لاپرٛوٲہی رکنو روز کھورن ہنٛز گیڈر تہٕ مےٚ پانسے نِشن مگر دوٚپہم زِ ژھکہ سۄ رتہٕ رأفضن تہٕ ژھشوٚ بچھ سون غمہ لام۔

اَمہ لوٗٹہٕ پتہٕ ہیٚتھ اُسو ترکمانو پانہٕ وأنی اَکھ اُکس بأگرٕنی۔ اَچھن پٹ گنٛڈِتھ بہناوٕکھ اُسو گُرین پیٹھ تہٕ دوٚپہکھ دۄہ ہَس روزِو اُسہِ پکان۔ راتھ کیٚتہٕ وأتھ اُکس خلاوکھ زوِس منٛز آرام کرنہٕ سۄکھ۔ بیٚیکہٕ دۄہ سہٕ دُنکھ پٔٹ مُژراونس اجازتھ۔ ییٚلہ مےٚ اَچھ مُژراوٕ مےٚ وُچھ ہنٛن پان تِرژھ جاپہ یوسہ نہٕ ترکمانن ہندو چیپہٕ اَچھو وَراے بٔنیہ کانہہ اَچھ وُچھتھ ہیکہے

واریاہ کھسہ وَس کرِتھ واتی اُسو چھیکرس اُکس بڑس مأدانس منٛز یتھ اَکھ اَندٕ خرتس سیتی رلان اوس۔ دوٚر تام اُسو اَکھ خمیے خمیہ دِتھ، تہٕ فقط اُسو اَکھ گُپن تہٕ جب پھیران ھوران۔ یہ ڈیشِتھ گوٚ مےٚ خیال زِ ظاہرا آسہ یہ سُے مأدان یتہٕ واتِتھ سلم[1] تہٕ تور سُنٛد فوج روومت آسہ ہیکے۔

---

(۱) سلم تہٕ تور اُسی ایرانکس بہلہ پایہ پادشاہ فریدون سنٛدی زٕ نیچوی۔

(۳)

## حاٲج بابُن اکس ترکمانس حِصیُن

تہٕ کھودٕ مَن ہیشٕد بَرکَتہٕ تَس فایدٕ وانتھ

اَکہِ حسابہٕ گو قیدمَن ہُند باگرادتہٕ تھانہٕ خاطر
جاے تیکیاز بٕہ تہٕ عُثمان آغہٕ آسے تتھ سے جِنس ہُوں
ترکمانس حصہٕ یُنٕد بٕہ وُنی اوسُس وَنان۔ اُمس
اوس ارسلان سُلطان ناو تہٕ یہ اوس اکہٕ پرانہِ قبیلُک
زیٹھ۔ بالہٕ پیٹھ وسے تھے واتی اَسی اَتھ قبیلس منز
اَمہِ قبیلکہِ خیمہٕ آسی آر بُجھس اَکس دِتھ تہٕ اتھ آرس
اوس اَندی پَتھ کیو بالن ہُنٕد آب وسان۔ زَمین منز آسی
گُپُن، تہپَرتہٕ مائشہ دوٗہ دِہ ہس گاسہٕ کھیوان۔ اَسی
روزی اَتی تہٕ باقہٕ سٲتی یار دوس نیکھ بیٹن دور
علاقن منز تہٕ چھکرِتھ سوزِکھ بیون بیون قبیلن منز۔
یُتھے خیمہٕ والیو اَسی دور نظر گَژھی تیتھے دٔرٲے
تم وہ پہٹٕ تلان، اَسان تہٕ گرَنکہ دِی دِی اَسہ وُچھنہٕ خمو
منز تیبر۔ اَسہ وہ پرن وُچھتھ پتھ ہیتوت اَتہٕ کیو جزشل
تہٕ ہمنا کھ ہونہو دورن تیتھ پاٹھی ز ظاہِر ا تراوہ مَن
تم اَسہ پنتھو پنتی کرِتھ۔ یمَن اُمس اَتہٕ زِتھ تہٕ نانہ
اکہ یِس ساری مالکینز اَسی وَنان۔ اَمہِ پتہ عُثمان
آغس سپر دستاراہ وہ ڈُوچھ یُمہ سپتو تس یہ ز تہٕ
ہیونتاہ ہیو باقے اوس روزمُت، سو تِتھبلے یہ سنح
باٹھی تہٕ بٕڈ شوقہٕ سان نیونس کلہٕ پیٹھ تھلتھ اَماپوز
سو عاٲر کھ چینہٕ یتھ منز تم سو یتھ سنٕدی پنزاہ پونٹھ
اَسی تھونس کلے پیٹھ۔ شہتہٕ کار پتہِ بیس
اَکس زمانہٕ اَتھ عاٲر کھ چینہٕ پیٹھ نظر تہٕ تس تتھبلے یہ
اَچھ تکیاز گرِ مس کھسہٕ وِزِ اُمس تس گُنہٕ نشان تہٕ
تمہ دوٗپ مے لگے یُتھے ٹوٗپی نرم آسنہٕ کِنہ تلہٕ کِنہٕ تھاو نیشتھ
عثمان آغن کرمیہ یتھ کُن بجاوتھ تھوٗو مِتس اَتھ
پونسس اَتھ تلہٕ نہ نیرن سو کھ بڈ زِھرٹھ زِھرٹھ تہٕ
پننیو کِنو رچھےیَن چھیر اَتھن منز، اما پوز کینہہ اَندوس
نہٕ۔ تھچھ دِتھ نیہ نس اَمہ زمانہٕ یہ ٹوٗپی ہنیچ سیٹھے
اُمس خبر زِ کیاہ چھُ اَتھ منز ژوٗر، تہٕ تھوٗن پننس
خیمس منز ژیٚن تل کُن۔ اَتھ اَدلہٕ بدَل دِژنس کیٹھ
سو تہٕ منز اکھ پرانی ٹوپہ ز تاہ یُس یہ خبر گَژھس سو ژھونٕد
حال اوس تہٕ یُس چورٕ اسہ ژوِنٕد ٹھ تاہ آسہ ہے تہٕ چھیکہٕ
آسہے ہیتہٕ سپتو بیمار پیومُت تہٕ موومُت۔

تمس سو پتھ ٹوپی پُتراوِتھ تھووکھ عثمان
آغس کام تہٕ تنزِ منٹہٕ ز دونٹھ ہیتھ زمین منز
گرُ ژھن۔ مے اَد باتد باند کر نہٕ ز یتھنہٕ تہٕ یمو خیمو
ژیشہ ادر یورو ٹکھ تہٕ سستی لوگہس آب سارنس
تہٕ دِیا نس تھُنو اَمنس۔

جنگہٕ زینَنس پیٹھ گور ارسلان سُلطانن
تیمن سار نے شرو باژہ سپتہ سال یمہ اَتھ جنگس منز
تس سپتو اَسی۔ بڈ پھلاوٕ دیگاہ اکہ زنکہ تہٕ پھل
کنٹھ اکہ ہیتہٕ تکہ بزن۔ مرد پیٹھو اَکس خیمس منز

تہٕ زنانہٕ بیچھہ بیٚیس منٛز۔ گوڈٕ کھیو مردو پتہٕ زنانو
پتہٕ تِمہٕ پتہٕ ہُریوکھ تہٕ دِتکھ پہلین۔ پہلیو یُس ژھوٚٹ
ژدوسہٕ دِتکھ اَسہٕ تہٕ ہونین۔ اوٚت تام اوٚس
بہٕ دوٚر دوٚری اَتھ ضیافژ منٛکھ ہیوان۔ تکیاز یتہٕ
پیچھہٕ بہٕ اُتھ اوہِس اوٚنمت تِتہٕ پیچھہ اوسمتہٕ
اَکہ لَتہٕ تہٕ یڈ بریتھ غذا کھیومُت۔ اَکھی منٛز ہاوُم متِنگہ
تہٕ منٛگہ زنانہٕ اَکہ اِشارٕ تہٕ بہِنو دِنس خمس اَکس پتہٕ
کِنہٕ۔ پھولاو رکھ بیاتہٕ نیہی تار برونٛہہ کِنہٕ کھُوتھ چھم
دِیان۔" یہ سوٚزُے مالی کیٚنہٕ، دِیان چھے ژٔیے وُچھتہٕ
چھُ مے دِلس کیا ہتام گژھان۔ یُتھنہٕ غم برکھ
خدا چھُم یوٚڈ۔" دپیوم بہٕ کرامی ہیٚنز شکر گذاری مگر
یہ وُنی ہیٚے دَرایہ یہ لوٚٹ کھوری واپس۔

ترکھانی روٚدی اَتھ ساری ہے دوہس
جنگس منٛز پننہٕ بوٚہدوری تہٕ سفرچہ دلیلہ بوزناوان
زنانہٕ اَسہٕ تمبکھناری وایان تہٕ گیوان۔ بہٕ تہٕ عثمان آغہٕ
اَسہ کونجس اَکس منٛز کھ ھٹِین منٛز کلہٕ ترٲوتھ بیٚہتھ
مٔے اَس روٚزی روٚزی اُمس مالی کیٚنہٕ ہیٚنز میہر بانی
ژہتس پیوان۔ تہٕ اَندری کنہٕ اوٚسس کمن باغن پھیران
عثمان آغہٕ اوس برانٛہہ تراوتھ ہارتھ بیہتھ تہٕ فقط
اوس زچوریٚرنی ودش تراوان۔ بہٕ اوٚسس اُمس بلو
دِل دِتہٕ تھونٛکٕ تسلیا دِوان تہٕ دِیان اوٚسُس "وُچھو
خدایس پیٚشراوُن چھے اِمانداران ہیٚنز کام۔
اَسہٕ پزٕ تسندیاں پیٚشراوُن تہٕ تسندِ پیٚٹھ توکل کرُن۔

مہ خصن ہمے غم۔ سہ خصن چھُ یاری کرُن دول۔" سہ
کہتھ بوزِہے۔ اوٚش تہٕ ودش تراوی تراوی اوس
وَنان۔ "تِلہٕ سا خدایہ پنٛنہٕ خاطرٕ کرٕ تہٕ ژھعہ تہٕ چھُ
بوٚز زعو دا چھُم یاری کرُن دول۔ اَمہ یوٚز مے کیٛا
یاری کرُم، تمہ کرِے یاری ژٔ مے نہ چھے پونسا
ٹونٛکاہ تہٕ نہ کینہٕ بارٕ۔ مے کرُن نہٕ کانٛہہ یاری۔
مے گیہ کرس وُجاری۔ بہٕ کیٚتھ سنٛدار وونی "
اصلی اوس اُمس تہٕ غم زِ کیٚہ بستن ہنٛدِس سوداہِس
یُس نفاییہ ہیم سہ گوم اَتھہٕ۔ تکیاز یہ اوسس
اَکہ اَکہ پونسہ حساب بوزان زِ یتھ بلایہ منٛز گیر گژھتہٕ
سیٚٹھا کوتاہ نوقصان گوم۔ اَتی اوس زیٚٹھ ودش
تراوان۔

آخر ووت اَسہ ووٚن اَکھ اَکس نِش ژھینہٕ
گژھنک وخ۔ دوٚیمہ دوہ سوٚنٛد کھ عثمان آغہٕ
پنٛشاہ دوٚنٛہٹھ ہیٚتھ اَکس نیہ منٛز تہٕ سیٚٹھی کوٚرہس
باند باند زہِ سہ روٚزی زِ، خبردار چھے یُتھنہٕ اَکس
تہٕ وونٛٹس نش سپر پیہ۔ تِتھی سیٚٹھو گژھاکھ نشتہٕ
نِش تہٕ تہٕ کنہٕ نشہ تہٕ۔ پیٚٹھ کھسی دوٚنٛہٹ شند
معمول تہٕ۔ پننہ یارن ہنٛد آخری لیکھت وُیتمس
پیٚتھ پاٹھو زِ اَکس خمس بروٚنٛہٹ کِنہٕ بہنووُم گرٕس پیٚٹھ
تہٕ بڈہ نرمی تہٕ دوستادِلہ سان کوسمس مس پیون
یہ کیٛتاب آتھن تُون آو مے بُجھتہٕ بڈہٕ بکار۔ اَمی ساتہٕ
یُس یُس کلہٕ ہیرا شان پیٚٹھ اُمس سہ سہ آولاران

کرِن۔ ڈلیِل بوزناوان بوزناوان اوسُس تتھ تھ ژھمہٕ پیٚہ گرِان یتھے باقے اُڈ ہٕن بوزنس اوس سارِنٕے پیٚتس پیٚٹھ ووتمُت آسان، اُتی اوسکھ دۄپان۔ "تِلہٕ حضرت یِمس حضرت علی کرم اللہ دِلس منٛز محبتھ چھے، سُہ ژاٚون چنٛدس اَتھ" لِکھ اُسو چنٛدس اَتھ ژاوان۔ اَمہِ پتہٕ اوسکھ وَنان: "یِمس حضرت عباسؓ سٕنٛد ژھیٚو نمُت اَتھ ٹوٚٹھ چھیٚ، سُہ کڈِن چنٛدِ منٛز کینٛژھا۔" اُتی اُسی کینٛژھہ نتہٕ کینٛژھہ کڈان۔ اَمہِ پتہٕ اوسکھ دۄپان: "یُس یہٕ حرامک چھو سُہ ژاٚوِن منٛز ڈارکُس۔" کم قلیلا اُسی تِم یِم ہٕ ژاوان اُسی۔ یتھے پاٹھو اوسُس پریتھ دوہ پیٚہ وۄتنسہٕ ڈیرو ٹھان۔ یِہ اُسِم وارٕ خبرا آسان زِ قصس کتِھن گرِتھ ٹھکھ دِین یتھ لکھ تشنہٕ روزِن۔ اُتی کیاہ اوسکھ وُدرہٕ والان۔ مثال کرِتھ ییٚلہ خطائیس شہزادٕ تہٕ ختن چہ شہزادٕ ہنٛز دلپل بوزناوِتھ یوٚتتھ ووتُس زِ "رسالہٕ گرٕ یو تیہ سُخ گرٕد۔ بوٚہٕ لڑان والیتوٚل شور، گرٕ یو تیہ پٔڈرو سیتو ٹھسرارٕ سے، پہلوانو دِرٕ کرِ یکہٕ، جنٛگی گرٕ یو کرٕ زورٕ زورٕ ہیٚنہٕ۔ فوجن دِرٕ چکہٕ پیٚلے سامانس وُزِتھ ٹاسرارٕ سے، تہٕ نیٚرٕ اُسی ٹاس پٹاس کرِان اَکھ اَکِس لاینہٕ یِوان؛ مگر یِژھ ہوٚل ہالے اُسی تتھ تہٕ روٚٹ ہزار فن دِیوٚن، یِمس ساس ہنٛگ اُسی تہٕ اُس اوسُس اَکھ ساس گرٕ کھوٚل، شہزادٕ اُمس منٛز، شہزادی اُس زمینس کو ہٹھی دِتھ تہٕ اَتھ نیٚبر کڈِتھ اُچھو کِنو اوُش ہاران تہٕ کٔلس ڈب دِوان۔ ساریٚ ہے فوجس ژاٚیہ دِیہ پٔنِک پاٹھو نٔہٹھ نٔہٹھ۔ تِم بِچارٕ کھوٚژی تہٕ سورُے پیٚلے سامانہٕ ژاٚوِتھ کڈِتھ گٔژھ اَمہِ وزِ گیِہ وُزملہٕ تہٕ گگراے بیٚیہ پھِرِن ہیٚن ہیٚن کرِان داد طوفان۔ یِہ دِیو چھُہ "کھوٚن! کھوٚن!" کرِان۔" اَمہِ پتہٕ کیاہ دِتمُ اَتھ ڈلیلہٕ اُتی تھےٚ ٹھکھ تہٕ چھُسکھ وَنان۔ "تِلہٕ یُس چنٛدس ژاٚوِ تو اَتھ تہٕ خوداے سٕنٛدِ خاطر دی تو درویشس کینٛژھاہ" اُتی کیاہ دِنو زِ شہزادِ کیتھہٕ پاٹھی معہ کلیو دیو سٕنٛدِ اُسہ منٛز تہٕ آکی گژھ رٕ ٹاسہٕ سیتی کیتھہٕ پاٹھو گیٚہ تِمس کٔلس خشخاش دانہٕ۔" ڈلیلہٕ بوزنکو عاشق تہٕ منتو اُسی نہٕ دِنہٕ وراٚے روزان۔ کینٛژھہ نتہٕ کینٛژھہ اُمو دِوانٕے۔ بٔ تہٕ اوسُس پرانہٕ آٹھوارہٕ ہنٛد بٔ تہٕ کتہٕ وُپِنٛکھ نہ دِنٕے باقے اُڈہٕ ہن۔ بٔ اوسکھ یِگاہ پیٚٹھ تھوان۔ ادٕ کیاہ! یتھے پاٹھو چھُس لکن چنٛدن وُسی وُسی پیٚنہٕ دوہ کڈان۔ ییٚلہ اَکِس جایہ چنٛدٕ چھُسکھ چھنٛج گرِتھ موکلان، تتہٕ نیٚرِتھ چھُس بییِس جایہ کرِن لگان ؎

"بود تا ابلہ اندر دہر مفلس در نمی ماند"

ژٕ چھکھ شرٕپن بٲژن ہنٛز ڈرے۔ ژٕ چھکھ خودایہ
سُنٛد قسم۔ ژٕ چھکھ رسولِ خدایہ سٕنٛز ڈرِ ہے۔ ہتہ حفض
مے ژراوتہ۔ ہتہ حفض ساری نبی اُنہٕ ڈیپلہ۔ ساری
اولیا اُنہٕ ڈیپلہ۔ امام زادن ہٕنٛد شفاعتھ
آسی۔ ہتہ حفض وۄنی نخصن کرٕ نہٕ۔ مے ژراوتہ۔" سہٕ نہٕ
زن بوزانے اوس۔ اَکس رژھ تہٕ ترٛوونس نہٕ۔ پنٕنہ
رکھ کریوس ٹکو تہٕ زار پارٕ کرٕ تہٕ چھمنہٕ ژراوان۔
درویش یارن تہٕ ونیوم زٕ تۄہہ وۄنی توس مے ژراوہے
رتھو تلنہٕ وُٹھس بیچھٕ تہٕ ڈٕ۔ آخر گوس چوب کھیتھ
کھیتھ بے حِس تہٕ کینژھ تہٕ رۄزم چھبراہ۔ بیمہ ساتہٕ
بٕ حِسہٕ چھیوٚرس مے وُچھ کلہٕ پنٕنہ دیوارس اَکس
سیتھو ٹھاسہٕ آمٕت تہٕ اَندۍ اَندۍ اکھ عرصا اکھ
تماشہ وُچھان۔ تمہٕ جاہ آتھن مے سیتھ کانٛہہ مروت
کرٕنہٕ موکھ، تم آمتھو مے تماشاوُچھنہٕ تہٕ بٕنیہ بیمہ
موکھ زٕ تھپہ ٹھوسہ مالارٕ کینژھا۔ خاطرٕ مے ٹھیر
ٹھوٚپ اوس یال زٕ جُنجیر تماکی ٹھیلہ تہٕ بٕنیہ باقے
سامانہٕ تہٕ اوسم پلیسہ والیو سورے لوکھ کرِتھ نیومُت،
تہٕ ژلنس اوسہم اجازتھ تھوومُت۔ پیرٕ ہن اُمس
خدایہ سٕنٛز مہربانی زٕ ڈیرا اوسم تھکے۔ یان کھکھر
پکناوُتھ تہٕ کھوکھشو کران ووتس ڈیرس بیچھ
کرِتھ دوان تہٕ وُدان۔
تلہٕ بیتھن اَسہ زخم گمتھ تہٕ دِلس بیچھ اوسم ہنٛگ
بار۔ آخر رۄدُس اَکس دۄہہ مَتس ڈیرس بیچھ۔ دۄیمہ
دۄہہ کوٗر اَکی درویشن جگرِ ہیوٚ تہٕ آم خبرٕ تہٕ چُھم
دِیان۔" موالی بابا! ہرگاہ بٕ شُلہ آیوسے، مے تہٕ کیا
سہ پیپنہٕ ڈانگ۔ دِیہا تم ژٕ تہٕ چھکھ اُمی ہیے سیتھ
اُمیس درویشس تہٕ اُسہ کرتام اُتھ بیچھ تنگ چوب
بیمتھ تہٕ بتہٕ اوس بایس بیچھ حکیم بنیومُت تہٕ کرِکر
کٲم اُسن ژراوہنٛز۔ خاطر، اُمی کوٗر مے یلاجا وِلاجاہ
کیاہ تام تہٕ مے بیچھ زخمن کرٕ اَلی تہٕ گوس بٕ بٕنیہ
اورٕ پور نیر نس لایق۔
بہار ہندین دۄہن چھس بٕ بدٕ تابہٕ تۄ حملہ یوان
سوچان زٕ اصلی چھس بٕ کمہٕ تانی منحوس گرٕ مشہدین فرز
ژامت۔ زانہٕ خودا تمہ ساتہٕ کتہٕ بٕ چھس منز چھے نَو
اُسہنز۔ گوڈٕ چھٹ شو ٹھس کمبرٕ تمہ بتہٕ تلیتھ نمن ہنٛد
مازٕ۔ ہرگاہ بٕ بٕنیہ کینژس کالس پتہٕ رۄدُس مے
چھ ژان فکرِ مے مارنے۔ چھنا صلاح زٕ بیمہ شایہ
مُلکہ منز ژلے بٕ؟ آخر کوٗرم پانس سیتھو فاصلہ
زٕ بٕ گژھ طہران۔ درویشن تہٕ وونم۔ تم گیہ پوز
نحوش۔ جعفر درویش چھُم وَنان۔" بٕ تہٕ بیمہ سیتھو
تکیا زٕ میانی ناماوٲری چھے پتہٕ کین عالمن اَچھ
منز ٹٹھ تہٕ تم چھ راتس دۄہس آسان مے کانٛہہ
نہٕ کانٛہہ وکانہٕ کرنہٕ خاطرٕ تدبیر کران۔ سہ کُس سہ
روز پتہٕ بیمن ملکن منز، ملکس سیتھو کٲم گژھنہٕ گیہ
ہا بتس سیتھو کٲم گژھنہٕ۔ شُلہ گری چھُ جان بیمہ
بلایہ تلہ یان موکلاوُن۔"

مےٚ اوس درویش بنِتھ قافلہٕ کوٚر تیٚتھ ،

لہازا اکہٕ تھیٚو تٔم پوشاک تہٕ تیٚتھے شکلی - خرقہٕ ، کش
کُکہٕ تہٕ ہرنہٕ مُسلہٕ ہیٚوتٔم مُلی تہٕ ہیٚوتٔم جعفر درویشس
سیٚتھ سفرس نیرنُک شرٗ کرُن - اَسہٕ اُس دَہ شُہنی
نیرن پتہٕ باتیٚر زبیٚیہ کاتہہ پانس سیٚتھ تُلمیہٕ ووراٰم
ہیرٚ وونیرُن مگر اَسہٕ زون دُنی یاہ دوٗر تہٕ دوٚپ شیخ
سعدی[1] سنٛز کتابہٕ منٛز وُچھو فال. جعفر درویشن
چھوٗل اَتھ بُتھ تہٕ حضرت امام جعفر صادق سٕنٛد
دُعایہٕ فالہٕ پٔرتھ ہرٗاوُن سعدی سنٛز کتاب. اَتہٕ
دراو یہ زِ " دواہ بنیہٕ کہٕ نیتہٕ زہر کھیوٗن تہٕ غارزان
وَتھ قافلس ورائے ماتھُن چھُ نادانی ." یہ فال
نیرتھ ہیوٚ اَسہٕ قرار سے کرُن .

یہ دراس دوہ نی کاتہہ قافلہٕ ژھانڈنہٕ یمہٕ
سیٚتھ اَسہِ تہٕ سفرس نیرہو - اَکھ تہٕ سُکھ مےٚ ہنگہ
تہٕ منگہ علی شٹووُل یُس تازے اوس مشہد وتمت
اَتہٕ اَسہٕ اُمس بُخار آچھ کنہٕ بستہٕ گرُن لَدتھ طہران
نیٚنہٕ. مےٚ وُچھ گوٚو یہ سیٹھا خوش. تمہٕ کی چلمہٕ ماہ
بَرن تہٕ چھمُ جمیس پلہ وان - اَمہٕ پتہٕ چھمُ خارپالھ تہٕ ژھان
اکہٕ فہ ہیٚمتھ پینس تام بوزنووُم یہ سوٗرُے تہٕ اُمی تہٕ
بوزنووُس منٛز گدرُن تہٕ دوپنم: ژٕ تیٚہ نش ژھینہٕ
گژھنہٕ پتہٕ ووتس تہٕ ترکمانن ہنٛد خطر ورائے کنہٕ
بستہٕ ہیٚمتھ اصفہانس منٛز . اَتہٕ اَس وونہٕ تہٕ ترکمانن
ہنٛد سرایہٕ ہیٚمتھ روٗت ہملیٚہ کتھ چلان تہٕ ویان اَسی
تہٕ ترکمان لوٗٹ اَمہ اکہٕ ساس نفر مگر اصفہانن کیو
ہُدِ بٔڈ ہیمتھ تہٕ زوٗ حیان زٕ شیٚتھ کوٚرکھ تیمن سیٚتھ مقابلہ
خاص کٔرتھ کوٚر کمبلائی حسن دادن تہمشہٕ اکھ ژیٚتھ
تیغ پاٹھی زخمی تہٕ سیٹھا مُشکلی سان ژوٗل تیمن اَتھہٕ
منٛزٕ ."

مےٚ اوس پنُن حال بادنہٕ دزپرتھ کاتہہ نش
حالی شنٛد ناو تہٕ تسنٛد کام کار بیٚتر ژوٗر ہوٗت. علی
شٹوالیہ نش تہٕ ہوٗوُم کھٹیتھے مگر حالی شنٛد ناو
بوزتھ وُژھم جنگس ونگ ہش تہٕ چلمیہ گو ژٔم گیٚنے دام
تہٕ دہرگوٗل برتھ چلووُم یہ دہ علی شٹو دالس
بُتھس . تس گو سود ے ریش تہٕ بُتھ وچھتہٕ اَمہ سیٚتھ
بیمہ ہیٚے شبہلتہ ہش .

آخرس ووٚنم علی شٹوالیہ اصفہان اَتھہ
نیوٚمےٚ کیہٕ تموک ، ترامہٕ ژادیہ تہٕ توٗمُل بیٚیہ دشہرس منٛز
تہٕ یٔز ہیٚمتھ آسے یور حال ہیٚمتھ - یتہٕ ہیٚمتھ چھُمے مےٚ
طہران گژھن ، یہ میٚہ غم - زٕ طہران واتناوُن گیہ
ہیانی کام ، وتہٕ ہیلہٕ زٕ تھکان آسکھ تہٕ آسمتہ راہ
خوداگرِ ہن تہٕ کھالان .

## (۱۳)

# حاجی بابن ولیلہ بوزناونک کار کرُن

نیرتہٕ وزیلہ مشہدکس دروازس ہیٚمتھ ووتس
تہٕ چھس ونان: " گژھ مشہد ! کوفہ ! گژھ خوداکری نے

---

[1] شیخ سعدی اوس شیرازک اکھ پہلہ پایک عالم ، پرہیزگار تہٕ گوٗہ نمانتھ. ہُنٛد اسم شریف اوس شیخ مصلح الدین تہٕ بوستان کتابہٕ
یکھ تھوٗو یموٚ منٛز ناد ہرہمیشہ خاطر زندہ. ۶۹۱ ہہ منٛز کوٚرکھ یمہٕ دُنی یاہہ منٛز نقل.

لوطؑ[1] سنٛدِ قومٕکۍ پٲٹھۍ تمٕک پیٚیہ۔" مگر کھوٗژِ کھوٗژِ تِمہ
وُچھِس اوٚدٕ پوٚد نظر دِوان زِ کانٛہہ پیر صاحب ما آسہِ
بوزان یِتھ یِتھ شہرٕ پٲٹھِس سیٚتۍ بےادبی کرٕنۍ تہٕ تِمن
ہُنٛدٕ گیتھ سنٛگسار کرُن۔ جعفر درویشن تہٕ اوٚس مےٚ
سیٚتۍ اکھ شہرس وۄتھ، وۄتھ کران۔ مےٚ اُس
تلٕ یٚتھ شلقچ دگ یاد پیوان تہٕ تَس اوس تہٕ تَس
پیوان زِ لکو کیٚتھ پٲٹھۍ تانیم شیٚتہٕ۔ مُختصر اُسۍ اُسۍ
دوٚشوٕے مشہدس تہٕ مشہد کین روزن والین دُعا یہ
خاطرٕ کران۔

جعفر درویش چھُم دپان "دوستا! وُنہ چھکھ
تہٕ یوٚت کُٹ تہٕ ہیٚچھہ۔ وُنہ چھِنہ کھیتے۔ تُہۍ چھِو واریاہ
دَپِ دُرٕسی کھیٚنہ اَد سنٛدٕ کھ پوٚچھتہٕ۔ یَس تُہۍ یَتِہ
تکلیف دِتے تیٚمۍ پَزی نہ تُہۍ کَراو کرُنی۔ یوٚژھ
ہےٚ خودایی، وُنہ چھِی تُہۍ ہِیتھی ہِیتھو کاتیاہ تکلیف
تُلیو۔ مگر سیٚتی اُسہ زِ اُچھ ہزاروان یُتھ تُہۍ
تجربہ سٕندی زِ کیاہ چھُ دُنیہس منٛز پیوان
ہیٚچھُن۔ مثال کرِتھ نیتہ یوٚہے پکسہ وٲلہ سٕنٛد قصہ
امہٕ تلہٕ آسی تُہۍ وۄنی ننیومُت زِ پکسہ وول چھِنہ
پرِتھ وزٕ پکسہ ورِدی منٛز سے آسان، سُہ چھُ کم کم

[1] لوٗط اُسۍ اکھ مشہور پیغمبر۔ یِہنٛد قوم اوس سخ
بدکار۔ اللہ تعالیٰ ہن ژھنوٗ اکھ قومس نارٕ تمٕٹھ تہٕ بٕنیہِ
کوٗر تِکھ تَمِک پیٚیہِ۔ یِمہ کیٚنٛہ یہ قومے ختم گوٚ۔

نال بدلاوان۔" امہ پتہٕ چھُ ریشس پیٚیہ اکھ پھرو
دپان۔" وُچھتہٕ مےٚ ہوس چھےٚ یِتھ وُمرِ تہٕ واَنیہ
منٛز سختی پیوان وُچھنو، چاَنی چھِنہ کینٛہہ۔"
مےٚ دوپُس۔" دوستا! ہرگاہ تُہۍ مشہدس منٛز
یِژھکھ روزُن تُہۍ چھےٚ پانَس تانی۔ اگر تُہۍ نماز پرِکھ
روزٕ درٕ روزٕ کھ تہٕ مالاۓ نِش زیو گنٛڈ رکھ تیلہ
کُس دِیی تُہۍ اِذاہ، تکِن چھا ہوتنگہ؟"
یہ چھُم درجواب فرمان۔" یہ ہَسہ چھُ پوٚز۔ مگر
کرِ کیاہ، پانَس چھےٚ خبر زِ ماہِ رمضان ہیٚوٚتن
واتُن۔ تمہ چھُ اکھ ریشس منٛز زن باولہ گرٕھان۔ یوٚہے
مزار ہیوٚ چھکھ پیوان۔ بِہ زانہٕ روزٕدر روزنےٕ۔ خدا
کرُن زانہہ تہٕ مہ یِژھن مےٚ۔ مےٚ چھےٚ تموک جنس
بڈٕ ساد پیوان تہٕ امہ سیٚتی چھےٚ مےٚ وانس ہران۔ شراب
چینہ سیٚتی چھُسے بہٕ اوٚرٕ تہٕ دوٚرٕ نزان۔ حرام اگر یِمو دوٚیو
چیزو وراۓ بہٕ شاہ تہٕ چھُسے کھالان۔ بہٕ دُنیہم پٲٹھو
ہیکہ بہٕ وُنی کین تہٕ خلوٗ کھس منٛز دُہلی کھاو روزِتھ
مگر کرامت تہٕ ولایت چھمنا اُتھ کھرٕ ہرش۔ لہٰذا اگر بہ
ہیکہ نہٕ یٚتہٕ روزِتھ دُہلی کھاو بہِتھ۔ بیٚیہ ہاَ مےٚ
ہیوٚ انسان یُس کُن صابرنے منٛز اُچھ مدرے گنڈِتھ
چھُے آسان ہُ سُہ چھِنہ کینٛہہ۔ دوٚنی گوٚ سفرس منٛز
روزُنہٕ سیٚتی ہے دُہلی کھاو آسان تہٕ چھس تِتھ چھِنہ
کینٛہہ۔ تہٕ چھُ وَننے آمُت فَعِدَّةٌ مِّنْ اَيَّامٍ اُخَر[1]

[1] قرآن مجیدس منٛز چھُ یہ آیہ کریم (باقی برونٛہمس صفحس پیٚیہ)

اَمی ہیتہٕ چھُس دُہلِ کھاوروزان تہٕ کانٛہہ چھُنہٕ اعتراض
تہٕ کران"

مختصر داُتی اَسی سمنان۔ وۄنہٕ شیپۍٛدتہٕ کانٛہہ
خاص تیتھۍٛ قِصا یُس وَنُن لائق آسہِ۔ سمنانس منز
اَکھ زۄدہہ واتنہٕ پۄشٹھ اوسُس بہٕ علی شٹھ واُلس
اَکِس جایہ گُرِن پیٹھ بِیہ لدنس منز اَکھ دِوان ز
تتھ جایہ پیوسہ تمی سۄتۍ پھیر آوِتھ اَسِہ، ڈرام اَڈجہ
ٹاس ہیوٚ تہٕ کرنم سخ دَگ۔ سیٹھی چۄنس تہٕ۔ یوٚت تام
یہ دود بلیہ سپدم تۄتام اوسمہٕ اُتی روزنس کانٛہہ چار
دوٚی اوسنہٕ تہٕ کمانہٕ ہُنٛدتہٕ خطراہ وطراہ کینٛہہ لہٰذا
کرتھ اوسنہٕ کانٛہہ کُھتکہٕ۔ صفر درویش دوّپم
"بَبا، مےٚ کیاہ سہ گژھنے ماہِ رمضان چھِ نیا گژھ اَتھ۔
مےٚ چھےٚ صلاح پیوان بہٕ دِمےٚ قدم۔" سہ دوّپتھ تہٕ ڈرا۔
شہرس منٛز پکھے ہوٚتھس بہٕ اَکِس مل گُذارس
منز تہٕ وہراُوم پینٛژ سو بستہ۔ اُتی کیاہ چھُس درویش
ہنٛدی پاٹھی شیٚنکہ وایان تہٕ بڑبڑ وَنان، "یا ہوٗ! یا
من ہوٗ! یا من لیس اِلّا ہوٗ! نادِ علیاً مظہر العجائب"

عُمتھ لکن سیاہ پینٛژ خبر گژھ۔ مےٚ اَسِ پینٛژ حیثیتہٕ ہٕمبرکنو
قلندرن ہنٛدی پاٹھی بناوِتھ تہٕ اَندر کینہ اوسُس
دِیان فنٛد غریب تہٕ ٹھگ وَرتاونس کیاہ آم رُت موقعہٕ
تاگوٚیرتہٕ دُعایہ خاطر نیتہٕ خاطر آونہٕ دوہ یوٚ ترۍٛیوٚ
زنانو وَرائے اتہٕ بیٚنیہ کھینہٕ۔ یمو اوّل ژامت دوہ،
ماچھ تہٕ میوہ مےٚ ہدی پہٕ۔ کمرس کوٚرم تیتھ دوداہ ز
کوٹھ لاریوو پھترس۔ آخر ڈراس حکیم ژھانڈنہٕ۔ یوٚزم
زٕ اَتہٕ چھ نہٕ ژنی طبابت کران۔ اَکھ ناوِد تہٕ بیٚنیہ کھارٕ
ناوِد اوس نعو نبہ ہنٛس، دَنٛد کڈنس تہٕ اَڈی چھ گنٛدانس
منز بڈنا مادار تہٕ کھار اوس چاروائن علاج کرنہٕ کنہ
انسانن تہٕ علاج وِلاج کران۔ یمو وَرائے اُس کرنہٕ
داد دوہ دِیہ پزاَکھ کتھ کتاج تہٕ نِنہٕ بڈا اَکھ تہٕ علاج
کران۔ لکن بیلہٕ ناوِد ہنٛد دۄسی یا کھار ہنٛد
کھر نہٕ پتہٕ ہلنِج دوہ میڈ اَس روزان، تم اَسی
اَمی سِے بجہ نِش دوران تہٕ اَمی ہنٛد علاج اَسی بنی اعتراض یلن

---

(مۄختصر صفِکر فٹ نۄٹک باقی) ہدایت دِوان زِ بیلہِ
کانٛہہ سفرس منز آسہِ سہ ہیکہِ روزٕ اَماپوز ماہِ رمضانچ
روزٕ چھِس بتیس دوہہ منز ضرور پور کرنہٕ۔ ۱ جنگ
خیبرس منز بیلہٕ عبدوٚ پہلوانس (ییُس کافرن ہنٛد
طرفہٕ لڑنہٕ اوس ژامت) مقابلہٕ رسول اللہؐ ہنٛد طرفہٕ

کانٛہہ مُسلمان ڈرا، رسول اللہؐ ہیوٚ فرمود: نادِ علیاً مظہر
العجائب یان زٕ کرِو آوٚ حضرت علیؓ یُس یمہٕ ہنٛد اَتھ عجائبات
چھ سپدان۔ حضرت علی صابس اوس اَچھن دود۔ پتہٕ
رِچھ رسول اللہؐ پنُن لعاب مبارک تمن اَچھن منٛز
تہٕ تمن چھےٚ اَچھ بلان تہٕ تمہٕ پتہٕ چھ تم عبدوٚس مقابلہ
کرنہٕ نیران۔ اُدانس منز واُتی ہتے چھ تم عبدوٚس
کلہٕ نوان ژٕٹتھ۔ کافرن چھےٚ عار بڈلان تہٕ مسلمان چھِ خیبر زینان۔

ہنٛدین پأٹھرِین چھنٛہٕ مُعجزٕ ہیٚوٚ نانان۔ یِم ترٛیشوٚے
آسے میٚتے شوٚ تھس یِلاج کرٕنہٕ تہٕ ترٛیشوٚے چھِم دٕپان زٕ
ذرا ہیل چھے ژٕنٛسے یِہ دوٚد سردی سیٚتی تویٛمُت۔ گرمی
چھِے سردی برخلاف، لہٰذا اگر یِتھ چھِنہٕ چایُس کمبرس
سیٚنٛخ لاگہٕ وِراے بیٚیہ یِلاجی کانٛہہ۔ شمشیرٕک وِرتاد
اُسنہٕ کہنی تھوٚکھ کھارِس ژٕٹہٕ واٹہٕ ہنٛز کامٕم مٕتٕھ۔ تِمو
اوٚن ژٕنہٕ ہٹیلاه، دٕمن بِستاه تہٕ سیٚنٛخ ژٕہ میٚر ملگذارس
مٕنٛز ترٛٹھرٕ اوٚس اُمی اٚندکٕن یِم سیٚنٛخ تہٕ کِرٕن دوٚہ زٕلی نار
ہوٚی۔ اُتی سوٚدنس بُتھی کِنٛہ تہٕ بٹہٕ تاظیمہ سان لاگی نم
ژٕ دوہہن امام زادن سیٚتی محبت تھٚونٛس ناوس
پیٚٹھ، ژٕ دوہہن جاین سیٚنٛخ۔ یِتھے یِم سیٚنٛخ میٚتٕ کمبرس
لارییہ، بٕ چھُس چہار مہ اُسماہٕ کٕشیکہ دِوان۔ یِموٚد تِم
اُسٕنس تھوٚپ تر چھِم دٕپان "خبردار چھِے۔ یِتھِنہٕ
شاہ کھالکھ۔ نٕتہٕ راوِ اُتھ سوٚرُے تاثیر" چھیکرس
ترٛوٚد ہٕسہ گٕنے زٕوٚن۔ یِوٚت تانی یِم زخم بلیم توٚتتام
چھُس اُتھ مل گذارس پیٚٹھ سیٚٹھا ہہ کالی بلیوس
تہٕ سارِنے اوس بہتھ زٕ ژٕ دوہہن امامن ہنٛد ناوٕ
ژٕ دوہہن جاین سیٚنٛخ لاگہٕ کِہ برکتہٕ کِنی گوس بٕ ٹھیک
کانٛسہ تہٕ روٚدنہٕ یِتھ کتھِ مٕنٛز شک زِ تِمو سیٚنٛخ تہٕ
چھِہ مُعجزٕ کی ساماہٕ۔ اماپوٚز میٚیہ اُس خبرٕ زٕ اُکی ہے
جایہ بہتھ آرام داتنہٕ سیٚتی بلیوس بٕ۔ مگر کٕس
وِنہٕ ہا تہٕ کُس بوٚز ہیم۔ یِمہ سیٚتی کھوٚلم نہ شاہ تہٕ
یُتھِنہٕ اُتھ تاثیرے راوِ۔

اُمہ پتہٕ ہیٚوٚ تِم نیرٕنٕک سفر کرٕن۔ مگر نیرنٕہ برونٛہ
دوٚ پھِم زٕ پینٛچھ سعہ ہیٚوٚ نٕر ورتاوٕ ہا۔ ڈٕلیل بوٚزناوٕنٕک
کوٚرُم سفرٕ تہٕ اُکِس لوکٕٹس ماداُنس مٕنٛز یِیتہٕ پیٚشِس
باگی کھٕری پیٚشہ پیٚٹھ اکِہ اُسی لاگان، وہراُوم کیٚنٛہ ژاد
تہٕ شینکھ واُے واُے ہیٚتِم تکھ سعہ نیبراوٕنی زِ جما تھا
اُکھ گیہ میٚتے اُندی اُندی جماه تہٕ چھِہ ساری گردٕنہٕ
زٕیٹھر اوٕتھ، اُچھ پھرِی پھرِی تہٕ اُمہ مٕنٛزٕ اوٕتھ میٚتے
کُن وُچھان۔ یِہٕ دٕراس مٕنٛز باگ، لوٕ ہا اُکھ چھم
اُتھس کیٚتھ تہٕ چھُسکھ دٕلیلاه اُکھ بوٚزناوان یُس
میٚتے ناوٕد کار کرٕنہٕ کیٚن دوہن مٕنٛز ژٕ مِتس اُس
تھوٚ مٕنٛز۔ دوٚ پھِمکھ:

" پرانی قصہ بوٚزناوٕن والی تہٕ خبر وٕنن والی
چھِہ رِوایت کران زٕ یِمن دوہن ہارون الرشید چھُ
خلیفہ اوسمُت، تِمن دوہن اوس بغداد س مٕنٛز
ناُوداه اُکھ یوٚزان۔ اُمس اوس علی حُسقال ناو۔ یِنہٕ
کامہ مٕنٛز اوس یِہ یِتھ وٕستاد تہٕ تجربہ تھوان زٕ
اُچھن پیٚٹھ گنٛڈیتھ اوس تِکوٚ مٕس کامان تہٕ اصلاح
ہیوان۔ کانٛہہ اکھاه اوسنہٕ اُمی سِند دٕسو مٕس کاسنہٕ
وراُے روزان۔ اُمس اوس خریدارن ہُنٛد بڈٕ
بہٕ بار تہٕ تکن اُسنہٕ مٕس کاسنس سٕہل سٕہل اُزی
یوان۔ اُمہ کِنہٕ ہا ہیٚشہ اُمی اُسانس سیٚتی گاڈٕ بڈٕ تھ
کھیٚیِنہٕ۔ دوہ زٕ چھِنہٕ اُمس بڈٕن معہ ہنوین وِراے
کانٛہہ اکھاه فکر کھُسان تہٕ یوٚنسہ دالین تہٕ اطرافن

وَرائے چھُہِنہٕ کانٛسہ تہٕ مَس کاسان۔ تَوٕ ہیٚہ تہٕ چھےٚ
خبرٕ ے زِ بغداد مَنٛز چھُ زیٚوُن دوہےٚ دَرٛدَگ
آسان۔ زِنیٚ دائے اَسو اَمس علی صَقال ہِندی ہے
وانَس نِش گرٕ یہ بار آسنہٕ کِنہ شمان تہٕ خرید ارن
جان پوٗشن زِیُن ہکنان۔

اَکہ دوہ ہیٚہ آو سیٚشوٗد ساد زِنیٚ دولاہ اَکھ خرَس
پیٹھ زِنیٚ بوراہ ہیٚتھ۔ علی صَقالنہٕ دوہ سُتاد آ ہیٚنج
اَمِس تہٕ خبراہ کیٚنہہ تہٕ شیٚدہ پاٹھی کوس وانس
نِش تہٕ چھُس دِوان۔ "دوہ لہٕ چھَکھ زِیُن ما ہیٚیو؟"
علی صَقالَس گو ہیٚکھے ہیو مگر دوٚپنس: "اَدٕ کیاہ
ہیمو۔ مگر بہٕ دِمے یوٗت، ہیٚیہ یُس زِیُن ژٕ تے خرَس
بار آسی تہٕ ہیے سورُے۔" زِنیٚ دائے کورُس یقرار
تہٕ سیٚد اور پورٕ ہیٚنہٕ دیٚن پاہ کرٕنہٕ معہ کِھ لفظ۔ زِنیٚ
بور پیٚتھَر وائلِتھ چھُ زِنیٚ دول علی صَقالَس پوٗنسہ
مَنگان۔ علی صَقال دوٚپھُس: "ژٕ تے ترٛاوِتھ ورہ
سورُے زِیُن پیٚتھَر زِ ژٕ ہیو ٹھکھ ہار مشگنہٕ یُس
بہٕ پلنہٕ چھےٚ، یہ تہٕ چھُ زِنے۔ اَتھ تہٕ چھُہ مے لفظ۔"
زِنیٚ دول گو یہ بوٗزِتھ حیران ہیو تہٕ چھُس دِوان
"ہتا یار! ژٕ وَنان کیاہ چھُکھ؟ کُجا زِیُن تہٕ کُجا
خرٕ سُند پلنہٕ۔ یہ کرٕ تھ کِتھہ چھُکھ ژٕ کران؟ کِتھہ
زیچھے یہ تہٕ اَتہٕ ہیٚو تِن بوٗد مُنڈ دوہ بھَن۔ اَخر نیٚو
علی صَقالن زِیُن تہٕ پلنہٕ تہٕ تہٕ بیچارٕ زِنیٚ دول کوٗد ون
ہارٕ دیارٕ روٗستے وانہٕ مَنٛز نیبر تہٕ دوٚپنس: "گژھ نیبر

یوٗت دوہ زِنیٚ خرٕچ کرٕ ی توٗت گژھ ژٕ۔"
زِنیٚ دول گو قاضی سُند نِش لاران۔ قاضی اَمِس
علی صَقالَس سیٚخ کھوژان تہٕ تِمی ہیوٗدہٕ زِنیٚ دائِس
ژھٕ کے۔ اَمہ پتہٕ گو مُفتیٚس نِش مُفتی اَمِس علی صَقالن
خریدار، تِمی سوز شیخ الاسلامَس نِش۔ یہ چھُ اَمِس
سیٚخ ذاہ پار کران۔ شیخ الاسلام چھُس دِوان زِ "اَتھ مَسلس
پیٹھ چھُہِنہٕ مذہب چھُ کُنہ تہٕ کتابہٕ منٛز صاف حکماہ
لیکھِتھ۔ مے چھُہِنہٕ یوان بوزِنہٕ اَتھ کیاہ اندٕ کیٚنہہ"
زِنیٚ دول کوٗت تلہ ہے اَتھ ما ملس ٹھیچھ۔ تِمی
لیٚو کھ درخاس تہٕ دِتُن پانہٕ جُما دوہ ہیٚتھ مُنڈ منٛز خلیفس
اَتھ۔ دوہ زِ چھُہ خلیفہ سُنز عدالت بوزِنَس لایق۔
خلیفن اَنہٕ نوو زِنیٚ دول دربارس منٛز نادٕ دِتھ۔
زِنیٚ دول آو لاران تہٕ خلیفس ترٛٹھ ہیٚتھ کنہ کلہ پیٹھ
ترٛاوِتھ ووٚتھ تھوٚد تہٕ تاظیمہ سان اَتھ زِ پیٚسنس
پیٹھ تھوٚوِتھ روٚد وہ دنیٚ حکمس بپارٕنہٕ۔ خلیفہ ہارون
الرشید ووٚتھ زِنیٚ دائِس کُن: "وچھ سہ ہیے! یوٗت
تام لفظ چھُ گوٗت۔ توٗت تام چھُہ علی صَقال پوٗزٕ وَنان۔
اَما پوٗز ژٕ تہٕ کیٚنہہ غلط وَنان چھُکھنہٕ۔ مگر شرعک حُکم
چھُہ لفظَس پیٹھ پکان تہٕ شرعہ موجوب یہ کیٚنژھا
لین دین سپد، تہٕ چھُ لفظ موجوبہٕ سپدان۔ لفظَس
پیٹھ چھےٚ پرٛتھ یوان کرنہٕ تہٕ اگرٕ نہٕ تہٕ سپد تیلہ کتہ
پکہن شرعک حکم۔ ڈُنی پھیک سورُے کار بار گژھہ ہیٚتھ
تہٕ رُکن روزِنہٕ اَکھ اَکس پیٹھ پزٕ ژھے۔ یُس توٕ ہیٚہ

پٔژ داأنی سوداہ کوٚرمُت چھُو تِتھہ مَنٛز چھُ لفظ سیٚدٕمُت
سوٗرُے زیٚرُن ہیٚتھِ نأوِد ملی۔ زٕنِس مَنٛز اَدٕ یِس چیز اأژ
پٔژ شہٕ، تہٕ سوٗرُے چھُ علی صقالنٕ۔ خَرٕ شٕند پلنہٕ تہٕ
چھُ زٕنٕے۔ لہذا اکہِ تھہ چھُ پلنہٕ تہٕ تمی سے واتان۔" اَمہ
پتہٕ اوٚن خلیفن زٕنی دول پانس نکھہ تہٕ ووٚنُنس کیاہتانی
کنس تَل یِس پٔژ کأنسہِ تہٕ بوٗزہٕ۔ زٕنی دول دٕراو پلنہٕ
روٚس خرٕ ہیٚتھ دربارٕ منٛز آسان تہٕ گٔژھان۔

یٔیٚلہِ سٕے دلیل اوٚسمتہِ واتہٕ نأو۔ سٕے کرٕ تھوٚدٕ
رکش گُدام نیبر تہٕ اکہِ سے اکہِ سے چھُس برونٛہہ کُن
گٔژھتھ وَنان: "تلہٕ سہٕ دِتہٕ خُدایہ سٕند طرفہٕ کینٛہہ
خاکہ الھا۔ اللہ تعالا کَرِ ہیٚ یأری۔ دِیو سٕے موأیلس
کینٛہہ راہ تھوٚدا۔ بٕ کیا ونو، باقے اَڈٕ دلیل۔" بوزُن
والین اوس پتٕس پیٚٹھ آسان دوٚتمُت۔ بٕ اوسٕکینٛہہ
چھٕڑان کینٛہہ۔ قسم تھوٚوٕ تھوٚوٕ تہٕ لیکھ ژأرِ ژأرِ
اوسکھہٕ ہأ ہیوٚاںیہ۔ آخر یٔیٚلہ سارٕوے کینٛہہ
نتہٕ کینٛہہ دِتھ، اَتی کیاہ وٕنی منکھہ باقے اَڈٕ ہُن تہٕ
چھُسکھہ وَنان:

خلیفن دوٚن زٕنی واألس کنس تل کیاہتانی

زٕنی دول نمیوو بوٚن تہٕ زمینس بوسہٕ دِتھ ووٚتھ تھوٚو
تہٕ پلنہٕ رٕسِتس خرس تھیٚہٕ مٕچ کرِتھ دٕراو دربارٕ منٛز
واتان واتان دوت یہ علی صقالنس وانس پیٚٹھ
زن تہٕ اموٚ شٕند کانٛہہ ملالہ اوسُس نہٕ کانٛہہ گرا اوے
یہ ووٚتھ علی صقالس کُن: "ووٚلہٕ سہٕ دوستا۔ ووٚنی
یہ گوٚو تہٕ گو۔ ژھُنٛس بلاے۔ ووٚنی کاسہٕ سٕے تہٕ
میانِس دوستس مَس پننہِ اَتھہ۔ سٕے چھُ بوٚزمُت
ژھُکہ مَس کاسنس مَنٛز سیٚٹھا ووستاد۔ اَسہِ تہٕ
رِچھ رٔژھان چانہِ شیٚہلہ اَتھک مزٕ وُچھن۔ تلہ خفہ
وَنتہٕ گرٕ پونسہ ہیکہ اَسہ؟" علی صقالن یوٗز شیٚو دِتے
نہٕ چھکاونس موٚزوٗری۔ صاف پاک پأٹھو مستاہ کاسِتھ
دوٚپُن زٕنی وألس" ووٚلہٕ سہ اَنُن کتہٕ چھِے دوس؟ زٕنی
دول ووٚتھس: "یینکیاہ یِتی چھُم، یینکیاہ بٕ اَنہٕ نے
وانہٕ منٛز دٕراونیبر تہٕ، رزٕ تھپہ کٔرِتھ آو اورٕ خرٕ ہیٚتھ
یُس ژھایہ اوسُن گنٛڈِتھ تھوٚومُت تہٕ چھُس نأو دِس
دِیان۔" ہتہٕ خفہ! یینکیاہ چھِے میون دوس۔ کاسُن
مَس۔" علی صقالس گو بُتھ باہ ترٕ تہٕ خشیہٕ ہوٚت
چھُس دِیان۔ "ژٕے ہیوٚس سوٚکرس گرٕ پیسٕتس مَس
کاسُن اوسہِ کٔے کینٛہہ زٕ دوٚنی چھُم چانِس خرس کاسُن
پُشہ؟ ژٕ ماچھکہ خاطرٕ؟ رکنہٕ مخولہِ چھک بہان کرنہٕ؟
دَفاہ گژھ نتہٕ لَدتھہ بٕ خرٕ ہیٚتھ جہنمس۔" ووٚتھ تہٕ
کوٚڈُن یہ زٕنی دول دٕکہ دِتھ وانہٕ منٛز نیبر۔

زٕنی دول گوشیوٚ دُے خلیفس نِش۔ خلیفن سوٗز
پُلسہ دول تہٕ اوٚنکھ علی صقال رٔٹِتھ ہیٚتھ دربارس
منٛز۔ خلیفہ چھُ علی صقالس پرژھان۔ "وَن سا! ژٕے
کیاز کوٚشتھ نہٕ یٔمی سٕندِس دوستس مَس؟ ژٕے اوسٕے نا
دوٚن کلن مَس کاسنک لفظ کوٚرمُت؟" علی صقالن
دِیُت زمینس بوسہٕ تہٕ کوٚرُن عرض: "یا امیرالمومنین!

مے خص چھ پُرِ پَاٹھۍ لفظ کوَرمُت۔ مگر اَتھ نٲنی چھ خص

خر اِنسان سُند دوس اوسمُت؟ بیہ تہٕ اکس باایمان

مُسلمان سُند دوس؟ اِنسانس تہٕ خرس یارٕ آسنہٕ خص

ہیٚکہٕ نہٕ بنِتھ۔

خلیفس آو اُمن تہٕ دوپنس۔ "تہٕ چھُ پُز۔ مگر بیلہ

خر سُند پلنہٕ زین مانو تیلہ مانو خر سُند کلہ تہٕ اِنسانہٕ

سُندُے کلہ۔ اَز تام وُنِتھ کمی فرد بشرن چھُ پلنس زین

دوٗنمُت؟ لفظ چھُ تُہُند مُت کلس۔ تُہٕ اُسِو تَن خر

سُندُے کلہ؛ تمہ سِتی کیا گو؟ کلہ تہٕ چھا کینہہ؟ ییٚمہ سُند

مطلب اوس خر سُند کلہ۔ تُہٕ تہٕ چھے کلس لفظ کوٗرمُت

لہٰذا اکھ چھے تُہۍ قطعی خرس مس کا شُن نہ تہٕ چھے

بہٕ سزا۔"

علی صقالُن تُل صابنہٕ تنگاراہ تہٕ چھُ خلیفس تہٕ

تسُند ین اُمیرن وزیرن ترٛو نِتھ کنہٕ خرس

مہقان تہٕ مس کاسان۔ دربارٕ چھ ساری یہ بڑھ اَسان

کران۔ خلیفن دیُت زٕنی وٲلس پیٚناہ تہٕ دراو پانس۔

خلیفہ سُند امیہ انصافہٕ چ کرِتھ گیہ سارِو سے بغداد اس۔

# (۱۴)

# حاتم باین اکس ڈاکہٕ وٲلس سمکھُن

## تہٕ تمیُک ستھ!

تمنہٕ منز دراس بہٕ خوش پاٹھۍ۔ کمبر اوسُم دوہ نی

سُید یوٗمُت۔ رنگ میوٗ اوسُم چھیو رمُت تہٕ پننہٕ بُتھ اوسُس

لبنہٕ یوان۔ مشہدس منز یم دہ توان رِژھی ہیٚتھ اسُم

ٹھوری مینہہ تمُ اَسُم چھُندس۔ فقط فریب ورتاونکُ ساماںنہٕ

اوسُم اُسی سُتّی تہٕ دراس طہران کُن۔ پننہٕ جایہ اوسُم

خیال کوٗرمُت زِ طہران وٲتِتھ کیاہ تُھن درویشی

ہُندِ پلو گنڈِتھ تہٕ لاگہ زبر پوشاکھ تہٕ ہمہ اَیہ کھتہٕ

جان پُھن کاماہ مُنٛڈ۔

طہران کُن پکان پکان چھُس اکس پٹھ اوسُم

پیٚٹھ بڑھ لال جنون کُت بہٕ ہنٛدی باغہٕ گیوان تہٕ

پکان۔ اَتھی منز سمکھُم ڈاکہٕ دولاہ اکھ تہٕ وُنہٕ پکان اَسی

ہیٚتھن پانہٕ وٲنی تیح مسیحُن۔ یہ وُچھتھ مے "ہے 'دُتھا

بہہو گتہ حاجہ تہٕ کھُمو زوٗٹا ووٗٹاہ" ہتہٕ اوس گرم

تہٕ سُمھٹ۔ امہ کنہٕ آیہ مے کوٗبس لبِتھ دواہ۔ سبز اوس

اکس منز بیچھو اَسہ اکس کوبہٕ جُھٹس پیٚٹھ تہٕ گرٕ

تراوُن لُکن ہیٚرن وارین منز کا یہ کھینہ۔ امہ پتہٕ

چیرہٕ اوٗن چکہ دہ ہیچ گوٚ تٕرِیشلاہ کیہ اکہ چیشہ منز

گنڈُن دِچھ ہنا اکھ۔ اَتھ منز اوس سادٕ پلاو تہٕ بیٚیہ

نہٕ تُمُے تہٕ چھ۔ بیٚیہ چُھند منز کوٗڈُن پوزاہ، آب خوارہ

تٲکی پٹھ چھ تہٕ بیٚیہ نہٕ پانٕ سُتّی چیرِ ستی گنڈن شُتھ

گنڈاہ تہٕ۔ ماپہ سان کھیٚیہ اسہ زوٹ ووٹ تہٕ امہ پتہٕ

ہیٚوٚت اسہ پانہٕ وٲنی اور یور اَتاہ پتاہ۔ میون اوس

بتہٕ تُلے تنان نہٕ بٕ کُش چھُس، اَو کنو لوگنہٕ مے وخ

پنُن حال باوُنس۔ اُمہ سُند نیوم زیہ اوس استر آباد کیس

حاکمہٕ سٕند ڈاکہٕ وول تہٕ یہٕ اوس گوہ نماتن ہٕندِس زٕٹھو سٕند ترکمانن ہٕندِ جیلہٕ نیشہٕ ییلہٕ گژھنہٕ شیٚچھ ہیٚکھ طہرآن گژھان۔ یہٕ خبر بوزِتھ گوس بہٕ حیرانن تہٕ کیٚنژھا تہٕ کیٚنژھا گوس خوش تہٕ اما پوز [illegible] پننس یہٕ خوش گژھُن دِتھ یہٕ اُمِس ژینینہٕ یکیا زِ مےٚ اوس ووہ نی ییتہٕ تجربہٕ گومُت زِ پنُن سرگٕژھ یہٕ زانِتھ تہٕ ہیٚیس وَنُن۔ مےٚ لوگ گلس ڈوٚل زَن یہٕ ہےٚ خبرے اُمس زِ یُتھ انسان چھُ دُنیہٕ ہس منز۔

ڈاکہٕ وأل دوٚپنم " گوہ نماتن ہُنٕد زٕٹھ ووت وأرِ پأٹھی تہٕ، مرثو بوٚت استرآبادس منز۔ مگر پلوٚ ڈلوٚ ٹھیپک تہٕ آسنہٕ کنہٕ چھُس بہٕ ووہنی تٕسند گرِ شیٚچھ ہیٚکھ گژھان۔ یُتھ تہِم جان رَخ سوزنس۔ " امہٕ پتہٕ گڈان تٕسندہِ منز دَرج اَتھ منز آسہٕ چیچھ گٕنڈِتھ۔ پانہٕ آن پرٕتھ آسنہٕ کنہٕ پلہ ناوِن یمہٕ مےٚ کُن یُتھ پانس تہٕ ننس زِ گرِ کیتہٕ چھُ روزان تہٕ قیصہ بیترِ کیاہ چھُ۔ گوہ ڈیچ چیٹھی اُس بادشاہ سٕندِ ناوہٕ منشی آیہٕ لیکھتھ تہٕ اَتھ منز اوسُن پننہٕ زٕٹھ نیٚنک حال یتھہٕ پأٹھو لیوکھمُت:

"سو تریش تہٕ بوچھ یوسہٕ ترکمانن ہٕندِ سَنغ پٕزا تہٕ تکلیفہٕ کنہٕ ژالیٚم اُس ییوان، اوسنہٕ مےٚ تابکارس فقیرس تہٕ تو توانس تیوٚت سنغ گژھان یوٚت حضورِ سٕند نوٗرِ بوٚرت پان مےٚ نِش دوٗر آسُن سنغ اوسُم گژھان۔ تِہمَن مٕہ تِدَن تہٕ واندرن ہٕندِ ظُلمُک برداش کرُن اوسُم تہٕ تیوٚت مُشکل گژھان یوٚت مےٚ تُہٕند دربارٕ نِش دوٗر روزُن مُشکل اوسُم گژھان۔ یُتھ دربارس مَلکہ چھُ رأچھ کرِتھ، یُتھ عرشُک ہیوٚ تھوٚن چھُ تہٕ بیٚیہ تہٕ بہٕ ہیوٚ بادشاہ چھُ حکوٗمت کران۔ یُس سارِنے بادشاہن منز دُرٕ پھوٚل ہیوٚ چھُ یُس تاجدأری تہٕ بحرٕ چہِ کانہٕ ہُنٕد معہ گُل لال چھُ۔ یُس تھزرُک، بجرُک، شان وشوکی ہُنٕد، حکوٗمتُک دُنیہٕ ہنک تہٕ یقبالُک اُفتابہٕ چھُ۔ یُس شانہٕ بوڈ بادشاہ دُنیہٕ ہنک تہٕ دُنیہٕ ہس منز روزن والیٚن ہُنٕد قبلہ چھُ یٕسٕندِ انصافُک تاپھ اَکہٕ اَند بیٚیہ بیٚیس تانی سارِنے تال ییٚچھ ییوان چھُ یمہٕ کنہٕ تُہٕنٕز بادشاہی ہٕنٕز نامہٕ وأری سارے ہیے عالمس لگہٕ مُرچھے تُہٕنٕدِ شاہانہٕ تُلہٕ پتہٕ چھِ گرُ دنِش یوہ سہٕ نظر وأل اُچھن سوہ ہیٚ بدل لاگان چھُ، چھُم ووہمید تہٕ تو قُوّاہ زِ السّابِقُوْنَ السّابِقُوْنَ اُولٰٓئِکَ الْمُقَرَّبُوْنَ۔ برونہٕ ہٕنٕدِ ہِم پأٹھی یمہٕ بہٕ تُہٕندِس دربارس تہٕ تُہٕنزِ بچہ درگاہہٕ ہٕندِ ن نوکرن منز گرٕ ہینہٕ یُتھ تہٕ اسہٕ ووٚن بُلبُل حضورٕ سٕنٕز مُبارک تہٕ بخشِتہٕ بڈٕ ڈأرٕ ہٕندِس باغس منز اُٹھِتھ، تارِیفن تہٕ ثنہٕ ہٕنٕز لنجن ییٚچھ زٕٹھ بول بوش کرِ۔ " آخرس ییٚچھ اوسُس لیکھمُت:

" بادشاہ ہٕنٕزن نعمژن ہُنٕد چھُس بہٕ تیتھ شُکر گذأری کران ییٚژ مےٚ تٕسنٕز نعمژ کھیٚمژ چھےٚ تہٕ بٕنٕن غلطیٚن ہٕنز چھُس بہٕ تیتھ مأفی ہیوان ییٚژ مےٚ غلطی کرِ مژ چھےٚ "۔

بیاکھ چیٹھ آسہٕ وزیرِ اعظمس سٕنٛدِ ناوٕ۔ اَتھ چیٹھ
منز اوس اَمی وزیرِ اعظم بڑٕ بُتھ تہٕ کارٕ ہول آسنچ تارکھ
منز اکھ پرٕزلوٗن تارکھ، بجر وُک تہٕ تھر زُک آسمان آسنچ
دٔستیس ہندِس منز بکوہہٕ جہازُک اکھ بوٚڈ کھم تہٕ حتکوچین
کامین منز بارٕ تجربہٕ کھیٚن وول وزیر گژھ رودمُت،
تہٕ چھیکس آسنس سخ عاجزی کرمژ تہٕ بڑٕ نیٚزمی ہاومژ
بیاکھ چیٹھ آسہٕ خزانہٕکس افسر سٕنٛدِ ناوٕ۔ تتھ
منز تہٕ اوس یِہی لیکھمُت۔

بیاکھ چیٹھ آسہٕ پننہٕ آشنہٕ لیچھمژ۔ اَتھ منز آسن
تس کینہہ سر کتھہ لیچھمژ۔ بٔلۍ اوسنس لیوٗکھمُت زِ
"مے چھےٚ وۄمید کھینس چینس تہٕ پوشاکہ لاگنس
منز آسکھ تہٕ اسراف کران۔ بٔلۍ آسہٕ کھ دایہ تہٕ مُوہنوی
رٔچھان۔ میانہٕ خاطرٕ سوزٕ بٔلاتکیا زٕ تہٕ چھس پیٚر پیٹھ
بوٚن نام نیچتہٕ نوانے۔"

اوتھن صاحبس آسن بیاکھ چیٹھ لیچھمژ لیوٗکھمُت
اوسنس زِ "انشاءاللہ آسہٕ تھےٚ میانس فرزندس
اچھ تکاشس جان یاکھ سبق دۄیمُت تہٕ سہ آسہٕ تھن
جان یاکھ رٔچھمُت کورمُت تہٕ بٔلۍ آسہٕ تھن اکن سیتہ
وۄنہ تھنکُک بیہنک تمیزٕ ہیچھنومُت۔ وۄنہ آسہٕ سہ
نمازٕ پران تہٕ روزٕ دٔر تہٕ روزان۔ گرٕس کھسن آسن
ونیٛکھتام ہیوٚ چھمُت تہٕ تیر چلاونی تہٕ آسنس تگان۔"
گرٕ یُس موتبر اوسُن بُتھ تھوومُت تس تہٕ
آسن چیٹھ لیچھمژ۔ لیوٗکھمُت اوسنس: "وۄنہ کھوٚتہٕ

وۄنہ ہیٚر آسہٕ زٕ گرٕس تہٕ گرکامین وادان۔ پتہٕ وۄنہ
آسہٕ زٕ وزیرِ اعظمس نیتس گژھ تھےٚ بیابانہٕ طرف نیٚنہ یس
داماتس سیتھ کران تہٕ تھنُن ڈُنی تہٕ کران۔ گرٕ تھاوٕ نہ
زنانن تہٕ داین کٔن حبس۔ یتھنہٕ تہٕ حمام کرنہٕ آسن
نیران۔ ہرگاہ چکرس یا کھینہٕ ناڈیس آسن گژھان، تہٕ
آسہٕ زٕ تکہ سیتہ گژھان۔ بیچین تہٕ خاص کرٕ تہٕ یہودی
بایِن آسہٕ زٕ تہٕ جوان آندر محل خانس منز اژنہٕ۔ محل خانس
پیٚٹہٕ گنہٕ دروازس کھڑہ پیچہ یا لیبہ وول آسہٕ سہ کرہ زٕ بند
او، بٔلۍ تھاوہ زٕ پیٚشہ کنہ خیال چھتھنہٕ ہمسایہٕ آسن
تیارہ کیتھ کرنہٕ موکھ یوان گژھان۔ کوتہ تھوو رٔستے
یُس سہ جوہر کالہ موہ ہنیو چھے یتھنہٕ تمس زیاد آسکھ
محل خانس منز اژنہٕ دوان۔ ہرگاہ سہ کتہ وزٕ کاشیہ دایہ
سیتھ ژور ژور کتھ منز بیٹھومُت آسہ، تمن دالنہٕ
وۄنہ شوفی شلق دیہہ دیہہ دالہ۔ یمس ڈاکہ وائلس دِنہٕ
جان میہنتانہٕ۔"

یتھ کرتہ وبحم یمہ چیٹھ تہٕ درٕژم ڈاکہ اَم
واپس۔ تمہ تھو بٔلۍ وجہ ہندِ منز گنڈ کرِتھ۔ زٕ چھس
گونمات پشز وار یاکھ آسنچ شیچھ نتس تہٕ تتہٕ جان
پونسہ ترنس پیٹھ اوسنہٕ ویران کُنہٕ۔ دۄیم "بٔلۍ
کاشیہ ہندِ ذسہ پشیچھ مے بروٚنٛٹھ واتنہٕ کہ یمہ
کیتہ سہ رۆدسے بٔ گرٕس پیٹھ دۄہس راتس ٹھکان۔
آرکس جایہ واتتھ گو تس گریس لنجر۔ سہ ییوم وقتی تہٕ
تہٕ درٕژم زمیندارس آرکس تہٕ تس ہیتوم جبر کرٕ تھنہ

کھَسنَکھ گَرِ۔ اَکھتے چھُم شُتہٕ پَتہٕ پَتہٕ پکان یہٕ چھُے
مٔنے تِہُنٛد سُنٛدٕ ے گرٕ کھسُن۔"

اور پتہٕ یورٕ چ کتھا باتھا کٔرِتھ دوٗرتھ یہٕ ڈاکہٕ وول
تہٕ تمہٕ اَوٕن ہورکُن دٕرمیٚنس بیٚہتھ آرام کرنہٕ خاطرٕ۔ وارٕ پہٕتھ
دوہن پٔتس پتہٕ سفر کرنہٕ سیتۍ اوس بچارس تہٕ اَکھ
گوٚمُت۔ اَتھ منٛز بیوٚ ہُے ظعٕرٕ ن زٕ ہرگاہ بہٕ یمس پوٗد
پٔتہٕ ییچھہ میچھہ زٕ ٹھس گوٚنمات سُند گرٕ گٕژھ،
اَتھ منٛز چھُنہٕ مُشکلے کانٛہہ۔ بہٕ زانٕ ن سہ یانہٕ تہٕ جان پٲٹھۍ
تہٕ تس سیتۍ چھُم سلام علیکم اَسیوٚ تھِے۔ لہٰذا اَگر تھ
ہرگاہ بنِے یہٕ یہٕ تہٕ ییچھہ میچھہ گٕژھ، اَتھ منٛز چھُنہٕ گوٚنہ
کینٛہہ۔ پتہٕ روٗد گرٕ۔ ڈاکہٕ وأرِس پتہٕ تٕ یمس گرٕ مَن
کھنس چھُ تٔتھے چھُ مٔنے تہٕ، بٔنیہٕ آسہٕ اَمِس تہٕ
پنٕن گرٕ تیار واتنس۔" یی سوٚچ یٔتھ کٔرِتھ تیٚمہٕ اَمِہٕ شِنٛد
چیٚٹھہٕ وٕچ تہٕ اَمہٕ منٛز گُدہٕ م سعہ پیچھٹھ۔ پیٚیہٕ موتبر سُنٛد
ناوٕ اُس یہٕ ٹھوٚم چھُنٛدٕ مٕن۔ زٕمیٖنٛدار سُنٛدس گرِس لٔژم
جیٚنچہٕ تہٕ کرٕ منس رٕژھ کھوٗد زٕ یمہٕ ساتہٕ ڈاکہٕ وول
ہُشیار آسہٕ ہا گوٚمُت بہٕ آسہٕ ہا خبرٕ کوٗت ووتمُت۔
وٕتہٕ چھُس بہٕ پانس سیتۍ صلاح کران زٕ بہٕ چھُس
ووٚنی ڈاکہٕ وأرِس نش اَکھ دفعہٕ بٕرونٛہہ نیبرٕ تھ گوٚمُت پیٚلہٕ
سہٕ ہُشیار آسہٕ گوٚمُت تس آسہٕ گٕر بنیہٕ سعہ کُنہ وۄنہٕ کھلو
بیوٚمُت پکُن۔ زانہٕ خدا اَگر آسہٕ سہ بنیوٚمُت تہٕ کینٛہ نہٕ۔
ہرگاہ بنیوٚمُت تہٕ آسیس تہٕ چھا خبر دِتمُت تہٕ آسہٕ
ہساکینٛہ نہٕ۔ دوہ کھلٕ آسنہٕ کینٛہ کیاہ پناہ چھُنہ تکیہ کرنہٕ

تُسنٛدٕ ین وٕنمس پٕرٕژھ کینٛہہ نہٕ۔ لہٰذا اَگرٕ تھ چھُم مٔشانی
کیٛنہہ پہی جان زٕ طہرانٕ وأتِی چھِے زٕ ہھنٔن بہٕ یہٕ گمہٕ کینٛہہ
اَدٕ ییٚتہٕ موٚلِس تہٕ تمۍ۔ تمہٕ پتہٕ بدلاو پلو تہٕ گٕژھ
زٕ ٹھس گوٚنمات سُنٛد گرٕ تہٕ دٕیکھہ زٕ تورٕ ے چھُس
پوان۔ وُچھو کیتہٕ دوہ پتہٕ کتھ تہٕ کیتہٕ ییٚہیہٕ۔ گوٚنمات
ہٕنٛدِس زٕ ٹھس سیتۍ زان آسنہٕ کینٛہہ تہٕ تسنٛد کرٕ ہا کرٕ اَوٕنہٕ ہیچ
سارٕ ہے خبر آسنہٕ کینٛہہ اَمہٕ نہٕ وٕتہٕ منٛز کانٛہہ مُشکل لوزنہٕ۔

## (١٥)

# حأجۍ بابُن طہران واتُن

تہٕ تُسنٛد گوٚنماتُن ہٕنٛدِس زٕ ٹھُس سُنٛد گرٕ گٕژھُن

صُبحٲے ژاس بہٕ شاہ عبد العظیم دروازٕ کینٛہہ
طہرانس منٛز تہٕ لاریوس تمہٕ حأدأنس کُن ییٚتہٕ گرٕ اَسہٕ
کینٛہہ پوان۔ اَتہٕ دِتھم پہٕ گرٕ کُوٕ دالس۔ اَمِس گرِ سُنٛد
پکنہٕ ٹکینہٕ تلہٕ اوس مٔنے تہٕ وٕتہٕ بنیوٚمُت زٕ ناکارٕ گرٕ چھُنہٕ
مگر دٕالہٕ سُنٛد دٕنیہٕ کینٛہہ اَسہٕ اَمِس گرِس تیٚہتۍ غائب
زٕ ہرگاہ بہٕ تمس پہٕ ییٚتہٕ تہٕ دٕمہٕ ہٕن اَتیٚلہٕ تہٕ اوسُس
بیٚہ زٕ بیٚنتھ۔ اَمہٕ سٕنٛد کرٕ غائب گٕنٛزرٕ اَوٕتھ چھُم دٕال
دٕنان زٕ "وُچھ سہ ہے! آب دٕ چھِتھ گیاٗ سہ آسہٕ
یہٕ ڈٲنب لاگان تہٕ شعہ نگان۔ دٕ لہٕتہٕ تہٕ چھُہ تُلان۔ پکنہٕ
ورٕ زٕ آسُن اَمِس دٕب لگان۔ بنٛیہٕ آسہٕ ہوٗل ہوٗل پیٚہے
پھیٚنکہٕ اَیہٕ پکان۔ کٲہل تہٕ چھُہ باسان تہٕ پکان پکان
آسیس وٕتھ تہٕ دادان۔ دولہ کون تہٕ چھُے تہٕ اَبلوٚق تہٕ

بێیہ چھِس ظاہر ڈنڈن سیتھ تہٕ لاگمُت۔" موختصر یُس
صِفتھ گرُس نہٕ آسُن گوٚژھہ سہ اوس اُمِس۔ یم
عاب اُسِتھ تہٕ دوٚیم زٕ زینہٕ تہٕ ساز ہیتھ تُوی تہٕ
پانژھ توٚمان۔ یہ بوٗزِتھ گوٚس بہٕ حارانے تہٕ بیییلہ
ہیٚ یکدم موٚن، ڈال تہٕ گوٚ پننہٕ جایہ حاران۔ خاطر
اُمی وٚنمہٕ اجے ہارٕ تہٕ باقی اُڈِس رقمس پُشروم
اُڈٕ زُمت غرٕ۔ ہیٚ مُمتِس ٕ کینہہ۔ یہ وۄنُم:" اُڈٕ
کیٛا تیێلہ روٗزنے اجہ ہارٕ یوٗرہِ:" ہیٚ تہٕ اُسنہٕ ڈرٕ
ڈرٕ کرنس سوٗنب فرصتھ کینہہ تہٕ ژاٗم کٔتھ تہٕ
ڈراس۔ وۄتہٕ ہێرٕ ناٗم تھنُز نوکدار گژھ۔ درویشی ہنز
سوٗ ٹوٗپی کیٛاہ ڈباٗوم ہنٛدِس منٛز تہٕ سفرٕ پیٹھ ریٚنہ
والین ہنز ہیش شکلاہ بناوِتھ ڈراس گوٚنماتن
ہنٛدِس زِٹھی شُند گرٕ ژھانڈنہٕ۔

گوٚنماتن ہنٛدِس زِٹھی شُند گرٕ اوس اَکِس شریف
مھلس منٛز۔ اَتھ اُسی اَندی اَندی بانٛجے باغ۔ اُمی شُندِس
باغس اُسی پھِریس تہٕ داٗن تھٔرِ مکانس بروٚنٛہہ کنہ
اوسُس اَکھ جان چمنہ ہنا تہٕ امہ منٛز اوس آبہٕ
جوٗیہ ہنا اَکھ تہٕ پکان۔ بجہ بجہ بوٗنہٕ کینہہ تہٕ آسس
منٛز۔ مکانس کُن ؤچھ تھےٚ اوس نشان زٕ ماٗم اکِ
مکان چھُنہٕ اَتہٕ کینہہ۔ دروازٕ اوس اَڈٕ وۄتھ۔ ڈۄلِتھ
گرٕتھ تہٕ اوسنہٕ اَتہٕ کینہہ تہٕ کنہِ کھا چکھا تہٕ اُسنہٕ
کُنہٕ کنہٕ گرٕ ژھان۔ باسان اوس زِ نہٕ اَتہٕ بسانے
چھِ کانہہ۔ بہٕ سنیوس پتھ زٕ پانا! ظاہر کیٛاسہ چھے

ہارٕ تہٕ پنٛژ دومید کمے۔ خاطر پتھ تمتھ کھوٚتُس بہٕ
ہیتوٗر۔ اَتہٕ ؤچھُم شخصاہ اَکھ وٚری ہنٛزاہہ نمدس
اَکِس پیٹھ بیہتھ جچیر لمان۔ یُس بہٕ ژھانڈان
اوسُس یہ اوس ہیٚ موتبر۔ بہٕ چھُس اُمِس نمدِ نان:
"ہٕژ خبر خصن چھو! خان صاحب خصن چھو پکان!"
یہ وۄنتھُم:" کیٛاہ؟ کیٛا سہ چھکھ وۄنان؟ کُس خان؟
کہ؟ کیتھہ؟ کوہہ سہ؟" ہیٚ بییلہ اُمِس سوٚرے
قصہ وۄن تہٕ ہاٗومس چھِٹھ۔ اُمس گیہ اَندرٕ کنہ عقلہ
بعقل۔ نیبرٕ کنہ ہاٗون اپزے خوشی تہٕ ؤچھُم پان
"ہیے نسہ ژٕ تے چھکے خدایہ سُنز۔ ڈرے۔ یہ چھا پوٚز؟
خان صاحب چھا زِندے؟" ہیٚ دوٚپُس۔" آ ہن خصن
اَکھتے خصن آسہ وبشا کھ ڈاکہ ودل تہٕ شیشچہ ہیتھ
پکان۔ خبر خصن سہ ماداتہٕ پگہے خان صاحبنہ چیچھ
ہیتھ، پمہ خان صاحبن بادشاہ تہٕ بیٛین وزیرن
ہنٛدِ ناوِ سوز مژ چھے۔"

یہ بوٗزِتھ گوٚ سُہ پریشان تہٕ چھُ لیکہ چھکان
تہٕ وۄنان:" ہیے عجیبے کتھا چھے یہ! عفو خدایہ!
وۄنہ کیٛا سہ کرٕ بہٕ؟ موٗدُس! بہٕ کوٗت گژھہ؟
گوٚناہ پننیو!"

اُمِنزہ یہ پریشانی بییلہ ہنا کم پیٚن گیہ، ہیٚ
پرژھُم اُمِس زٕ" خوش گژھنہٕ بدلہ کیاز خصن گوٚے
ژٕ یہ شیشچہ بوٗزِتھ پتھے ہیوٚ؟" یہ وۄنتھُم اور
"اُسہ ہتسہ اوس پتیہ سارنے پننہ جایہ بیہتھ زٕ خان

صاحب چھُ موٗدمُت۔ اَکھُے اوس تٔمِس گرٕ واجِنہ تہٕ خاب
وُچھمُت زِ یِمَن دۄشوٕن تَس دۄد اوس کران تہٕ زٕن
ساٹھی تَس نیٚبر نٕژان۔ اَمہٕ کِنہ گوٚژھ سُہ موٗدمُت
آسُن۔ پادشاہَن تہٕ ووٚن سارِنے یِہی۔ زٕ چھِہم ڈیشان
سُہ چھُنہٕ موٗدمُت۔ ژانہٕ خۄدا سُہ کیاز موٗد زٕ؟"
مےٚ دوپُس: "اَہن صَحیح، تہٕ چھُ پوٚز زٕ اَمہٕ موجوب
گوٚژھ سُہ موٗدمُت آسُن تہٕ پادشاہَن تہٕ چھُ دوٗلَت
زِ سُہ کیاہ آسہ موٗدمُت مگر یہٕ صَحیح چھُسَے ڈیشان سُہ دوت
اَز پانژھ شُرے دوہ برونٛٹھ سِرتُو یٔتہٕ استرآبادس منٛز
اَمہٕ موجوب چھُ سُہ زِندٕ۔ ژانہٕ خۄدا سُہ کیاہ زٕ چھُ زندٕ؟
پَتٕ ژھِہے خۄدا یِتھ تۄہی ھفتہ واتہٕ سُہ پانہٕ یِتہٕ نیوٚ کٕھ ژھو
ییکھہ یور تہٕ بہٕ ہاوِنہٕ مۄکھ زٕ بہٕ چھُسا زِندے کِنہ نہٕ؟
یہٕ بوزِتھ گوٚ فِکرَن تہٕ سٔخ پریشان گۄژھہ
ژۄدوٚن ووٚشاتہٕ چھُ ڈیشان۔ "ہتا یار کیاہ وَنے؟"
تِمِس مرنَس پیٹھ پَژھ کرنہٕ یِترٕ کیٚنژھا ییٚتھ
گرٕس منٛز سپٕد ہرگاہ زٕ بہٕ بوڈ کھ تیٚلہٕ گژھکھنہ
میٚانٛز یہٕ پریشانی وُچھتھ ژٕ غمہٕ ٹِنے۔ بوزسہٕ بہٕ وُچھتے
گوڈٕ نیٚتھے ڈیٚت پادشاہَن تِمہٕ سُند سوٗرُے مال، جایداد
جایداد، اَجب تہٕ دایہ بیتر تَس مُشتٕنڈٕ تہٕ محض خرس
یُس شہزادٕ پنٕنی وُچھُس تَمی سے۔ تَمہٕ پَتہٕ کوٚرن تِمہٕ سُندس
گامس یُس تَس جاگیر اوس توٗرمُت، لیلام تہٕ سُہ گام
نیوٚ اعتمادالدولہن۔ اَمہٕ پَتہٕ دِژن تِمہٕ سِنز جاے میرزا
فصنُولس۔ ووٚنی چھُے جِنٛٹہٕ یہٕ زِ سُہ خاب وُچھنہٕ پَتہٕ

کَرِ تِمہٕ سِنز گرٕ واجِنہ نیٚچوِ سِنٛدِس پرناوُن وائِلس اوٚخن
صاحبَس سیٚتۍ نیچھر۔ اَد سُہ وُنتھ یِیہ نا مےٚ خۄش شکیچھ
گژھ تا یہٕ پریشان؟"
مےٚ دوپُس: "اَہن صَحیح! اوّت تام چھُ پوٚز زِ
مگر دوپُم صَحیح! میوٚن مُحنتانہٕ صَحیح!"
دوپُہم: "مےٚ کتھ کیٚنژھ سُہ گوٚ بہٕ دِمہٕ پننہٕ چھُسنہٕ؟
تِمہٕ سُند زِندٕ آسنٕچ یوٚسہٕ شیٚچھ زٕ میٚچھ اَکھ، یہٕ چھےٚ
دراصل میانہٕ مۄنچ شیٚچھ، یِیلہٕ ووٚنی تَس پانہٕ
مےٚ چھُ، چھوٚن گژھ تِمی مُحنتانہٕ ہیٚوٚن۔"
بہٕ تہٕ دراس اَتہٕ اَتھ ووٚہ میز پیٚٹھ زٕ اَدکیا
پیٚین سُہ، مےٚ تگِ تَس پانے مُحنتانہٕ ہیٚوٚن۔ موتبر بچود
وُچھم بِیہ غوطن گومُت تہٕ بہٕ دراس پانس رسےٚ
مشکی از اشک بدوش مژه دارم شب و روز
داده عشق تو به من منصب سقائی را

## ١٦

## حاجی پانٛژِ حالتھ پلا وِنہٕ مۄکھ ہیتر

کرانی تہٕ تسُندا اکِس دوہ لابَس منٛز ہینہٕ ییٚنی
مےٚ کوٚر پننہٕ جایہ دوہ تی مُشخص زٕ بہٕ بیارٕ گوٚنمات
سِنٛدی سے پینس تہٕ تِمہٕ سِنٛدی دُسوٗ واتہٕ بہٕ گنہٕ منٛزلس ییٚتھ
مےٚ سیٚٹھا پیٚز گاٹری سان تہٕ پاک پاکیز پاٹھوٗ زوٚر
ہُنرٕ صوٗرَتھ گژھ: فِتنہ فریب، ٹھگی تہٕ مکاری
دَرتاوِنہٕ دَراےٚ ہاہ ہمہ کانِہہ جان کامہ منبہٕ تکیاز

وونی اوسُس بہٕ یِیمہِ زندگی نِش، یُتھ کانہہ اَکھ

کھوٗر لبنہٕ اوسُم یِوان، سخ تنگ آمُت۔ یِم میانی

زٲنی کار اُسی یا میانہٕ واٲنِس اُسی، تِم اُسی تھدِ پٲن

جاین تہٕ بجن کُرسِین پیٹھ، تِمن نِش اوسُس بہٕ

توتہٕ کانہہ اِنسان۔ تِم اُسی نہٕ کہیں۔ خاص وون یہ گوو تہٕ

تہٕ گوو، مےٚ چھُ صلاح یِوان زِ اَز کیہ بیٹھے تھوو بہٕ

وزیرِ اعظم بنِتھ موکھ کُن دِتھ تہٕ اَتھ جایہِ پیٹھ واتنہٕ

فاطر اَدِ یِتھ پاٹھو دٲہ پِیم تِتھ پاٹھو جبکھ۔

اَندرِی کنہِ چھُس سوچان: ہتا یانہٕ، وُچھ سُہ

پادشاہ سُند خاص خدمتگار استعمال سوو نہٕ۔ کمہ ہیہ

تہٕ زیہ چھُ وونی آسان! اوس کیاہ سُہ گوڈ، جٲل

محض، فراش اوس یانہٕ چھُ مےٚ سیوٗ شوبہٕ دُن تہٕ نہٕ

چھُس میون ہیوٗ میوٗ کٹھ کلامہ تکان کرن۔ وونی ہرگاہ

تِس جان گُرِ سوار آسنک ٹینڈ اکر چھُ۔ آخر مےٚ

تہٕ ترکمانن سیتو منٛز کھیٚیہ پیٚنٛتھ، سُہ پوشیا مےٚ

گُرِ دورِ؟"

زنتن سُہ خزانُک اَفسر یُس بادشاہ سُند ین

صوٗندقن منٛز سوٗن بَرِنس پیٹھ چھُ تہٕ بیٚیہ اَندرِ

چھُ یِنہِ پیٚنٛتہ تہٕ بران۔ کیاہ اوس سُہ؟ نا گود کوٹھ!

خاندانہٕ کنہِ واتہٕ نہٕ آرم کُنتھ سُند یس تلہٕ یِتس تہٕ۔ مانو

ہےٚ میانِس تلہٕ پِتس تہٕ واتہٕ نہٕ۔ تکیا زِ مےٚ چھُ پوٗرمت

تہٕ سُہ گوم اَز بوڈ موہنیوٗ۔ بیچارس (یم گُناہ وُنی واتہٕ اَم لس)

دوٗن صادرِ چھُس نہٕ خبر۔ یہ کُرتھ تہٕ چھُ اَکھ تماشا

اَدا ماہ کران تہٕ منٛز ساں کھیوان چھان۔ دعوہ یےٚ

چھِ یِنہ ٹوٗپے پوشاکھا لاگان۔ بیٹھ چھُس خود این بیاکھ

یاریاہ تہٕ کرہ منٛز۔ بادشہس وہٕ آسے چھِ نہٕ کانسہ اَکھس

تہٕ تُتھ شکیل کو لےٚ یِتھ قس چھِے۔ دُیہ تہٕ میانی

یارہٕ ما آسہ ہیس نصیحت عقل تہٕ یا میانی ہوش صِفتھ

ما آسہ ہمنس تہٕ گنتہٕ؟ بیٚیہ ہرگاہ اَکس بیٚیے یندس

وُنِس کُن تھوو، تیٚیلہ چھُ سوٗ کرمے خرٕ؟"

بہٕ چھُس اَتھے فکرِ منٛز تہٕ ذٕلہ کیس دوازس

سیتو چھُس ٹوٗکھا دِتھ پہپھو۔ بہٕ چھُس پانہ ہس

کیٚیہ گنڈ فرہ منٛز۔ یِتھ سزپوشت خزانہ بہٕ کتام

بوڈ موہنیوٗ چھُس۔ نِی سوچان وو تھس

تھوو تہٕ لکت دُکہ دی دی چھُس بہٕ یزونہ کُن پکان

زَن لکن میانہٕ اَتھ بادلہٕ گی یرزتھ کرنہٕ ورا سے

کانہہ تہٕ چار اوسنہٕ۔ اَڈی چھیم مےٚ وُچھتھ پیمے

راوان ہوس، اَڈی چھیم لیکہ ژاران: تہٕ اَڈی چھیم

منٛز نظرِ وُچھان۔ تیٚیلہ تہٕ جیسس منٛز آس ہےٚ وُچھ

یلوٗن تہٕ پچھ کامِرِ ہنٛز یہ حالتھ وُچھتھ آم اُشن

تہٕ اَمی وزِ دٲس جنِد گرِی بازرِس کُن یِیمہ خیالہ

زِ تیٚیتھ نوٗ پوشاکھا ہیمہ ملی زنتہٕ لعل کھارے چھیم

وُنہٕ۔

وُنہٕ چھُس اَکس جایہ لکہ عرصا تھاو وُچھان۔

منٛز باگ وُچھم ژیٚیوٗ نفرِ اَکھ اَکس جیٚیپھو تھینٛ منٛز۔

تہٕ پانہٕ واٲنی سخ لیکہ لیکہ کران۔ تماشہ وُچھنہٕ ژاس

بہٕ تہٕ مٲنٛز شہمتنہٕ کاہ چھِس ؤچھان سٕہے ڈاکہٕ
وول یِمِس بہٕ فنٛد کرٕتھ اوسُس ژٕولمُت۔ یہٕ اوس
زمیٖندارس تہٕ ڈٲلِس سیٹھا گُرٕ سِنٛد بت بیٚچھٕ تہٕ زیٖنُس
تہٕ سازٕس بیچھ ژٕوان۔

زمیٖندار اوس وَنان: "گُرٕ چھُ میون" ڈاکہٕ وول
اوس وَنان "زیٖن تہٕ ساز چھُ میون"۔ ڈٲل اوسکھ
وَنان: "ہتا یارٕ تۄہۍ وَنان کیاہ چھِو؟ گُرٕ تہٕ چھُ میونے
ساز تہٕ زیٖن تہٕ چھُ میونے! تۄہۍ نے چھُنہٕ اَتھ سیٹھا
دَخلے تہٕ!

"مےٚ زٕون زِ پانا! وُلٕہٕ بلایہ مٲنٛز کیٛاہ پھسیوکھ"
مےٚ ہیٚیوٚت بیٚیہ شُوٚنٛک پٲٹھۍ وارٕ وارٕ پان ژٕومرٲوِتھ
اَتہٕ نیرُن۔ مگر واہ تقدیر! ڈٲلِس بیٚیہ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ
مےٚ پیٚٹھ نظر کیٚر ژادرِ لوٚچہٕ لٕمتھ اونٛنس کھٕکھر تہٕ
چھِکھ دِیان۔ "ہتہٕ سہٕ، یِکیٛاہ ییٚمہٕ چھُوٚ، مےٚ گرُ
گٕنٛمُت۔" یِتھےٚ ڈاکہٕ وٲلۍ بہٕ وُچھس، اَدٕ مہتہٕ تۄ زٕی
کینہہ سہٕ کٕہتھ پٲٹھۍ گوٚ شوٚدٕھس اکادٕ، لیکہٕ ژاہی
ژارٕہی کٕڈی تُم تو سی۔ ژٕھ پاری چھُم کٕنِن گرٕشاہان۔ "کولہٕ
ژٕور، بدماش، ڈاکو، حسبنا اللہ!"

اَکھ چھُم دِیان: "وولا ہیا! مےٚ دیُت گُرٕ۔"
بیاکھ چھُم وَنان "وولا میون ساز تہٕ زیٖن ہا؟" بیاکھ
چھُم دِیان: "مےٚ دِکھا ہا سیٚید سیٚید کینہہ ماہ ہیٚمےٚ؟"
تماشہٕ وُچھن وٲلۍ چھِ وَنان: "ہا یارٕ نیٚیوٚن سہٕ یہ تاوٕن
عدالتس پیٚٹھ۔ وٲلۍ ووٚس سہٕ حُبلہٕ کولس۔" بہٕ چھُس
یِمن زار پار کران تہٕ پننۍ کینہ سیٚخ عاجزی تہٕ کران مگر
کینہہ تہٕ موٚنہم نہٕ۔ قسمتہٕ تہٕ ہُوِی مکھہٕ نہٕ مےٚ چھِنہٕ رٕنٛج
نصیب۔ مگر تِم کوٚت تکھٕہم شٹچھ۔ کہہ وَرٕ رٕوِتھ ہس
تہٕ چھِمنہٕ اَچھن رَژھ تہٕ ڈلنہٕ دِوان۔ کٕہ ڈانٛکین دُہن
منٛزٕ چھِنہٕ میون وُنٕ کانٛہہ تہٕ بوزان تہٕ ساری چھِ
اورے وَنان۔ ڈاکہٕ وول اوس دِیان: "جگر چھُم زٕلمُت"
سہٕ اوس پوٚز وَنان۔ زمیٖندار اوس دِیان: "یُس
ظُلم مےٚ ووت، سہٕ ووت نہٕ کانٛسہ۔" سہٕ تہٕ چھُ پوٚز تہٕ اوس
پوٚز وَنان۔ ڈٲل اوس لیکہٕ چھکان تہٕ کریکہٕ دِوان۔
"مےٚ کوٚرُن فنٛد" سہٕ اوس نہٕ تیٚیوٚت پوٚز وَنان۔ گۄڈٕ ڈانٛکس
کوٚرُم زار پار تہٕ سیٚخ نیٚرٕ می) ہاوُس۔ دوٚیمِس دِتُم دلاسہ
تہٕ تمبیٚیہِس لوگُم مدی پانہٕ۔ ڈاکہٕ وٲلِس دوٚپُم: "لالہ
صاب! ژٕ کٕہتہٕ پیٚٹھ چھُکھ شوٚر لوٚکمُت؟ ژٕ مےٚ گرٕ تھ یہ
زیٖن تہٕ ساز آسُن کُنہٕ بیٚیہ کینہہ؟ رٕٹتہٕ، یہ گوٚ وے
زیٖن تہٕ تہٕ گوٚ وے ساز، مےٚ تو بوٚت! نہٕ چھُےٚ کانٛسہ کھیوستےٚ
تہٕ نہٕ نیوستےٚ! تِلہٕ تو حضرت تہٕ بٕڑی تو۔" زمیٖندارس
دوٚپُم: "دوٚپےہ ہسہٕ بابا! ژٕ اوسکھ خُدائس منگان
زِ گُرٕ گوٚ ژھم زِنٛدٕے آسُن۔ پَرتہٕ حمداہ! گُرٕ ہتہٕ کرتہٕ
تاش زِ کرٕ اوے شرٕ وٕنٹہٕ کوٚنٛٹےٚ اَلِتھ۔ رٕٹھ یہ گوٚ وے
ژٕمے گرٕ پنُن تہٕ نیر لُم پانس ژھعہ پہٕ دَم کرِتھ۔" اَمہ
پتہٕ کیٛا پھیوٚرُس ڈٲلِس کُن تہٕ ہیٚیوٚم تس سیٹھا ہَر
کرٕنۍ۔ دوٚپمُس "ژٕ وَنتم ژٕ کیٛا زِ چھُکھ مےٚ اَتھ بیٚیھو
تارن! ژٕ اوسکھنا مےٚ دِیان زِ بہٕ دِمےٚ اَڈٕ زٕمُت

خرٕ؟ ژےٚ دِژٲےٚتھ مےٚ سارٕی پٲنٛسہٕ زِ ژےٚ ہیٚژِ وٕتھ
یان مارُن؟ ہرگاہ ژےٚ مےٚ سارٕی ہارٕ آسہٕ ہانٛتھ دِژٕ مٕژ
تیٚلہٕ اُس جادار دکٲنٛتھ! مےٚ وَنِتھ ژٕ کیٛنٛتھ پیٚٹھ چھکھ
اَزٕ خرٕ یؠت نار گوٚمُت؟

مےٚ تُلِتھ پوٚنٛسہ یِم اُتھ مےٚ دِتِتھ اُسِتھ تِہ دِتُمٕس
واپس۔ یہ چھُنہٕ زٕکانیٚ تہٕ دٕپہم: "اوتر پیٚٹھ ٹیس خرچاہ
مےٚ گُرِس لوٚگ، سُہ وٕچھ اسمانیٚ؟ گوٚڈٕ دِسہٕ مےٚ
تِم پوٚنٛسہٕ تہٕ اَدٕ زٕنٛٹیٚ بہٕ یِمہٕ ہارٕ۔" ماملہٕ ہیوٚتُن زیٛچھُن۔
نہ چھُ یِوان ہیوٚن مانان، نہ چھُس بہ اُمی سُنٛد بوزان۔
آخرس گو فٲصلہٕ زِ تھانٕدارس نِش گژھو تہٕ سُے کرِ اَتھ
فٲصلہٕ۔

تھانٕدار اوس ژوٚٹِس مُنٛز اَکِس ہیٚنٛچہ پیٚٹھ
تھٔزِس بِہِتھ تہٕ مُجرمَن ہُنٛدِ والِنہٕ موکھ اُسِتھ اُمِس
پُلِسہٕ وٲلۍ اَتھَن کیٛتھ تھٔوِتھ ہیٚئتھ ہیٚئتھ اَندٕ اَندٕ ووٚدنی۔
بِڈٕ نرمی تہٕ ہیٚرٕمی سان بوز نوٚ وُم یہ سوڑُے قصہٕ تہٕ چھُنٛس
دِپان زِ "یہ دِژال حَقَن چھُ مےٚ تاران تہٕ کوٚٹھس پٕتھ
اَچھَن سیٚکھ ژھٕنِتھ گرِ بدلہٕ خرٕ دِوان۔ اَکہٕ زٕ حَقَن
چھُم دِوان نِصیف ہارٕ یِمہٕ دارٕم، بیٚیہ حَقَن چھُم
پھیرِتھ پھیرِتھ نالِ ژھنان زِ ژٕ چھُکھ ژوٚر۔ پیٚٹھ چھُم
گُرِ سُنٛد خرچہ تہٕ منگان۔" دِژال چھُس دپان۔ "ہَتہٕ
حَقَن سُہ حَقن چھُ ژوٚر ہُنٛد گرٕ۔ اُمِس کیٛتھ حقن پٲٹھو
دِمہٕ ہا بہٕ باقی ہارٕ ییٚلہٕ سُہ ٹُنٛڈ دار مامِلہٕ بنیوو؟ بیٚیہ
کتیٚیٔ گو شوٚٹھَس زِ ژوٚرٕ ہُنٛدِس گُرِس پیٚٹھ لاگہٕ بہٕ
پننہٕ چھنٛڈٕک کھینہٕ؟

تھانٕدارَن ییٚلہٕ وُچھ زِ یِمَن چھےٚ پنٕنۍ پنٕنۍ دلیٖل
تہٕ دلیٖلہٕ تُلِتھ، سُہ زٕچھِر آو نِنہٕ تہٕ کھینہٕ۔ دپان چھُ یِتھ
تُگِہ شَرٕ حسے کھُرکاشن۔ مےٚ تگِہ نہٕ یہ ٹَنٛٹ اَنزراوُن۔"
اَتھی منٛز چھُ بُڈاہ اَکھ اَکہٕ کوچِہ منٛزٕ کلہٕ کَڈِتھ دپان
"تھانٕدار صاب! یُس کٹُٹ اَتھ سیٚتو مرٕ ژنہٕ یِیہ
سُہ کیٛاز ہرٕ راوٕ دندٕ سیٚتی؟ یہ چھےٚ یِیرٕ سے کیٛتھ
ییٚلہٕ دِژٲلَن نِصیف ہارٕ دِژٕ مٕژ چھےٚ، خرچ تہٕ دِیہ تَن
گرُکہٕ سُنٛد خرچ؟" جنٛگٕٹس منٛز گوٚو سارِوی آیہٕ اَنٛہ
تہٕ چھِہ بڈس وَنان: "برکنتھ کرِہ سے خداہ! کنٛتھا
کیاہ کرِ تھٕ؟" تھانٕدار گو خوش زِ بلاے ژٕژھہ کلہٕ پیٚٹھ
تہٕ چھُ اُسِہ گن دِپان۔ "گژھو سہ نیٚرٕو وٕنی۔ گرِ تھو
کرُد صلاح۔"

مےٚ وِژٕ دِژالس ہارٕ تہٕ بُڈ چالاکی سان ہیوٚتُمس
رسید۔ اَمہٕ وِزِ لوٚر اُمِس فکرِ زِ یار کٔتہٕ چھُ جموداہ
کران تہٕجن مےٚ تھتِھ تہٕ چھُ تھانٕدارس لیکھ چھکان
تہٕ وَنان: "مےٚ چھُنہٕ یہ حساب فکرِ تران! اَما مےٚ
کیٛتھ سنا پٲٹھو واتن گرُکہٕ پٕتھر نِصیف ہارٕ دِنہٕ تہٕ
یہ دِیہ گرُکہٕ سُنٛد خرچہٕ یوت؟ یہ ژےٚ اُمِس تھانٕدا
پتھرِ قبر تھوکہٕ، اوچھ کیاہ چھُ وَنان؟ گرِکےٚ حساب؟
دُوّن اُمی اوچھ اُمِس کیاہ دیٚن مےٚ تہٕ اُمی کیاہ بوز
فاطر گوٚمُت زِ چور! یِتھَنہٕ بہٕ سزٕ دِ تہٕ پنٕنہٕ زانہٕ، تِتھے
زانہٕ تہٕ یہ خبیث اِنصاف کرِن۔"

# ۱۷

# حاجہ یابُن توٗی بلولاگتھ مَمس اَتھن

## تہٕ نوٗرِ بدلے حَیتہٕ نیٚبر نیرُن

اَمہ بلایہ نِشہ یِمہٕ یاگی پانئے اَسیم پانس اَنی ہٕز
سۄ کلیتہ چھُس پانس شابش کران تہٕ ڈراس نوٗ ہر جَنتہٕ
گرِی باز رَس کُن ۔ گہ ڈ زکی ہیے وانس بیٚہتھ گوم وو زُل
چھو غا اکہ نظرِ ۔ اَندری کنہ چھُس سوچان زِ یہ چھو غہٕ ناٚلی
لاگتھ یمہ بہٕ تہٕ تیہٕندی یاٚتھ موتبر بوز نہٕ یِسَندِ یہ اَمہ ہیے
چھُنا صَلاح زِ چھکاوَن ۔ گوس بہٕ یِتَندِ گرِس نِشہ تہٕ پرُژھمس
مول ، ہیٚر بعدٕ نظراہ کرِتھ چھُم دپان "ژٕ چھکھسہ
یِیمہ چیز غک مول پرٕژھان ؟ مےٚ دوٗپُس " اَو ـ اَو
اَمہ کےٚ چھُسے پرٕژھان ۔ " دپان چھُم " یہ کَس کیٚنت چھےٚ
ژےٚ بکار ؟ " مےٚ دوٗپُس " پانس کیٚنت ہَسنہ ۔ " بیہ کَس
کیٚنت گو ژھم آسُن ؟ " یہ دوٗپُھم " کوٗت دِکھ اَتھ ؟ " گوڈٕ
چھکھہ پوٗہ ہیے جَنتہٕ مۄتاہ ہیو ۔ ژےٚ تہٕ اَتھ چیز غس کاٚمیے
کیاہ ؟ یہ چھہ لاگان بڈی بڈی رَیمس تہٕ اَمیر ناٚلی ! مےٚ
دوٗپ کھو ہو منز کَڈ پوزار چھتر تہٕ دونٕہ اَمس جَنتہٕ گرِس
ہینگہ زتانی پوٚک ڈرالا اَکھ پلو بعہ خچہ اَتُس لَدِتھ آیا رُی ۔
اَمی سندِ شرارتہٕ گوٚ رُم اَمس آلو تہٕ یہ آونکھ ۔ جَنتہٕ
گرِس بھیوٚر بڈٕ شیخ تہٕ پینٕز کنز کریمہٕ سیٚٹھا آلو مگر
مےٚ مَتہٕ وَنتس کہیں ۔ اَمی ڈرالن نیوس بہٕ اَکس مُشندِ
ہندِس ڈالانس بیٚہتھ تہٕ مُرشِدَن اَتھ بعہ نِچس گنڈ ۔

اَمی ہیو دُکم یِرمہ کامہ ہُندِ خاٚشی دار گوٚٹھ اَکھ
یتھ کشیرِ ہِک سِنجاف تہٕ زَری بُٹہٕ لاگتھ اَسی ۔ یہ
کھوٚت مےٚ بڈٕ پسند ۔ تہٕ پرُژھمس مول ۔ ڈرال چھُ
گہ ڈ میا نہٕ نظرِ ہنٕدی تاریف کران تہٕ اَمہ پتہٕ چھُ
اَمہ کوٚٹھ کہ زاٚوِی جاٚیِ کی وَصف گنٕزران ۔ قسم ہاوِتھ
چھُم وَنان زِ " یہ چھُے پادشاہ سِندِس خاص فراشہ سُندِ
مال ۔ تمی چھُنہٕ یہ کوٚٹھ اَکہ دوہ یہ لَٹہ وراٚے ، زانِہہ تہٕ
لوگمت ۔ " یِیلہ یہ کوٚٹھ مےٚ ناٚلی لوگ ، ڈرال چھُم
اَندی اَندی پھیران تہٕ پو نیبرٕ نی گتھ کران وَنان :
" ماشاءاللہ ! کیاہ رُت تہٕ نزاکتہٕ وول کوٹھا چھُ
وَنے کیاہ سجان کیاہ چھےٚ ژےٚ یہ ۔ یوٚہے گوکھ پوشہ
ہتھر ہیو ۔ نہ وُچھ رَنگ کیاہ ترٕ دوٗتھ ۔ شوٗبی تےٚ تہٕ
ژےٚ ۔ " مےٚ تہٕ یوٗژھ پنٕہ اَمی سُندِ دِل پھِراوُن تہٕ
وونمس نہٕ کہیں ۔ اَمہ پتہٕ موٗنگمس کاشُر شال ۔ اَمی
کوٗڈ کاشُر شالاہ اَکھ یتھ ساسَس جایِس روٗف
کرِتھ اوس ۔ خدا اصاٚنیز اَکھ ساس تہٕ اَکھ نام پاک
ہیٚتھ چھُم قسم ہاوان زِ " یہ چھُ بادشاہ سِندِ محل خانٕچہ
اَکس حرمہ ہُندِ مال یِمہٕ بچاٚرِ تاوِنہٕ کنز کنٕنس بیٚہتھ
واٚژ ۔ " بادشاہ سِندِ حرمہ ہُندِ شال مُلی ہینہٕ رِچہ مَن
ہمی منز ہیوٗتم یہ شال مُلی تِہنتھ مولُس یتھ بہٕ غاٚش
کرِتھ کرہ ماٚنگ نوٗ شال مُلی ہیکہ ہاہ ہیٚتھ ۔ دوٗنی روٗزِم
تلوارِ ے یاٚر ژٕ نِیہ ۔ سعو تہٕ دِژ تم ڈرالنے اَنتھ ۔ یِیلہ
مےٚ پان یاٚد رووو ، بہٕ گوس ڈرالس سیٚٹھا خوش ۔

ڈ۪ال تہٕ چھُم قسم ہاوِتھ وَنان زِ طہرانس منز چھُنہٕ اَکھ تہٕ یُتھ پوشاکھ وول یُتھ تٔمۍ سٟتۍ نالی چھُے۔

یِیٚلہٕ اَسہِ ہیثیت حساب بوزُن، حالمے بدلیوو۔ ڈ۪ال چھُم قسم ہاوِتھ وَنان۔ "بہٕ چھُس ایمان دار متہ منیو بہٕ چھُس نہٕ شہ لُس گوڈ ہیتھ وَنی تہٕ پتہٕ ہیٚیسی پیٚنسٕ ہے خوداے چھُ اَکھ تہٕ لفظ تہٕ چھُم اَکوے۔ پوشاکس گیہ پانژھ توٗمان، شالس پانژھ توٗمان تہٕ تلوار ہینڈی گے ژورے توٗمان۔ کُل چھِ یِم ژوٗدہ توٗمان واتان۔"

یُتھے مےٚ ژوٗدُہن توٗمانن ہُند ناو بوز، مےٚ ووتھ سورُے تیچھہ۔ بہٕ چھُس پاٗنی پانس پانے بوارِی کران تہٕ دٕیان نوٚی پلوٚ نالی لاگُن چھُس نٹس لیکھتھ۔ کڈو پانا واپس۔ یانۍ مےٚ پلوٚ ہیٚتھ کڈنی۔ ڈ۪الن روٗٹھم اَتھ تہٕ چھُم دٕیان: "یہ کیا حصف چھکھ کران؟ ظاہر گوٚو تعبہ دزوگ، وچھہ حصف یہ مےٚ مول ووٚنے تیتھ چھُم پانس مُلۍ ہرگاہ تمہ ہُریمانہٕ اَسہٕ مے وٚونُت، تیٚلہ مہ کرۍ کم خوداے برکتھ۔ اہن حصف، ژٕ تہٕ وَن ژٕ کوٗت دکھ بہٕ مےٚ دوٚپمس "ہہے، بہٕ کیاہ وَنہٕ دوہنۍ! ژٕ چھکھ یِم قسم ہاوان، یِم خوداییس تہٕ ناٹھی چھِہ؛ ژٕ مےٚ نٔے تھووُتھنہ مےٚ وارے کینہہ وَنہٕنس..... خاطر، بہٕ دِمے پانژھ توٗمان۔" دِلہٕ بوٚڈ آسنہٕ کنۍ گوس نہٕ یہتے سوٚ کینژہ تہٕ تہٕ مےٚ تہٕ لوگ دِلہ بوٚڈنہٕ دِتۍ مس نالہٕ پلوٚ کڈتھ واپس۔

یِیٚلہٕ اَمہٕ بعد چھِ گوٚو تہٕ زِ دنٔن سوداہ سپدنہٕ اُتی

چھُم دٕیان: "مےٚ کیا حصف چھکھ ژٕ رُت موٚہنیو بوزنہٕ پوان، دپیوم خدمتھ کرسے تژھ پیٚژھ نہٕ بوے ہاٚپس کرِ۔ اَدٕ حصف ووٚلہٕ کڈ داہ توٗمان؛ مےٚ بوٚنمس نہٕ قطعنی۔ اَخر سپُدُ لہٕ طرم تہٕ ڈ۪رہ ڈ۪رہ کرِتھ دِتمس شہ توٗمان تہٕ دوٚپمس اَکھ توٗمان چھُسے ہُریمانہٕ دِوان۔ تیتھ ہیٚنز پانس کیٚت کوٚٹھ مُلۍ۔ پتہ دِتۍ مس تہٕ ڈ۪اس دُرچہ گُنڈتھ یِم چیز ہیٚتھ حمام کُن۔ وٕ تہٕ ہیوٗ تم تھزر کھوردار کھہ رانہٕ، رہشمک پیزار تہٕ بلکہ نیلہٕ رنگچ کرُتنہٕ مُلۍ۔

یُتھے بہٕ حمامس منز ژاس اَتہٕ چھُنہٕ کانہہ تہٕ مےٚ کُن وُچھان۔ اَندرِ کنۍ دوٚپمکھ۔ "اُتی روٗزِو ناوُن زدو! رِیو مےٚ یِم لاگتھ اور نیرنہٕ۔" اَدٕ وُچھو کیتھ پاٹھو یِیو مےٚ بتہٕ سازندرِی کرنہٕ لاران لاران۔ نالی ہیٚنڈ یِ پلوٚ کڈم تہٕ تھوٗم اَکس کوٗنجس منز تہٕ ژاس اَندر حمام کرنہٕ۔

اَندرٕ اُسو ساری پانس پانس تہٕ پٕریتھ اَکھاہ ادس بول بوشاہ کران۔ مےٚ ژاوٗ پننس پننس تہٕ ژاوٗلس کمبرس نظراہ تہٕ چھُسم اَندہٕ اَندری پھولان تہٕ دٕیان۔ "مرحبا چھُے پانا! پٕریتھ کانہہ تان چھُے اَدٕر تہٕ سرتو بوٚت پننہ پننہ جایہٕ۔" ناوٗدس کوٗرم اَلو۔ شہ آو نورِ تہٕ مانز ہیٚتھ۔ اَتھن تہٕ کھورن مژھنم مانز، ہستس، ریشس تہٕ گوٚنژھن کوٗرم بسمہ۔ اَمہِ پتہٕ کرُنم یُڈ بُرتھ مالشاہ تہٕ بتییہ دژنم

موٗٹھا بیٚہ برِتھ۔ اَتی کیاہ چھِنم ہیٚبہِ بیٚیِٹھ بعدن تام تَنِ تِکیا نیٚبہِ نیبر پِتھ اوسُم نا نوٚو پوشاکھ لاگُن۔

یہ ناگوٚد چھُ مُنزِ مُنزِ محوٗلہ ہناہ تہٕ کران۔ مےٚ تہ وونُس شُرِ کہِس۔ امہٕ وِزِ اوس یِتہٕ مےٚ شوٗ بانٛی دِیان چھُنم "پزِ گَرِ کیاہ شخص ژاوٕ تہٕ ہیو حمامس منز۔ یوٚ ہےٚ ساتھ اوس، اِستغفارہٕ پیٚیِٹھ اوس کُس تانی پادشٲہس گورگا بُک خربُز ڈالی ہیتھ آمُت۔ پادشٲہن دِتُس خلعتہ بستارہ باگےٚ وُچھن دالیو دوٚپُس یہ ساتھ چھےٚ خلعتہ لاگنس کیٚتھ بڑٕ رُت۔ سہٕ حضرت آو یِتھ حمامس منز۔ خدمتھا کرِمس اوٚ، یِناما تہٕ دیُتھنم" یِیٚیلہِ اُمی تولیا اَنی، یان دوہ بتھر ووٚم تہٕ نیٛونُس جامہٕ خانس منز۔ گرِتھ وُچھن کمہٕ شوقہٕ اوسُس یَنِس پوشاکس کُن وُچھان۔ اَکھ اَکھ پلوٚ اوسُس لاگان زنتہٕ نوٚو یاوُن اوسُم یوان۔ مےٚ اوس تہٕ نا نہہ تہٕ ریشمک کانہہ پلوٚ لوٚگمُت۔ یِیٚیلہِ بوسکی ہُند پیزا لوٚگم، ژٕ چھن کھوٗرہِ چھِس نظر دِوان زٲما اَکھ ہیرِ ہیرِ چھا سارِی بوزان کینہ نہٕ۔ قاجارِی ٹوٗپی تھوٚوم منز پھیشراوِتھ کنن تام ہنج۔ شال گوٚنڈم ہَرِلس تہٕ بیٚیتہ گنڈ ترٲوِتھ تھوٚوم اَمِکو زِ اَند برو نیتھو رٔکنہ اَلاٲندی۔ اَدِ یِیٚیلہِ تلوار گنڈُم مےٚ بیوٚتھ پانس زمیون ہیوٗ پوشاکھ تہٕ میانی ہُش حیثیتھ آسہٕ خالے کانٛسہٕ۔ یِیٚیلہِ ناگوٚدن اَنہٕ پلہٕ نوٚو دِم، یان زٕ "دولہ چھنی میون کیاہ کوٚر پتھ" بہٕ روٗدُس مشتس تہٕ ریشس

وُچھان اُنس منز۔ ناگوٚدس دِتم خبان مختانہٕ تہٕ پراٲنی پلوٚ تہٕ دِتم تمہٕ سےٚ تہٕ ڈراس حمامہٕ منزٕ اُڈی یوٗرِی ترٲوان تیتھ پاٹھی ییتھ پاٹھو افلاطوٗن مچِھ منزٕ ڈرامُت آسہٕ ہےٚ۔

۱۸۸

# زِٹھس گوٗنمات سُند ٹھران واتُن

تہٕ حاجی بابس سیتی تَسُند سلوٗک

بہٕ ڈراس زِٹھس گوٗنمات سُند گرِ کُن خبرہ اَترا ہیٚنہٕ۔ اَتہٕ وُچھم تسُندِس دروازس پیٚیِٹھ لکہٕ عرصاتھا پلم اَسی دِپان زِ گوٗنمات صاحب کھوٚت پشہٕ پیٹھ کینو ہیرِ تہٕ ووت ہیوٗرِ تکیا زِ تمی اُس ییٚنہٕ مرنٛچ شیٚیچھ بوزِ میٚرِ تہٕ پُس یِزِتھ خبر بوزِ تس پزِ نہٕ جبر کینٛہ گرازُن کنہ منز اُزِتھ واتہٕ دوٚم یان تُو تِمس ییٚتس سہٕ بِہِتھ اوس۔ مُلا ماہ بُتند پکھا گرِتھ کوٚرمس وار کار گرِ پنس پیٚیِٹھ مُبارک۔ گوٚڈٕ پزِ نہٕ نوٚو چھےٚ نہٕ۔ پتہٕ یِیٚیلہِ مےٚ ژٕتس پوٚدُس، بوٚ ٹھےٚ نہٕ زِ مےٚ نہٕ چھُ مِتس کیاہ آسن ییٚچھو زرق برق کرٕ وٕنی پلوٚ نالی۔

گوٗنمات سُند گرِ اوس بتہٕ سانہٕ ندرو تہٕ رنگُن گرِ پوسیتی برِتھ۔ یمن منزٕ اوس فضول میرزا تہٕ یِس پادشٲہن اُمی سُنزِ جاے دِبُک وعدٕ کوٚرمُت اوسُس یہ اِشس دِپان: "حضرت! تُہہ وٕرا اَسےٚ اوسنہٕ دِلے کران، کم تاہ لول اوس آمُت اَسہٕ تھند یِنہٕ چھُن

آوٲسہٕ ٲمِس اؠچھن گٲش تہٕ دِل گَیہِ شاد۔ "اَتھٕ منٛز گوٚو
بَرٕ مُژرُن تہٕ ژاو پادشاہ سٕنٛد فراش تہٕ وونُنس پادشاہ
چھُو ناد دِوان۔ گوٚو نمات دٕراو تٔمی سٕنٛز کیٛن پلوٚن
منٛز۔ تہٕ پوزار لاگِتھ تہٕ گرٕ دِتھ مالاہ وٲلِتھ دٕراو
گرٕ دِہوٚتے پادشاہس نِش۔ اَتہِ یم بیٚٹھ اُسی تِم تہٕ
وُچھِتھ تہٕ دٕراے نَسے دوٚپُکھ یہ دوٚنی یکہٕ جاہ تہٕ
دٕراس تہٕ تہٕ۔ اَتہِ سمکھِم سہٕ موتبر یُس وُچھُم تہٕ خوش
کیٛنہہ۔ دوٚپُنس "وُچھِو خٲنس! دوٚنی ما اوس
خان صاب ہیوٚو مُت؟"

دوٚشِوٲنٛز اوٚتھ چھُم دِیان "نہ سہٕ پوز نٕہے
اوسکھ وَنان۔ اَدٕ سہٕ خوداد پیٚنس زٕ ہیچھٕ وُہر۔ دوٚلے
سہٕ سون تہٕ خوداد" بس یہ دوٚنُن تہٕ دٕراو۔

تہٕ چھُس وُنِیُن دوٚہن صرف سٔڑکہِ مینان
بازرٕ منٛزی، مسجدٕ منٛزی، کوچہٕ منٛزی، خٔری بیٚشن
ہنٛز وبِچھا کُو منٛزی چھُس پھیران ژھوران تہٕ وُرخ
گُساوان۔ پتہِ ہیچھ جایہِ اَس گوٚو نمات سٕنٛد پینٛچ
تہٕ پادشاہ سٕنٛد تَس پیٚٹھ دُیے گژھنٛچ کٔتھا پھلاو
اَکس جایہِ بوٗزُم زِ پادشاہس اوسُنہٕ وُنہِ تہٕ بہان
زِ گوٚو نمات چھُہ زِندہ۔ تَس اوس یقین زِ سہٕ آسہِ
مودمُت۔ بیٚیس جایہِ اُسی وَنان زِ گوٚو نمات سٕنٛد
پینٛچ شیٚشچھ بوٗزِتھ گو پادشاہ بڈٕ خوش تہٕ اَکھتو
دِتِن شیٚشچھ بوز ناوُن واٲلِس داہ توٗمان ینعام۔ مگر
اَصلیت اَس یہ زِ بیمٲری اوس پادشاہن گوٚو نماتس

سورُے کیٛنہہ نیوٚمُت تہٕ سہٕ اوسُن پھانگہٕ کھوٚدمُت
گرٕتھ۔ اَدٕ موکھ اوسُنہٕ سہٕ تٔمسٕنٛد واپس یُن پژھانے
دوٚن ویٚیلہٕ سہٕ واتھ ہیوٚ پادشاہن لوٗگِنہ حیارٕ سے
کیٛنہہ تہٕ تِمو پوٗرٕ حصہٕ تٔمسٕنٛد نقصان زِ کیا زِ پادشاہس
اَس باتَن واتَن سیٚٹھا سخ یے تہٕ گوٚو نماتن اوس
قیدی آسنہٕ کیٛن دوٚہن پادشاہ سٕنٛدِس تارِیفس
منٛز اَکھ قصیدٕ لیوٚکھمُت تہٕ دربارس منٛز اُتھی سِتھے
اوسُن پادشاہ بوز نوومُت۔ پادشاہن اُسی لہاز اکرِتھ
بوٚدٕ مُتھم پاٹھی بیٚیہ گوٚو نماتس پیٚٹھ اَنِتھ رٔفتے
یارِ یاہ کرہٕ شاتہٕ قصیدٕ بوٗزِتھ اوسُن تَس سوٚدٕ تہٕ
لعل وجواہرا تو سیٚٹھا تُوٗل بوٗرمُت۔ شانَن اوسُنس
خلعت دولت تہٕ بیٚیہ اوسُن زِیچھ گوٚو نمات بنا وِتھ
سورُے مال تہٕ جاداتَس واپس دِیتمُت۔

گوٚو نمات سٕنٛد گرِ ینس گٔژھنس اوسُنہٕ
ہیٚنہٕ تھکِہے گرٕ ژھان۔ تہٕ اَکھتا بہٕ کھٔسنہٕ بروٚنٹھے
اوسُس بہٕ تورٕ واتان۔ اَخرٕ ویٚیلہ ہیوٚن خیال گوٚس
ہیٚنہٕ تہٕ کوٚر جگرٕ سے تہٕ دوٚپُنس "حضرت، ہیٚنہٕ تہٕ
زٕنٛتو پانس نِش یا وُچھتو نزدیکہِ پینس کانٛسہٕ
دوستَو نِش کانٛسہٕ جایہ یِتھ ہیٚنہٕ ژوچہٕ ہنٛز کانٛسہٕ
سٕمبلا سیٚدٕ ہے۔" ہمٲری اوس ہیٚنہٕ پیٚیہ کُوٚد مُت
زِ گوٚو نمات سٕنٛدِس موتبرس کیا زِ اوس اُمی سٕنٛدِ ینہٕ
ہیٚچھے ہیوٚ گومُت۔ تِمو آسہٕ دراصل واریاہ ژوٗر کرہٕ مٔژ
تہٕ توٚیے اوس سہٕ کھوژان زِ کوٚہس گٔژھہ تہٕ وُڑھ

گژھن - لہٰذا اگر تھ دِلہِ گو نمانتس موتبر بنیتھ جلے
کھینہٕ مۄکھ تیتھ شیخ رٕٹلاوٕنی ۔ مگر حرام تمہ بے کنے
ھۄو ۔ میٚ راوٕ رود پنٕن اوقات ۔

ناپہ خۄدا گو نمات کیاہ اوسپہ امِس موتبرس
کتھن پیٹھ ھان تہٕ اتھ ہتھ کیاہ براوس ۔ میٚ تور فکر
نہ خوداپہ سِندی کار چھہ بدلیے ۔ گو نمات اوس
پادشاہس کھٹرانہ تتس اوس یہ موتبر خانہ وچھاری
کرنس پیٹھ ۔ خار، موتبر رود پننی جایہ پیٹھ ۔ بیلہ
تمہ میٚ ہثوت روگہ رو گو وچھن میٚ لوکنہ تس ور
ژنگن گری کرہ تہٕ وراٹے جاے کینہہ ۔

اکہ دۄہہ اونس تہٕ گونماتن پانس نکھہ تہٕ
چھم دپان "حاجی یارا ! ژےٚ چھیہ خبر مون گونماہ
احسان چھم میٚ پیٹھ ۔ یوسہ ہمدردی ژےٚ میٚ
سیتی کرمژ چھیہ ، تہٕ چھس پژھان تمیک ژےٚ حق
نکھہ والن ۔ میٚ چھے ژےٚ پادشاہ سِندس حکیم خاص
احمد صاحبس نش بڈ سفارش کرمژ ۔ تس چھے اکِس
مۄہ ہنبوی بنیتھ ھنو رود رتھ ۔ ہرگاہ ژےٚ سہ خوش تھگی تھوون
اکھ گرٕ ھی ژۄ چھیہ ہنر سبیل بنییہ ہنچھنادی سہ
پنن سورے کسب ۔ وۄ تھ سہ نیر تہٕ گرٕ ھہ تس نش
ژٕ وٕنی زبس پوٚتے پوت زٕ تہٕ ہوزس فلانی ۔"
درویش بنیتھ نو حکیمہ سنبز سۄ کتھ بوزتھ
امس میٚ طبابت کرنی شیخ کھران ۔ مگر وۄ نی کیاہ چار
اوسم الیقرار کرنس ۔ کھنڈی ورنی تہٕ اسمبہ چھندس

دۄاپُم ییمی چھہ غنیمت ۔ بیشکہ دشہ ہہ چھپائے گوس
پادشاہ سِندس طبیب خاص شند کرٕ ۔ یہ اوس کلکس
نشن پسان ۔ مکانس ہتھ اژ تھ وچھم اتہٕ زیو تھ
ڈالاناہ ۔ اکھ اکس اتہٕ گرہ تہٕ بنییہ امن اکھ ساری بے
رٕژھہ ۔ وٹس ہتھ اسی واریاہ بیمار ۔ اکھی اسی لیکہ
سیتی ڈاکہ دِتھ بہتھ تہٕ اکھی نکن نکھن پیٹھ
شیشہ تہٕ پیشاب بوتلہ ہیٚ ہیٚ حکیم صاحبس پاران ۔
سیٹھا کال گژھ ھہ دژاو اندر حکیم صاحب تہٕ
بیٹھ درویش ہندس ڈپہ ڈالس نش ۔ اوتھ اسی
حرف تیشندی زانی کار یے یاگی ہمکان گژھ ھہ ۔ تہٕ
پوکس ندر ہنا بہ وتھہ پھرن تہٕ دو پہم " وۄلیہ ژارٕ
اندر کرکھ ۔" درویش اندر اژتھ چھکہ تہٕ اتہٕ حکیم
صاحبن کینہہ بتہ سازندر وچھان ( ایرانس ہتھ یس
اکھاہ پادشاہ سِندس دربارس منز ملازم آبہ ، تس
چھہ پننہ ھسب بتہ سازندر آسانی ) پہنز وکھتو تلہ
ننیو دمیٚ زبڈین ملازمن ہندین بیارین تہٕ ہون مین
کاژاہ قدر چھے ہون کرنی پننہ کام کرٹنہ موکھ ۔
تہٕ چھس پانس سیتی حساب بوزان زٕ بتہ سازندرس
تہٕ دنیا داری ہنچھنہ مۄکھ گژھہ میٚ اکھ ومراہ آسنہ ۔
بتہ سازندرن ہنز تس کن مدے گندتھ وچھنہ کنو
پرز نو میٚ زبو بے گژھہ حکیم صاحب آسن ۔ درویش
ہندس ڈپہ ڈالس نش وچھم شخصا اکھ اوس بے
کوب دژانت ۔ اچھہ اوری ژامژ ، بتھ تہٕ میٹھوست ۔

تہ ہمو نگنیو بڑو نتھ کُن ڈراہِس ۔ کھوسہ تہ اوس ۔ کِتہ
اوسُس زِ ہٕنا پتھ کُن تہ اکھ ژِکبرس پیٹھ ۔ بۅن
اُمو سُند اوس تمہِ کُٹھِ تہ ہوٗل پتھ منز ہرگاہ کانہہ
ییٚنز پکھ اُمس سوٗ اُمس طرف تسُند کھوہِہ وَلِہ ۔ بیمارن
اوس زُھو ہُرا اُوبتھ حال پرٛژھان مگر پتھ ترکرا اُوتھ
اوسکھ پرٛژھان ۔ جواب اوس واہ واہ تہ بیٚگمِہ ہِنہ
دوان ۔ باسان اوس بیمارو وُرائے امیس پرٛیتھ کُنہِ
کُن مغز ۔

خبر نداشت از ایشان کہ در جہان ہستند

بیمارن خبر اَتہ پرٛژھہ پتہ تہ ہینیہِن، یتہ سازندرن
سیتو کتھا باتھا کرِتھ چھیوٗر مے کُن ۔ ییٚلہ وۄنمس
زِ بہٕ چھُس ژھو گو نماتن سۄزمت، چھیہ اکھو سیتو
چھم نظراہ کران تہ ونان : " اڈسہ ، روز ژہ تانی
اَتی ، ژٕ ئیی سیتو چھم کتھ کرٕنی ۔" امہ پتہ وۄتھ زرژھ
کھنڈ گژھتھ تھوو ۔ بہٕ نیوٗہس نادِ دِتھ تہ ژاس
اُکس خلوکھ کُٹھس منز یُس ترییہ طرفو بند اوس
تہ دروازٕ اوس تتھ محل خانس کُن ۔

## ۱۹
## حاجی بابُن حکیم صابس نِش ووتھٕ کُن

گوتھن تہ گوڈٕنیک کام یوسہ حکیم صابن تس منتر تھو
ییٚچھے پتمن تہ وُچھس ، گور نم آلو دِ اندر اژھ

بہٕ ژاس تہ بیٹھس بڈٕ اَدبہٕ سان پتھر ۔ ظاہر کتھ آسہ
ہیٚس گو نماتن میون ووٚنمت تہ توٚوے چھُم یہ میانہ
عقلہ ہیٚندی ، چالاکی ہیٚندی ، میانہ تجربکہ تہ ہُنرس
رایچھ کرِتھ وصفکو میاتو سیٹھاہ تاریف کران ۔ بہٕ تہ
پھُس ژاہہ کوٚتھ کرِتھ تہ کوٹھن پیٹھ اکھ ز
ٹھوٗکھ امو سنز کتھ بوزان ۔ اخرس چھُم ونان " بُتھس
گو نماتہ سنز سفارش پیٹھ چھیسٕ تہ بہٕ ژہ اَدِ کہ
پیٹھ پانس نِشہ رٹان ۔ ہرگاہ ژہ میانس
وٚنس پیٹھ ٹیکتھ ژٕ زانی زِ یہ ساری ڈلیتھ کیاہ
کاسے پتھ ژسے تہ فکر تری زِ مئے چھا کانسہ
ہُنز خدمت ہُند حق نکتھ تنگان والُن کیٚنہ تہ "
امہ پتہ اونُس پانس نکھہ تہ اوو یود نظراہ
دِتھ ، زِ کانہہ ما چھُہ بوزان ، چھُم بانیہ سان لوتہ
لوتہ ونان ۔" حاجیا ! ژے چھیہ خبر، تصارِانن
ہُند ملکہ پیٹھ چھُہ اکھ سفیر بیمنیہ دوہن یوراین
آمُت ۔ تمس چھُہ گُستام حکیماہ اکھ تہ سیتو امو
کافرن گوڈ پیٹیتہ سیٹھا شان تہ زرژھ ہُنو تن
ناما وار تہ گژھن ۔ بیمارن چھُہ بدلے یلاج کران جنوا
ھوٚندقاہ تہ چھُس سیتھ ۔ سانی زانہہ ہے بلاے تمن
دوہن ہیٚندہِ ناو ۔ تمہ کتھ چھُہ ونان یمہ تہ سے
ازتانی کُنہ کامرُ سے چھے ۔ یہ تہ حاجیانس تہ بو علی
سیناہن چُھہ وۄنمت تی چھُہ ونان ۔ ڈیاں چھُہ مزاژن
منز چھنہ ہرگز تہ گرمی ، سردی ، خوشکی یا تری آسان ۔

تہٕ نہ چھےٚ دوٕہہ ہنے منز آسان ۔ پارٕد چھُ دوان کھیٚون
تہٕ دٕپان اکھ چھےٚ تر نیرِتھ خاص صیہتھ ۔ بیمارٕس
تریش تہٕ تریش لگیٚتھ ۔ بیمار ہٮ۪ندی یم طبتلی تہٕ ترقی زٕ
قسم چھہٕ ، یمن دوشوٕنی بیمارن یلاج کرنہٕ ووٚز چھُ
بیمارس شکم چاک کٔرِتھ یڈ منٛز آب تہٕ پیچ نیبر
کڈان ۔ زیادٕ جٔلہٕ چھےٚ یہ زٕ دانِد سٕنِد کرنہٕ نازُک
غوٚدوٚد چھُ ترٛوٚنبنس لاگان تہٕ دٕپان یہ چھُ تمن کوٚٹھن
ہٮ۪ندی اکی حکیمن ترٛوٚنبنس یلاج کوٚڈمُت ۔ تران چھُ پیہ
فکرِ ؟ زٕ چھےٚ چھُہتہٕ از تام یہ بوٗزمُت زٕ دانِد سٕنِد
کاتہہ چیز کیاہ چھُ اِنسانس لگان ؟ اسہِ وأتِ وُہر
امہٕ کےٚ بتہٕ کھیوان ۔ یہ کافر نصاران چھُ ظاہر اَسہِ
خرزانان تہٕ یہ ماکڈ اسہٕ سوٗرُے کھیوٗمُت چیوٗمُت
نسٕتہٕ کنہ ۔ خاطر ، زٕ چھےٚ ووٚنی اکھ کام کرٕنی ۔ بوٚزاز
کیٚنہہ دوہ برٛونہہ اوس معتمد الدولہ صابٕن لار ، شکنجبین
بسرکہٕ تہٕ شیر چیوٗمُت تہٕ تس اوسُن بدلے دوداہ
کوٚرمُت ۔ یم چیز کھینہٕ ووٚز اوس سُفیر تتی تھے ۔ تمس
نوٚر تمی ووٚز فِکرِ زٕ امس کرٕ دود ۔ خاطر یتھے سُفیرن
بوٚز زٕ سہ ہیو بیمار ، تمی سوٗز پنُن حکیم تس یلاج کرنہٕ ۔ سُفیرس
تہٕ معتمد الدولہ صابس اَس پانہٕ وأنی ناچاقی ہمِش
تکیازِ سُفیر اوس ایرانس منز تجارت ہُرداوٕنہٕ موکھ
تہٕ مدرسہ تراوٕنہٕ خاطرٕ بڈٕ زور کران ۔ مگر معتمد الدولہ
اوسُس دٕپان زِ یمہ کامہ کرٕنس منز چھینہٕ سائنس حوٚکومتس
مصلحت یوان بوزنہٕ ۔ ووٚنی اوس معتمد الدولہ صابٕن

یٔمہٕ موکھ تمس حکیمہ سٕنٛد یلاج کرُن موٗنمُت یُتھ سہ
ایران کین لُکن سفیر سٕنٛدِ پٔتھ کُہ ڈارُونش یتھ روزنہٕ
موکھ زنگہٕ زنگ کرٕ ۔ ہرگاہ مےٚ تمہٕ ووٚز اکُے خبر گژھہٕ
بہٕ پھرہا اکھ سہ ورُق ، یٔمہٕ سیٚتھو معتمد الدولس سَخ بد
ظنی گژھہ ہے ۔ اما پوز حکیمن دِژ نہٕ مےٚ فرُصتھے
تہٕ سہ لوٗگ جٔل یلاج کرنہٕ ۔ بوٗزُم دوا چھُنس اکھ
سفید پھُلی ہنا دِژہٕس ۔ نہ چھُ تتھ مزاہ کانہہ تہٕ نہٕ بیہ چُھہ
مگر مُعجزٕک ہیو چھُس تأثیر ۔ یہ پھول کھینہٕ سیٚتی
چھُ معتمد الدولہ سٕنٛدِس مزازس طوفانک تأثیر گوٚمُت ۔
قوٚ رنجہ دادِ اوس سہ مرنہٕ پٔتھ مگر امی پھُلو ۔ یچھو تتھ پاٹھو
زِ زنتہٕ دُبارٕ آو دُنی ییٚنس ۔ ووٚنی چھُ سہ فقط امی
پھُلکو راتس دوہس تأریف آسان کران تہٕ دٕپان چھُ
" تالہ پیٚٹھ کھوٚر نیٚتھس تانی ییٚتہٕ ییٚتہٕ رگن یا
اندرمن منز کنہٕ غلیظ تہٕ ردی مادٕ اوسُم تہٕ نیوم امی پھُلی
سوٗرُے یکہٕ وٹہٕ نیبر کڈِتھ ۔ مےٚ چھُ پانس زن نوٚو یاوُن
آمُت ، اکھتےٚ چھُم بیاکھ نیچھر کرنس سوٗنب تہٕ بدنس
منز طاقت ہیوٚمُت ۔ " ووٚنی وُچھتہٕ میانِ بدنصیبی ، حکیم
سٕنٛد امہٕ یلاجٕچ کتھ چھےٚ بادشاہ سٕنٛدِس دربارس
منز تہٕ وأژمٕژ ۔ پرٛیتھ جایہ چھُ لُکہ کیٚنہہ کیو بڈی امی پھُلچ
کتھ آسان کران ۔ از تہٕ اوس دٕیے دوہس یادشہس
برٛونٛہہ کنہٕ امہٕ کےٚ دربار چلان ۔ پادشہن کوٚر معتمد الدولہ
صابس حُکم زِ یُس تأثیراہ زٕ مےٚ اکھ پھُلس وُچھتھ ،
تمیُک سوٗرُے حال بوزناو ، تکیازِ سے ھو المسک

ماکھ رٕتہ تیٚضنوٚغ[۱] ۔ معتمد الدولہ ہیوٚگ اَمہِ پھٕلکو
بڑِ بڑِ تارٕیف کرٕنۍ تہٕ بوزن وٲلۍ اَسہِ حکیمس تارٕیف
کران ۔ مگر بٕہ اوسُس اَندرٕ کنہِ سارِنۍ لیکہٕ ژاران۔
پم تارٕیف بوزٕتھ چھُ بادشاہ میٚ پرٛژھان زِ: "حکیم
صاب! یمٕس لوکٕٹس پھٕلس کیاہ گو یُتھ بوڈ
تأثیر یا گُن؟ یہ کیاہ دلیل چھےٚ؟" میٚ ژھُن کلہٕ بوٚن
کٔرِتھ کوٚرُم عرٔض: "بادشاہ قبلۂ عالم! اللہ تعالا
دِین تھوٚ یمہِ زِ یتھٕ پٲٹھۍ میٚ نخفی چھُنہٕ تمِس کانٛہہ فرٕشتہ
یہ دَواہ ووٚچھِتھ۔ ییٚت تانۍ تہٕ بٕہ دَواہ یانہِ ووٚچھ توٚت
تانۍ نہٕ خَصن ہیکہٕ بٕہ کہِیں وَنِتھ۔ اَما یوٚز ووٚچھنہٕ وَراےٚ
ہیکہٕ بٕہ تو تہٕ پیشن وَنِتھ زِ جِنَن یا دیوٚن ہِندِ
رٕکنہٕ اَسہِ اَتھٕ یوٚت تأثیر تکیا زِ جِن تہٕ دیو چھِ اَسہِ
یٔزٕ زیادٕ پٔن ہِندۍ دُشمَن تہٕ تِم چھِ اَیِز یارِنۍ ہِکان
تأبیا رٔوزِتھ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ صاف، نٔنان زِ اَمِس کانٛہہ فرٕیس
یُس سائنس یا غمبرس جود نگار چھُ زانان تہٕ یُس تقدیرس
تہٕ تمنکہٕ چھُ، چھُ ضوٗرٕ ور کرِتھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ جِن تأبیاہ
اَدِ کیاہ، تِنہٕ بیٛیھ چھِنےٚ بٕہ اَمِس حکیمس سَنج پیٚتہٕ لوٚکھٕٹ
تہٕ بٕہ چھُسنےٚ یہ بدنام کرُن یژھان۔ میٚ چھےٚ دٔوٕنۍ
یٔہےٚ فِکرِ زِ میٚ گوٚرٕژھ اَمہِ پھٕلیک ہرنَن۔ ژٕ کیاسہ
لوٚگُکھ میٚ جان وَقتَس بیٛیھ اَتھ۔ ژٕ سوچِتہٕ کانٛہہ
دٔھقاہ تس سیٚتھ یاد لاگِتہٕ معہ کِہ یُتھ سہٕ ژٕ اَتھس
مٕنز اَنہٕ ہتِن تہٕ ہٕچِھکھ تشند کیب۔ بٕہ گیاسہ اَسہٕ
اَدِ ژٕلےٚ کُن ووٚچھمہٕ ویژان تہٕ کُنہٕ۔ میٚ گژھ سےٚ
خاص پھوٚل اَنِتھ یِن۔ یُس تِمو معتمد الدولہ کھیاوِ زٕ۔
اَمہِ معہ کِہ ہیٚیں ژٕلےٚ وُنِکہِ پھٕٹھے کامہِ لگُن۔ ژٕ کرٕ
کأم، ژٕ کھےٚ لأرٕ تہٕ ہیٚیِہ کھےٚ حلب، کینہہ یُتھ تہٕ
بیمار ہیکھ۔ اَتی گژھ تٕمس نصاران حکیمس نِشہِ
تہٕ دپُس میٚ چھُ سےٚ دود یُس معتمد الدولہ صابس
اوس سہٕ دِی ژٕلےٚ سُہ پھوٚل یُس تِمو معتمد الدولہ
صابس دیتُت اوس۔ ژٕ دِکہٕ سہٕ پھوٚل میٚ تہٕ بٕہ
دِمہِ بادشاہس۔"

یہ کأم سٕہٕ کھوٚنہٕ سیٚتھ ہشیوٗ تٕمس بٕہ یکرُن
تہٕ دوٚ ہمس۔ "حکیم صاب! ہٕشگہٕ تہٕ منگہٕ کہِتہٕ حَصن
یأتھو گژھ بٕہ اَکِس غارٕ زانِس نِش۔ تکہِ چھِ یمن
نصارانن ہنزٕ بدلےٚ بدلےٚ کتھہٕ کران۔ اَدِ حَصن نہٕ
چھےٚ میٚ یہنز وُمتھنہٕ ہنٛز خبر تہٕ نہٕ یہنز طور
طریقہٕ۔ گٔوِ ژٕ وٕنو میٚ تو ہیٚ یِم کتھ چھِ آسان۔
یہندِ طور طریقہٕ کیاہ چھُ یُتھ بٕہ تہٕ خبردار گژھ تہٕ
اَدِ ہیکہٕ یمن نِش گژھتہٕ کرِتھ۔" احمق صاب
دوٚپُن: "ووٚچھ سہٕ، نصارانن ہُنٛد طور طریقہٕ تہٕ وٕنہٕ
رٕہن چھےٚ سائنس سارِیےٚ اَدلہٕ بدل۔ بٕہ بوزناوتھ
ژٕ کانٛہہ کتھہٕ تہٕ یٔتہٕ تری ژٕلےٚ یانےٚ فِکرِ یِم
کتھہٕ گژھن آسنہٕ۔ نصاران چھِ کلس مس کاسنہٕ
بدلہٕ مس تھٲوان تہٕ ریش نہٕ کاسنہٕ بدلہٕ ریش کٲسِتھ

---

[۱] مُشکُ یوٚت چھِکہِ وِنہٕ یہ تیٚوٚت چھُ سہٕ خوشبوٗ دِوان۔

ژھنان۔ اَوَے۔ چھُنہٕ یِمَن ہٕنٛز نگنہٕ پیپھٕ اَکھ وال
تہٕ آسان تہٕ کلُس چھُکھ تیوٗت مَس آسان زن چھُ یُوٗ
شوٗ ہٹھٕ کلُس اُچھ نہٕ لاگنُک قسم کھیوٗمُت۔ یِم نصاران
کیاسہ چھہ کرُ میٚین پیپھٕ بٕہان تہٕ اَسہِ چھہ پیٚتھر بٕہان۔
یِم چھہ شرا پیچھو تہٕ کانٛٹو سیٚتہ غذا کھیوان۔ اَسہِ
چھہ اَتھو سیٚتہ کھیوان۔ یِم وُچھہکھ ژٕ ہٕیِتھ وز
یٕکان، دوران تہٕ دوان تہٕ اَسہِ چھہ بٕہتھے آسان۔
یِم چھہ تنٛگ پلَو لاگان تہٕ اَسہِ چھہ کھُلے پلَو نالہٕ ژھنان۔
یِم چھہ کھوٗرٕ پیپھٕ دُچھُن کُن لیکھان تہٕ اَسہِ چھہ
دٕچھنہٕ پیپھٕ کھوٗرُ کُن لیکھان۔ یِم زانن نہٕ نماز
پٕرنی، اَسہِ چھہ دوہَس پانٛژھ وَرِ نماز پٕران۔ سانہٕ
زنانہٕ چھےٚ گرٕس کھٕسِتھ سیٚود بٕہان تہٕ یِہَنز زنانہٕ
چھےٚ گرٕس اَکی طرفہٕ دوشوٕے زنٛگہٕ الانٛز تھاوان
تہٕ یٕکان۔ اَسہِ چھہ پیٚتھر بٕہِتھ میٚژ ہیوان تہٕ یِم
چھہ وۄدنی چھَران۔ یِم چھہ شرابَس حلال زانان
تہٕ کھیِٚ چیوان، اَسہِ چھہ شرابَس حرام زانان تہٕ ژوٗر
چیوان۔ سانٛی مَرد چھہ زیادٕ زنانہٕ کران تہٕ یِہَنز زنانہٕ
چھےٚ زیادٕ رٕنی کران۔ بیٚیہ چھےٚ بیاکھ اَکھ کتھ
یِتھنہٕ کانٛہہ اَکھا تہٕ نکار کرِ تہٕ یِہ بہ مانٛنِتھ کتھ
چھےٚ۔ سہ چھےٚ یہ زِ یِم انگریز چھہ پلیپھٕ تہٕ نجِس
ترکیا رِ یِم چھہ یِہِتھ کانٛہہ چیز شوٗدٕ تہٕ حلال زانان۔
حیوانن تہٕ جانا وَرن ہٕنٛد چھہ یِہِتھ قیسمہٕ ماز کھیوان
سور، سَگ پُشت تہٕ بِنہٕ موٗدُجہ تام چھہ کھیوان

تہٕ یِمَن شوٗ ہٹھن چھُنہٕ مَن تہٕ ڈلان۔ سہ دُس چھ اَچھ
سیٚتہ شکم چھٕپان تہٕ تِمہٕ پتہٕ چھیتہٕ سہ دُس اَچھ
لاگنہٕ سہ کیہہ سترانے کران۔ یِہ چھہ زنانن سیٚتہ۔ نہ چھہ
زنانن سیٚتہ شوٗ ہنگنہٕ پتہٕ سٕتران کران تہٕ نہ سترانہٕ بدلہ
زانٛہہ تیمُمے کران۔“

بٔہ : حکیم صاب یہ چھا حقہ یوٗت زِ ہرگاہ کانٛہہ
تِہنٛز کنتھ پیپھٕ پٕژھ کرِ نہٕ تہٕ تِمَن وَنہٕ اَیہ زِ یوٗ
تِمَن چھُ سِنٛخ گرٕ دھان تہٕ مرِن وقتس تانی
چھہ تَس سیٚتہ ژوان؟

حکیم : تی دَپان، مگر مےٚ چھا یہ پٕزٕ؟ بیٚیہ پیٚٹھ
یہٕ مےٚ زانٛہہ بوٗزمُت چھُوٗ وُچھمُت۔ اَکھ کتھ
تھوٗو زِ بیٚیہ ژٕ تَس۔ ہرگاہ کانٛسہ انگریزس
چون کانٛہہ چیز پسند اَوے۔ یُتھنہٕ دَیہ ہَس
”کیٚنہہ چھُنہٕ پَروا، اَدٕ کیاہ ژٕ یے گوٗسے
چانہٕ کھوتہٕ چھا؟“ اگر تہٕ ووٗنتھَس تیٚلہ
زانٛنی زِ، کوٗ نزُ تھٕ کیاہ تِمہٕ چیز نیشہٕ۔ یانی
یہ ووٗنتھَس تانی رٕنیِ۔ ژٕ تے زن آسِتھ
تَس اَپُرے ووٗنمُت۔ مگر سہ کری حِصَل
جانٛنس وَننس پرٕتھ۔ یِہنٛدی کنہٕ گرٕژھ
لغظ تہٕ لوٗز آسُن تہٕ عمل تہٕ۔ یِم چھہ اَمہٕ سیٚتہ
خوش روزان۔

بٔہ : اَدٕ حقہ تیٚلہٕ وَنِتھ، تَس کتھ پاٹھو بیٚیہ میون
اَپُرن۔ بٔہ آسہٕ اَدٕر تہٕ دوٗر تہٕ تَس بروٗنٛہہ کنہٕ

لاگہٕ تمی بیمار۔ مےٚ اَرِس کتھ دِیہ سُہ دَوا یُس

تس بیمارس کیتھ چھُ ؟

حکیم: ہاں تہٕ سہ نہٕ سہ، ژٕ کھےٚ لأر تہٕ حلیلہٕ یڈ بُرِتھ

ہرگاہ ژٕ بیمار پیوکھ، تیٚلہٕ کرَ تہٕ مےٚ پھِر پیٹھ ٹٕ

ژٕ تمےٚ کمہٕ دَوانے اَپُز وَنُن ؟

اَمہ پتہٕ چھُم نرٕ پٔنُن گرٕ دِنہٕ منٛز اَلأنن ترأوِتھ

وَنان: "حاجیا! تلہٕ سہ وہ وہ ! وہ وہ لگےٚ بلا یہ کھےٚ

یڈ بُرِتھ لأر تہٕ حلیلہٕ تہٕ مےٚ دِسُہ پھوٚل اَنِتھ یُتھنہٕ

نادأنل کرِکھ ژٕ ہیری کھیکھ یا کےٚ کھیکھ تہٕ مےٚ ژٕ ہتکھ

تاوَن تہٕ دَوا پھوٚل گژھ چھم اَتھ ؟ تہٕ کرِتھ زِنہٕ۔ کینہٕ

یأ ہٹھ، پتہٕ زأنِتھ تمیتہٕ چھےٚ ژٕ تےٚ سُہ دوا پھوٚل

مےٚ اَنِتھ دِیُن۔" یِی وَنان وَنان دٕراو بڈٕ نیرِ ژمی

ہوان ہوان نیبر تانی سیتھ۔ پتہٕ تہٕ فأطر، بہٕ دٕراس تہٕ

سوچینہٕ وَرأے زِ مےٚ پرٕ یا اَتھ پیٹھ اَشن کینہٕ وَدُن

ٹکیا زِہارِ چھکاوِنہٕ وَرأے پیٹھ اَتھ اَر مُلی ہیٚنس منٛز آو

نہٕ مےٚ کانہہ تہٕ کأژ جاداہ بوزِنہٕ۔ بہٕ پھیوٚر رس

پوٚت زِ گوڈٕ چھکاوِ بہٕ ہار تہٕ اَدٕ ژٕ ھینہٕ اَتھ دوٚلابش

منٛز زنگ، مگر سُہ اوس اَندر محل خانس منٛز ژاُت۔

تہٕ دٕراس بہٕ تہٕ اَخر چھکاوِنے کرنے۔

## ٢٠
## حاجہ بابُن وِوھٕنی حکیمن فِشند کرُن

حکیم صابُن دل بجاہ اَسنہٕ موکھ دٕراس بہٕ سفیر

سٕند گرٕ کُن۔ اَندری کیٚنہہ چھُم خیال کوٚرمُت زِ یِتھے

توروایہٕ، رٕتھے لاگہٕ بیمار۔ وار ییس کالس کوٚرُم پنٕنہٕ

جایہٕ سوٚرچ زِ یڈ دود مُلی ہتھوٚن چھنہٕ سہل کتھا کینہٕ

وزیرس شر یپہ یہ نہٕ حلیلہٕ تہٕ لأر کھیپ، مہتہ اَسی تتَ

مےٚ تہٕ تسٕندُے ہیوٚ میادِ تیٚلہٕ؟ گژھ ژٕ چھُم رہ وہ پہ

منٛز پنداہ آنہٕ زِیادٕ ہتھ زِ یہ بلاے شر نیچھی نہ مےٚ۔ ناپانا

بیمار لاگی تھے چھُ جان تس نِش گژھن مگر ہرگاہ بہٕ

تمس بلہٕ وَنہٕ زِ بہٕ چھُس بیمار، تس ترٕی تن فکہ تہٕ

فشہ یازٕ نیٚ ٹھگ زأنِتھ ژٕ ھنی تمہ نیبر کڈِتھ۔

اَخر کوٚرم فأصلہٕ زِ بہٕ وَنس بہٕ چھُس بادشاہ

سٕند محل خانہٕ کیو علأزِ موٚ منٛز، دِلو اَمی ہنتہ کأم نیرِم

بس، اَکھ کنہ پیٹھ رٕدُس تہٕ چھُس گوڈٕ پنٕنی چُھتھ

بدلاوِنہٕ موکھ سٕند گری بازرس منٛز واتان۔ اَتہٕ ہیوٚ تم چھیہ

تہٕ اَچکن اَکھ کرایہ پیٹھ تہٕ لوگم ناٹلی۔ بادشاہ سٕند ی

علأزِم چھیہ خاص لوٚہےٚ پوشاکھ لاگان تہٕ توٚرے پیوم

یہ لاگُن۔ حکیم صابنی تالیم چھم ژٕ تسیے۔ دِلہٕ منٛز ی

چھُس اَکھ پھیر پھیر دِوان تہٕ نٔنہ منٛز سے اَسِتھ

دٕراس سفیر سٕند گرٕ انگریز حکیمس سمکھنہٕ۔ وَتہٕ چھُس

وُچھان زنانہٕ کھیتہ اَکھ شر ی تھُن پیٹھ ہیتھ

ترٕ وٹھناوِنہٕ دوران۔ خاص کرِتھ اَسی تم بیمار تس

انگریز حکیمس یان ہوِنہٕ موکھ دِوان یمنہٕ آیان کین

حکیمن نِش ژھروِے اَتھو گژھتھ ہیکان اَسی

اور وأتِتھ وُچھم اَتہٕ دروازس پیٹھ بیمارن ہنٛز رٔچ

انگریز حکیم اوس میز س پیٹھ کنہہ کھیز کرسہ اَکس
پیٹھ بیہتھ۔ تِہُند تھٕ کنہہ اُسہٕ اُمس واریاہ ڈبہ، بوتلہ
کٹورہ، کتابہ، قسم قسمہٕ کہ اوزار تہٕ رنگہ رنگہ دواہ۔ زانہٕ
خوداہ بیٹھ چیز کتابہٕ اُمس تہٕ اُیدتھ تہُند تھٕ کنہہ تھاوِتھ
بدلے پوشاکھ اوسُس ناگی، پتھ کُن ووچھتھ
اُسُن اوس یوان۔ میٚ اوسہٕ سار دُمریتھ پوشاکھ
نظرِ گومُت۔ ہونگہٕ اُمسِس ترتھ زنِکری اوسہٕ تران
زمُلہ موتجے چھپہٕ تراٹھتھ ہیمز کنہہ نوٚر اوسُس کوٚرمُت
زرٕ زرٕ اوس یوہے لاشرٹھا ہیوٚ باسان۔ لاپروائی کنہ
اوس ووہ ڈنوٚنے۔ گردنہٕ اُندی اُندی اُمسِس بنڈ عکی
پاٹھو زُمال وُلِتھ تہٕ اَکھ اُمسِن ورتہٕ گنڈ تراِہنتھو
کرتنہ ہُند کالر اوسُس بُتھس دوشوٚے طرفو پیٹھ
پاٹھو پیچھ کُن پھرِتھ زنتہٕ بُتھس کانہہ آرخ یا زخم
ژوٚر اوسُس تھوٚن۔ بلوٚ اُمسِس تنگ زن مریشہ
سیٹھو اُسہِ ہس بدنس مرتھ تھاوِی ہتھ۔ کوٹھک داماہٕ
اوسُس پیٹھو دار خاص کتھ چہ لوٹ ہیوٚ۔ شلوار اوسُس
تیژتھ کھروٚن تہٕ چارہ آیہ زنِکری اوسہٕ تران۔ یہ
چھا ستر عورت کنہہ منڈ چھ؟ بیغم پاٹھو اوسُس
قالینہ پیٹھو کھور رانہ ہیتھ پکان تہٕ تسُند یہ کرُن
آو میٚ بڈ ہا ناکارٕ تہٕ نازیب بوزنہٕ۔

خوداہ زانہٕ ساہہ زبانہِ منز کتھ پاٹھو آسہ تس
فرق کران کتھ کرنہٕ تکان۔ میٚ سیٹھو کانہہ کتھا بالھا
کرنہٕ وداے چھ دپان "از چھ جان ہوا" ہوا اوس تہٕ
جانہٕ، تمہ کنہ توٚ گنہ میٚ اَکھ جواباہ تہٕ کانہہ دِیُن تہٕ نہ
کوٚرُم نکار کرنس جگرے۔ اَمہ پتہ چھُس سوچاہ کران
زمیٚ پزنہٕ اُمسِس سیٹھو جان جان کتھ کرنہٕ۔ کمال تگن
گرِی کام ہیتھ وونمُس: ماشاءاللہ! حضرت، کیاہ
ونوٚو توٚہیہ کاٚنتہ شاہ ناماہ دارِ چھو پیٹھ ملکس منز۔ بڈٕ
شان کوٚڈو توٚہ پیٹھہ۔ لقمان نوٚنہٕ توہہ ہیہنس کھنڈ
ہار تہٕ۔ اَزکی حکیم لگن تہٕ تہند کھلر تمنس تہٕ نہ شوبن
تہُند دوٚستوٚر بانہٕ چھکلنس" اُمہ کوٚر بوزناہ تہٕ ووٚنُن
نہ کہیہ۔ زانہٕ خوداہ اُمہ کوٚنہ ووٚن یمن کتھن میٚ
کانہہ جواب۔ اَمہ پتہ ہٕ وونمُس: بادشاہن پیٹھے
معتمد الدولہ سیٚندِس مزارس منز تہُند دواہ پھلہ کرِ
تاثیرچ کتھ بوزِ، تمہ دِیُت تاریخ لیکھن والین
تمی وِزِ حکم زِ یہ کتھ گژِھ تاریخس منز لیکھنہٕ یہن۔
بادشاہ سیٚندِس محل خانس منز گنیہ ساری یہ بوزِتھ
ہیے بیٚنگہ اَکھے چھکے محل خانیچ کینہہ تہٕ توہہ ووچھنہٕ
موہ کھ چھیٹھہ چھیٹھہ کران۔ واریاہ پیٹھہ اَمی شرٕ بیمار تہٕ۔
بادشاہ سیٚندیو خاص کنیزو منز چھ اَکھ کنیز وتھرنس
سیٹھو لاریمژ۔ محل خانکو زٹھو لاشرٹھ آے مبارک چھُس
بے بادشاہ سیٚندِ حکمہ موجوب توہہ ہیہنس سٚتی دواہ نہٕ
موہ کھ سوزمُت یُس توہہ معتمد الدولہ صاحبن اوسو
دِیُتمُت۔ سہ دِی توٚ میٚ تہٕ بہٕ نیرہا پوٚت کھور واپس"
انگریز حکیم۔ (سوچاہ کرِتھ) بیمار وُچھنہٕ کرِنہٕ وداے
چھنہٕ سٚے دواہ دِنس عادتھے، ہکیا زِ بنان چھ

یتھہٕ پٲٹھۍ داواہ بیمارس فائید بدلہٕ آزار ہے
ہرگاہ تٔس کنیز میون دوا کھینہٕ ورأے کانٛہہ
تہٕ چارٕ آسہِ، تٔمۍ ستہِ نتہٕ سۭتۍ بیملہٕ بٕ گژھہ
سۭتھ وُچھن۔

بٕ : کنیز وُچھنہٕ ژٕ ہٹو توٚہۍ کیتھے۔ سو چھےٚ مُشکل
کتھ حضرت۔ ایرانس منٛز چھ زنانن صرف
ہنٛدیٚ سٕنی پٲٹھۍ ہیکان وُچھتھ۔ وون گو
بیملہٕ کانٛہہ حکیم اَنیٚن تٔمۍ نہ ضرورت ہنٛہہ
تیٚلہٕ چھُ حکیمس نیٚبضے یوت وُچھن تہٕ تس
سُتہ چھُس وُچھن پرٛدٕ تٔلۍ۔

انگریز حکیم : دود زانہٕ ہو کتھ چھُنہ نبضے یوت پیوان
وُچھن، بیمارس منٛز زیوٚ تہٕ چھےٚ وُچھن پیوان۔

بٕ : زیوٚ چھ یٚیتہٕ خال خالے ہاوان۔ تکیا زیٚیتہٕ چھ
دُیان بیملہٕ بیمارس میاد دود آسہِ، تتھ کیا
چھُ زیوٚ ہاونس سیتھ۔ یہ ہیکہٕ نہٕ حضرت بُنِتھے
زانٛہہ ز بادشاہ سُنٛد محل خانہٕ کیس کانٛسہ تہٕ
فرد بشرس، اَدٕ سہ آسہِ تٔن لانٛہہ ژھے، کیٛاہ
وُچھو توٚہۍ زیوٚ۔ انگریزس زیوٚ ہاوِنہٕ کھوتہٕ
زانہٕ سہ زیوٚ ژٹنٕ بہتر۔

انگریز حکیم : اَدٕ سہ خٲر، ژٕ نہٕ دواہ، مگر ہرگاہ تٔس
یٚیمہٕ سیتھ کانٛہہ آزار واتی، یِنہٕ بیگاہ میٚتے
مٕنٛڈ کھالن، بنان چھُ آرامہٕ بدلہٕ واتس
تکلیفے؟

وارِ ہیٚکس کالس پٔرُم اَمس ز ہرگاہ نہٕ کنیز
کانٛہہ فرق گژھہ، ژےٚ بیٚہہ کھینہٕ نہٕ کانٛہہ چھُہ تہٕ
بیملہٕ اَمس پانس بوٚنٹھ تہٕ اَد ہٕشر ووُن بُہر ہٕد انش
یوت اکھ بوٚڈ صوٚندقاہ یُس دٕ ہتو سیتھ بٔرِتھ اوس
اَمہ منٛز گٔنٛڈن سفید چھٚیکہٕ رٔژھ ہنا اکھ تہٕ ہیٚے لاون
ژھوچہ ہنٛز گوجہ سیتھ تہٕ بنوون اتھ پھوٚل ہیو۔ کاغذ
ہٕنٛزٕ منٛز وٲلِتھ کوٚر تٔمۍ حوالہ تہٕ سیتۍ ہیچھنووُنس
کھینک طریقہ تہٕ۔ اَتھ منٛز ہیٚلہٕ نہٕ مےٚ کانٛہہ سہ
بوزنےٚ آو، مٔے دوٚپُس: "حکیم صاب! مختصر تہٕ
چھکو ہو داصا بنٛز دٔرہے یہ کیا صرف دواہ چھُ تہٕ اتھ
کیاہ خاصیتھ چھےٚ؟" اَمۍ ووٚن مےٚ کانٛہہ کلہٕ ورٲے
سیٚٹھا شُدی پٲٹھۍ جواب، تہٕ نہٕ ایران کین حکیمن
ہنٛدی پٲٹھۍ ونہٕ ہیم یِتھے پرٛتھ ہشہٕ تہٕ اَتی ٹھیکہٕ ہیم
پننین ووستادن یان ز بقراط، جالینوس، تہٕ ابوعلی
سینا سُنٛد بخر تہٕ طبابت، تہٕ پہ کہیس۔ ژھوٚٹ تہٕ
صاف جواباہ دوٚنم سہ یُس مےٚ سہل پٲٹھۍ فکرِ توٚر۔
پانٛہ مےٚ ہمس حکیمہٕ سُنٛد چیز مو چھُ منٛز روٚٹ
بٕ ووٚتھس تہٕ دٕراس آسان تہٕ گٔنٛڈان۔ نالہٕ ہنٛدی
کراہ پلوٚ کیاہ ژھینم کڈتھ تہٕ لاگم ییٚنہ پلوٚ نالی پانہ
پتہٕ ہٕشیوم توٚتہ دود لاگنک سٕنز کرن، یُتھ حکیمس
میانہٕ اَمہ کامہ ہٕنٛز قدر بوزنی تگہ ہے۔ دوٚپم توٚر
وأتتھ کیٛاہ پانس سہ حسب حال زنہ مےٚ چھُ ربہ
لاگرتہٕ خلیلہٕ کھیمتو چھُ۔

حکیمس نش وٲتتھ چھُس بہٕ پرٛیٚتھ کانٛہہ کتھ
کرنہٕ وزٕ ڈٲکس، بُتھس تہٕ بمَن ذرہ تہ گیٚنہٕ کھٲلی
کھٲلی تژھہ ژھرٕ ژھرٕٹ ہاوان تہٕ پانس قوٛتجہٕ لدن
ہٮ۪نز ہیش باتھ کران ز اَحمق صاحبس اوس کُنہٕ ہیوٗ
دِل گُلو گُلو گژھان۔ دپان چھُم "تلہٕ سہ بلاے ژھن
اَتھ دوٚہہ ہمن۔ ژہیٚ پچھے خوداے ہٕنز ذریعے، ہماسنبال
پان۔ ژٕ ییٚے چھُے بدیلے حالا گومُت۔ کرکھتار ژھاراٹ
دپو فرق گژھی؟"

بہٕ چھُس ژھرٕ ژھرٕٹ کرٲنی اَمس وَنان
"حکیم صاحبا! یتھ پاٹھو مےٚ تٕہندٕ وَنُن مون پیٚتھے
پاٹھو چھُوتوہہ تہٕ میون چارٕ کرُن۔" سہ اوس ییٚنہٕ
جارٕ دپان نالو وَسہ ناٹنگاہ تہٕ یہ دوا پھول گوٗژھم
مُفتیٚسے منز ینُن، بہٕ تہٕ اوسُس ییٚنہٕ جارٕ پیٚتھے نہ دِلس
پدیتھ کھہرنہٕ کھوتمُت۔ آخر وانٲوُمس کتھ ز زارٕ
پارٕ سیٹھی اندی نہٕ گیٚنہ، یتھ گژھن ہارٕ آسنہ۔ ییٚلہ
مےٚ فکر تۆر ز یار چھُنہٕ کُھلان، مےٚ وونُس وٲیتھ
زہرگاہ نہٕ ہارٕ دکھ، بہٕ نیٚنگلاوِے تیٚلہ پھول کینٛژھا
پادشاہ سند پژھہ کٲر کرنہٕ کرٕ کانہہ تہٕ کینٛژھا دوا
پھول وُچھنہٕ کرٕ شوق نزمیو حکیم تہٕ پلہٕ ناوُم اَکھ
اَشرفی جَل جَل۔ کٲنسہ تہٕ عاشقن آسہ نہٕ پننس
ماشوقس سمکھنہٕ موکھ تیٚتھہ زارٕ پارٕ کوٚرمُت،
یُتھ اَمی یہ دوا پھول ہیٚنہ موکھ مےٚ کوٚر۔ تہٕ کٲنسہ ماشوقن
آسن نہٕ تیتھی نخرٕ کٔری میٚتھو یا تژھہ لاپروٲہی ہاوِمژ

یُس سہ مےٚ اَمہ وِزِ ہاو۔ دپیوم ہیٚییہ لاگہ چانگہ تہٕ ہیمس
بیاکھ اشرفی مگر ییٚلہ اَمی میانہ یلاج موکھ فلوٗس
تہٕ شعتتر تہٕ دوٚستوکر پانہٕ اَنہٕ نوو، مےٚ ترٛٲو پَنُن
دود تہٕ کوٚرمس دواہ پھول حوالہ۔

حکیم چھُ اَتھ دواہ پھولس بڈٕ سرٕ زیتھ وُچھان
تہٕ چھُس اور یور پھران مگر کینٛہہ تہٕ توٚگس نہٕ بوزُن
ز چھُ کیاہ یہ۔ پننہٕ کتھ کریٚن سیٹھا مغز مٲری اَمہ پوٚز
کینٛہہ تہٕ نیوس نہٕ۔ آخر ییٚلہ سخ نہٕ آو، بہٕ ووٚنمس
"حکیم صاحب! مہ تھکراو پننہٕ میٚنگہ۔ انگریز حکمن
بچارن تھوٚو نہٕ مےٚ نش کہیں ژوٗر۔ تمو چھُ یہ پھول
پارس بنوومُت۔"

اَحمق صاحب چھُم اور وَنان۔ "ہنٛہہ! دپان
پارس چھُن بنوومُت۔ اَدٕ کتھ گوٚژھہ بناوُن؟ چانہِ
رکنو چھنا مےٚ خبر سے؟ یہ خبیث ماگالہ پارد کھیاوِ
کھیاوِ سون بیوٕلے ییٚییہ۔ ظاہر ماپھیر یہ سائنس
کارس پھٕکشی تہٕ سائنس یلاج کرنہٕ کیس طریقس،
یُس نہٕ اَمی سندی ماگلی خابس منز تہٕ آسہ وُچھمُت، ماکرناو
یہ پھٹنچھے۔ دوٚپیٚمے ہا حاجیا! ژٕ یٚی چھُنا زانہہ بوزمُت
ز پارُد تہٕ چھُ کانٛہہ دواہ؟ پارُد چھُ سرد، لاگر چھُ
سرد تہٕ حلیلہ تہٕ چھُ سرد ے، اَدٕ سہ وَنیتہ، یخ سیتو
گلیا یخ؟ پارُد کیا ری کڈ لاگہچ تہٕ حلیلن منز سردی
نیبر؟ اَمس خرس چھُنہ وُنہ طبابتچ اَلف بیٚ ییچ تہٕ
خبر۔ خار ہا جیا یہ ہیٚکہ نہٕ بنتھ ز اَسو کیا رووز واچھ

ڈُوٹھ تہٕ گٔنھ بیھِتھ اُسہٕ اَسنہٕ۔

اَمہٕ پتہٕ چھُ ریشِس والاہ والاہ کٔڈان تہٕ تمِس عائشہ بترِس لبکہٕ چھکان تہٕ ناسزاہ وَنان۔ ظاہر تُلِہ میس تہٕ قیامژ تام تھٔپھ ہرگاہ تہٕ پادشاہ سُند ناد واتہٕ ہیس۔ جَل جَل بدلاوِن پلو تہٕ دِلس منز کینژھا ہیم ہیتھ تہٕ کینژھا ودیمیدہٕ ہیتھ دژاو دربارس کُن۔

## ۲۱
## دربارس منز اَنگریز حکیمہ سُند

دَواہ بھَگلیٔنک تجربہٕ کَوناوُنک ؤچھیہ

حکیم اَدٕ دٔہی لوسنس باگی گژھتہٕ ژھانڈ نادِتھ اَنھوونس ئیتہٕ۔ بیچھٕ تہٕ اُمِس نِش ووتُس اُمہٕ کٔڈی اَتہٕ ساری نیبر تہٕ نیونس تہٕ پانس نکھہٕ بِہنٔس تَل چھُم دِیان:" حاجیا! کانہہ وَتھا کڈسہٕ یُتھ تہٕ انگریز حکیم یِیتہٕ دَفاہ گژھِہ۔ ژِٔے لُوزِتھ اَز کیا سپد؟ از اوس سہٕ اَندی پادشاہن ناد دِتھ نیومُت تہٕ اَکِس گانٹس اُمِس تس سیتو کتھ باتھ کرِمژ۔ تِمہٕ کتھ بوزِنہٕ موکھ او سیٔے بہٕ پادشاہن ناد دِتھ نیومُت۔ مےٚ کیا سہٕ چھُ فِکرِ ژران زِ اُمِس انگریز دوٚ ووٚسس چھُ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ پَزِتھ ہرلبنہٕ۔ پادشاہن اوسُس دوٚپمُت مےٚ چھِےٚ کمزوری ہِش باسان۔ شاہ کھالہٕ سیتی چھُم لگان۔ بٔتیہ چھِمہٕ زن ہیکھِہ تہٕ کھین تہٕ چھُم کِہِ نَش ژبان۔ پادشاہ اوس تمِس حرامکو سُندی بڈٕ تاریف

کرِتھ وَنان زِ زیوی یاژ ؤچھنم تہٕ بس، پتہٕ توٚرِس سورُے فِکرِ۔ پادشاہس اوسُن ووٚنمُت زِ توٚہۍ چھِو زیادٕ پتران کران۔ تموک چینہٕ وِزِ چھو سنگ ژامن کران تہٕ غذاہس منز چھو حدٕ رُوس ژوہ کیر، میچھر تہٕ موچھہ دِرتاوان۔ پادشاہن چھُس ترٚین دوہن ہِشز موکلِتھ دِتھ ووٚنمُت زِ میانین ہمن داوِین بیچھٕ کُری زِ تہٕ وارٕ سونچ تہٕ وِزِ پننین حکیمن ہنزن کتابن تہٕ نظر گُذر۔ اَتی بناو ووزِ میانہٕ خاطرِ تِژھ معجوٗنا یمہٕ سیتی مےٚ نوٚو یاوُن ییہ۔ پادشاہ قبلۂ عالمن کٔرۍ مےٚ انگریزن ہندین عادتن تہٕ پہنٚدِ وو وتھنس بہنس بیچھ سٔیٹھا پَژِتھ گاٹہٕ تہٕ صاف لفظن منز اوس مےٚ نِش بوزُن یژھان زِ یِم کیتھ چھِ تہٕ کیاہ چھہ بہٕ تہٕ اوسُس خود اَیِس منگان مےٚ گوٚژھ بیھِتھ موقا بُن۔ اَدٕ مےٚ تہٕ وٚچھِنہٕ پتہٕ بردٕ نھٔڈ کینہہ تہٕ ہیوت مےٚ پادشاہ بوزناوُن زِ " پادشاہ سِندِس نوٗرٕ بَرِس دِل مُبارکس چھِےٚ یہٕ کتھ مُوین اُسہٕ بیٚھِہ زِ یِم انگریز ملعون چھِ پلیٖٹھ تہٕ کافر زٔنکیا زِ یِم چھِنہٕ سائنس پاٗغمبر صاٗبس مانان، تہٕ بٔتیہ چھِ سائنس دینس خنثد کران۔ نِنہٕ وانہٕ چھِ شراب چوان تہٕ سورٕ ماز کھیوان۔ اَتھ چھکھ زنانہٕ شکل تہٕ بٔتیہ چھکھا پتھ خصلتہٕ اَتھ قومس نِش پرزاسہٕ سٔیٹھا دوٗر روزُن تکیازِ یِہُند مطلب (یہٕ زن یموٚ ہندستانس کوٚر) چھُ بٔتین مُلکن پیٹھ فتح لبنہٕ۔ یِم چھِ بادشاہہ میتھ وُڈاوان

تہٕ زیٚتس خارتہٕ ذلیل کران۔ یتھہٕ رۆد یٚہندیٚ یلاج کرٕتھ
ٹکھ ٹلراوِنی۔ مرضن شفا دِنہٕ وول تہٕ اَندرِ میٚن داوِن
ٹلراون وول سُہ بوٗڈ خوداہ رٕچھنو تۄہیہ ہمن بٔدیٚن
ہُند دوا کھینہٕ نِشہ۔ یہُنٛد دواہ چھُ مزاژن ہٕنٛد
خاطرٕ تیتھے موکرٕ تہٕ غلیظ یُتھہٕ یہنٛز سیاست پچھے
(اَمہِ پتہٕ کوڈُم چینٛدِ ہنٛز سُہ دواہ چھوٗل تہٕ پادشاہس
ہاوِتھ چھُس دِیان) یہِ وُچھو، یہ دواہ چھُ موٚٹُ
دواہ تہٕ انگریز چھِ زانان اَمہِ سیٚتی چھُ شفاہ بنان
یہٕنٛدیٚن دِوہن ہنٛز چھُ ھیکنس لایق فقط یارُد تہٕ
بس۔ اَمہِ پتہٕ چھُس یہ دوا چھوٗل مُفرتہٕ، اِذاہ خۄر
آسنس پیٚٹھ۔ تمہ، تمہ کیٚتھ بوز ناوان زٕ پادشاہ گو
غوطن تہٕ کوٗرُن میٚے سیٚتی وعدٕ تہٕ مشورٕ کرٕنہٕ وراٚے
تہٕ اَتھہٕ پیٚٹھ سوچنہٕ وراٚے کھیمہٕ نہٕ ہرگز تہٕ انگریز
حکیمہٕ سُنٛد دواہ تہٕ یمہِ وِز سُہ دواہ ہیٚتھ یور ییہٕ،
بہٕ اَنناوتھ تہٕ تمہِ وِز ناد دِتھ"۔ وہِ نی کیاہ سہ پچھے
حاجیا اَمہِ تہٕ ژھ کامہ کرٕنی زٕ پادشاہ گژھہ نہٕ تس ملعونن
سنٛدِس دوٚہس اَتھہٕ تہٕ لاگُن۔ ہرگاہ پادشاہس اَتھہٕ
منٛز کانٛہہ فایدٕ بوزنہٕ آو، تیٚلہِ کیاہ سہ موٗدُس بہٕ۔ بہٕ
روزنہٕ کُنہ لایق تہٕ میٚے پرٕژھہ نہٕ ہونس تہٕ کانٛہہ۔ یہ
گوژھنہٕ سپدُن۔ بہٕ پچھے خود ایس یتھہٕ ونان، اگر
میٚے یانس یہ دواہ پتیمہ کھیٚون، بہٕ کھیمہ، اَما پوز
پادشاہس دِمہ نہٕ ہرگز تہٕ کھینہٕ۔" آخر کوٚر فیصلہ زٕ
انگریز حکیم سنٛدِ دِوٚہس دِمونہٕ پادشاہ سنٛد کردسو

خاطرٕ سیٚتھے وُچھناونہٕ تہٕ ژھینو اَتھو پیٚٹھ کِتھ۔

پادشاہن نیٚوٗ تریٚیمہ دوٚہہ اَحمق صاحب ناد دِتھ
دواہ وُچھنہٕ موکھہ۔ دواہ پھٔلو وُچھتھ کرٕنو اَمہِ حکیم
خاصن، ہم، ہم اعتراض، ہم ہم سیٚو پرانٛی نس تہٕ بٔدیہ
ونین تمہِ کیٚتھہٕ یمن نہٕ کُنہ ہوٗٹ ادس نہٕ لوٹ ہٕ نہٕ کانٛہہ
سوٗد نہٕ ساد۔ آخر کوٚر پادشاہن مُشخص اَمہِ موکھہ
دربار لاگُن۔

دوٚیمہ دوہ یہ لوگ پادشاہن دربار۔ پادشاہ
اوس پانہٕ تختس پیٚٹھ بِہِتھ۔ معتمد الدولہ، پرملکن
سیٚتی معاملہٕ اَنزراونک وزیر، خزانک زیٚٹھ،
پادشاہ سُنٛد منشی، عرضی پلہٕ ناون والین ہُنٛد
زیٚٹھ، فوجک زیٚٹھ، بادشاہ سنٛدِن طبیبن ہُنٛد
افسر، دربارُک ناظر، بادشاہ سُنٛد حکیم خاص
تہٕ بٔدیہ اورِکی یورِکی اَفسر تہٕ وزیر، یِم سارِی آسو
دربارس منٛز حاضر۔ بادشاہ وۄٹھ وزیر اعظم معتمد
الدولہ صاحبس کُن: "اَمہِ کرٕ، انگریز حکیمس سیٚتی
پننس مزاجس تہٕ اَمہِ کِس ٹلراونس بٔدیہ یلاجس
پیٚٹھ کتھ باتھ۔ گوڈنکہ پھیریلہ سُہ تہٕ ژھ گار
کرِتھ سارِنس وننس پوٚر یاٹھی سنیو، تمو کوٚر عرض
زٕ سون مزاج مبارک چھُ ذرہ ہنا کمزور۔ یہن گومت
تہٕ اَصل وُتہٕ نش ہنا دولمت۔ دوٚیمہ لٹہِ کوٚر تمو
سارِنس خدمتس منٛز عرض زٕ یوٗتس یتھہٕ تیٚن دوہن
سارِیٚے کتابہٕ پرِتھ تہٕ سارِنے انگریز حکیمن ہٕنٛز

راے نظرِ تل اُنِتھ گوس بہٕ قسمہٕ قسمہٕ کین دوٲین منٛز
اکھ معجوٗناہ بناونس منٛز کامیاب۔ یمیُک گھرٕ مزاژن
پیٹھ ووٚکھرِ سے تأثیر تہِ چھُ۔ بادشاہ سُندِس مزاج
مُبارکس واتناوِ یہ دواہ شہ فائید یُس نہٕ کانٛہہ تاوٕیز
یا جود واتناوِتھ ہیٚکہِ۔ اَسہِ پُشرٕ یہ گھرٕ دوار ماہِلہ
پننِس خاص حکیمس یُس اَسہِ نکھہ بہنک یِزتھ
حاصل چھُ یُتھ شہ اَکھ پننہِ کاٹہٕ جار سیتیٚ گھر کاسہ
حکیم صاحب، یُس سون، سانہٕ مُلکک تہٕ سانہٕ زٕیہ تِکے
رُت کانٛچھن دول چھُ، لوٗگ بڈٕ اعتراض کرنہٕ تہٕ تُس
پیوٚ اَتھ منٛز فٕنی۔ تمہٕ ووٚن زِ اَسہِ پیزٕ وُچھن آیا اَسہِ
ہیکو پننٕ یان، اَندرٕ کیو بٕیٚمبرٕ اَکس ووٚپر انسانس
حوالہٕ کرِتھ تہٕ تٔمسٕندِس وٕنِنس تَن بہ رضا روٗزِتھ؟ دوٚیِم
کتھ وٕنن زِ نہ چھُ حرام کھینہٕ سیتیٚ شفا سپدان تہٕ نہ
چھُ پلیٖٹھ چیز دواہ۔ لَیسَ فِی الحرامِ شفاءٌ وَالنجسُ
لَیسَ بِہٖ دواءٌ۔ اَمہِ موجوٗب آسیا نہٕ تھ دوٲہس شفا کینہٕ
نہٕ یتھ دوٲہس تمہٕ انگریز حکیمن پننہِ موکُرِ تہٕ پلیٖٹھ اَتھ
لوٗگمُت چھُ؟ تریٚیم کتھ وٕنن زِ کیاہ پتاہ چھُ زِ اَتھ
دوٲہس منٛز کیاہ آسہٕ نہٕ ایذاہ واتناونک تہٕ مزاژس
کاہِل بناونُک تأثیر۔ یمہٕ سیتیٚ پادشاہ شٕنزٕ بدن
مُبارکہٕ بجا یادِ زَوم گژھہ تہٕ وارہٕ وارہٕ گژھو تَن زِندگی ہُند
مادے ختم؟

اَمہِ پتہٕ چھُ پادشاہ وَنان: "سانٛی مُبارک راے
واتٕ یہ زِ دوا کھینہٕ بدٕ نہٕ ٹھ کرو اَمہِ تعہٕ سیتیٚ مشوٗرٕ

یُتھ تو ہو سارٕی زٕلیتہٕ سپلتھ اَسہِ رُت جواب ووٚنو،
اَوٕ موکھ زِ اَمہِ دوٲہچ نَنہٕ اَسہِ ساٲرٕسے اَصلیٚتھ، چھُ
اَسہِ پانس یہ مبارک خیال پیوان زِ سانٛی سارٕی رُت
کانٛچھن والی نوکر تہٕ سانہٕ دربارٕکی سارٕی ملازِم کھین
کھوژنہٕ ووراے یہ دواہ اَسہِ سیتیٚ سیتیٚ یُتھ زَن
یوٚدوے اَتھ منٛز کانٛہہ خاد آسہِ تہٕ، شہ واتہٕ پرٕتھ کانٛسہ
تہٕ ہرگاہ اَتھ منٛز کانٛہہ شر آسہِ، کانٛسہ اَکس گژھِ نہٕ
مَلالے زٕنکیاز پڑانو چھُ دوٚنمُت اَلبلیّۃُ اِذا عَمَّتْ
طَابَتْ یٕیلہ کانٛہہ بلاے ژھو بارٕ چھیٚر تیٚیلہ چھے
سہل بنان۔ اَمہِ سیتیٚ گژھہ سانٛس دِلِ مُبارکس
تہٕ تسلی۔"

دربارس منٛز یم حاضر اَسی تِمو کوٚر سارِوے
اَمنا تہٕ ووٚنکھُ" بادشاہ سُند کلام چھُ کلامُک بادشاہ"
سارِوے کوٚرُس عرض زِ " اللہ تعالا تھٲوِن پادشاہ
سُند زیوٗٹھ سایہ اَسہِ نوکرَن ہنٛدین کلَن پیٹھ ہمیشہ
پوٚشُون۔ سون کیاہ بیٚنتھ رے چھُ، پننہِ فرمانبرداری
ہاوٕنہٕ موکھ چھےٚ نہٕ اَکھ دواہ چھوٚل کھینچ کھیٚتھے، ہرگاہ
پادشاہ اَسہِ زہرِ ہلال تہٕ زہرِ قاتِل کھینک تہِ حُکم کرَن،
اَسہِ چھُ تتھ حُکمس پیٹھ عمل کرُن فرض۔ تعہ یہ ہوس
حُکمہٕ تہٕ جبرو تہٕ وائس پادشاہ سُندِ طرفہ، پیتیہٕ تہِ تھو
حُکم سپدان تیٚتہٕ چھ کم اَسہِ نوکرن ہنٛدِ خاطرٕ یہ پادشاہ
اَسہِ فرماوُن تہٕ چھُ پیٚزٕ بیٚاتھو اَسہِ پیٹھ حُکم ٹِکیا؛
تعہ یہ چھُ بختیار۔ اَسہِ ہوین تِہنٛدرُت کانٛچھن والین

ہُنٛد حال تہٕ زُو تٔہنٛدِ پن کلس وٕنٛدِتھ تہٕ تٔہنٛزٕ وتہٕ پیٹھ فدا۔ اللہ تعالا پوشِتھ نٲوِن تُہنٛدہ ہر ہمیشہ تہٕ سُہ کرِن تُہنٛدِ پن دُشمنَن خار تہٕ ذلیل"۔

پادشاہن کوٚر اَمہ پَتہٕ پننس خاص خدمتگارس حُکُم زِ تِیٚ اَن اَنٛدرٕ سُہ دَواہ ڈَبہٕ تہٕ دِتُن یہ ڈَبہٕ حکیم خاصس اَتھہٕ تہٕ دوٚپنس زِ "وزیر اعظمہ سنٛدِ پیٹھ گرٕنٛدھ پتہٕ مِنٛزٕ پرٛیٚچھتھ اَکس اَکھ اَکھ پھوٚل دِوان تہٕ پانس برٛونٛہہ کنہٕ آسِتھ نیٛنگلاونہٕ ہاوان"۔

پھلی نیٛنگلاونہٕ پَتہٕ اَنِتھ مُدرٕ شربتھ۔ شربتھ چینہٕ پَتہٕ کَر سارِوے ژھعنہٕ۔ پادشاہ چھُ پرٛیٚچھتھ اَکس بٔچس کُن وُچھان زِ دواہُک تاثیر کیٛتھ روزِ گژھِ۔ رُودی سٲری بُتھ ژکراوِتھ تہٕ دِل موٚلوٚل۔

بیٚیلہٕ سارِنی ڈٕہس دژہ ژُژھا ژُج، پادشاہ بوٚوٚٹھ ہُیٲری پیٲرِ تِمَن مُشران مَنٛڈِ پن سوال پیٚژھنہٕ۔ پرٛیٚچھ کانٛہہ چھُس پننہٕ پننہٕ حسس ہوشہ موجوٗب جواب وَنان۔ اَمہ پَتہٕ ہیٚیژ دوٚہن پننہٕ کام کرٕنۍ۔ خزانک زیٚٹھ بس باگہٕ بوٚرت تہٕ ویٚوٹھ پوٚٹھ موٚہنوا اوس اوس پرٛیٚچھتھ سوالس فقط یی جواب دِوان: "اَہن حَصن! اَہن حَصن! یٲرِ حَصن لَگے! زُو حَصن وَنٛدے اَہن حَصن!"

تس آسہ ہے سفرا تھہٕ تہٕ بلغم بیٚتر اَنٛدرٕ پننے جماہ تُمٹ تہٕ مزاز تہٕ آسہ ہیس اوٚثُل، تِمہ کِنہٕ گو تس جُل اَثر تہٕ ہیوٚتُن بگرُن۔ سارِوے ہیوٚت تسُنٛدِ کُن وُدے گنٛڈِتھ وُچھن۔ اَمہ سیتی بگر یو سُہ زیادے تہٕ ہیٚژن ژھرٕ ژھرٕ ژھرٹھ کرٕنۍ۔ پادشاہ سُنٛد مُنُش اوس تھوٚد تہٕ توٚنکھ تہٕ بُتھ زرد۔ اَمہ پَتہٕ ہیوٚتُن تس عارکھ چھَٹُن تہٕ چھُ پادشاہس کُن عار بَرٕ ژھوٚ اَچھو وُچھان زِنتہٕ وَنان اوسُس سہ

وَنے بو وِلہٕ زٲرِ میانہٕ آغو

لگے یٲرِ مہ مارُم میانہٕ آغو

موٚخصر کوٚر دوٚہن پرٛیٚچھتھ اَکس پننہٕ پننہٕ اَنٛدٕ اَثر تہٕ پرٛیٚچھتھ کانٛسہ کُن وُچھتھ اوس اَسُن یِوان۔ فقط روٗد وزیر اعظمے نیوت ڈٲنجہ۔ گنٛڈِ مزاز کُس سُہ ژھوٚڈ پیٚیر اوس تِمَن سارِنی ہنٛدِ پن بَننس پیٹھ وُٹھو تُل اُسناہ کرٕان تہٕ پانسے سیتی خبر کیاہ وَنان۔

پادشاہن بیٚیلہٕ پننیو اَچھو اَمہ دوٚہ سیٚچ خاطرِ کیٛتھ وُچھو، تِمۍ کوٚر دربار ختم تہٕ دوٚپُن اَحمق صاحبس اَتھہٕ پیٹھ وِہِرٕ ژھنا وٕتھہٕ کینٛہہ لیکھُن تہٕ پانہٕ ژاو اَنٛدر۔ ہیٚتہٕ کرٕس اُمس حکیمس آو اَنگریز حکیمس وان دب کدٕنہٕ موکھ رُت موقا اَتھہ۔ اَمۍ لیچھ تٔہنٛدِ پن اَتھہ دوٚہس پیٹھ تِمہ تِمہ فوٚضوٚل تہٕ بے بُنۍ یاد کینٛہہ زِ اَزماونہٕ کرٕنہٕ ورائے ژاو پادشاہن اَمِچ کتھے تہٕ ہوٚلے مُشرووُن یہ قصہٕ۔ حکیم اوسنہٕ وِہران تہٕ گُنہٕ تہٕ اوس بڈٕ خوش۔ اَتھی خوش آسنس مِنٛزٕ بیٚیلہٕ بہٕ وُچھنس، چھُم سورُے قصہٕ وَنان۔ اَتی دوٚپہم "حاجیا! اَز کیاہ سُہ درائی مٕٹے پننہٕ کام۔ اُمس کافرس اُمس ظاہر خبر زِ یٚیتہٕ چھ سٲری فاطرٕ تہٕ چارٕ گر۔

فِکرِ کیاہ تورمُس اپرانکی کیتھو ووکھ بلاے پتہ آسانہٕ
اوس کُس یہ انگریز زوٚبہِ زِ سأنِس پادشہَس چھِ یہے
دُواہ ؟ مےٚ ہوٚیس حکیمَن ہِنٛدِس حکیمَس وَرأسے تہٕ
شوٗبہٕ ہا یہ یُزٕتھ بیٚیہ کأنٛسہ ؟ اَمِس انگریز کھرٛوٹس
کیاہ شنا اوس ینٛنہٕ جایہِ خیال ؟ زِ چور دواہ پھوٗلاہ سیٚتھہٕ
حالِ حاکِمان گوٚمُت ۔ اَسہِ تِمے اَکھ ینٛنِس مالِین ہِنٛدِ
گَبَر چھُ ۔ یِیٚمہِ کُدلہِ تِمَن کھَرٛش، تِمی کُدلہِ گژھہٕ اَسہِ تہٕ
کھسُن ۔ یِیٚمہِ دوٚہہ سیٚتہِ پرانِین شفا اوس بَنان
تِمی سیٚتی بنہٕ اَسہِ تہٕ ۔ اَسہِ ژھینہٕ لُقمان تہٕ ابو علی سینا
سنٛز طبابتھ ترأوِتھ ؟ یوٚت تام احمق زِنٛدٕ چھُ، توٚت
تام چھےٚ ابو علی سینا سنٛز کتاب قانون اَسہِ سیٚتھا۔
اَمہِ پَتہٕ چھُ مےٚ وَنان زِ ”تہٕ ژھانٛڈ ووٚنی ترٛشہ وکھا
یُتھ یہ انگریز حکیم یِیٚتہِ دَفاہ گژھہٕ تہٕ مےٚ کُریٚزتھ
تہٕ ہُد پادشہَس نِش۔“

## ۲۲

# حاجی بابن حکیم صٲبس سوالہٕ شنگن

## تہٕ حکیم سُنٛد جواب

اوٚت تام اوٚسُس بہٕ حکیمَس سیٚتہِ نوکر تہٕ آنٛگنہِ ہِنٛدِ
خیالہٕ ورأیی پکان ۔ سُتہٕ اوس مےٚ سیٚتہِ دوستانے
وَرتاوان تہٕ توٚے اوٚسُس بہٕ تَس سیٚتہِ ووٚپھان بہان
کھیوان چیوان تہٕ تموک تہٕ چیوان ۔ یوٚدوے تَسٕندِ ین
بأقے معہ ہینوین سیٚتہِ تہٕ یوٗہئے وَرتاو اوسُم اَما پوٚز اَمہِ
اَمہِ تِلہٕ ڈراو نہٕ مےٚ مطلبے ۔ زکیاز مےٚ اَتہٕ سُنہٕ حکیمَس
سیٚتہِ پانہٕ یاد بوزنک خطوٗ نے ناُنہِ گوٚمُت تہٕ اَعیم
اَنہٕ جِ راہی، اَمہِ سیٚتہِ ڈراپہِ مےٚ نہٕ کأم تہٕ نہ ووٚتھم کانٛہ
فأیدٕ ۔ گژِ بتُل اَسہِ مےٚ سوٗے اَکھ اشرفی لادِتھ
یِمہِ تِمی گوٚڈٕ نیٚچھے ڈراہم ۔ سو تہٕ ہیوٚتُن اَمُس یِڈ
وادِ کرِ بنتہٕ ۔ فأدٕ ۔ مےٚ کُر ووٚنی ینٛنہٕ جایہِ خیال زِ
انگریز حکیمَس وان دب کُڈٕنِ کھتہٕ تلہٕ تہٕ اُتھی مٕنز
نِمُس ینٛنہٕ گراو تہٕ کرِتھ ۔ اَمہِ دوٚہہ سہٕ اوس خوشی
تہٕ معہ کُلیوو یہ دوٚہہ تہٕ ۔ دوٚیِمہِ دوٚہہ بیٚیلہِ دربار
پیٚٹھ پھیرتھ آو، بہٕ اوٚننُس نادِتھ تہٕ چھُم دِوان
”اَز ہیٚس کرِ پادشاہن مےٚ سیٚٹھا مہربانی ۔ ہا دنٕ
موجوٗب شُن گأنٛٹھن شنگ مرمرکِس تلاوِس نِش
نَنہٕ وورُسے ووٚنی تھاوِنہٕ بدلہِ تھوٚوُنس بہٕ از دوٚنی
گأنٛٹھن ووٚنی ۔ کوتاہ رُت تہٕ جان پادشاہ چھُ ۔ بہٕ
چھُس دِوان ینٛنِس تختن ہِنٛد کوتاہ رُت خیال
چھُس، کأتاہ قدر چھُ کران اَسہِ تہٕ کیتہٕ پأٹھ چھُ
رچھان ۔ سو کتہٕ اَنہٕ بہٕ زیوٚ نہٕ اَمی سنٛز شکر گذأری تہٕ
ثناخأنی کرِ ۔ انگریز حکیمَس دوٚپُن از شیخ بدرِ تہٕ حیانہٕ
عقلہٕ تہٕ ہیانہٕ بجر کی کُرن بڈٕ تأریف تہٕ دوٚپنم ”سہ
انگریز شوٗبی نہٕ ژئے کھوٚد بانہٕ لاگنُس تہٕ“ اَمہِ پَتہٕ دِتُن
ینِس خاص فراشَس حکم زِ سأنی یأزن یم زِ گوٚکشکار
رٕچھ کرِ ہتھ، تم دِیمس ینانہِ سانہِ طرفہٕ ۔“ گیہ کیتاہ
پادشاہ میاہ، اللہ تعالا یوشہِ ناوِ نُس!“

مےٚ دوٚپُس۔ "ہتہٕ شخص، گوٚ ژھنا پادشاہ یہ وَنُن۔ رتھوٚ ہے پوٚز فرمود۔ چھُ کُس شخص از ایرانس مَنز ژےٚ میوٚ بٹا اَکھ۔ بس چھُکھ ژےٚ اکھ تن واٚجہ ساٚری سے مُلکس منز بَہلہٕ پایک حکیم۔ بادشاہ کوتاہ قسمتہٕ وول چھُ یُس ژےٚ میوٚ غیبی خزانہٕ اکھ آمُت چھُ۔ یہ شخص تس انگریز حکیمس نچاٚرِس خرکشُن یوان زِ ژےٚ بروٚنٹھ کنہٕ چھُ لاف دِوان۔ بہٕ پرٚھُس دَپان ہرگاہ کاٚنسہ عقل تہٕ شٲمِل چھےٚ، سہ چھےٚ بس احمق صاٚبس۔ ہرگاہ کاٚنہہ جار تہٕ داناٲیی چھےٚ کاٚنسہ سو چھےٚ فقط احمق صاٚبس تہٕ ہرگاہ کاٚنہہ تجربہٕ وول تہٕ نظر وول چھُ سُہ چھُ بس احمق صاٚب، بیٚیہ نہٕ کاٚنہہ۔"

یہ بوٗزِتھ کھوٚت حکیم صاٚبس شیخ بوٗش تہٕ چھُ گوٚمُت ژھَن وَراہ وَراہ تہٕ ریٚشِس پھشاہ پھشاہ دِوان: جِبیر ژاٚدِن اَمہِ شخصَن تہٕ پلہٕ ناوِن مےٚ کُن اَمہِ پتہٕ دوٚپمس: "مےٚ شخص چھےٚ وۄمید زِ پننِس پیٚمِس نوکرس تہٕ واتناوِو توٚہی پننہ بجروک کاٚنہہ فاٲیدٕ مےٚ تہٕ گوٚ ژھ کینہہ نتہٕ کینہہ لاڑُن۔ مگر ہتہٕ شخص وَنان کیاہ چھُس بہٕ؟ یہ گوٚ میون بَلی دَخل دِتُن۔ بہٕ کیا لَو؟ بہٕ نےٚ چھُسنہٕ سہ میٚترٕ نیِیہ لوٗشہ منجہ تلہٕ کنہ روزنہٕ سیٚتھ مُشکدار چھےٚ گژھان؟"

حکیم: ژٕ کیٚشا سہ چھُکھ یہ وَنان؟ ژٕ ما چھُکھ موٚت؟ یہ کرشِہ کنہٕ چھُکھ ژٕ کران؟ ژٕ کیاہ زِ بوٚیت لو ژٕ رٕٹھوان؟

بہٕ: ہرگاہ تُہنٛد اجازت آسیم، بہٕ وَنہٕ ہا توٚہہ قصا اکھ تہٕ توٚہہ تگہ ہےٚ پانےٚ بوزُن۔

حکیم: تلہٕ سہ وَن۔

بہٕ: یہ شخص اوس ہیوٗناہ اکھ مگر وۄہ نچنہٕ بہننہٕ رکنہٕ اوس زِر زِر رامہٕ ہیوٗن۔ اَمہِ سعہ کھ رلوو رامہٕ ہونیو پانس سیٚتھ تہٕ چھُ پننےٚ سیٚتھ زوٗنا بان کھسوان ہیوٗان تہٕ جب بیتر مارنس منزٕ اوس تیمَن اَکھ روٗٹ کران۔ یہ رامہٕ ہوٗنی کرِ ہمن تی اوس پتہٕ کران تہٕ تُہندی اَمِس عادت تہٕ لار یمیتھ۔ مگر ہیاٚری اوس ہونِمن سیٚتھ تہٕ سوبٹھ ٹھوٚکھ تہٕ تُہنٛز کُنہ کامہ تہٕ اوسنہٕ پیٚٹھ دِوان۔ یِمَن ہونِمن ہیٚشوتُن اَمِس بیٚٹھ شک گژھن تہٕ تیمَن لاگ پتاہ زِ اَمِس چھُ رامہٕ ہونِمن سیٚتھ یارانہٕ تہٕ اکھےٚ چھُکھ کامہ کوچہِ منز پلزان تہٕ۔ یِپاٚری گوٚ رامہٕ ہونِمن تہٕ شک زِ یہ ہا چھُ پننِس بایِن سیٚتھ واٚٹھتھ۔ چھُ تلہٕ یہ آخر ہوٗنےٚ تہٕ اَمہِ سیٚتھ چھُ فند فریب وَرتاوان، لہٰذا اکھ دموس تہٕ اَسہِ ووہ نی یور پتےٚ۔ یہ ژھنون اَمہِ پننہ قبیلہٕ منز کَڈِتھ تہٕ اَمِس مردود سیٚتھ روزنہٕ اَمہِ کاٚنہہ ہیٚشوٗن دِنےٚ۔ مختصر سَپُد تہٕ یی، سُہ نچوٚر نہٕ گوٚ اورٕ تہٕ نہ یورٕ۔ تس گیہ پردِنہٕ ناو، یمَن دوہ شونی جماٚژن منز باگ

گو اتھ منز سۄ خار۔ آخر ییلہ یہ شیخ تلفس
تل آو تہ رۄدس نہ کانہہ تہ طاقتاہ، اُمی کوٚر
قطعی فیصلہ زِ یا تہ بنہ یہ پوٚختہ ہوٚن نتہ بنہ
رامہ ہوٚن یتھ اکی ساتہ ییمہ عذابہ نِلہ موکلہ
یہ کیا حقص چھسے پوٚہنے ہوٚن۔ وچھ حقص تۄہۍ چھو
مےٚ نی آگہ، آگہ اسمہ چھے دِیتو تو ہیہ مےٚ
نوکرس پانس سیتۍ وۄنہ تھنس بیہنس کھینس
چینس تہ پانس برونٹھ کنہ نموک ومۄک
چینس اجازت۔ وقتس پیٹھ چھو تۄہۍ مےٚ
مشوٗرہ تہ ہیوان نہ تِہندین یارن دوستن سیتۍ
تہ چھس وۄنہ تھان بہان۔ اماپوز حاصل نہ
کینہہ۔ آخر چھسہ حقص یہ بیین نوکرن ہندہ
پاٹھو نوکرے کتہ بیٹھہ کینہہ؟ وۄنہ نی اگر تۄہۍ
مےٚ سیتۍ پوٚہنے پانیار ہیو چھو درتاوان،
فائدہ؟ مےٚ چھنہ حقدار تہ مقرر تہ چھس
ارمینیا کمین بیچھ وینن ہندہ پاٹھو ییتہ
نہ خار تہ تتہ تہ۔ وۄنہ نی حقص چھم عرضی زِ
ہرگاہ کانہہ کاگاہ کاراہ مےٚ منٛز تھوو موہر
یتھ زن حقدار تہ زِ دیتھ روز ہمیشہ یہ موکلہ
اکی ساتہ فکرِ نش۔"

حکیم: (بڈ) تہ کیتھ پاٹھو روزی زِ تس حقدار
زِ دیتھ؟ یہ تے زانتہ کانسہ موہنوس
حقدار دنے۔ زِ کیا چھم یہ وَنان؟ میانین
موہنوٚ رین منٛز مصیبتہ تہ چھسے بیمار نہ پیٹھ
زِ تس تہ ہے کینہہ تھپہ تھوسہ تمتِ نیش لاران
آسی، اد خوشی سان آسکھ ہیوان۔ مےٚ کیتھ
رۄدکھ یتہ؟ موہنوک چھہ پییتہ ژھیوٹ دیوٹھ
کھیوانے آسان، زِ تس کمہ رُتی اوسہ؟ ژیتہ آستہ
کھیوان ییمی سے کینہہ اوسہ۔ ییمہ عیبس پیٹھ
چھسکھ پرسچھ عیبس ہند پوشاکھ سوان،
اد، وۄنہ نی کوسہ کتھ چھے، زِ تس تہ آسے
ہیوان۔ وۄنہ نی کیا دِمے امہ کھوت؟ وۄنہ نی گو
زِ تس چھے گوہ نہ ہۄ میانہ کھینہ منٛز وۄنہ گس
پیوان، تتھ کیاہ کرے یہ، گرٕ ہیتہ تیلہ لگیتہ
تپالہ کوتہ چھے گرٕ ھن۔

اُتھی منٛز بیو بادشاہ سُند فراش مجماہ اکھ مسیتہ
وائتھ تہ اوسہ منز اسی پادشاہ سِندِ پازِ سُند
دُسی شکار کرِ ہیتو زِ کیو تہ پسے تھوٚن بڈِ احترامہ
سان حکیم صابس برونٹھ کنہ۔ حکیم صاب وۄنہ تھود
مجمہ روٚٹن کلس پیٹھ تہ چھ وَنان " پادشاہ سُند
خانہ اسن آباد۔ اللہ تعالیٰ دِین سائنس پادشاہس
زِ پیٹھ وُمر تہ تِہنز سنتہ پوشہ ناوِن۔"

وۄنہ نی اوسس فراشس پتہ نامہ دِتن۔ گوڈ
سۆزِنس پانٛژھہ قران بڈٕ لولہ سان۔ فراشن سوزس
نخر کرِتھ واپس۔ پتہ سوزنس ژکھ سان بیاکھ تومان۔
فراشن تہ سوزس ژکھ سانے واپس زِ مےٚ چھے

پانژھ توٗمان ژٹنس ہال۔ مو خصر یوٚت تام نہٕ تتھ پانژھ تومان پیچھ تیتھ ہیتھ نس، توٚت تام ڈراس نہٕ قدمس نیبر۔ یہ چیٖشٹھ بینہ سپتھ گیہ حکیمس پادشاہ سندی ساری ایحسان مُشِتھ سپدِتھ گیہ تم دُعا یہ خاطرٕ زِ کہ لہ یم اُمہ پادشاہس کرِ ہیتھ اُسہ سخت ژکھ کھٹر اُچھ وچھن تہٕ مُژرہ ووٚن اُس، چھُ پادشاہس اکھ اکھ لیکھہ ژاران زِ اگر پادشاہ سندین کنن تمہٕ لیکہ وا تہٕ یمن زندٕ سے والہ ہیٚس مسلہٕ۔ دیان اوس۔ ہوٗنہہ! سو چھ چھُم، کیاسہ سو چھ چھُم کران؟ لجہ نس اَتھ سو چھ کرنس۔ نار لگوتن یچھس سو چھ کرنس۔ اسہ ہوین مسکینن چھُ پیوان، یمن ژوچھ ژوٚرن ٹھیلن تہٕ بے حسیہ ہن اکھ زارہ پارہ کرن تہٕ بیٖیہ پوٚر پوٚر چیشِد بَرُن۔ بادشاہ سندین نوکرن ہُند تنخاہ چھُ پیوان اسہ دِین۔ یہ چھُ تاوناہ اکھ ساینہ خاطر! دِموکھنے تہٕ ہرگاہ کانہہ یہندین چوبن تَل لگہ (کیاہ پتاہ چھُ بُہٕ تہٕ ماگہ کُنہ دوہ یہ) زندٕ سے والنس پوس تہٕ مالِس تانی بِرنس میٚرِ۔ یِس تہٕ یمن تِہندس کینژھہ ژاردِتس چھ گوہ کھٹیا وان یم تاون زد۔ دٕہن پوٚنسن چھُ آسان چیز، سُہ اننس گژھنکھ پانژھ ڈبل بینامہ آسنہٕ پادشاہ شُند سو چھ چھا گوہ ڈ پوشہ وٗن آسان۔ اَدٕ چھا! شعدی صابن اُکھیتھے ووٚنمُت زِ "شُرین ہاہنز مودِ یہ آواز تہٕ پادشاہ شِنز یارزِ بیچھ گژھ نہٕ ایتبار ہے کرُن۔ جوان گژھینہ سپتھ چھُ آواز تگیر گرٕھان"، تہٕ تمی شِنز یارز چھتے نیا لکھی پاٹھی بِدلان بیچھا کینژھہ ووٚنُن تہٕ بَڈ سِخ تنیوو۔ آخر ہمیوو رژھا تہٕ پیوس فراشن ہِند تلہ پتھ شلقچھ دِگہ ہُنِد خیال تہٕ تمہ سپتھ ژوٚلُس یمن پانژن تومانن ہُند اُسُس ٹیٖچھر تہٕ ظاہر مَنِد ریوس اُس۔

منٚز دوٚپ دوہ نی چھُنہ جان میون اُمس دُنی کین کینژھہ وَنُن۔ منٚز ژُٹھ مہوار یچ کیچھے۔ دوہ نی یہ منٚز کرُن اوس تہٕ کرہا ہیٚیان زِ بُہ ژاوُن یہ وقتنک لُقمان اُتی تہٕ فلحال نہ زٕلہ ہونمِن سپتر تہٕ نہ رامہ ہیتونینے سپتھ۔

## ٢٢

# حاجی بابن پانس بیچھ بیزار گژھن

تہٕ بیکار آسو پتھے نِشُند عشقس منز پھسُن
حالس اوسُس بیزار تہٕ بُجھ تہٕ اوسُم مُذم

دُمے بوزنہ پوان کیاہ آسین میانہ حقہٕ لیٖو کھمت تہٕ چھُس راتس دوہس بیکاری مژوچ گُذاران۔ حکیم بننس تہٕ طبابتس کُن اد شُمینہ دِلے کران۔ یہ اُسم خبر زِ اَتھ کارس گژھینہ لیا قتاہ کینژھہ آسنی تہٕ واریاہ مُڈ اُسو اَمہ چی ژوٹ کھیوان۔ ہینز کنز ادسم احمق صاب سخ زور کران مگر منٚز ووٚنتھ نہٕ نشُند وَنُن ہرگز تہٕ ہِنڈ۔ بُہ اوسُس فقط یی آسان سوچان زِ جان سَبا گوژھم بنُن یَتہٕ گیوو سوڑے اُمو سے

بۄ ژِ لہ ہاپا مگر ہیٚنگ تہٕ مشنگہ سیٚد تیٚنٛہٕ قصایہ تمہ منٛز تالہ
بییٚہ کھوٚنہٕ نیٚرتن تانی خبر کرِ تہٕ منٛز پیو فایدہٕ آسِنہٕ
رکنو تہٕ حکیم سیٚندِ یہ گرٕس منٛز روزُن۔ اَمہ قصیہ پتہ
موٗش منٛز سورُے تہٕ یم خیال تہٕ باغ ہٕ سوچان اوسُس
رتم آے ماری نیٚہناو تہٕ تیٚہنٛد پاتھی ژٕن منٛز پتہٕ یان
تہٕ اَتھہ سیٚتہ رود۔ منٛز آد تیٚنٛہ مژراہ ژٕن مجنوٗن منٛز
ژالُھ شوٗبہٕ ہے۔ دوٚنی کیاہ چھُم لیٚت ژِ نہ عرض کرُن
زِ بہٕ سیٚدُس عاشق۔

سونٛتھ اوس ڈرامت تہٕ گرمکھ دوہ اُسن
ہیٚنٛتھ ہتہ پھیرِ نی۔ تِکہ اُسہ کالچین باگو پتن پیٚٹھ
شونگنہٕ کھسان۔ منٛز اوس بتہ میٚس کھُٹُس منٛز ڈاز
معہ ہنوین تہٕ نوکرن نیش شمہ نگن کھران تہٕ بہٕ تہٕ کھوتُس
پنُن سورُے ڈرن وکھرُن ہیٚہتھ ہیٚوُر تیٚشس پیٚٹھ
شونگنہٕ۔ اَتہٕ پیٚٹھ اُس حکیم سیٚندِس محل خانس پیٚٹھ
سیٚوُد نظر۔ محل خانہٕ کیٚس باغس ژِ چھُم گولاب تہٕ گلالہٕ
پھٕلی متہ تہٕ اَندی وُچھم بونہٕ تہٕ پھرِ تیٚس دِیتھ محل
خانہٕ چہ ورو سمی تہٕ پنجرٕ اُسہ باغس کُن تہٕ منٛز باگ اُسس
چوکہ ہنا اکھ پیٚتھ پیٚٹھ شیخ گرمہ کیت دوہ ہیٚن زنانہٕ وتھرِ نی
پلوہنا ژراوِتھ بیہان کرٕان آسہ۔ حکیم سیٚندِس اَنگنس
منٛز کنیہ منٛز زنانہٕ جماعتاہ اکھ نظر ہیٚکہ یمو منٛز کھُرمہ نہٕ
کانٛہہ تہٕ مار۔ منٛز تہٕ گوٚ نہٕ پیٚنٛد دِلس ظعو ناہ تہٕ نہ ژٕ تم
پیٚمن کُن وُچھنس تو جھپہ تکیا نہٕ یانی پیمن کُن کانٛہہ
وُچھ ہے، اَدِ تہ یہ ہن نہٕ پیہ اُچھ، بہٕ یتھ پیہ ہیسکہ تہٕ

گرنہ ہیٚن دوران۔

اکہ دوہ ہیو گیٚیہ کامہ زِ دوہ لوسنہٕ پتہٕ چھُس
بۄ وتھرُن ژراوان منٛز پیٚٹھہ پنٛچہ برنہٕ ہیٚنٛز کھرِ پیٚہ
رکھو اَندر تیٚشہ چوکہ کُن نظر۔ اَتھن ژِ چھُم کوہ ہنا
اکہ تماکو ژِ تھر ہیٚو کھناوِنی ژراوان۔ لاجوری رنگ
پوٚشہ اُسس دوہ ڈِ اُبر کھُسنہ۔ یانی کلہ تھوٚوتلن مس
لنگ تہٕ گاس بجھتھ کنز الانٛدی اَماپوز جھُس روزس
تیٚمہ چاپہٕ ہنن نشہ پیٚتھہ کُن نظر کرُتھ میانی داینچ ھتہ
زیٚن۔ بۄ چھُس اُمس ہیٚبہ پیٚٹھ بوت تانی نظراہ کران۔
وُچھان چھُس زِ ع

بدست قدرت ازاں خوب تر نہ شاید دوخت
قبای لطف ببالای صورت بشری

ڈول وُچھس شوٗبہٕ دُن تہٕ پریتھ کانٛہہ تان اُمو شد
اوس شکلہ تہٕ ہاوُن باوُن لایق۔ اُتھ رنگو میو اَتھ
کھوٚرِ اُمس نادِلہ تہٕ
... ... ... ... ...
... ... ... ... ... ...
... ... ... ... ... لوٗبہٕ
ونی۔ وُچھتہٕ ژندہ اُمس اَدِلہ تہٕ موٚد رہو۔ اَچھ آمُس
ہرنہٕ اَچھ تہٕ نظرن منٛز ژن جوداوسُس برِتھ ید
برتھ وُچھناوہ کوٗرمس تیٚوت زِ ع

نہ توشی ماند اندر تن نہ ہوشی ماند اندر سر

نہ آبی ماند بر عارض نہ تابی ماند در پیکر
منٛز تور ژاسہ ٹھکھا۔ اَمہ وُچھہ منٛز کُن پیتھ کالس

وونئي ۾ ٻڌ ٿڌڙ ٿيو هو، تنهن ڪري ڪالهه وڃڻ اُمو
سُنڌ اُکتا ٻچو پاڻهو ٽڪي ٽڪي ڪرون ٻڌ ٿپيڪ پاڻهو
ييمه ڪنو ـــ

از ڪمانِ ابرويش تيري بجست
راست آمد بر دلم، تا بر نشست

اُمه ٽڙائو ٻُجهس بيهڙ پوڙهي ۾ ٿوڙون سي ٻُجهه ٿيا ها
مگر پوڙهي هُئند اُکه ڪون ٿوڙون اُکڻ پيه ۾ اِئين
ظاهر ٿي ٽاري ۾ ميانه وزنگ تماشه وڃڻ پيا ها.
پيئله اُمه وڃه ز يه ناڇڻي سي ورا آهي بيئيه ڪُنه ڪن
وڃان، پنهنج ڪام ڪار ڪراني ڇم ڏنان: "وو پيرزنا
پيهڙ ڪنو وڃڻ ماچه گهڻاه؟" سي دَيُس "هرگز
ـــ که گفته بر رخ خوبان نظر خطا باشد؟
خطا بود که نه بينند روي زيبا را
ٿي ڇڇي حضرت امام حسين ٿينڊر درهي، ٿي ڇڇي
پينس مائس ماچه هُئند قسم ز ـــ
نظرِ لطف ز حالِ دلِ من باز مگير
الله الله! يمه چيانه چشمه - يم هاڻي نخره ۾ ناز ـــ
که بود بر دل و جان کارگر از خنجر و تير"
۾ ڇم اوره له ۾ له ۾ ڏنان. "ظاهر زانڪي ۾ ٿڙين
۾ وه پير آيا گو؟ مول موج ڇُهمنه، بوسي ڇُهمنه
رون ڇُهمنه ز ٻڌ هاوي. وو پير
مردس ٻڌ هاڙون ڇڻا حرام؟"
اُمه پيئه ٽڙائون اُکڻ وو ڏپيهڙ پوڙهي ٻڌن

پڇڻر ز نته الڪائه پيئيس. پيئيه اُکه لڪه ڪرمس هيئر ڇبن
نظراه ٿرٿه پڙهه پڙهي ـــ
"حيران شدم که تا به چه عضوش کنم نگاه
زيرا که بود اين يک از آن يک بديع تر
ما نا که حسن هر دو جهان آفريده بود
در جزو جزو صورت او واهب الصور
معلوم من نه شد که تنش بود يا حرير
مفهوم من نه شد که لبش بود يا شکر"
اُڇا آسس ڪري ٿيهه ۾ هرنه سنڌي پاڻهو ڏٺيچه. نظر
سيپتو اُمس زو نوان ڪڍٿ ڏن ۾ ٿيمن منز جدا ويشن
اُڇرو ال اُمس زيهٽو ۾ ٻُمه آسه وڃڻ والپن ڪان
لايان. پاڙاونه رو ستي آسه ۾ ٻُمه اُکه اُکس سيتو
ڙلپه ميلپه. سه ڪنس تير چلاوڻ والي سنڌ طاقت
اوس ۾ ٻُمه ڪمان تڪنس. مو خصر اُسي اُو سنڌ بس
پانس تم ساري حقيقت ۾ ايران ڪيڏ گو نماتو پنين
پاٽن منز ويڙهه نادو هيتو ڇه. گلاله، ينبرزل، مرد
شمشاد، مهه، هرنه، سرچه، زنج، طوطو، مور، يم ساري
اُسو تس منز اکه وڏه جماه ڪُتو. هرگاه به اُمس قيامت
تاڻي ۾ وڃڻه روز ها به گرڻهه هانه تونه سير. به اُوشس
وونئي سوچان زيس ۾ اُسه پانه وانئي ٿوڙاه ڇهرۀ
گوڙهه ڪُنه پاڻهو وو ٿڻ ۾ مٿي ميڙ وو بچه برنه پيهڙو
دلمنه ڪهُس زتاني بوزم بڙ ڪر تيکه: "زيئنبي! اهتي زيئنبي"
۾ آئو بوزي ٿي گيه مياڻي ۾ مَدنوار ز نته پيشه پيهڙ بُد

مےٚ گوٚم وۄتھُن ہیٚوٚ تہٕ ہے بۄنگہ روٗزِتھ چھُس اُتی
زٕ خبر چھا ہیٚیہِ ما یِیہِ لۄٹ پھیرِتھ۔ مگر کینٛہہ تہٕ آیہِ نٕہ۔
پینٛنۍ کنٛز روٗدُس اُکۍ سے زنٛگہِ پیٹھ بیٚٹھاران۔ اماپوٚز
فقط گیُم کنَن آوازاہ ترٛٲتھ یِیہٕ ہیٛہ داد بر پرٲرِتھ
سارۍ سے اُس پھیران۔ یہ آواز تہٕ یِم آلو اُسی صاف
نشان حکیم صٲبنہِ گرٛاچھ ہِندی یِوسہ دیم گۄناہ دِنَن
وٲلۍ شہزٕ گرٛدِنہٕ) شیخ رذیلہ تہٕ بد ذات اُس۔ برۄن وُن
زنانہٕ معہ ہنوا ہیٚوٚ بنوومُت تہٕ لَتَن تَل تھووُمُت۔ یہ
سعہ وِزہ ہیٚس تہٕ اوس کران۔ گرٛس، اوس اُمی شُندے
راج۔

یوٚت تام شام گو توٚت تام چھُس اُتی نٕے
ووٚدنی۔ بیسَہتہ گرٛٲھ ہیٚوٚتم وتھرُن ترٛاوُن۔
بٲیہ گوم کنن آلوز "ہتے زینبی! کوتے گٔیکھ؟
ژٕ تے چھےٚ نے شوٗنگن؟" جواب تہٕ بوزم مگر دار توٚرُم
نٕہ فکرِ۔ جواب دِنہٕ واجینۍ بیٚیلہِ بٲیہ تَشُس پیٹھ
وُچھم، اَدٕ توٚرُم فکرِ امہ کیاہ جواب آسِہ وونمُت
نےٚ ہیٚیٚشرُن دِلس دُبرارے گرٛٲھنۍ تہٕ بہ اوسُس
ووٚنی پچھ برٕنہٕ بیٚیٹھو ووٚتھ دِلس تیار زٕ امہ تیج
تمٲکۍ پھوہ تہٕ تُلس پیٹھ تہٕ دراہ۔ نیران نیران چھم لوٚ تہٕ
وَنان۔ "پگاہ کالچِن روٗزی زٕ ییٚتی تھےٚ۔" امہ کھوہ تہٕ
رٕژ کٔتھا اُسم نہٕ زانہہ تہٕ وُمرِ منز کنن گٔمژ۔ امہ کتھہ
ہُندگیس گۄب پھیورُم تانہٕ تانہٕ تہٕ اَندری کنۍ چھُس
پانسے سیٚتۍ اَتھ کتھہ تاُلیم کران۔ پگاہ کالچِن کس
خیالس منز گوس ہٕس تہٕ سُبحُس تام کرُم نٕہ اچھ پٹ ٹیٛٹھ
تہٕ، راتھ راتُس اوسُس ہُشار

عاشقی کار سری نیست کہ بر بالین است

## ٢٤

## حاجٕ بابن زینبہ سمکھُن

تہٕ زینبہ ہُنٛد تھُس محل خانکۍ حال بادُن
سُبحُس ییٚلہِ مےٚ اَچھن مۄژن دِتہٕ مےٚ
پیوٚ ژیٚتس بہٕ چھُس عاشق۔ اَندری کنۍ چھُس
دَپان " بہٕ تہٕ وُچھہ کتہ بیہہ، کتھ تہٕ کتہ ووٚتھ۔ اَز
توٚ گُم بوزُن ماشوق کس چھہ وَنان تہٕ کتھ چھہ آسان۔
اگر تہٕ اُمس فرٲری حکیمہ شہزٕ داے اُس، فکرِ تارس
زٕ داے کتھہ پاٹھۍ گرٛٲھ رٕ چھنۍ۔ ہرگاہ بتیہ کاتھہ
اُس تہٕ نیٚتھرس پیٹھ دٲری واڑٕ، خار تیٚلہ چھےٚ بدل
کتھہ۔ کتھہ تہٕ کیٛا نیٚتھر۔ بٕ لۄنہٕ وُنی کین زنانہٕ ہُنٛد
شلوار تہٕ نیٚتھرچ چھنہٕ دِپیلے۔ یوٚژھہ ہے
خوہ دٲین، نیٚتھر تہٕ کرو مگر پننس وقتس پیٹھ فیلحال
کَڈو حکیم سے تیچھ ژٕ ہتھ دوہ دوہ اَسان
تہٕ گنڈان۔ ییٚلی سوٗچھ ووتھس تہٕ لایُم ڈیکہِ کھوہ تہٕ
زبرِ پکو نالی۔ ستُس دِتُم کنگو، تیلیس گونڈُم شال
تہٕ اَتھ ہیٚتیم گنڈ۔ ٹوپی تھووُم اَچی مینٛگہ۔ وتھرن
ووٚتھُم تہٕ سُہ وو ڈُم بِہن معہ ہنوین ہندِس کھُٹس منز۔
وَرخ گسا ونہٕ معہ کتھہ تھووُم دوہ ہٕس کیٚژ کامہ کرٕنہٕ نٕہ

گوڈ نیتھے گوس حمامس منز شران کرنہ پتھ شامس
بأگی صاف پاک پوزنہ پمہ۔ شران کران کران چھس
کم کم بأتھ گوان۔ أتہ نیر تھ چھس سأری سے دفہ چیں
کوچو تہ بازرو منزی تلی پھیران۔ سیٹھا کرڈ ٹھ گوم
یہ کوہمس یوت دوہ کڈن تہ چھیکرس ووت میون صبر
اندس

## وصلک وعدہ یلہ نزدیک وآتان

### عشقن نار تیلہ تیزان چھے

کن اسم بانگہ کن یتھ کلہ داد کیہ ہیتہ ہیوٗر شوٗنگنہ کھسہ
شہمتنہ کارہ آو أمہ دوہ ہہ حکیم، پادشاہ ہند بیچھ بڑ
ژیر کو۔ أسہ اوس آسان أمی ششد ژھیوٗٹ کھیوان،
أمہ کینہ لوکہ کال کھینس بڑ ورخ۔ تنبک دوہ زجار
اوس موٗ کلیومت تہ کمے کال گژھتھ کھر زون تہ
پنن وتھرون ہیتھ کھوتس بڑ تہ ہیوٗر۔ ہیوٗر وأتی تھے
گوس تچہ برنہ نیش اماپزٕ شیخ ناوہ میہ گوس یلہ
تہ اتہ کانہہ وچھم۔ صرف وچھم تمأکی وٹھر اوی یور
چھکرتھ۔ ژاس تہ کرم مگر نہ پوٗزم سیتھ نہ صداہ۔ أمہ
پتہ گیم یہے کنتھ ہش کنن۔ ظاہر أس حکیم
ہنز زنانہ کیا ہتام ونان بڑ بڑ تہ أمی ہنز پمہ کنتھ آسہ
ژہ پرأٹھتھ اوریور چھکنہ یوان۔ أمہ پتہ بتھر راو
أمہ آواز تہ چھے کرٛیکہ دی دی ونان: "ہتے شیطان
ہنز کوٗری! اویے مألس جہنم۔ جان ہے گو! ژنے
کمی اوسے بچأری وونمت پرژھنے کرنے حمام

گژھن شران کرنہ؟ ژنے کیہے کأم اسہ مل گذارس
بیچھ؟ ظاہر چھس بئے داسے تہ ژ چھکھ مألی کینو
رتیے؟ یکنہ ژ چھکھ داسے تہ بہ چھس مألی کینو؟ یہ
خوش چھے کران پانس تہ چھکھ کران؟ ژنے کہے ز
اسے کأم اڈلیچی تھوٗہرتھ؟ نیری جل جل یپأری
گژھی کأم ژھنی گوڈ موٗ کلأوتھ۔ ہرگاہ بییہ اڈلیچی
وچھے یادتھاوی زہ دایہ ہنز ڈریے کلہ ڈگی ڈگی کڈأے
أچھ موٗلیہ!" أمہ پتہ بوزم چپا تہ، مشتہ تہ ٹھکھالہ
مدنوار میون کھوٗتسے ہیوٗر مگر بچھس اسس
ژکھ تہ ڈرہ پشیان۔ یس وچھنس مے أچھ آسہ
لوہمرژ موٗ زون میأنی کھرژ پتہ کنو۔ أندر ہو کنز چھس
ڈیپاٹ "ہتا عشقہ! بڈ لے ذاتھا چھکھ ژ! تدبیر
کرنس منز چھکھ شیخ تپلنگ تہ فند فریب ورتاوتس
منز چھکھ چالاک۔ وچھتہ یمی میأنی دلبرن کیشاہ رژ
وتھا چھے ژھانڈ ہرنہ مے سمکھنہ موٗ کھ۔ "غأر زن
زینبہ بہ وچھمے، یوت تام تس شرارت پھٹ تہ ہنا
ہمیشہ ہش تہ أتی چھیر مے کن۔ پانے گژھ تھہندہ
زانن زہ مے کیتہ پأٹھی آسہ اُمس نش پان واتنووبت
یمو عشقک پیالہ چومت آسہ، تمے زانن زہ
عشق کرن چھنہ انسانس پانس تانی۔ یہ چھ شہ
ہیراہ یس نہ زیوٗ سیتھ ورژھنا ونے ییہ۔ کمر تانی
گومت چھ وونمت زیو دوے سانہ زندگی ہنز
وینتھ بتوٗن ناگو منز نیران چھے اماپزٕ ییلہ پمہ

چہ خیری بیاید ازان خاندان

کہ بانگِ خروس آید از ماکیان"

اَمہِ پَتہٕ چھُ پادشاہ احمق صابس کُن وَنان۔ "حکیم

صاب اَژ چھکھ حکمتہٕ وول موٗہنیو! تَلہٕ سَہ مےٚ وَنِتہٕ

یہ کیاہ دلیل چھےٚ زِ دُنیہَس منٛز چھہٕ صرف اَسی مُسلمانے

یُتی تِم پموٚ پھنہٕ زنانہٕ گنڈِ رٔچھرِتھ چھےٚ؛ خاص کَرِتھ چھُم

بوٗزُمت چون زِ ژٔھے چھےٚ خاندار نیاہ سیٹھا تابیادار

سیٹھا وَفادار، شریف، اَسہٕ دُنی، گاٹیج، تمیز دار تہٕ بیٚیہ

چھےٚ ژٔھے بڑِ جان پانٛژھ داتان۔"

احمق: تعہٕ یہ ہوس عالمس یارِی کرٕن وٲلس پادشاہ

سُنٛزِ آنیجہِ روٗس مہر بانی تہٕ پنہٕ یتہٕ کینہ چھُ تِہنٛد

یہ خاکسار غولام دوشوٚنی دُنیہٕ ہِنٛزِ خوش

قسمتی ترٕ عافیتس وومید وار سپدُمت۔ یہ چھُس

تِہنٛدین غولامن ہِنٛد غولام۔ میانی گروا جِیٚنہ

چھےٚ تِہنٛزن داین ہِنٛزِ دامے۔ "اَلعبدُ وما فی

یدہٖ کان لمولاہ۔" یہ کینژھا اَکس غولامس نِش

چھُ آسان تہٕ چھُ سورُے تِہنٛدین آغہٕ سُنٛد مال؛

سانہٕ گرکو بانٛژ چھہٕ تِہنٛدِ تَلہٕ پیچ گرد۔ اَسی کم چھُنہٕ

ہرگاہ مےٚ غولامس منٛز کانٛہہ وَصف اَسہٕ تہٕ سَہ

تہٕ چھُم تِہنٛدی برکتہٕ "کُل کلب ببابہٖ نباح"

پرٕ ییتھ کانٛہہ ہوٗن چھُ پننی آنگنہٕ ووران۔ یہ گتہٕ

نگہٕ تعہٕ یہ وَرائے بگنہٕ؛ ہرگاہ مےٚ منٛز کانٛہہ

عاب چھُ سَہ چھُنہٕ تِہنٛدِ ینایتہٕ کینہ عابے روزان

نکیاز سہ

"ہر عیب کہ سلطان بپسند د ہُنراست"

یہ کینژھا پادشاہ قبلہٕ عالمن پننہٕ موختہٕ پرتہٕ

دَہانہٕ سیٹھا فرموو رُوسی زنانن ہیچھ، مےٚ غولامس

تہٕ خاکسارس چھُ تران فکرہٕ زِ انگریزن تہٕ حیوانن

چھُ پانہٕ وٲنی ہشر ہے ہشر۔ مُسلمانن نِش تِہنٛد

دُرسچھ تہٕ دلیل آسُن نَنہٕ یتِمہٕ تَلہٕ زِ حیوانن منٛز

چھہٕ نر تہٕ مادہٕ یکجا روزان۔ انگریزن تہٕ چھہٕ مرد

تہٕ زنانہٕ یکہٕ وَٹے پھیران تھوران۔ حیوان تہٕ چھہٕ

موکُر شوکُر روزان تہٕ انگریز تہٕ۔ حیوان تہٕ چھہٕ

نیماز پران۔ انگریز تہٕ زانٛن نہٕ نیماز پرٕنی۔ حیوان

چھہٕ سورس تہٕ خنٛزیرس سیٹھا دوہ تھان بہان

انگریز تہٕ چھہٕ تِمن رٔچھان کران۔ سوٗرن ہِنٛد

بیول گالنہٕ ماوصنہٕ چھہٕ تِمن منٛز سور رٔچھن وٲلی

تہٕ سوٗرن ہِنٛد معوکھ خاص گٔن آسان۔ ییتھ روزِ

یہِنٛزِ زنانہٕ! سَہ کُش ہوٗن کرِہ زِین۔ یُس یہ ہوٗنہٕ

وُچھِی تھےٚ تس پَتہٕ لار تہٕ پنُن ارمان کڈِنہٕ؟ اَدہٕ

انگریز تہٕ چھہٕ زرِ زرِ تی کران۔ یہِنٛدِس مُلکس

منٛز چھُ مردِ سُنٛد ناو بلی تہٕ فقط ناوِ معوکھ تکیاز

یہِنٛزِ کوٚرے چھےٚ سارِنے ہِنٛزِ کولے آسان۔

ییتھ پانٛژھ سائنس مذہبس منٛز اَکھ مرد واریاہ زنانہٕ

ہیکہِ کرِتھ ییتھےٚ پانٛژھ چھہٕ انگریزن ہِنٛدِس مذہبس

منٛز اَکھ زنانہٕ واریاہ رٔینہٕ کران"

پادشاہ۔ حکیمی چھکھ ؤنان، حکیمأ یہ وونہتھ پوز! اَسہِ دُرأے چھہ سارۍ حیوان۔ اَتھ پیٹھ چھُ حدیث شریف تہِ :

أنَا أفضلُ الانبیاءِ وأُمّتی افضلُ الاُمم

ما و دارُالنّعیم و حُور و قصور

کافران و جحیم و نیرانا

حکیم صاب! یہ کینژھا اَسہِ بوزُمت چھُ، تمہ کنہِ چھکھ ژٕ وٕنی کہ پیٹھے جنتس منز۔ بوزُم ژٕ چھکھ تتیک دُنی یا ہ پیتو ژٕ دیتمت۔ یہ چھا اَسہِ وونی دوہہ بوزنے یوت کینہ اَچھو تہِ وُچھو؟

احمق : یہ چھےٚ تُہندیس مےٚ غُلامہ سٕنز خوش قسمتی زِ اَسمانہ پیٹھو یکہ وٕنی تُہندۍ پاے مُبارک اَژِن میانہ پہِ منز۔ ہرگاہ اَتھ پیٹھ پنُن کلہٕ ہٕ عُرشس تانی تھزِ راوٕ، مےٚ شوبہِ تہِ۔

پادشاہ: زبردست گو! اَسہِ ژٕ چھو کہ پانہٕ پننیو اَچھو پادشاہ ہٕنز نظر چھےٚ برکتہٕ وا جینو نظر آسان۔ ژٕ گژھ تہٕ اَندرٕ خبر زٕ ہرگاہ زنانن منز کانہہ بیمار زنانہ شفا آسہِ کانٕچھان، یا کانہہ واٗزٕ ہرش خاندر آسہِ ژھانڈان، یا کانہہ رُنی ہشد ووندہ منز رٕ بشہ موکلن آسہِ یژھان، سہ ہاوِن پنُن حال پننِس پادشاہس تکیاز پادشاہ سٕنز اَکھ نظر چھےٚ پیمن سارنے دادن دوا۔

اوٗت تام اوس گومات فکرن منز روومت۔ سہ ووتھ تھوود تہِ دوپُن" پادشاہ قبلۂ عالمہ سٕند یہ فرمان چھُ صرف

اَمہ موکھہ زِ پادشاہ چھہ حکیمس پیٹھ بڈٕ مہربان تہِ تَسٕند رُت کانٕچھان۔ ہلس گنڈتھ کمر بسٕند منز گوڈُن کاغذا اَکھ تہِ ہشیوتُن یہ قصیدہ بڈٕ بڈٕ پرُن سہ

یکی است مہرِ مُنوّر سپہر گردون را

بدین دلیل کہ یک شاہ ہست ایران را

حیات و پرورش کائنات و پرتو عیش

بُود مطیع و متابع ہم این و ہم آن را

طبیب! چند ہمی بہ علاج خود نازی؟

نظر نمای شفای نگاہِ سُلطان را

بہ پاد زہر و بہ مشرُود و مومیائی خویش

مناز، ببین نگہ پادشاہ دوران را

حکیم باشی کا! میرزای احمقکا!

کہ نیست چون تو مباہات، ہیچ انسان را

بخانہ داری، ایدر، دوائی ہر دردی

بدار منّت دارالشفای یزدان را

بہل بہ کُنجی بقراط خویش و جالینوس

تُرا خدای فرستادہ ہمچو لُقمان را

نگاہِ شاہ، چو، کی آخرُالدّوا باشد

بگو بہ درد کہ آمادہ باش بحران را

خجستہ بخت حکیمی کہ شد بہ خانۂ او

نہاد مقدم میمون خویش احسان را

برای آنکہ رسد دستِ میرزا احمق

بہ نبض، حق حرکت برنہاد، شریان را

ہمیشہ تاکہ طبیب است میرزا احمق

ہمارہ تاکہ حماقت بود طبیبان را

غذای دشمن او باد بقلۃ الحمقا

خورد چو پیکان خصمش بجان پیستان را

یہ تہ بیید پرتھ وزِ اُمہ سارِنے ہندی کُن اوری کُن

تہ ساری اُمہ بوزان بوزان زن بے خود گامتی۔ بادشاہ

چھ بڈ وَنان: "مرحبا! آفرین! کمہ رژ کتھ، معنی دار

تہ اُدچہ تہ زاوِی چہ کتھ چھتھ یمن باتن منز وَنہ مرژ!

ژ چھکھ تہ تہ شوبکھ تہ ژِے، گو نماتن ہند زِیٹھ!

فردوسی کیاہ لو ژےٹ نش؛ محمود غزنوی چھا مجراہ!

ایلخان صاب تلہ سہ تھوو ووتھ، سانس بیٹھس

گونماتس کرِتہ اُسس میوٹھ تہ بتر کرِ بہ بوکاہ آپراوتس

یمہ چانئہ یتھ موڈر کلامہ نیر تتھ شو بہ شیرینی آپرنی

ایلخانن کور پنن ریشہ لو ہیتھ گونماتس چانٹس

تیتھ زور میوٹھ ز بترس بدل آپروونس پنن ریش تہ بترِ

بوک ژیولنس تیتھ پاٹھو اُسس اندر ز بچارس گونماتس

آو سورُے کلہ تہ ریش بترِ ژِہ سیتو برِتھ۔

نیبرِ کنو اوس صاف ننان ز امہ بترِ سیتو

ٹیٹھیو وُسے سہ بچار۔ بترِ ہیو ژلنہ کنو چھوٹس اُچھو

کنی اوش تہ پرانیو کنو ووتھس ژاپھ دِی دِی بترِ

ماچھر سپنس تانی۔ بڈ حج کھن پننیو کنو تہ پننیو یہ حالتھ

تھون حاضرن نش ژڈیر۔

امہ پتہ کور پادشاہن کوچ کھینک فرمائش۔

# ٢٩

# پادشاہ سُند کوچ کھینک تفصیل

تہ سہ قصہ یتھ کنہ ہاج بابس منزس ہمی گیہ

پادشاہ سُندس کھینہ کس کُنٹس منز اُسہ خانی سانو

وراُے حرف ترٹے شہزادہ تہ بس۔ شہزادہ اُسہ پادشاہس

نش دور، ہتھ لیہ کُن کرِتھ، شمشیر کو ہٹن پیٹھ رٹتھ

تہ ژاپہ کو ہتھ کرِتھ بہتھ۔ احمق صاب اوس کھوربانن

منز جایہ ووونی روزتھ حکمس پیاران۔ پادشاہ سُند

ذاتی خدمتگار ژاو تہ ترووُن زری دار کاشر شالک

دسترخان۔ پادشاہن پیٹھ ردو اتھ تہ مرژ اوکھ کھینہ

بانن ٹھانڈ ہم سعہ لہر منز بے مہر کرِتھ سوزنہ آمتی اُسی۔

یتھ نہ یمن کانہہ زہر رلاو۔ ٹرینہ ووز اُس وازہ سارِے

ووستادِل ور ناوِ مرژ۔ پرِتھ کنہ قسمک پلاو اوسکھ

رونمت۔ زعفران پلاو، رزماہ پلاو، مسُرِ دالہ ہُند

پلاو، مونگہ دالہ ہُند پلاو، رومہ پلاو، تہ سارِنے

پلاوَن ہُند سرتاج ستنگتر پلاو اوس ٹرینہ آمُت۔ یمن

پلاوَن ہند مشکہ سیتو اوس روح تازہ گرتھان۔ چینوین

بانن منز آسہ ووزجہ تلھ تہ رنتھ کاڈ، تلھ کوکرِ دان

شیرس پیٹھ رنتھ ڈونی گوجہ، زوو نبر ٹھول، آب گوش

بادم گوجہ، پستہ مغز، فندق، آلو، تمبر، میٹھ ٹھول

وہ زِلرو انگن، تلھ کرتھ ماز، تلھ وانگن تہ بییہ

تہ بیشمار ژاز یمہ گرِن منز پینے۔ یمو وراُے اوس

ہر ژوبٕٹ زٕنتھ کٲنٛٹھ، کٔکۍ، پٔچھن، بانٛٹ تہٕ قسمہٕ قسمہٕ شکار
ہرنہٕ مازٕ تہٕ جنگلی گورخرٕ سُند ماز، یِمن سٕتۍ ہنز کثرت
تہٕ رنگارنگ مٔرز دُچھیچہ اوس دُچھن والیٚن لُطفہ دِوان۔
پادشاہس اَندۍ اَندۍ آسہٕ تِتھہ گُلِشتا بہٕ ٹوٚکرۍ تہٕ رِکابہٕ زٕ
سُہ اوس بانہٕ ہنہٕ آمٕت زِ کتھ کتھ کُن رنہہ اَکھ۔ دسترخانس
پیٹھ چھِنہ کھٕچھے زٕیٹنہ کٲژاہ آسہٕ، آچار، مُربہٕ، ژامُن
ھتٕسٕنی، سبزی، گشٕتابہٕ، گاذِر، مرژ، نوٗن، تہٕ مرژہٕ وانگن
ھیٹھ شربتٕن ہُنٛد اوسنہٕ شُمار۔ بٔڈۍ چینہ وٲنۍ بانن
منز اوس سوٚنہ تہٕ رٕوپہ جرٕتھ خوانسار کی تہٕ شیراز کی ہچوٗر
قاشو منز تراوِتھ لیمو شربتھ، سنگترس تہٕ شِکنجبین۔
یِمن سارِنے اوس گولاب عارکھ چھِکِیتھ۔ بیاکھ شربتھا
اُس بیبرِ بیوُل تراوِتھ۔ داؤن رٕسیچ تہٕ اُس اکھ شربتھ تہٕ
یِم داؤن آسہٕ اردستانکۍ داؤن۔ یِمن سارِنے شربتن منز
اوس یخ تراوِتھ۔

پادشاہ اوس گراہ ہمہٕ ڈوٚنگہ منز تہٕ گراہ یِمہٕ ڈوٚنگہ
منز بیوٚ شاہ کھیوان۔ خانی ساماہ تہٕ شہزادٕ آسہٕ سیٚنس
پیٹھ اَچھ ٹھوٚوِتھ برونٛہہ کُنہ وہہ دٕنی۔ ژھعہ بہٕ کرتھ کھیو
پادشاہن غذا تہٕ پھٹرووُن اَکھ تہٕ تمہٕ پتہٕ ژاو بیٚس
کُھٹس منز تموک چینہٕ۔

غذا کھیوان دُیت پادشاہن حُکُم زِ اکھ پوٚہ لاو
رکابی نِیو حکیمس۔ یہٕ اوس حکیم صابس بڈ عزتھ پادشاہ
سُند طرفٕ، تس پیو پولاو نہٕ وائلس ینامہ دِیُن۔ گوٚڈٕ تس
تہٕ آو یُتھے عزتھ کرنہٕ تس تہٕ پیو چھُنٛدٕس گنٛدٕ مرشد اوسنے۔

بیاکھ اکھ رکابی یِنتھ پادشاہن پنُن اَکھ اوس لوکُٹ
نیکھ حکیم بابہ۔ تمہٕ تہٕ دِیُت کھٲلہٕ دِلہٕ ینامہٕ اَنن وائلس
پیچھہ پانٛھوٚ آسہٕ زٕ دری اصنی گرشاہان۔ ڈاعلی رٔتن وول
تہٕ ینامہ ہنہٕ وول تہٕ۔ مختصر کھیو پادشاہ سُند ژھیوٚٹ
شہزادٕ، تِہنٛد ژھیوٚٹ کھیو ایلخانن۔ گوٚڈمانتن، طبیلن
ہنٛدۍ افسرن، پادشاہ سنٛدۍ ذاتی خدمتگارن، تریش
چاوَن والیو، سارِوے افسرو تہٕ وزیرو۔ پتہٕ تس ہیے کینہہ
ہرِیو تہٕ کھیو نوکرو تہٕ وازو۔

اَمہ پتہٕ نیو حکیمن پادشاہ گٔنڈے زنانہ اندر محل
خانس منز۔ اَمہ ساتہ ہرگاہ کانٛہہ کُن دِیہ مازٕ اندریمکیہ کمہ
کٔتھ سیدن، تس نہٕ کینہٕ ژھٹھ۔ بٔ بیوٚہٹس پانٛنۍ
جایہ تہٕ ڈوٚلس نہٕ کُن تہٕ۔ مگر شیخ و تاولی اوسُس کران
زٕ کُنہ پانٛھو گوٚرٕٹھم منٛز اندر کیاہ سید۔ یِتھہ مئے بوزِ زٕ
حکیمن دِژ پادشاہ سنٛدِس محل خانہٕ اژنس پیٹھ تس
کُردی داے ڈاعلی، مئے گو اچھن اَنہٕ گوٗٹ تہٕ چھس
ڈوٚلم ژٕنگ۔ یوٚدوے مئے پرٕ ہے خوشی گرٕٹھن زِ سعہ
بچأو سوکھلے یہٕ حکیم بابہ ہنٛدِ قاعدٕ، اما پوز تسنٛد اَتھ منز
نیرنک خیال اَچھن پرونٛہہ کُن ینہ ستزن سار
پانک رتھ شپھیوم۔ ہتہٕ اوس آسہ دوہ پانہٕ وانی تیتھ
عشقاہ زِ عقلہ ہنزہ آسہٕ اثرس منزس زٕنیج ضنوٗرتھے
پیوان تہٕ نہٕ آسہٕ آسہ دُنیاہ دوٗر زانتھ پینہ والِ وختک
کینہہ سوچان۔ یِمے چیز نظر تل اَنتھ آسہ مئے تمہ تمہ
ہمناخ شکلہ بوزنہٕ یوان یمہ نہٕ کانٛہہ تہٕ نقاشس تکن

بناوٕنہٕ ۔ دوٚنٔوی چھُس بہٕ سوچان زِ اَتھ چیٖزِ کٔمِس منٛز
ہےٚ زیٖنب سمکھہٕ ہیٚم، بہٕ پٔرِتھ ہٮ۪س یہ کیاہ قیصہ چھُ ۔ یِ
سوچان سوچان ووتُس بہٕ اُتھٕس پیٹھ یٮ۪تہٕ اُسی
سمکھان کران اُسی ۔ اَتہِ گوٚم وارِہٮ۪ن زنانَن ہُنٛد
شور کنَن تہٕ یِمَو اوس ہےٚ تلمُت ۔ حکیم سٕنٛدِس محل خانس
منٛز یِمہٕ زنانہٕ آسہٕ تِمَو وَرائے اُس بیاکھ زنانہٕ کھیٚچان تہٕ
نیٚبر پیٹھ تماشہ وُچھنہٕ آمٕژ ۔ مگر یِمَن منٛز ڈیوٹھم نہٕ ژینَن
ماشوق کُنہٕ تہٕ ۔ ہُنٛد اوس شام تہٕ تیار ۔ لہٰذا کرِتھ اُس
اِشارٕچ ووٚمیدِ تھوٚوِن فوٚحنوٚل ۔ اَما پوٚز دوٚشوے طرفہٕ
عشقچہِ رنٛگہٕ ہشی آسنہٕ کِنہِ اوٚسُم نہٕ بنہٕ جایہ پیٹھ ژھعہٕ
آسہ میٚے وُنی دِوان ۔ اَمہ پٔشہ پیٹھِ کِنہِ اُس بوٚن کُو جیٚس
اُکس منٛز نظر پیوان، یٮ۪تہٕ پیٹھِ ژینِ مُوقعن زنانہٕ تماشہ
بیٚتھ وُچھنہٕ موکلہٕ سمان آسہ ۔ اَمہ کوچہ منٛزٕ چھُس بہٕ گرِن
ہٮ۪نزِ ہنہٕ تہٕ ٹکن ہُنٛد شور بوزان تہٕ سیٹھہٕ وُچھُم فانوسَن
ہُنٛد گاش تہٕ یِیمہٕ کِنہِ مےٚ زون زِ پادشاہ ہیوٚت نیرُن
اُتھ منٛز گوم کنَن کھوٚرابانَن ہُنٛد کھرکھر تہٕ ریشمی پیٚزارَن
ہُنٛد سرسر ۔ یِمہٕ آسہٕ سارٕیے زنانہٕ پٔشِس پیٹھ تماشہ
وُچھنہٕ کھسان ۔ بہٕ روٗدُس برنہٕ پتھ کُن تیتھ پاٹھو ژھاہ
زِ ژٔنی کارِس وَرائے ییٚیہ ہےٚ نہٕ بیٚیہ کانٛسہ تہٕ مےٚ
پیٹھ نظر تہٕ اَندرِ کِنہِ اُسم کینٛژھا پتہٕ ووٚمید زِ
آخر دیہی زیٖنب اور یور نظر تہٕ کڈِم نظر ۔ اَدِ تی پیٚد
تہٕ ۔ زیٖنبہ کوٚڈُس بہٕ نظر تہٕ مےٚ تہٕ بیٚیہ گوٚڈٕ اُمیٚہے کُن
نظر ۔ باقے تروو مےٚ اُمیٚہے پیٹھ زِ وُچھو اُمی سُنٛد روٚع رکاہ
کیاہ آسہ ۔

بُتھہِ کِنہِ چھُس کرٕنکہٕ بوزان " خبردار ! دوٗر روٗزِو
دوٗر روٗزِو " تہٕ ہیٚتِن پادشاہس سارٕنٕی سیٹھہٕ نیرُنی ۔ اَتہٕ روٗدی
فقط گرٕٹہ تانی زٔنی ۔ باقے دراے سارٕی تِمی وَتہٕ تہٕ تیتھے پاٹھو
یِیمہٕ وَتہٕ تہٕ پیٹھ پاٹھو تِم پادشاہس سیٹھہٕ آمتۍ اُسی ۔ یِیمہٕ
رونکھا حکیم سٕنٛدِس گرِس اُس سعہ موکلیہ یہ پادشاہ سٕنٛدِس
کرٕنھنس سیٹھہٕ ۔

زنانہٕ تہٕ وٕژھ پٔشہ پیٹھ بوٚن ۔ وسان وسان
لوکہٕ یِمَن پایہٕ دوٚنی ژاوٕلہٕ زِ پادشاہَن کَس کُن وُچھان
پاٹھی تہٕ کیٚتِس کالس وُچھُن ۔ سارِنٕے اوسُن زیٖنبہٕ سٕنٛدِ
موکھ حسدُن نار گونٛڈمُت ۔

اَکھ اُس وَنان : " خبر ہےٚ پادشاہَن کیاہ وُچھ
آخر اُمِس کورِ ہُنہٕ منٛز ۔ گوڈٕ ہےٚ دِپُو چھےٚ کیاہ شکل اُمِس
وُچھی کانٛژاہ بیشود تہٕ بدشکل چھےٚ ۔ اَس وُچھو توٚسہٕ
یوٚت بوٚڈ چھا اُس کانٛسہ آسان ۔ چھےٚ کہہ شوٚب
اُمِس بچارِ ہ "

بیاکھ اُس وَنان : " ہتےٚ کوٚرِ بسِتہٕ تراوِی توٚس نظراہ ! "

بیاکھ وٕژھ : " ہتےٚ ہیٚنزِ بوٚن وُچھو تون ، وارِ
کارِ چھےٚ ہستینباہ ہش ۔ کھوٚرَن کُن کرِی ووٚسی نظر ۔
زِرِ زِرِ چھس ووٚنٹہٕ پٔدکھ " ؛

کمہِ تانی دوٚپ : " ہتہ بی مانو شکیل چھےٚ ۔ مگر یِزیدی
چھنا ! اُوسے چھُ شیطان آسہ ڈالان تہٕ یہ شوٚتھ چھےٚ
مورہش بوزنہٕ یِوان " ۔

موہ چھ رواژ سارینے پھٹان پھراٹان ییتھ کنہ
ہیچھ نہ اُمس ژاو شیطان منز تہ تمو ہندی کنو آیہ
پادشہس پہ شکیل بوزنہ تہ لوگ پادشہس تہ دوکھ۔ مگر
مے اُسنہ ہینز اکھ کتھ تہ بہمان تہ اندری کنو اوسس
دپان اڈری پچھے دوران۔ پہند دورنہ سیتی کیاہ۔ وڈری تن سہ

گویند مردمان و مرا استوار نیست

زنانن ہند چری گش پھٹ تہ اتہ ژور پتس ہیچھ پادشاہ
سند گژھنگ تماشہ وچھنکہ ہیتہ صرف اکھ زنی۔ سہ
اُس زینب!

## ۳۰

# پادشاہ سند حاج بابس سیتھ

## دشمنن کرٕ تس ماشوق تھپہ نیشن

ہیلہ پچہ برنہ ہند ٹھور ووتھ تہ چھس دپان
زیم شکھ مے دلس منز پادہٕ گامت چھ، تم ژھینہ تہ کاتھے
تہ ونہ اُمس سوہے کینہہ۔ یہ چھم اوری ونان۔ از چھے
یہ میون پئتیم وسمکھن۔ بہ چھسے وونی اژی کہ ہیچھ پادہ
شنز۔ ہرگاہ وُنی کیت اسہ دوون یکجا وچھن، دوہ شونی
کرن پرژھنے کھش۔ مے دوپ بہ پرژھ اُمس آخرژیے
ہیچھ کھتھ پاٹھی بییہ پادشہس نظر ییمہ کنہ ژتس
ٹارِ کھر شکھ۔ یہ وچھم ادٕ ودان۔ زانہ خودا، یہ اوسہ اُمس
پادشہس ٹار کھسنچ خوشی ہند اوش یا حکیم بابہ ہند
اذہا تہ موکلنچ خوشی ہند کینہ ہتے نش ژھینہ گژھنگ
اوش وسان۔ یانی یہ مے ودان دُچھ تانی ہیوت مے
تہ ودُن تہ دوہ شوہے کوریٹھ برتھ ودُناہ۔ حکیم سند پش
بنیوو پنتس کھنڈس ماتم سریاہ ہیو۔

زینب چھم بوزناوان زِ "پادشاہ ہیلہ اندر محل
خانس منز ژاو، گیوون واجنیو تہ نژن واجنیو نیشوشہ
اُلکینہ ہندس کھٹس منز۔ ما لکینہ کری پادشہس پادن
میچھ تہ تہ وونس پکنہ خاطر زرباف وتھرن۔ پادشاہ
پھٹے اَمہ ہیچھ لوک تیتھے نیتو یہ حبشی غولاموتھو
تلھتہ تہ کرہس تو بڑکھ آسنہ کنہ ترتھ۔ مالکینہ ہنز
ڈالی اُس پادشہس ترنیے جورِ عارق چپنہ ہتے صدرِ
زشلوار، شال اکھ۔ ترنیے ریشمی کرتنہ تہ اکھ جورِ
جہ رابن ہند۔ پادشاہن کر یہ ڈالی قبول تہ کورنس
مرحبا۔ اَمہ پتہ روز زنانہ دون طرفن ووہ دنی۔ بہ روزِ
سارنے پتہ اکھتے اُہس نور جہانہ تہ پتہ کنی۔ ژہ ہیے
آسہ ہنکھ تہ وچھ ہنکھ زلال بڈ تانی اُمس دپان زِ
بیچ نتہ بیے گژھس پادشہس ٹار کھسنی۔ اَجہ آسہ
وژن کران، اَجہ نخرٕ ہاوان۔ اَجہ پنن حسن ہچسی ہاٹھ پٹو
کڈان زِ وچھوکہ سہ زینہ تہ پادشاہ کس نیہ۔

سارنے کُن نظراہ کرتھ لوگ پادشاہ مے کُن
مُدرے گنڈتھ وچھنہ۔ اتی ووتھ حکیمس کُن "یہ کچھ
چھنہ ناکارٕ کینہہ۔ قسم چھم اسہ پننہ گنڈیکب۔ جان ژ رٹا
چھے! حکیم صابا، ژہ تہ چھکھنہ یلہ معہ ہینتو اکینہ شوق
بندے چھکھ" اَمہ پتہ چھ پادشاہ مے کُن ونان :

ہتے کوٗری پھیٹہٕ ہش چھکھ!

چشم گیرا! رُخ زیبا قد رعنا داری

"آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری"

حکیم نمیوو یون کُنۍ تہٕ چھُ پادشاہس وَنان: "میون
یان تس یہ ژٕنڈتھ! بہٕ چھُس تُہنٛد غلام تہٕ یمہٕ سارٕے
چھےٚ تُہنٛز کنیز۔ یوٗدوے یہ دائے چھنہٕ تس یہ ہوس
شاہنہٕ بڈس پادشاہ سنٛدِ تلہٕ نچہ گرٕ دٕ تہٕ وٕندنس لایق، آیہٕ
ہرگاہ پادشاہ قبلہ عالم سنٛدِس دلہٕ مُبارکس پیٹھ بار گژھِ
تیلہٕ چھےٚ یہ تس یہ ہوس انصاف کرُن، دائمس پادشاہس
پیشکش۔"

پادشاہ ووٚنُس دٕ جواب: "اَسہٕ کرٕ یہ قبوٗل"
پادشاہن انہٕ نوو زٕیٹھ لانٛژھ نادِ دِتھ تہٕ ووٚنُنس زِ "یہ کُچھ
ہُن ہیٚچھ ناوُن زٕنٛدٕن تہٕ اَمِس گژھِ رُت پچھ شاکھا گُن
یُتھےٚ یہ اَسہٕ نِشِ پننس لایق گژھِ، تِتھےٚ گژھِ یہ
اَسہٕ برٛونٛہہ کُن واتناوُنۍ۔"

ہے وُچھُن گوٗژھ حکیم بایہٕ کوس یہ عقلہٕ بیقل گیہٕ
کیاہ بنیوم کیاہ بنیوم۔ ہیمنا کھ اُچھو اَسہِ تیتھ کُنہٕ وُچھان
زٕ نظرِ سپدو ہےٚ پلہٕ ہیس ماگرٕتھ مازٕ ھنہٕ ہیم۔ شیرینہ
گو ہیہ۔ فقط گیہٕ نورجہان خوش، سہ چھُنا وِسِی
موخصرٕ وَنےٚ زٕ ہیٚ یاژٕ کھرٕس پادشاہس
ٹارٕ۔ پادشاہ دزاو ہورکُن تہٕ یورکُن گوٗژھ وُچھُن حکیم
بایہٕ کیتھ پاٹھو بدلوو بُن وطیرٕ ہےٚ سپدو۔ وونی کتہٕ
روزہس بہٕ شیطانن سٕتۍ کوٗرٕ تہٕ لعنتی بیول" وونی

اَسہِ تہٕ بیٚینہٕ جگری! اُچھ گاش تہٕ کوٗری "کٕری کٕری
وَنان۔ کٕجانہٕ بہٕ بجیس ہُنٛد ناوتس برٛونٛہہ کنہٕ نیٛو پیٹھ
ہیوٚن تہٕ کٕجا دوٚنۍ سہ اوٗرٕ ہےٚ نموک چینہٕ مہ کھ
بجیس پلہٕ نادٕنۍ۔ نورٕ چھم شرہنٛز آپرادان تہٕ ژھاین
گراین وُچھان۔ شیرینۍ اَمِس کوٗ بخشس اکس مٕنز ہُتھ لدِ
بُہتھ پانس وٕدٕوسانا کران۔ اَتہٕ چھم سارۍ وونی مبارک
کران تہٕ وَنان: "کرٕ تہٕ عاشق! وونی چھی لال جواہر
تہٕ رتی رتی پلو نالِ لاگتھ۔ چیتہٕ وونی شراب نیٹو تہٕ نادو
کرٕتہٕ نژٕ ناہ تہٕ گیوُنا۔ مگر وونی ہےٚ کٕمہ زٕ زیتھ کاٗما
یہٕمہٕ کنہٕ پادشاہس ٹاٹھ گژھہ تہٕ پادشاہ باسے
بناوی۔ یتھےٚ وونی اَسہ بلکہ مشراوکھ۔" پادشاہس
سیٚتۍ کیتھہٕ باتھ کرنگ تہٕ تشرٕن کتھن جواب دِنگ
طریقہٕ تہٕ چھم ہیچھ نادان۔ موخصر، بہٕ یوسہ تہٕ گنہٕ
مجرٕ ہاسے اَمس، گیس پننس مٕنز کوسہ تانۍ بڈ دیداہ بینتھ"

زینب وُچھم تژھ خوش زِ یہ کینژھا ہےٚ
تس وَنُن اوس تہٕ روٗدُم دِلسے مٕنز۔ تس اوس پننہ
جایہٕ قطعی بُہتھ زِ بہٕ بنہٕ ضرور کرُتھ پادشاہس
برٛونٛہہ کُن گژھنس لایق۔ تو تہٕ اوسُن پانہ بوزمُت
تہٕ وُچھمُت تہٕ زِ یوسہ تہٕ پادشاہس برٛونٛہہ کُن نِنس
لایق سپدِ۔ تس چھہ مارٕتھ ژھنان، خارٕ ہےٚ پیلہٕ یہ
خوش وُچھو، ہےٚ تہٕ ہووُس زِ بہٕ تہٕ چھُس، چانس
تور گژھنس مٕنز خوشے۔ اَندرٕ کنہٕ اوسُم وینہٕ وانہ
سٕریہٕ ہیو زٕ ظاہر ہیمکھو تو تہٕ بیلیہ وُنہٕ اکہٕ لٹہٕ۔ امہٕ دِ پنم

”ڪاڻي ڪيتري پيرو پورا اثر ڏيڻ ۾ نٿا ڏسي سگهو ته ڇو ۾
پيا ٿرڻ؟ جنهن نِش گرڻ جهڙا ٿرڻ ڪرڻ هيو ڇو؟“.

پوءِ ڪهڙو ٿو ڪيه ڏه پنهنجا لڪ اُمو سُنڊ ناءُ ته دريا
زينب ۾ نِش، تنهن پاڻ ٿو نڪري زنيا يه اوهم اُمو سُنڊ پيتيم ڏيئي.

# ٣١

# حاجي باباس زينب هنڌ ڇڏڻ گڏهنگ

## غم پيغون ته تُسُنڊ حڪيم بڻون

پيلو ميون مدنوار ته دلقرار ڏول، پرگوس سيٺا
بي قرار ته ڇڪس سوچيان: ”خداءِ ايءَ! اوسو اسو اڳي
ڪنهن مَنَر دهن گو جن هنڌ پاڻ بارن دهن پتو لاڳي
ڏيڇڻ؛ هرگاه ڏني بابي ڇهه ڏهن ڏينن ٿوڏنس
آور ته باديان اوس پو سوڙهي اڪ خيالاءِ ته خاباه، ڏڻ
لعنتي تيلو پنهنجو ڏُني پهس. لائق هنڌ معه ڪهه بنيوس
مجنون نه ته وه ني ليٽ تام زند ڇڪس تولٽ تام روز هم
جگرس آهه تاو ته عشقُ دود لئه ڏن. وه ني ڇهم ڪوه
ته بال ڏهنڊ ڏن، حيوانن ته حياناوارن سيتو وهو ٿين
پهڻ، جنن ته ڏهون سيتو يارانه ڪرن ؎

ڪه عشق اين ڪارها بسيار ڪرده است

ڏراڇل ڪوڙ لائي ۾ سيتو ٺهڇڙي. پادشاها اڪ آو
نڌونادا اڪ ڏيڇهن. ڪنهن جوراه ڪرن ته قعبه گو ختم
حاجي بابي گو منزي مُشند ته زينبه آيه پکه ته تمه هيونٽ
ڏڏن خاني ۾ ڪيٺ ڇهني زنانه قحط ڪينهه ته ڏڏن تن.

۾ ڪياه تو ته. مگر مڙ ڇهه پنهه ڪنهه ڏخضر ڪهيو ۾ ته
اُنهيڙ يائڙ روز پنهه ڪن پادشاهس. اُما ميله پو ننيس
سُه ڪيا سُنا ڪيڏ ننيله ؎

در دجله که مرغابي از انديشه نرفتي
کشتي رود آنجا که سر جسر بريده است

•

از کوزه که بيگانه مکيده است فقاع
بگشايد تا چشم مبادا کش کور شود

رائي راتس زن اوشس ڏزان ته پر سيتو صبحائي ڏٺس
ته غم دفائي ڪري معه ڪهه ڏراس شهر ڪن. نيبر ته ورڇس
ڏڇهان ڏرتي پاڻ ڦيرڪه اڪس گرس پيهڙ ائس زينب
ڪسيٺه. رڪابس سيتو سيتو اوشس اڪ حبشي غولام
ته پنهه پنهه اُس حماٿا اڪ ڪريڪه دي دي پڪان ڏ:
”خبردار! نظر ٿڦو بون، دُور روزو! خبردار!“
ته اُس آمه ساپه حڪيم سنڌ گڏ نيرته پادشاه مُشند
گُن گڏهان ؎

من خود به چشم خويشتن ديدم که جانم مي رود[1]

ڏپهم خبر ۾ ڪن ٽراو نظراه مگر پنني چاه اڪ گڏهڻه جي
پيمرڪي ڪنهنڪڻه آمه حرڪته ته. پرگوس شيخ ناوه ميد
ته اُمو سُنڊ خيالي دله منز ڪڏ نه ڪه نيتو ڏراس پاڻيئي.

---

[1] يو مصرع ڇهه فقط طهران ڇه ڪتاب منزي يوٽ جسب
حال آسنه ڪينو زون ۾ ته مناسب اَتن پيڇهن.

تہٕ زانہٕ خوٗدا قۄدوتین دروازٕ کینہٕ نیرنہٕ بدلہٕ کیاہ ژٕہ وۄتسُ
بہٕ کٔلسُ نکھہٕ۔

کلکتس مَیدان اوس گُرِ سوارو سیٖتۍ بَرِتھ تہٕ پادشاہ
اوس دیوان خانچہ دار پیٹھ بیہتھ فوجک قوید وُچھان۔
جنگین ہٕنزِ ڈکہٕ ڈکہٕ سیتۍ ڈٕجم زیٖنت اُچھو نیشہٕ تہٕ
لوگُس بہٕ بدلے تماشہٕ وُچھنس کُن۔ یم گُرِ سوار اُسۍ
رسالہ دار نامرد خانٕنۍ یُس پانہٕ عالی شان گُرِ سٕ
کھسِتھ فوجس حُکُم دِوان اوس۔ نامرد خانس
اوس زٕرِی دار کوٹھ نالی تہٕ ٹوپہ اوسُس سیٖہہ تہٕ اختابُک
نشانہٕ رۄہ بہٕ تہٕ سعہٕ سیتۍ جرِتھ تہٕ اَتھ کُن وُچھتھ
اَسۍ اُچھن ٹکر لگان۔ یہ قوید وُچھن اوس بیانہٕ
خاطرِ نوٗےکھتا۔ تکیاز ژٕسے اوسنہٕ زانہہ تہٕ یہ تماشہ
وُچھمُت۔ گُرِن تہٕ گُرِ سوارن ہٕندِ ین نیبرِن تہٕ بوٚندقن
کُن نظراہ ترٲوِتھ پیٚیسے مےٚ تم دۄہ یاد یمن دۄہن
بہٕ ژٕ کھانوٗر ٹھہتھ اوسُس نیٚمُت۔ اندرِ کینہٕ آم یوٗ ہیٚسے
جیر ہیو زٕ بہٕ تہٕ اَژہٕ فوجس منز تہٕ بنہٕ ہا سپاہ۔ قوید
وٲلۍ اُسۍ اندس اکِس پیٹھ دۄہ دِنی۔ یُہ ہند ژ ییٹھ اوس
پانژن شین فوجی منشن سیتۍ منز بانگ مَیدانس ۔ یمن
سوارن ہٕندۍ ناو بیترِ ہیوان۔ اَکھ منشو اوس
سوار ہِندۍ ناو بڈٕ ہیوان تہٕ سوار اوس جواب دِوان
"حاضر"۔ یُس نہٕ حاضر آسہ ہے تُسند اُسۍ وَنان "حاضر
چھُنہٕ"۔ ناو ہینہٕ پتے اوس سوار فوجہٕ منز نیرِتھ سارِنٕے
مَیدانس گنتھ کران تہٕ پادشاہس برٕنٹھ کِنہٕ واتِتھ گُرِس

وۄہ لٹھ ٹُلِتھ وُہتھ فوجی سلام کران تہٕ برٕونٹھ کُن پکان۔
پتہٕ یمن سوارن تانی کوٚر ساریوٕے یِمہ۔ پتہٕ پیٹھ کانٛہہ سوار
اوس نوٚوی نوٚوی تماشہ ہاوان۔ اکڑین ہٕندۍ وۄژن اُسۍ
بڈٕ رٕتی تہٕ باسان اوس زِ ن چھُ پیٹھ کانٛہہ یمن منز
رُستم۔ اکڑِ اُسۍ وۄہ زِ مے گُرِن کھسِتھ تیتھ پاٹھۍ پکان
زِ باسان اوس زِ ن چھ جنگہٕ پیٹھ ہارتھ آمتۍ۔ یمو منز
زانہٕ ہیکہ بہٕ کینٛہہ زٕنی۔ جوانا اکھ وُچھم یمن منز۔ بڈٕ
تیٚلنگہٕ تہٕ چالاک۔ اَمِس کُن وُچھتھ اوس اِنسان
راوان، تہٕ اوس اَمِس جُس تہٕ خیٚنتھ۔ اُمی دۄہ نوو گرُ
تہٕ چھُ ہوٚتہٕ ہیکہ پاٹھۍ پکان۔ دوران دوران لوٚگ اَمِس
گُرِس مَیدانس منز کوٚنٹس اکِس سیتۍ کھٹنتھ۔ گُرِس
گیہ ژینتھ تہٕ یہ جوان آو اَمہٕ کھمہ بیٚٹھی ہیٚوٗر لاینہٕ تہٕ
پیوٚ بیٚتھر۔ اُمی وِزِ تُلکھ یہ جوان تہٕ کوٚڈکھ لکہٕ عرصانہٕ
منزہ نیبر۔ کمو تانی پیٚہ زِ نوو وُس بہٕ زِ ہیسے یہ چھُو پادشاہ
ہٕندِس حکیمس سیتۍ آسان تہٕ نیٚو ہیٚس بہٕ یلاج موکھ ناد
دِتھ۔ کاش مےٚ ساچہ ہٕندِس گوٚبرس گژھ ہے پروے
زِ بہٕ زانہٕ رٕکھ ہینو، تہٕ کیٚتھ، بہٕ دژاس بڈٕ کونکھ تھوتھ
یلاج کرٕنہٕ۔ یہ جوان وُچھم درخستہ ہیٚو بیٚتھر ہیوٚمُت
تہٕ نیٚبرِ کینہٕ اوس یہ پیوان صاف موٚدمُت، لوزِ نہٕ وۄدنی
وٲلۍ اُسۍ سارِی پننہٕ پننہٕ عقلہ موجوب اَمِس طبابت
کران۔ اَکھ اوس کربلاکِس گُرِ سوار ہِندِ ناو اَمِس
تریش ترٲوان دیوٲس مزاو۔ بیاکھ اوسُس نستہٕ
کینہٕ تماکہ دِہ بران نیٚتھ رژھا بھیر ہیٚو۔ اَکھا اوسُس

سأرِی ہے پانَس معہ ژھٹہٕ دوٚگ دِوان. یُہ ژھٹ شُوٗت
خوٗن اُمِس رگَن منٛز اورٕ یور پھیرِ. یانی بہٕ وأنِتھ ہیوٚس
یِم سأرِی یَلاج کھیٚتھ بوٚژھٹہٕ. بڑٕ ونِتھ کُن بیِٹھ روٗزم
سیٚٹھاہ ہے گۄہ برسان اُمیٚشہ بیچنہٕ الحَس منٛز.
سارِنے ہٕنٛزا اُچھ لجہ مےٚ کُن دَرِس، اٚخر چھُسکھہ بڈٕ
یَژھ تہٕ پژھ سان دِیان." یِہٚمِس جوانَس چھےٚ نظر گاہ تھوٚ
موت تہٕ زِندگی چھےٚ وُنی کیٚن یِہٚمِس منٛز یانہٕ وأنی شیٚخ
زُوٗان زِکُس زینہٕ ." اَمہ پتہٕ چھُس یِہنٛس وہسٹاد
یِشندی پأٹھۍ ٹکَن وَنان " یُتھنہٕ یِہٚمِس بِچأرِسُس
حالتھ زیادٕ ابتر گژھہ. اُمِس کرِتہٕ تُونینہٕ یِہنا
یُتھ نہٕ زِ اُمِس چھا زوٗوُنہٕ کینٛہہ باقے کِنہٕ تہٕ" یُتھ
یَلاج چھِنہٕ اَز تام کأنٛسہ تہٕ اَکی کۄد مُت. یہ دِنی روٗو کھ
رتھ پأٹھۍ زِ اُمِس وُژھ سأرِی ہے پانَس ٹاٹھ اَرے
اُتھ منٛز گیہ کرِیکھ. "ہے جاے تڑاٚو وسہ. جاے
تڑاٚو وسہ " اَتہ چھُسَن انگریز حکیم وُچھان. یہ اوس
انگریز سَفیرَن سوٗزمُت یُس یانہٕ تماشہ وُچھنہٕ اور آمُت
اوس. اُمِس بیمارِس نظر گَندرِ دِنہٕ وراَئی چھُ گۄڈٕ
یہ وَنان: " اُمِس ہیٚیو تو نیہ، خبردار چھُوٕ اَتھ مہ دِیو
تھأر."

مےٚ روٗسیٚن، یُس ایرانیٚن ہٕنٛد یَرِتھ تھوٚنہٕ
معہ کھو اوٚتھ سال کرِتھ اوسہٕس نیوٚمُت، دوٚپ اُمِس
" ہے سہ کمہ حسابہ ہیکھ زِ اُمِس توٚنیہ؟ نوٚنے طبابتھا
چھُکھ زِ وَنان اَسہ. ژٕ ےٚ چھےٚ نا خبر زِ موت چھُ
ژُوٗن نہٕ خوٗن چھُ گرم آسان. طبابتُک قأیدہ چھُ زِ
یِتھ نِس چھُ گرم چیز سیٚتی یلاج کرُن یوان. حکیمَن ہُنٛد
سرتاج بقراط تہٕ چھُ یہی وَنان. زِ کیٚتھ پأٹھۍ پھیراوکھ
تسٛند وَنُن؟ یوکُن ہیٚیِہ توس تُوشہ یوکُن یِرِی توس
فاتحہ. گژھو توٚ یَس خوش کرِ وِتَس پرژھو توٚ بہٕ چھُسا
یُوز وَنان کِنہٕ اَپُز."

انگریز حکیمَس یُتھے اُمِس جوانَس پیٚٹھ نظر پیٚیہ
سہ ووٚتھ: " یِتہ سہ ٹھنٛڈٕ ے ژھیٚنوٚن. نہ یکہ وہنی چھو
یَلاج تہٕ نہ میون تُہند چھُ وہنی بقراطَس یِتہٕ پتہٕ پھیرُن
یِہ بِچارِ چھُ موٗدمُت. دہنی چھُ توٗت تہٕ تڑون ہاشی
کھا!" یہ دأنِتھ تھوٗن ٹوٗپی کلَس پیٚٹھ تہٕ بہٕ تھوٚونُس
بقراطَس ہے سیٚتی تہٕ ڈراو پانَس.

بہٕ چھُس ٹکَن وہنی زِ وَنان؛ "چون قضا آید طبیب
ابلہ شود. یِیِلہ ملک الموت چھُ یِوان، تیِلہ چھُ حکیمَس
تہٕ اَنیٚو یِوان. حکیم کیاہ کرِ اَجلَس. اَجل گوٚ وقت کأرٕکر
اَجلے. خدایہ یِشندِس یَژھنَس چھِنہٕ کہیٚنہ انٛدان خُدایا
کھیٚشا کانٛہہ نوٗرہ بیتہ. کوٗل کیاہ دِرِ یِیِس نکھہ."

اَتھین اوس یِہر صاحبا اَکھ تہٕ. اُمو یوٚر "اِنا لِلّٰہِ وَ
اِنا اِلَیہِ راجِعوٗن. معہ رِدِ پھرِن قبلَس کُن تہٕ کھوٕ
نیٚبہ زِ کرِ ونَس برابر تہٕ یُتھَس پیٚٹھ تڑاٚوُنَس دُرج اُتھ
منٛز آسے اُمِس معہ رِدِ یِشندی بأسے باتدوٗ تہٕ نیو تُھ
پان ماران گرِ.

اُمِس یِیِس پرژھِتھ نیوم زِ یہ جوان اوس

تمہ ڈوہ ڈیہمہ نفر ہنز اکھ نفر اوسُم نامرد خانس ماتحت رُود
پادشاہس بروٚنہہ برونہہ گرُن، بیٚیہ چھ آسان لکن اور
یور چھگ دِوان تہٕ امن وٲہن بہناوان۔ جیلن تہٕ قیدین
ہُنْد حساب کتاب تہٕ چھُ یمیٚسے ہتھ۔ مےٚ پوٚچھس زِ اَمِس
جانہٕ مرگہٕ ہُنْد مرنہٕ سیٚٹھاہ دراہ مےٚ ظاہر کٲم سوچان
چھس زِ "کُنہٕ واسطہ اِنسان مارُن چھُ بلا واسطہ مارنہٕ
کھوتہٕ خراب۔ بیٚیلہ پانس ہیٚتھ تیز تلوار آسہ تیٚلہ کیٛاہ
ضروٗرت چھےٚ بییَن تہٕ پیٚپستانن ہنز؟" یی سوچان
پیوم ژیٚتس زِ رسالہ افسر چھُ احمق صابُن یار جانی تہٕ سہٕ تہٕ
چھُ دِیٲنی زِ احمق صابس کہٕ ہاٹہٕ تہٕ کانہہ خدمتھا۔ تکیا زِ
کیٚنہہ دوہ برونہہ اوس احمق صابن پادشاہس برونہہ
کُنہٕ قسم کھیٚتھ وٚنمُت زِ "ہرگاہ رسالہ افسر شراب چیٚیہ
نہٕ، تیٚلہ گژھہ سورُے ملک بربہم۔ تکیا زِ شراب چینہٕ ورٲے
ہیکہٕ نہٕ سہٕ کانہہ کامہ کٔرِتھ۔ بیٚیہ چھےٚنہٕ سہٕ عایشہ موکھ چیوان
سہٕ چھُ فقط پنُن صحت رٹ بناونہٕ مۆکھ چیوان۔" اَوٕے
اوس نامرد خانن شراب چینس پیٹھ عالمن ہُنْد فتویٰ
اوٚنمُت تہٕ اوس راتس دوہس نشنگاہ پٲٹھو شراب
چیوان۔

آخر کوٚرُم پانس سیٚٹھاہ مشغول زِ یوسہٕ ٹیٚبھ شُر
چیٚھتھ سہٕ سپاہ بچار جانہٕ مرگ گوٚو۔ سہٕ چھُہ دوہ ژٕ دوہ
دِوہ مےٚ اَمِس موجود۔

## ٣٢

# حاجی بابُن سرکاری ملازمتھ ہُنْد حالتھ

### سِپاہ بنُن

بہٕ اوسُس خمہ دایس منگان زِ کرِ پیہ سہ ونٕ
پیٚیلہ حکیم تمِس جنت گار سپاہ ہنز جاے مےٚ سفارش
کٔرِتھ دِیاو ناوِ۔ اَمہ مۆکھ اوسُس بہٕ اگہ سے ژٕنگہٕ پیٹھ
تکیازِ یمیٚنے دوہن اوس پادشاہس ریتہ کوال گُماونہٕ
مۆکھ سرد جایہ کُن نیرُن تہٕ حکیم تہٕ اوسُس سیٚٹھاہ بیٚشُن
حکیم تہٕ اوس میون یژھان زِ پیہ بلاے گژھم کُنہٕ پٲٹھو
گلہ پیٹھ وسِتھ۔

حکیمن کوٚر رسالہ افسرس سمکھنک وعدہ تہٕ
دوٚیمِ تہٕ سمکھہ مےٚ تمہ تیٚشندس دیوان خانس پیٹھ۔
بہٕ دراس، پیٚیشن بانگہِ ووتس بہٕ دیوان خانس نکھہ
اَکِس بدٕس کُٹھس منز۔ ییٚتہ رسالہ افسر اوس پانہٕ تہٕ بیہان
رسالہ افسر اوس اَمہ وِزِ کوٚٹھس اَکِس منز نماز پران
ہوکُن اَسُس بیاکھ جمٲتھا اکھ زٕ ژھَس گوٚو نمازس تہٕ
پادشاہ ہُنْدِس پرٛژھ لاے محکمہ کِس زٕ ژھس سیٚٹھاہ
کھوتا باتھا کران۔

بہٕ ژیٚنٛتھ اوس گوہ نمازس راتکِس سپاہ ہُنْد
مرنک قصہ بوزناوان تہٕ اوسُس ہوٚرک یور تہٕ یورک
ہوروٚنان۔ رسالہ افسرن دِژ نماز منزے کرِتھ: "یہ
چھُ اۆپُن، اٲنی رۆزِو، بہٕ ونوو اصلی کیٛاہ سپُد۔" وُنہٕ

اوسنہٕ تِمو پوٗرٕ اَلتحیات تہٕ مہ کلوٗدتھ زِ ہیٚتھ تِمو آکھ
قِصہٕ بوزناوُن۔ واریاہ عقلہٕ بدوٗن کتھ گوٚو ونان تہٕ
اَکھ رٕس ژھوٚٹرووُن قِصہٕ یہٕ ونِتھ زِ" انگریزن ہیٚنڈ ژٕ تَس
بچارِس توٗنبہٕ تہٕ موٗد۔ نتہٕ ہرگاہ ایرٲنی حکیم تَس وارٕ دِنہِ
دِیادِ ہیٚیِ سُہ مَرِ ہا نہٕ:

اَکھ منٛز ژٕ او احمق صاب۔ اَژان اژٲنی ہیٚنز تِمو
انگریز حکیمو غٲبتہٕ کرٕنی۔ تہٕ اَسِس کرٕنی۔ اَمہ پتہٕ چھکھ
مےٚ کُن اوٚنگج سیٚٹھاہ دِتھ ونان۔" یہٕ گوٚو سہ شخص ہرگاہ
یِیِہس یلاج کرنہٕ دِمن یہ دیہہ تہٕ تَس سیپہس مرنے
آتہٕ لجہ سارِنے اَچھ مےٚ کُن دَرس تہٕ چھم پرژھان
اصلی دلیل کیاہ پیٚزِ۔ مےٚ مَتہٕ وَنتکھ اصل حالہٕ
رکھیپیٚنِ مےٚ ووٚنکھ تی یہ بڑ بروٚنہہ ٹھے حکیم صابن اوسُس
ہیٚچھناوِتھ تھوووُمت تہٕ دوٚپمکھ" یہ کینٛژھا یلاج
مےٚ تِمس کوٚر سہ چھُ مےٚ سورُے حکیم صابنہٕ برکتہٕ
ہیٚوٚ چھمُت۔ مےٚ چھ سورُے یِہِنٛدُے اَمہ سیٚتہٕ گو حکیم
خوش تہٕ اوٚنُم غارَتِس تہٕ چھ رِسالہٕ افسرَس ونان:
"یہٕ جوان کیاہ حقن چھُ تَس موٗدی مَتِس رِساہ پیٚنزِ جایہ پژری
پاٹھو کام کرنس لایق۔ یہ حقن چھُ بڑ قابِل تہٕ سیٚٹھا
تِھلنگہٕ۔ یہ رٹی ووٚن توٚہہ تَسنٛزِ جایہ۔" یہ بوزِتھ گوٚو رِسالہٕ
افسر حَیران تہٕ چھُ دپان۔ "کیاہ حکیم چھا پرژھان
مارِ واتِل بِنِن؟ یہ چھُس بہٕ بدلے کتھا بوزان۔" گوٚماتن
ژٕ او احمق صابَس دولہٕ نظراہ تہٕ چھُ دپان۔" یہ کیاہ نوٗ
کتھے چھےٚ حضرت! حکیم تہٕ مارِ واتِل گیہ کنی کتھ۔ زِ رٕد
مووٗن گیہ کرِ ہنس ہوٗنس بوے۔ موت پیٚیہ تن وار وارٕ
دَوا چھلہٕ سیٚتہ یا تلوارِ ٹاپہٕ سیٚتی یِتھی کنتھا چھنےٚ۔"

احمق صاب[1] ووٚتھس: توٚہی گوٚو غمات تہٕ چھو
پرِ ہِتھ کاٗنسہٕ پیٚنسی ترکِ تٕدلان۔ توٚہی حضرات چھو تھہ
پاٹھو انسانس دٕکہ دالان تہٕ بیےٚ یُزِتھ کران زِ سہ

---

[1] شادان بلگرامی پیٚنزِ کتابہٕ منٛز چھےٚ بدلے یِبارتھ
آمِن۔ اَتھ یِبارژ آوِنہٕ مےٚ رِسالہٕ افسر سِندِس فقٲتس
سیٚتہٕ تیوٗت حصی داٹھ بوزنہٕ یوت تتھ یِبارژ آم (ڈیٚبیٹک
ترجمہ مےٚ ہیٚیرِ کنہٕ لیوٗ کھوٗت چھُم) یو سہ فلاٹ صابنہٕ
تہٕ طہرانس منٛز چھپےٚ مرٕ حاج بابہ کتابہ منٛز درج چھےٚ
شادان بلگرامی پیٚنزِ کتابہ منٛز چھُ یہ درج: "حکیم گفت
جناب ملک الشعرا! شاعر را ہم نمی توان از برادری سپاہ
وزر و طبیب و جلاد خارج دانست۔ چہ فتح و شکست
و کشودن و بستن در دست، و قلم آنہا ہمارہ ساری و
جاری است۔ کذا این نیز کم از آنہا نیست۔ چنانچہ
ملک الشعرا می تواند ہمین جا نشستہ بہ چار فرد روس
را از گرجستان بیرون کردہ تصور کنند و ہمہ لشکریانش
را از دم تیغ ایرانیان بگذارند و مورد تحسین ہم واقع گردد۔"
ذاتہٕ خدا یہ یِبارتھ کمہ نوسخہ پیٹھ چھےٚ شادان
صابن درج کرٕمژ مگر فلاٹ صابنہٕ تہٕ طہرانس منٛز
خال حالے چھپیمژ کتابہ منٛز چھےٚ بدلے یِبارتھ۔ یمہ
دوشوٕے کتابہٕ موتبر آسنہٕ کنہٕ (باقی برونٛہمس صفحس پیٹھ)

چھُ تمی روٗحانی موت گژھان۔ یہ موت چھُ ہمہٕ بدتر
کہ موتہ کھوتہ، یُس حکیمہ سندِ دٔسۍ آسہِ تن یا سپاہ سندِ
دٔسۍ، شِنۍ وٕلٕنہٕ موت۔"
رسالہٕ افسردہ دِلہ۔" توٚہۍ حکیم تہٕ گوٚہ نماتھ آرۍ توٚکھ

---

(پیٚتہٕ مہ فنفک باقے فٹ نوٹ:) کوٚر مسٚے پٔہنۍ دوٚن
کتابن منٛز درج یِس بار ژھ ہُند ترجمہ۔ یہ یِس بار تہٕ چھِے یِمن
منٛز یِتھ پأٹھۍ:

"میرزا احمق جوابداد کہ شما شعراء قیاس بہ نفس
می کنید۔ این طایفہ سرِ ننگ و ناموسِ مردم را می بُرند
کہ مرگِ روحانی است، و بگویدن من کہ این مرگ باعتقاد
ہمہ بدتر از مرگ جسمانی باشد کہ از حکیم آید یا از نسقچی
نسقچی باشی: "شما اطبّاء و شعراء ہر طور می خواہید
مردم را بکشید، ہمین قدر بکار سرباز مداخلہ مکنید۔
تنی را کہ باید در معرکہ بایک ضربِ شمشیر دو نیم ساخت
و سری را کہ باید در جنگ بایک زخمِ خنجر جدا کرد بمن
بگذارید: باقی را خود دانید۔ جنابِ حکیم! گرز گاو سر از
من، گُلِ گاو زبان از تو۔ من تخمِ دشمن را از میان
میدان بردارم و تو تخم ریحان و کدو را از دکانِ عطاری
جنابِ شاعر! بوی باروت و نعرۂ توپ از من، بوی
گُل و نغمۂ بُلبُل از تو۔ گلولۂ تفنگ و سرِ نیزہ از من
تیرِ غمزہ و پیکان نگاہ از تو۔ از فنون جنون، فن
من این است: شما خود دانید۔"

ژکھ پیٚتھ پأٹھۍ خوش کٔرِو تہٕ تِتھۍ پأٹھۍ مگر فقط یِتہٕ
دی توٚ سپاہین سیٚتۍ دخل۔ یِتھ بدنس جنگس منٛز
منٛز اکہ شمشیرِ ٹاسہ سیٚتۍ الگ آسہ کرُن، سہ گوٚ میون
کار، تہٕ نشترِ زانہِ ہیٚے پلاسے۔ توٚہۍ کٔرِو توٚ امہ وراے
کحق۔ حکیم صأبا! مےٚ نِش گوٚ دانہٕ کلہٕ کرُتھ بِڈ بوٚڈ گوٚرزٕ؛
ژےٚ نِش چھُ گیاہ کھزبانہٕ وراے ہ، بہٕ چھُس جنگہ
ماداںہٕ منٛز دشمنس بیول گالان۔ تہٕ ژٕ چھکھ نہٕ الہ بیاں لنکہ
تہٕ بومبہٕ پوشن ہُند نیال تہٕ بُہرکہ وانَن پیٚٹھ تھوان
پٔتھ روٗد گومہ نمات صأب جعفرت! اسہِ نِش پیہ شورک
مُشک، اسہِ نِش بوز کلہٕ توپکن ہُند ٹاس ٹاس،
ژےٚ نِش گوٚ گولابن ہُند مُشک تہٕ بُلبلن ہُند بول بوش
اسہِ نِش گیہ گولہِ تہٕ نیزٕ، ژےٚ نِش گیہ ماشوق سٕنزٕ اچھ
نابہٕ تہٕ تیٖشنز نظرِ ہُندۍ تیٖر۔ یانہٕ بوزی توٚ بہٕ کیا چھُس

---

ایشیک آقاسی باشی روی بدیشان نمود: "بلی
ہمہ ہنرہای گوناگون شما را می دانند بخصوص پادشاہ کہ
از جلادت شما ہمگی بسیار اظہار امتنان می نماید کہ در
ایران ہیچ شہریاری مانند من سرداران و غلامان جان
نثار نداشتہ است۔ با این جان نثاران تا بہ نافِ گرجستان
لشکر خواہیم راند۔" پس روی بہ نسقچی باشی آورد کہ "اگر
دولتِ روس آہنگ جنگ داشتن شما را بشنود
البتہ ازین دنیا فرار کردہ می رود در آن دنیا بدعای
شما مشغول می شود۔"

کران تہٕ تۄہۍ کٲنٛہہ بیٚیہ چھوٚنٛژان۔"

یہ بوٗزِتھ چھُ پادشاہ پنٕنہِ پرٛژھی لارے حکمُک
زیٖنہٕ وَنان: "ہتہٕ شخص، سُہ کُس گٔرزِ یُس تہٕ تہنٛدِ
وَصیف زانہٕ۔ خاص کٔرِتھ چھُ پادشاہ پانہٕ تہنٛز بوٗدٕ فرِی
ہٕنٛدۍ تأریف کران آسان زِ ایرانس منٛز چھِنہٕ کانٛہہ تِرا کِس
پادشاہس بیٚیہ اَفسر تہٕ پان وٕھراوَن وٲلۍ خدمتگار آسمتۍ
بیچھی مےٚ چھ، پادشاہ چھُ وَنان آسان زِ پننٕ زُو فدا
کرٕن والین بیٚیہٕن اَفسرن ہنٛدۍ کنٛہہ ہیکہٕ نہٕ۔ گرجستانس
یِڈتانی اُزِتھ حملہٕ کرِتھ۔" اَمہِ پتہٕ پھیرِن چوٗنہٕٹھ رسالہ
اَفسرس کُن تہٕ چھُس دِوان: "ہرگاہ رُوٗسس پتاہ لگہٕ
زِ تعہ چھُ تیمَن بیٚیہ حملہ کرنُک خیال، ہتہٕ شخص!
تم کیتہٕ ذٲرن، تم ژٕلِن یہ دُنی ہیبے تراوِتھ تہٕ بیٚیِس
دُنی ہیٖنس منٛز ہیٚن تم تعہ یہ دُعا یہ خاطر کرن۔"

رسالہ اَفسرس گٔیہ یہ کتھ بوٗزِتھ واہ ہش وُچھتھ
اما پوٗز شاہنہٕ تھوٚد کٲلِتھ چھُ وَنان: "رُوٗسِین ہنٛد
گرجستانس منٛز اژن گو یوٚہے ہاوی توٗزن اژ مےٚ بیزارس
منٛز منٛچھہ۔ پینٛتس کھنٛڈس چھُ عذابے گرٛھان مگر بییٚلہ
زِٹھ تیٚیلہ گالس ہیول تانی۔ منحوٗس رُوٗسین ہنٛدنا وچھا
ضابطِ مےٚ تراوٕنہٕٹھ کنہِ ہیوٚن۔" اَمہِ پتہٕ تراوِن یہ کتھ
اٲنہٕ نےٚ تہٕ چھُ مےٚ کُن وَنان: "اَدٕ سہ خاطر، مےٚ روٗٹکھ
ژٕ مگر یاد تھوٗوی زِ شورٕ مُشکھ گرٛژھی تیٚژھے تھوٚدٕ آسُن
یُتھ مےٚ چھُ۔ بٔنیہ تھوٗوی زِ بیا کہ کتھ ژِ تتس زِ پیٚہس
گرٛژھ رُستم سُنٛد ہیوٗ طاقت، پشنگ[1] سُنٛد ہیوٗ جِس
بیٚیہ سُنٛد ہیوٗ دِل تہٕ پادرِ بیٚیہ سُنٛز ہش وٲنٛج آسُن۔"
اَمہِ پتہٕ چھُم وار ہیٚر بیٚرن نظارہ کران۔ میون ڈوٗل وُچھتھ
گو خوش تہٕ دوٚپنم: "گرٛژھ نیٖرتہٕ سمکھہ نایبس، سُہ
دِی وردی تہٕ بییٚہ تھوٗوی کام وام متعلق۔"

نایب اوس پادشاہ سٕنٛدِس دفترس نیٖر نکیس
سٕنٛزِس لوٗگمت تہٕ اوس پنٕنین ماتحتن بیانہٕ ہیوان
بییٚلہ مےٚ اُمِس پنٕن مطلب بوو، اُمی دِتم وٕقس
موٗمتِس سپاہ سٕنٛد گرٕ تہٕ بدلے قسمکۍ پلو۔ دوٚپنم اُمِس
گرِس وٲتی زِ۔ ہرگاہ یہ مری یِیت تام تہٕ اُمی سٕنٛد لوٗٹ تہٕ
پادشاہ سٕنٛز موہر کرِتھ یہ مسلہ ہنٛ اَنکھ توٗت تام تری شؠ
بیاکھ گرٕ کینہہ تہٕ۔ تنخواہ چھی ترٛیہ توٗمان تہٕ بیٚیہ چھےٚ
گرہ سٕنٛد خرچہ ژٕ نے پانس بیٚیہ۔" مےٚ لٲگی یم پلو نالی
تہٕ گونٛڈُم سیلے سامانہٕ۔ صرف روز اَکھ مکٕژ یرٕ، سود دوٚپہم
سوٗد دِنے دفترِ منٛز پانے۔"

مطلبہ زِ نشہ ڈلنہٕ وَرٲے بوٗزی تو گوڈٕ رژھا
سٲئنس رسالہ اَفسر نامردٕ خان صابُن کینژھا۔ یہ اوس
باگہ بوٗرٕٹ موٗ ہیٚنتوا۔ بیٚیکی اُمِس بُڈھی۔ اُڈلی جہ آسس
وٕ یچھہ۔ ورِیٖ[2] ژتجی مرِ آسہٕ ہیے مگر لوٗکٹ اوس پوٗن
بوزنہٕ، ڈیکہٕ اوسُس روبدار۔ بُمبہ آسُس کریٖنہٕ تہٕ بُرزٕ
ریش اوسُس سیاہ تہٕ مشکدار تھتہ اوسُس

---

[1] پشنگ اوس افراسیاب سٕنٛدِس مالِس ناو۔ یہ اوس
ایرانک سیٚٹھا طاقتوٗر بادشاہ [2] شادانؔ بنگرامی سٕنٛز
کتابہ منٛز چھُ "ہائل و پنج" (۴۵)

کرٕہُن کال ہیوٚ۔ اَتھ آسس بڑٕ ہ گُستاد تہٕ یمن ہُنرٕ رگہ
آسس تِمَن نیران۔ یپنس آسس وال وُٹھتھ تہٕ یم آسس
کرتہٕ نالہٕ منز کٔیبٹھتھ نیران تہٕ پانٕے اوس اَمی شُند روم
قوم تہٕ ننان اَمہٕ سیتی۔ بُتھ اوس سیٚخ ہیمناکھ۔ اَگر ڈول
تہٕ حیثیتھ آسس زبر تہٕ جانٕہ۔ اَمی شُند ناو اوس
شہرس پاٹھر بہناونہٕ موکھ کافی تہٕ اَمی شُنہ بُتھ اوس
فسادین ہُند فساد گالنہٕ موکھ سیٹھاہ مزٕ سان روزنس
تہٕ عٲش وُڈاونس منز اوس ناماوار۔ ننٕکھ پاٹھی تہٕ کھنٕکہ
ورائے اوس شراب چیوان۔ گرٕ یا پرٕ پرٕتھ جاپہ اوس
ملکن ؤ کر والان۔ اسلامچ تلوار تہٕ مسلمانی ہُند نوٚ موٗ
گنٛز راونہٕ ماوجنہٕ آسس لگہ زیٹھ تفتیشی تہٕ جارٕ دل
آسنہٕ کِنہ سیٹھاہ بےکمینہٕ زانان۔ گرٕ اَمی شُند اوس
عٲش و آرامک گرٕ اکھ لطفاہ اکھ اوس تلان کالہ
پیٹھے اوس صُبحس تام تتہٕ سیتارٕ تہٕ ڈولکہ وزان آسان
بچہ نغمہٕ تہٕ حافظ نغمہٕ اوس راتی راتس چلان۔ بازی گرٕ تہٕ
مسخرٕ آسہ آسس نال وٕلتھ روزان۔ مگر یتھ نابکارٕ تہٕ خبیث
آسنس تہٕ اوسنہٕ رُعب داب تہٕ سختی پادشاہ سُند فرض
اَتھ منز تراوان۔ گیوٚن لہر سیتی ... تہٕ شراب چلان چلان
آسہ اَتہٕ تلہ ییتھ شلقچہ کرٕ یکہ ... تہٕ ... اوس
تہٕ کنٕن گژھان۔ ... ستاد
پولو گنٛدنس منز اوس سیٚخ جگر دز ... کنٛہ
اوس بڑ جسوار تہٕ دیوٚٹھ پوٚٹھ جنگی جنگ پوان مگر اوس
تلہ سیٚخ کھوژ بڑٕ تہٕ لیڈ۔ یُن عاب اوس بڑی باہنٕ

کھراو ہرہ ونٕنس منز تہٕ مکارٕی ورتاونس تل غائب کران۔
یم تہٕ زانہٕ ہنٛس تیمن اوس باسان زِ یا تہٕ چھُ یہ رُستم، یا
چھُ افراسیاب نتہٕ چھُ ضوٚر ور کرتھ ایرانُک کانٛہہ نتہٕ
کانٛہہ پرٕوُن پہلوان۔

پادشاہ سُندِس نیرنَس تانی اوسُس بڑ راتس حکیم
سِندی گرٕ روزان تہٕ دوہس اوسُس پننہٕ خاطرٕ چیز ویز
ہیوان کران۔ نقدٕ رٕ ٹنگو اوسُس کاٹھے تہٕ پرٕ یتھ کانٛہہ چیز
اوسُم وو زمٕے نبان۔ یمَن دوہن تہٕ حکیمس سیتی اوسُس
آسان یہ کینٛژھا تیمَن دوہَن زور زاپہٕ تہٕ تھپہ تھوٚ
ہمارن نش لاریوٚمُت اوسُم وتھرُن پلو زٕ نگی یا وُدنہٕ رٕ نگو
یا گرو یٹھک کانٛہہ کانٛہہ چیز، تہٕ اوسُم پانٛسَس نش موجود
آسو تھٕے۔ یُس سہ پیپاہ۔ بیپارٕ سانین اَتھن منز موود تِسُندین
اَشناوَن رٕونشاوَن ووٚنمُ : "سہ جنتی ہُسہ اوس
رُت مسلمان۔ تِسُندِس مرنَس کُس کَدوٚ راہ۔ یہ زانہٕ یٔتھ
کانٛہہ زِ دٕ یتھ کیٛت کرُوتَن انسان تدبیر، تقدیرس
نش چھُسنہٕ کینٛہہ تہٕ پکان۔ او بوزُم تَس چھُ ریشمک
دُرُن وتھرُن ییتھ کُنِ روٚدمُت۔ شرعَن چھُ ریشم
حرام، بٔلکہ یتہٕ یہ، یتھ منز مرنہٕ ورسہ روٚبے قبلہ اوسُکھ
چھیوٚرمُت۔" یمَن کیہ اَزچ سیٚخ نکھتھ تہٕ دِتکھ مےٚ —
اَلخبیثاتُ لِلخبیثین۔

اَمیٚچ اَسم سیٚخ ضوٚر وُرتھ۔ اَکس جان ذی یرزٕتھ
مومنوس اُس کامیے تہٕ سہ اوس اَنس منز پننٕ بُتھ وُچھان
تَس دوپُم "یہ زردی چھےٚ در اصل اَنسٕ۔ ژٕ ے ہیے

گوہ لابِچو پاُٹھو چھے بُتھہ پھولِمُت تِلہِ سہ زٕھمن بلاے
اَتھہ اُنس۔ "اَمِس گھر ژٲکھ تہٕ دوٚپُن۔ "ہہ ژٕ شے نارگن
یِتھہ اُنس"۔ مے تُلتہٕ تہٕ دباوتن یہ اُنہٕ۔

مذہب چھِپن کامن منز اوس احمق صاب بڈٕ
ڈاڈٕ تہٕ حرام کین چیزن گُن چھُ چھِتہ اوس سُخ باتمبران۔
مے اوس دوہن صوٚندقن ہُند دوہِ نی حاجتھ۔ احمق
صابُس اُسی ژور صوٚندوق گُنڈٕتھ اُکِس منز۔ دوہِس
راتس اوسُس ژاگہ نہ کِنِہ پاُٹھی یِنم زٕ صوٚندوق اَتھس
منز۔ ہرگاہ مے تہٕ درویش قنفر ہشِز اُڈے ژھوٚپ
وَرتاوِہِ آسہ ہے، مے آسہ ہے وُنیکتھانی سفرُک
سوڑے ساماں یمن صوٚندقن منز بَرِتھ تھووُمُت۔ خاُر!
مے ووٚتھ کوہ ڈرُ اَکھ۔ سائنس گرس نِکھے اُمن پچھرتٕ
دوہ بِیہ اُکس تلہِ گنہ ہیوٚنی اَکھ پیاپرژٕ طہرانس منز چھِپنہ
زدوٚن، شہزادن، ووٚتلن تہٕ ہوٚمِن ہشِز کمی کینہہ۔)
کُلن ژور اُنم اُہ سندی بچہ تہٕ ترادِم اُکِس صوٚندقس
منز۔ بیٚیس صوٚندقس منز برُم اُڈی جہ۔ سفرس نیرنہٕ
وِز پیٚیہ حکیمس اَتھہ صوٚندقس منز ہوٚنہ۔ پچھن پیٚٹھ نظر
پیٚتِھ مورج وُتہٕ پکوہ نِس سُخ سَتِینچھ اُس اُنان۔ یِم ہوٚنہ
بچہ وُچھِتھ ژٕج اُمِس گھرہ، تلہِ مِزُر نیرِتھ تہٕ گیس
سُخ تُنگ۔ اَتہٕ ہیٚیہ تلکھ اَتھہ ماملس بدلے مانے کڈُن
اَکھ چھیٹھ وَنان زٕ اَمِیُک مطلب گوٚو زٕ ماُلگینہ زیوٚن حراوکی
شُرُی۔ بیاکھ اوس دَپان "یمن ہوٚنہ پچھن چھِنہ وُتی زہ اُچھ
تہٕ اَمیُشہ، ظاہر چھُ یِم دَپان زٕ اُسیو تہٕ گژھو تہٕ حکیم ہِندِس
گرَس منز دٲتِہ حکیمیے ہوٚی برُنِو۔" حکیمس بچارس
اوس صوٚندوق وُچھِتھ جگر وُزان۔ اَخر چھُ وَنان زٕ یِم
صوٚندوق گیہ دوہ نی تمکیری، یِم ژھنِو وُکھہ۔ بچہ پیٚتھہ تہٕ اُلتھہ
تہٕ کاٲم کرِکھ مے مثِہ۔ اَدٕ گیاہ، اَم صوٚندوق جوڑاہ
اَتھَس منز۔ اَمہ پتہٕ کرُم نِکہ چرنہٕ چیز تِتھی جمع زٕ مے
پیو پانس نشہ تمن ہُند حساب تھوٚوُن۔ سفرس نیرنہٕ
وِز اوس مے تِیوٚت بار ہیکار زٕ ہرگاہ بہٕ سرکارِی قاطر
دارِس سیتھہ الگ بار قاطر ہینس پیٚٹھ ہرُتہ کرِہا،
شوٚبہِہ ہیم تہٕ۔

## ۳۳

## حاج بائن پادشاہ سِندِس فوجس سیتھو رُوزُن

### تہٕ تس پَننہ کامہِ ہنز زان گژھنی

ستارہ باگ وُچھِن والیو کوٚر پادشاہ سِند
نیرُمُت دوہ مقرر۔ اَکوہِمہ ربیع الاول دراو پادشاہ
تمہ وِز یِیمہ وِز اَکھتابہ کھسنس یِژٕ تاجی منٹ اُسی۔
سُلیمانیہ حبابہ پیٚٹھ یِس مکانہ شہر نیبر نوٚ محل کرِج
وُچھِتھ ہِندِس بنڈس پیٚٹھ پادشاہن بنوومُت اوس۔
پادشاہ ووت اوٚتے رُوزُنہ معہ کِنہ۔ پادشاہس سیتھ یِیہ
نفری مقرر اُس، تِم سارِی واُتی وقتس پیٚٹھ اَوری۔
یِم اُسی جنگی، وُنِس ہِٹھ سوار، رسالہ دالی، وزیر، اَٹھ
بڈی افسر تہٕ زٕ بِچھو منشی۔ یِمن سارنے ہُند نیبرِس سیتھ
گو شہر تُرِنِے حِصہ خالی۔ یہ نہ مے وُچھمُت اوس

تِ وُچھُم۔ طرا ہکھ کیاہ سارٕ اِیرا ہکھ لکھ دژاے تیتھ پٲٹھۍ
زَن تہٕ ماچھ تُلر اول ترأوِتھ۔ بیٚیس اَلِس کُن دوران آسہٕ۔
گرین تہٕ ووٚنِتھٕن ہٕنٛز اُس رٕژ تہٕ یمَن ہیٚتھ اوس
دُرون وٕتھرون، فرش و فروش، کھینٛکھ بانہٕ، کمبلہٕ، جولنہٕ
گُنہٕ تہٕ راشن بأرِس۔ ژوٚپأرۍ اوس گرد طُفانا ماہ۔

رومین تہٕ گانٹِیَن ہٕنٛد شور سپُدتہٕ گرۍ والین تہٕ
ووٚنِتھٕ والین ہٕنٛز و کرنکو سپدو اوس کنٛن زرٕ پیوان۔

پادشاہ ہٕنٛد نیرُن ہأکر دوہ ٔنہ صُبحس سوٚز ہَس
بٕ دروازٕس ہیٚتھ وُردی دِتھ مۄکھ زٕ ییتھ بٕ پادشاہس
وٕنہٕ لگن ہٕنٛد گرۍ یار پٔتھ رٹہٕ۔ گامہٕ ہیٚتھٕ یم رگرِ یسو
پھل تہٕ میوٕ ہیتھ شہرٕ وأتہ مُتۍ آسۍ، تِم آمۍ دروازٕس
پیٚتھ کنہٕ جماہ سپدتھ۔ دروازٕ ہٕ مشارنس پیاران۔ سقو
اوس وٕتہٕ وٕتہٕ تیشتھ چھرکاو تہٕ صفائی کرٕ ہٕش زتمہ کھوتہٕ
اَر کأم ہیٚکہ ہیٚ تہٕ بیٚیہ زانہہ تہٕ سپدتھ تہٕ بجین اوسہٕ
وٕتہٕ پکنس اجازٕ ہتھ سُقتنہٕ۔ پادشاہس نیرُنہٕ ہٕ وزنہٕ شنک
گرژھ۔

لگن اوس پور چھنگ دِتہٕ کہ اَمہٕ دوہ ہٕ آوٕ متے پأنس
مُنز ییتھ جوش بوزنہٕ زِ ستے اوسہٕ بہیہان پأنس زِ متے
توسگاہ پیٚ۔ متے ہیو یاد زِ یمن دوہن بٕ پانہٕ کھوٚرتہٕ فأرۍ
اوسُس کمن کمن موتبرن اوسُس بٕ ہرٕ رُوفہٕ کرتھ وأکر
والان۔ بٕ چھُس لگن اَمہٕ دوہ ہٕ اَنی کھلہٕ تم تاس
لایان تہٕ دگہٕ مار کران زِ بلتۍ سپاہ لگو ونہٕ "بدلے
حرامکاہ آو آسہ حقیقہ" یہ کرٕ نہٕ تلہ اوسُم مطلب یہ زِ اکھ

نیرہم ناو بۄہدوری مُنٛز تہٕ بیٚیہ نقدہم اَمہٕ سپدتھ اُدرٕ تہٕ جل
مۄخصر دژاو فوج برونٛہہ برونٛہہ۔ اَمہٕ دوہ ٲس
اکھ دوہ برونٛہہ ووٚنٛٹہٕ سوارن ہٕنٛز اکھ جماتھ فوجس
پیار نہٕ مۄکھ سُلیمانیہ وأرِ ہش۔ پادشاہ کھوت گرُس تہٕ
تراوِکھ توپھ۔ اَمہٕ وِز گیہ ژوہ پأرِ ژھمہٕ پیہ سأرِ
رُودۍ ژھمہٕ پیہ، دم کرتھ پادشاہس پیار نہٕ۔ گوڈٕ اوس
بۄندوقی فوج۔ اَمہٕ پتہٕ آسۍ گرۍ پکناون وألۍ۔ یمن گرین
اوس ساز و سامانہٕ گنڈتھ، کأشر تسکہ چأر بتھ تہٕ ہیٚتھ
اوسکھ زری اطلاس ترأوِتھ۔ یمن پتہٕ آسۍ بیٛادہ یکن
وألۍ تہٕ خبر دنہٕ وألۍ۔ یمن پتہٕ اوس بانہٕ پادشاہ قبلہٕ عالم
شہزادٕ تہٕ وزیر۔ یمن پتہٕ اُس فوجی سوارن ہٕنٛز بیاکھ
جماتھ۔

یمن پتہٕ آسۍ زٕ ہتھ زٕ ہتھ مۄہ ہنوکھ تہٕ تہندۍ نوکر
تہٕ یار دوس، جٔجیر تُلن وألۍ، دأنہٕ، دأنہٕ مۄہ ہنوکھ، فراش
پٔنتھرکو کأم کرن وألۍ، مرکبان، ٹشو وألۍ، ووٚنِٹہٕ وألۍ
بازر لاگن وألۍ تہٕ بیٚیہ تہٕ ساسہٕ بدۍ نفر۔ فوجس پتہٕ پتہٕ
یمن پکن والین ہٕنٛد تفصیل بیوم اَمہٕ مۄکھ وٕنُن زِ
ییتھ تمہ ہہ تہٕ تنہٕ وزِ میانہٕ تہٕ فروین دروازٕس ہیٚتھ وردی
دِنہٕ والین ہٕنٛز اچھ کُس محشرون مأدانا آیہ پأنس برونٛہہ
کنہٕ پکان وُچھان۔ پادشاہ آم دور بوزنہٕ ششمن
ریشاہ کرتھ تہٕ اُمس وُچھم بتھس قہر تہٕ روب پشان۔
اُمس وُچھتھ زن میانہٕ اچھ، میأنی کتہٕ میأنی نس
اکھ اکس روہ خھنیتھ لگی ہیٚنہٕ۔ بیمہ سپدو کھولمہٕ شاہ تہٕ۔

پہ سورُے جوٗلوٗسہ ڈرا و دروازٕ کنٛہ نبرٕ تہٕ
پھِرٕ کھاہ ترا اُوٗتھ ہیوٗ لھٹس بٔ ڈیڈی وانٛ سیتۍ تموٗکہ
چھینہٕ۔ اَمی وِزِ آیہ اَپاری وزیرٕ بابے یِس پٔنٛتس
رٕ ہنس سیتۍ گژھنُک اِجازتھ اوس۔ مےٚ پیٛیہ
زینبٕ تہٕ تس بِچارِ ہٕنٛز بدنصیبی ژٕ تِس۔ نوٗرٕ جہانٕ
ہٕنٛدِ وَننہٕ کنٛہ اَسکھ سعہ گیوٗن تہٕ ژٔٹُن ہیترِ ہیٛچھناونہٕ
موکھ مارٕنے سازٕندرٕ تہٕ گیوٗن والین سیتۍ شمرانَ
کس شاہی مکانس منٛز سوز ہرٕ۔ تکیازِ پادشہٕ سُند
اوس وٕ نمُت زِ میانہٕ واپس یِنہٕ کِس وقتس تام تِ
گژھ یہ مےٚ نِش اَنٛنس لایق گمژ آسنۍ۔ اَچھ لجُم
شاہی مکانس کُن دَرِ تہٕ پانہٕ چھُس پکان۔ ہرگاہ نہٕ
بادشاہ سٕنٛدِس فوجس سیتۍ گژھُن آسہ ہیم بٕ ما
گژھہ ہا اَوری ؎

بامید کہ بدہم بوسہ خاک آستانش را
زنم ہر شب ہزاران بوسہ پای پاسبانش را

کوٹھس ووت وٕ ہنٛی وردی دِنکُ وَرخ۔ بٔ ووتُس
اَفسر سٕنٛدِس خیمس منٛز تہٕ اَتہٕ وُچھُم پننہٕ خاطرٕ ہیٛین
پانژن سپاہن سیتۍ ہیوٗنے خیمہ دِتھ۔ شہرس منٛز اَسِ
مےٚ یِمن سپاہن سیتۍ زان گمژ ہنے۔ مگر یِیتہٕ آسے اَسو
اَکھ اَکس زیادٕے نکچہ تہٕ سیدی نالی نال۔ تکیازِ
اَتھ اوس یِتہٕ اَکھ سبب زِ خیمہ اوس ژھوچرٕ تہٕ زٕ چھرٕ
کنٛہ کُل بٔتھ تسے گژ۔ یم سپاہ اَسو مےٚ زانان
یوٗہنے چھٕتہٕ اَسوتن۔ دِیان آسہن یہ چھُم دُنہٕ گنٛدہٕ نے
تہٕ اووے اَسمینہٕ مجرٕ ہیے دِوان۔ بٔ تہٕ اوسُس ژٕنٛڈ کرِتھ
نیاوان۔

رِسالہٕ اَفسرس اوس نٲیبہ سٕنٛدِ وِراٗسے بیاکھ
اَکھ موتبرانہٕ پانس سیتۍ۔ اَمِس موتبر سٕنٛدِ کنٛہ لوٗب
مےٚ بڈٕ ہدٕ تہٕ بٔ ووتُس کمالس۔ اَمِس اوس ناو شیر علی
تہٕ اوس شیرازُک۔ شیرازکین تہٕ اصفہانکین چھےٚ
پانہٕ وانٛی سَنٛح رِش، اَما پوٚز اَسہ لٲج پانہٕ وانٛی ژتہٕ
یارزادٕ زٕ اَسو بنے یِہ جگری یار۔ اَکہ دوہہ اوس
سَنٛح گرم تہٕ اَمی سوز مےٚ خربز خاش اَکھ کھینہٕ موکھ
مےٚ بٔرِس ینہٕ اَتھہٕ تمٲکی چلماہ تہٕ چوٗدُم۔ مےٚ گیہ
اَکِ دوہہ یہ دستہ تہٕ دِرہ کھ، اَمی ہاومُن شراکہٕ چُم سیتۍ
پانے تونبہ۔ اَمی سٕنٛدِس گرِس گیہ اَکہ دوہہ قونٛج
تہٕ تس کوٗرٕ مےٚ پانہٕ تمٲکی دانٛیگ دوٗستوٗرٕ۔ دوہہ شوٗنے
بنے یہ اَسہ سَنٛح دوس تہٕ پرانیو چھُناوٕ نمُت۔ دوہن
کُلین زٕ لِہتہٕ میلِتھ چھُ گنٛے میوٕ نیران، برابر اَسِ
سانہٕ حقہ سعہ بٲش گمژ۔ شیر علی اوس مےٚ ژٕ پن
وٕری ین زٕ تیٛچھ۔ حیتھ اَسِس موتبر آیہ، شکل اَسِس
رٕ ژٕ شانہٕ اَسِس بڈی، کمبر اوسُس نٲتِکُ تہٕ ریش
اوسُس گوٗن۔ گوٗ ژٕ تھ آسَس بَرٕ ژٕ تہٕ اور یور
دٔرکھیتھ آسَس یِمہٕ کنہٕ بھیرٕ وُ کنٛہ ہیٛتوٗر ہیٛتوٗر کھرٕ مرٕ
باسان اوس زَن چھےٚ دوٕ سبہ بیٛٹھو دِچھرِ اَنتھ اَدیرٕ۔ ان
شیر علی اوس برون ماگناہ اَکھ تہٕ کھرانہٕ ملازِم
گوہ ڈٕنگی ہیے سمکھنس منٛز تورٕ مےٚ اَمی سُند چالاک

تہٕ نیچھٕ اُسُن فِکرِ۔ مگر بٔ تہٕ کوٚرنَس خبردار۔

دوٚیمِ : "بابا! پادشاہ زانہٕ یہٕ تنخاہ وٕنِنخاہ
کیتھہٕ ڈیُن، ہرگاہ زانہٕ کاٚلی دِوان تہٕ چھُ، تمہٕ سیٖتۍ
چھیٚنہٕ ژٕڑےٚ ژلان۔ اَسہِ ہےٚ کیتھہٕ بنان چھُہ، سُہ
چھُہ کامہِ منزٕ ے بنان، یوٚہے ہیٚچھو وونیاہ، یا رشوٕ یا
بخشائِش بیٚیتر۔ اَسی چھہٕ پیٚنَس اَفسرس نِش ہیٚچھتھ
آہستہ تکیاز ہیٚون چھُنا آٚرلکھ وٕچھیتھے پرٕز ناوٕنہٕ یوان۔
رسالہ افسرس چھُہ ساس توٚمان وٕرہ یَس تنخا، سُتہٕ ناوٕ
پاٚٹھو، نقدٕ ژنگرٕنہٕ ظاہِر کھیس۔ تمہٕ پتہٕ زانہٕ خوددِوان
چھساکنہٕ۔ مگر کھیس سِنے تہٕ پیٚچھی پانژھ شنّے تنخاہ
چھس پانَس خرچ۔ شنّے یہٕ رقم ہیٚچھو واٚنی آنان چھُہ
پیٚچھتھ کتہٕ اَنہٕ؟ کاٚنسہٕ جان یِزتہٕ، واٚلس ہرگاہ پادشاہ
پھیرتھ گژھہ تَس چھُہ تلہٕ پتو شکھہ تہٕ جرمانہٕ یوان کرنہٕ۔
اما پوز اَمہِ شکھہٕ تہٕ جرمانک دارٕ مدار چھُہ تتھ رقمس
پیٚچھتھ یُس یہٕ رسالہ افسرس بٔیہ منزٕ پلہٕ ناوٕ ہرگاہ
تمہٕ وٕ ٹیوٹھ رقماہ رشوٕ ڈیت، تیٚلہٕ چھُہ اَسی تلہٕ پتو
بدلہٕ بچہ کھنجتن ٹاس والان۔ حال حالےٚ پھوٚس منش
اَکھ بلایہِ اکس منز۔ یزتہٕ موہ کھ ترٕدومس ساونہٕ
ورٕز نمدٕ اَکھ تلہٕ کنہٕ۔ دوٚن سیپہن اَکھ اَمس بکنکی
منّے تہٕ بٔیمہِ سیپہن ہیٚتھ چوب دِنی۔ گوٚڈنی تل اَبہ
اَوسُند کاشرٕ شاہنگ دستار، ہُلس گنڈٕ ٹنک شال
تہٕ نالی ہُند جوٚغ۔ یہٕ اوس اوٚت تام اَسہِ حکھے۔ اَمہِ پتہٕ
چھُہ یہٕ لعوتہٕ موتہٕ پادشاہس لوزنہٕ وراٚےٚ تہٕ کاٚنسہٕ کنِس گژھ

خبر کھوٚتہٕ وراٚےٚ اَسہِ وٕنان۔" ہرگاہ یہٕ منّے لاٚیو، داہ
توٚمان دِموہٕ، یانی اَسہِ اَمِس کھعہ رشیوٚر کٕن پھیرٕ،
اَسہِ ہیٚیش پنیجہٕ کاٚم کرٕنی تہٕ اَمی سٕنْد اَمہِ وعدٕک ذٕرِیر
وٕچھنہٕ موہ کھیہ واٚلس پٔریم پاٚٹھو ٹاس جوراہ تہٕ اَمی
ہیٚز کرٕنکھ دِنہٕ۔ پادشاہس فکرٕ تُرنہٕ وراٚےٚ کھالنوو یہٕ
اَسہِ ہیٚتھ رقمس تہٕ ہیٚوٚت ووٚنی اَسہِ پنجن ٹامن پتاس
ملہٕ وٕن۔ یہٕ سوداہ سٕپُد یُیمہٕ حالہٕ زٕ سہٕ اوس کرٕنکہٕ دوان
" واہے موٚدُس! ووٚنی کرٕنہٕ، ٹاٚنی، خوداےٚ سٕنْد
پانسہٕ، نبی سٕنْد پانسہٕ، باہ توٚمان، ہتہٕ شخص تعویذ چھُو
واٚلس ماجہِ ہنْز ذرٕےٚ، پنداہ توٚمان۔ ہتہٕ شخص پادشاہ
سٕنْد ریشہِ کرٕ پانسہٕ، وٕہ توٚمان، بہن امام زادن ہنْز
ذرٕےٚ چھُو۔ ترٕہ توٚمان، ژتجی توٚمان، پنژاہ شیٹھ
ہتہٕ، ساس توٚمان، حضرت عباس ہنْز ذرٕےٚ۔ یہٕ
توٚہی منگو تہٕ۔" یتھے اَمی حضرتِ عباس سُنْد قسم کھیو
اَسہِ نہٕ ژھوٚپڑو ووقصہٕ۔ مگر تمی بے ایمانن تہٕ تاوٕن ژٕدٕن
وول اَکھ رقمس پلہٕ گژھتھ تیتھے پاٹھی پیٚچھتھ پاٚٹھو
اَسہِ تل لگیتھ سُہ اَکھ کھالان اوس۔ یہٕ گوٚڈ دِنس
وعدٕ کوٚرمُت اوسُن تتھ دِژن نہٕ ورٕنی تہٕ ہُرمیانہٕ سُہ
تہٕ ییٚمہٕ کاٚنسہٕ زٕ خبر چھا بٔیہ کنہٕ ورٕزا پھسہٕ تہٕ پتہٕ
تہٕ موکلہٕ نہٕ زانہِ سہل سہل"۔

شیرعلی ہنْز نیٚو یہٕ کتھ بٔز تھ لوٚگ منّے طمہچن
زٕگن سُہ ذٕرٕسہٕ ژکن چوب دِنہٕ وراٚےٚ تہٕ حرام
ہرکیسہٕ رٹنہٕ وراٚےٚ رٕ دُم نہٕ بٔیہ کانہہ تہٕ طمہاد لس

منز۔ ژُسبہ پیٹھ شام تانی ڈُنڈا اَتھس کینہہ ہیتھ
چھُس بہٕ سارۍ سے پھیران تہٕ ییتہٕ ییتہٕ انسان شکلاہ
بوزنہٕ آیم تتہٕ تتہٕ واجیم تیمَن چوب دی دی اَردچھہ
مےٚ گیہ ووٕنی چوب دِتس تہٕ اَتھہ تُھنس پرٛدہٕ ہاٚل
زِ ہرگاہ مےٚ دیہٕ یمَن ساروٕ ڈینہکین تلہ پیٚٹھ کرِ شَلق
نی کرِ ہا۔ خودا زانِہ بہٕ کہارہ گوس تیٚتھ بےٚ گندٕ پیما
تیار، کھُجانہٕ مےٚ پانس شرٛپان زِ بہٕ کیاہ چھُس بوٚہدوٚر
تہٕ ظُلمگار۔ کھُجا ووٕنی بہٕ اوٚتن واتُن۔ مگر در اصل
لاریو مےٚ یہ سوزُسے پننین سپہن ہُنند طور طریقہٕ وُچھتہٕ
یہ ہیٚو چھہ مےٚ فقط تِمنے نِش سہ

اسپ تازی را دو روزی گر بلندی پیش خر
رنگشان ہمگوں نہ گردد، طبعشان ہمگون شود

یمن دوہ ہن اوسُس بہٕ اَکس تھجس عالمس
منز روزان ییتہٕ بہٕ نِس ژٹنہٕ وراٗے، کَن ژٹنہٕ وراٗے
زِ اَڈ کرنہٕ وراٗے، تتھ سیخ لاگنہٕ وراٗے، اَچھ
مۆلہ کڈنہٕ وراٗے، تو پھ گنڈنہٕ وراٗے۔ پَتہٕ پیٹھ
داٗرِ دِنہٕ وراٗے، ییٚیہ کانہہ کھتاہ بوزان اوسُس
بہٕ اوسُس پانہٕ ووٕنی تیٚتھ بکرہو دوٚر بنیومُت زِ ہرگاہ
میانِس نایس مےٚ اَتھہ دِتھ دِنہٕ یمَن زیٚمیس دال
زِندسے شُلہ تہٕ برُس کاسہ منز۔ بہٕ کرِ ہا نہ تتھ تہٕ وایہ
گر بہ منصب برسی مست نہ گردی، مردی [1]

## ۳۴

# کانٛہہ کاٗم مہ ٹھوٚنہ وزِ پتہٕ کین

سرکاری ملازمن ہُنند ظُلم

پادشاہ چھہ وَتہٕ وارہ وارہ پکان۔ چھیکرس ووت
پژ گرٛ نوٚ کوچھہ منز ژوہ دانہہ دوٚہی۔ یہ کژھو اوس
پرٛانہٕ شہرکین دُجارہ پزن نکہہ اَکس لوہ کچہ وُڈر پیٹھ
بناونہٕ آمُت تہٕ اَتہٕ پیٹھ اوس ژوہ پارہ نُت نظارہ
لبنہٕ یوان۔ اَکھ وُڈر بونہٕ کنہ اوس دُور تانی سفید خیمہ
دِتھ۔ پننہ اَزی چھہ اَکھ خیمہ پیٹھ نظرہ گژھہ اوسُس تہٕ
سہ وَرِخ نظرِ تل اَنان ییٚلہ بہٕ تِم کھانوٚ ژٹھتہٕ یوس
تہٕ تتھ مُقابلہ اوسُس اَزموکس ٹھرزس تہٕ بجرس کن
وُچھتہٕ اَندری اَندری پھولان زِ از چھُس بہٕ بہٕ
انسانن منز۔ شُتہٕ اوس وختاہ ییٚلہ تکھ چوب اوسہ
مےٚ دوان۔ از چھہ سہ وَرِخ ییٚلہ تکھ ووٕنی میانی
اَتھہ چوب چھہ کھیوان۔ اسمِ فاعل تہٕ اسمِ مفعول چھہ
اوسُس بہٕ اَکھ صحی مِثال بنیومُت۔ ییٚمہ وزِ اوس جناب
عربی ہیٚچھناوان ہیٚچھناوان مےٚ لایان اوس تیٚمہ وزِ
اوسُس بہٕ اسمِ مفعول تہٕ فعلِ لازم۔ ووٕنی ییٚلہ میانی

[1] طہرانس منز چھپے مرثہ کتابہ منز چھپے ییر شہ من۔ اُمہ پتہ
ہُریمانہ: "مختصر شمر جلو دارم نمی شد، سان ہمعنانم نہ بود
حرملہ نزد من از رحیم دلان محسوب می شد" فلاٹ تہٕ
شادان پشرن کتابن منز چھپی نہ یہ بیاد کتھ۔

سۄ کٲم بیٚیہِ پٔنٛدٕ دُسوٲس سٕپدان۔ اَمہِ سانہٕ اوٚسُس
بٕ اسمِ فاعل تہٕ فعلِ متعدی۔

بٕ چھُس پیٚتھے فِکرِ منٛز سۄنٛچان زِ تانٛی ژاو شیٚر علی
میانِس خیمَس منٛز تہٕ چھُم دَپان: "دوستا! ژٕ کیا
چھُہم کران بیٚہِتھ؟ وۄنۍ چھ تھوٚو، کٲم بنیٚے یہ۔ بٔکھ
نیر مےٚ سیٹھاہ۔ اَسہِ چھُ تھوکھ بیٚیہ کہ خاطرٕ راشِن بیترِ
اَنُن نیٚچ کٲم مٕشٕٹ اَنٛدی پیٚٹھ کیٚہو علاقو منٛز۔ فارِج سوارگاہ
پیٚٹھ یِیہِ راشِن یوٚر واتَن وِاجِینِس اُس سۄ چھینہِ
شہزادس پنٛدِ تورِ شِکارَس گَژھِتھ تَتہٕ سۄ راشِن مٔلاوِتھ
تھچھیٚنہٕ کیٚنٛہہ یوٚر واٲژ پٔرٕشے۔ یہ راشِن یوٚر اَنُن نیٚچ تہٕ اَکھ
تفتیش کرُن نیٚچ، تہٕ تِمہ کامہِ کو سارِی ذِمہ تھوٚو تہٕ مۄقدم
رسالہٕ اَفسرَس نیشِ رٔٹھِتھ اَنُن نیٚچ کٲم تھوٚو کھمےٚ
مٕشٕٹ۔ پَنٛنِس کیٚنٛہو کرِو بیٚیہو سیپاہو سیٹھا تہٕ کم چیتَن
کریہیم تہٕ رشوت تہٕ پِلہ ناوٕ ہم مگر مےٚ ما یِیہِ وۄنۍ نہٕ
ژےٚ ورائے بیٚیہ کانٛہہ پانَس سیٹھاہ زَنَس تکیا زٕ
آخرٕ چھُہم دوس۔ خاطر، دِگر نمازٕ پتہٕ رۄزِ زٕ تیارِ چھُ
پگاہ صُبحَس اَسی تورِ واتوٚ۔"

بٕ گوس اَنٛدرٕ کیٚنٛہہ نِشے زِ اَکھ بیٚیٹھی ہیٚرِ نِشِن
پیٚٹھو وارِ نیٚچ سبیل پاٹھ گژھِ۔ شیرِ علی پنٛدِ حرام ہرِی
وصول کرُن تہٕ کہ طریقہٕ نِش بیخبرٕ اُسِتھ تہٕ زون مےٚ
پانَس ہیوٚن یُدٕ ژھانٛڈُن والین پنٛدِ خاطرٕ یہ موقہٕ
بٔڈٕ غنیمت۔ اَنٛدرٕ کیٚنٛہہ چھُس سوچان "ہرگاہ نہٕ شہزا
راشِنہٕ بیترِ منٛز تَتہٕ کانٛہہ چیز پَتہٕ کُن تھوٚوُت
آسہ، تیٚلہ مارِ وۄ مہِ منٛتھے"۔ مگر سیٹھاہ آم پننِ خیال
زِ "وۄنۍ لہِ سہ آخرٕ آسی تہٕ تہٕ کیٚنٛہہ نہٕ کیٚنٛہہ رٕوِ ووٚت
اَدِ یمی وٕتی، تیتے چھُہ اَسہِ سیٹھا۔ کموتانی گومُتُن
چھُہ وۄنۍ نمُت سہ

خورند ارمغز را بر جای ماند
اقلاً پوستی، از ہندوانہ
کنند از چانہ ار ریشِ کسی را
ازو ماند بجا البتہ چانہ

خیمس نیشی اوسُم گُرٕ کاسہِ کھیوان۔ وۄنۍ نکھس تہٕ ووٚتُس
گُرِس نیش سہ

کشودم پای بند از پای رہوار
نہادم زین و بر گشس بر بکاہل
بدو گفتم کہ ای پا بستہ تا حال
ھلا پابندِ خویش از پای بگسل
بحرکت عنبرین بادا چراگاہ
بجمرکت آہنین بادا مفاصل
اگر ایرانئی را بگسلانند
چو تو پابند از پا (گرچہ مشکل)
بکد اندازی و گردن فرازی
تماشا کرد باید ربِ سہل

موٚہ خصرٕ دژاے شیر علی تہٕ بٕ اَکھس بأرِ گُرِس
پیٚٹھ سامانہٕ لدِتھ دۄہہ لوسنس باگی۔ یمن دۄہن بٕ
گرٕ موٚہ ہنیو اوسُس تیمَن دۄہن اوسُم بیگ لقب

مژہنوی گرٕمی کرٕی کرٕی زیوٗنمٕت۔ دوستَس اَکس اٲسم
دوہ پہٕ پتھٕر زَز گرٕس نٲلی ثراوِنہٕ خاطرٕ ہیٚتھ مرٕشہٕ تہٕ پانَس
ہٮ۪لس گنڈٕن کیٚت کمربند اَکھ اوٗم کرایہ ہیٚوٚٹھ زِ
ہر گاہ یہ راوِ نتہٕ لہِ دِمَس یا ڈٕنڈ نتہٕ اَنس کانہہ اٮ۪لیاہ
بیتر۔

سلاح سامانہٕ تہٕ ہوٚل گنڈِتھ دراے اَسہِ تہٕ چھ
وَتہٕ فقط تیٚنٛدریٚس زِ گاٹٕھ کرِتھ راتی راتَس پیٚکان۔
قاچٕ سوار گامَس منٛز داتی اَسہِ تمہِ وِزِ یٮ۪مہِ وِزِ صُبحاے
گریسہِ تموکاہ چوان چوان کٔھسَن کنٛ گرٕھان اَسہِ۔
یہ چھے دوٚنی خبرے زِ اَسہِ وُچھتھ دِیسر یہٕ اَتہٕ ساری
زَنانو تھوٚو بُتھ ژوٗرتہٕ مرٕد آے برٕ نرمی تہٕ حلیمی سان
اَسہِ کُن دوران۔ وُچھن گوٚژھ شیر علی تفتیشی سُنٛد
دِماغ تہٕ چادرٕ زِ کمہِ نخو تہٕ سان اَنہٕ نوٗن موقدم
نادِ دِتھ۔ ریش سفید تہٕ موتبر شخصاہ اَکھ آو پنہٕ خیرٕ
کھوتہٕ تہٕ ساد پلو لٲگتھ اَسہِ ثروٗنٹھ کُن تہٕ کوٚرن سلام۔
دوہ دنی روٗزی یتھے چھُ وَنان: ”حضرت، یہٕ حقن چھُس
تُہُنٛد نوکر موقدم۔ مبارک تُہنٛدِس یور تشریف اَنُن!
سانِہ چشمن پیٚٹھ تُہُنٛد اَسہِ نِش یُن! بسم اللہ!
وائِلو حقن تشریف گرٕو بیہٕتھ! وائِلو حقن یکواَژِد اَسہِ
نِش! اَکِ رٕٹ لانکم، بیٚیہ کرِ رکابس تھپہ، بیٚیا کھاو
آوتہٕ ژارِن کرٕھن سانِہ منٛز نرتہٕ وائِلِن اَسہِ بوٚن
وُچھن گوٚژھ کُدام سون۔ موقدم سُنٛد گرٕ ترٕو وُکھ ڈالانس
اَکِس ہیٚوٚٹھ قالیناہ وِتھرٕون ہیتھ کالَس تتہٕ کُھٹھ

شیرٕ مَن۔ گامکو ساری لُکھ روٗدی اَسہِ پتہٕ کنہٕ دوٚدنی
تہٕ پانہٕ بیہِتھ اَسہِ قالینَس پیٚٹھ۔ موقدمن کوٚڈ پانہٕ
کھوٚر روٗ منٛز اَسہِ کھور بانہٕ۔ یُس یِز بتہٕ زِ ہٕیٚن شوٗبہے
کرٕن تتھ تھوٗن نہٕ کانہہ پرٕگی۔ شیر علی ہتے ٹیا
اوس تتھ پاٹھو بہِتھ زَنتہٕ یہ پژھہ لازے واتنک
تس حقے اوس، ڈُمٕتس اَسِس نہٕ ریشٕرِ تہٕ گرٕھان۔
تمٲکی داماہ چیہِتھ کرٕتھ پھرٕن بُتھ موقدمَس کُن تہٕ
چھُس دِپان: ”ہیا بڈا! یٮ۪مہِ قاچٕ سوارکہِ موقدما!
یہٕ چھُسے پادشاہ سُنٛدِ طرفہٕ آمٕت! بوزتھ، پادشاہ
سُنٛدِ طرفہٕ، چھُسے یور آمٕت۔ یہٕ چھُسے یٮ۪مہِ موکھ آمٕت
زِ پادشاہ سُنٛدِ حکمہِ موجوب کوٚنہٕ سوزتھ ژٕے مجوزٕ
پادشہَس فوجہِ خاطرٕ؟“

موقدم۔ حضرت، یِمے اَچھ بیٚیہ نَم پتھرٕ یِگاہ یہٕ
اَپُز وَنو، (اَتھہ سیتی کَنَن کُن ہاوِتھ) یِمن
چھُو بارِ یِہ خبر زِ مے چھُنہٕ اَزتانی زانہہ تہٕ
اَپُز دوٚپمُت۔ یہِ مے وُچھتھام وَنان وُچھت
نی کرِ تُہِ یہ تہٕ عرض۔ جناب، اَفسر صاحب
عرض حقن چھُ یہ زِ الحمدللہ تُہِ یہ چھے پانَس
خودا تعالیٰ اَچھ دِژمرٕتہٕ پانَس کنو پوٚز
بوزنَس عادٕ بتھ۔ خودایِن چھُو گاٹُلہ تہٕ داناہ،
ایماندار تہٕ پرہیزگار کرٕی مِتھ۔ یہٕ وَنو پوٚز پوٚز
تہٕ صاف صاف۔ پتہٕ چھُو تُہِ یہ پانَس اختیار
یہ تُہِ یہ خوش کرِ تہٕ کرِی تو۔

شیر علی ۔ بہٕ چھُس پادشاہ سُنٛد نوکر ۔ یہ میٛے پادشاہن
فرمووٕمُت چھُ کرُن، تی کرٕ بہٕ ۔

موٚقدم ۔ حضرت، توٚہۍ چھُ اختیار! اووٕنی بوٗزی توٚہی موٗن
عرض ۔ وۄنہِ ہِنٛدُستانی آسن ییٚمہِ ریٚتہِ تارہٕ موہرٕ
گاٚمتۍ زٕ گینٛکہِ اوس گرٕ کھنٛڈ کھوٚتمُت ۔ تیٚمہِ
تہٕ اُسی نہٕ وۄنہٕ بالیغ کیٚنہہ، تمٕ اُسی وۄنہٕ میانہٕ میٚلے
کران ۔ پرٛیتھ کانٛہہ اوس کھٲہس کُن تیٚمبرن ژھچاراوین
کُن لٔگتھ ۔ اُتھی منٛز آو خرابَ قلی شہزادٕ سُنٛد
نفر شیٚچھ ہیٚتھ زٕ "یِژگاہ واتہٕ شہزادٕ صاحب
جنٛگلی خرن، ہرنَن تہٕ کٔکوَن ہٕنٛد شکار کرنہٕ ییٚنہٕ
سارِے جماتھ ہیٚتھ یور ۔ ہکانہٕ ییٚنہٕ کرٕ دٕخالی
تہٕ بنٛیہ دیو سارِی ہیٚے گامس پارٕے زٕ ییٚتیٚس
کالَس شہزادٕ صاحب ییٚتہٕ روزِ، تیتِس کالَس
پتہٕ تَس کھیٚن چیٚن لگِہ، خرچہ لگِہ، گامس یاوٕنشکہِ
بیٚتر گرٕین لگِہ تہٕ پیم ہریمانہٕ گرِی لگَن، تِمَن
سارِنے ہِنٛد گرِی زیو بوٚنٛدلِس۔" یہ شیٚچھ بوٗزِتھ
گے اُسی سخ پریشان ۔ تکیا زِ یوٚت خرچاہ ووٚن متراوِن
چھیٚنہٕ سہل کتھا ۔ اَسہِ دوٚپ زٕ زار پارٕ کرِتھ
گژھ گنٛڈِتھ تہٕ اَتھو دِتھ موٚہ کلاو پان، مگر کہِیں
اَنٛدیوو نہٕ ۔ آخر کوٚر اَسہِ مشخص زٕ گامے تراوٕو
تہٕ ژلو بالَن بیٚٹھین کُن ۔ دیوٕ اَمہٕ منحوس
ستارکہٕ شیر نِش نچو ۔ جناب! افسر صاحب،
ہرگاہ توٚہۍ ییٚنہو اُچھو چھیٚھو زٕ کیتھہٕ پاٹھۍ
اُسی یِم اَرِ بیچٲرۍ پنٕن سورُے داش نداش ییٚتی
تراوِتھ بالَن منٛز چھیٚپنہٕ موٚکھ دَوِ دَو کران، توٚہۍ
گژھہِ تِمَن جِگرَس کباب تہٕ وٲنِج ییٚہ ہیوٕ کارنہٕ ۔

شیر علی ۔ (بٕٹھ) استغفر اللہ! اَکھ ژٕلی ہو پادشاہ سُنٛد
گام تراوِتھ تہٕ کرِو وُنِس ثنائے، بٔنیہ چھکھ
وَنان زِ جِگرَس گژھِہ تِمَن کباب تہٕ وٲنِج ییٚہ ہیٚم
کارنہٕ ۔ سہٕ چھیٚے برونٛہہ تھ! ہرگاہ پادشاہس تہٕ
سیٚتھ کتھ گژھِہ، اَکہٕ اَکہٕ کرِدٕ کھٕشِن ۔

موٚقدم ۔ سُبحان اللہ! حضرت، توٚہۍ بوٗزِو سورُے
یہٕ کیاہ دوٚپ تہٕ وَسہٕ سورُے غوصہٕ ۔ ییٚتی
پیٚشِل، تِتھی نیٚیہ تیٚمبرٕ تہٕ چارووے پانَس سیٚتی تہٕ
دراے زوٗین تہٕ نارِن کُن ۔ گامَس منٛز روٗد نہٕ بیاہ دیو
تہٕ زٕ ییٚنہ بیمار بچو وراے شہزادٕ سنٛدٕ خاطر بنٛیہ
ٲکھیٚنو ۔

شیر علی ۔ (حاجہِ بابس کُن) چھکھسہٕ بوزان حاجہِ
بیگا! یہ کینٛژھا مال وجاداہ تہٕ رُت رُت
چیٖزاہ یِمَن اوسمُت چھُ، تہٕ چھیٚے یِمو سورُے
بالَن پیٚٹھ دانِتھ وِتھ تھوٚومُت ۔ شہزادَس
رکڑ چھکھ تیار نہٕ بیمار بچہ پیٚٹھ کُن تراوِ منٛز ۔
زِبرگو! اَدٕسہٕ، وَنان گژھہ، موٚقدم سہٕ ۔

موٚقدم ۔ حضرت توٚہۍ چھِو بے موج، ییٚتہٕ نیرِتھ دِتی
اَسہٕ خیمہ آرِ بیٚٹھین تہٕ نارِن منٛز ۔ تمہٕ پتہٕ سوٗزی
اَسہٕ خبر اَتر اَتنہٕ موٚکھ ییٚنہٕ کیٚنہہ نفر یور ۔

بێیکہٕ دوٚہ ہێ پیٚٹھێنس آے تِم ژیٚتھ ہیتھ زِ شہزادٕ چھُ پنٕنین مُلازمَن ہٕنزٕ اکھ بٔڈ جماتھ ہیتھ گامَس منز ژامُت۔ یمیٚلہٕ تِمو تتہٕ رِکِھیس ڈیوٗٹھ، سُہ گو نار تہٕ ڈیٚنٛتھ پننین موہنوین حُکم۔ تِم ژاے درواز پھُٹرٕ اوٚتھ سانٮن مکانَن منز بیہنہٕ۔ ییٚتہٕ پٔتہٕ زِ شہزادَس زار پار کٔرِتھ ملالہٕ کڈنہٕ ماوجنہٕ اوس بُجہ اکھ اُچھ وٕٹھتھ اُس دپرووُمت تہٕ اوسُن تہٕ شہزادَس لیکہٕ ژٲرۍ ژٲرۍ کینہہ تہٕ باقے تھوٚوُمت۔ شہزادَن اتہٕ نوو گاسہ تہٕ راشِن بیسترٕ بێیس جایہ ہیتھ تہٕ روٗدۍ سانٮن مکانَن منز روزنہٕ۔ شہزادٕ ہِندین نفرَن یہٕ کینژھا سانٮن لرٕ ین منز اوٚتھ آو تہٕ نیوٗکھ سوروٗے۔ گوڈٕ نیٚکھ زمیندارٕ ہِندۍ سارۍ سامانہٕ۔ اَمہ پتہٕ ژھنِکھ بٔرِ تہٕ پِنجرٕ پرٲٹھتھ۔ نرۍ کوٗڈ ژٔٹھ تہٕ زالِکھ زِنہٕ بدلہٕ۔ پنٕنۍ گرٕ ہم تراوِکھ سانٮن کِنکہٕ ڈورٮن منز کِنِکھ کھسنہٕ خاطرٕ یلہٕ۔ یہٕ کینژھا گرٕ یہ پتھ کُن تروٗو، تہٕ نیوٗکھ سوروٗے موٗلہٕ کڈتھ تہٕ ژٲلی۔ مو خصر بیہناوِکھ اُسہ خاکس پیٹھ۔ ووٚنی چھے اَسہ وُنی کیس خانہٕ وُجاڑی گُمرٕ۔ نہ چھُ پونسا ٹونکا، نہ چھے نالی زٕٹ، نہ چھ تیرٕ نہ چاروائے نہ چھُ کانہہ سرمایے نہ پٔینٛڈ تہٕ نہ پٔرٕ ن۔ بس چھُ پتھ تہٕ خوٗدٕ ہے تہٕ برونٛہہ تہٕ خوٗدٕ ہے، بێیہ چھُ تہنٛد سایہ۔

یہٕ بوٗزِتھ ووٚتھ شیر علی تھوٚد تہٕ اَمِس مُروٗدیاد گرٕن ریشس تھٔپھ تہٕ چھُس دپان: ہیا بڈٕا ابیمہ چھتیمتہٕ ریشہٕ چھُکھنا ژٕ مند چھان تہٕ اَپنٕ ونُنس؟ زٕ ییے وُنی پانے ووٚنتھ زٕ یُس یُس اڈر اڈر چیراہ تعہ ہے گرٕس منز اوسو، سُہ سُہ چھو توہۍ بالَن تہٕ زوٗرِ ین منز ژاوِتھ آمتۍ۔ بێیہ چھُکھ ژٕ ہیٚتھ وَنان زِ تعہ ہے شو چھے خانہٕ وُجاڑی گُمرٕ؟ بہٕ چھُسے دپان بہٕ چھُسنہٕ یورچون یہٕ وورُن تہٕ پریشانی بوزنہٕ آمُت۔ ہرگاہ ژٕ ییے خیال چھے زِ ژٕ کیاہ بہٕ کھ اَسہ ستۍ مذاق تہٕ خندٕ کرنہٕ سہٕ چھے ژٕ ییے برونٛہہ۔ ژٕ زانہن نا شیر علی کُس گوٚو؟ اَسہ گئے تِم ہرگاہ سانۍ اکھ اُچھ شوٚ نگیتھ آسہ، تو تہٕ اَسہ بیاکھ ہُشار۔ ہرگاہ ژٕ پننۍ کنٕ ڈانبلے آسکھ پوٚژھ لاوۍ ہِندۍ پاٹھو، یاد تھوٚو زِ اَسہ گٔے ڈانبلن ہِندۍ ووستہٕ۔ ہرگاہ ژٕ پننہٕ جایہ نیچھٕ آسکھ، یہٕ زانی زِ اَسہ چھہ نیچھس ژونگ دٔزان۔ ژٕ ییے اَسہ تنے ریش اَمہ کھوٚ تہٕ زیوٗٹھ تہٕ چھتیومُت، ژٕ ییے اَسہ تنے اَمہ کھوٚ تہٕ دُنیاہ وُچھمُت مگر اَسہ ہیکھ نہٕ تارِتھ؟

موٚقدم۔ ہتہٕ حفض خوٗداہ کرٕن، بہٕ وَنا تعہ ہے فندٕ؟ سوٚ نہٕ حفض چھنہٕ کہنے۔ تہٕ نحفض ییہ نہٕ سے زٲنہ خیالسے منز۔ اَسہ حفض چھ بادشاہ ہِندۍ رٔیتھ۔ اَدٕ یہٕ کینژھا اَسہ چھُ، تہٕ چھُ سوروٗے تہنٛدے مگر اَمہن حفض اَسہ وُنی تو اَسہ کرٕ وکیا؟ اَسہ ہے نیٚتھ نٕنی تھوٚوِکھ، اَسہ ہے مسلہٕ ووٚلکھ ہتہٕ حفض

بۆ چھوِم سأنی لوٗکھ تہٕ یِمہٕ سانہِ زِچہٕ اِنہٕ حٔضن
روٗد کیاہ آسہِ ؟ نہ چھُ گرٕن منٛز کینٛہہ چھوٗلاہ
نہ ڈورِن منٛز دان ہیٛوٗلاہ۔

شیر علی۔ بہٕ زانے نہٕ پہٕ کینٛہہ۔ چاہے ژٕ سے مسٔلہ
دولہِ یا نہ ولہے، ژٕ سے دان چھوٗل آسہ تٕنے
یا منٛتہٕ آسہ تٕنے، آسہ یہ کرُن چھُ تہٕ کرِو۔ آسہ چھُ
پادشاہ سُنٛد حکم مانُن۔ یا دِ راشن نہٕ تہٕ دِ تِتھہ
بدلہٕ کینٛہہ نہٕ کینٛہہ۔ یا پکھ ژٕ تہٕ چأنی سأری
زٕھٹھ آسہ سیٛٹھا حأکی مَس نِش۔

معٕقدمن نی پہٕ بوٗزِتھ زٕھٹھ زٕھٹھ کینٛہہ زٕنی لوٗب
کٕن تہٕ چھ یِم پانہٕ وأنی کیا ہتانی پھس پھس کران۔
شیر علی تہٕ بہٕ روٗدی پانس چاوِ رٕٹھتھ رٕٹھتھ پأٹھو تموکاہ
تموکاہ چیوان زٕ حرام آسہ ہے فلک! آسی فکرِ
کھسان۔

اَمہٕ پھِرا رِ پہٕ تٕہنٛد ترٕ دٕراو چھیکرِس پہٕ زٕ پیمٕن
اوس آسہ کیا ہتام پلہٕ پاوُن۔ اَکی زٕنی نیٛو شیر علی
الگ کٕن تہٕ معٕقدم آو مےٚ نِش۔ اَتی چھُم کمہٕ معٕوِد
زیٛوِ طرارٕ سٕنٛدی پأٹھو ؤنان: "ہتہٕ حٔضن، وٕنوِ کیاہ
مےٚ تہٕ گأمی گامس کو ناہ ٹوٗھٹہٕ گوٕ، توٗہی۔ توٗہی چھو
پزی پأٹھو وقتکی خاجے خضر تہٕ خداین چھو توٗہی
یور آسہ مسکینن بچاونہٕ معٕکھ سۆزی متہِ۔ بس ہیٛکو
توٗہی یاتی آسہ یِمہ بلایہ نِشہ معٕکلاوِتھ۔" معٕقدم اوس
مےٚ رنگان تہٕ بہٕ اوسُس ژھعٕ پہٕ کرِتھ بٕڈ گوٕ برسان
تہٕ دِماغ رٕٹھتھ چھیٛر سیٛٹھا گنٛدان۔ اَما پوز پزٕ رٕ گوٗیی زٕ
یِہے رشوک ناو بوزٕتھ، بہٕ ترٕمیوس۔ معٕقدم چھُم وپان
"آسہ حٔضن کوٗر پانہٕ وأنی مشورٕ۔ سأری حٔضن چھِ پِیی وپان
زٕ پہٕ نہٕ آسہ نِش چھُپی، تہٕ کنہٕ نیٛرا آسہ نِشہ۔ اَوتانی
چھُ پوٗزٕے۔ یتھ گو ہیٛرہِ ہن زٕ ہرگاہ توٗہی آسہ اَمہ
بلایہ منٛز آزاد کرِو، تیٚلہٕ چھِ آسہ توٗہہ کینٛہہ ہدیاہ ہیٛتھ
دِنس ہیٛچھٕہ تٕ بہٕ رحنا۔

بہٕ۔ خأر۔ زبر گو! مگر توٗہہ چھو خبرے زٕ بہٕ ما چھُس
کٕن زوٗن۔ مےٚ چھُ اَخرٕ زٕٹھ تہٕ سیٛٹھا۔ یِتھنہٕ
اَمِ پٕنٛدلو پہٕ مانو نِش بےخبر روٗزِو، تیٚلہٕ اَنٛدرٕ نہٕ
رٕکھینہٕ۔ اَمِس چھُو معٕچھ مٕنہٕ واد تیٚل واتان۔
اَتہٕ گیہٕ نہٕ تولہٕ وادن ہیٛنز کھتھ۔

معٕقدم۔ اَہن حٔضن تہٕ اوس پوٗز، مگر کرِو کیاہ آسی؟
وُچھ حٔضن آسہ ما تھوٗوٕ توٗہہ پنٕنس کینٛہہ ژوٗرِیعہ
تہٕ چھُو حأضرنہٕ، معٕسے خانہٕ تہٕ۔ نہ حٔضن، آسہ
ہیٛونا یُہُس مأملہ سیٛٹھا دیُن۔ آسہ نہ حٔضن روٗدنہٕ
شُرُیو باٹھو ورأے کانٛہہ چیز سے گرِس منٛز۔

بہٕ۔ وُچھ سہ ہے دوستا! بہٕ ونے صاف، اگر نہٕ
نقد روٗپیہ چھُو۔ تیٚلہٕ مہٕ لگی نوٚ اِذے تیٚلہ
گو سورُے نوٗ صنوٗل۔ نقد روٗپیہ سیٛٹھا ہیٛکہ
اِنسان پادشہس تہٕ گرٕ کرِتھ۔ بوٗزِتھ؟ روٗپیہ
ورأے اَنٛدی نہٕ رکھینو۔ نتہٕ چھو چوب کھیٛنو۔

معٕقدم۔ ہتہٕ حٔضن تِمہٕ کتہٕ اَنو آسی روٗپیہ؟ یِتیہٕ حٔضن

چھےٚ تٔرٛتھ پوٚنسہ کامِن زِ ہرگاہ سانہِ زنانہٕ ریشمی

لبٕن تٔم کرِن تہٕنٛد تاویز تہٕ ترٛاوَن نالی۔ ہرگاہ اَسہِ

ناوَن زِ مَردَن پنٕنۍ ہےٚ توٚمان کٔنہ بنَن، زَن

آسہ اَسہِ نیش کوٚرِ نوٗرلال تہٕ تھوٚوٕ مٕیرِ نِشِ تَل دوٚبراوِتھ

زِ اَسہِ چھہ قورٛوٕنِس یاتی اَمیر۔"

اَمہٕ پتہٕ نمیوو بیہِن کُن تہٕ چھُم کَنٛس تَل دِپان

"وُچھ خصن تٔہ چھکھ نمود این رُت کوٗرِ مت۔ تٔہ چھکھ

بیعقل۔ اگر اَسہِ مہرِ کلاہٕ چھی ہَتہٕ ترٛاوٕ تہٕ اَسہِ سیٚہ

سِندِس اَسَس منٛز۔" شیر علی یُس کُن ہاوِتھ چھُم وَنان۔

"دوٚ ہیٚے خصن! یہِ کَمہٕ سیتیٚ گٔژھہ، اَصل؟ نقد

پانٛژوٚ توٚمانوٕ تہٕ اَکہِ سرخ ریشمی شلوارِ سیتیٚ لگہٕ سہ

خصن اَس تھوپ؟"

مٕے دوٚپُس۔ "تہٕ چھےٚ نہٕ مےٚ خبر کینٛہہ ایہِ زِمن

چھُم خبر زِ اَمِس چھےٚنہٕ دِلَس منٛز اَکھ زرٕتھ تہٕ رَحم۔

اَدِ سہٕ وہٕنی کرِ نہٕ کام، تٔرِ وہٕنی پانٛژوٚ بدلہ داہ توٚمان

تہٕ ہُنٛد ریشمی شلوارس کرِ وہٕنی ہیٚر بہٕ تہٕ پیٚہ شاکھ

بہٕ کانٛہی راوَن پانے۔"

یہِ بُوٗزِتھ چھُم دِپان۔ "نخصن ہےٚ گوٚ سیٚہٹھاہ زوٗر۔

اَسہِ نخصن لوٗنہِ سورُے کانٛہہ کام یوٚت، یہِ مےٚ ووٚنوٕ

توٚہیہِ گرِہ دوٚن یہِ تہٕنٛد پیٚٹھ رٲضی، اَسہِ کرِوَو توٚہی تہٕ

چشمن پیٚٹھ رٲضی، تمہٕ پتہٕ دِموو اَسہِ ہُنٛد ہار یہِ الگ"

اَسہِ زُٹ کٔنہٕ اَتی نےٚ تہٕ ہیٚتِن مےٚ پھیچھرٕ

لگنہٕ زِ اَماہ بیا اکھ زوٗن کیا سنا چھُم شیر علیس

کَنٛس تَل پرٛان۔ سہٕ وُچھُم پننہٕ کھوتہٕ باتھر بوٚت

زِ مہٕ قدمَن ماو دِل یہِ اَگِے ناوِ۔ خاطرِ اَسہِ سمکھ پانہٕ وٲنی

تہٕ پلہِ ناوٕ اَکھ اَکِس شیٚچھ زِ کَمِ کیاہ کٔنہِ کرِ۔ شیر

علیس دوٚپمُ۔ "دوستا! مےٚ کیاہ سہٕ چھکھ پوٗہیٚ

کیاہ ہنانی بلا یاہ ہیٚش بوزنہٕ پوان۔ یُسنہٕ یِڈِے چھےٚ

پوان۔ نوٚت اَگر چھےٚنہٕ شیٚشترٕ کھیٚتِس گژھہ آسُن

تیوٚت گژھی زٕے سوٚن تہٕ رہٕ پہٕ آسُن۔ زٕے نیش

گیہ اَرٕچ یا دٔہن ہنٛز کٔنہٕ کرِ تی کُفر۔ زٕےٚ چھےٚ نہٕ

ہتہٕ دادِ تہٕ ساسہ وادِ ورٲے ہٹہٕ وسانے کینٛہہ

شیر علی دوٚپتھم در جواب۔ "اوٚر چھکھ وَنان۔

یہِ گوٚ پوٗزٕے، اَکھ کیاہ وَنےٚ بہٕ۔ مگر ہرگاہ نہٕ زٕےٚ

رٲضی کرنے ہتہٕ سہٕ دالہِ والکھ، زٕےٚ کیاہ بوزتھ

مےٚ روزِ یا تمہٕ وزِ یہِ بُتھ؟"

واریاہ کٔنہٕ کپِس گٔڈتھ آرٕ تہٕ چھیکرس کانٛہہ ساری

لُچھ مہٕ قدمَس سیتیٚ بوڈ ڈجماہ ہیٚتھ۔ اَتھ منٛز اَسہِ

ژوٚ نیٚٹھ، امرود، ماچھ تہٕ سادر وار ژامَن۔ بڈ نرمی

سان کرِکھ یہِ ڈالی اَسہِ کُن پیش۔ مہٕ قدمَن تھوٚوُم

پانٛژھ توٚمان تہٕ اَکھ شلوار رُتےٚ اَسہِ ژوٚنیٚٹھ کٔنہٕ تہٕ چھُم

کانٛہہ اَبتری تہٕ تھ پاٹھو باداں زِ شیر علیس ورٲے

گمیوو پرٕیتھ کانٛسہ ہُنٛد دِل۔

اَسہِ کرٕ اُٹ تہٕ روٗٹھنہٕ یہِ کہیں۔ دِتھ بُتھ

دایرٕ تھ۔ یم تہٕریہِ سٕنج پاٹھو تہٕ تلکھہ یہِ میوٚ مجمہ کانٛس

پیٚٹھ تہٕ درٲسے کتھو تام گژھہ۔ اوٚد کانٛسہ ناگژھتھ

آو موقدم داه توٗمان تہٕ ہیٚر بٔڈن پوشاکہٕ ہیٚتھ

موٗاہ شوٗاہ کھیتھ ییٚلہِ شیر علین داہ توٗمان چَنٛدس

ترٲوی، مےٚ کۆرٕ موقدمس کُن نظراہ زِ ووہ لہٕ، بیاہ

ہارٕ کیتہٕ چھےٚ، سُہ چھُم اوٗر فقط اَچھوٗ تہٕ کھورٕ ہیتھ ہاوان۔

مےٚ رۆدُن ناب تہٕ دۆپمس۔ "نا یار، یہ کیتہٕ زانے

بہٕ؟ مےٚ دیوٗ ہار! مےٚ وَن کیاہ چھےٚ دیُن، بہٕ کھتہٕ

لگےٚ اَتھ۔"

تہٕ ووٗنُم اوٗر۔ "رۆزِو توٗہی، یِکیاہ پچان چھُ

تہِنٛد ہٕدیہ، یِیتھےٚ لگہِ رٕژھ گٔنٛڈ۔"

وارٕ یِہس کالس مشوٗرٕ کٔرِتھ آےٚ یِم کٔرِیسی

بدلس اَکس جِمس کیتھ شلوار ژٕٹاہ اَکھ ہیٚتھ۔

شُتہٕ موٗرِ ہالگ شلوارِ یِس شیر علین بٔتھس اوٗسکھ

دٲرِتھ دِیتمُت۔ تہٕ چھم اَمہِ جمہِ کھوتہٕ تہٕ زیٚٹھ زیٚوٗ

زار پارٕ کران۔

مےٚ ژٕ ج بڑٕ کٔریتھ نیٚرِتھ۔ "ہیوٗ یہ کیہو چھوٗ اوٗمُت؟

رٔڈ ہٕبےٚ شرم چھو، تمہِ یہ چھنا خبرٕ ےزِ بہٕ چھُس سپاہ

بہٕ ہاوالوٕ دالہٕ۔ بہٕ لدوٕ جہنمس۔ بہٕ ہوٗ ژراوٕ تہِتھ

پاےٚ ہٕتھ عذاب کٔری گٔرہ زِ پتہٕ کھینوٕ ہٕ ہوٗنی تہٕ بٔتیا موقدما

ژےٚ چھیہ خبرٕ زِ ساری چھ چاٗنی پاہٕتھ خرٕ ہٕ، سَتن

اَتھن نفرن ہٕنز لاجمہٕ صدقہٕ ماجہ ہٕنزٕ یہ رٕنیمٕژ

زٕٹ اَنِتھ زونہِتھ ژےٚ زِ بہٕ گرٕ تھ عوضہ؟ چاٗنی رٔکھو

پیاہ یوٗسفہ ہٕنزٕ یہ گٔر تیٚوٗ چھیتھ تےٚ اَچھن گاش؟

تھوٗدٕ تل یہ جشنہ ہیٚتھن تہٕ دفاہ گرتھ، بہٕ نارےٚ ژےٚ

پانےٚ فکرٕ کرٕ کیتھ چھُ، وُچھکھ ژےٚ سپہس تگیا ژےٚ

ستےٚ کرٕ اَسمان گژھن کینہٕ تہٕ؟"

یہ بوٗزِتھ ہٕتوٗت موقدمس مےٚ کھورن پیٚوٗن

اَتھہ مٔنزٕ تل شیر علین یہ شلوار اَتھس کیتھ وُچھنہٕ

موکھ زِ یہ کیتھ چھُ تہٕ کیاہ چھُ۔ اَتھ نظراہ گُذراہ

دِتھ چھُ پانسےٚ ستیٚ حساب بٔرزان تہٕ آخر گوٗدنس تاہ

تہٕ تھوٗ وُن نوٗب کُن تہٕ چھُ وَنان: "ہا بیتھ چھُنہٕ کینہہ

گومُت، ژٕ بڑ چھُ، ووٗتھ اَسہ یہ نےٚ رٔٹ، بہٕ رٔٹ،

موقدما! گرٕ چون اَسن آباد، نشو۔"

یہ بوٗزِتھ گےٚ اَتہٕ لگا ہکو لگ ہےٚ بٔنگہٕ تہٕ کانہہ

تہٕ چھُنہٕ کینہہ وَنان۔ بہٕ رۆدُس ژھوٗرےٚ تہٕ چھوٗنےٚ۔

مگر اَمہِ تلہٕ ہیٚوٗ چھُم زِ وُنی کہٕ پتہٕ کُن بٔزِ مےٚ پانس

ستیٚ روزٕنٕ والین تہٕ کار باجن ستیٚ حسبہٕ حسبہٕ بکن

تہٕ یِم مےٚ ہٕنز دوس آسن گنٛزراوان تِمن پرٛژھ کرِتھ

بروٗنہہ پانس ستیٚ گٔنڈِوارٕ پاےٚ ہٕتھ بوژٕ شوژ کرٕنی۔

## ۳۵

# حاجہ بابس نِش بیدار گژھن

## تہٕ تسُنٛد ہیڈ کنسٹیبل بنُن

اَتھ گامس منٛز لار یہ اَسہ حرف زِ کینٛہہ پینس

اَفسر س کیتہ یِم لدی بارٕ گرُس پیٚٹھ تہٕ دراےٚ۔ چھاوٕنہٕ

منٛز وٲتِتھ گےٚ اَسہِ سیٚوٗ دُےٚ نائبس نِش۔ نائبن تہٕ

اُسو رِسالہٕ اَفسرس نِش تہٕ سُہ اوس اَمہِ وِزِ پننہٕ یار برادر
مَنٛز بِہِتھ کتھا باتھا کران۔ یتھے شیر علی وُچھن،
تیتھے ژُکس پٮ۪ٹھ ھینہٕ۔ "اوہو! وَن سہ ہے اراشن
ہیہتھ آکھ کِنہٕ موقدمے اَونہٕتھن؟"

شیر علی۔ سرکار! عرض چھُ یہِ زِ ہٕ آس راتھنے ہیہتھ تہٕ
نہٕ اَوٕنم موقدمے رٕٹِتھ۔ قاتِج سوار گامہٕ کیتھ چھ
زِ کمِتھ تھوٕہ ہہ ڈالی سوزِ میژ تہٕ اَسہِ وُچھ پننیو
اُچھو تتہٕ زِ تمن بچارین اوسنہٕ پموٗ دوہ لۆکٕڈ
وَدائے بیمہ کھینہٕ رۆد مُت، فقط چھکھ بچارہ
شاہ کھسان وُسان، زُو جاناہ چھکھنہٕ
رۆد مُتے۔ یہِ کینژھا داش نداش اوسکھ تہٕ
چھُہاکہ سوٗرے اَتھ مۆرِتھ تہٕ نیو اکھتے نے تمن لۆکٕڈے
کینہہ سوزِ نہٕ ییہ، خبر بہ چھ داد دا کھین رتم
پانہٕ واٹی آکھ اَکس۔

نامرد خان۔ زبرگو، اَدِ سہ یہِ وَنتم اگر نہٕ تمن تیٚر میتر
اُسی، یم کٔمِتھ کُتہٕ آسے؟

شیر علی۔ اَہن خعن، تۆہہ چھو یوٗز یہِ وَنان۔ مگر بہٕ خعن
چھُسو کنکُ وَنان۔ تیٚرن ہُند کتہٕ وۆنو مےٚ

نامرد خان۔ بہٕ چھُسے دَپان میانِس حکمس پیٹھ اَکِتھ
کیاز اُنی تھکھینہٕ ژٕے گامہٕ زِ ٹھو معہ قدم
ہیہتھ رٕٹِتھ؟ بہٕ ہے پانہٕ تور آسہ ہا گومُت،
بہٕ تہٕ اوہا کھ تم زِ ندِ؟ بہٕ ہے تم زِ ندے نارس
مَنٛز زالہ ہا کھ۔ بہٕ ہے تمن رزِ گنڈ پھرہا

یُہند تم پانٕے آنکار کرٕہ مَن۔ مےٚ وَن، ژٕے
کیاز اُنی تھکھینہٕ رتم رٕٹِھ؟

شیر علی۔ (مےٚ کُن گواہ آسنہٕ کرِ بہٕ اُنٛز وُچھِتھ) اَسہِ
خعن کریو وُپنہٕ کھو سیٹھا۔ رِز گنڈ تہٕ کوٗرِ وکھ
چوب تہٕ دِتکھ۔ بدرد تہٕ وۆٹکھ۔ بیکیا خعن اوسو
ھاتُج پانہٕ پانہٕ وُچھان تہٕ اَمس چھُو خبر۔ اَکھتے
خعن وۆتکھ اُمی زِ" اگر نہٕ رعہ پہٕ دِیو، اَکس
تہٕ گٕرِ ھینہٕ تعہ ہہ پیٹھ رحم۔ اَسہِ نخعن آونہٕ
پانس تہٕ تمن پیٹھ عار۔ بلیہ وۆن اَسہِ تمن
یہِ تہٕ زِ خان صاحب زانی نہٕ رحم کٔرِتھ چھ وَنان۔
ہرگاہ تس تل لۆگو، اَدہِ تہٕ معہ کلوہٕ۔

نامرد خان۔ یہِ وۆنو کھ سورُے؟

شیر علی۔ اَہن خعن! یہِ لۆز بتہ خعن ژابہِ تمن تژھ
نٔحٕڈ تحٕڈ زِ ہرگاہ زمن پھٹہٕ ہے تم ماوسہ ہن
تورٕ کھُنڈ ییہ!

نامرد خان۔ حاجیا! یہِ کہو وَنان؟ مےٚ کونا فکرِ
تران۔ یہِ کیازِ آو تمو رۆستے یور؟

بۆ۔ (بڈٕ نیٛرمِی سان) مےٚ نخعن چھینہٕ پانس فکر
تران۔ اَفسر تہٕ اوس تتہٕ یُوہے تہٕ مائِکھ تہٕ۔ اَدِ
خعن بہٕ کُس اوسُس؟

نامرد خان۔ (خشمہ ہوٗت اُندی بیتھ لکن کُن) چھو سہ
وُچھان ہے، پموٗ دوہ یو تاوَن زُدو چھِنے جان
اُٹ کرٕ میژ پانہٕ واٹی۔ ہتو شیر علیا! وَن ژٕے

پھٹے میانہ کٔلیج دٕرِتھ. بٔنیہ چھٹے پادشاہس
نِش حق نمک گژھنچ دٕرِتھ، وَن کوت ژیتہ
حاجیا! ژٕنہ گوے ژٕتہ مے نِش اکے ریتھ کام
کران، ژٕ تہٕ وَن، کو تاہ دوٚ ظلمتہ؟

اُسی چھہ قسم ہاوان تہٕ اکھ ہیتہ تہٕ بیاکھ ہیتھ
رٹان مگر کانسہ تہٕ کرٕ نہٕ پرژھ. آخر کٕر اکھ اُمی خمہ ہنز
نبر تہٕ کرٕکھ نٔ اُمس حوالہ. یُتھ موٕ قدم ژٕ ٹھ اُنہ پتہ
اُسی بٔنیہ رسالہ افسرس پیش کیدٕو.

یِیلہ اُسی بٕ تہٕ شیر علی گنی زٕنی روٚدی، شیر علین
ہیوٚت جل جل تمہ حرام ہنزی سہ ہنز مے اوٚد ڈیٚن. داہ
توٚمان گدٕن چند ہنز تہٕ چشم نصیف پلوان. مے ژٕ ڈیے
نہٕ تہٕ دوٚ یمس. "خوب سہ! اتہ گور گیہ دوہ دِ گنیتھ
ژٕ پنٕو دوہ نی کتھ. شراب چوتھ ژٕ نہ گلاس تہٕ کھسو نے
ژٕ یے! مے کتیک گوٕ. بٕ لگے نہٕ اتھ. یہ چھیتہ چھنو ھکس
ناژٕ یے بٕ."

پننیو رکنو یوٚر نم سیٹھانٕ. یُتھے موٕ قدم رٔیہ
ژٕ کٔرٕ زُملے نکار. تہٕ قسم ناز تھوٚی نم زٕ ژٕ دزم شہادتھ
مگر مے متہ وَنتس نہ یوٚز نہ اپز. دپان اوٚسم، "ہرگاہ
مے تلہ پٔنتی شلکھ کوٚرکھ. بٕ کیاسہ مرہ صاف سوٚدے
چھُ مے منظور. اَما پوٚز فقط تہٕ تلہ پٔنتی شلکھ. مے
کیاسہ چھی یمن تلہ پٔنتی شلکھ کرن والین تم ایذاہ
دِتی میتو تہٕ تم تکلیف واتناوٕ میتو، زٕ اگر بٕ یمن تل
لوٚگس یم کیاسہ ژٕ اوٚن نہٕ مے زٕندہ." امہ پتہ چھُ قسم

ہاوتھ وَنان زٕ بٕ کیاسہ دٕرِتھ نہٕ تلہ پٔنتی شلکھس
یِیلہ سُہ بیگہ لگہٕ ناد دِتھ نیوٚکھ، اَدٕ پتہ تہٕ تورٕ
فکر تس کیاہ گوٕ. نیا یے دٕراو نہٕ تس. مے یوٚدوے
کانہہ تشند پٕہ ژٕھان اوٚس، بٕ اوسکھ پی وَنان
زٕ مے چھُے صرف پڑھے خبر زٕ سُہ اوٚس چوبن سنج
کھوٚژان. موٕ قدم تہٕ گامہ زٕ ڈھی ویٚتنی میوٚ ہسی بٕ
تمن بٕ دنیتھ کنٕ پٕرژھ غار کٔر نہٕ موٕ گھ. تموٚ وَن
ساروٕے گنی زٕ یوٚزٕ: "حاجی بچارٕی موٚ نگنہ کھینو
چیز تہٕ نہ روٚٹنے کینہہ. اکھتے وَنُن تہٕ دوٚنن زٕ
سائنس افسرس سوٚزٕ و کانہہ جان پٔہن ڈالیا."
ساروٕے کھول شیر علیس پیٹھ زٕ "تتھی لاگی اُسی
تاوَنس تہٕ تتھی دول اَسہ مُسلہ."

یتھ وِے قصوس پتہ ہیوٚتُن میون رُت ظوٚن
وارٕ وار پاٹھٕ گژھن تہٕ ہیوٚر ہیوٚر کھسنچ دِتہ میٚرٕن
میانہ خاطرٕ بلہ گژھنہ. ژٕھ پارٕی چھُے میانہ
ہنزی زیور تہٕ ایمان دار آسنچ کتھ چلان تہٕ ساری
چھہ وَنان زٕ یمس نہ سہ چھینہ جورٕے کانہہ.
اکھ اوٚس دپان. "یہ کیاسہ چھُ دراصل اُمس طبابت
کرٕنہٕ تلہ لار یومت زٕ پوٚنسہ خمہ تہٕ چھُ اُمس یٕز تھے
ٹوٚٹھ."

بیاکھ اوٚس وَنان. "اہنسہ! یہ چھُ دُنیا دوٚر
زانان."

بیاکھ اوٚس وَنان: "ہتہ سہ، یہ گوٕ اصفہانک

پرون ماکُن۔ یہِ ژھٕنیا کھٕشِرۍ پأجامَن ژٕنگہٕ ؟"

موہ حصر گوس بہٕ ہُشیار تہٕ چالاک آسنَس مَنٛز
ناماوار، تِکیازِ نِخ اوسُم وہو فِ وَنہٕ تہٕ سأری اُسِم وہوٗنی
بختہٕ بوٚڈ زانان۔ چھیکرس ڈرٛاو اَکھ سأریٖ سٕے
ترٛیہٕ زِ شیر علیس جایہِ بنیوس بٕے ایرانکس رِسالہٕ
اَفسرس سٕندٕ ہیڈ کنسٹیبل۔ پَرَن وول آسہِ ڈیان پانَس
سیٖتۍ زِ یہٕ گوٚو کانٛہہ تھوٚدٕ ہُداہ۔ مگر عنقریب ترٛیِس
فِکرِ زِ یہٕ چھا پُرزی پأٹھۍ بوٚڈ ہُدٕ کینہٕ تہٕ۔

## ٣٦

# ماروآتلَن ہٕنٛدِس ژٔھس سیٖتۍ

حاجی بابُن [illegible] وَرتاوُن

روس کِس پادشاہ سُنٛد فوج یِس ایرانس سیٖتۍ
جنگ اوس، اوس یمَن دوہَن گرجستانس مَنٛز۔ سأری
اُسی کھوژان زِ روٗسی گُژھہِ نہٕ آرس تہٕ کوٗر جایہٕ پیوٗر
ترٛاونی۔ ایرانُک حأکم یُس سَردار لقب اوس تہٕ یُس
پادشاہ سُنٛد خاص نفر اوس، اوس واریاہ کالہٕ پیٹھٕ
روٗسی گارتس سیٖتۍ زوٗرٕ ژھیٚپہٕ جنگ کرنَس مَنٛز تہٕ
تِہنٛدین گامَن تہٕ وَنہٕ پیٹھ کین قصبَن تباہ کرنَس
مَنٛز اوٚر۔ تبریزُک شہزادٕ حأکم اوس نی زِیکھے پَن
فوج ہیتھ ناگہٕ زِ فرصتہ رٕچھے کرِ سہ دُشمنَس تفلیسَس
تانی، اکھتے وزیرَن ہنٛدِ مَنٛزِ کِنہ ماسکوکِس دیوارس
تانی لار۔

شأہی چھاونہٕ مَنٛز اُسہِ سأری یتھہٕ شیٚچھ دیٚہہ یے
پیاران زِ اُسہِ گژھہِ جنگ زینٛنہِ تہٕ دُشمنَن ہنٛزٕ کلہٕ
ہیٚر گژھن واتنہِ یِتھہٕ تمہٕ جنگ زینٛنچہِ نشانہٕ ہأوِتھ
قمشلوسوزن مہہ۔ آخر آو فأصلہ اَکھ گرٛس پیٹھ دوران۔
کلہٕ ہیٚر پوٚنشہ ہیتھ تہٕ بڈ ٹھیکیتھ ترٛاوِن خیمَن ژٔرِ ونٛٹھ
کیٚنہٕ اَفسرن ماوِنہٕ۔ فوجہِ ژٕنگہ بٔنیہ امداد سوزنُک، باٲنٛد
کرنہٕ کِنہ نیٚبو زِ ژ لہٕ وُنی چھُ کیاہ تانی دوٚگینہٕ آمُت۔
اوٚدٕیے سُنٛد سأنس اَفسر نامرد خانس حُکم زِ پگاہ نیٖرِ سہ
داہ، ماس نفر ہیتھ تہٕ واتہٕ آرس ڈٔری یاوِکِس نٔبھِس
پیٹھ۔

فوجکہ بڑی بڑی اَفسر یمَن مَنٛز اَڈٕ ین اَکھ باس
اَڈٕ ین اَکھ ہتھ تہٕ اَڈٕ ین داہ نفر ماتحت اُسہِ، اُسہِ
ہور پور ڈوان تہٕ دوران تہٕ نامرد خان ہنٛدِ خأطرٕ
فوجک سَنٛز ٹینٛز کران تہٕ لڑایہ ہنٛدِ موکھ حُکمُ بیترِ
رٹان۔ نامرد خان صأبُن خیمہ اوس اَفسرو سیٖتۍ ٹیٹھ
تہٕ سہ اوس تِہمَن حُکمُ بیترِ بوزناوان تہٕ سیٖتۍ اوٚکھ
بیٚتہِ وَنان زِ کُتھ اُری تہٕ کمہٕ کمہٕ وَتہٕ گژھن آرس
ڈٔری یاوِکِس نٔبھِس پیٹھ واتُن۔ سِے تھوٚکھ یہٕ کأم
مَنٛزِ زِ بٔہ نیٚبرِ برۆنٛٹھے اَکھ چھوکھ ہیتھ یِتھہٕ بہٕ نور
وأرِتھ راشن تہٕ باقٕے کھین چین کین چیزن ہنٛد
بونٛدبس کرِتھ تھوٚو۔ اَتھ کامہ ژھیٚنہٕ ہیٚچھم زٕو، تہٕ
میحنتھ تہٕ اُسِم شخ کرٕنی۔ اما پوز پَنُن جیٚنٛد بَرنہٕ
خأطرٕ اوس یہٕ رُت موقع۔ اَتھی مَنٛز ییوٚم شیر علی سُنٛد

قصہ ژیتس یہ کرٕم کنس تھچھ زناپانہٕ، یمتھ نارشو رٹنس خام طماہ لاگکھ۔ مو خصرکوٗرٕم پانسے سیتو وعدٕ زقناعتہٕ کہ آبہٕ سیتی ژھیشوراہ طمہکنار۔

فوج نیرنہٕ ژٕونتھ اکھ دوہ ووتس بہٕ پنٕنی جماعتہ ہیتھ ایرآدن۔ اتیک حاکم، سردار تہٕ اوس قمشلوہس پیٹھ حملہ کرنہٕ پنہٕ ادر واتتھ نامردخان ہندس فوجس پیاران۔ تبریزک حاکم شہزادہ اوس گنجہ قبضس کُن، یتھ حال حالے دشمن ہندس اتھس منز آمت اوس، فوج ہیتھ ڈرامت امہ فوجہ منز تعشد اکھ نفر تہٕ نہ ژراونہٕ کینہ اوس ایراونکو حاکمن چھاونہ منز بٔیہ فوج منگنووُمت۔

پانہٕ واتٕنی سمکھتھ تہٕ مشورٕ بیتر کرٕتھ کوٗر سرداران تہٕ نامردخان مشخص زروسی فوجکہ ہیلنہٕ ہنٕز خبر اتر آننہٕ مہ کھٕ ییز اسہ ژوہ پار ہجوس سوزنی۔ نامردخان صابنہ طرفہٕ ھٔو کھ دہ نفر ہیتھ سٔے یہ کام منٕنہٕ۔ سرداران تہٕ دِتی پنٕنی وہ نفر سٔے سیتی تمتھ تم وتھ بیترہاوُن کرٕن۔

دوہ ہیولوسنتس باگی دراے اسو شام بانگہ تہٕ اکھتا کھسنہٕ وزٕ واتی اسو بیکہ دوہ ہے اشترک گامس منز۔ یمتھ اتہٕ پیٹھ فرق گرہ جس منز پادرس رش گرٕ صحتہ روزو۔ اشترک گامہ کِس گرجس نکھہ کٔدلس اور پوراسو واریاہ ژانی وُجار گرجہ۔ اسو چھ پکان زاکھو منز ژ ہنگہ تہٕ منگہ ساموٗ منزٕ اکس گرٕ تھ نیرتھ "نادِ علیاً

مظہر العجائب[1]! اما یہ کیا سنا بلا یا چھ متین، سے سٔے چھا یوان یہ بوزٕ کینہ تو ہیو تہٕ چھو وچھان اکی زٕنی دوپٕس۔" سٔے تہٕ چھ بوزٕ یوان۔ ہسے یہ ہسہ چھ برم برم چوک۔ وُنی کینسے چھا برم برم چوک نیران تہٕ مہ ردن کھیوان۔ ظاہر چھ یہ وُنی کینہ تہٕ اتھ مہ ردٕ سے کھیوان۔"

سٔے تہٕ اوس کیا ہتانی نظر گژھان اما پوز صاف اوسم نہٕ ننان ز چھ کیاہ یہ۔

اسو رُودک کدلسے پیٹھ تہٕ چھ اکھ ژھایہ کُن مدے گندٕ تھ وچھان۔ ساری نے اوس یہتھ زیہ چھے یہ لیے ذاتھ کیا ہتانی، تہٕ ظاہر حا آسہ گانہہ ولیہ بلا یا۔ اسو چھ وونی پاغمبر صابن تہٕ امام زادن ہند نام پاک ہیتھ خداس عفو منگان۔ گانہہ تہٕ ماجہ ہند گوبر چھنہ

---

[1] نادِ علیاً مظہر العجائب: جنگِ خیبرکہ دوہ ہے پیلہ نہٕ اسلام کہ فوجہ منز کافرن ہندس پہلوان عبدودس سیتی مقابلہ کرنہٕ کانہہ تہٕ دراو، رسول اللہ صلی اللہ تعالیٰ ہندِ طرفہٕ حکم ز "ناد لایو حضرت علی صابس کرم یہند دُسو عجایب ہٕ تھ چھ سپدان"۔ رسول اللہ صلعم فرمووُ "نادِ علیاً مظہر العجائب" دپان امہ ساتہ اسو حضرت علی کرم مدینہ شریفس منز معجہ کینہ بوزٕ تمو یہ ناد تہٕ کرامت کینہ واتی خیبرس منز۔ صحی رِوایتھ چھے یہ زِ تم تہٕ اسو فوجس منز موجود، اما پوز چشمان مبارکن اوسکھ دود۔ رسول اللہ صلعم موٗ کھ پنٕنہ دہانہ مبارکک لعاب تہٕ گیہ ٹھیکہ۔ امہ پتہ

بۆژنِتھ پکنس جگر کرٲن تہٕ پژیتھ کانٛہہ چھُ نہٕ بلاے دفا
گژھنہٕ معہ کیٚھ آیہٕ کرہم پرٲن۔

عراقکۍ اکھ جان مٔرد دیادم لوٗگ ونٕنہٕ: "ہیٚیے
شلوارن مٔرشہ اوٗو بیٚیٹھ، ہرگاہ یہٕ برم برم چوک آسہ، وٕنی
ژٲلہ، آسہ چھُ اصفہانس منٛز اتھ موومُت یہ۔ گژھو تہٕ وُچھتو۔"
نٔزکی جوانن اَکی دوٗپُس: "ہتا یارہٕ! یہٕ چھُن اَنٛدٕ وُن
لگہ اصفہان کیٚسے برم برم چوکس۔ آذر بائیجانک برم برم
چوک چھُنہٕ ہیٚچھو چیٚرٕ سیٚتھ ژالان۔ سُہ چھُ ژالان نٔری
ہیوٗر کھیٚلتھ تس لار کرٕنہٕ سیٚتھ: یہٕ وُنی ہیٚچھے تروون
گرٕ تہٕ دراد بڑونِتھ۔ اَمہ پتہٕ آو شیٖنچھ ہیٚتھ زٕ: 'یہ
برم برم چوک چھُنے بیچار زنانہٕ اکھ ووٕد سفید پوٗژ
دِتھ۔ سیٚتھ چھُس مٔرد اکھ تہٕ۔ یم چھ دوشوے دوسہ
تل ژوٗر روٗزتھ۔'"

بٕ دراس پانٛژھ شیٚ نفر ہیٚتھ تہٕ وُچھنہٕ زٕ
یہ کیٛاہ معاملہ چھُ۔ تکیا زٕ مےٚ اُس کامہِ لیٚکھے۔

پھٕرتس طاخس اَکس تلہٕ کیٚنہٕ وُچھم اَتھ ٲر
زنانہٕ اکھ پتھر زمینس ہیٚتھ دراز تہٕ اُمس نکھہٕ
وُچھم بیٚیہ منٛز کلہٕ تہٕ اَدٕ دِتھ جوانہٕ اکھ بیہتھ۔ دوشوے
اُسو جوان تہٕ دوشونی اوسکھ گرجستانک پوشاک
نالی۔ یوٗدوے زنانہٕ بیٚتھ لیٚیہ رنگا ہش اُس،
اَما پوز بیٚتھ وُچھتھے اوس تس ند بوگ نَنان۔ باسان
اوس یزتہٕ واجنی گژھ کانٛہہ آسہٕ۔ جوانس وُچھم خنجر
ہٕلس گنٛڈتھ تہٕ بوٗندوق اوسن دیوارس تنٛگتھ تھوومُت۔

یہ اوس یار باش تہٕ شکیل۔ مےٚ اوسُنہٕ زانٛہہ تہٕ ییٚتھ
جوانا نظر گومُت۔ زنانہٕ یُس پردٕ بھُچھس گنٛڈتھ اوس
سُہ اوس سفید تہٕ اَتھ اُسو جایہ جایہ رَتہٕ داغ تہٕ بیٚیہ
اوس وارِہن جاین ژھیٚنوٗ نمُت۔

مےٚ پرژھ تمن: "ہےٚ توٗہیہ زٕ کیٛاہ چھِو پیٚتین
کرٲن؟ ہرگاہ توٗہیہ وتہٕ پکہٕ وُنی چھِو، توٗہیہ کونہٕ تیٚیلہ
پنٛنہ وتھ ہیوان؟"

جوانن تُل کلہٕ تھوٗدٕ تہٕ چھُم وَنان: "ہتہٕ حضرت آسہ
کرٕتہٕ کیٛنٛہہ یاد رِیاہ۔ اَتھ روٗٹاہ کرٕتہٕ! ہرگاہ مےٚ رٹنہٕ
معہ کیٚھ تہٕ آمُت چھکہ، ژےٚ چھے بوٗہدر آسنک قسم
زٕ یہ زنانہٕ معہ کلاوتن سردار شندِ اَتھہٕ تلہٕ۔"

مےٚ دوٗپُس: "نہٕ سہ بٕ چھُس نہٕ ژٕ رٹتھ رِنہٕ
معہ کیٚھ آمُت۔ کیٛنٛہہ تہٕ زرَ اَما پوز ژٕ دِن توتہٕ ژےٚ گژھن کوٗت پھُچھے
تہٕ چھکہ کتیٚک؟"

جوان چھُم وَپان:

ہرگاہ نہٕ پژٕ ژھکہ یہٕ تہٕ وَنے نہٕ، جان گیٛو وتی

قصہ میون سیٚٹھاہ ٹیٚوٹھ تہٕ سیٚٹھاہ زیوٹھ، سیٚٹھاہ کرو ۔۔۔

گمہ ڈٕ دی تو یتیمس اَڈٕ جمرِ شُرٕ زنانہٕ اَتھہٕ تہٕ واتناوی تو
یہ کُنہ جان جایہ ییٚتھنہٕ یہ مٔرِ، تکیا زٕ اَمِس چھِ بڈٕ زخم لگمتۍ
تہٕ اَمِس چھِنے یمن زخمن وا تیٚنچ سیٚنگ صنوٗر روٗزتھ، اَدٕ
بوزناوو بٕ توٗہیہ پنُن قصہ۔ ہرگاہ نہٕ توٗہیہ سردار شندی
مُلازم آسو، میون قصہ بوزِتھ دزِ تمہ ہا تہٕ جگر۔"

مےٚ اُس اَمی شرٕ حالتھ وُچھتھ پانس ترٕ ژھ

حالتھ گاٲمژ زِ مےٚ تھٲوٕ وٕ ہے نہٕ اَمِس بچارِس ہٕندِس
زار پارس تانۍ۔ اَسہِ تیٚژ یہِ زنانہٕ تہٕ واتناو اَکِس بجہ
ہٕندِس گرس منٛز تہٕ کٔر اَکِس جان دایہِ سپرد یٚمہٕ سٕہ
اَمِس واتہٕ کٔر۔

جوانن دوٚپ ز " بہٕ چھُس آرمینیاکُ روزن
وول تہٕ اشتراک گامکی ساری روزن والۍ تہٕ چھہ آرمینیاہکی
یہٕ بوزِتھ گےٚ اَسۍ بڈٕ خوش۔

## ۳۷
## یوسف آرمنی تہٕ تسٕنز زنانہٕ ہٕند قصہ

مےٚ اوس خیال زِ پانہٕ آرام کرنہٕ موکھ تہٕ گرِ ہن
گاسہِ بیتر کھیاوٕنہٕ موکھ گژھہٕ بہٕ ابراہم بالسن پیٹھ
آماپوز یمہٕ قبیلس نِش مےٚ راشن بیترِ وصول کرُن
اوس، سٕہ اوس قبیلکُ قبیلےٚ جنگہِ کہ یمہٕ کام ترأوِتھ
بالن کُن ژوٚلمُت۔ لہٰذا اکرِتھ لوگنہٕ مےٚ روٗسین
ہٕنز خبر اَتھ نِشہٕ موکھ اشترکت گامس منٛز روزنہٕ
وراۓ چارے کانہہ۔

ژوٚٹ ووٚٹ کھیتھ تہٕ نیٚندرِ کٔڑِتھ جوراہ کرِتھ
اننووُم سُہ آرمنی جوان یُس قصہٕ خاص کرِتھ ژٕلتھ یِنہٕ
دلیلہِ بوز ناوُنہٕ موکھ ناد دِتھ۔ یہِ اوس اَسہِ ونہٕ وُنۍ ہُن
تہٕ اَمی سٕنز ہیتھ تہٕ طور طریقہ وُچھتھ ژٕ لوگُم پانے زِ
یہِ کینژھا اَمِس ونُن اَسہِ تہٕ اَسہِ نہٕ اپُز۔ مختصر مثوٗت
اَمی یُن قصہٕ یتہٕ پأٹھۍ بوزناوُن زِ :

" بذاتی چھُس بہٕ آرمنی تہٕ ناو چھُم یوسف میول
چھُم یٚیترِ پیٹھ نہٕ فرشنگ دوٗر قشلہ گامُک موقدم اَسہِ
پیٹھ اوس حاکمن ہٕند ظلمُک پہن سپدان۔ ظٲہر یٚمہٕ
کینٛہہ زِ ہردِ جاے تہٕ پہاڑی علاقہٕ آسنہٕ کِنۍ اوس حاکمن
ہُنٛدیُن گرٕژھن تور کمے۔ میون بیترِ تہٕ ماشوٗ اَسہِ دوشوے
اوتھ گرژس منٛز ملازم۔ یمو نیوٚس بہٕ تہٕ پانس سیٚتۍ
تہٕ ژٕ ووہس اَکِس ژاٹہٕ ہالس منٛز سبق پرنہٕ۔ اَتھ ژاٹہٕ
ہالہِ کِس کِتابہٕ کُھٹس منٛز وُچھ مےٚ زیاد تر مذہبی کتابے
تہٕ اَتھی منٛز ہیٚژمےٚ آرمینیاہچ کتاب پرٕنۍ۔ یہِ کتاب
پٔرِتھ بنیوو مےٚ زِ سون قوم تہٕ چھُہ پتھ کالہٕ اکھ بار قوم
تہٕ سون مذہب تہٕ چھُ پرانہٕ وقتہٕ اکھ بوڈ مذہب اوسمُت
تہٕ اَسہِ تہٕ چھےٚ وقتہٕ اکہِ دُنیاہس پیٹھ حکومت کرٕمژ۔
یہِ پٔرِتھ آو مےٚ سیٚٹھاہ غیرت۔ مےٚ ژھُن ریٚشتہ ژٕ آتھ
تہٕ ژاس فوجس منٛز۔ روٗسس تہٕ ایرانس ووتھ تہٕ یمنے
دوہن پانہ وانۍ جنگ تہٕ سون کام تہٕ بنیوو تہٕ پیٹھ
اَسہِ کینٛہہ فوجہِ خاطرٕ اکھ پڑاو اکھ بیٚنس گرِ بارس
اَتھ روٚٹ کرنہٕ موکھ لاریوس بہٕ جُل جُل ینُن کام۔ اوت
وأتتھ وُچھم نہیشتک سورُے سامانہٕ یان زِ زراتھ
بیترِ سورُے فوجہ کیو گرِ بڈرٕ سیتۍ واران گوٚمت تہٕ
بیٚنہٕ کیو دوہ پرٕ وُچھم ساری ترسیمتۍ تہٕ پریشان۔ تہٕ چھُہ
قصہ اَسہِ مارنے ہٕند یکہ وٕنہٕ۔ میون ینُن مأملہ چھُہ وُکھٕر
سُہ چھُہ یہِ زِ :

اکہِ دوہ ہا اوسُس بہٕ سلے سامانہٕ گنڈِتھ گژھتہٕ اکہِ
منزِ یکان۔ اَتھی منٛز وُچھ مےٚ ایرانیاہ اکھ زنانہٕ اَکِس گرِس

پیٹھ لدِتھ ژُو اکہ کہنہ نیرنہٕ، معہ کھ پانس بڑو تھیٚکرِ کنو
دوران۔ اَمِس زنانہ پیٚیہ دوٗر پیٹھ میٚے کُن نظر تہٕ امداد
کرنہٕ معہ کھ ہوونُم اِشارٕ۔ میٚے آو بڑٕ غارتھ تہٕ تلوار الحقس
کیتھ ژٹھتھ مُٹ میٚے اَمِس ایرانس وَتھ۔ گُرِس پیٹھ
ہریمانہٕ بور آسنہٕ کنہٕ پیٚیل نہٕ اَمِس تلوارٕ یا بندوقس کُن
اَتھے۔ میٚے ہیوٚت اَمِس پیٹھ حملہ کرُن تہٕ یانی پیٚہ ژوٚل
بہٕ لارِ یومس پتے تہٕ دژُم یہ زنانہٕ اَمی پنُن گُرِ پیٹھ
داٮ۪تھ۔ اَمی ہیوٚ شوٗ و میٚے سیتھ جنگُن، مگر ییٚلہٕ بہٕ پننہٕ
کھوتہٕ زٕان وول وُچھنس، اَمِس لوٚگنہٕ ژُو بچاوُن،
موکھ چارے تہٕ ژوٚل۔

اَمی پنٕنہٕ ژٔلنہٕ پتہٕ لوٚگُس بہٕ اَمِس زنانہٕ کُن تسلی
بیتِر دِنہٕ۔ اَمِس وُچھم اَرمنی پلو ناٮ۪لی تہٕ بیٚینہٕ وُچھم
سیٹھاہ شکیل ؎

سیم خد، سرو قد، فرشتہ ہمال
مشک مو، ماہ رو، ستارہ جبین
بدل سرمہ در دو چشمش ناز
عوض شانہ در دو زلفش چین
باد در زلفگانش حلقہ شمار
ناز در چشمہاش گوشہ نشین

وٕرِ یہ ژوٚ داہ آسہ ہے مگر اَمِس ژوٚ داہ اَسہ چہ ژوٚنہٕ
کھوتہٕ ترٕنیہ۔ یتھے اَمی پنٕنس بُتھس پیٹھ نظر
پیٚیم، بہٕ ہیوٚ تمس وٮ۪سہ پیوٚن۔ کوہ ھیٚن ژایم تھٕٹھ تھٕٹھ
تہٕ دِلس اوسُم ڈُب ڈُب گژھان۔ اَمی سِندی عشقُن

وٚولنم یتھ نال ژ ؎

گفتی ازین جہان بہ جہانِ دگر شدم

ہرگاہ نہٕ یہ بُتھ ہورکُن پھرِہا بہٕ ماروٕ ژہا اَمِس قیامُت
تام وُچھانی۔ ییٚلہٕ اَمِس اَکِس وُہہ پَرِ مردس نِش
آسنُک حیس پیوٚ یہ زَن گیہ باورٕ۔ اَمہ ہیوٚت بُتھ چھٮ۪ہ
ڈیُن زِ یا الٰہی! یہ چھا خاب کِنہٕ یہ چھُ میٚے بلی ظوٚن؟
بہٕ ہا اَکِس وُہہ پَرِ مردس نکھہ آسہٕ؟ یہ ہیٚکِنہٕ بَنِتھ۔
اَما یوٗز ییٚلہٕ بہٕ پَننی وطنُک آسُس بوزنہٕ، یہ ہیٚرِ ژٕن
میٚے کُن پھیرِ ژٕ۔ اَمِس گوٚ نہٕ اَمہ معہ کھ یتھے ہیوٚ
ژ یہ کیاژِ معہ کلاوٕ میٚے دُشمن سِندِ اَتھہٕ تلہ، میٚے
کھوٚت فقط یُتے راہ ژِ میٚے کیا ژِ تُل اَمِس بُتھ پیٹھ
نقاب کھوٚد۔ ژکیا ژِ ارمنی زنانہٕ ہیٚکنہٕ ژٕرِس وٮ۪اے
بیٚیہ کانہہ تہٕ بُتھ پیٹھ پردٕ تُلِتھ۔ میٚے ہیوٚ اَمِس
قسم ژ میٚے تُلُے نہٕ ژٕ تے خوداژ چھٕن کُنہٕ ہوٚسہ بُتھ
پیٹھ نقاب، میٚے تُل فقط ژٕ تے حیسہ پھیرِنہٕ تہٕ
آرام داتنہٕ معہ کھ یہ۔ آخرس دِتُم اَمِس تسلی ژ یہ سر
روزِ اَسہ یانہٕ داٮ۪نی پانس نِش تہٕ کانسہ تہٕ گژھہ نہٕ کنس
کُن خبر۔

ییٚلہ اَمہ ژٕھا سنبول، اَتی چھُم دِیان یہ
ایرانی زانٕنہٕ بہٕ رٕکھیس۔ اَز کینہ دوہ برونٹھ کوٚر
ایران کیو تہٕ گرجستان کیو یانہٕ داٮ۪نی جنگ۔ ایران کیو
ژنیہ گرجستان کین ہیٚنزٕ اَکھ بڈ جماعتھ ژٔٹھتھ۔ یہ ایرانی
تہٕ اوس دِیانے ژ میٚے۔ گژھہ کانسہ ناگہ گاڈاہ اَتھہ

نگینز تہٕ اوس ظاہر گرجتان کین قیدین سیتۍ مٕتۍ تہٕ
پکناوُن پیٚٹھ ہان۔ ژُھنہِ ہاگی دٔرایس بہٕ نوٹ ہیٚچھ
ناگس پیٚٹھ۔ یہ شخص دٔراو دیٚس پیٚتھ کینہہ شُراکھ ہیٚچھ
اَنھِس کیٚنہہ تہٕ سنٛگ گرِ ہیٚنز کٔرتھ چھُم دِیان۔ "ہرگاہ کٔرتھ
باپَتھ دٔرِتھ، شکم چھُے۔" اَمہِ پتہٕ بیہناونس
کاٹھ پیٚٹھ تہٕ دٔراو گرٕس پیٚٹھ تیز تیز۔ دوٗر پیٚٹھہ
کینژن کورن مٕتۍ ہیٚٹھ نظر تمو تُل ہیٚوتہٕ اَکھ
آسہ تمو گرٕ تہٕ شیٚچھ ینہِ۔ ہٹیو تہٕ ہیرو کینہہ دوران
تہٕ دُوان واتناونس یوتن۔ سنٛگ روب داب کرٕ پتہ
تہٕ اَمہِ وار ژٕمیٚ اَچھ سیتۍ ہاونس یُتھ ژٕ اَچھ روٹ
کرِہم۔ پتہٕ چھیٚ پانس اَد خبرے کیاہ سپد۔"

اَتھۍ منز پیٚٹھ جھاتھ اَکھ گرین پیٚٹھ تہٕ دوران
دُوان آسہ نِش واتھ۔ امہِ دِژ کرٕکھ زِ "ہیکیاہ اَے
میانۍ اشناو رشناو۔"

تمو یِتھے یہ پرٕز ناو، تیٚتھے ژٕٹکھ نالہ متہ تہٕ چھس
موُن تہٕ مچھ کرٕان۔ بہٕ اوسُس اَکھ کُن ندہ منز
زٕ اَمس گوٚرژھنہ یمن منز کانہہ سہ آسُن یس سیتۍ امس
گوٚندمُت آسہ ہیکہ۔ مگر شکر خُدا تعالیس کُن زِ
تیتھ اوسُس نہ کانہہ۔ اَمہِ زنانہ گِنز رودُس بہٕ
پیمن نِشِ داد کوٚٹھ تہٕ یم ساری لگو میانۍ شکر
گُذارنہ کرٕنہ۔ ہیٚلہ اَمو سٕندی مالی متۍ ناو تہٕ روم قوم
پرژھ، بوزتھ دٔراو زانۍ کارے منز۔ بڈ خوش
گو تہٕ میانۍ سود لہٕ شکر گُذاری کرِنہ مو کنہ یونس

سنٛگ باند باند کرٕتھ پانس سیتۍ۔

گامس منز واتِتھے دٔراے اَسہ اَکھ زن ومرد
دُچھنہ۔ ساری اَسہ دِیان زِ "سیٚنشتر وکلہ کرٕتھ، فولادکۍ
اَچھ تہٕ تامہ بدن کرٕتھ تہٕ زرہ نالی لاگتھ آو اَکھ دیو
گرس کھیٚستھ۔ یکینہ وزِ اوس یہ گرِ پٔڈرو سیتۍ زمینس
چاکی کران تہٕ گگرائی ہنٛدی پاٹھۍ اوس گٔرزان۔ یوٚہے
آو ناگس پیٚٹھ تہٕ زینہ مریم تُلتھ (مریم اوس امس
زنانہ ہُنٛد ناو) تہٕ نکھون بیٚلہ زو۔ یہ دُچھتھ دٔراو
مکیہ اَکھ زمیندار کینٛہ ہتر شکلہ اَدبر تلہ تہٕ ووٚتھ امس
بالس پیٚٹھ تہٕ بالہ پیٚٹھ ووٚتھ تہٕ ژٕاو زُوس منز۔ اَدا
تشکلہ نارہ ژھیٚٹھ تراون والہ اَکہ ہتھیارٕ کرن امس
خشخاش دانہ تہٕ مشن کلاوُن مریم تہٕ پانہ گو غائب۔ پیٚزی
پاٹھۍ اوس یہ ملکہ حضرت عیسیٰ علیہ السلام لاگتھ آمت مرمٕش
مشن کلاونہ۔" ناد پٕئے اَسہ منہٕ اتھ لکھ ملکہ گنزران
تہٕ بہٕ تہٕ اوسُس اَندری کینہ بھولان پانسے سیتۍ تہٕ دِیان
اوسُس خُدا گوٚرژھ بوزن یمن گوٚرژھ دلس یوٚہے
الخناس رژھ کھو تہٕ رژھ گٔنن۔ اَما پوز لعو کیٚتھو اَکی
ییمہ بٕہ داریا ہہ لٹہ جب تہٕ چار واے ہیچھ زمین منٛز
دُچھمٕت اوسُس، پرزنووس تہٕ چھکھ دِیان" یہ ملکہ چھ
فلانی قمشلو شند نیچو۔" غار، اَمہ پتہ تہٕ زونس بہٕ ییمو
موجز وولے۔ مریم سٕندی گری اَسہ میانۍ شکر گُذاری
کرٕی کری پتہ سر امیتہ تہٕ میون دل اوس مریم سٕند
عشق سیتۍ ژٕٹتھ۔ تالہ پیٚٹھ کھو رنہیٹھن تانۍ اَسم

تیٚشنٛدِ عشقچ رٕیہہ گٔنٛڈ ہرٕ نہٕ پانسے پیٚتو اوس
وٚبیرأوِتھ تکیاز یَتہٕ وٕچھم نہٕ ہِسہ أکہ لٔٹہ تہٕ پٔرد رٔوس
تہٕ تیٚشنٛد گوٕ ڈٕنکہِ دیدارُک شہ میچھر اوس پننس کھنٛڈ ہیے
مٔے تہٕ کوٗر پننہ جاہ مُشخص زٕ سہ

دست از طلب ندارم تا کام من بر آید
یا جان رسد بہ جانان یا جان ز تن بر آید

ہرگاہ مٔے دٕجالس پیٚتھ تہٕ جنگُن پٔتیہ، یہ پٔری تہٕ اَنہٕ
تہٕ پانس نِش. مٔتر بٕ مٔتر بٔ آسسن ترکیم وٕچھان تہٕ
اٚماپوٚز یوٚد دوے پانہٕ وأنی زبانسٕ کتھ باتھ أسو نہٕ کرانٕ
مگر أکھ أکی ہٕنتر ماے وٕچھم پانہٕ وأنی دوشوے
طرفہٕ ہشی.

أمہ دوہ ہیٚتہٕ پٔگاہ گوس بٔ پٔنٕنہٕ گرِ. مأجس ماجہ
پیوس کھوٗنن شیخ پأٹھٕ تہٕ زار پار کٔرِتھ چھُس ماجہ
دٕپان. "یِتھٕ زار نِتھ یِتھٕ اَنہٕ مٔے تریم نیتھری نوال
چھُم پننہِ طرفہٕ شیخ عاجزی کران زٕ یہ چھُنہٕ نیتھر کرنُک
موقعٕ کانہہ. بٔ چھُس پانہٕ چیشنٛدٕ چھوٗن. بیپأری
چھُم جنگ چلان، یِتھس حالس منٛز کیاہ کرو أسو
خانٛدرٕ بٔ خاطر زورٕ زارٕ مأنی راوٕم یِم تہٕ گٔے خانٛدرٕچ
کتھ باتھ کرنہٕ موکھ تریمہٕ سُنٛد گرٕ. تتہٕ کوٗر تریمن
تہٕ تیٚشنٛدی مأل ماجہ تہٕ خانٛدرٕس بیقرار. أمہ پتہٕ کرٕ
نِشانٕی. شٕرین ورِین بأگرِتھ لگو خانٛدرکس سٕنزٕس
پتمنے دوہ ہٕنٛ تٕہ وسون گام روٗسین أکھس منٛز. موقدم
سُنٛد گرٕ آسنہٕ کنہٕ میوٗنُٹھ روٗسی أفسر سأنی گرٕ. بٔ اوس

ایرانیو کھوتہٕ زبانسٕ روٗ پیٚننے کھوژان. أمس افسر سُنٛد
روٗد أسہ پیٚتھ جان سلوٗک أمہ کنہٕ روٗدٕس بٔ تریمہٕ نِس منٛز
بےٚ وسواس. یہ روسی أفسر اوس ناس ترامن بلایاہ مُش
مٔیشنٛدی لدن ہُنٛد ہیوٗ اوس بٔتھ سفید، خار پُشت
جانورٕ سُنٛد ہیٚو بیچھین پیٚشرٕ ہِنٛد کہ پأٹھٕ أسس وال
کاسہ رنٛگہ، أچھ آسس نیچہ تہٕ أدرہ ژامرٕ. ہیے آسس
نیچہ رنٛگہ. بٔتھ لبن ہٕنٛز وٕڈر پیٚتہٕ کنہٕ تہٕ ڈٕنکہ کٔہ بالہ
دامنو داہنی أسس لہٕ کٔنھ گٔدی جودا کرِتھ نستہٕ پٔنٕنتو
ہنا ہ أکھ کھوٗڈٕس أکس منٛز زنٕ لأگِتھ تھوٗ ہرٕ. ہوٚنگنہٕ
اوس نوٗر کوٗر مُت تہٕ ہوٚنگنہٕ پیٚتس پیٚچھٕ زٕ ترٕ وال
بوزنہٕ یوان. باسان اوس زنتہٕ چھُم أکہ ڈھوٗلہِ پیٚتِس
پیٚچھٕ چھوٗر مُت اوس.

موٚہ جعفر سُنٛد خانٛدرٕ تہٕ بٔ ژاس مہرٕ نہٕ ہِنٛدرِس
گُنٛٹھس منٛز. أمی وِزِ ووٗتھ شیخ داو طوٗفان. أکہ طرفہٕ
آسہ وِزملہ گگراے تہٕ رُدٕ ترٛٹہ سان، بٔیتہِ طرفہٕ آسہ
توفہٕ چلان، بوٗندقہٕ ٹاس تہٕ گرٕو ہینہٕ گرٛھان. أتھی منٛز
پیو کیاہتانی سأئنس گُنٛٹھس منٛز بأگ. مٔے گیہ رأے ظأہرٕ
پٔتیہ تٕرٕتھ. تریمس کرٕم کریکھ زٕ ژال. سہ رُژ برقہٕ
ژھانٛڈنس کُن تہٕ مٔے گوٚ پانس غش.

ییٚلہ بٔ حیسہ آس، مٔے پٔتیہ جہرٕ ٹیٚنہٕ ژاپَس. وِزملہ
منٛز وٕچھُم روسی أفسر رٕتھ چھکان ایرانین ہِنٛدِس أکھس
منٛز لوٗگمُت. ایرأنی أسی روٗسین لارٕ لار کران. مگر وٕچھُم
پُشتوٗ پٔیٹھ ژلان. أتھی منٛز پٔتیم گرٕو سوارن جورٕ ہِن

پیٹھ نظرِ تہٕ یم اُسہِ زنانہٕ اَکِس گرُس لَدِتھ ژلان۔ مےٚ

پتیہٕ مریم ژٕ پتس۔ بہٕ لاریوس یمن پتہٕ۔ اَما پوز کہ بٹھن

اوٚشمنہٕ ہیو شےٚ، ژھکِتھ پیوس پتھر تہٕ گوس نیتہٕ سعہ بتھ

صُبحس تام چھُس بےٚ حِس۔ بہٕ دراس گام کُن۔ اَتہٕ

وُچھم گامُک گام وُجارٕ تہٕ مریم اَسِکھ ژٕ نِتھ نیٚمژ۔

ایراَنؠ چھ یہِ فتح لبنس پیٹھ شادی کران زنانی

بوٚہ کہ رُوسی فوجکہٕ پنٕچ شٔے چھو۔ یکدم نیکھ خیمہٕ کڈِتھ

تہٕ ایروانس منز وٲتِتھ پیٹھو تِتھ خیمن منز۔

ژیمُن اوٚشمنہٕ کانہہ پےٚ۔ اَخر لوٚزُم زِ سعہ چھےٚ

ایروانس منز سردار سِند گرٕ۔ بہٕ دراس ایروان۔ اَتہٕ وُچھس

بہٕ سردار سِندِس دیوان خانس نِکھ ژنگوچ کڈلس پیٹھ

پوٚتس پتھ پنٕدہن دوہن وۄدنی۔ مگر مریمُن لوٚگمنہٕ کانہہ

نِشانا۔

اَخر کھُژ مریم اَکہ دوہہ پتِس پیٹھ تہٕ پیٚیس

مےٚ پیٹھ نظر۔ پرزناوتھ کرِتھ چھم اَتھ سیتؠ اشارٕ

کران۔ مےٚ لاےٚ وتھ منز وۄتھ تہٕ دوتُس بہٕ سردارٕ

سِندِس مکانس لیہہ تل۔ اَمہ تہٕ اوٚ ہیٚر پیٹھ وۄتھ مگر

زخ آس بُتھ تہٕ یہِ گیہٕ اَڈ وَتہٕ گلی لنٕج اَکِس الاٗنس۔ زخم

تہٕ لگِس۔ اَما پوز حمد خداَیس کُن زُو پچھیہٕ۔ تیٚم اَتُس

تہٕ ژھانٛٹھ وٲتِتھ تارِم وتھِ اَپور تتھٕس پیٹھ تہٕ

داتناوِم پوٚتن۔ اَدٕ کیاہ، یہِ گیہٕ مریم اَتہٕ یہِ چھےٚ بہٕ۔

بس یی چھُ قِصہٕ۔"

## ۳۸

# یوسف اَمنی شہرٕ باقےٚ دلیل

### تہٕ شاہ جا بٲتن تِس سیتؠ سلوک

یوسف بیٚیلہٕ پننٕ دلیل بوزناوِتھ مۄکلیوو

تہٕ گوس غوطہٕ۔ اَتؠ منز ہیوت اَمہ مےٚ پننہٕ زنانہٕ نِش

گژھنہٕ تیشن خبر اَتہٕ اَنِنہٕ موکلہ اجازتھ تہٕ دراو۔

بہٕ چھُس دوہ نی کُن زوٗنؠ پانی پانس سیتؠ فکرٕ

کران زِ "مےٚ چھُنہٕ باسان زِ یُتھ جوان کیاہ ہیکہٕ دلیٚ

یہِ دلیل وٕننھ۔ یہِ کینٛژھا اَمہ وۄنٛ یہِ گرِتھ پتھ

آسُن۔ اَمہ سِنز اَتھ کتھِ چھےٚ رتہٕ برتھ سعہ زنانہٕ تہٕ

گواہ۔ مگر ہرگاہ بہٕ یہِ ٹیلہٕ ژراوٕن، سردارس کیاہ جواب

دِمہ؟ پننہٕ پتمہٕ ہدہٕ نِش اَتھ چھلُن اوس سَہلےٚ، مگر

شوکھس ژٕن ناکن تہٕ نس، سُہ چھُ مُشکل۔ نہٕ، ہیکن

یہِ کُنہٕ صورتس منز بلہٕ ژراوتھ، سعہ چھےٚ سپاہ سِندِ

خاطر منظٕ چھ۔ لُقمان حکیمن کیاہ رژ کتھا چھےٚ وٗنِمژ

زِ "ہرگاہ ژٕ پادرسہہ آسکھ، تیٚیلہٕ بتن پیٚزِ پاتھو

پادرسہہ یُتھ باقےٚ جاناوارن تہٕ فِکرِ تر تیمن کِس

سیتؠ چھےٚ کام گژھٕ، تہٕ ہرگاہ سہہ مُسلہٕ نالی ژراوِتھ خر

لوگِتھ تیٚیلہٕ والنےٚ خرٕ سِند کھوتہٕ ہریانہٕ مُسلہٕ جواب

دی دی۔"

بہٕ چھُس وُنہٕ اَتھی گیرس منز زِ بہٕ بنا پادرسہہ

کُنہٕ سہہ مُسلہٕ لاگِتھ خرٕ زٕ تانی آو یوسف پھیرِتھ

تہٕ چھُم دِپان: "مریم چھےٚ حیسہٕ چھیپر مژ۔ وۄنی چھُس
آرامے ہیوٗ۔ اماپوٚز زخمو کہنز وار باو رٕٹتھ نیرِ نہٕ کینٛہہ چھےٚ
بٔڈ شُس گامژ۔ گِنہ ڈٲن چھُس سخ ڈگ۔ اگر سردار شِند
یِتہٕ روزِ نہٕ کینٛہہ اسہ یِیِتہٕ ژٔلُن ہیوٚ نہٕ،" تیٚلہٕ چھُم منٛے
خیال زِ وۄنہٕ ہیٚکہ نہٕ سعہ اور پور نیرِتھ تہٕ کیشرٕن ہُن دۄہ
ماپٔیہ اسہ یِیِتھ روزُن۔ ایمہِ وان منٛز نیرِ نہٕ یِتہٕ وُنیکھتام
یہٕ تس بنیومُت اوس تہٕ بوزنوُس سورُے مریمن دۄپُن
زِ "یُتھے پٔر قٕدِتھ کُھٹِھ منٛز نیبر ڈرایس، نیبر کنہٕ ژھُنم
اکو اییٚ افسرن تھِکھ۔ کامہٕ نش سیٚٹھا دور وٲتناوِتھ
رٔلیوو اسی بیاکھ زِڈن تہٕ نِیہ ہُس چھاوِنہٕ منز۔ اتہٕ کینہٕ
ہُس سردارس۔ سردارن سوٚزہس پٔتہٕ پننس محلہ خانس
منز۔ اتھ حالس منز اسیتھ ہیوٚ نہٕ منٛے سردارس
بُہتےتہٕ نہ امیس پٔتہٕ تس بُتھ ہاونے یژھان: تکیاز
منٛے اوس محل خانس منز زنانن سیٚتھ تیٚنٛش بدسلوکی
تہٕ بدکاری ہِندِ اکھ حالاہ بوزمُت۔ منٛے وۄنمکھ زِ بہٕ
چھُس نیٚتر واجبنو تہٕ خاندارس چھُم یِتھ یِتھ پٲٹھو
ناو۔ ادِ یِتھ پٲٹھو مسلمان گرٕن منز نیتر واجبہٕ زنانہٕ بیر رٕٹتھ
چھ کران، تیٚتھے پٲٹھو تھاوہُس یِیزتہٕ بیان تہٕ اکھ تہٕ
پوٚکنہ منٛے بِروٚنہٕ شہنشاہنہ کارٕ زوال منٛے اکس زنانہٕ
نِش زِر نیرِتھ زِ بٔ ژٕلہ ہا گنہٕ پٲٹھو۔ پنُن پان پیور
کرِ نہٕ موکلہ گیہ سعہ سردارس شیٚچھی ہیتھ۔ سردارن
سوٚز سٔے شیچھہ زِ ژٕ کر سٔید شُود یِقرار ژٕ کیا چھکھ
انہرش یُتھ بہٕ ژٕ نِد سیٚتھ نیتھر کرِ۔ منٛے ہیوٗت ژٕلنک
شُر کرُن۔ ژٔلنس امیمنہٕ کانہہ تہٕ وُتھایلہ۔ اوٚت تام اسنہٕ
منٛے پننہٕ کُنٛھ چھِ دارِ نیبر یوٚ کچھ ڈٕبہ کُن زاتہہ نظر پیہ مژ۔
یانی یہٕ ڈب ڈاہتھم منٛے کوٗرا تہٕ یِہتھ وۄتھ تراوِتھ پان
مارنُک فٲصلہ تکیاز پنُن اوبرو خراب گرِٕ ھینہ کھوتہٕ
اوس وۄنی یہی کرُن جان۔ ژٔتے وُچھنہٕ تروٚنہٕ ژتُھے
گٲنٹھہٕ سوٚزم سردارن شیچھو زِ پتران کرِتھ وۄلہ یوٚرے
اتہٕ یمہ زنانہٕ امہ وزمیائِس کُھٹھس منز آسہٕ تمن
وۄنم زِ منٛے چھےٚ زٕٹھ کھنٛچہ وۄنی یِنہٕ کامہٕ پٔنٛتھ ہتا
تہٕ گجیم یمہ امی ہِتہٕ نیبر۔ دروازٕ کوٗرم بند تہٕ ہُشار اوٚم
دار۔ اتہٕ وُچھمکھ ژٕ تہٕ پٔتہٕ چھےٚ ادِ خبرے کیٚتھ پٲٹھو
وائرہس ژٕتے نِش۔"

یہٕ کتھ موکلاوِتھ اوس یوٗسف بیچارٕ سخ فِکرن
تہٕ چھُم اتھ روٗٹ کرِنہٕ موکھ سخ زار پار کران۔ دوہ اوس پور
امُت۔ سپاہ اسی گرٕن کھسِتھ منٛے پیاران۔ اُمیٚنہ ہیوٚ
منٛے ظون زِ اکی ساتہٕ ژھینہٕ یہٕ وۄنی یہ سٲری پریشانی
دوٗر کرِتھ۔

یوٗسف اَنہٕ نوٚدُم ناد دِتھ تہٕ دوٚپمس: "جانی یہ
دلیل بوزِتھ کیا سہ کوٗر منٛے پننہٕ جایہ فٲصلہ زِ بٔ ہیٚکتھ
نہٕ ژٔلِتھ تراوِتھ۔ بیٚنی وۄننہٕ کینٛہہ چھیتھن ژٔتے سردارٕ
سِند محل خانچ زنانہٕ گٔڈِتھ انی مژ تہٕ اسلامس منز
چھُنہٕ امہ کھوتہٕ بٔڈ کانہہ پوٚد گوناہ۔ پرزہہ تہٕ منٛے
ژٕ ایمہِ وان سوزُن مگر تور سوزِتھ نہٕ بٔ کینٛہہ۔ ژٕ یِتھ اسہ
سیٚتی تہٕ روز سون وَتہٕ ہاوُک۔ ہرگاہ ژٔتے جان

پأٹھۍ پننۍ کأم وأم کرِتھ تہٕ چالاکھ ڈرا کھ ژٕنے دِمے
رُت ماوجنہٕ۔ خبر چھا تیٚلہِ ماکرِ سردارس نِش چونے
پاس تہٕ زنانہٕ ہیٚتھ تراوناوتھ یِلہٕ۔ فِلحال چھےٚ چأنی
زنانہٕ وُنی کینہہ آرامس منٛز تہٕ یوٚت تام اُسہِ ادرٕ پھیرِتھ
یِیمو توٚت تام آسہ سعودا پیٚلیمژٕ۔"

یہ بوٗزِتھ گو یوٗسُف سیٹھا خوش تہٕ چھُنم کٔلیٚن
ہیٹھو کران۔ ہیا نہٕ وُنہٕ کینٛہہ ہیٚوتن زنانہٕ رٕنہٕ خصمہٕ
تہٕ ڈراو سیلے ساماٹہٕ گنڈِتھ آسہ ترٛوسِٹھ تہٕ اُچھو ٹیٚنشِٹہٕ
منٛز ووت بالہٕ ہرنہٕ ہیٚندی پأٹھۍ بالہٕ تمشتأٹس پیٚٹھاے۔

## ۳۹

## جائج پأیُن یوٗسف اَمنیس دلاسہٕ دِیُن

ژُووہ منٛزِ، خلوکھ بالو ہیٚٹھو تہٕ تمناس۔ وُنہٕ
مأنڈی مأنڈی چھ اُسہِ یوٗسف وُنہٕ ہاوکیس نیتہٕ نیتہٕ پیکان
تہٕ چھیکرس ڈرائے اُسہِ گرجستان کُن۔ یوٗسفن موٗنہٕ
پنُن گام گژھن کینٛہہ تہٕ دوٚپُن۔" زنانہٕ ورائے ہیکہٕ نہٕ
بہٕ تور گژھتھے۔"

روسی فوجن ہیٚند پینچ کریکھ اُس غلط تکیاز

روٗسیو اُسی تمباکی کوٗلہِ پیٚٹھ خیمہ دِتی متھ۔ حمامنو شہر
اوٗسکھ زیٚو تمُت تہٕ قراکلیسا جاپہٕ ہنٛز راُچھ کرنک
اُسہِ شنز کران۔ قراکلیسا جاپہٕ نِشہٕ دوٗرِ آسہٕ کینٛہہ
اوٗشس یہٕ دیہات زٕ روٗسی فوجک گوٚڈٕ ژھُم ہنٛز ژٔلم کیاہ
چھُہ کران کراوان۔ پانسٕ سیٚتھو چھُس سوچان زِ یاتہٕ
چھُہ اَنٛمنٛسے یہ ارمنی جوان مار ناوُن نہٕ تہٕ یِلہٕ تراوُن۔ چھُنا
صلاح زِ یُس ہیے سوزُن یہٕ حمامنو روٗسیٚن ہنٛز خبر آنہٕ
أنہٕ۔ ہرگاہ جان شیچھ ہیٚتھ آو تیٚلہِ چھُنہٕ اُمس
تہٕ اُمی شنز زنانہٕ ہوو کلنس منٛز کانہہ شِکھے۔ ہرگاہ کینٛہہ
خیانت ہیٚتھرِ کوٚرُن تیٚلہِ گژھہِ بلایہِ دفاہ تہٕ ہرداس
ہیمہ دوٗرِ ینا ماتہٕ دیٚپس۔" بہٕ آسہ چأنی سعودائے
ہیٚتھ یہٕ ژٕنے ژٕ جیٚمژٕ آسے۔"

موخصر دوٚن ہے یہ یوٗسفن زٕ ژٕنے پیٚیی
حمامنو گژھن تہٕ تور روٗسیٚن ہنٛز شیچھ ہیٚتھرِ آنٛنۍ
ژٕ ہم کیاہ چھُہ کران کراوان۔ اُمی کرِ ژٔھ کھنٛج اَتھ
پیٚٹھ فکراہ تہٕ موٗن ژھُہ تہٕ دم کرِتھ۔ اُتی گوٚنڈُن
ہٕلِس کمربند، اَجی میٚنشِکہِ ہٹھوٗن کلس پیٚٹھ ٹوپی
تہٕ چھیکیو کینٛہہ بونٛدقاہ الونٛد تراوِتھ ڈراو بالہٕ وُنہٕ تہٕ گو
اُچھ ٹیٚنشِٹہٕ منٛز جنگلن منٛز غائب۔

دِلی خان دوٚپھُم: "تراوِ تو کتھا! گو زِ گو!
دوہ نی سمکھ یہ قیامژ دوٚہے۔"

مےٚ دوٚپُس۔" یہ کتھا پأٹھۍ بنہٕ؟ اُمس ہے وُنہٕ
لُٹ بنٛد چھےٚ۔ کینٛہہ ارمنی چھُ تہٕ توٚے مایہہ یہٕ زنانہٕ

---

ؔ ملہ راجہٕ حاجی باباکتابہِ منٛز چھُ امہِ پیتہٕ یہ بار ژہ پیٚش منٛز یُر:
"جوانی باین چلدی وچالاکی، من در تمام سوارہای رشید
مواجب بگیر خودمان سراغ نداشتم" مگر شامان تہٕ فلاٹ پٕرٕ ٹٕن
دمہٕن کتابن منٛز چھیی نہٕ یہ عبارت۔

ہیندِ موکھ ؟

دلی خان دوپتھ "یوسف چھ پانہٕ نصاران تہٕ روسی تہٕ چھس نصارٲنی ۔ ہرگاہ یہ مرِ تہٕ تو تہٕ ییہ نہٕ یہ ہرگز تہٕ ووہ نی مسلمانن منز واپس ۔ بہٕ چھس یوہے پننہٕ کھسنک گرٕ بایہ پہمہت ونان ز ہرگاہ یہ پانہٕ یوسف کنعان تہٕ زنانہٕ زلیخا آسی مصرس تہٕ آسیس تمہ پتہٕ تہٕ ین تہٕ یم ووہ نی یور ۔"

اَمہ منز اوس بڈاہ اکھ ۔ اُمس آیہ بُتھس گیٛنہٕ تہٕ سورُے بُتھ اوسُس تایہ سیٛتھو کرتھ ہینیوُت ریش اوسُس گوُن تہٕ جُممہ آمُس ریشہ کھوتہٕ گنہٕ ۔ یوہے چھ دلی خانس کُن ونان : " ہے وُوران کیاہ چھکھ ژ ؟ ژےٚ چھےٚ پادشاہ مُشند گرٕ کھسُن، ژ کھتہ پاٹھو بیہکھ یہ گرٕ بایہ ؟"

دلی خانن دوپُس "تِلہٕ سہ کھوو تہٕ ؟ یہ چھ مےٚ پنُن گرٕ بایہ چھنہٕ پادشاہ سُند کینہہ ۔"

یم زیٛٹھے یہ تہٕ اَدنہس بہٕ فیصلہ کرنہٕ ۔ آخر وُچھو اسو اَکس مُسرزارُن منز گرٕو پیٹھ تہٕ ساری بیٹھو اور یور چھکرتھ ۔ تایہ کرتزر نیشہ بچنہٕ موکھ ہیٛتھ اَدٕلو جولنہٕ تہٕ اَدٕلو ژادر کلس پیٹھ ۔ گرٕی تراوِھ گاسہ واسہ کھینہٕ خاطرٕ تہٕ ہیاری ییاری بھیرنہٕ تھو موکھ یلہ ۔ مےٚ اوس خیال ز ہرگاہ نہٕ یوسف شام تانی آو تیلہ روزو اسو راتس اتی ۔ نہٕ ترٕ ژےٚ نفر سوٗزم کمہ کمہ اکھ زہٕ تہٕ کتھ ہنانہٕ موکھ نی ز کیٛتھ علاقس منز تہٕ تم آے کانہہ ڈکھنڈ گرٕ ژھنتھ پہلین ہینڈ یو تیر ونمنز کتھ اکھ جھبرٕن نیتھ واپس ۔ امی وزٕ کوٗر اُمس کھسن تہٕ کھیو سیکھن پیٹھ بزنہٕ ۔ ساری متے یہ اکھ یکہ ویٹھ اکاپوزمیا بہٕ بکرتامہ موکھ تھوو کہ میدن چھیہ بیون ۔

دوہ لوسنس تانی اوسنہٕ یوسف کُنی تہٕ اَمہ ہیٛوت شونگنک بوندبس کرُن ۔ روند دِیہ موکھ تھاوُر نہٕ سپاہ مقرر کرتھ تہٕ شونگو ۔ نصف راتہٕ ہش آیہ ہے گمرشاہ تہٕ زوٗن اُمس تیار لوسنس ۔ اُتھو منز گیہ اَمہ آو نہٕ ژور کنن ۔ اَمہ تہٕ دِتس جواب ۔ مےٚ زون ز ظاہر آو یوسف پھیرتھ ۔ آخر پیو یوسف واتتھ ۔ تھکھاہ وکھاہ کڈتھ لاگ ونہٕ :

پیٛیلہ بہٕ حملو ہس منز ژاس اتہٕ پرن نوس بہٕ اکی روسی سپہن پس مانہٕ گامہ منز ایرانین نیش ژولُمت اوس ۔ یہ آو مےٚ سیٛتھو جان پاٹھی پیش تہٕ نیو نس بہٕ پننس زٹھس افسرس نیش ۔ تمو افسرن کر مےٚ کتھ کڈنہٕ موکھ سنج پاٹھو پرزنہ غار ۔ مےٚ اوس زنانہٕ ژھانڈنک ہیتھ اُسی چھے اُمس بیوٹہ تہٕ ژوونس یلہ ۔ بیٛنہ آیم امہ وزٕ ایرانین ہند دسی گامچ خرابی تہٕ رتھند حملچ شہادتھ تہٕ بکارتہٕ ہیوٹھس ز یہ چھ پزی زیور ۔

یہ پیٹھ چھ تہٕ اورچ یورچ کتھ بہٕ روسی فوجن ہندِ پانس نش واتنہٕ پزٕ ژھان اوسُس ، تمہ سارے اوس یوسف ہیٛتھ آمت ۔ مےٚ کوٗر بانے یمو کتھو یلہ

اَنداز زِ دُشمن کوتاه چھُ، تِمَن کیاه چھُ کرُن کراوُن، تہٕ طاقت بیسترِ کیٛاه چھکھ۔

یوٗسفَس دیُتُکھ آرام کرنَس اِجازَتھ۔ ووٚنی بیٚیہِ مےٚ یوٗسفنس پیٚڑی زیور تہٕ ایمان دار آسنَس پیٚٹھ یَقیٖن تہٕ پاٹھۍ یژھ تہٕ دِتُکھ پننہٕ جماعژ ایروان واپس گژھنک حُکم۔ تھکنہٕ کنۍ کھوٚلُم یوٗسُف پنَس سیٚتۍ گرس پیٹھ تہٕ ژھوٚ وَتو کنۍ دراو اَسۍ ایروان کُن۔ وَتہٕ کوٚڑ اَکِس گامَس منز تھکھ تہٕ کوٚر آراماه تہٕ کیٚنژن کالس پتہٕ آیہٕ سردار تہٕ رِسالہٕ اَفسر صاحبن کانہہ شیٚچھا دیچھا بوزو۔ یوٗسفَس تہٕ دِتُکھ پننہٕ زنانہٕ نِش خبر آتہٕ ہیٚنہٕ موکلہ گژھنس اِجازَت۔ سُہ گو خوش تہٕ دراو۔ توٚر آو شیٚچھی پیٚٹھ زٕ سو چھےٚ ووٚنی بلیمژ۔

سردار تہٕ رِسالہٕ اَفسر اٰسۍ ایروان منز نیرِتھ ارمنی پادرۍ سُندِس مکانس نکھہٕ ڈیرِ دِتھ بیہِتھ۔ اَسۍ دراے یوٗسف ہیٚتھ تورۍ کُن۔

## ۴۰

## حاجی بابُن سۄ لوکٹ پننین اَفسرن سیٚتۍ

تہٕ تمُسند بیان پنُن بدقسمتن سیٚتۍ کراوُن

اوٚچ کلیسا چھُ اَکِس بڈِس مادانس منز آغری داغ بالہٕ دامنس تلہٕ کنہٕ آباد۔ انگریزن خاص کرِتھ ارمینیا کین روزن والین چھُ پیٚتقاد زِ یوٗہے گو جوٗدی بال یتھ پیٚٹھ حضرت نوح سُنز ناو بٕتھ لجمژ اُس۔ اَمہ گامُک اگرچہ یُس سارۍ سےٚ مشرِقس منز آباد گرچہ آسنس منز ناماوار چھُ، چھکھ تھوٚرین دیوارن منز باگ بوٚو۔ تہٕ یمَن دیوارن منز چھکھ شیٚشترٕ درواز گرجس اندر اَژنہٕ موکلہ تراوِتھ۔ ارمینیا کین لکن ہُنٛد بوٚڑ پادری چھُ پننِس سارِے جماعتہٕ لوہ کیٚنٛہہ پادری، نوکر کیو مُلازِم بیٚتسرِ پیٚتھ اَتۍ روزان۔ ایران کیو چھُم اَمِس خلیفہٕ لقب تھوٚوِمُت تہٕ ارمینیاکۍ سارۍ روزن وٲلۍ چھِ جماعژ جماعژ تِمہ پادرۍ اَمۍ سُنٛز زیارتھ کرنہٕ موکلہ سیٚٹھا یکتراہ سان اَتھ گرجس منز واتان۔

اَخرٕ واتۍ اَسۍ اَتھ گامَس منز۔ اَتہٕ وُچھ مےٚ سردارن تہٕ رِسالہٕ اَفسرن گرجس اَندۍ پکھۍ بے رَبط پاٹھۍ خیمہ دِتۍ ہیٚتۍ۔ سیٚتۍ بوزم یہ زِ گرجکۍ بڈۍ پادرۍ چھِ یم دوٚشوے اَفسر ال کرِتھ پانَس نِش تھٲوِتھ دلی تُخان گو یہ بوزِتھ بڈٕ خوش۔ گرس پیٚٹھ آو مےٚ نِش جَل جَل دوران تہٕ چھُم دیان: "یکھ حضن یمَن تاوَن زد ارمنین ہُنٛد شراباه کیاه چھُم کُتُل تہٕ تھکناه کدمٕ"۔ مےٚ دوپُس۔ "اَدٕ زبَر! تہٕ ہےٚ مُسلمان چھکھ، تۍ تہٕ شرابس کاٹےٚ کیٛاه؟ تاوَن زدٕ چھکھ تہٕ!"

دیان چھُم: "بخش زہم! مےٚ کیا حضن چھےٚ پننین بُزرگن پیٚتہٕ پیٚتہٕ یکنس عادَتھ۔ وُچھ حضن سون سردار کیا حضن چھُ پانہٕ آبچ پاٹھۍ شراب چیوان تہٕ خرٕ سُنٛد پاٹھۍ طمائی لاگان، اَدٕ حضن مےٚ کتیٛک گو

زٕ بٕ چھُس نہٕ؟ یُس خرس نہٕ کھرِل یِگہٕ تس ہیٚتھ گٔژھ کلہٕ ژٹُن۔"

رگرجس نکچ وأنتھ اُوٚنمُ یوٗسف نادٕ دِتھ تہٕ تھوٕو م ہٮ۪چھنأوِتھ زٕ "ہرگاہ فلأنۍ کتھہ مہٕ کہٕ قسم تہٕ بیٚیی کھیٚوٚن، کھیٚنہٕ، تکیازِ تتھ منٛز چھُ چوٗنُے فأیدٕ۔ خبردار چھےٚ یوٚہے کأم کرِتھ ژ آکھ، تتھ کھأنہِ بڈٕ رٕنگ تہٕ بوٗشن۔ پننہ پٔتہٕ پتھ گٔژھ کانہہ ہنٛز کتھ کرنہٕ وزِ اُسو زِ تتھ ہرِماہ مُصالہٕ ژاوان اَدٕ وَرٕش ہیے زنانہٕ تری واپس۔"

آمہِ پتہٕ ژاے اُسو گرِ جِ کس گوڈٕ نکس آنگنس منٛز۔ اَتہٕ وُچھ سردار تہٕ رِسالہٕ اَفسر سٕندِین نفرن ہُند بار وبیگار ساری ہیے وٚہرأوِتھ۔ ژھوٚہ پأٹھۍ اُسو یہیٚند گُرو گنڈِتھ۔ منٛز باگ آنگنس اُسو مرکبان بِہِتھ۔ گُرِین ہٕندی زین تہٕ باقے چیز اُسو اوٚرٕ یور چھکرِتھ تہٕ اُکس اندس کُن اُسو دٕہ بٕہ تہٕ گاٹٕھ اُلٲنہِ ژأوِتھ گُرو گاسہٕ کھیوان تہٕ بٮ۪یہ اندٕ اُسو گُری وألی پانہٕ وأنۍ مسخرٕ کران۔ بیٚیس آنگنس منٛز وُچھو بڈِین مُلازمن ہٕندی گُرو گنڈِتھ تہٕ پانہٕ اُسو تم حُجرِن منٛز بِہِتھ۔ اَخروأتی اُسو بٔنِس آنگنس منٛز تہٕ ژاے رِسالہٕ اَفسر صأبنِس خیمس منٛز۔ اَمہِ ساتہٕ اوس کوچ کھینکُ وٕنٛج تہٕ سٕہ اوس تُرے پانہٕ سردار سٕندِس خیمس منٛز گومُت۔ یُتھے سانہٕ پنٛژ شیٚچھ گٔیس تتھے نیکھ اُسو تُری ناد دِتھ۔

زن اُسو یِم اَتہٕ پادری سٕند گرِ جکمأنکھ۔ پانہٕ اُسو حُجرس منٛز بِہِتھ۔ تہٕ پادری اوس بأشبرِ ہوٗت ہوٕ یور فوان باسان اوس زِنتہٕ یِہِنٛد اوٚر یِنہٕ سیٚتۍ بُڑ منٛتھ اُسس

روٗدمُت۔ سردار تہٕ رِسالہٕ اَفسر سٕندۍ گُرو اُسو گرِ جِ دوٚہ سیٚتۍ گنڈِتھ تہٕ ارتمنین ہنٛد کھوٚہ تہٕ اوس یمیٚ دوٚہن ہنٛدِ آرأمک تہٕ آسأیشہ ہُند خیال تھوٚوہٕ یوان۔

یہٕ کتاب پرن والین چھُ ہیٚتہٕ بروٚنٹھے وونمُت زِ رِسالہٕ اَفسر صأب کُس تہٕ کیٛاہ اوس۔ ووٚنۍ بوزِ تو سردار سٕنٛز تہٕ اکھ زِ کتھ۔ اَمِس سردارس یُش منحوس تہٕ بدشکل اُس نہٕ ہیٚتہٕ زانہہ تہٕ نظرِ گمُژ۔ اَچھ آسس سوٚہ رمہٕ رنگہٕ کرِتھ تہٕ پیمے آسس بیأرِ سٕندۍ پأٹھۍ اَنہٕ گنڈِ منٛز نژمان۔ زِنتہٕ پیموٕ منٛز نار اوسُس نیران۔ دوٚر اوس باسان زن یِمہٕ اَچھ پھٹتھ آسس ژرامژہ۔ یہٕ پانہٕ اوس کأنسہِ کُن وُچھنہٕ پتہٕ اَسنہٕ ہنا تہٕ کران۔ زِ تھوٗگہٕ نماتن اوس اَمِس شار گوٗنڈمُت زِ: "سردار حسن خان سُنٛد بُتھ چھُ آغری داغ بالس ہیوٗہ۔ یتھہ وِز اَمہِ بالہٕ کس ٹھنٛگس پیٹھ اوٚبُر تہٕ وُتل آیہِ تہٕ دامنس تلہٕ کنہٕ آسس تاپھ، تمہٕ وِز گٔژھ زانُن زِ واو طوٗفان چھُ یِنہٕ وول۔" بُجرن ژ آ پتھ ژاونہٕ، کنِ آسس دوٚہ شوٚہنی بُتھ لبن گیٚنہٕ جوراہ تہٕ تہٕ کھشرٕ آیہٕ ریش آسنہٕ کنہٕ آسس یمہٕ گیٚنہٕ کمے پٔہن بوزنہٕ یوان۔ اَمِس بےہیر بڈٕ اُس اوسنہٕ ارمن منٛز اکہٕ ڈنٛڈ وَرأے بٮ۪یہ کانہہ ڈنٛداہ روٗدمُت۔ سُہ تہٕ اوسُس سوٚرٕ سٕندۍ پأٹھۍ اَسہٕ نیبر ژرامُت۔ وُچھٹ زٕ اَمِس دوٚہن زوٚرٕ .... بدی پأٹھۍ اوٚتے ژامتۍ تہٕ والہٕ ژھوٚہ سیٚتۍ زن یِم پوٗرٕ اَمِس آہتۍ۔ بڈٕ مُشکلی سان ہیٚکہِ ہیے کانہہ وأنِتھ زِ اُمی ہٕنٛز شکل چھا پادرہٕ ہس سیٚتۍ

زُلان کینہہ ژھرٕ دُنہِ ہوسپتی۔ پنزُر چھُ یہِ زِ یُہ سہٕ شکلاہ اُس اُمس سعہ اُسیٖنہٕ ہرگز تہٕ انسان شکل تہٕ نہٕ چھےٚ انسانس پٔژھ شکلے آسان۔ فطرتھ تہٕ اُسس ترٛژھے پٔژھ شکل اُسس انسانٕی بیتک کانٛہہ نہٕ رسماہ یا قونوٗ ناہ اوسینہٕ تسُنز شہوژ گنڈِتھ ہیکان۔ ییٚلہ اُمس طماہ تہٕ ہوس کلہٕ کڈان اوس، اَدٕ تہٕ اوسینہٕ بےٚ رحمی وَرتاونس منز اَتھ یوان۔ مگر کینہہ رٕتی صفتھ تہٕ اُسس۔ پننین ماتحتن سیتی اوس پزر وَرتاوان۔ تمن اوس اَتھ ہیتھ تھوان تہٕ اُسان اُسان تمن ہُنٛدِ یوان تہٕ دِلبری کران۔ وزیرن امیرن سیتی اوس تمۍ پٲٹھۍ رٕژھر تھ پکان زِ سارٕنۍ ہُنٛد کھوتہٕ اوس اُمۍ سے پادشاہس نِش یژھتھ تہٕ اعتماد۔ پانہٕ اوس پادشاہ ہِندِ پٲٹھۍ عأشاہ کران تہٕ دستر خانٕ ییٚلہٕ ژاوتھ اوس لگن زالس وُلان۔ پننین جان تہٕ رٕتین مُسلمانن ہنٛدِ پٲٹھۍ اوسینہٕ یہِ تہٕ کچھ تہٕ بدکار کرِنِش نہٕ پتھ روزان تہٕ نہٕ کھوژان۔ تہٕ زانہٕ ہینہٕ زِ تمنۍ پٲٹھۍ یا ژوٗرٕ پٲٹھۍ کأم کرٕنۍ کیاہ گیہِ، نہٕ زانہٕ سے منٛد چھُن۔ یہٕ اندرٕ اوس تی اوس تکبر تہٕ۔ پننین ماتحتن ہنٛدِ خأطرٕ اوس رُت یارٕ تہٕ پننین دِہرٕ باجین ہُنٛد اوس دِلبراہ۔ پادشاہ سُنٛز ژکھ کھوژنہٕ وَرٲے اوسینہٕ رسالہٕ اَفسرس وَرٲے کانٛہہ تہٕ تس میاکھ یاراہ یُس ہمیشہ تس نِش بِہِتھ شراب چینیہ ہے تہٕ گیوٗن بوزِہے۔

پننیٚن ترِ ٹھ ماتحتھ ہِہتھ ژاس ئہ پنن دۄن اَفسرن نِش تہٕ رُکدُس برُنٛہ بیٚہتھ دوہ دِنی۔ رسالہ اَفسر وُولتھ مےٚ کُن: "آکھا ژٕ دارٕ کارٕ حاجیا؟ بیٚۓ مرٕے کرٕ ژٕ رۄسی مأری تھکس؟ تہنزٕ کلہٕ ہیرٕ اَنہٕ تھاسیتی کنہٕ نہٕ؟"

سردار: "تلہٕ سہٕ بوزناوکیاہ کوٚرو؟ رۄسی اُمِسہٕ ینس تأنی آہستہ کہنہٕ نہٕ۔ کأتیاہ ژٕ ژوُکھ؟"

ئہ: سرکار! یہِ مےٚ کرُن اوس تہٕ چھُ مےٚ کوٗرمُت حضرت۔ تہٕنٛد طالع کرٕ بہٕ کیتہٕ دراے اُسی دراصل پزٕ گر سفرس۔ پۄرٕ شیٚچھی ہیتھ چھُس آمُت ... تہٕ تہٕ کرٕ بہٕ خدمتس منز عرض۔ یہِ حضرت چھےٚ تعہ سہٕ سردار صاحب تہٕ سرکار رسالہٕ اَفسر صاحبہٕ بخشتہٕ لۄدٕ اہ سنج مہرٕ بأنی زِ مےٚ میوٗنٕ موٗلی انسان چھُ تہٕنٛد نوکر۔

سردار: (اَسان اَسان تہٕ اُچھ پھیرِ پھیرِتھ رسالہٕ اَفسرس کُن) تہٕ چھُ پوٗرٕنۍ۔ نہٕ چھُنیی رُت چیز مگر اُسی مأچھ ماتحتس ہیتھ نیٚران، اُسی چھِ نِشان شمشیر تہٕ تلوار ہیتھ۔ سون تکیہ چھُ فقط اَتھو تلوار ہیتھے یوت۔

رسالہٕ اَفسر گولہٕ بٲرٕ بۄندوق، شمشیر تہٕ تلوار۔ ییمے گےٚ سأنی رٕتی ستار۔ سانہٕ خأطرٕ گوٚسے ساتھ رُت ییٚمہِ سانہٕ اُسی کأنسہِ کأفرس کلہٕ ژٹو۔ میأنی صفتھ گنٛزراوینہٕ خأطرٕ چھُ مےٚ صرف قزلباش وَننے یوت کأفی۔ عربی گرٕ کھسُن ہندی تلوار اتھس منز، نیٚزٕ معہ چھُ منز رٔٹتھ چھُس منگان مَعہ دأیس زِ منحوس رۄسیو سیتی گوژھ

ماگداناہ اَکھ بٔرِتھ آسُن، اَدٕ کیاہ وُچھہٕکھ ژٕ تماشہٕ
سردار۔ رِسالہٕ اَفسر صاحب! شرابہِ چ تہٕ کر کتھا میانِ
رِکنہٕ چھُنہٕ شراب یِمو چیز و کھٕتہٕ کم کینژھہ کرکھنا
پادرِس آلوٗ شہ کیاہ چادر ہسے تمہٕ تھد و شراب تہٕ تلو
مٕنز حاجتس تہٕ اَکھ بوتلاہ۔ اَماپوز، حاجیا سوٗنے
ژاوہٕ اُتی چھے۔ گوڈٕ ونتم ژٕ کیاہ وُچھتھ کور تھ
تتہٕ؟ رُوسی فوجن کتین چھ خیمہ دِتی متی؟
کتیاہ چھ تِھم؟ توپہ بیتر چھکھ تہٕ کنہٕ کہسیٚن؟
فوجک زیٚٹھ کُس چھکھ؟ گُرِ جیٚن ہٕند ما بوزتھ
کینژھہ؟ روس کہ سارِ فوجک اَفسر کتہٕ وُنی کیٚن
پانہٕ؟ شہ لزگی سِپاہ کیاہ کران کرٕ ادان؟ شہ
اسماعیل خان موہ رِتدٕ کتہٕ؟ میٚ وَن جَل یِمن
سارنے کتھن جواب۔"

اَمہ پتہٕ پھیرٕن مُنشِس کُن بُتھ تہٕ چھُس دپان:
"میرزٕ صاحب! اثر تہٕ کر جَل۔ یہ کینژھا حوالچ وَنی
تہٕ گژھ لیکھان۔"

سیٹھا گوبر تہٕ بجر سان ہیوٗت میٚ کلامہ کرُن
تہٕ چھُسکھ وَنان:

"بہٕ چھُس سردار صاحبنِ ذرےٕ ھاوان تہٕ رِسالہٕ
اَفسر صاحبنِ ذرےٕ پہنٛدٕ حق نمک چھُس گومُت،
رُوسی فوج نہٕ حَفن چھُنہٕ مجرہ سے گُنہٕ۔ ایرٲنی فوجس
نِش بوزی توکھ تِم ہوٚنٛن ہٕنٛد کھوتہٕ بتر۔ وُہ نی توز تو
پانے ژٕ میٚ ہیوٗ تجربہٕ، دوٗل انسان ہیٚکہٕ ونِتھ ژٕ اکھ
ایرٲنی ہیٚکہٕ تلوار وراے ذٔہن رُوپیتھ ٲرتھ۔"

رِسالہٕ اَفسر گو میانِ یہ کتھ بوزتھ بڈٕ خوش تہٕ
کانژھہ تہٕ آب ونا باہ رُودُسنہ تہٕ گٔمی کرِتھ ژٕ رِجس نیرِتھ
"ہنا حاجیا! میانہٕ شیرا! بہٕ ہا اوسُس ژٕ ارنِتھ ژٕ روزتھ
نہٕ پتھ، کاماہ کرِتھ یکھ۔ آفرین! اصلی چھُکھ تہٕ
پرٕون کھراتہٕ اِصفہانُی۔ ہتہ سہ ژٕ تیے اَسیتھ کم چالاکی
تہٕ فتنہ فریب ورتو مُت!"

بہٕ: بنس بیٹھ چھےکے رُوسی۔ یِمے ہتھ پوتشہ
تہٕ شیٚنے، شیتھ یا اَٹھ شیتھ آسَن۔ بابا آسَن بیاس
کھنٹہٕ، نتہٕ ژٕ ساس، تمہ ژٕیادٕ چھینہٕ۔ داہ، وہ
کاٗف کرِتھ گو ژٕ تیمی پاتشاہ توفہٕ اَسکی۔ پتھ
رِچھو توٚہی تہہندین قزاق سِپاہن ہٕنٛد وَنان، ہتہٕ رِحفن
تِم چھا گُنہٕ مُجرمس بیچار ی۔ زِن تِحص تِم چھیی۔ تِم
چھا حَفن تتین بوزٕ یوان یِتین انسان تِمن
وُچھن پرژھ ہسے۔ نیز چھکھ یِمے چار واےٕ پکہ ناونکی
ڈانڈٕ ہوی، تِم چھَہن جنگی نیز۔ بہٕ چھس دپان
تِم کران کیاہ آسَن یِمو ہیچہ کھنجو سیتو؟ میٚ چھ
تران فِکرِ ژٕ یِم نیز کھنجہ چھےٚ تِمن جیٚسٹھی۔ پتھ
رُودی گُرِ تہندی، تِم چھا حَفن گُرِ، تِم حفن چھ
وارٕ تہٕ کار پٔنٛٹھ۔ تِم کوٚت حفن واتن سانین ژٕ بجی
تہٕ پتشاہ توٚمان لوکن والین گرٕن، سعہ چھُنہٕ کتھے
سانین گرٕن ہتشز گردِ نہٕ: واتن بہٕ تِم یِتس کالس
دُشمن اَچھ مُرژاو تیتو سے کالس چھ تِم غالب گژھان۔

رسالہ اَفسر: مہٕ ہیٚے یِمَن قزاقَن ہُنٛد ناو زِیوٚ ییٚمِتھ۔
دۄپھ "رتم چھ ہاپتَن ییٚمِتھ پٮ۪ٹھ زۭ جماتھ کھسِتھ۔
تہٕ ترٛونٛہ اکھ چھکھ زیٚمِتھ"۔

بٔ: یہٕ شخص ترٛٲوتھ دوٚتنہٕ چھ نہٕ۔ اما پوز تس چھ ہتو۔

سردار ونان۔ بدٕلے بدٕلے کیٛتھ چھ تٔتھ بوزان۔
دپان سائنس سردار صائبس چھُن کرتام جنٛدُک
قوران شریف نیوٗمُت تہٕ اکھ اکھ چھ سارنے
ییٚنہٕ فتحُک نِشانہٕ سٕے قورانِ شریف ہاوان۔

سردار۔ آ آ پوز چھُے۔ ہتہ سہٕ یموٚ تاوان زد ہینو
ہسہ زٕ اسہ پرٕس بے شو نکھ پاٹھو ہتو ہتہ
فکری یم کنیٛاری آے۔ یِتہٕ پییٚمِتھ پیمے پانٛژھ
شئے فرسنگ دورٕ اسو اَسہ چھیہ دِتی ہتو۔ اد پیٚلیہ
آے حرام اگر پلو بدلاونس تہٕ کنکو کرنس
فُرصتھ دیہ ہیم۔ چھنی کرتنہٕ تہٕ کھچس منز
زوٕلس کاٹھ زسِتس گرس ییٚمِتھ پیمِس کوٗرِکھ
لوٗٹھ تہٕ نیوکھ قورانِ مجید تہٕ زور۔ خاطر
بٔ تہٕ ماچھڈ ہکھ، پانس چھو خبرے زِ قمشلو
گامس منز کیٛ پھش پھیٖر مکھ۔ وُنہٕ چھنہٕ کیٛتھے
وُنہٕ چھے مٕے یہنٛزن مالِ ہنٛزن قبرن پیٚٹھ
داریاہ کام کرنی۔ ادسہ کیٛاہ توفہ دِنہٕ چھیٚتھ چھُے
رتمن؟

بٔ: ییٚمہٕ شخص پانٛژھ یا شئے!

مُنشی: زٕ ہے دٕ زٕ تیجی تہٕ پٔنٛژاہ توفہ دِنہٕ ییٚمِتھ۔

وون کوٚ سہ پش کیٛتھ چھُے پیٚز؟

سردار: (اُچھہ پٮ۪ٹھ پھیٹو کڈتھ) کیاہ؟ اَسہِ پسیٛتو تیا
اپیز؟ ہتو حاجیا! یاد تھو، یہ زٕ دوٗنی کین وُنی
ہرگاہ تیتھ کینٛہ بدل دِروے، قسم چھُسے ہاوان
حضرت امیرالمومنین (حضرت علی) سُنٛد فِکرُک
نہٕ اَسہ ما چھ نتنس لایق۔۔۔

بٔ۔ وُچھو شخص، پُزر چھ یہ زِ ییٚمہٕ سارٕنے خبر چھے
درا اصل مٕے نش بیٚیی اکھ توسُلہ داو ترٛ سردار
صائبنہٕ تہٕ رسالہ اَفسر صائبنہٕ طالع بنیوم بدلے
وُسپلا اکھ ییٚمہٕ کینہہ یہ سارے شیٚچھو بوزم۔
ارمینیہچ جراہ اکھ کیٛا شخص دراو پننس
زوٚس گنٛدتھ تہٕ آو ییٚمہٕ خبر ہیتھ۔ تس دِتم
تہنٛد طرفہٕ دلاسہ تہٕ وعد کورمس زِ تسے کرے نہٕ
کینہہ۔ سٕے چھو ییٚمہٕ خبر ہیتھ آمُت۔

سردار۔ کیاہ؟ میانہٕ طرفہٕ چھُکھہ وعد دیٚتمُت؟ یہ
کُس ارمنی چھُم؟ آرمنی تہٕ چھا زانہہ کُنہٕ مجرس
پوان؟[1]

ارمہ یتھ بوزنا وم یوسف آرمنی سُنٛد سورے قصہ
پننہ جایہ اوسُم بہتھ زِ یہ وہ ستادِل ورتاوتھ تہٕ صاف
پاٹھو سورے ھیلہ ترٛوٗتھ کتہ تھوٗتھ مانیٚز۔ ہمدایہ زِ
سردار لاگیہ کُلس ڈوٚل تہٕ ظاہر ما دِیس زنانہ واپس۔

---

[1] یہ شعر چھُے فقط شاداں بلگرامی ہنٛز کتابہ منٛز پیاڈ۔

سرٛدارن کٔرٕ کاتھ تہٕ کنتھ۔ یِم اَتہٕ بِہِتھ اٲسۍ

تِم اٲسۍ فقط لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ تہٕ لاحول ولا قوۃ

اِلّا باللّٰہ وَنان۔ اورٕ پیوٚر نظراہ کٔرِتھ ووٚتھ سردار

پھِچھرِ سان: "ہے! اٲمۍ ارمنی جوانن چھُ کمالے کوٚرمُت

تِلہٕ سہٕ جِگرا اٲنوٚ ہے!"

جِگر دام جوراہ تارٕ کڑتھ دوٚپُن۔ "تِلا کتہٕ چھُ

یہٕ ارمنی؟ پادرِس تہٕ ڈٲیوٚڈی یُن!"

اَمہِ پتہٕ اوٚنکھُ یوٗسف تِتھے پٲٹھۍ بِہِتھ پٲٹھۍ

ہر ہمیشہ ارمنی جوانَن ایرٲنی اَفسرَن برٛونٛہہ کُن ڈکہ

دِتھ تہٕ زورٕ اَنان چھِ۔ یہٕ آو تمہٕ شاہٕ سان برٛونٛہہ کُن

یِمیٖک نہٕ اَتہٕ گُمانے اوس لگن۔ اٲمۍ شرٕ یہٕ رودادٕ حیٚنتھ

گیہ سارِنے دِلَس تَرِتھ خاص کٔرِتھ سردارس یُس

زٕن اَمِلۍ مینہٕ کٔرنۍ تہٕ اَمس کُن وُچھان اوس تہٕ ہستی

کرِن خاص اَچھ ناٹہٕ رِسالہٕ اَفسرس تہٕ یہٕ تس وَنُن

اوسُس تہٕ ووٚننس اَچھوِ ہستی۔

اٲکھ شرٕ آو بوڈ پادری ییٚنۍ زٕ، ترٛےٚ نفرٕ ہیتھ

یہٕ اوس اوٚرٕ تہٕ دوٚر شخصا، وٕتوٚٹھ پوٚٹھ، اَسہٕ وَنہٕ تہٕ ووٚتھ

بِہتھ۔ تٲلی اٲمس تِمے پلوٕ یِم خاص ارمنی پادری لاگان

چھِ۔ پینتِس کھنڈس دوہ دِنۍ روٗزِتھ ہوٚوُس سرٛدارن

اِشارٕ نٕ پتھرٕ بِہہ بِہِتھ اَدبٕ سان بیوٚتھ زانہٕ ٹکوٚتھ

کٔرِتھ پتھرٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ سردار اَمس پادرِس کُن وَنان

"پادری صاب! اَسہِ مُسلمانَن چھِنہٕ مومِن یاتہٕ قدر دوہ نۍ

ایرانس منز۔ ارمنی چھِ دوہ نۍ سانِہن مَحل خانَن منز اَژِتھ

سانِہن زنانَن تہٕ دایَن ماٲرِتھ ژھنان تہٕ سانِہن

مالِہن ہنٛدِن قبرَن پیٹھ چھران۔ یہٕ کیاہ قصا چھُ؟

یہٕ چھا خوٚدایہٕ سُند کار کِنہٕ چھون کار؟"

یہٕ بوٗزِتھ لگو پادرِس پھِچھرٕنۍ تہٕ سیٚخ گابر یوٚو۔

ٹھاپھِ ہیوٚ تنس عارٕ کھوٚ وُشن تکیا زٕ شہ اوس زاٲنِتھ

زٕ اَمہِ قسمُک روداب چھُ بوڈ جرمانہٕ ہیٚنہٕ موٚ کھِے کٔرنہٕ

بچاو ژھانڈنہٕ موٚکھ ووٚتھس پادری درجواب: "یہٕ کیا حق

چھِو توٚہۍ فرماوان؟ اٲسۍ کم حق چھِ زٕ سرکارس ہیٚتی کرو

پرٛژھ بے اَدبی؟ اٲسۍ تہٕ پادشاہ شرٕ رٲیِتھ، سون

بُیستُرے کیاہ چھُ؟ اَسہِ چھو ڈلِہ بدل توٚہۍ۔ اٲسۍ

ارمنی چھِ سرکارِ ہنٛدِس سایس تَل آسایشہٕ سان پننۍ

دوہ کڈان۔ یہٕ کموٚ اٲکی لَرٕ یہٕ دٔب اَسہِ یہٕ توٚہۍ چھِو

فرماوان؟"

سردار۔ (یوٗسفَس کُن ہاوِتھ) یہٕ کیاہ چھِے یہٕ کموٚ مہٕ چھِن

تِلہٕ سہٕ ژٕ وَنتہٕ ژٕ تِیے نیٚتھن نادارے اَکھ لوکٕ پٹھ؟

یوٗسف۔ حضرت، ہرگاہ پننہٕ زنانہٕ وَراٲے مےٚ بییہِ کانہہ

زنانہٕ نہ مرٕ آسہِ، تیٚلہِ چھُ مےٚ پرٛزٕ پٲٹھۍ رَلہ

تہٕ تیٚلہِ یُس سزا تمہٕ ہیٚ خوش کرِ، سہٕ دِیو مےٚ

یِمہٕ زنانہٕ دارٕ کھوٚ دوہ ہٹ تٲو تہٕ مےٚ نِش آیہٕ

تٔہنز داے بٔنہٕ برٛونٛہہ اَس سوٚ میانۍ زنانہٕ یہٕ

تہٕ میانۍ زنانہٕ دوہ شوٚے چھِ تٔہنٛدی رٲیِتھ۔

سارِنے ہنٛدِ لکھوٚ تہٕ چھِے توٚہۍ پانَس خبر زٕ اَسہِ

شوٗبہٕ وٕ قیدِ منز۔ یہٕ چھُ پوٚز زٕ اٲسۍ چھِ آرمنی

اَما پوٚز اِنسان تہٕ چھہٕ۔ پرٛیتھ کانٛہہ چھُ زانان زِ
پادشہن، یُس اَسہِ سارِنے ہُنٛد بب موج چھُ
چھُنہٕ اَز تام زانٛہہ تہٕ پننِس موٚہوٗلی نوکرِ ہِنٛز
خاندارنہِ کُن اَچھ تُلِتھ تہٕ وُچھمُت۔ یہِ کتھ پاٹھی میٚلِہ
بٔنِتھ زِسون سردار تہٕ حاکم کیٛاہ ترٛاوِ یہِ مہربٲنی پتھ
پُشتہٕ پیٚیہِ اَگر تمہ عرض کوٚرمُت چھُم زِ یہِ زنانہٕ چھےٚ
گُجیتان بیچ قید تہٕ تمۍ چھُ اَپزُو دوٚپمُت۔ ہرگاہ تمہٕ یہِ مرکاوُن
خبر آسہِ ہے زِ یہِ زنانہٕ چھےٚ تتھٕ ژھیٚنتھ، تۄہؠ گۄڈ وہن
نہٕ سعہ زانٛہہ تہٕ پانس نِش پننہِ داے۔"

یوٗسفنہٕ یہِ گُستاخی وُچھتھ ہیوٚت بڑی پادرِ یوٗسفس
مکرُن۔ مگر سردارن یُس یوٗسفنہٕ یمہ کتھہِ بوزِتھ نادے
کوٚر، زٕ گرٛزھن تکیاز تس اوسہٕ پرٛژھ صاف کتھہِ
ننٛنو پاٹھۍ بوزنس عادتھ، سہٕ گو خوش۔ تسندس تتھ
بد بُجھس پیٹھ خوش آسُن بوزِتھ یُن اَس کرامتھ۔ اَمہ
پتہٕ لوٚگ یوٗسفس کُن مُدے گنڈِتھ وُچھنہٕ تتھ پاٹھۍ
زِ پیمہ معہ کھ ناد دِتھ اوسُن اوٚنمُت تہٕ زن گوس سوٗتھے
مُرشد۔ تہٕ کتھ رۄود تسند سہٕ گوہ ڈینیک شرارتھ۔ وڈوڈلی
گو نیم تہٕ قبہہ زھوٗرا دِتھ چھُس دِوان۔ "بس
ترٛاوِ دۄ کتھ ووہ نی۔ گرٛزھ سہ نیبر تن پننہِ زنانہٕ تہٕ مہ لاگ
شور۔ حاملہٕ ہس منز چھےٚ تسے جان کام کرُن۔ لہٰذا
کرِتھ مۄزی زِ ژہ وہ نی میٚیِسے سیتی تہٕ میٚسے نِش نیبر گرٛزھ
میون فراش تمۍ کام دام منبہٕ۔ یُتھے وردی بیتر
لاگِکھ، تیٚتھے پیز یوری۔ او، یہِ تمۍ زیادٕ زِ یتھ ژہ
یمہ یو کُن پکِکھ، تیٚتھے پکے بہٕ تہٕ۔" یوٗسف گو یہ

بوزِتھ سیٹھا خوش تہٕ آوٚلادان سردارس نِش یُس پیٚنہٕ
وراٹی زِ میٚے کیاہ شوٗبہ دِنُن یا کرُن، تہٕ ووٚنُس کھوٚرُن
تل کلہٕ۔

یم اَتہٕ اَسی، تمہ گِیہٕ ساری حیران۔ رسالہ
اَفسرن کوٚڈ واشاہ تہٕ کوٚرن نہٕ پیٹھ نزاکتھ۔ بڑی پادری
تہٕ کوٚڈ زرین زنگن واش۔ زنتہٕ باراہ اَکھ چھینکو پیٹھ
ووٚتھُس۔ ڈیکس اوسُن عاٲرکھ یہ پیڈان نہٕ ووہ نی چھیکو
یوٚہے جیسہٕ ہیو۔ ساری اَسی سردارٕ ہِنٛز یہِ ہمدردی تہٕ
پیڈرو وُچھتھ تس نوشیروانِ عادل کرِی کرِی وَنان۔ اَتہٕ
اوس یہِ یتھ چانہٕ منز نیران۔ "بارک اللہ! آفرین!
مرحبا!" ساریے ہے فوجس منز روز یہے کتھا چلہٕ ونی۔
مےٚ تورٕ نہٕ پانس فکرِ زِ سردارن کتھہ پیٹھ ہاد یوٗسفس
پرٛژھ مہربٲنی۔ اَما پوٚز یم سردارس تلہٕ پیٹھ زانہٕ ہن تمن
اوس یہِ یتھ زِ تسنٛز یہِ مہربٲنی تہٕ نوشیروانٕنی اَسنہٕ
ہرگز تہٕ پیتھ سہ

گنڈی موٚر کھسیا کھزرِ یا اَر

## ۱۸

# ایرانین ہِنٛد رۄسین پیٹھ حملہ کرُن

### تہٕ نامرد خانٕنۍ نامردی ہاوِنۍ

ییٚلہِ ایرانی اَفسرو یوٗسُفن اَتھی یس نِش روٗسی
فوجن ہِنٛدِن چھپن جاین تہٕ تہِنٛدِ احوالُک سوٗدُے آنا
پتا پوٚر، پاٹھۍ زرٕ یاف کوٚر، تِمو کوٚر حملہٕ ہس پیٹھ حملہٕ

کرنکھ فاصلہ تہٕ دِنکھ فوجس نیرنکھ حکم۔

فوج ڈراو۔ توپ خانہٕ ہیتھ تکھ بڑٕ سختی سان
تہٕ ولہٕ ہار بالہٕ منز یکہٕ ناوُن وپتیاہٕ سپاہ اوسو
پننہٕ مرضی ہتیارہ یارہ نِکان تہٕ گُری سوار اسی لچھ بچین
لچھ بچین چھو کُن منز چھکراوہ چھکراوہ داتو منزٕ
نِکان تہٕ ٹھکان۔ یتہٕ گرٕ ٹھو تنم یہ مشدہے وتن، نیر تہٕ
برونٹھ سمکھس یہٕ یوسف آرمنی یس۔ سہ کتہٕ وچھم
اُمس چمرٕ ٹوپی ووڈی یا کمبرس پیٹھ گنڈمت، کھورن
بوٹھ، ہلس تلوار تہٕ چھکو پیٹھ بندوق اویزان
تہٕ نہ کہیں۔ اُمس وچھم اطلاسک چوغہ نالہٕ تہٕ اتھ
اوس ریشمی استر تہٕ زری بٹن لاگمت، ہلس اوشن
گنڈٕ تہٕ اوٹھ کاشر شالہ گوٹ ندامت، اجی ہینگہ
اُمیس بجاراہ ہیچ یہ تہٕ ویچ ٹوپی کلس، زلف امس
مہرٕ ہندکو پاٹھو شیرتھ تہٕ بیرتھ اویزان تہٕ اتھ آسہ
مشکہٕ ژھینہٕ ٹھ نیران۔ اتھ حیثتس منز یلہ متے سہ
وچھ، سخ مند چھو، سیٹھا شکر گذاری میانی
کرتھ چھم دپان: "مردارس پان ہاو نہٕ برونٹھ چھم
فاصلہ کورمت ز زنانہ تہٕ پانس نیش تہٕ ہرگاہ اتھ
ییتیم چھلن تنھ کرنہ واہے۔ پانس ہارس ژینہٕ رکھ
کرتھ کیاہ بوزنو وم مردار تمہ کنتھ ز دلیلے چھنہٕ۔ یم پلولاگمتھ
تہٕ وہر وُمران پانس پیٹھ مند چھ ٹلی ہیتھ گوس
نہ بہٕ سردارس نوکر آزی کرن وول۔ ہرگاہ ز عنقریب
مرداریس نوکری [illegible] مو کلوومم تیلہ کرتمہ زیم نہ مرد

ناو۔ وونی گو یُت تانی نہٕ زنانہٕ پنیتو کنہ محفوظ
جایہ واتناوتھ تون تووت تانی چھمنہ پتھ پاٹھی بے
مند چھ لاگنس جایہ کانہہ۔ یتہٕ تہٕ روزا بہٕ اودیتھ
پاٹھی۔ سہ چھنہ کہنتھے۔ گرجستان کین بالن پیٹھ ونیتھ
نونے تہٕ چند چھونے سور رچھنو بہتر، ریشم تہٕ مخمل
نالی لاگمتھ پتھ پاٹھو بے شرمی ہیتھ نوکرازی کرتھ
کھوتہٕ یودوہ خسرو پرویز بادشاہ سند دربار آسہ
ہرگاہ سہ پننہ یہ بیر بیٹھس گانسہ ونہ ہے
تتھ منز اوس میونے پزر، تکیاز تسند من ژلنس
منز اوس نہ خطر۔ امایوز پننہ جایہ گوم تسند جورتھ
تہٕ ہیمتھ وچھتھ حاربھاہ۔

خانہٕ فوج چھ برونٹھ برونٹھ نکان۔ اشترک
گامس نش واتتھ ہیوت یوسفن مریم پانس
سیتر اننہ منہ کچھ رخصتھ۔ تکیاز وونی امس تریم
اکس تھس انسان منز زنانہ یس جان یزنہٕ وول
سردار سند پیور، ولیقاہ وول تہٕ ایتباہ وول اوس
تہٕ یمس ہیو ایرانی فوجس منز واریاہ برسر روزگار
اوسے۔ فوجن دتی قمشلو تہٕ ابہرانس منز بانگ خیمہ پرتھ
اکس کوٹھ کھ ٹھاکھ ز جنگ کہ موقع ورائے گرنتھ
نہ کانہہ تہٕ فوجہ منز اوس یہ ڈالن۔ یہ تہٕ سند فیصلہ
ز سردار صاحب تہٕ نامردخان نیرن دوشوے پننو
پننو جماتھ تہٕ توپہ چلاون واجنہ ز چھوک پیتھ جنگس۔
الگ تا بہ کھنہ برونٹھ ورائے اوس تہٕ واتی

جنگہ کِس مٲدانس منٛز۔ جنگس ژیٖٹھ لگنہٕ کِنہٕ گوٚ

سردار سنٛز بیتاب تہٕ ایرانٕچ ہنٛدی پأٹھۍ ہیٚمَن تہٕ

توپخانس پیٚٹھ کانٛہہ تہٕ پرٛاہ چھےٚ آسان، لوٗگ

وَننہٕ زِ " دِلس چھُم گرٛاھان زِ ہینٛہ سوار ہیٚکہن پنٛر

سارِنے برٛونٛہہ ٹھ جنگس۔" اَمہ تٕلہ پینہٕ تمہٕ ہہ خیال

گرٛاھہٕ زِ رسالہٕ اَفسر صأبس کیاہ اوس سردارسٕنٛد

کھوتہٕ کم کینٛہہ تمناہ۔ سُہ تہٕ اوس پینٛہ کِنہِ سیٹھا

یِکَمن گرٛمی تہٕ بجرٕ ٹھیکہٕ ناوان تہٕ اوس یِیٚن ہیٚمہاوان

زِ میوٚن بُتھ وُچھِتھ چھےٚ ہیٚبہ دُشمن لَٹ۔ اَمہ کنٛہ پیٚنٛد

رسالہ افسر پینٛدین وَننس پیٚٹھ فأصلہٕ زِ سردار تیر

پینٛہ جماعتہٕ ہیٚکہ تہٕ کرٕ حملہٕ ہس پیٚٹھ حملہٕ تہٕ رسالہ

اَفسر تہٕ دامس پینٛہ سوار ہیٚکہ پتےٚ۔ یہ فأصلہٕ

سپدِ چھےٚ دراو سردار پینٛہ جمع کٔرِتھ ہیٚکہ بُتھ

زن سُہ اکھتابہٕ کھسنہٕ برٛونٛہہ ٹھےٚ تور وأتِتھ دُشمن

پیٚٹھ اوتہٕ تہٕ بنٛد کٔرِتھ پانہٕ پینکٕ وَیتھ اَپور تیر۔ اَمہ

دوٚپکھہٕ زِ تو ہیٚو داتی زیوٕ اَکھتابہٕ کھسہ وُنے حملو

یِتھ زن ہرگاہ خدا مہ کرِن سردارس کینٛہہ گیٚت اوس

تَس ہیٚکو مَدتس یِتھ۔

یُتھےٚ اَسہِ وَیتھ ہنٛدس بٹھس پیٚٹھ وأتی، اکھا

کوٗڈ کلہٕ۔ رسالہ افسرن اَسہِ اندی پکو پانٛژھ ہیٚتھ

رسالہٕ سوار پانس سیٚتی تہٕ پتھری سپاہ تہٕ اوس

پتہٕ پتہٕ پینہٕ منٛز پکان۔ اَسہ دیٚیو زِ اَسہِ ترٛو پانہٕ وَیتھ

اَپور زِ تانی گیہٕ مےٚ بدہلے زبانہٕ منٛز وَیتھ اَپار پیٚٹھ

کٔتھ کٔتھ کتھ کَتَن تہٕ سیٚتی بوزی یِمے ٹاس ہیوٚو تہٕ یِم تی

دِپان، پتو لاگن بوٗنٛدقہٕ ٹاس اَسی، اَمہ کِنہِ پکن اَسہِ

برٛونٛہہ ٹھ کینٛہہ تہٕ رسالہٕ اَفسر گوٚ نارے نار تہٕ سنٛز

ٹھہرِیوٚو۔ معٕ ردٕ بُتھ کھوتہٕ تہٕ لیڈرٕ گگارٕ بُتھ آو

دوران دوران مےٚ نِش تہٕ چھُم پرٛٹھ ہمہٕ دِپان:" ہیٚو

وۄنی رٕکھو بنہٕ تہٕ وۄنی رٕکھو کرو؟ حاجیا! ژےٚ ما

چلوٚو تِتھ یہ بوٗنٛدوق؟"

یہٕ اوسُس اَمہ سٕنٛدِ کھوتہٕ ولسر بوٗمت

مےٚ دوٚپُس:" ہتہٕ حضرت، ژٕ وُنان کیاہ چھکھ یِنہٕ؟

مےٚ تہٕ بوٗنٛدوق چلاونس کأیے کیاہ۔ خبر حضرت ہیٚتھ

پأٹھۍ اشترٕکٕ گامس منٛز بٔرم بٔرم چوٗک چھ، تیتھے

پأٹھۍ ما آسن یِلیٚہ تہٕ ییتھ روٗسی علاقس منٛز۔"

ہینٛتی کھنٛڈو گیہٕ ہیٚیہٕ بدٕ لے آوازاہ کتَن تہٕ

چلوٗکھ بیٚاکھ بوٗنٛدقہٕ ٹاس۔ تاپس منٛز وُچھو اَسہ

وَیتھ اَپار زِ روٗسی سپاہ۔ یُتھےٚ ساٰنی اَفسرن

ییٚنہِو اَچھو خطرٕ یاں زِ دُشمن وُچھ، گوٚ سیٹھا خوش

مردا مرد پأٹھۍ پھرِن فوجس کُن بُتھ تہٕ چھکھ دِپان:

" تیر وسہٕ ہمے، ژٕ تی وۄکھ یِم، تہٕ ژٕ تی وۄکھ، یُتھنہٕ

اَکھ منٛز ترٛاوِی وۄکھ، پہیشرٕ کلہٕ ہیٚر اَنی زیوٕ مےٚ

برٛونٛہہ ٹھ کُن ژٕ رٕ ٹھتھ۔"

یہ بوزِتھ دراے کینٛہہ جنگی تہٕ ترٛاوِکھ تلوارٕ

ہیٚمہ آبس منٛز وۄہٕ۔ ہُم زِ روٗسی سپاہ روٗدی

وُدٕ پتہٕ کنہٕ ژھایہ۔ تہٕ چھ رتھ پأٹھۍ گولہٕ روٗد چلاوان

ژٕ اُسی گییہ بڑٕ حاران تہٕ وُچھتھ۔ ساٗنی ژٕ رسالہ سوار
ماْرِکھ تہٕ باقے آیہ پوٚت کھوٗرِ رسالہ اَفسرس نِش
پھیرِتھ واپس تہٕ کاْنسہ اَکِس تہٕ ہیوٚتُس نہٕ پان ماْرناوُن
ہمٹہ۔ رسالہ اَفسرن کریو بہنٛز کھوٚسہٕ ٹھ، لیکہٕ تہٕ ژانہ کھ
روب داب تہٕ کوٚرنکھ، زار پارٕ تہٕ زسعہن گروو، روپھ۔
گروو، فقط اَنی تو ہمن دوٚن روٗسین ہنٛدکہ کلہٕ ژٹھ
مگر کاْنہہ اَکھاہ تہٕ دزاس نہٕ۔ اٰخر آونہٕ تہٕ چھ بوٚہدر
سِنٛدی پاْٹھو پانے کژ یکہ دی دی وَنان:" اَدٕ سہ
بہٕ نیر بنہٕ پانہٕ دوٚنی۔ بہٕ اَنہٕ بِنہٕ اَکھ یہنٛدی کلہ
ژٕٹتھ۔ تراوو میٚ جاے۔ میٚ سیتھ ییہ کاْنہہ کِنہ
رکھس نہٕ؟" اَمہِ پتہٕ چھُ میٚ کُن وَنان:" حاجتیا ابے
مرے، تلہ باز گژھتہٕ ژے اَنتہٕ ہُمن ہنٛدی کلہ
ژٕٹتھ۔ بہٕ ژٕ وَنکھ تہٕ دِمے۔" بہٕ وُنہتھ چھُم پھیکس
پھشاہ پھشاہ دیتھ وَنان:" نیر، ژٕ ییٚ تِکی گژھ اَیہ
چھُ بِنہٕ جاپہٕ پانس بہتھ ژٕ بہنٛز کلہ ہیر چھیٚ ژٕ مے
بہٕ ڈٕیی ژٕ تہٕ پیٚشدرس منٛز۔"

وُنہٕ چھِ اُسی یمہ کتھہٕ کراٗنی ژٕ رسالہ اَفسر
سِنٛدین رِکابس لِج گوٗلی۔ اَدٕ منتہٕ لوٚزی تو سہ کوتاہ
دِ پسر یوو۔ ہیرِ ژن یمن روٗسین ہنٛدین بوٚندقن تہٕ
گولین تانی لیکہ چھکنہٕ ژٕ: "لعنتھ یمن خنزیرن
لعنتھ یہنٛدین مالین ماجن۔ ہہ ژے یہنٛدین ماٗلی
ہنٛدین کلن ہوٗنی چھرِنی۔ یمتھے پاْٹھی چھا یوان جنگ
کرنہٕ؟ یم چھنہٕ اِنسانس قدرے بوزان، سوہ
سِنٛدی پاْٹھی چھس ماْرِتھ نوان؟ بدلے حیوان ذاتھا
چھہ یم؟ کوتاہ کریٚہ تن انسان، اَکس زٕتھ تہٕ چھنہٕ اوڈ
یور ڈلان۔ بلایا ہش ذاتھا کیاہ ہتانی۔ یم چھا انسان
یم چھہ عاَم حیوان، حیوانن وریش ہے عقلا چھے، یمن
چھنہٕ بلکل یہی؟ پروردگارا! ژے چھےٚ معلوم ہرگاہ نہٕ
جنگس منٛز مرن آسہ ہیے، اُسی آسہ اَنی کتھہٕ پاْٹھو لڑہو
تیٚسلہ؟"

خاٗر، کینٛہہ قدم پوٚک ژٕ وُنہٕ ٹھ تہٕ ٹھہر یوو شخص
اوس ییتھ ٹھہر یومت ژٕ زنتہٕ پٕژتھ گُنٛڈی موٗرِتہٕ کنہ
ژٕ روٗسی سپاہ ژٕ دُر دوٗزِتھ اُمیس بوزنہٕ یوان کینٛہہ
تہٕ اُسینہٕ آگ باگ یوان ژٕ کیاہ کرِ۔ تانی ژھو ٹرُوو
سردار سِنٛدی ینٛن قصہ۔ سردار اوس جنگ کرنہٕ وراٗے
ژٕلیتھ یوان تہٕ تیٚشدرس جنگس دزاونہٕ پوٚت پھیرِتھ
واپس ینہٕ وراٗے بِنیہ کاْنہہ تہٕ تراہ۔

سردارس سیتی یُس فوج اوس تہنٛد حال بوزناوُن
گییہ نہکے ہینگہ ٹھکراونہٕ۔ بچاٗری اُسی ساٗری ٹھکیمتی
تہٕ ژٕ ہیٚنمتی۔ کاْنسہ اَکس تہٕ اوسنہٕ وُٹھن پیمٕٹ اُسن
تہٕ نہٕ اوس کاْنسہ تُتھس بنُن رنگ۔ اما پوز اَندری کنو
اُسی ساٗری خوش یکیا ژٕ پوٚت نظر دِنہٕ وراٗے اُسی
ساٗری گیہ کُن ییتھ کرِتھ دوان تہٕ دوران۔ مگر سردارس
بچاٗرس ییتھ دِل دزان اوس تیتھے اوس رسالہ اَفسر
خوش۔ سہ اوس وُنہٕ تہٕ بُڈی بابہٕ پیٚسنٛدی کھرادیری
ٹھیکان تہٕ اَکی ہے اَکی ہے ینُن زخم ہاوی ہاوی کھولن

پانٛس سٟتؠ بوٚش تہٕ نمرودٕ پٕنٕ دٕم دِوان دِوان ژٕلُن نیرٕ
اَتھس کیٚتھ تہٕ ژٕ پٕنجل دوریوو گرٕس بیٚیھ پانٛس
وازس نٕش یُس [illegible] واز ساماہ کیس گرٕس کھیٚتھ
اوس۔ یہ نیرٕ چلوٕن اُمس بچاٚرس وازس تٕتھٕ پاٚٹھۍ
نٕتس گوٚ کمبرس گوٚو۔

اَدٕ کیاہ ییٚتھ حملس منٛز سردارن کم کم بارٕ اسہِ
اٚندرِ کِنہ گٔنٛڑی ہیتو نٕ ادٕ کیاہ ووٚ پنٕنۍ کمال، مال
غنیمات کیاہ انہٕ لوٗٹہٕ تہٕ دُشمنن ہٕنٛز وٗڑاو زیٚچ تانۍ، تِتھ
حملس وُچھو پانے زٕ کیاہ گوٚ تِتھ تہٕ کیٚتھ پاٚٹھۍ ووت
سُہ اٚند۔ منٛز گوٚ رسالہ افسر نامادار تہٕ دُر بیٚیھ لاریہ
تس ہنگٕمہ منٛنج شوہرتھ۔

ییٚمہ وِزِ تس اسہِ ساری جدال تہٕ فقیر اٚندرِ
اٚندرِ گیر دِتھ تسٕنٛدی دستمنو داب بوزان اسہِ
تمی وِزِ ووت سردار تِمنٛد نفرا اکھ شیٚچھ ہیٚتھ زٕ:
"حاجس دٕپیو چلہٕ مے نٕش یِن، تہٕ وازس امی ساتہٕ اچھ سے
نفرس سیتی۔ یانی سردارس مے بیٚیھ نظر پیٚیہ، گوٚڈنی
چھُم پڑھان۔" ... سہ، یوسف کیتہٕ چھُ؟ زنانہٕ کیتہٕ
چھس؟

مے ژٕیوٚن، یارن چھے ڈگ لگاو ہرتہٕ صفائی
سان تہٕ پوز پوز ووٚنمس زٕ "مے نہٕ حضن چھنہٕ کہیں
خبر سُہ کیتہٕ چھُ تہٕ کوت چھُ گومُت۔" اُمی ہیٚژ اچھ
پھیرنہٕ تہٕ چھُ ثرائہٕ ثرایان تہٕ وٕند ٹکان۔ اَتی چھُ باوٕ ترٕچھ
لیکھ ژاٚری ژاٚرِ قسم ہاوِتھ وَنان زٕ "یوسفس
دِمہ، تِمنٛد قبیلہ، گھر بار، مال و جاداد تہٕ تسٕنٛدی ساری
اشناو رُوشناو ہیٚتھ، میٚیٚر نوٚن۔" اَمہ پتہٕ چھُ مے
کُن وَنان: "مے چھُنہٕ بہان زٕ تسٕنٛدس ژلنس منٛز
کیاہ آسہ نہٕ چون اَتھے۔ ہتو حاجیا! یاد تھاوِ زٕ ہرگاہ
مے بوٗزُس زٕ کیاہ چھکھ اَتھ کامہ سیتۍ اوسمُت
ووٚ کرن تہٕ دُنیا چانہ اَمہ جیٚش پانہٕ نٕشہ پاک تہٕ چون
نیب نشانہٕ تھووٕ نہٕ کُنہ۔"

ییٚتہٕ پوز زٕ سردارن اُس جاہ تھاو اکھ یوسف
تہٕ تسٕنٛد مول مورج بمعہ سورے جاداد ہیٚتھ انہٕ خاطر
تسٕنٛد گام قسمتو سوز ہرتھ تہٕ یہ تہٕ اوسُکھ دٔپمُت زٕ لوٗٹ
کٔرتھ گرٕ ہیس گرٕس نار دِتھ۔ مگر یوسف اوس
پانہٕ وویستاد۔ سُہ اوس برٕ دُنیہ یہ زانِتھ تہٕ اَتھ
ساری سے واتتھ۔ توٚے تہٕ لاریوو نہٕ سردارن کہیں
یوسف اوس پنٕنۍ عیال، مول مورج تہٕ اشناو رشتہٕ داو
ساری ہیٚتھ [illegible] ژَولمُت تہٕ فقط اوسُن پتہٕ کُن
زمین تٕرٛوومُت۔ روٗسی جوٗکو منٛن تہٕ تتہٕ کیوٗ سارنے
نقصانو اوس تس دِلہٕ دجانہ استقبال کوٚرمُت
تہٕ تیوٗت مال تہٕ جاداد اوسہس دِتمُت ییٚمہ سیتۍ تس
سورُے نقصان پورہٕ اوس گومُت۔

# ۴۲

# حاجی بابُن الیس چھاوِنہٕ منز گرٕ مُن

تہٕ تَس شند ہاوِتھ دِیُن زٕ اَپُز وَنُن تہٕ چھیئے بُٹھ کھا اکھ

سردار سِنْد آمہ روبدا بہٕ سیتو ژاپہ مئے ساری ییے
پانس تِنھ نِنھ. ایرانی حاکمن ہنْدِ ماحتن سیتو سلوکچ
اُ ہسم خبر ییے. توٚئے بوزِتھ وُم رسالہٕ اَفسر . یہٕ قِصہٕ
تیمس گوٚنڈُن یہٕ بوٚزِتھ نار . تہٕ ہر گاہ بہٕ اُتھ
کھر کھالہٕ ہا، یمن دوٚن گرٕ ژھ ہے پانہٕ واُنی سُخ فلاد
مگر بہٕ اوسُس پننہٕ جاےِ ژاٚ نِتھ زٕ سردار واتناوِ مئے
ضرور کرِتھ اِذاہ تہٕ رسالہٕ اَفسر کرِ ہم تہٕ کانْہہ سوچھ
تمہ کیٚنز و نم یی جان زٕ طہران گژھنک اِجازتھ ہیتھ
ژھینہٕ ہنْداٚرے کاٚسِتھ. مئے ہیوٚت رسالہٕ اَفسرس
رنگمُن، تس چھس تاٚریف کرٕ کرٕ ونان زٕ : "ہتہٕ حِن
ژاٚئے ہیوٚ تہٕ چھا کانْہہ بیاکھ اَفسر یُس یوٚت پننین
ماحتن ہنْد خیال آسہٕ" پرٕ ژھے پرٕ ژھے کیٚتھ دِتھ
کوڈمس پننُن مطلب تہٕ دیتنم واپس گژھنس
اجازتھ سیتو دوٚنم زٕ تور وانِتھ کیاہ گوٚنز
سفرُک تہٕ جنگُک حال تہٕ یہٕ سورُے قِصہٕ کیٚتھ پاٚٹھی
کرٕ زٕ وزیر اعظمس نش پیش.

دوٚپنم : "وُچھو حاجیا اِتھ اوسکہ زٕ پانہٕ جنگس
منز تہٕ پانہٕ وُچھتھ پننہٕ نیو اُچھو. میانی پاٚٹھی تگی ژے
پانے تتہٕ بوزناوُن، وُچھ سہ، پوٚز ہے بوزو جنگ نیوٚن نہٕ
اَسہٕ، اَما پوٚز، ہوٚرتہٕ نہٕ. تیمس خرس سردارس پُز ییے
توفن تہٕ توبخانس پیادن تہٕ پنٕ ہٕ پیادل فوج سیتو
نِتھ جنگ کرُن. سہ احمق ڈراو رسالہٕ سوار ہیتھ تہٕ
کوٚرُن شہرس پیٹھ حملہٕ، یُتیتھ دُشمن بدٕ ڈرٕ دربار اوس
تتہٕ اُسہٕ تِمو شہر کی ساری دروازٕ بند کرٕ مٕتو. تیتھے
یہٕ تور ووت تِمو لگاوِس دیوارو تہٕ برجو پیٹھو رودکی
پاٚٹھی گولہٕ. پتہٕ کیاہ اوس ہیس. مند چھی مند چھی موٚیس
بچارس واپس یُن. اَدِ سہ، پانہٕ وُچھتھ زٕ اگر کانْہہ
اَکہٕ فرد بشرن دُشمنس سیتو نشنو ہینتھ کھیئے تہٕ چھو کیلہ
گو، سہ اوسُس فقط بہٕ. بہٕ چھس دپان ہر گاہ نہٕ دِتھ
منزس آسہ ہے اکھ اکھ روٚسی کتران پُن تہٕ پتھ چھو نہٕ
موکھ تہٕ ژٕاوِ ہن نٕ اکھ روٚسی زِندٕ. تِمہ آسہٕ کیٚنتھ."
یِمہ سار ییٔے کیٚتھ ونی زٕ تتہٕ تہٕ بیٚیہ یہٕ یہٕ ژٕ ئے جان بوزنہٕ
پیہی تہٕ تہٕ رلاوِ وُزٕ اَکھ. آمہ پتہٕ پلہ نووُنم وزیر اعظم
سِنْد خاطرٕ بڈین بڈین اَفسرن ہنْد ناو، تہٕ پادشاہ
سِنْدِ خاطرٕ چیٹھ بہ کھیاہ اکھ تہٕ دیتنم رخصتھ.
رِتہٕ کول اوس ڈرامُت تہٕ طہران واپس
یِنک وَرٕخ اوسُن واتُن ہیوٚ تمُت. اَما پوٚز پادشاہ
اوس وُنہٕ چھاونہٕ منزٕ ے. بیٚیِن حاجِین ہنْدی کینْہہ قافِلہ
سیتو تُلِتھ دوتس بہٕ صُبحُے وزیر اعظمس نش تہٕ
سوٚزمس چیٹھی. چیٹھی پرِتھ سوٚزن مئے ناد. بہٕ یُیِتھے
ژاس وزیر اعظم وُنم بڈٕ : "دارٕ کارٕ! وارٕ کارٕ! کیا سہ
ژٕ تہٕ اوسکھ حملو ہس منز؟"

بٔہ : اَہن حَصن! اَہن حَصن، آغہٕ صاحب!

وزیرِ اعظم : رٕتمہٕ منحوٗس رٕوٗسیو ماکوٚر سانِہن قزلباشن بوٚہدوٗرن سیتھ مقابلہ کرنس طاقت؟

بٔہ : نہٕ حَصن، آغہٕ صاحب، نہٕ حَصن!

وزیرِ اعظم : اَسہِ ننیوو زِ تِمہٕ ہٕنٛد ژیٖٹھ چھُہ زخمی گوٚمُت سُہ چھُہ ییٚزی پاٹھۍ پادشاہ سٕنٛد پوٚھدٕویو تہٕ مُلکہٕ خاطرٕ زوٗ دِنہٕ والیو منٛز۔ اللہ تعالا کریٚنس رحم۔ حمد خودایس کُن نوٚز یادٕ چھُسنہٕ لوٚگمُت؟

بٔہ : نہٕ حَصن آغہٕ صاحب

وزیرِ اعظم : بوٗزُم زِ پینٛک وٕیٖتھ ہٕنٛدِس بٔٹھس پیٹھ چھُو تِمہٕ بڈٕ سخ جنٛگ کوٚرمُت۔

بٔہ : اَہن حَصن، آغہٕ صاحب

سارِنے سوالن چھُس بٔہ "اَہن حَصن" تہٕ "نہٕ حَصن" جواب دِوان۔ اَنٛدرِ کرٕ اَنٛدرِ اوٚشُس پھیوٚلان تِکیازِ سارِی اَسہِ وُچھان زِ یِہ چھُہ سُہ تُفریس جنٛگ کٔرِتھ واپس اَمُت چھُہ۔

وزیرِ اعظمن اوٚن مُنشی نادٕ دِتھ تہٕ دوٚپنُس "لیکھ سہٕ بوٚڈ ہوٚے، جنٛگ زِینٛتھ ییلہٕ لیکھ یُس پیٹھ جایہٕ خاص کٔرِتھ خراسانٕ سوزِو ییٚتھ زن فسادی ذبہٕ ہیٚن تہٕ دوٗرِ تہٕ نی زِ یِکھ علاقن منٛز نیٚنہٕ سانِس شاہٕ بڈِس پادشاہ سٕنٛز قدرٕ۔ یہ فتح لیٚبوٗس سانہٕ خاطرٕ سخ ضروٗری۔ لیکھنہٕ دِزٕ تھاوٕ سوٗز تِمس زِ یہ فتح کیاہ چھےٚ سانِ رٕژ تہٕ بڈ فتح۔

منشی : (سٕتے کُن) اَدٕ شَحص! دشمن کٲشاہ اسی؟

بٔہ : (بڈٕ گابرِتھ زِ بٔہ کیاہ وَنہٕ ییٚتھ ییمن دِلسن سہیہ) سیٹھا حَصن اسی۔ یہ تِمہٕ پنُن دِل وَنہٕ ییٚکھ تو۔

منشی : نہٕ سہ توٚتہٕ کروٚکاشہ تیداوا مُشخص۔

بٔہ : تِم حَصن اسی بے شُمار

وزیرِ اعظم : (لوٚو تہٕ، نسبتہٕ نٔنٛزرٕ) لیکھ سہ ہیٚرشاہ سایہ

منشی : کٲشاہ ہوٗدی تِم؟

وزیرِ اعظم : لیکھ داہ ہیٚنداہ ساس۔ مگر خیال تھاوِ زِ یہ فتحنامہ چھُہ بڈٕ دوٗر علاقن منٛز گژھن وول۔ سانِس پادشاہ سٕنٛز شان چھےٚ پانٛژہ یا شیٚے ساس اَکھ ژھٕ داہ ساس دشمن مارنہٕ کھوتہٕ تہٕ سیٹھا تھزٕ۔ سُہ چھا رستم یا افراسیاب سٕنٛدِ کھوتہٕ کم کینٛہہ؟ مگر ییٚتھنہٕ لیکھنہٕ دِزٕ پادشاہ خوٗنرٕ پوٚزنہٕ رٕپیہ نٕہ۔ تِکیازِ یوٗت تام یہ سُہ خوٗنرٕ، دشمن ہٕنٛد ہیوٗل گالن وول تہٕ تِمہٕ ہٕنٛد رٕتھ چَنہٕ وول ہاونہٕ ییہ توٗت تام کتہٕ بہیہ دوٗر علاقن منٛز روٗزِتھ الین تُسٕنٛد اَہرٕ۔

لیوٚکھتہٕ کینٛہہ کنہٕ رٕہیس نہٕ؟

منشی : اَہن حَصن سرکار، لیوٚکھم حَصن

اَسہِ پیٚتہٕ پوٚرُن فتحنامہ۔ یہ اوسُن لیوٚکھمُت ییٚتھ پاٹھۍ:

"اَسہِ شاہٕ بڈِس پادشاہ سٕنٛز رٕہیتھ، اَدٕ یا تِم ایرٲنی چھِہ یا تُرکی چھِہ تہٕ بٔسیہ سانِ سارِی حاکم اَدٕ تِم دوٗر

یانی زِ یِتھ علاقن منٛز چھہ، سارِنے پیٚنٛز زانٛن زِ یِمن
دۄہن چھےٚ منحوس روٗدمٕتۍ تہٕ بدنٕ کھتراینہٕ
تہُنٛد بدقسمتی تہٕ تِمن نۍ پھیرِتھ گژھنہٕ کنہٕ،
سأنِس ذاتِ مبارکس سیٹھاہ، یِتھ پیٹھ اللہ تعالیٰ
سُنٛد سایہٕ تہٕ رحمتھ نازل چھےٚ، دُشمنی یاد گمژ
تِم آسے یِہنٛز کینٛژھا ذلیل تہٕ گمراہ سپاہ تہٕ بێیہ کینٛژھ
توپھ کھنٛجہٕ میتھ تہٕ ژاے آرس وێتھ کنہٕ سأنِس
جنتی ایران کِس آذربائیجان شہرَس منٛز آمہٕ کنہٕ
زِ سأنِس سمندرِ دلِس پیٹھ چھےٚ ہمیشہ اللہ
تعالا سنٛز سیٹھا مہربأنی تہٕ اَتھ منٛز چھےٚ تِمنٛز
آنٛچھہ روٗس رحمتھ تہٕ کرم ویبان، دیٚت اَسہِ
حکم تہٕ کوٚر مقرر زِ سون قریب یار تہٕ سون
موتبر افسر نامرد خان نیر، یِمن ہتھیارن واجینہٕ
تہٕ دُشمنس نکہٕ نوٹھ کرن واجینہٕ فوج اکھ جماعتھ
ییتھ تِمن ملعونن تہٕ گمراہن سیٹھا مقابلس
سانہٕ نکھہٕ یوٚدوٚ آسہٕ کنہٕ، سون ستارہ رت آسنہٕ
کنہٕ تہٕ سأنِس فوجس ہمیشہ تہٕ ہر جایہ قدمہٕ قدمہٕ
فتح آدبرو سیٹھا ستہ آسنہٕ کنہٕ، کوٚر نامرد خانن
یِہن شکار کرن والین یوٚدوٚرن ہنٛدکر باٹھ تہٕ
بادرِ یِہن منٛز ہش یوٚدوٚری ہاوِتھ، طرف اکی
حملہٕ سیٹھا جنگی کس ماوانس منٛز تِمن نابکار دُشمنن
غدر، زنٛدے دولنکھ مسلہٕ تہٕ اکھ اکھ باٹھ مردا
مرد بأیتھ ملاوِن دُشمنن ہنٛدی پنداہ ساس باتھ

ہنٛتھ تہٕ شیٹھ ژٕنی ہیٚنٛز سیٹھا تہٕ کوٚر نکھہٕ لوٗر یار
یِم باقی روٗدی تِمن کرٕن لار جنگلی خرس تہٕ
ہانٛگلس ہیوی لہٕ مرُن چھُہ آسان چھُہ یانٛس یادر
سیٹھاہ میوان زانٛن۔ لہٰذا اکر بتہ چھہ اسہِ یِمہٕ مبارک
فرمانہٕ سیٹھا یِتھ پیٹھ سور عالم عمل کران چھُہ،
سارِنے ملکن تہٕ دوٗر دوٗر علاقن یِم سأنِس
حکمس تل چھہ، فرمان دِوان زِ تِم کرن والیان
ہُنٛد سفر وک تہٕ جنگک سورُے سامانہٕ ہمیشہ
اکھ یوٚدٕ فوج جماعتھ تہٕ سوزِن آرس وێتھ کُن یتھ
زن نۍ پھیرِتھ کامتس اکہ لعنتی قومس
اُسہِ ینہٕ قہر چھہ تہٕ انتقامچ مکرٕ سیٹھا مۆل
پرا اُٹھ یہند نجاستہ تہٕ غلاظتہ نِشہٕ دُنیا
پاک کرن تہٕ سأنی سارِے رَیتھ روزِ اَمنہٕ
تہٕ آرامہٕ سان سأنِس بادشأہتہٕ کِس
سایس تل۔

سون یہ حکم یِتھ پیٹھ سارِنے عمل کرُن لازم
چھےٚ یُتھوٗن سانہٕ حوالکو ملکی افسر تہٕ حاکم
یانٛس نِش تہٕ تِم زانٛن اَتھ پیٹھ پکُن فرض۔"

وزیرِ اعظم: برکتہ گرَنے معبودِ برحق! اَسہِ ہاوِرُت
لیوٗکھُت۔ یوٚدوٚسے یِہ معاملہ یوٚت پوٚز چھُہ
انشاء اللہ بادشاہ سُنٛد برکتہ سیٹھا یِیہ یِیہ
یوٚزُے مانہٕ۔ چون لیکھُن چھُس بہٕ رُت فال
زانان تہٕ یہ گژھ پز چھنہٕ۔ یێنز کتھ چھےٚ تیلو

جان باسان ییلہٕ سعہ پانس وٕیہٕ وِنی بنٕناونہٕ
ییہٕ، انہٕ کیتاہ شوٗب چھےٚ تتھ؟

منش: (کھ ٹھو بیہٕٹھ کلہٕ تلتھ) اوے چھےٚ چھنہٕ
شیخ سعدی صاٮ۪بن وونمت: "سہٕ اپزٕ
وَنُن یتھ منز مصلحتھ آسہ، چھ تمہ پزٕ
کھوتہٕ رٕتھ ییمہ سیتۍ فساد ووتھ"

اَمہ پتہٕ آنہٕ نوو وزیرِ اعظمن کھورباہٕ تہٕ کھوٚت گرٕس
بادشاہس فتحیچ شیچھ بنہٕ موکھ۔ بٕہ تہٕ دراس
نوکرن سیتۍ تس پتہٕ۔ اما پوٚز دوپہنم: "ژٕ
کوٚت چھکھ پکان۔ نیرٕ گژھ کرارہ پانس
چانہٕ پنٕنہ چھینہٕ کانٛہہ ضرورتھ۔"

## ۴۳

# اکھ سٕہ مامِلہٕ ییمہ سیتۍ حاجی بابہٕ

## سخ دِل موٚلوٚل گوٚ

اَمہ پتہٕ کینژن دوہن درا او فوج چھاونہٕ منٛز تہٕ
ووت طہران۔ مےٚ تھوٚکھ بٕنیہ بادشاہ شندِس جلوٗسس
سیتۍ سیتۍ روزٕتھ وُنہٕ تہٕ ہُنٛد انتظام کرٕنیچ وردی۔
اکھ منٛز آو قاصداہ اکھ شیچھ ہیتھ زِ بادشاہ شُند
طہران واتنہٕ برٛونٛہہ گژھن ژِھن واٚلی سلیمانیہ مکانس
منٛز واتنۍ۔ یہ مکانہٕ اوس طہرانہٕ نیشہ نو فرسنگ دوٗر
کرانچ ویتھہٕ ہندِس بٔٹھِس پیٹھ۔

یہ بوزِتھ بٕنیہ سے زینب ژٕہتس یوہ سپدے

مشہدے گمرٛاس۔ زِ ییتہٕ منتس ہندوستان یاد پیوہ
پتہٕ مہ ملاقاتہٕ پتہٕ ڈینگھام پہمنُ سُتُن ریتن اوسُس
بہٕ سیٹھا شنگدل، بیرحم تہٕ لاخداٚ انسانن منٛز روزِتھ
دوہہ دوہہ کڈان۔ اما پوز یہ سیٹھ خطرناک مامِلہٕ، ییمیک
بہٕ پانہٕ ذمہ وار اوسُس، یتھے یاد پیوم تیتھے پھُٹم تیر
تہٕ جھٔس ڈیپان: ہرگاہ میون یہ وہمہ پوز اوس، تیلہ
ووت اُمہ دوہہ نی ترٛ نیرنک وخ تہٕ سلیمانیہ ہیسے منٛز ما
پھیرا منِگ مُشکہ ژٕہہ پارِیہ"

ییمہ دوہہ بادشاہس اور مکانس منٛز پُن اوس
تمہ دوہہ چھُس بہٕ پنٕنہ سپاہ ہیتھ اتہٕ منٛز نٛزکران
تہٕ چیز ویز بیتر شیرِتھ گرتھ تھوٚنادان۔ محلہٕ خانہٕ چہ
لیہٕ نِش واٚتتھ گییم سازچہ تہٕ گیونیچ آوازٕ کنن۔ واہیرا
ہرگاہ مےٚ کانٛسہ ہنٛد دُسی دوٚری زینبہ ہنٛد دیدار سپدِہے
تہٕ تس سیتۍ کتھ باتھ کرنس وار پیہِ ہے، بٕہ کیتاہ تہٕ ذِمہ
ہانس تہٕ کیتاہ نہٕ کرہا۔ ییارہ اوسُم تہٕ تمسُنٛز خبر اتھ نٕزِ تھ ہش
تہٕ وار تکیا زٕ اتہٕ گژھ ہمن شکن تہٕ اَسہ وہہ شونی واتناو
بیٚیس دُنی یہن منٛز۔ جکھہٕ تمہ تہٕ نیرِس میانہٕ کھیںوٚ
تکیا زِ کہے کال گرٕ ستھ تراو دوٚتھ سوارہ وینٛوار
پیٹھ توپھ ییمہ کنہ نیوو زِ بادشاہ پیو واتتھ۔

بادشاہن چھوٚ تموکاہ تہٕ پننہ جاے رہ خصتھ
دِتھ تراو پانہٕ اندر محل خانس منٛز۔ اتھ وُنے میون ڈلکہٕ
تہٕ سازو وزِنی تہٕ زنانو تُل گیونہٕ سیتۍ ہیے۔ یوٚد وےٚ بٕہ
پننہ کنہ کرن داٚرِتھ تہٕ روٚدُس، اما پوٚز زینبہ ہنٛز آواز

گیٖمژ نہٕ گُنہٕ تہٕ کٔنۍ نہکےٚ اوسُس یان تھٔکمراوان۔ کینژھا
چھُس دِلس ہیٚم تہٕ کینژھا وِمید تہٕ۔ اَتھ منٛز دٔراو
لانٛژھ اَکھ تہٕ چھُ دپان: "شاہی حکیم میرزٕ احمق صاحب
اُنۍ وٕنۍ چھِ، تس چھُ پادشاہ ناد دِوان"۔ ییمن مالِن منٛز
آسہٕ دٔچھ تہٕ گُنہٕ قسمُک کانٛہہ واتھ آسہٕ، تِمن ہنٛز
چھےٚ آسہٕ وحی تہٕ الہام کو پاٹھو خبرے زٕ تِمن کیاہ تٔرنیرٕ
لانٛژھ ہیٚنٛزٕ آمہٕ کٔتھہ سیٚتی زنانن مَنٛژ ژم تیس تہٕ تِموٕ نِہٕ اَکھ
ہیٚنۍ تِمم پھٹٕنہٕ۔ دپان چھس: "افسوس! سو کلیسہٕ بچار
زینب!"

احمق صاحب ژاو مَحَل اندر تہٕ باقی ہیوت دٔراو
واپس۔ نیبرٕ وٕنۍ پٔنٕنیہ اَمس سٕہ پیٹھ نظر۔ لوب کُن
نیٚتھ چھُم دپان: "پادشاہ چھُ ناہےٚ نار گومت۔ ژٕ مے
چھُیہ یاد زِ نوروزس پیٹھ دِژ آیہ مے پادشاہس پنٛنہ
کنیز اَکھ ڈالی؟ اَدٕ سوٕ چھیہٕ وٕنہٕ نٔرڈن وٕ اِمپیٚن سیٚتی
یور واتُھ پہٕرٕ تہٕ تِمہٕ چھُ بیمار لوگمت۔ پادشاہن اوسُم
آوےٚ ناد سوزمت۔ چھُکھ سہٕ وُچھان زن چھس بہٕ تس
راقمس ہنٛد چھیہٕ۔ دپان چھُم ہرگاہ نہٕ کلس منٛز مے سہٕ
اَژ تہٕ دِرٕ وُچھ، بہٕ کَڈے ریشہٕ موٗلہٕ۔ ژٕ راتھ پٔنٕنیہ تنہٕ
نیٚتھ دوہس ییٚمہ دوہ یہ سوٕ کنیز مے اَتھ لجیہ تہٕ لعنتھ
نیٚتھ دوہس ییٚمہ دوہ یہ پادشاہس مے سال کرِیوٚ۔
یہ وُنیتھ دٔراو دٕلی دٕلی طہران کُن۔ بہٕ ژاس
پٔننس خیمس منٛز تہٕ چھُس تس بدنغ کور ہنٛد
سوچان زِ کیاہ سوٕ چھا پزی پاٹھو بیمار گمژ۔ اَما پوٚز

کیٚنٛہہ تہٕ چھِمنہٕ بہان۔ آخر کوٚرُم یانس تسلیاہ زِ
ہرگاہ یہ پوٚز دے اوس تو تہٕ کیاہ گو۔ حکیم ییٚلہِ تس
وُچھ تس گٔژھی رحم تہٕ ظاہر ما کرِ یس پردے یا گژھ
کاٹھ ما زِ پادشاہس تہٕ نہٕ فکری۔ اَتھ فکرِ تہٕ ییٚلہِ شکھے
ہیوٚ باسیوم، مے ہیٚنوٚت یِم باتھ گیوٚتھ دِلس تسلیا
کٔرُن س

نہ در جہان گل روی و سبزہ زنخی است
درخت ہا ہمہ سبز است و بوستان گلزار
چہ لازم است یکی شادمان و من غمگین
یکی بہ خواب و من اندر خیال او بیدار
خنک کسی کہ بہ شب درکنار گیرد دوست
چنانکہ شرط وصال است و ماہ داو کنار

یِم باتھ تہٕ حکمتہٕ چھِ ییٚمہِ کیتھ وٕنۍ اوسُس یِہ
پانسے دول دِوان زٕ نہٕ زینبہٕ ہنٛد یہ مالِہ موقلی
چھُہ تہٕ زن تہٕ سہ مسلمانٕ ہنٛدِ کیتھ انسانے چھہ۔ اَما پوٚز
یہ پھیرِ دی دی نیاےٚ رہوٚ نیاےٚ رہو دِماغ اوسُم واتان تیار گو
تیار اکھ آہم زینب تہٕ تِشنز لاش پیٚنتہ پیٚنتہ گژھتھ
بوٚزنہٕ یوان۔ کیٚنٛہہ تہٕ آگ باگا آسمنہٕ یوان تہٕ ژاہم
گُنہٕ کٔن نیکے گٔتان۔

موجِه ہووت پادشاہ ہنٛد ینگ منزاس دوہ
تماشہ وُچھن والین تہٕ استقبالس بتھ نیرن والین
منٛزی ژاو پادشاہ طہرانس منٛز۔ بہٕ اوسُس فقط اَکی
غمس کھیوٚمت زٕ مے گوٚڑھ گُنہٕ پاٹھو حکیم سمکھن

یُمِتھ بہٕ تٔس زینبہِ ہٕنٛز خبر اَتھ پٮ۪ٹھ آسہٕ پھیرِتھ پھیرِتھ

نیٖتھ معہ کٔلۍ آہ۔

ہُسو میانِ بدقسمتی! یہ کام میانِ تہٕ اَندیہ

اَما پوز تہٕ مَتہ گژھِتھ کانٛسہ ہُنٛدِس تہٕ مُسلمانٔس

یہ شیٚ گو۔ بہٕ اوسُس اَکِس ہِیہِس حُکم بوزٕنہٕ ناوان

نہٕ اوسہٕ وُچھم پادشاہ سٕنٛد کُنِٹھ ہُنٛز حکیم صاحب حیران۔

اَگہٕ اَکھ اوس کیٚہ زاد تِھچِتھ کرِتھ تہٕ بیا کھاکھ اوسُس

سینٔس پیٚٹھ۔ تُوب اوسُس اَز یادے پٕتھن زمبر

دُرامت تہٕ اَچھ آسٕس بوٕن کٔن۔ بہٕ گوس بُرونٛہہ کُن

تہٕ کٔرمس سلام۔ اَمی تُل کلہٕ تھوٚو تہٕ چھٚم دِپان۔ "یہ گو

بُڈ جان زٕ سمکھٔہم۔ ژٕ کیتہ اوسکھ۔ تھیٚپہ تھیٚپہ

اوسسِتھ ژھانٛڈان۔ وُچھ، بہٕ ژھانٛڈان زٕ اَسہِ

ہُنٛز تہٕ زٕ زمینَس پیٚٹھ پھیران تھوران۔ تیلہٕ سہ زٕ

پیتہ مَنے سیٚتی: اَسو دراے اَکِتھ کُن۔

حکیم۔ ژٕ بوز تھا تِمہ کٔرُدی دایہ کیاہ چھُ گومُت؟

رَب ہیٚسہ لٕزنَم کلس۔ واللہ تہٕ باللہ چھُسے ہُوا

زٕ پادشاہ چھُ مۆت گومُت۔ دپان چھُ محل

خانس مَنٛز یُس وزیر سُند پیٚٹھ لاش ژھٕن

تانِ چھُ، سُہ سُہ کرُن قتل۔ پیغمبر صاب سٕنٛز قسم

کھیٚتھ ووٚنُن زٕ ہرگاہ نہٕ مُجرِم ژھانٛڈتھ اَنٕن

گوٚڈِ تِمے ژٕیے کلہٕ۔

حاجی بابہٕ: کُس مجرم؟ معاملہٕ کیا حَقہ چھُ؟

حکیم: معاملہٕ کیا گو ژھ آسُن؟ وونی کیاہ گژھہٕ اَمہ

کھوتہٕ گژھن۔ زینب چھَے بیٚیہ زوٗ۔

حاجی بابہٕ: اوہ! وونی ہیٚے تۆر مَنے فکرِ ژٕ سے کیاز

اَچھہ تسنٛز پیٚشہ ماسے۔

حکیم: (گابرِتھ، ژٕنٛتہٕ پٕھنِ پانس پیٚٹھ شک اوسُن)

بکِس ہیا مَتے؟ استغفراللہ۔ خدایس تھی

پرزِ تہٕ ژٕسے یہ میون وَنُن۔ وونی ہیٚے کانٛسہ

بوز، پادشاہ نیٚم وُنی گردن ژٕٹِتھ۔ تیلہٕ سہ

مَنے وَنتہٕ زٕ مَنے کراَس تسنٛز ماسے؟ ژٕ سے کیتہ

بوز تھ یہ؟

حاجی بابہٕ: ہیٚتہ حَقہ کیاہ کیاہ اَسہِ چھُن ونان۔

پٕتھ یتھ اَکھاہ اوس کرِ یمانہٕ کٕھان زٕ ژٕ سے ہیوٚ

وَختُک لُقمان تہٕ جالینوس کیٚتھ پاَٹھی دِپہ تس

شیطان زاد وَژُن گرِ بٕنُن دِل یَس ژٕکسیے

شکس چھُ تہٕ یعنہ یہ فقط چانِ سے گرِس

یعنہ سارِی سے مَلکس وُچار ژھینہ کرِتھ۔

حکیم۔ (کلہٕ ژٕلوان تہٕ سینس ژٕنٛڈاہ لایِتھ) پوز

چھُکھ وَنان۔ بہٕ کوتاہ اوسُس تسنٛز کرِ ہٕنٛز

اَچھن پیٚٹھ مۆت گومُت۔ تِمہ آسٕتَس اَچھ

تِمہ اَسہ کیا ہتام بلایہ۔ زَن اوس پانہٕ تِمَن مَنٛز

شیطان اول کرِتھ بیہتھ۔ تسنٛز تِمہ نظر آسہٕ

شیطان سٕنٛز نظر یمو کٔنز مَنے حرام کارِی کرٕ۔

وونی وَنتم وونی کیاہ کرِ بہٕ؟

حاجی بابہ۔ بہٕ کیاہ وَنے۔ مَنے چھُنہٕ کینہہ تہٕ دِماغس

مٔنز یوان۔ اَدٕ حٔضن یہ وَنتم پادشاہ کیاہ سنا کرٕ تس؟

حکیم۔ ہٕتہٕ سٕنہ وُچھ ژٕ کیا چھُکھ ادٕ وَنان۔ یہ خوش کرِتھ تہٕ کرِتنس۔ مول ہیتھ لدِتنس جہنمس منٛز۔ کیاہ؟ مے وَنتہٕ بہٕ کیاہ کرٕ ییٚنس داد رس

یلاج؟ بہٕ ہے یانہٕ چھُس بلایہ منٛز گیر، بہٕ کیا کرٕ؟

اَمہٕ پتہٕ چھُم لوہ تہٕ لوہ تہٕ عار بٔر ژٕ چُھنمو وَنان: "حاجیا ژٕ چھے خبر ژٕ کوتاہ لوٚٹھ چھُکھ مے۔ اَکہٕ وقتہٕ اوسے ژٕ نیٚبر گٔمتہٕ تہٕ اَتھ کھور لگان۔ تمہٕ وِزِ کوٚر مے اَتھ روٚٹ تہٕ ییٚنس گرٕس منٛز اَنِتھ دِیاوناوٕ مے نوکری تہٕ وُتکھ وُنی کیٚن کٔس ییٚتھ ہٕدس۔ ژٕ وَن بانے یہ ہٕدٕ لوٚبتھ نا ژٕ مے میانہٕ سٕیتھ؟ ہرگاہ ژٕ مے ییٚتھ کنٛہ بیٚٹھ پٔتھ چھے زٕ دُنی یہَس منٛز چھُنہٕ کانٛسہ ہُنٛد حق نکھہٕ وُلنس تہٕ کانٛسہ ہُنٛد حق نمک گژھتھ تس اَکار بکار ییٚنس برابر کانٛہہ تہٕ ژٕ کام، تیٚلہ چھُ یوٚہے وَخ ییٚلہ ژٕ مے بکار ہیٚزی یُن۔" اَتی چھُ۔۔ شُمس ییٚنس سٕیتھ گنٛدُناہ کرٕتھ وَنان، "خبر ژٕ تے توٚر یہ فکرٕ مے کیاہ دوٚنمے؟"

حاج بابہ: نہٕ حٔضن۔ کینٛہہ تہٕ توٚرُم نہٕ فکرٕ۔

حکیم:۔ بوز بہٕ وَنے ژٕ ہوٚٹ پاٹھو۔ ژٕ وَن زٕ یہ کوٚر چھے میانہٕ بیٚنیہ زوٗ رٕوٗز منٛز۔ یہ وَننس منٛز چھُ مے سٕیتھ فائدٕ تہٕ ژٕ مے تہٕ اَمہٕ سٕیتھ کانٛہہ اِذاہ واتی نہٕ۔ ژٕ چھُکھ جوان ہرگاہ لکھ وَنَن تہٕ زٕ فلانٛی زنانہٕ چھے فلانٛی سٕندِ ڈٕسی بیٚنیہ زوٗ

اَتھ منٛز کیاہ عاب چھُ؟

حاج بابہ: اَدٕ زبر۔ وُچھہ کیا چھُکھ وَنان۔ زوٗ گژھیا ٹوٹھ رٕکنہٕ یَزِتھ گژِھ ٹوٹھ، ژٕ مے ماچھی منٛز ڈٕلی ہیتھ؟ ژٕ مے کیاہ چھُنے بہٕ بوزنہٕ یوان؟

گوم کتتیک زٕ ہنٛگہ تہٕ منٛگہ بار ناوٕ پان۔ مے چھا وۄنی چانہٕ بلایہ لگُن؟ کمہٕ خاطرٕ لگہ، کہنٛدٕ خاطرٕ لگہ؟ وۄنی گو ییٚرٕ ہَن ییٚنی میانہٕ ڈٕسہ زٕ ہرگاہ مے پٔژھن بہٕ دٕیچھ زٕ حکیم صابنہٕ چھُنہٕ سعہ بیٚنیہ زوٗ کینٛہہ رٕوٗز منٛز۔ تٔمیا زٕ تسٕ اوس حکیم بابہ ہُنٛد شیخ اَہر زٕ ہیتھ۔ مگر تہٕ اند ہی نہٕ زٕ بہٕ کیاہ کھالہٕ یہ گوناہ پانے ییٚنہ گژِھنہٕ۔ نہٕ منتہٕ وَنناوتہٕ مے جوانے تہٕ نہٕ منتہٕ دِتہٕ مے جانہٕ مرگے گژھنہٕ۔

اُتھ منٛز پیوٚ محل خانکُ لانٛژھ واتِتھ تہٕ چھُم دَپان زِ "تفتیشی صابَس چھُکھ حُکمُ بوز نووُمت زٕ نِصف شَیَس تام یُچھنہٕ شوٗنگہ یوت تام نہٕ زِ ژٕھس تفتیشی سٕنٛد وکیل یان زِ ژٕ پانٛژھ ماہ واتل سیٚتی ہیتھ محل خانس ییٚتی رٕکنہٕ یِکھ۔ تٔمیا زٕ ژٕ مے چھے جنا زٕ اَکھ مُل گذار واتناوُن۔"

مے دوٚپُس۔ "خشمن پیٚٹھ" تہٕ ڈراو۔ احمق صاب تہٕ اوس ڈرامُت۔ روٗتُل آسنہٕ رٕکنو روٗد مے پٔردٕ نتہٕ زَن یہ لوٗزِتھ یوہ یہ مے حالتھا تہٕ بیقرار آ گیہ تمہٕ سٕیتو ماریمہٕ ہا بے زٕتنہٕ۔ ہیٚسِر پیٚٹھ لوٚبہ تام

چھُم ساری سے پانس ترُن عار کھ پھٹان۔ حالتھا گیم
رتژھ زِ محل خانہٕ کِس دروازَس پیٹھ واتِتھ ما گژھ
ہیم غش۔ پانٕ پانس سٟتۍ چھُس سوچان زِ: "تسٕنٛد
میانہٕ موہ کھ مارنہٕ پتھ کیاہ کم اوس زِ وۄنۍ پیٚیہ سوہ
پیٹھ میانی اَتھہٕ تہٕ مارنہٕ؟ کیاہ پننس شُرِس چھا وۄنۍ
بیٚیہ پننیو اَتھو قبر کھننۍ تہٕ تسٕنٛز موج تہٕ میانی
اَتھو مرٕنۍ؟ پروردگارا! یہ کٕتھہ عذابَس لوگُتھس۔
یہ کیاہ اوس میانِس ڈٕکَس لیٚکھتھ؟ یہ کیٚتھ
منحوس طالع تہٕ خراب ستارٕ چھُم مےٚ کھوتمُت؟
کٕتھہ پاٹھۍ موہ کلہٕ یمہ عذابہٕ تلہٕ؟ سُہ کُس کریم
یمہ عذابہٕ تلہٕ آزاد؟ چھُنا صلاح زِ شراکھ ژھٕنہٕ پانس
اَما پوز تمہٕ تلہٕ تہٕ کیاہ نیر۔ دراصل اوس تقدیرس
یہی لیٚکھتھ۔ اَتھ کیاہ بنہٕ وۄنۍ۔ لاَنس نش چھُنہٕ
کہنۍ چلان۔ یہ اَزلَس لیٚکھتھ آسہٕ تہٕ چھُ انسانس
پیش راوُن۔ قضا کتہٕ بدلہٕ! تقدیرس تمہٕ کتہٕ پکہٕ تدبیر۔
یہ گو وۄنۍ بلہٕ میون جگُھن۔ تیٚر کیاہ اَمہ تلہٕ۔ یوسہٕ
غلطی مےٚ کرٕ سو چھم اَند واتناونۍ وۄنۍ۔ پھرِ پیٚیومُت
یتھ دُنِیہس! ہرگاہ پرٕیتھ کانٛہہ پننِس کارَس
وُرُن تلہٕ تہٕ یہ سُہ تلہٕ چھُ تہٕ نون کڑ، اَدٕ تمہ ہے سارنے
بوزُن زِ دُنیاہ چھُ کیاہ تہٕ اَتھ منٛز کم چھِ روزان۔

دِلَس منٛز یوہے خیال ہیٚتھ ڈراس یتھ حالتَس
منٛز ژٕن اوسُم کوہ اَڈٕ بازٕ تہٕ ہیم پانژھ نفر یمن میانِس
اَتھ خون کرنَس منٛز شریک روزُن اوس، چھِم سٟتۍ
تہٕ بٕنٛز بے حیائی واتناوِم اَند۔ حرام یمن پانٛژن نفرن
ہیٚے کانٛہہ پرواہ اوس گژھان۔ یمن نش اُسی موہ رد
یا زٕندٕ پان مزار واتناوُن ہیٚشی کتھا۔

آمہ اَتہٕ گٹہٕ رأژ اوسُن ژٕن نفرس تہٕ نار گوٚنڈمُت۔
راتھ پیٚٹھ زٕ پیٹھان اُس تیوٚت اوس اوٚبرٕ تہٕ گگنان تہٕ
گرٛزان۔ البرزٕ بالہٕ کِہ تھٕنگہٕ پیٚٹھٕ آسہٕ زور زور گگرایہٕ
تہٕ وُز ملہٕ گرٛزھان۔ زوٗن اُس گُنہٕ کُنہٕ وِزِ اوٚبرٕ منٛز
کلہٕ کڈان تہٕ ساری سے حالتَس نگاہ تھاوان۔ تہٕ گُنہٕ
وِزِ اُس یکدم اوٚبرس تَل ژھاپہٕ روزتھ ساری سے
دُنیہس اَنہٕ گوٹ کران۔ بہٕ چھُس پانہٕ واتلِن ہیٚنٛدیس
گُٹِس منٛز بیٚہتھ زِ تانۍ گیہٕ مےٚ مشٛد ہیٚنٛدین درود
خانن منٛزٕ کاوٕ ٹاوٕ ٹاوٕ تہٕ روٗنٛدٕ والین ہنٛز شالہٕ ٹٹنگہٕ
کنن تہٕ مےٚ دوپ نصف شب ووت، ظاہرا آسہٕ
زینبہٕ ہنٛدِ موتک کارٕوان تہٕ ڈرامُت، تکیا زٕکنن گیم
گُرِ کٕ ہنٛز آواز تہٕ۔ مےٚ ووٚتھ ساری سے پانس اَلہٕ اَلہٕ
تہٕ بہٕ دریو سے تہٕ اَتین۔ بڈٕ نا وو میدی سان ووٚتھس
تہٕ ڈراس نیبر۔ پننۍ نفر وُچھِم پانس برونٛہہ ٹھٕہتھ جاپہٕ
تو بوٗدس اَنٛدۍ اَنٛدۍ بیٚہتھ یتھ منٛز زینبہٕ ہنٛز لاش
مَل گنڈار نہٕ اُس۔ حرف چھوٚرُم یٚتھے پوت زِ "کیاہ سہٕ
سپز کام؟" دوپ ہم "نہ حقن وُنہٕ نہٕ۔" سارِی چھِ ژھو
دَم کرٕتھ بیٚہتھ۔ مےٚ اُس رایہ زِ یہ تماشہ آسہٕ موہ گلوومُت
تہٕ مےٚ آسہٕ فقط وۄنۍ زینبہٕ ہنٛز لاش اَند مزار واتناو
تماشہ وُچھُن۔ وُنہٕ اُس کھ نہٕ زینبہٕ مٕرمٕژ۔ مےٚ روٗد نہٕ

پۆت پھیرِتھ واپَس گژھنہٕ معہ کھ کوٹھِین کانٛہہ تہٕ
ہوشاہ۔

پادشاہ سٕندِ محل خانہٕ کہ اَندٕ چھےٚ اَکھ اُچِھ کوٗل
بالادٕر ییٚہ سہ محل خانہٕ کھوٗتہٕ سیٚٹھاہ تھزٕ چھےٚ تہٕ ییٚمہ
چھےٚ طٔہران چیٚوٚ سارِوے جایو منٛز نٔنۍ نیران۔ اَتھ
پیٹھٕ چھُ پادشاہ سٕندِ ہواچیٚنہٕ معہ کھ کٔرٕ۔ بالادرٕ اَندٕی
اَندٕی چھُ خالی زمین تہٕ محل خانکۍ بر چھیم اَتھی زمینس
کُن مُژٕ رٕنہٕ یِوان۔ تہٕ اَمیٚک پَتھ تہٕ چھُ بالادرٕ سیٚتی
رَلان۔ زانٛہہ تہٕ ہمیشہ نہٕ زٕ کہتہٕ پاٹھۍ اَسی اَسی سأری
اَتھ پَتٕشس کُن مُدے گنٛدِتھ وُچھان۔ مُنٛزٕی منٛزۍ
اَسی زُنہٕ کاشسَس منٛز مرد جوراہ تہٕ زنانہ اَکھ اَکھ
پَتٕشس پیٹھٕ نظر گژھان۔ یم مرد اَسی اَمس زنانہٕ
ذورٕ لمہٕ لمہٕ نوان تہٕ زنانہٕ اُس زُوٚ لۄدنٕہ یان داٲرِتھ
دِتھ یمن سٕتۍ زار پار کران۔ ییٚلہ یم پَتٕشس پیٹھٕ وأتۍ
اَمہ زنانہٕ دِژ کٔژ تیکھ اَما پوز یہ کمہ تیکھ رٕلے یہ ہیوٚ ہَس
سیٚتی تہٕ دۄرٕ باسے یہ مُتھ شُند اَمن کھنگالاہ مشرٕ
اَسی اَسی سأری ژھوٚہ پٕہ دم کرِتھ وُچھان۔
اُس مُژٕ اوتس تہٕ رُوٚد بیم۔ یم پانٛژھ نامرد نیٚ
سیٚتی اَسی یمن تہٕ گوٚ یہ تماشہ وُچھتھ اُتھ۔ بٕہ
اوشس پنٕنہ جایہ لورٕ ہنٛدی پاٹھۍ ہوٚ کھتہٕ پیوٚ مُت۔
کیاہ وُنو کیاہ حال اوسُم گومُت۔ پننہ پانٕچ اَسمہ
خبرے۔ زٕندٕ پانہٕ اوسُس موٗمُت۔ اَما پوز اَچھو سیٚتو
اوسُس سورے وُچھان۔ آخر گیہ سٕتۍ یمناخ تہٕ دِلس
سَنہٕ وِنی کٔٹی چکہ تہٕ پیٹھٕ پٕژ تیکھ پوٚتُس کھُرِ کھُرِ کہ جدا
سیٚتی۔ پَتٕشہ پیٹھٕ لاش داٲرِتھ دِنہٕ پَتہٕ زُون منٛزٕ
زٕ قصہ گوٚ ختم۔ ہُنا اَس بٕ چیٚشن منٛز تہٕ دماغ گوم
ہیتہٕ پریشان زٕ پننیو اَچھو یہ تماشہ وُچھتھ تہٕ چھُمنہ
دِلس بیہان۔ بٕہ لاریوس وونی اَکھ جایہ کُن ییٚتین
زینت بخشس منٛز میون بچہ ہیتھ پتھر پیمُت اُس۔
شاہ اوسُس کھسان مگر موتیٚنٕ دزٕ سہ اَمِس لگان۔
یوٚد وے پھٕرار کۍ پاٹھۍ اوسُس اَمہ کیٚنٕ ژھنٛڈِتھ پھان
اَما پوز وُٹھن اَمِس وُنہٕ تہٕ حرکتھ زِن کیاہ ہیتام
اُس وَنان۔ اَمہ سٕند کھُرِ کھُرِ تلہٕ تۄرٕنہٕ منٛز کینہہ تہٕ فکرِ
مگر کُنہہ تلہٕ اوس نشان زِ زن اُس دَپان "میون
اولاد۔ میون اولاد!" یا ما آسہ ہاے ہیٚتہٕ بۄزُنتھ
گژھان۔ بٕڈٕ ناوٕ ہیدی سان چھُس بٕہ اَمہ سٕنز
اَتھ لاشہ نش استاد تہٕ اَکِس بیٚیِس کھۄژن گوم
مُشدٕے۔ بٕہ گوس یہ لاش وُچھتھ ہیتہٕ بےٚ حِس
زٕ ہرگاہ میانین نفرن میانہٕ اَندرٕ مہ جایہ خبر گژھہ
تہٕ تمہ گنہس واتہٕ ہن، اَدٕ تہٕ معہ کلا دٕ ہانہٕ منٛز کانٛہہ تہٕ
موتہٕ نِشہ۔ بٕہ سَپدُس ہیتہٕ بےٚ خود زٕ اَتھو بےٚ حِسی
ہنٛدِس عالمس منٛز گٔڈِم چیٚنٛد منٛز دَج تہٕ بٕڈٕ داوم یہ زیٚنیہ
ہنٛدِ رٕتہٕ سیٚتی تہٕ پھوم رَسے چیٚنٛدس زٕ توتہٕ روزیم یہ
پانس نش نِشانہٕ تۄتے تام یوٚت تام زٕندٕ چھُس۔
مار وأتلہٕ سٕنز کٔژ تیکھ پُس پانس کوٹھس کیٛژ
جھنڈک موکل ہیو اوس، اَونس بٕہ جیبہ پٔتہٕ پیٹھٕ

لوٚے اۆمی آلوٚز "کیاہ سہ موٚ یا کینہ نہ؟" میانیو پاںٛژو تاوٚن
زٕدوٕ مٕنٛز دوٚنس کموٚ تانی "آہنسہ موٚیہ۔ کینہ کھوتہٕ تہٕ
گیہٕ دٔر۔" تور ووٚتھ سہ "نِمی وۄن تیلہٕ۔" یور پھوٚر
کستام لوٚتے "ژٕہ ہیٚتھ چھِہ منس۔" امہ پتہٕ تیکھہ یہ
لاش اۆمی ہِشنٕز نکھس ہیٚتھ تہٕ ژٕرائے شہر نیبر اکس
مل گُذارس کُن یتہِ اۆمی ہِشنٕز قبر تیار آس۔ یہ چھُس
پننین ہاوٕہِ تاتھن منٛز وٕرفتار تہٕ ہیٚتھ تتھ یمن سیٚتی سیٚتھو
پکان۔ مل گُذارس ہیٚتھ واتتھ رۆدُس یہ روٚبوٚدہیوٚ
لوٚب کُن تہٕ ہوٚکھُس پتھر۔ یم سپاہ یہ ووٚنی اتہٕ کران
گژاوان آسی تہٕ اوسُم مشکلے بوزنہٕ یوان تہٕ بے حاٰل
چھشموٚے۔ اوسُس دفن کرنکُ تماشہ وُچھان
لاش واٲجکھ قبرِ منٛز تہٕ ہیٚتھ ژٕاوٕہِس میٚژ۔ کینہ جوراہ
تھوٚ ہیس ہیٚتھ شاندٕ کھوٚ یہ کرطرفہٕ۔ امہ پتہٕ آسے
مےٚ نِش زٕ۔ "ہیتہٕ شخص موٚکلیہ اسی کاٰم کرٕتھ۔"
دوٚپمکھ "اَدٕ سہ گژھو توٚہی ووٚنی گرٕ، یئیکیاہ یہٕ تہٕ
آس۔" یم دٔرائے تہٕ بہٕ رۆدُس مل گُذار ہیٚتھ پتھ۔

وُنہٕ اۆس اَنہٕ گٹے تہٕ دۆر بالہ کنہ آسہ وُنہٕ تہٕ
گگرایہ تہٕ وُزملہ گژھان۔ مل گُذارس اندی بِنگہ آسہ
مٕنٛزی منٛزی کنہ وزٕ ہِشیمھ تہٕ کُنہ وزٕ بیوٚن بیوٚن شالہٕ ٹنگہ
گژھان تہٕ یم شال اسی موٚ ردٕ کھینہ والین جاناوارن
ہِنٛدی پاٹھو قبرن اندی اندی گنٛتھ کران۔

یوٚت زیادٕ کالس یہٕ اتہٕ ہیوٚکھُس تیوٚت گوس
یہٕ پننس ہِشس ہیٚتھ ہیرادہ تہٕ یہ یچھد تہٕ ہوٚنی کاٰم
ژاوٕنس ہیٚتھ گینے یم کل۔ زندگی ہِنٛدی کاٰم تسلی تہٕ سوچان
چھُس چھُنا بہتر زٕ دُنی یُہس کرٕ لاہ تہٕ درویشی ہِنٛدی
پلوٚ نالی لاگِھتھ کڈٕ پننیو وُمرِ لکن ژوٚر کُنہ خلوکھ جایہ تہٕ کرٕ
ساروٕ وُمرِ توبہ تہٕ ودٕ ودٕ۔ میانہ اَتھ رایہ گوٚ یتھ خیالہ
سیٚتی تہٕ دریر زٕ موٚردس وُچھتھ یمہٕ سہ ژھرٕ ژھرٕ
مےٚ کرٕ تہٕ بیقرارٕ ہوٚم خبر تمہٕ سیٚتی ما آسہ میانین
نفرن شکھ گومُت، لہٰذا کرٕتھ چھُم یہ کار ژاوٕنے
بہتر

موٚ حصر کوٚر مےٚ اکھ تابہٕ کھسہ وُنے مُشخص زٕ
یان بلایہ تلہ موٚ کلانہ موٚکھ ژھینہ یہ یہ منحوٚاتس موٚکو
عمہٕ نوکری منٛد ژاوٕتھ تہٕ کناّرٕ گرد جایہ واتتھ نیر
تہٕ ہیٚتھ گوٚ ڈرنکی ہے قافلس سیٚتی اصفہان کُن۔

پانس سیٚتی چھُس سوچان: گژھ پانس تہٕ
بہمہ گرٕ ماٰلس ماجہ نِش۔ آخر تمن تہٕ دمہ نظرٕ یم چھا
دارے۔ جان گوٚ مالی سٕندِ مرنہٕ برونٛہہ گژوان
یمہ تسندس دُعایہ خاٰرس ووٚ میدوار گژھ تس تہٕ
ریہ بننس راوی ہستس نیچوی سُنٛد ہُتھ وُچھتھ،
بجرس منٛزاوٕ اچھن کاشہ واپس نوکری ہیٚتھ بیٚیہ گوٚہنن
زوٚ ژانہ موٚکھ گژھن گوٚ یہ جان ووٚنی۔ مےٚ کرٕ موٚ سیٹھا
گونا، ووٚنی پزٕ مےٚ توبہ کرٕن تہٕ خود ایس منگٕ منگ
کرٕنی۔

موٚ حصر گوٚ مےٚ تیتھ حالاہ تہٕ سہ اثر زہر گاہ ساری سے
وُمرِ پتھے اثر دِلس روزِ ہیم یہ تہٕ آسہ ہا اکھ بوڈ ولی۔

## ۴۴
## حاجی بابن سنز اکس یارس سمکھن

تہ تسنز حاجس نصیحت کرتھ تس یلا پہ منز موکلاون
سو رومال یوس وونہ زمینس ہندر تہ سیتی ادرے
اوس، گرڈم چھنڈ منز تہ تھووم زمینس قبر منز چھ وندہ
تہ پرم داریاہ کالی نماز۔ امہ سیتی گوو دلس تسلیا
ہیوو تہ طہران منز نیرتھ پوخت ارادہ کرتھ ہیورتھم
اصفہانچ وتھ۔

نیلہ بہ کنار گردجایہ ووتس اتہ ووچھم نہ قافلک
نیب نشانہ کنہ تہ۔ یکنس کرٗم ہیکتھ تہ دوپم
حوض سلطان جایہ واتتھ روز راتس تتی۔

حوض سلطان چھ سریہ نش ووچھم ماؤدانس
منز شخصا اکھ بدلے حیتھا کرتھ۔ یہ ہے اوس
بون کن ووچھتھ زمینس سیتی کتھ کران۔ زن یمے
یانی پانس سیتی گنڈ باشہ تہ جنڈ ہوو کران اوس،
یانی بہ امس نکھ ووتس یہ ووچھم یمنہ ٹوپہ سیتی کتھ
کران۔ بروونتھ کن واتتھ ووچھم یہ زانی کارے
مے یوو نتس ظاہر چھ یہ مشہد کیو رتمو درویش
یارو منز۔ اد اوس تہ یہ تیز بہ پاٹھو سے کتھ گور درویش
یار میون۔ نو دلیلاہ تیار کرتھ اوس یاد کرنہ موکھ
ٹوپہ بوزناوان۔ تھے بہ ووچھنس تیتھے پرنہ نوونس
تہ بدنوش گژھتھ آو مے کن لاران تہ رٹنس

نالہ متھ۔ دوپنم "حاجی یارا! الحمدللہ! بیہ ووچھ
اکھ اکس بیمہ۔ تہ کتہ اوسکھ یمن دریاین، کوتاہ
پھیور اسہ چون! تہ اوسکھ وار پاٹھی؟" اور پور پور
خارپاٹھا کرتھ بیٹھی اسہ اکھ اکس پنن حال بوزناونہ۔

مے نش تھیبہ گژھنہ پتہ پیم یم صدم تہ
سفر امس تلہنے بیمتہ اسہ تہ تمہ چہ ہند خاطر یم فند
تہ فریب امس ورتاونی بیمتہ اسہ، تم بوزنوونس
ساری تہ امہ پسند ونیہ تلہ نیوم زہ امہ وز اوس
یہ استانبولہ پیٹھ وہ کھلہ آمت تہ وہ کھلی
اوسس اصفہان گژھن تہ تتہ پیٹھ اوسس
ہندستانس منز دلہ گژھنک خیال۔

دل موؤل آسنہ کنہ یوودوے مے پانس
زیادہ کتھ کرنس دل کرانے اوسنہ، اما یوز یلہ امہ شیخ
باندباند کورم، مے تہ بوزنوو یہ پنن سورے حال
تیتہ پیٹھ ینہ درویش صفر نش بہ مشہد منز دراین
یہ چھو بوزنس لایق زہ یتہ دلیلہ منز یوت مے
ہدہ یتہ ہدہ مہران اوس تیوت اوسم یہ درویش یارنز
پونظر ووچھان۔ اد یلہ بوزنووم زہ رسالہ افسر
مشد نائب تہ بنیوس، یس درویشن ہمک تجربہ اوسھ
چھ، تمہ کنہ ہیرشو تم یہ بوزتھ سجدہ کرن۔ مگر یتہ یلہ
بوزن زہ اکس زنانہ ہند موکھ دژ مے اتھ ساری ہے
لتھ، زن لو تیود ہیو تہ یتہ گتہ رود تس میانہ یرتک
خیال یہ بڑ چھم ونان: "دوستا! تقدیرن یس یرتک

رَنٛخ ژٕنٛے وۄلمُت اوسے، اَصلی نہٕ با اوسے ژٕنٛے

زٕٹنس بانٛے سہ

مالہا باید کہ تا یک مُشتِ پشم از پشتِ میش

زاہدی را خرقہ گردد یا حماری راسن

یَسٕنٛدِ شُہرٕژ تہٕ شرکہ اوسکھ، موٚن زَن تٕس

دٕیہ اوس بادشاہ بےرحم لاَگِتھ مارُن یژھان، مگر ژٕنٛے

کیٛاہ اوسے تو تہٕ؟ مارٕنۍ تہٕ اَدٕ مارٕنٛۍ ژٕنٛے کِتیٛک

گیٛوٚسے ژٕنٛے دِتھ پٔنٛنس رزقس دٕکہٕ تہٕ بَخٕتس پٔنٛنس

کرِتھ بانٛے لَتہٕ موٚنٛڈٕ تہٕ ہیٚرٕتھ بٕنٛیہ میانہٕ کھٕعہ تہٕ تہٕ

اُکنٕے دربدری تہٕ وُبرٕ وُترٕ بٕنٛیہ پِچھنچ کامُ مَنٛٹہٕ؟" اَمہ بٔتہٕ

چھُہ دٕماہ دِتھ وَنان۔ " وُچھُو حاجیا! لُکَن چھِنٛے نخ

ژھانٛڈٕنٛیہ دٕنہٕ ثبوٗن ثبوٗن۔ اَکھ چھُہ بَجہ وَتہٕ پکان۔

بیاکھ چھُہ ژھعہ چہ وَتہٕ پکان۔ اَکھا چھُہ نوٗ دٕتھٕ ٹان

تہٕ بیاکھ چھُہ دٕیان یہ بٕنٛس تہٕ تہٕ سہٕ چھُہ اَگیے وَتھا

زٹان تہٕ نیران۔ اَما پوٚز ژٕنٛے وَراُسے وُچھہٕ مَنٛے کانٛہہ

اَکھاہ تہٕ سہٕ ییٚمِس وَتہٕ پٔلہٕ اُستھ ہیٚوٗ تگہٕ ییٚن تہٕ پانٛی پانٛنے

ژھٕنہٕ ییٚمہ وَتہٕ تِتھہ پاٹھو ژٕاوُتھ زٕ اَدٕ تہٕ ہیٚکہ نہٕ

بارٕ دُبارٕ تیٚمن بیٚہٕ واپس گرٕژھِتھے۔" آخر بوزنو بسُن

دِلاسہ دِنہٕ معہکہٕ فردوسی شُند یہ باتھ زٕ سہ

چنین است رسم سرائے درشت

گہی پشت زین وگہی زین بہ پُشت

اُمہِ چھِہ وُنہٕ ییٚمہ کَنہٕ کرانے زٕ تانی پیو اصفہانکُ

قافلہٕ وٕتھ تہٕ بُوٚیتھ بار وبیگارٕ ژٕاوُتھ۔

اُستاہ کَرِتھ تہٕ تسلّی دِتھ چھُم درویش یارِ دیان:

" ژٕاو وہٕنی، یہ گو تہٕ تہٕ گو۔ مُشراو پرٕون تہٕ وہٕنی ئن

تہٕ اَزٕ کیس حالس۔ وُچھہٕ کیٛاہ بنہٕ۔ یتھ سبزارٕ تہٕ

آبہٕ زُسیتس دٔہ وَنس منٛز کڈوس فلحال راتھا

اَسان تہٕ گِندان۔ سمان گژھن یم مُسافر ٹٕنٛٹھ والی، تا

بوزناوَکھ استنبولُک نوۄ وُسے قصا، یس وُنیکُتام

ایران وو تیمتے چھُہ۔"

اُمہٕ سٕنٛزٕ ییٚمہ کنہٕ بوٗزِتھ گوس خوشیے تکیاز

بیٚہ تہٕ اوسُس غم دفعیاہ تہٕ دِلُک بار لوٚتُر راوُن یژھان

چھیکرس دراے اُسہ اوریچ یوریچ کتھا باتھا کرِتھ

سرایہٕ کُن۔

سرایہٕ منٛز اوس یرٕتھ اَکھاہ بٔنٛنہٕ کامہٕ کُن

لگِتھ۔ اَکھ اوس بأرس گنٛڈ مرٕدان تہٕ بیاکھ

اوس گُمہٕ بیچھ پور پتھر والان۔ اَکھ بٔنٛہ جایہٕ ئن

ڈٔوان تہٕ بیاکھ اوس جائے کران۔ اَٹھی اُسہ تموک

چوان۔ ییٚمن سارٕنے آو یہ درویش یُس بیچھ کِتھ گوٚر

تہٕ اوس، نعمتھا ہیٚو بوزنہٕ۔ سہٕ شورٕ لدٕ ماداں ژھنٛڈٕتھ

اُسہ یم سأری تھکِتھ تہٕ ژھیٚنِتھ بیٚمتی۔ آخر ییٚمیہ

سأری یم سرایہٕ ہنٛدِس ڈالانس تَل تہٕ لوگ درویش

ییٚمن دلیل بوزناونہٕ۔

سیٹھا کرِیوم زٕ بےٚ تہٕ گوٚہ اَتھ دلیلہٕ کُن

اَما پوٚز بےٚ اوسُس تیُتھ پریشان زٕ دلیلہٕ منٛز پیوٚنت

کھنٛڈ بوزِتھ اوسُس بےٚ خبر کوٚت واتان تہٕ اُمہٕ سٕنٛزٕ

کنھہ کُنہٕ اوسمُت کِنیٚ روزان۔ خبرے اَسمِہٕ زِ درویش
کیاہ چھُ وَنان۔ ہِنٛزٕ حالَتھ تامتھ مَنز اوسُس
راوان تہٕ پانٕنی پانس سیٚتی وَنان ؎

من از وجود برنجم، مرا چہ غم بودی
اگر وجود پریشان من عدم بودی
ہمہ عذاب وجود است ہرچہ می بینم
اگر وجود نبودی عذاب کم بودی
بلی وجود کہ در رنج و بیم و ترس بود
اگر نہ بودی خود عنایت کرم بودی

مگر ییٚتہٕ اوسُس وُچھان زِ بوزَن والین اوسُس
مَنزٕ اَمُت تکیہ زِ فکرَن منز راوان راوان اوسُس
بہٕ منز منز اَسَن کھَنگالہٕ تہٕ ژِر پوٚپ تہٕ بوزان یِمہ
سیٚتی بہٕ دوٚہ کُٹ کڈان حبیبہٕ ہیوٚ اوسُس پھیران۔
مےٚ دوٚپ بہٕ بوزٕ یہ دلیل اَمہ منز ہیٚنہ ساتہٕ فلیحال
گوٚ میون فِکرِنیے منز رُوزِتھ دِلٕکَس پیٚٹھے پانٕ ژورانٕ وَتہ
خارہٕ اوسُم گژھان یِمَن نکتَن ہنٛد۔ یِہندِ رِژھ پیتہٕ
رِژھ اَسَن کھَنگالہٕ تراونہٕ سیٚتی سِرٕ تہٕ مُہند آنٛگُن
گمژہرا اوس۔ بہٕ اوسُس اَندری کنہٕ سوچان زِ
"پانہٕ! تِمنہٕ آسیا بہٕ تہٕ روزِ زانِہ یِہندی پانٕ ہی
غم تہٕ سۄکھ سان۔ مگر غمَس تہٕ چھےٚ اَندرِمین ہیوٚن
ناہنٛدرن ہندی پانٕ ہینہٕ وارِی تہٕ ہیٚنہ وَرِخ آسان
یِیتھ پانٕ نالہٕ اَکھ بلوٚ تہٕ بالوٚ ہیٚتھی بَڈٕ زوٚرٕ سان
وَسیتھ پتہٕ لاکَن اَکھ سوٚت دٔرِی یاد چھُ بنان، ییٚتھے
پانٕ چھُ غم تہٕ وارٕ وارٕ ہِمان یوٚت تام سُہٕ اَکھ میٹھان
چھُ تہٕ پوٚتُس چھُ دُنیہ چیو کامیوٚ سیٚتی مُشدِ گژھان"

درویش مۄکلیوو پننیو دلیل بوزناوِتھ تہٕ دوٚہ
تہٕ لوٚس۔ نیوٚل نَب ہیوٚتُن تارکو سیٚتی پُرٕزلُن تہٕ کالہٕ کِرٕ
رُود سیٚتی زَنتہٕ سور اَسمان چھکلنہٕ اوس آمُت۔ زوٚن
ڈراہ تارکَن پارٕ اونہٕ مۄکھ نیبر۔ اُتھی منز آوٕ ہیر پیٚٹھ
بوٚن تام سلے ساماہٕ گنڈِتھ گُری سوار اَکھ تہٕ پوٚنے
رُود منز یہ ہندِس دروازس پیٚٹھ اِستاد۔

ٹھٹھ وٲلی اسہ ہنٛنین جایہ ہَن کُنہ تُلکو ہیٚتھ۔ نوکر
اسہ ہنٛنین مالکن کُن حِسس تھوٚوِتھ تہٕ خوجہ اَسہ
جُچِرا اَتھس منز رَٹِتھ ڈالاتس پیٚٹھ ہیٚتھ درویش
ہِنٛزِ دلیلہ پیٚٹھ کتھا باتھا کران۔ دوٚہی دوٚہ ہَس
یکمہٕ کِنہٕ اوسُس بہٕ رِژھ ہیٚنِتھ ہیوٚمُت تہٕ دوٚپُم کُنِیا
وُنیا شانہِ دِتھ تراوٕ پتھر سے پیٚٹھ لر۔ اَما پوٚز یتھے یہ
گُری سوار وُچھُم بہٕ بگہٕ یوس۔ یہ اوس تِموے سپاہو
منز اَکھ سپاہ یُس بچارٕ زینبہ ہنٛد مَرنہٕ وِزِ سےٚ
سیٚتی اوس۔

یہ چھُ اَتہ پرٕژھان: "کیاسہ، یہ قافلہ چھا
طہرانہٕ پیٚٹھ آمُت یِنہ دوٚہ نی چھُ ییتھ طہران گژھُن
یِمہ جیٚیتہٕ تہٕ یِمہ نیٚبٕک ماچھُ ییٚتہ کانہہ نفر؟"
مےٚ ووٚن زِ یہ چھُ شۆکھٹے ژھانڈنہٕ ڈرامُت۔

درویش یاد س توٚرِ جَل فکرِ زِ مالہ کیا چھُ گاہٕ
جایس کامُ ہیٚتھ چھُس سارنیے ہندِ طرفہ جواب دِتھ

دپان زِ: "یُتھ حفص چھُ سارِنے طہرآن گرٕٹھن، صرف
نہٕ مےٚ تہٕ میانِس بیٚیِس اَکِس نفرس۔ اَسہِ دوشوٕے
چھہ استانبولہٕ پیٹھ آمٕتۍ۔ یُس نفر تٕہ ژھانڈون
چھُھن سُہ وُچھہ اَسہِ یوٚت ہیٚتے۔ بچور بڑٕ رووُمُت ہیوٕ دِل موٚلو
تہٕ غمہٕ موٚت، ہمہٕ وُجار ژٕنزٕ پکان۔" دردیشن ووٚنُس
یودوے بیٚیہٕ بیٚیہٕ نشانہٕ، یَیمہٕ رکنہٕ گرٕ کو سوارس
کانہہ تہٕ شکھاہ دِلس منز روُد زٕ نفر چھُ سےٚ اسمُت
یَس سُہ ژھانڈان اوس۔ ژٕ پنجل دٕراو تھٕو وُ تہٕ
کُن ییتھ کُن، دردیشن نیب دِیُتمُنس تہٕ واچھُن وُتھ
ییلہٕ سپاہ دٕراو، دردیشن نیوٚس بہٕ اندکُن
تہٕ چھُم دپان: "ہرگاہ ژٕ اَمِس بلایہٕ نشہٕ موہ کلُن
یژھان چھکھ، ژٕ ژل ییتہٕ۔ تکیا زِ ییتہٕ دٕراو مگر ییلہٕ
نہٕ ژٕ اورٕ اَتھی لگہٕ ہسَن، یہٕ کیا سہ ییتہٕ بیٚیہٕ یوٚرِ کیٚتہٕ ونم
پیٚتہٕ کُس اَژٕ ژیٚے ژورِ تھونس خنا گمن؟"

مےٚ دوٚپُس: "یہٕ ژٕ مےٚ وَنکھ کرُن تہٕ کرٕ اما پوز
پان تہٕ ہاوٕنہٕ بہٕ اَمِس۔ یہٕ چھکھ مےٚ رٹنہٕ سوزمُت۔
اَمِس خبیٖثس نش تھوا بہٕ کُتہٕ ہمدردی ہُند نوقواہ۔
ووہ ژٕ ہے پونساوُ نکاہ کانہہ آسہٕ ہیٚم، بلاے ژٕھنُس
سےٚ دِمہٕ ہنس اَس تھوٚپ، پونسہٕ سیتھ چھُ پیمُن
جان اَس تھوٚپ لگان۔ مگر تیتہٕ چھُمنہٕ۔ کرٕ ہے تہٕ کرٕ کیا
گژھہٕ تہٕ کوٚت؟"

دردیشن دِیُت دم۔ دَماہ دِتھ چھُم ونان "ژٕ نیر تہٕ
قُم شہرس منز وات۔ گاش پھولنہٕ برونہہ ژےٚ واتکھ تورٕ
وانٕی تھےٚ اَژسہ زٕ حفص موصومہ[1] رضہ ہُندِس استانس منز تہٕ
بہرٕ تیٚتھ۔ اَد یچھکھ پادشاہ سُندِ شرٕ نیش۔ نتہٕ ہرگاہ ییٚبر
دیوارس تَل تہٕ بیہکھ، رٕ گُنڈ پھرتہٕ پکناونے تہٕ اَد تہٕ
موہ کلکھ نہٕ زانہہ"

مےٚ دوٚپُس: "اَد سہ یہٕ ونتم تیتہٕ کھیمہٕ کیاہ؟"
دوٚپنم: "سہ تراو ژٕ مےٚ پیٹھ۔ بہٕ تہٕ ییمے پیٚتے
مےٚ چھےٚ تیتہٕ کانٕی زان ژٕ مہٕ ہیٚے غم، ژیٚے والی تیتہٕ
سیتھ آرام تہٕ جانس موٚیہ والِس وارتہٕ خدشہ۔ بہٕ
چھُسےٚ پانہٕ اَکہٕ لٹہٕ ییتھے پانٕھو استانس منز چھیپہٕ ژٕ مُت۔
تکیا زِ مےٚ اوس پادشاہ سُنز اَکِس زنانہٕ ہنٕدِ خاطرٕ
زہرٕ ژھانڈتھ اونمُت تہٕ تمہٕ ہٕرٕ بنیوٚ سوٚن تمہٕ سیتی مےٚ
لوٚگ ژھانڈو مگر سپاہ سُندِ صرف پانژھ منٹ ییتہٕ
برونٹھ واتنوٚ وُم پان شاہ عبدالعظیم رضہ صابنِس استانس
منز تہٕ بیوٚ ٹھس آرامہ سان۔ وَنے کیاہ کم عائش کرٕم
تیتہٕ۔ وُمرٕ چھُم نہٕ ژٕم عائش کرٕ مژ۔ زیادٕ تھ کرٕن وُاَلی
اَسہِ سارِنے زنانہٕ کیٚو مردٕ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ مےٚ دِوائی۔
مگر صرف چھُم اَکی چیز کُک ڈر، سہ چھُم یہٕ زِ پادشاہ گژھہٕ
نہٕ زِ یارتس ییٚنہٕ والین حکُم دِیُن زِ یِمحھنہٕ ژیٚے کانہہ

---

[1] حفص موصوم چھُ حضرت امام رضا سُنز ہمشیرٕ صابُن
نام پاک تہٕ یمہٕ سُنٕد مزار شریف چھُ قُم شہرس منز
یُس اَتھ استانس منز چھپنہٕ ییہ تس چھےٚنہٕ حکومت
گرفتار ہیکان کرِتھ۔

گُنہٕ قسمُک اُتھ روٗٹ کری۔ یُتھ ہٕ فاقہٕ سیٚتی یا مرِ کھ
یا جھوٗرِ گژھِ ھتھ کرِ کھ یان پُلیسس حوالہٕ۔ خودا رٕچھن
تمہ نِشہِ۔ ظاہر وا تیٚنہ توٗت پیٚٹھ کتھ۔ بٔکیا زِ ژٕ تۍ
چھےٚ نہٕ تیوٗت بوٗڈ تقصیرا کوٗرمُت۔ پادشاہ کھیا
اُکس دایہِ ہٕندِس مرنس پیٚٹھ بوٗت غم۔ تس چھےٚ تمس
دایہِ ہٕند کھوتہٕ چندانہٕ ہمیشہ دایہِ اَندرٕ اَندرٕ آسان۔
ہیٚتیہ زِ ژٕ اُسی ایرٕ ئی سوچان چھ زِ انسان کیاہ چھُ
بڑہٕ سہل پأٹھۍ مران، تہٕ چھُ غلط۔ انسان چھنہٕ بوٗت
سہل پأٹھۍ مران۔ ژٕ چھکھنا وُچھان شیخ سعدی صاحب
کیا چھُ ونان۔ دِیان ـــ

ابر و باد و مہ و خورشید و فلک در کارند
تا تو نانی بکف آری و بہ غفلت نخوری
ہمہ از بہر تو سرگشتہ و فرمان بردار
شرط انصاف نہ باشد کہ تو فرمان نبری

مے دوٚپنس۔ "درویش بابا! یینہٕ ژٕ تۍ خیال
روزی زِ مے کیاہ مٔشہ چھونہٕ تہٕ احسان۔ بہٕ چھسے ہٕ تمو
ٹُکو منٛز۔ بنان چھُ، میانہٕ جوہ تہٕ ما پھیر آب گنہ ساتہٕ
تہٕ تمہ وزِ ہورےَ یہ خاطر۔ وُنی کینٛ چھےٚ حاجَ بایہٕ ژٕ تۍ
منٛز۔ مے حاجَ بابس تہٕ زانکھ ژٕ۔ بہٕ ما چھس سہ یُس
ینہٕ برٕ کنہٕ ینہٕ وصف آسہ گنز راوان تہٕ اَندرٕ ئی کنہٕ آسہ
غائب ژوٗرِ بھوان۔ بہٕ چھسے تیشہٕ تی یُتھ مشہدس
منٛز ژٕ تۍ وُچھو بھس۔ کاٹھ جاوَن وول کری تہٕ
تفتیشی پُلیسہ وول، یم چھ در اصل دوشوے ہاوی

بٔکیا زِ دوشوے چھ گژھن ماران۔"

اَمہ پتہٕ روٗٹنس نالہٕ متہٕ تہٕ دوٚپنم۔ "گژھ حضرت
علی رضہ کرِ ہۍ نےٚ راۓ چھ تہٕ رفاقتھ۔ اَما پوٚز تہٕ بھاوز
تمتھ وُچھا یہ مے دانس منٛز۔ بزم بزم چوٚکن کنہٕ چھس۔ گژھ
کوٗرمکھ خدا صاحبس حوالہٕ۔"

اکھتا یہ کھیسہ وُنۍ گوم قُم شہرس منٛز حضرت
معصومہ رضہ ہٕند اَستانکُ دُمھ دوٗرِ نظر۔ مگر وُنہ اوسم
اوٚت واتنس سیٹھاہ پکُن۔ یہ استان وُچھتھ گیم
کوہ ھٹن ہیتیہ ہیکتھ یادہ تہٕ چھس پکان۔ ہیلہ یہٕ
قُم شہرکِس دیوارس نِش ووتس، دوٗرِ چھُس نے
گرٕ سوار یوان وُچھان یُس مے ژھانڈنہٕ درٕ مت
اوس۔ مے متہٕ وُچھتہٕ بہٕ دِچھنو تہٕ نہٕ کھوورِ ہو، تہٕ
نیرتہٕ پانس سیٚو دُے۔ دوشونی روز صحن پاکہ در وازچ
ہانکل اَمس تہٕ مے منٛزس۔ پھرٕ یکھاہ ژٕ دوم زِ "الحمد
للہ! وصلی اللہ علیٰ سیدنا محمد و علیٰ آلہٖ۔ اَستانچ
براندہ کنہ کوٗرم میوٹھا تہٕ بڑہٕ خوشوہ تہٕ صدقہٕ سان
ہرم تمن گژھن ہٕنٛدہ پأٹھۍ نمازہ تہٕ یم اَکہ بڑہ طُفاہ
منٛز نجات لبان چھ۔

اَ تہٕ یُس پیٚٹھ مے گوڈنی نظر ہیتیہ، سُہ اوس
رٕہے سیاہ۔ یہ آو مے نکھہ تہٕ چھُم دِیان۔ "پادشاہ
بنٛد حکم ہاہِتھ ژھونڈ مکھ ژٕ یاری۔ یکھ سہٕ نیر مے
سیتو۔"

بہٕ ، یُوڈوے پادشاہ ہٕندِس حکمس یہ بے ادبی

گژھان چھیے، اَماپوز بہٕ چھُسنہٕ یِمہ پاک تہٕ پزٕر
جایہٕ ہنٛدِس فائدٕہ برکتس وۄمیدوار ستیٛدُن
پژھان۔ ژٕ ہیکہٕ کھیٛہ نہٕ مےٚ یِمہ جایہٕ منٛز نیبر
کڈتھ۔ یِمہ آستانہٕ پاکہٕ منٛز تہٕ چھا کانٛسہٕ طاقتھ
بہٕ نیبر کڈنس؟

سپاہ: حاجی جانا! یکھو ژٕ مےٚ ستیٚ۔ پنٛنہٕ پانہٕ کرٕے
دسالتھ۔ ہرگاہ نہٕ پادشاہس موٗن، تو تہٕ کیٛتھ
گوٚ، ژٕ وُچھتہٕ ژٕ ہے مالگی اذاہ، پوشکو پاٹھو
نیمے کلہٕ ژٕ رٕٹھتھ تہٕ فکری ترٕی نہٕ۔

بُہ: بہٕ نیرہ نہٕ زانٛہہ یِمہ آستانہٕ پاکہٕ منٛز۔

سپاہ: حاجیا! یہ کیاہ چھُہم وَنان؟ موٗدُس ہے،
بہٕ کوسہ ترٕٹھ ژھینہٕ پانس، بہٕ ہے چھُس
اَز گوہ ڈٕنیچہ لٹہٕ انسان رٕٹھتھ اَنیٚنہٕ مےٚ کھ سۄزُمُت۔

بُہ۔ چونے مرُدن ہسہ بہٕ ترٕنے چھُسنہٕ پان بچاونہٕ موکھ
اَز گوہ ڈٕنیچہ لٹہٕ یتھ اَستانس منٛز چھپنہٕ ژامُت

سپاہ۔ ژٕ ہے چھیہٕ خبر پادشاہ سُنٛد حُکم چھُ ہرگاہ بہٕ ژٕ ہے
وَرائے تور واپس گژھہ، مےٚ رٕنن کن ژٕ رٕٹھتھ۔

بُہ۔ اَدٕ یُس تھٕ ناخوش تَس اَنٛژو۔

سپاہ۔ ہیا یار! بڈٕ عجیب انسانا دِچھکھ ژٕ۔ بہٕ آس
یتہٕ ذور بیہِتھ، ژٕ ما چھکھ مےٚ خرزانان، تیٛلہ
چھُسنہٕ مرٕدییلہ نہٕ کھکھر کڈتھ۔

بُہ۔ اَدٕ سہ کڈُم۔ بہٕ تہٕ زانتھ مرٕد۔

اَمہ پتہٕ زیٹھیو مالہٕ یوٚت زٕ اَستانکی متولی دژائے ساٹھ ری

نیبر نیہ کیاہ ڈٕلیل چھیے۔

مےٚ تُل شور" ہے مسلمانو! یہ شخص چھُ یتھ
آستانہٕ پاکس بے حُرمتی کران۔ بہٕ چھُس یور چھپنہٕ آمُت
تہٕ یہ چھُ مےٚ زبردستی سان یتہٕ نیبر میوان کڈُن۔ تیٛلہ
سہ تۄہیہ دیندار تہٕ پرہیزگار ہیکیوٕ تہٕ زرو بتھ؟"

سارِوٕے کوٗر میونے طرف تہٕ چھس دپان" یہ
چھُنہٕ اَتہٕ تانی ایرانس منٛز بنیومُت۔ ہرگاہ ژٕ ہے یہ یتہٕ
کوڈتھن، یاد تھاوتھ زٕ، اَکھ کرِی یوہے اَستان کمزس
تہٕ اَدٕ، بیٚیہ نیموے اَسی تہٕ کلہٕ ہیپہٕ ژٕ ٹھتھ۔"

سپاہ گو کوٗل تہٕ دپان ادس وۄنی کیاہ کرٕ
آخر آیس عقل تہٕ چھُم دپان۔" اَدٕ سہ۔ وۄنی تہٕ نیمتھ
نہٕ بہٕ ژٕ، مگر مےٚ تہٕ دِکھا کینٛہہ کیٛنہ کِمیس نہٕ؟"

رتنہٕ داونہٕ بہٕ زٕ اَمس اوسنہٕ زشو رٹنک حکمے
بہٕ تہٕ ہے اَمی سنٛز جایہٕ آسہ ہہٕ بہٕ تہٕ کرٕ ہا یہی۔

مےٚ وۄنس صافی زِ بہٕ چھُسنہٕ ژھوٗرُے تہٕ اَمس
اَس پانس تہٕ خبر زٕ کمہ حالہٕ اوسُس طہرانہٕ منٛز ژٕ لیتھ
آمُت تہٕ کاسہ کٹ تہٕ اَسمنہٕ بسیتھ تجرٕ۔

دپان چھُم: " اَدٕ سہ نیُس بابا دژٕ ہے طہرانس منٛز
پتھ کُن ترٕاومُت چھُے، شہ دِ مےٚ۔"

مےٚ دوپُس: " تَلہ سہ خُدایہ سنٛدِ پاسہ نیر تہٕ
پانس تہٕ تُلتہ مےٚ دسہ کھ زدَس ھتیچھ۔ کوٗرمے کیاہ؟

دراصل اوس اَمی تاوَن زدَن برٕونٛہِ میانہٕ
بلوَن، صوٗندقس تہٕ جچیر بیتر بیہِتھ قبضہ کوٗرمُت تہٕ پانے

اوسن پادشاہس شۆچھ ہیچھ گوٚمُت زِ دایہ ہێند مرنہٕ سیٚتی
یُس حالاہ حاجؠ بابس گو تمہِ تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ سُے چھُ اَمہٕ
اَتھ کِس ذِمہ وار۔ سیٚتی اوسُن پادشاہن وعدٕ دِیُتمُت زِ میٚے اَنہٕ
ژٕرِ تھہِ تیٚتھہٕ ماوِمن اوسُس میانہٕ جایہِ بہُن۔

یِیلہِ نہٕ اَتہٕ اُستانس منزٕ نہٕ پٔکِس پانسے کینہہ نہٕ
نہٕ پٔکِس پادشاہ سُند حکمے، زیچھ ژاو طہران کُن۔
مگر نیرنہٕ برونہٕ دِتُن پادشاہ سُند یہ حکم قوم کِس حاکمس
اَتھہٕ تہٕ تھوٚوُن تَس باند باند کرِتھ زِ اَمس کُن ہقادی کرِ زِ
حبس۔ بیٚیہ یہ استانہٕ منزٕ نیرِ تھے گرٕتھ گلین
رز کرِتھ طہران سوزُن۔

## ۴۵

## حاجؠ بابُن اُستانس منز رُزُن

تہٕ عجیب دُلیلاہ بوزٕتھ تَس غم دفائی گژھنہٕ
سیاہ شِرزٕ تھچھ وُہ تھینہٕ پیٚتے آگیم درویش
منز آواز کنن تہٕ ژاو درویش منقبت پران پران
صحنِ پاکس منزٕ۔ میٚے نِش آو تہٕ چھُم دِوان: "لسیو بب لسیو!
مُفتس منز کیاہ بچھِ کھ، کھرِ تام موکلیو کھ اَمس سیاہ پیٚٹھ
کارٕ تلہٕ۔"

اَسہ کور پانہٕ وانی کیھ وقتہٕ روزنس فیصلہ۔ امام
رضاہ زادٕ نِس صحنِ پاکس منزٕ روٚٹ حجراہ اَکھ۔ میٚے آسہ
دٕہ اشرفی تہٕ بییہ کینہہ روپیہ تہٕ سیٚتی۔ یمو منز کرم
کینہہ پونسہ خرچ تہٕ ہیوٚتم منوٚرٕ وٚری گرٕ وِیھٕ پوٚنہے
وُگوٚ، کھوس، پیالہٕ، منٛن، لُژھل تہٕ کتر ٹوٗپانہٕ بیترِ
اَمہ پوٚز یہ گرٕ ویٚٹھ ملی ہیۆنہٕ برٕونٹھ چھُم درویش
دِوان: "دوستاگوٚڈ وَنتم نماز، روزٕ دری، غوسل
تہٕ وضو بیترِ، یمن پیٚٹھ چھکھ تکان کرنہٕ کہیں، کرنہٕ
دُنہٕ تہٕ چھکھ نتھے یتھہ مشہدس منز اوسکھ؟"

بہٕ: یہ کیاہ چھُہم از ژٕ وَنان؟ ژٕ چھکھ میانن
نمازن تہٕ روزن ہُند بچھی؟ ژٕ سے کیاہ ہیوٚن دِین
توبہٕ؟

درویش: تہٕ کیاہ گو ژٕ سے کیاہ؟ میٚے نے کینہہ ہیوٚن
دِین چھُم، ژٕ سے تہٕ چھُم اَخر۔ ہتو ٹاٹھیا! یتھ چھ
وَنان قوم۔ یمیتہِ چھے آسان فقط ثواب، جزاہ
سزاہ، حلال، حرام، نجس تہٕ پاکی منز کیھ
چلان۔ یمیتکی روزن والی چھہ پانہٕ سبز دستارِ
یان زِ سیدنہٕ تہٕ سفید دستارِ یان زِ ملہٕ یمیتہِ
وُچھِ ہیکھ ژٕ جایہ جایہ پانہٕ شریعتس پیٚٹھ پکن
والی عالم نہٕ تہٕ مذہبس پیٚٹھ داد کرِتھ پاک
تہٕ پرہیزگار ناکھ۔ ژٕ وُچھِ ہیکھ یمیتہِ ساری
زرد بچھِ، شش تہٕ گوبرسان۔ یمیتہِ ہرگاہ کانہہ
نیہ نیہ کرِ دٕن تہٕ اَسہ دُنہٕ بچھِ وُچھن، تس
چھِ منافق تہٕ بدکار زانان، اَوے چھُس بہٕ پور
وارِ تھ آب زِ ہوا بدلاونہٕ برٕونٹھ پینہٕ خیچھ بدوالان
موقہٕ تہٕ جاے وُچھتھ کیاہ چھُس بہٕ یمیتہِ پاکی
گندگی، صاف تہٕ ناصافس کُن بدٕ حبس تھوان۔

شوٗکھس چھِنہٕ ژیتہٕ کمبر یمتھِنہٕ ونیٛتھ تام زانہہ ڈوکھ
تہٕ ژایہِ، رکوعہٕ پیٹھ وۅتھانی نہ چھُس کلہٕ ٹیس
نہ ازٕ تام پتھرِس سیتھ لوٗگے زانہہ، سجدٕ پیٹھ
تلاوٕنی۔ رکوعن وٕسِو وٕسِو چھُم کمبر چھٹان تہٕ
سجدٕ کرِی کرِی چھم ڈاکس بستہٕ کھسان۔ توتہٕ
چھے پانس خبر زِ بہٕ ما لگہٕ ہا اکھ۔ قبلچ تہٕ اسمنہٕ
خبر مگر توتہٕ اوسُس مُسلمان، اماپوز یوروٕ اتھ چھُسے
قبلس کُن بُتھ کرِتھ شونگان۔ یٔیتہِ چھُے مےٚ
پننِ اَمِس وَنہٕ آسنہٕ کھۅتہٕ تہٕ خبر زِ قبلہٕ کیاہ چھُ۔ دٔچھُن، کھوٚور یا جنوب تہٕ شمال ژارنس
منز ہیے اَتھ وۅہ کُنُوہ فرق گژھِہم، قبلہٕ ہاوُنس
منزٕ گژھِی نہٕ مےٚ اِنہہ تہٕ فرق۔

بڈُ۔ اَدِ سہ، یہ گو ژٕ ونان چھُکھ، مگر توتہٕ
کیاہ مےٚ اَکھ سیٹھا ؟ بہٕ چھُس وار کار مُسلمانا
آسِو چھے۔ خُدایس، رسولس تہٕ قیامژ پیٹھ
چھُم یقین۔ وۅنی کیاہ گوٚو ژھم بٔیہِ اَسُن نِسہ
ییژ ہٕعہِ ہٕ ہرکُس ۂیہ ؟ میانہٕ دُسو اندی یِہ یِہ۔

درویش۔ ہے ژٕ ونان کیاہ چھُکھ یہ زِ مےٚ کیاہ اکھ سیٹھا ؟
تہٕ کیاہ گوٚو ؟ ژےٚ ہسہ چھُے اَکھ سیٹھا یہ زِ یہ کرنہٕ
سیٹھا کیاہ مرکھ نہٕ ژٕ بٔیتہ بوچھ بوچھ کران۔ تہٕ نہ
کرنے منگسارے۔ یمن ملن چھنہٕ خبرے خُدس
منز روزُن کتھ چھ ونان۔ یمن گژھِہ چُون یتیے
یوت فکرِ ترُن ژٕ چھکھا پُرزی یاتھو مُسلمان کُنہٕ

نہٕ۔ ہرگاہ ژٕ مسلمان آسکھ تیلہٕ چھُے پتہٕ شرح نیبر
اکھ رژھ تہٕ نیبرن۔ تہٕ زن گو اگر یمن فکرِ ترِ ژٕ
کیاہ چھُکھنہٕ زانان قورآن مجید اکھ موجزٕ تہٕ
یاعِدٕ نہ کرنہٕ آمژ کتابہٕ چاہے یہ کلام پاک ژٕ مےٚ
فکرِ ترِتھ تِمنہٕ یا مےٚ تہٕ ترِتھ تِمنہٕ، بٔیہِ ہرگاہ نہٕ ژٕ پڑٕ
احتراہہ تہٕ خاص انداز سان تلاوتھ تہٕ قرتھ
پرِکھ، تیلہٕ کیاہ سہ گالنے یِم ییخ تام۔ خُدا
مہ کرِن اگر یمن کنن گژھِہ زِ ژٕ کیاہ چھُکھ صوفی
ہتہ سہ، تیلہٕ چھُنہٕ کتھے، بہٕ چھُسے چاٗنِس
ماٗلِس ماجہ ہنز ذرے ہاوان، دندو سیٹھا
کھِنے تکہٕ تکہٕ تکیاہ زِ یہنٛدی کنہٕ چھُے صراط المستقیمس
پیٹھ واتنچ بس، یہاٗسے اکھ وتھ زِ صوفی گژھِہ
ژھۅ یِہو سیٹھا اَڈٕ مور کرُن۔ بابا! ییتھ کیٛا با
چھ قُم ونان۔ بوزتھ۔ ییتیتھ ایمان وچھتھ
چھُدٕ اسمان تہٕ بارو دِوان۔ ییتم کیاہ چھُ رونزا
میرزٕ ابوالقاسم مجتہدیُن اگر یژھ یُس
مذہب خویش کرِیس سہ ہیچھنا وِ لکن شخصس
چھُ یہ چیلُن زِ دَپان پادشاہس سیٹھا یہ چھُ
منٛنہٕ مینتھ کھیوان تہٕ تسند فرمان چھُ زانان
یوٗہے چھُتہٕ آسوتن۔ چھُتہٕ یتھ یاٗتھو بدٕ رٕت
موہنیوٗ مگر یوٗہے چھُس عاٗب زِ درویش
تہٕ صوفیَن ہنز چھُس سَخ رِش تہٕ اَسہ ہیوٗن
نکن چھُ ذلیل تہٕ نیچہ نظرِ وچھان۔ نتہٕ چھُسنہٕ

موٗلوٗن گیئہٕ۔"

یِمہٕ کتھہٕ بوزِتھ ہرگاہ وارِیاہ کالی نِماز پرٕنۍ میانہٕ
خاطرٕ مُشکِلے اُس اما پوز وٕچھنُک مصلحتہٕ نظرٕ تل اٚنِتھ،
خاص کٔرِتھ تِکِن منٛز یُس پان پیوٚر گٔژھِہ کینٛہہ گُم نہٕ نِماز
پرنَس کانٛہہ چارٕ۔ بہٕ چھُس وونۍ طہارت تہٕ وضوٗ کٔرِتھ
تیتھہٕ پٲٹھۍ نِماز پٔران زَنتہٕ خدایَن آمی خاطرٕ دُنیاہس
اوسُس اوٚنمُت۔ پوز گو یمہ زِ گٔھڈِ گٔھڈِ بٲسیوم
نِماز پرٕنۍ کلہٕ دود تہٕ تفریقے۔ مگر یتہٕ ییلہٕ ہال ہُرِژ گُم
گژھنہٕ، مےٚ دوٚپ، نہٕ، ناکارٕ کام چھےنہٕ۔ غم دفٲیی
تہٕ وَخ کٹہٕ ونہٕ خاطرٕ چھُ جان شُغل۔ صبحس اوسُس
بانگہٕ وِزِ ووٚتھان تہٕ تلاوَس بیہِتھ گژھان اوسُس
شیعن ہِنٛز کاکلہٕ سان تٕژ فضول عادتہٕ موٗجوٗب ٹھیکی
ٹھیکی وضو کٔرِتھ صبحس رینٛچہ والان۔ اَمہ پتہٕ اوسُس
سارِنۍ بروٚنٛہہ کنہٕ ییلہٕ ساری مےٚ کُن وُچھان آسہن،
بَڑ بَڑ نِماز پٔران یتھہٕ ساری بوزان آسہ۔ اتہٕ اوسہٕ
وونۍ کانٛہہ تیتھُے یَس مےٚ ہِشۍ ہِشۍ شکل یا یُس مےٚ
ہیوٚ اُچھیٹ آسہ ہے۔ شوٗہس زن اُس لعنت پٔشپان
پرہیزگٲری ٹھیکتس تہٕ مکٲرل وَرتاونَس منٛز یاں زِ
بوٚن گئے وُچھن، ہرنۍ ووش ٹراونۍ، وُٹھن بیۍ حرکتھ
کرٕنۍ، ٲکھ ژھوہ، لاگنۍ، بتھہ چارِتھ رٹُن،
چَل ترارتھ کھالُن تہٕ زوہہ گوڈر لاگُن، یِمن چیزن
منٛز واتہٕ ہے بہٕ وونۍ خود درویش یا میانہٕ گرد تہٕ ٹیکس
کوٗرُم پانے آخ۔ بگونژھہ ژھینم منٛز باگ ملے کاسِتھ۔

تہٕ اُچھن لوگُم سعہ رِہ۔ سجدٕ چہ چاپہ ہِنٛز نشانۍ چندٕس
منٛز، تسبیح اَتھس کیتھ، مسواک گیڈٕ کمرس گنڈِتھ
تہٕ جبہ رابو ورائے کھوٚرن تیٛمز سلیپر چھتر الاگِتھ
گوس وارٕ تہٕ کارٕ ملجداہ ہیوٚ بٔنِتھ۔

جَل جَلے لوٗگ تِکن اتہٕ پتہٕ ژہ زِ بہٕ چھُس
استانس منٛز چھپنہٕ آمت۔ یہ مےٚ درویشن ووٚنمت
اوس زِ پرہیزگٲری تہٕ زوہد ہاونس کیا خام چھیتھ
چھےٚ، تہٕ ہیوٚتُم وونۍ اُچھو وُچھن۔ میانہٕ گوٚ کیژہ
گیہ میون بٔتے گوناہ آسنچ کرتِھ ساری ہیے تہٕ دپان
آسہ "یہ زیور چھُ ہانٛز لوگمت تہٕ اصلی چھُ حکیمسے
راہ۔"

مےٚ گیہ بَڑین عالمن تہٕ ٹھٔد پایہٕ کین بزرگن
سیتۍ زان۔ اوٚت بیہِتھ تہِ وانہٕ کتھہٕ زِ دپان اُسم "ہرگاہ
زِ یتھہٕ استانس منٛز چھپنہٕ اُسہ ہیوکہ آہتۍ، اُسہ نمہ ہیوکہ
توہی پننس مسجد شریفس اماماتھ کٔرِتھ۔" مےٚ وُچھ
زِ یہ ہیچ پرہیزگٲری سیتۍ چھُ انسان دانا تہٕ
عاقل آسنس منٛز بڈٕ ناماوار گژھان۔ یوٚتس پتھ
تسبیح پھرنہٕ سیتۍ، چوٗنٹھ وانہٕ سیتۍ، ہرنۍ تہٕ غمہ
ہتۍ ووش ژراونہٕ سیتۍ گیم یژ تہیچہ تہٕ موتبری منٛز
وُتہٕ ییلہٕ۔

پننہٕ چند کھٔنڈی ورنۍ خرچ کرنہٕ ورا سے تہٕ
مُفتک کھین چناہ بروٚنٛہہ کُن واتنہٕ کینٛہہ چھہ بہٕ
تہٕ درویش دوشوے اکھ تماشہ کران۔ زنان اوسہٕ

میوٚ، ماچھ تہٕ گیوٚدار ژوچہ اَنس تھکھے گژھان
یہٕ تہٕ اوسکھ گاہ بیگاہ نرِ گنڈُن تہٕ نالہِ کیٚتھ
تراوُن تاوٚپراہ دِوان گڑان۔

موٚختصر یوٚدوٚے ییٚہرِ کینہہ اَسہِ جان پاٹھی
بہنہٕ دوٚہ اَسی ییران، اکا یوٚز اَسہِ اوسنہٕ اَتھ کانہہ
مرِ تے لگان اَندری کینہہ۔ وارہٕ وارہٕ ہیوٚت دُرویشس
تہٕ تیہہ تہٕ زن تِس شہ اَسہِ وُن بُتھے رٚوٚد۔ اَخرچس
یہٕ دہکی گاٚنٹہٕ وادیم وُری بدنٕ یاتی باسان اَسی،
گُساونہٕ موٚکھ درویشس وُنان زِ ژٕ گژھ مے
ساریے دُلیلہ بوزناوان یمہٕ ژٕ سے ژٕ تِس چھے۔ سہٕ
دلیل تہٕ بوزناوٚم یوٚسہٕ ہوٚتھ سُلطانس منز ڈالانس
بیٚہتھ بوزناوان اوٚسکھ توٚتہٕ بلاے ژٕ ھنس یتھے پاٹھو
کڈو وٚرخ۔

مے چھُ ژٕ اَن فِکرِ زِ کتاب پرَن والی تہٕ اَسن
میانی پاٹھو وٚونی تنگے آمتی۔ فاریتھ پاٹھو درویشن
مے غم: فائی کرٕ یہٕ تہٕ کرِ تیتھے پاٹھو تیہنزٕ تہٕ غم دفائی
یہٕ بوزناوہٕ تہٕ توہہ دُلیلاہ اَکھ یوٚسہٕ یہٕ تمو درویشن
بوزنووُس، اَدٕ تعہہ یہٕ دلیل خوش کرِتو یا مۄتہٕ
کرِتو۔ توتہٕ ژٕرو، فِکرِ زِ اَستانن منز بچارین چھپین
والین کیتھ پاٹھو چھے غم دفائی گژھان۔

# برزمژ کلہ ہیر منز دلیل

رومس منز یُس اَز بادشاہ چھُ، سہ چھُ بڈ پاک
شنی، شرع پالن وول تہٕ دیندار بادشاہ۔ ایمان چھُ
وُنتہٕ ییٚتھ پٚکنس تہٕ ذہنک ناوزِ ندِ تھوٚونس تہٕ شرعس
راچھو کرنہٕ خاطرٕ چھُ بڈ سخ۔ ییٚلہٕ یہٕ تختس بیوٚٹھ
اَمہِ دیاو ناو پارٕ سے زِ ییٚتھ ملکس منز یم کثیف تہٕ
بد رسم کافرن ہندی موجود چھِ، تِم پیزِ تکن یکدم
ژٕ اَوٕ تھ ژٕ ھنہٕ تہٕ مشراونی۔ اَسہِ ییٚنہ پرٕ یتھ چیزس
منز سادگی ورتاونی تہٕ پرٕ یتھ کانہہ چیز بیٚنہ پاٹھو کاہ
منزٕ اَنن تہٕ سے پرٕ ون قونونن تہٕ ترٕ تھے پادشاہ چلاونی
پرٕ تھ سانہٕ ترکی پادشاہو ییٚتھ کالہٕ چلاوہرِ چھے۔ اَسہِ
ییٚنہ نوٚسرِ بلیہِ سوہے حوکومتھ زِندٕ کرِنی یوٚسہٕ اَسہِ
ژٕ اوٕ تھ ژٕ ھنہٕ مرٕ اَس۔ یلہٕ بدلاوِ تھ راتھ کیٚتھ
روندس پھیرنک یُس رسم اَتھ ملکس منز پادشاہو
مشروٗمت اوس، سہ کوٚر اَمہِ بلیہِ ژٕ ند۔ پانس تہٕ پنین
نفرن رنخ بدلاونس کیٚتھ اوس بڈ سخ ھنگر یتھ پاٹھو
اوس یہٕ کیتھ کٹھیتھ لکھوان زِ کانسہ تہٕ اَسہِ گنش کن
خبر گژھان۔

یمنے دوہن اوس ترکی علاقن منز خاص کریتھ
استانبولس منز سخ فساد ووٚتھمُت۔ پادشاہ اوسن
یمن علاقن منز پانہٕ پھیریتھ تکن ہند حال وُچھن
یژھان۔ اَمہِ کوٚر پننہِ جایہِ شخصن نہٕ اَنزی کہ لبہٕ تھوٚو
تہٕ رنخ بدلاوتھ گژھس نیرُن پننین خاص وزیرن
تہٕ یارن دوستن نِش تہٕ ژٕ وٚرہی۔ اَمہِ کینہہ ہیتی اَمہِ
واریاہ بیٚرنہٕ رنگہٕ رنگہٕ کپرٕ اَنناونی۔

پننِس اکِس خاص غوٗلامَس یِس منصوٗرِی ناو اوس تھوٗوُن مَنٛز پُتھ سہ ئوٗی پَلَو سوٗتۍ معہ کھ اکِس تِتھِس ہسٛرس اَنٛدیِس یُس کانٛہہ تہٕ زانہٕ ییسی کوٗرِنِش تاکیٖد زِ اَتھ گژھ نہٕ کانٛسہِ اکِس تہٕ خبر روزٕنۍ۔

منصوٗرین کوٗر زمیٖنَس میوٗ ہٹہٕ تہٕ دٕراو۔ یہ چھ ژھہ پأری وٕنۍ دوان۔ اخر پیٖیس برانٛہ بازرس منٛز یِمیس اکِس پیٚٹھ نظر۔ امیس اوس کوٗب دٕراھت تہٕ کأم کرِی کرِتھ اَچھن ہٕنٛد تیل زالنہٕ کِنۍ اوسُس اَچھن عأنٛکھ لوگمٕت۔ واناہ اوسُس پُتھ نہٕ امِس ورائے واتِھی نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ تِتھ۔ یُوہے وُچھُن ٹیٚپہِ دوان۔ دوٗپُن "میٚیے لگٕرٕ تہٕ یُوہے"۔ نی زِیچھ وأتِتھ کُرنَس سلام تہٕ دوٗپُنَس: "یِمَن کأہ ژِہن تھاوی نے وارہٕ اللہ تعالاٰ" پننہٕ کامہِ منٛزمَس آسِنہٕ کِنۍ بوٗزُے نہٕ بُڈان کوٗ ڈیٚپہ یِیٚلہِ کنَن آواز ہیش گیٚس، اَتی تُلُن کلہٕ تھوٗد۔ یانۍ امہِ یانَس بڑوٗسیٚٹھ کِنہٕ جان یِزتہٕ وول انسان اوٗ وُچھ اموٗ کوٗرنہٕ تَس کُن غور ہے تہٕ دوٗپُن میٚے تہٕ یِتھِس انسانَس کأم کیٚاہ، یہ آسہ بیٚیہِ کانٛسہِ ژھانٛڈان۔

منصوٗری ہٕنٛد وَن نہٕ وَن کرنہٕ کِنۍ یِیٚلہِ بُڈِس فکِر توٗر یہ چھ میٚے ژھانٛڈان، عأنٛکھ تُلُن تھوٗد تہٕ کأم تھٲوِن لوٗب کُن، تہٕ ژاہ کوٗرُٹھ کرِتھ بیوٗٹھ بُڈہٕ اَدبہٕ سان، پتہِ کِس پیٚٹھ اَتھ تھوٗوِتھ پُھس منصوٗری وَنان۔ "ہا! ہا! ژٕ مہ کر یوٗت تکلیف، ژٕ کرِ پننۍ کأم یہ وَنتہٕ ژٕ سے کیٚاہ ناو؟"

ہسٛر۔ تِہٕنٛدِس یِمیس غوٗلامس حضرت چھ ناو عبداللہ مگر یار دوس چھِم عوٗبلاہ بابہ کرِتھ وَنان۔

منصوٗری۔ ژٕ چھکھ ہسٛر؟

عوٗبلاہ بابہ۔ اَہن خَھن! ہسٛر تہٕ چھُس تہٕ گاڈٕ بازرٕچ مسجدِ ہُنٛد بانٛگو تہٕ چھُس۔ فرماوِو خَھن۔ کیٚاہ حُکم چھُ؟

منصوٗری۔ اَدٕ خَھن گوجان! میانہٕ معہ کھ ہیکھ ژٕ تکلیف دِتھ میٚے سیٚتۍ اوسُے یُن۔

عوٗبلاہ بابہ۔ اَہن خَھن کأم وٕنۍ توم کیٚاہ چھِم کرٕنۍ، کأم کرنہٕ معہ کھے چھُس نہٕ پیٚتھین بہتھ۔ فرماوِی توٗ۔

منصوٗری۔ ہیش، لہ تہٕ لہ تہٕ کر کِتھ یُتھنہٕ بیٚیہِ کانٛہہ بوزِ تہٕ ماٹلہِ گژھ خراب۔ دوٗپہے ہسہ انہٕ نصیف شبٕس باگی یہے بہٕ جایِنس یِتھ دانس پیٚٹھ تہٕ اَچھن پیٚٹ گنٛڈِتھ نِمِتھ یانَس سیٚتۍ کر پلو بہٕ چھ اکھ وُچھنہٕ معہ کھ۔ ژٕ ئے چھیہِ منظوٗر یہ؟

عوٗبلاہ بابہ۔ او تہٕ یہ چھے بدل کِتھ وُچھ خَھن اَتھ فتح نوزُک تہٕ خراب۔ بُڈین بُڈین چھ از کلہٕ نَوان ژٕ نۍ ژٕ ڈی تہٕ میٚے نۍ چھِنہٕ کِتھے۔ میٚہ مسکین ہسٛرٕ سُند کلہٕ چھا وزیر یا بُڈِس افسر سُند کلہٕ کھۄتہٕ اوٗرے؟ وٕنۍ گوٗ ہرگاہ اُد موٗذوٗری ترٕ م تیٚلہِ پیٚے تِمَن شیطانَس کِتۍ پلو سوٗتۍ ژنہٕ کر۔

منصوٗری۔ اَدٕ سہ چھکھ تیٚلہِ تیار؟

یہ وٕنۍ تھے تھاوی نس سعہ نہٕ سُندی زِ یوٗنٛڈا اکھس منٛز۔

عوٗبلاہ بابہٕ۔ منظوٗر، گرٕ ھو حضرت موٗن اُسہٕ۔

فاصلہٕ سپُد یہِ زٕ نصیف رائٕ ژ ییہِ منصوٗری عوٗبلاہ
بابہٕ نِس وانس بیہہ تہٕ اُچھن پیٹ گنڈتھ نہٕ تس
بانس سیتی۔

ییٚلہٕ عوٗبلاہ بابہٕ وانس بیہہ کُنُے زوٗن رۄد۔ کامہِ
کران کران ژھِ بانہٕ سیتی فکرن منز راوان زٕ اکا ئی: ژھۄن
پیٹ گنڈتھ اُمی سُند مے بانس سیتی زنس منز کیاہ مطلب
ژھُ۔ ہاز بہ اُری ہانز یہِ رژشینہِ ژھیہِ زنانہٕ بوزناوہٕ
معہ کِہ برادوٗن وان سلی تہٕ دژاو گاڈ بازرس نکھہٕ ہنِن
گرٕ کتن۔

عوٗبلاہ بابہٕ زنانہٕ دلفریب اُس بحرس تہٕ کوہ برس
منز عام تہٕ غام رینس ہش۔ تمہِ ییٚلہٕ سعہ نہٕ پنڈکی
پونڈ جوراہ وُچھہٕ تمہِ دوٚپ وہ نی ین دو ہے دار
رکنز بیچھی عُشنز۔ تمہِ زٕ نی سبزیاہ، کبابہٕ تہٕ میوہ تہٕ موزٕ
بیتر تہٕ انناہٕ نی۔ اُری پاٹھو کوٗرکھ دو شو ہے باٗزو
کھین چِناہ تہٕ بیہِہ جنیبہ ہش دِمہ ٹیٹھو ہناہ تہٕ۔

عوٗبلاہ بابہٕ رۄد پنس لفظس بیہِہ تہٕ منصوری
رۄد تسنڈ کھوہ تہٕ۔ دو شوے سُمکھوٗیم نصیف رائٕ ژ
عوٗبلاہ بابہٕ نِس وانس بیہِہ۔ منصوریٚن گنڈ عوٗبلاہ بابس
اُچھن پیٹ تہٕ دژاے لعہ تہٕ پاٹھو۔ زنکیو تہٕ بڈیو کو ژھو
منزبہ واتنووُن بادشاہ سندس محل خانس منز تہٕ اکہ
لعہ کٹہٕ برکنز ژونُن بادشاہ سندس خاص کمرس منز۔
عوٗبلاہ بابن ییٚلہِ اُچھ مُژراو، کمرہٕ وُچھن ییتھ

ساری ہیے نفیس تہٕ رتہٕ کھوتہٕ رتی قالینہٕ وُتھرتھ
اُسہٕ۔ پلنگ اُسہٕ قسمہ قسمہ رنگدار کپرو سیتی ہیرتھ۔
مگر گاشاواشاو اوسہٕ اَتہٕ کینہہ۔ صرف اوس اکھ
ژونگ دزان تہٕ تمہ تہٕ اوس گاش سعہ تیوٚمُت ینعکو ریٚن
بیہنوو عوٗبلاہ بابہٕ تہٕ دراو۔ رژھ کھنچہ آو بیہِ کانژن
شالن ہنڈ بعہ کھچہ ہیتھ واپس۔ اکہ بعہ کھچہ منز کوٗدن
درویشی ہنڈ رخ تہٕ بیٚیہ عوٗبلاہ بابس ہاوتھ ونن:
"راٹھ سہ یہِ وُچھ واہ پاٹھو تہٕ یہِ ونِ ہیچھی پلو شونس
کوتاہ ورخ لگی ژہ ہے۔ وُچھتہ ہتاؤ زٕ بیٚیہ ییتھ
بعہ کھچہ ہنہ منز۔ ییتھ ہنہ اور پور ڈالکھ ییوتام ہئ اور
ہیچھے۔"

عوٗبلاہ بابہٕ ژھِ اکھ تلہ بیہِہ اور پور پھیران تہٕ
دار پاٹھو وُچھتھ کرتھ تہٕ پانی بانس سیتی بوزشوز کرتھ
تھووُن بیٚیہ اُکھی بعہ کھچس منز گنڈ کرتھ۔ اکھو منز
ژاو اکھ کمرس منز تھوو تہٕ ہیمانِ انساناہ اکھ ییس
کُن وُچھتھ عوٗبلاہ بابس ہیر بیہِہ بدن تانی تھر
تھر وُژھ۔ کمراہ باقاہ کرنہٕ وراٗئی تُل اُمی یہِ بعہ کھچ
تہٕ دراو۔

اکہ پھیرتھ تلہ اوسہٕ وُنہٕ عوٗبلاہ بابن سندو رہتے
زٕ پیوٗنت کھنڈ گژھتہ ہژ روٗدکھ بیاکھ بر تہٕ ژاو
اکا ہوٗرت یہِ شاکھ لاگتھ شخصاہ اکھ ییمس گوڈنکہ
بعہ کھچکہ پاٹھی کانژن شالن ہنڈ بعہ کھچ سیتی اوس۔
یہِ بعہ کھچ تھووٗ اُمی عوٗبلاہ بابہٕ نِن کھعہ رن برونہہ کنہٕ

تہٕ تس سیتؠ کلامہ یا اُچھ ژٕتلنہٕ وَرائے ڈراوزٕ ہیتھ مینٛوٹھ کرِتھ پتہٕ پیٹھی واپس۔

عوٚبلاہ بابہٕ چھُہ پانس سیتؠ سوچان۔" پانا! یہ چھِنہٕ ناکارٕ کأم کینٛہہ تہٕ ظأہرا چھُ مےٚ بوٚڈٕ موٚہنیو بنُن۔ اَما پوٚز یتھ کامہ منٛز یوٚدوے تقاضہ تہٕ آسہ نو تہٕ چھُم وانس ہیٛنس پیٹھ ہیٛنہٕ ٹیٛنہٕ ہیٛنہٕ غنیمتھ باسان۔ زانہٕ خودایہ کمہ موکھ چھُہس یور اوٚنمُت، زیوٗن کنٛڈ کرِتھ یمہ بدلے آدم ذاتھا یور اَژان ییران چھےٚ تہٕ وُچھتھ چھِنہٕ مےٚ بہان میانہٕ یتھ کامہ کیٛاہ نیرِ رُت تہٕ ہرگاہ پرژھ نیرزِ ہاد تہٕ کھوٗ تہٕ یم مےٚ سیتؠ کتھ باتھے کرِہن تی اوس جان تہٕ مےٚ تہٕ نہٕ ہیٛے آخر کوٚ خاطرٕ چھُہس یہ یور اوٚنمُت۔ کرِتام چھُم کُنہِ گومُت زٕ زنانہٕ چھ بوہرن منٛز سوٗتھ کوٚلہ ژراوان، مےٚ چھُہ فکر ژان ظأہرٕ چھُہس یہ بوہرٕ شوٗنہٕ موکھے یور اوٚنمُت۔"

عوٚبلاہ بابہٕ چھُ پی سوچان زٕ منصوری ژاو۔ کانٛہہ تہٕ کتھ کرِنہٕ وَرائے چھُس دپان۔" ووٚہتھ سہ تُل یہ بوہ کھچہ۔" اَمہ پتہٕ گنٛڈ نس اُچھن ہیٛنہٕ پٹ واتہٕ نوٗن تتھ جایہ ییٚتہٕ پیٹھ اوٚنمُت اوس۔ ہیٛنس وعدس پیٹھ رُوزِتھ ووٚتھس عوٚبلاہ بابہٕ یورے زٕ" تٕریہ دوٚہہ آسی تیار۔ سوہ نہٕ سنٛدی داہ پوٗنڈ ہیٛتھ پتہٕ تہٕ نیرِ واتہٕ پیٹھ

زمانہٕ پتہٕ زیاد ہا کالس پیار ووٗنی نہ تھوٗنہٕ موکھ ڈراو عوٚبلاہ بابہٕ ووٚنی جَل جَل گرِ کُن۔ وَتہٕ چھُ پانس سیتؠ ونان۔" پوٚز ہے پوزٕ، یوٚدوے یتھ کامہ تکلیفے تہٕ لگہ، مگر تیٛتھے چھِے کأماہ تہٕ۔ اَر ژوٚٹاہ سوٗز خدا صأبن مےٚ یتھ بجرس منٛز۔" صُبحہٕ پھوٚلنس آسہ ہن پیے کأنٛہہ جوراہ تارہ مہو رٕ وٚدی ہیٛتؠ نہٕ گرٕ واتتھ کوٚرُن برس ٹھک ٹھک۔ زنانہٕ مُژرووُس بڈٕ ہیٛرز تہٕ سان برتہٕ یہ بوہ کھچہ رٕوٚٹمتس دوہن اَتھن منٛز۔ عوٚبلاہ بابہٕ چھُس بڈٕ ونان۔" دِلفریب جانے! مبارک ہے چھےٚ! کأماہ سوٗز خدا صأبن۔ گیہ ہے کأماہ تہٕ یُہے وُچھکھ پانے ییٚلہٕ سوٗتھ موکلہ، موٚزوٗرِ کأژاہ تہٕ؟" دِلفریبہ پھوٚل تُھس اُسُن تہٕ چھِنہٕ ویژان گُنہ۔ اَمہ ہیسرِ شوو بوہ کھچس گنٛڈ مُژرُن زٕ عوٚبلاہ بابہٕ ووٚتھس: "ہا، یہ تھوٚو اَتی، اَتھ کیٛاہ ژیر گو۔ یکھ ووٚلہ نیٚنٛدراہ ژاو پانس۔"

دِلفریبہ دوٚپُس۔" یوٚت تانی تہٕ یہ بوہ کھچہ وُچھ زٕ کیٛاہ ہیٛتھ چھکھ آمُت، توٚت تام نہٕ ییمہ نیٚنٛدرے تہٕ نہ قرارے۔" اَمہ پتہٕ نیوٗن یہ بوہ کھچہ ژأنٛگس نش تہٕ مُژرووُنس گنٛڈ۔ اَمہ کیٛاہ وُچھ اَتھ منٛز تہٕ اَمہ پتہٕ کیٛاہ آسہ یمِن گومُت، یہ ترٕوٚتوہ ہا پانے فکرٕ، یہ بوٗزِتھ زٕ یمو بچار یو وُچھ بلوو بدلہٕ اَتھ بوہ کھچس منٛز دٕچھ ہیٛنہٕ اَکِس منٛز اِنسان کلہٕ ہیٛر گنٛڈ کرِتھ۔

یہ اِنسان کلہٕ ہیوٚ اُمِس دِلفریبہ اَتھو منٛز ہیو۔ گوٚوڈٕ وُچھ دوہ شوٚپے با ژوٚ اُچھ تہٕ گیہ زن غوٗطن اَمہ پتہٕ گیہ ہے ہبٕنٛگہٕ موکھ دوہ نوٗنے رُوزِتھ تہٕ چھِ اَکھ اَکِس کُن تیٛتھ پا ٹھو وُچھان زٕ نہٕ تگہ مےٚ ونُن نہٕ توٚہی بوزُن۔

اَمہ پتہٕ چھُس دِلفریب کرِ ہکہٕ دی دی ونان:

"بڈٕ رژ کأماہ ہیٛتھ چھکھ آمُت، پارٕ ہو گوٚرژھے لگُن اَتھ کامہ! دوٚپمےٚ ہا! یہ کیٛاہ ہیٛتھ چھُکھ آمُت؟ یتہٕ اوسہ اَسہ گرِس کمےٚ تاوُن ہیوٚمُت ژٕنے گرژھہٕ ہکھ تہٕ ییٚتہٕ دوٗرٕ پیٹھ پھیٹکھ اِنسان کلہٕ ہیٛر ہیٛتھ۔ ییٚتھو

رِکھ چھِیہ پکھ شونٛز ہیٚبیہ تَنٕے ترٛٹھ ووٚنی۔"

عوٚبلاہ بابہٕ: ہَنہٕ ژٕ مٕے تمن مٲلِس ماجہِ لَعنتھ پیٚیہٕ ہَو مٕے یہِ بَلاے پُشرٲو۔ مٕے ترٛیوو تمی وِزِ فکرٕ ییٚمہ وِزِ تمو کرٕ سینہِ ہوٚنی مٕے اَچھن پٮ۪ٹھ گنٛڑِتھ دِپیو زٕ ژھوہ یہِ دَم کرٕ۔ مٕے اوس تمی ساتہٕ دِلس دُپھ دُپھ گژھان تہٕ دِپیوم زِ پانہٕ اکھ تَمام دلیل چھُے۔ چور تہٕ بیقل آسِتھ تہٕ اوسُم فِکرِ ترٛان زِ آمِس سیتی گژھن چھِنہٕ یلہ۔ وُچھتہٕ ووٚنی ناوَن زِ دٕسنٛدی ناوَن زٕدَن کیتھٕ پاٹھو چھِنہٕ پلوو بَدلہٕ انسان کٔلہٕ ہیر اکھ ہُنٛز ٹھوٚ پھرٕ پروردگارا! ووٚنی کیاہ کَرہ تہٕ کوت گژھہ؟ وُچھتہٕ چھِمہٕ خبر زِ گرٕ گژھتھ رٕٹن تہٕ ژٕٹن تہٕ دِپِس: "ہَیا ہوٚنہٕ ہٕنٛد چھِہ ترا اِیہِ وِزٕ ٹھاہ پلو۔ رٕٹو یہِ بہ کھچہٕ واپس"۔ وَنہٕ تہٕ ووٚنی کیاہ پٔنہٕ پُلِسہٕ افسرٕ آسہِ مٔفرٕ ساساہ سیتھ پکان۔ سُہ کَرِہ گرٕ لوٚٹھ تہٕ منٛگیم خوٗن کَرنٕس ماوضہٕ۔ نارس دٕما نرٕ تمہِ ساتہٕ۔ کرٕ کیتھ شوٹھس چھٕ پھِہ ٹھشن۔ یا چیرٕ نمٕ ہوٚٹ نَتہٕ والتمٕ زٕنٛدِ سیٚے مُسلہٕ تہٕ بَرنمٕ تَنہٕ گاسہٕ۔ دِلفریبٕ جانِے! امود مِن کانٛہہ تدبیراہ کرٕ تہٕ خوٚدایہ سٕنٛد پاسہٕ۔

دِلفریب: گُنہٕ پاٹھو تہٕ چھُسے یہِ بلایہ کٔلہٕ پیٚٹھ وٲلِنہٕ ژُھیے آدمو قحط چھا زِ ٹھکہٕ شکر روزٕ آسی نِش یہِ بلاے؟

عوٚبلاہ بابہٕ۔ ٹھیکھ! ووٚنی ہیٚے ہیٚو تمٕ کاش ہیو،

یُن۔ ووٚنی یہِ کرٕن چھُے یہِ کرٕ تہٕ جَل جَل پہن۔

دِلفریب۔ مٕے چھُے اکھ سوٚنچ پٕلان۔ سٲری ہمسایہ حسن کانٛدرس چھُ ووٚنی توٚنٛدرٕ زالُن۔ اور چھُ سٲری ہمسایہ لیٚچھ تہٕ دیگہٕ ژَنہٕ مَوٚ کچھ سوٚزانٛے زیاستر چھِ شاہیے لیٚچھ بیتر توٚنٛدرس نکھ ترٛاوِتھ گژھان۔ اَسہِ ہنہٕ کیاہ ترٛاوون یہ یہِ انسان کٔلہٕ ہیر لیٚچھ اَکِس ہنٛزٕ تہٕ تھووون اور یِ لیٚچھن سیتی تہٕ لیچھاہ اکھ۔ یہِ تن اوری پاکھٕ ونٛہ یَتہٕ چھا چیٚنٹ لیٚچھ انِنہٕ گژھن۔ لیٚچھ گژھن اَزٕ دَس، آمان پوز بلایہ گژھہِ حسن کانٛدرس نالی تہٕ اَسو گژھو شِنٛگو نلی موکلِتھ۔

عوٚبلاہ بابہٕ۔ چھُہ زنانہٕ ہُنٛزٕ عقلہٕ شابٲش کرٲن۔ بُلو کھ پاٹھو ترٛاوِن یہِ کٔلہٕ ہیر لیٚچھ منٛزٕ تہٕ لمو تہٕ پاٹھی تھوٚون یہِ لیٚچھ بیٚین لیٚچھن سیتی توٚنٛدرس نِش تہٕ کانٛسہِ کَنٕس کُن خبر گژھنہٕ وٕرٲے درٲو ژٕورٕ پاٹھو واپس۔ ووٚشے باڑٕ ٹھوکھ بَرس ہانکل تہٕ دِچھہن تہٕ شالہٕ ہن ڈٕلچھ تہٕ شونٛگو پانس۔

حسن کانٛدرس اوس نیچواہ اکھ۔ تس اوس محمود ناو۔ یم دوٚشوے مٲلی نیٚچھر آسہِ پرہیزگاری منٛز ناسی۔ ییٚمہ وِزِ یم توٚنٛدرٕ زالان آسہ ہوٚنی اکی میوٚت سنٛگ پاٹھو یمن وانِس بُرو ژھٹھ کنہٕ ووٚرُت۔ یہ ہوٚن اوس دوہے یمن وانِس نِش ژوچہ ٹھُلی بیتر کھینہٕ یوان۔ تہٕ یمن تہٕ اوس یہِ بڑٕ ٹوٹھ گومت۔ حسن کانٛدرٕ چھُ نیٚچوِس

کُنْ وَنان۔" اَما یِمِس ہۄنِس کیا سنا گۄ اَز بہٕ ظاہر
چھُکھ کانٛہہ بَلا یا وُچھمہٕ"۔ محمودن دِژ اَدٕ پور نظراہ
تہٕ ییٚلہِ بہٕ اَتہٕ کہِیں وُچھُن۔ دۄپنس: "یہٕ چھُ بۄجہٕ وۄران
اَتہٕ چھُنہٕ کہِیں"۔ تہٕ ڈراو۔

مگر ہۄن چھُ تِتھہٕ پاٹھۍ وَران تہٕ شور کران زِ حَسن
کانٛدرس لۄگ مَنہٕ یا بہٕ ٹھۄکٕ دٕ اَتھہٕ ادٕ پور نظر دِنس
کانٛہہ چھار۔ ہۄن اوس زَن باوِلہٕ گژھتھ ژھۄہ پارٕ
مُشکلہٕ ہیوان تہٕ عوٗ بلاہ بابنٕ لِیِچھ اَندٕ اَندٕ گژھتھ کران
تہٕ حَسن کانٛدرس جیٚپھو ژھینان۔ حسن کانٛدرس
تۄر فِکرِ زِ ظاہر چھُ لیٚچھ ہۄن کیاہ ستام۔ اُمہ تَل لیچھ
ٹھانٛڈ۔ اَتہٕ وُچھُن اَچھ وہراوِتھ اِنسان کلہٕ ہیرا۔
وہِ کیاہ چھُم یہٕ وَنُن زِ اَمِس بِچارِس کُس پھٹرتھ
تہٕ کیاہ حال آسہِ گۄمُت۔

کُنہِ کرِتھ ژٕجس نیٚرِتھ "لا الہ الا اللہ"!
کم چِگمہٕ تہٕ اوسنہٕ زِ ٹھانٛڈ بیٚنیہِ ہیٚس اَکھ ہُنز۔
بیٚنیہِ تھۄون لیٚچھ پھٹھ ٹھانٛڈ تہٕ اۄنُن نیٚچھ ناد دِتھ۔
دۄپنس: "گۄبرا! دُنیاہ چھُ بڈٕ بَدٕ تہٕ لکھ پیٚتکی چھ
سیٹھا ذلیل کمُر تانی کمینن چھےٚ لیچھ ہُنز اِنسان کلہٕ
ہیر رَنہنی سۄزِ ہش۔ اَما پۄز قِسمتہٕ پاٹھی بیٚنیہِ یِمِس
ہۄنی ہُنز عقل زِ تۄنٛدرِ گۄ نہٕ ہۄکرُ۔ ہیٚرٕ مَن چھُ شُکر
مگر شیطان چھُ پھیران آسان۔ یہٕ آسہِ وُچھ تر گوژ
بیٚنیہِ کانٛہہ وُچھُن۔ ہرگاہ تُکُن اِشفاق گژھ زِ سانٛس

تۄنٛدرس ہُنز چھےٚ اِنسان کلہٕ ہیر رَنہٕ پیوان، پَتہٕ تہٕ
ہیٚنیہِ نہٕ کانٛہہ آسہِ نِش ژھۄہ چھ ہیٚن۔ آسہِ تُکن فاقہٕ تہٕ
فاقہٕ دِی دِی مَرَو۔ اَسی گژھو بدنام تہٕ دَپن یِم ریچھ
اِنسان چِوب ژھۄہ چھِن مۄھتان۔ ہرگاہ کُنہٕ ساتہٕ ژھۄہ چھ
ہُنز کانٛہہ وال دٕراو، دَپن یہٕ چھُ اِنسان ہِنٛدِ ریشک
وال"۔

محمود اوس دُہہ وُہُر جوان تہٕ اُلی سِنٛدی پاٹھۍ
اَمِس مغز خوش شِک۔ اَما پۄز کیٚتھہٕ ہِنٛدِس کُنہِس اوس
جَل واتان۔ تہٕ بیٚنیہِ اوس شوخ بہِن۔ اُمی بۄز اَکھ تہٕ
مخولے تہٕ یہٕ بدشکل آدمی کلہٕ ہیر وُچھتھ چھُ اَشناہ کران۔
اَمہِ پَتہٕ چھُ تالِس دَپان: "یہٕ کلہٕ ہیر نیمون اَسی ہِمِس
نادِد علی اُنی سِنٛدِس دانِس نِش۔ دوہ پتہٕ علی چھُ
پھالو مُژ راوانی۔ اَمِس کیٚتہٕ یِیہِ اَکہٕ اَچھ بوزنہٕ۔ اَسی
تہٕ نیمو پننی کام کرِتھ۔ خودایس لگی چھُنہٕ اَکھ بیٚنیہِ
کانٛہہ وَتھا۔ وَن کیاہ چھُکھ وَنان؟"

مول گو نیٚچو سِنٛدِس دُنِس پیٹھ دا صۆ۔ علی
اۄن اوس آب ریز کرنہٕ دراموت زِ محمود ژاو تہٕ آدمی
کلہٕ ہیچھ تِہنٛدِس دانس ہُنز تہٕ تھۄون نیٚبہٕ سیتی۔ اَندٕ کنۍ
اَندٕ تھۄونس زِ چھ دٕ لیٚچھ زِ نتہٕ کانٛہہ خریدار پہٕ اوس
مِنس کاسنہٕ آمُت۔ اَمہِ پَتہٕ دٕراو ژُری باشہٕ کران واپس
پننِس وانس پیٹھ علی اَنس ژھل کرنُکھ تماشہٕ وُچھنہٕ۔
علی اۄن ژاو لۄر دٕ لھوان وانس ہُنز۔ وانس

یننس اور یور نظراہ آیس پنجرن مرِہ کاغذ اندری یا یہ
گاشس منز انسان شکلاہ بوزنہ۔ دوپن ظاہر چھ خریدار
أتی چھس دپان: "سلام علیکم! مبارک، یوّہے کیا حفص
گوٚ صبحائے ووتھن۔ مےٚ کیا حفص چھےٚ نہٕ أچھو ف
یوان بوزنہ۔ مگر مس کیا حفص چھےٚ ژےٚ واریاہ آمت۔
تہٕ پزہ پأٹھی چھ یوٚت مس کأسو ہتھے ژھنن جان۔
ژےٚ کیا ز چھچھہ بروٚنہہ کلہ بیچھ ٹوپی تیجہرتہ؛ یتھنہ
نزول کری۔" یتیلہ تہٕ اوز جواباہ بوزن۔ دوپن: "ظاہر
چھ خریدار کوّل نتہ ما آسہ زوٚر۔ ہو تہٕ چھسس اوٚن، اد
جان حوٚر یاہ سمیسیہ۔" امہ پتہ چھس وَنان: "دوپہمے
حفص لانہ صأبا! ژ ما چھکھ دپان بہٕ چھس کون۔ ہتہ
حفص ہرگاہ بہٕ اوٚن تہٕ آسہ، تہٕ تگیم ژےٚ مس کاسن
تہ حفص چھم کھوٚرکن ژٹن والین ہند شراکہ کھوٚتہ تیز۔"

یہ وأنتھ کوٚڈن بڑ ادبہٕ سان کٹوٗرہ تہ صابن
رکھسہ منز تہ کھوٚرس چھساہ دتھ ووت خریدارس
بروٚنہہ کن۔ تیمے اتھ کلہ کھوٚرس پیچھ اتھ تھوٚون
تیتھے وٹلن اتھ تھوٚو زن تہ کاتہہ ڈپہ اسھے دزوس۔
دپان چھس: "دوستا! کلہ حفص چھےٚ سخ ژرن۔ زن
حفص چھےٚ کلس تیخ لاگمت۔" امہ پتہ یانی بنیہ یہ کلہ
اتھن منز روٚٹن تانی ڈوٚل یہ کلہ بنیہ جایہ تہ ڈولان
ڈولان پیو پتھر تہ، ووسہ ٹھوین تہ تیجہ گزشتے ہر
ووہ پتھ پیچھ کن تہ گوس پھرِٹ۔ کنی کڑیچھ ژ جس
نیرتھ: "عفو خودایہ! نجات پروردگارا!" دانہ منز

چھنہ نیبر نیبر نس جگرے کران۔ أتی چھ دپان: "ہتہ
حفص کلہ صابا! یم کھوٚری، یمہ لونگہ، یہ وان تہ بیٚیہ
یہ کینژھا پتیر چھم، تہ گوٚ وٚے ژےٚیہ، مےٚ ژاوتہ،
اگر ژ جن چھکھ یا شیطان چھکھ، اکھ کتھ کرتم، یہ
منگے مأفی، مےٚ ہسرایہ ژےٚ کلس صابن دمہ۔"

یتیلہ تہ کلن نہ کتھ کرِن نہ بالتھ، ووسہ علین
تروٚو پھرکھ ہیوٚ تہ ووت اتھ کلس نکھ۔ متس کرنس
تھچھ تہ ٹلن تھوٚو۔ امہ پتہ چھس مدسے گنڈتھ
وچھان تہ دپان: "نا! پزی پأٹھی چھکھ آدمی کلے۔ مگر
ژ کمو زنگو ووتکھ یور مےٚ نش؟ ہتا کجس مازہ پھلہ!
یور کتھ تپالہ لوٚگکھ؟ کون تہ چھس بہ، مگر امہ اکہ
أچھ سیتی ہیکہ دُنی ہینگ سورُے تماشہ وچھتھ۔
ووہ نی ژاوہ ہیتھ بہٕ ژ حسن کاندرنس وانس منز، مگر
تس چھناشہ نیچو زن شیطان پتھ پند پیچھ زامت
تس نش یکم نہ کیتھہ تہ تس پھیٹ وانگنس تہ جل فکرہ
خأر، ووہ نی یتیلہ تی چھم، توٚتن واتنا وتھ یوّتن نہ
کأنسہ تہ فکر تر۔ ژ ژاوتھ بہ نأنی کبأبی یا نقوینس
وانس منز، سہ کیاہ کہنی ژےٚ اوٚری شراب ناوٗ بدلہ۔"
أکس اتھس منز تیجن جھپیر تہ بیٚیہ اندر رٹن تل کن
بیٚیس اتھس منز تہ کلہ ہیر تہ ژراو بونمہ کو چہ کنی یوٚنأنی کبأبی
ہندس وانس کن۔

علی اوٚن اوس مسلمان کباب ہندس وان ژأوتھ
اتھو وانس پیچھ گرزھان نہ بکیا ز اتہ اوس سہ کھتکہ

وراٹے شرابہٕ داماہ تہٕ چھوات۔ وانس اُڈ وُنے
اُس اَلمارِیاہ اَکھ، یَتھ منز سُہ کتابہٕ نیو سے ماز
تھوان کران اوس۔ وۄ سِتہٕ عٔلیَن دِژ اور پور نظراہ
تہٕ ہیٚلہٕ یہٕ اتہٕ کیٚہِنہ وُچھُن، رَسے تراٶن یہٕ کلہٕ
ہیر ماز رانن یتھ کُن تہٕ دوپُن" بلاے کیاہ گیہ دفاہ
یتہٕ وَسہ اوری از مازس سیتی نکھ۔" ہتہٕ اُس وُنہ
چھلے تہٕ وانس منزٕ اوس یہٕ گرٕ باراہ کیٚنہہ۔ امہ
کنہ یتیٚیہٕ وۄ سِتہٕ عٔلیس بیٚچھ کانٛسہٕ منز نظر۔
امہ پتہٕ گو وانس نش تہٕ چلمہٕ تیٚو نگلاہ تھوُتھ
اَنِنوُن بےشونک پاٹھو پانس کیٚتھ کتاب ہہٕ دراو۔

یانکوہن ہیٚلہٕ ماچھِنہ بانہٕ مانٛج کرٕ سیٚخ
تھوان لاگہتہ کریتھ تہٕ وانس بیٚوتھ کرن شربتھا
تیار۔ ڈوٛتھ کریتھ گو المارہ کُن۔ عٔلی اُنس کیٚتھ
کتابہٕ خاطرٕ ماز ژٹنہٕ۔

یہٕ یانکو اوس سوَ کرُےیٕ ناٹنی، بڈ زیرک
چالاکھ تہٕ شکی۔ بُزرگن نش اوس سیٚخ مُسہ غریب
تہٕ نیٚنہ زبانٛی لاگان مگر ہیٚن سیتی اوس بڈ ظالم۔
تہٕ اُسمانس سیتی گاڈ کھیوان بُزیتھ۔ یوٚدوَے
تُرکن ہنزٕ اُسیس رِش اُسو تھےاما یوٚزٕ پننیٚن
حاکمن ہنزٕ تہٕ اُسیس سیٚخ ژران تہٕ تہند اوسُس
وۄنٹہ کیٚنہٕ دِلس منز روزان۔ مگر تیمن اوس توتہٕ
بڈ ترکو کران تہٕ ہرگاہ تم موسولی ہدہٕ وٲلی تہٕ آسہٕ ہن
تیمن بروٛنٹھ کنہٕ آسس ڈکسہٕ گژھان۔

خاطر، یانکوہن ہیوٛت ماز اور پور پھیرُن یتھ
عٔلی اُنس لایق ماز پھولاہ ژاریتھ کڈ۔ پانٛی پانس سیتی
چھُ دپان: "شرفہٕ شند زہر گژھ سرفس دیٚش۔ یمن
تُرکن ژٹ ھے داین یڈ، یمن شوبیا چھیٚکیٚک یا
پُشتک ماز۔" ماز پھلو چھُ تُلان تہٕ ژراوان تہٕ دپان
"یہٕ ماز چھُیہٕ عٔلی اُنس لایق"۔ یمی وَنان وَنان
بیٚیس انسان کلہٕ ہیر پیٚچھ نظر۔ زن ژُچس وُانٛج نبر تھ
یتھ کُن تیچُن کنی وۄ ہٹہٕ تہٕ چھُ دپان۔" ماشاءاللہ!
بدلے پاٹھو چھس اُچھ زوتان! ہیا کُسو چھوٕ اکھ
المارِ منزٕ ہیٚلہٕ اور کانٛہہ جواباہ بوزُن، وار وار
ترووُن المارِ منزٕ اتھہٕ تہٕ کلہٕ ہیر لو، یاچوٛ تہٕ نکراوُتھ
ماز منز گو ڈُن یہٕ آدمی کلہٕ نبر۔ پانس وۄ روٚن اتھس
کیٚتھ زنتہٕ کھیٚنہ بیہ ہیس پنٛج خیٚتھ وُچھتھ یرز
نووُن زِ یہ چھُ مُسلمان شند کلہٕ۔ دپان چھُس "یہ ژٔنے
لعنت۔ محمد صاحبس وۄ منتس کو یہٕ سارِنے ییی گژھان
یتھ یہٕ کتابہٕ بناو یکھ تہٕ دمہٕ ہا استانبو لکین ہیٚن کھیٚنو
یتھ تم مُفتس منز وۄ ہٹہٕ ہن؟ گژھ ناہ تیمن سارِنے
یتھے پاٹھو نکہ نوہٹہٕ! کاش ساری یوٚناٹی آسہٕ ہن یتھی
قسمتہٕ وٲلی دۄ ہے یتھ بہٕ از چھُس!" امہ پتہٕ دِژن
یہٕ کلہٕ ہیر ژرکھ سان پتھر دایتھ تہٕ کھورٕ نیٚچھ سیتی
دِتی نس ڈ لیٚنگو۔ یم جبہٕ تہٕ گنڈ پاشہٕ کریتھ ییٚلہٕ موکلیو
اُتی چھُ دپان۔" اوٚت تانٛی گو یوٚتُرے۔ مگر اَخر کریاہ
دۄ نی بہٕ یتھ بلایہ؟ کانٛہہ ہے وُچھم، موُدس دِین

مُسلمان چھِن مورمٕتؠ۔"

أتھؠ منز وۄنؠ اُمس ہنگہ تہٕ منگہ کھوٗرُتہٕ اُتی
چھُ فِتنہٕ تہٕ فساد تُلنہٕ کرِ آیہٕ وَنان۔ "او! وُچھ سُہ
پیوم اہ ہیٚ سُہ یہوٗدی یاد۔ یِتھ کلہٕ ہیرِ چھیٚنہٕ تمہٕ کھوٗتہٕ
بیٚشاکھ کانٛہہ رٕژ جایا روزنس۔ وۄنؠ ٲسۍ محمد صٲبنہٕ
وۄمتہٕ کرِ جیٚشا، یکہٕ نیرِو موٗسی شترِ وۄنؠ تکس
جیٚشس نش۔" اَمہٕ پتہٕ دٔراو بٔیہِ منز تِہ کلہٕ میٚنتہٕ تس
یہوٗدی شترِ لاشہٕ نش یُس کلہٕ ژٕٹتھ دۄن زنگن
منز باگ تھوومُت اوسُکھ۔

[ درویشن وۄن ز: "یٔیلہٕ ترکی مُلکس منز کانٛہہ
ترکس کلہٕ چھ ژٹان تس چھ سُہ کلہٕ ژٕٹتھ زرِن نش
ژٕلاوان یتھ اُمس نصارانن تہٕ یہودین نِش فرق
روزِ۔ نصارانس یا یہودس چھ کلہٕ ژٕٹتھ دۄن زنگن
منز باگ شرمہ ہٕنزِ جایہ نِ ژیکھ ژٕلاوان" ]

یانِٛقوٗہس آو موقہٕ تہٕ ترٛووُن یہ کلہٕ تس یہوٗدی
ہنٛدِس کلس نکھہٕ دۄن زنگن منز باگ۔ وُنہِ اُمس
سُل تہٕ کۄرچوٗ منزی اوسنہٕ کانٛہہ تہٕ یکان امہٕ کنہِ وُچھ
نہٕ یہ کانٛسہ تہٕ۔ اَندرِ کنہٕ چھُ خوش زِ از کیاہ یہود
ہیٚتہٕ وانچھِتھ تہٕ بیٚربیوٗن تہٕ انتقام ہینہٕ خاطرٕ تروومُت
مُسلمان کلہٕ سیٚتھ نزکس جایہ۔ یِی سوچان دٔراو واپس انس
پیٹھ۔

یُس یہ یہوٗدی قتل کوٚرمُت اوسکھ اُمس اوس
تہٕ جُرم کھوٚتمُت زِ اُمی چھُ اکھ مُسلمان لڑکہٕ تٔرِنوومُت

تہٕ تس چھُس نکش کوٚرمُت [ ترکن تہٕ ایرانین چھُ
بڈٕ اعتقاد زِ یہوٗدی چھ پتھ کارکران ] اَمہٕ کنہٕ
اوس اَتہٕ سیٚٹھ فساد وۄتھمُت تہٕ وُنہِ تہٕ اوسنہٕ فِتنہٕ
بیوٗٹھمُت۔ یہ یہوٗدی کوٚرلہ اُکھیمہ اُکس
آستن وٲرنس یُو نٲفی ہنٛدِس گرٕس نیٚبر کنہٕ قتل یِتھ
لاش تھٲوتھ روز تہٕ پتہٕ بیٚنیو لۄ نٲرنس یہ بلاے برونٛہہ
کنہٕ دفاہ گژھنہٕ مۄکھ دار وٲتلمس ہار دِتھ۔ دار
واتلہٕ سُنٛد پردا ے کرنہٕ دٲرے بیوٗٹھ لیو نٲفی
دارہٕ بربستہ کریٚتھ گرٕ پننہٕ تہٕ یہوٗدی شترِ لاش
تہٕ روز تھٲوتھ پیٹھ۔ مُسلمانو درٲے اوسنہٕ کانٛہہ
تہٕ اکھ لاشہٕ اَندرِ اَندرِ بھیرنس جگہٕ کران، تکیاز
تمہٕ اَسی کھوژان اَسہٕ لاگن زورہ یہ لاشس تھوو
مُلنس تہٕ وۄڈراونس۔

یٔیلہٕ رٕژھاہ دۄہ کھوٚت اُکھ ہیٚتن
اور پور نیرِنۍ۔ اَکہٕ جایہ ہیتن تکھ جماہ گژھنۍ
ژۄہ یٲری گنیہ شور زِ ازراتھ کیٚشتھ چھ زنہ موجود
سُدمُت، یہوٗدی شترِ لاشہٕ چھ راتسے منز زِ کلہٕ
یاد گمژ۔

یہ بوٗزِتھ آو سورُے شہر تماشہٕ وُچھنہٕ موکھ بنٛدِتھ
یہوٗدین ہنٛدۍ بڈۍ بیرن کوٚر یہیلان زِ بنہٕ اسرائیل
قومس منز امہٕ قسمک حادثہٕ بدون تماشاہ سیدنہٕ
کنہٕ وۄنؠ یہودی قومس منز کانٛہہ لۄبہٕ صاحبا
عنقریب۔ بڈۍ بڈۍ کاٹلی یہوٗدی اَسی اکھ اکس

مُبارک کرٲن زِ نہٕ کلہٕ کٔرِتھ یوٗہے موٕدٕ ووٗتھ
دوٕنی تھوٗد تہٕ مۄہ کلاوٕ اَسہٕ یمَن ظٲلمن ہٕنٛد اَچھٕ تلہٕ

اَٲپوٗز یہ کھرٕ کردار حالہٕ بنیوو تیمَن کیٛتہٕ پوٗد
تبٔعۍ۔ تماشہٕ وُچھن والین منٛز تٕرٛج اکس غارت
دِنہٕ والس جنٛگیس کٔرٕتھ نیبرٕ تھٕ زِ "سُبحان اللّٰہ!
ہُے، یمو دوٕیہ کلہٕ منٛز چھٕ اکہٕ کلہٕ سٲنِس افسر سُنٛد
بیٚیہ اَکی جنٛگیَن دِژہٕ شہادتھ۔ یمَن آوُ بُڑ غارتھ
تہٕ دور یمہٕ پننہ جاۓ نِشہٕ.

یہ خبر بوزِتھ ژَن گوٗنڈن سارنے غارت
دِنہٕ والین جنٛگین نار۔ اَمہٕ تلہٕ اوس نتہٕ ان زِ یمَن
اُسنہٕ پننِس افسر سُنٛد قتل سپدنہٕ پیٚیہ خبراہ کہیٚن
خشمہٕ ہٕنٛد چھیٚم دِیان۔ " کیا اسہٕ دغا دِتھ سون افسر
قتل کرُن اوسنا کافی زِ ییٚژھ بے عزتی تہٕ بیقدری
سان ژٕوٗدکھ تسٕنٛد کلہٕ یہوٗدی شُرٕن زِنٛگن منٛز؟ یہ
گیہ اسی یاژ بیعزتی، یہ گیہ سارِی ہے اِسلامَس
زٕٹ کٔرِتھ۔ اَزتامٕ چھُنہٕ یہ اَسہٕ سپُز زانہہ سُپُد منٛتھے تہٕ
یوٗت تامٕنہٕ اسہٕ یہوٗدین ہُنٛد بیول گالُو تووٗت تام ییٚنہٕ
اَسہٕ تسلی۔ یہ کمی ہوٗنی چھُ یمہٕ کار کوٗرمُت؟ یہ کلہٕ کموٗ
زِنٛگوٗ دوت پانے یوٗتنس؟ یا تہٕ چھُ یہ وزیر سُنٛد کار
نتہٕ افندی افسر سُنٛد۔ یا چھُ نتہٕ یہ تاوٗن زٕ انگریز سفیر
سُنٛد کار۔ قسم خدا، قسم رسول، قبلیچ ذٕرے، کعبچ ذٕرے
عُمر فاروق سُنٛد ذٕرٛچ ذٕرے، شیرِ جبار کرم اللہ سٕنٛز تلوار
ہٕنٛز ذٕرے، اسہٕ ہیمو کھ اَمیُک انتقام۔ چھُکھ ڈوکھنہٕ

سمان گژھن ٹکھ۔ اَدٕ کیاہ وہراوٕ اَسہٕ اُس."

بوزِن والی ہیکن پانے زانِتھ زِ یہ بوزِتھ کیاہ
حال آسہٕ یہوٗدین گوٗمُت۔ یٔمہِ تہٕ کانہہ یہوٗدی اوس
دوٕیہ بدلہٕ ژورہ زِنٛگوٗ اٲسِس اَتہٕ نہٕ موکھ ژٕوان تہٕ دوران
ژکھہٕ منٛتہ تٕرِکی اُسی لیکہٕ چھکان قسمہ ہاوان تہٕ اَتھن
منٛز شرٲکہٕ، چھُر، شمشیر تہٕ کیچھ ہیٚیے ہیٚیے کرٕتکہٕ دِوان
زِ "اُٹھیو، رُٹٕو ووٗکھ، ژٲڈو ووٗکھ، گنٛڈیو ووٗکھ تہٕ گالیو
ووٗکھ"۔ نظر تلٕ اَنِو اکھ شہر ییٚتہٕ سٔڑکہٕ تنگ آسن۔
مکانَن ہنٛز لبہٕ آسن پیس تہٕ کوچن منٛز آسہٕ لکن ہنٛد
گرٕ بار تہٕ یمَن لکَن آسن بیرٕ ربط زِنٛگن ہنٛدی زورٕ
بِرٕچھ کرہٕ دِنی پلو تالی تہٕ سارِی آسن تراس کھیوان
رکمہٕ ژِنتہٕ تیتہٕ خبرٕ ، سارِی آسن شور کران تہٕ تیتہٕ
خبرے کانسہ کُس کیاہ ونان۔ زِنتہٕ قیامتھ اُس
تیار یمُس تہٕ اسمان زِنتہٕ تیار اوس زمینہٕ پیٹھ وسنہٕ
پینس۔ یمنے لکن منٛز ووٗزِتھ تراوٕ توٗاتی پیٹھ
بادشاہ سٕنٛدِس گرس کُن تہٕ نظراہ تہٕ اَتہٕ تہٕ وُچھتوٗ زِ
اکھ حالس منٛز کیاہ چھِ سٲنی حضور افندی صاحب
کران کرٲوان.

یٔمہ رٲژ پیٚٹھس بادشاہ سُنٛد گرٕ اوس یُن، تمی
رٲژ اوس بادشاہن حکم دیتمُت زِ "غارتھ افسر سُنٛد
کلہٕ گژھہ ژٕژھِتھ اَنُن۔ تکیا زِ یوہے چھُ یتھ ملکس منٛز
فتنہٕ فساد تُلان تہٕ بڑٕ حِس ولس تھووتھ گژھہ
تسٕنٛد کلہٕ ژٲٹِتھے یمہ برٛونٛہہ کُن واتناونہٕ یُن.

یُس یہ کأم مَنٛزٕ اُس، سُہ تیٚتھے کٕلہٕ ہیٚتھ پادشاہٕ سٕنٛدِس
کُٹھس منٛز ژاو، تَس رُوٗد نہٕ پادشاہ سٕنٛدِس مُتعلِق
کُنہٕ وُچھنس طاقتھے تہٕ تَس گیہِ راے کُٹھس منٛز
ہیٚتھ سیٚزٕرے چھُ پادشاہ تہٕ تھٲوُن یہ کٕلہٕ تسٕنٛدِین
کھورٕن تَل تہٕ ڈٔراو۔ پادشاہ اوس ہیٚنٛس نوکرس
منصوٗرِیس تہٕ دوکھس منٛز تھوٗوِتھ سُہ پَلَو بوٚچھ لادِوٕ
پٲژھان تہٕ تَوے ژاو سُہ منصوٗرتِس برٛونٛہہ ییٚن کُٹھس
منٛز تہٕ نیوٗن سُہ بوٚچھ تُلِتھ بَدَل بوٚچھ اَنِتھ موکھ۔
اُتھ منٛز ژاو منصوٗرٕنۍ تہٕ سِرٛ ووٚتھ سُے بوٚچھ ہیٚتھ
یِتھ منٛز تہٕ آدِمۍ کٕلہٕ اوس تہٕ ڈٔراو۔ پادشاہس رُوٗد نہٕ
خبرے زِ غارت اَفسر سٕنٛد کٕلہٕ اوٚن تامتھ ژٕٹِتھ کیٚنہہ
تہٕ نہٕ اُسُس ییٚتہٕ خبر زِ سِرٛ چھُ ڈٔرامُت سُے بوٚچھ
ہیٚتھ یِتھ منٛز سُہ کٕلہٕ ژٕٹِتھ اوٚسکھ اَنِمُت۔ پادشاہ
ییٚلہٕ کُٹھس منٛز بیٚیہ پھیٖرِتھ ژاو، اَتہٕ وُچھُن نہٕ
سِرٛ کہیں۔ سِرٛ ناد دِتھ اَنٛنس منٛز ژٲنی تہٕ پادشاہن
مَصلحتھے۔ اَصلیتھ خبراہ نہٕ آسنہٕ کِنہ چھُ ووٚنۍ
منصوٗرِیسے پیاران۔ یہ اُسُس خبر زِ سِرٛ تہٕ پَلَو
روٗس گژھہ نہٕ، مگر پیارۍ چھِ پَلَو مییٚ نِش۔ پیارۍ
چھُ غارت اَفسر سٕنٛز کٕلہٕ ہیٚرِ تہٕ ہیٚنٛز کِنہ پیاران۔
یُس نفر غارت افسر سٕنٛد کٕلہٕ ژٕٹِتھ موکھ سوٗزمُت
اوسُن سُہ اَنٛوٗن ناد دِتھ۔ ییٚلہِ تَوَ بوٗزۍ تو ووٚنۍ
آمِ تہٕ نوکرٕ سٕنٛد قِصہٕ زِ تِم کِتھہٕ پٲٹھۍ گیہِ دوشوٕے
حاضِر تَن۔

پادشاہ چھُ حاضِر تَن گژھِتھ وَنان زِ "ہرگاہ
نہٕ سِرٛ یہ کٕلہٕ ہیٚتھ ہیٚتھ ژٕرامُت آسہٕ تیٚیلہٕ کاسہٕ
نہٕ یہ ریش"۔

پادشاہ چھُ سٕنٛز باخبر ہیوٚت منصوٗرِیس
پیاران۔ کوتاہ شور یدو۔ اَتھ کھور ہوٗرٕن یان
موٗرٕن، خدایہ خدایہ کوٗرُن مگر منصوٗرۍ آسے نہٕ
لب کہٕ تہٕ چھُ چھکان، منصوٗرۍ چھینہٕ کُنۍ۔ ہرگاہ
نہٕ تفر سوٗزِتھ منصوٗرِیس وُرنہٕ منٛز گنٛڈِتھ اَنِتھ ہیٚن
سُہ کَتیٚہ یہ ہے۔ سُہ اوس خاب وُچھنس لوٗگمُت
تیٚتھے پادشاہن منصوٗرِس وُچھے یوت تیٚتھے
چھُس گژھِتھ دِتھ وَنان "اُتھ ہو منصوٗرِیا! یِمۍ
قدمہٕ دور تہٕ سِرٛ ٲسِس نِش۔ تِمۍ چھے درویشی پَلَو بَدَل
غارتھ اَفسر سٕنٛد کٕلہٕ نیوٗمُت۔ وُنہٕ گوٚمتہٕ ژیر کیٚنہہ
نیر، ہیچھے پأٹھۍ تہٕ ہیس سُہ کٕلہٕ واپس نِتہٕ ووٚتھ
ییٚتہٕ شور محشر" آمہٕ پتہٕ چھُ پادشاہ منصوٗرِیس
سوٗرُے قِصہ بوزناوان، زِ سِرٛ کِتھہٕ پأٹھۍ گو
سُہ پَلَو بوٚچھ اَدلہٕ بَدَل۔ ووٚنۍ واژ منصوٗرِیس
پریشان گژھنچ ورۍ۔ سِرٛ سٕنٛد وان تہٕ زانہ ہیے
مگر تسٕنٛد گرٕچ اُسُس نہٕ خبراہ کیٚنہہ۔ وُنہٕ اوس
صُبح پھوٚلے تہٕ بزاز بازر اوس بند۔ صرف اوس
قہوٕ وان اَکھ یلہٕ۔ اَتہٕ تہٕ کیٚنہہ نہٕ ہیس۔ ژھوٚ پأرۍ
پھیٖرِتھ گو ناووٕمید۔ آخر ہیوٚس ژٕتس زِ سِرٛ
اوس وَنان زِ چھُس گاڈٕ بازرٕچ مسیٖد ہٕنٛد بانٛگ دِوان

گاڈ بازرکن۔ اتہ ڈ چھن بیشرکنن تل اچھ نہ تھوٚوتھ
اچھ ٹوٗٹھ تہ امس گژ کھنڈہ ہراوتھ تہ راتھک حال
ہشراوتھ صبحچ بانگ دِوان۔

منصوٗری کھوٚت پھرکہ ہوٚت مینارس پیٹھ؛

سرشس یانی منصوٗریس پیٹھ نظر پیٚیہ، امیس گیہ
واہ وٚسھ تہ پیوٚس یتھ زِ یہ کرم وُچھنی کلہ ہیر یس
پرژھ غار۔ بچارس چھس نہ امہ کانہ پہٹ ہنز باتھ گژھے
کھسان تہ پوٚہے گو نتہ سوٚہتھ ہیٚو۔ اور کینہہ
وَنتہ دِنہ وُراے گو منصوٗریس اکادِ تہ چھس
دِیان۔ "ہیا، ژ ونتا سے، سے ہوس شریف
انسانس سیتھ پنز ہیہ ژسے ییتھ مخولہ کرُن وچائی
رکھ چھامیون گرِ مل گنذار کینہ ذبح خانہ؟

منصوٗری۔ دوستا! ژ ہمہ شور! ژ چھکھ نا وچھان
اسہ کوٚدھ غلطی چھے گمژ؟

سرش۔ ژ ونان کیاہ چھکھ غلطی چھے گمژ؟ ژ یتھے
ھمدرن یہ بلایہ ہنز گیر کوٚر تھس۔ ہیتہ کوٚر تھم
مخولہ زِ پکوچھی سوٚدیگھ؟ ہم تو مونہ
ہیتھ۔ یتہ اد نیاکھ اکھ ستام تہ وزراو چھان تو مونہ
ہیتھ واپس۔ تیمے اکھ اوٚ نم بو چھس ھنز
آدمی کلہ ہیرا کھٹیتھ تہ وزراو۔ سبحان اللہ!
بہ ہے اوسُس بہ لے جمارژ ھنز ہینہ آمُت،
سہ اوسہ مکانہ سہ اوس حرام زادن ہُند
نتہ شیطان سُند اول۔

منصوٗری۔ (سرشس امس تھوٗپ دِتھ) ژھوٚپہ کرو

بدڈا، خبردار چھے پنہ بیٚیہ کینہہ ہیر تھ ژلی ژیے
چھیہ خبر بہ کس چھکھ ژ ونان؟

سرش۔ نہ چھم خبر سے نہ چھس بوزنے یژھان۔ بہ
ونہ بس زِ یُتھ پلہ یہ کھچہ بدل سے بو کھچس ھنز
آدمی کلہ سوٚزن چھ ہوی سندہ خوٚتہ بتر۔ سہ
چھُ کافر بدبخ۔

منصوٗری۔ (بادلہ سندہ پاٹھو) ہیا بدڈ خرا! ژ چھکھ
خودایہ سنز ژھایہ ہوٚن ونان؟ خودا کریہ نے
اتھ امس سس چھلہ تہ پھلہ اسلام کس بادشہس
چھکھ کافر کرتھ ونان؟ یہ کیاہ گوٚ چھکھ
کھوان؟ بہ چھسے دِیان جل ون سے سہ
کلہ کتہ چھیھ تھوٚومت نتہ ننے کس بہ لہ ژیے
کلہ ژٹتھ۔

سرشن یانی یہ بوز تانی لوٚگس ہرس گنڈ ذن تہ پیو منصوٗریس
پرون زِ "نہ خفن، نہ خفن! سے گیہ غلطی۔ سے
خفن کھوٚت خطا۔ اہن خفن سے کھیو پنز پاٹھو
گوٚہ۔ بہ خفن چھس نادان، بہ خفن چھس خر۔ خر خفن
کیاہ مرزر اوسُس بکان۔ سے دِ خفن مانی۔ دوٚبو خفن
پکو خفن گرہ۔ پکو خفن میانین چشمن پیٹھ"۔

منصوٗری۔ خودا تھاوی نے آباد گرس بادس! اتلہ سہ
جل کرتہ وچھی۔ سے ونتہ غارت افسر سُند سہ
کلہ کتہ تھوٚوتھ؟

پتھے سرشن بوز زِ سہ کلہ کوٚ ہنذ چھ تہ اسہ دِیہ بوبار ژ

کیاہ کوٗر تیتھ، تس بٕچھ کوٗ ٹھ تہٕ عار کھیے غار کھ کوٗ

دوٗپنس: "خبر حقص کتہ چھُ؟ پروردگارا! یہٕ کیا

اوسُتھ میانس منحوس تقدیرس لیوٗکھمُت"۔

منصوری۔ ٹھوٗ وٹھن کتہ؟ اَخر چھُ کتہ سہٕ ہٕتلِ سہٕ

جبل پٔہن ونتہٕ؟

ہیرشہٕ۔ (بانبر ہیوٗت) خبر حقص کتہ چھُ۔ ہیتہٕ ہیے چھُنہٕ

منصوری۔ زولتھن تھنہٕ؟

ہیرشہٕ۔ نہٕ حقص!

منصوری: ترأوِتھ ژُھنتھنہٕ؟

ہیرشہٕ: نہٕ حقص!

منصوری: یِتھ کیا کوٗر تھس؟ تلہ سہٕ تِمی سٕند

پاسہ ونتہٕ! کھیوتھنہٕ؟

ہیرشہٕ: نہٕ حقص!

منصوری: گرِ چھُتھنہٕ تھوٗوُت؟

ہیرشہٕ: نہٕ حقص!

منصوری: گُنہٕ جایہ چھُتھنہٕ کھٹِتھ تھوٗوُت؟

ہیرشہٕ: نہٕ حقص!

منصوری: (بیتاب گژھتھ گرٕنس ریشس تھیچھ

تہٕ چھُس باولہٕ سٕند کرپاٹھ وَنان) ہیا بڈٕا!

کھیوکھا ژٕ ملک الموتن! نیوکھا ژٕ شرانہٕ گرہ

ژٕ ونتا مے اَخر کوٗر تھ کیا ژٕ تیے تتھ؟

ہیرشہ۔ (اَڈہٕ مور گژھتھ تہٕ بیگہ ہٹہٕ) سہٕ حقص بٕز

تو ٔندرس منز۔

منصوری۔ کیاہ؟ تو ٔندرس منز بٕز تھنہٕ؟ عفو!

ژٕ لے کیاہ بُزِتھ اوسیہ کھیٛون سہٕ؟

ہیرشہ۔ نہٕ حقص کھیوٗن اوسُمنہٕ۔ مگر سہٕ حقص آو بٕزنہٕ

وُنہٕ آسہ تو ٔندرسے منز۔ ومہٕ نی کتھاہ دِنو و اُمیدتہٕ

مختصر۔ لوز نووُن اَخرس ویرژھناوِتھ سوٗتے قصہٕ

منصوری۔ تلہ سہٕ ومہٕ لہٕ یِکھ مے ہو تیمس کانٛدرٕ سٕند

وان۔ اُسہ ہیے جیٛمس لدن۔ سبحان اللہ! یہٕ کیٛس

ویٛرِ عقلہٕ زٕ غارت اُفسر سٕند کلہٕ کیا بٕزن تو ٔندرس منز۔

یِم گٔیے دوشوے حسن کانٛدرٕنس وانس پیٹھ

گُشدہ گرِی فرائے وو نکھ تمرٕ زٕ مٕے تر وو سہٕ علی اُنی

بٕشدس وانس منز۔ یِس انسانس یان پٕنن گُنہٕ ہانرہٕ تلہ

مہ کلاوُن تِگہٕ، تس کیاہ چھُ معلوُن۔

منصوری، ہیرشہٕ کانٛدرٕ گٔے تہٕ یِشہ وے علی اُنی

بٕشدس وانس پیٹھ تہٕ دوٗپہس "ومہٕ لہٕ سہٕ ازٕ جُبحائے

. . . . . رٕیس خریدارس مس کاسو تھ، تسٕند کلہٕ کتہ

چھے تھوٗوُت؟

گوڈٕ ہیرشہٕ ود علی اُنی عیب مگر یتولاکن کوٗرُن یقرار

تہٕ دوٗپنکھ: "مے دوٗپ یہٕ چھُ شیطان سُند کلہٕ تہٕ تَوے

نیوٗم سہٕ یانقو کبابٕ بٔرنس وانس پیٹھ تہٕ کمیازٕ تیتھی یِچھ

وُشنیکھتام تہٕ تھبن واریہن کلن کبابہٕ بناوٕ ومیتو۔" یہٕ

بُوزِتھ چھِ یِم ساری دٕپان: "یا اللہ! یا رسول اللہ!

یا علی!" تہٕ دور یِمہٕ اَمی قدمہٕ کبابٕ بس نِش۔

یوٗتانی کبابٕ یانی یہٕ مسلمان جماعتھ یاتس کُن یِون

ۆچھو، تِمَو زون زِیم چھِنہٕ کباب کھیٚنہٕ کینٛہہ پزان۔ یِم چھ
شوٗقٕچ سٕے کباب کرِتھ مزٕ کٔرِتھ پکان۔ تِیٚتھٕے یِمَو کلیچ کتھ
کرٕتہٕ موٗنٛگہس سُہ کلہٕ، تِمَو کوٚر سارِوٕے اِنکار تہٕ چھُکھ
دَپان: "نہ چھُم کلہٕ دِچھمُتے تہٕ نہ چھُم کُنہِ خبر۔"

ناوِدن ہُو نکھ سعہ جاے بیٚتھِتھ تِمَو سُہ کلہٕ تھوٚومُت
اوس تہٕ قورآنِ مجیدُک قسم اوٚس تہٕ چھُکھ دپان زِ یانہٕ گوس
یتھ جایہ سُہ کلہٕ ترٛاوِتھ۔ کبابٕ چھُکھ انجیلِ شریفُک
قسم کھیتھ سارِوٕے یِب میوان۔ اَتھ منٛز گیہٕ یہوٗدی
شیٚنز دۆن کلن ہنٛد موجزٕچ کرتھ۔ منصوٗرٕنی چھِ دونہٕ
پٔرٛزٕ غار کرنٕسٕے سیٚتۍ زِ تِمَو نہٕ گوٚو فسادُک شوٗر کٕتُن

اَمی ساتہٕ دورِ یوٗ منصوٗرٕنی یہوٗدی شیٚنز لاشہٕ کُن
تہٕ پیٚڑ، کاندُر، ناوِدٕ تہٕ کبابٕ چھُس پیٚنٛۍ دوران۔ تورٕ دٕیتھ
پرزٕنوو کھ سُہ کلہٕ۔ کبابِس تورٕ فِکرِ زِ مامِلہٕ کوٚت ووت تہٕ
شوٗتھس کیاہ بنہٕ۔ سُہ دٕراو رَسٕے پوٚت پوٚت واپس
گَرِ یُس پوٗنساہ ٹوٗنکاہ ادس سُہ تِلمِن سیٚتۍ تہٕ ژۆل
شہرٕے ترٛاوِتھ۔

منصوٗریس آس رائے زِ کبابٕ چھُم سیٚتۍ تِمَو دِرٛ
یتھ کُن نظرٕ تہٕ چھُکھ دپان: "یکوسہٕ پادشاہس نِش
گژھو ووٚنی۔" اَتہٕ وُچھن زِ کبابٕ کُنی۔ دپان چھُکھ
"ہیے! یہ کوٚت گو کبابٕ؟"

ناوِدٕ وۆتھس: "سُہ حَقن ژۆل! ہرگاہ بہٕ داوٕنے
چھُس، اَما پوز یوٗ نا ونی اُچھن ہٕندی یٕتھ چھُم پوزٕ نیوان"
منصوٗری اوس ووٚنی کلہٕ پانس سیٚتۍ نیٚمُن پڑھان

مگر ییٚلہٕ اَمی اَتہٕ نَس تسنٛدی یار دوس تہٕ اَشناو
رِشتاوٕ یان منتقان وِچھو تہٕ تِم وُچھن شیٚخ فقو ساسان
کرٛان، تَس آیہ زِ یہ کلہٕ ہیٚر پانس سیٚتۍ نِش منٛز کانٛہہ
اَگ بارگاہ بوزنہٕ۔ دٕراو ییٚکے ترٛتے شاہد ہیتھ پادشاہس
نِش۔

پادشاہن ییٚلہٕ بوز زِ کلہٕ کتہٕ چھُم تہٕ اوٚت کیتھ
یاتھو چھُ وو تہمت تہٕ فساد کیاہ زٕ دوٚتھ، پَرن دول زانہٕ
پانٕے زِ یہ بوز تھ یوسہٕ حالتھ پادشاہس گُمرٕ آسہٕ تہٕ
ماتمہٕ لیکھن وائِلس نہٕ لیکھن تہٕ وُتنی۔ پادشاہن
زون زِ یہ مامِلہٕ چھُ میانِس شانس خلاف تہٕ ٹھُہٕ ٹھُس
لایق مگر ووٚنی یِژ جَل اَتھ تھوٚپ دِیُن نتہٕ بنہٕ یہ
فساد میانہٕ بدبختی ہنٛد ساماں تہٕ خبر چھا تخت تہٕ تاگرِ شیم
اَتھ۔ سیٚخ فِکرن گو تہٕ صرف چھُ لاحولَ وَلا پران۔ اَخر
اوٚنُن وزیر تہٕ شیخ الاسلام ناد دِتھ۔ یِم دوشوے
آے لاران تہٕ بِھاران تہٕ پادشاہن ووٚن یِمن شہرٕ
منٛز فساد ووتھنُک سورے قصہٕ زِ اصلی بنا کیا چھُ
اَتھ۔

اَکھ اَکس سیٚتۍ پانہٕ وائِنی مشورٕ بیتر کٔرِتھ کوٚر کھ
فیصلہ تہٕ زِ پیٚڑس، کاندرس، ناوِدس تہٕ کبابس
گژھِ عدالتس منٛز مقدمہ کرنہٕ یُن زنتہٕ غارت افسر بندی
دِسو قتل تسنٛد تہٕ یمنے گژھِ یہ تہمت لاگنہٕ یِژ رز
بُزتھ تہٕ ریکراوِتھ بناوِی یموے تیتھ کلس کباب بہٕ تہٕ۔
لہٰذا اکرِتھ یِژ یِمن خونُک ماوٕ جنہٕ دِیُن۔ بیٚیہ کوٚر کھ

پیتہٕ فاصلہ زٕ کیا گژھ اصلی فسادی آسہٕ کیٛنہٕ تٕہ ژٕنڈ
غارت افسر سٕندِس کلس سیٛتہٕ بے ادبی کرٕنہٕ کیٛنہٕ (پیٛٹھ
چھِ نصاران تہٕ بییہ یوٗنانی) گژھ کیا پس کلہٕ ژٕٹن
تہٕ ژٕ لیٛتھ گژھ سہ کلہ تیتیٛ ژھےٛ ژاونہٕ یُن ییٛتین غارت
افسر سٕندِ کلہ ژاونہٕ آمت چھُ۔ غارت دینہٕ والین
جنگین شرارتہٕ پھیٛرٕ اونہٕ موکھ تہٕ تیمن تسلی تہٕ دلاسہ
دنہٕ موکھ کوٗرُکھ مُشتحق زٕ رقم بناوُن یانہٕ وانی پیٛنیوٗ
منزٕ بییس کانٛسہ افسر تہٕ ہمس افسرس کرن بڈٕ عزتہٕ
تہٕ احترامہٕ سان دفن۔

یمن سارنے کتھن پیٛٹھ پیٛوٗ عمل۔ صرف تہٕ
یوٗنانی سٕندِس مارنس پیٛٹھ تکیاز سہ لوٗگنہٕ کانٛسہ
اکھی تہٕ شہرس تہٕ بیوٗلھٕ امن مگر بادشاہن ہُو پیٛرشن
تہٕ بجرٕ زٕ ہیرٕ شس، کاندرس تہٕ نادوس یُس تکلیف
دوتمت اوس تتھ ڈیٖتنکھ اکھ مادھنہ ۰
بییہ ڈیٖتنکھ ینامہ تہٕ تیٖژھ

یمہ سیٛتہٕ نہٕ تیمن کانٛہہ شکایتھ روٗز۔
مےٛ کوٗر یہ قصہ ژھوٗٹرادی تھےٛ بیان خاص
کرِتھ ژھوٗٹرودُم تتین ییٛتین منصوٗری بادشاہس
کلک قصہ بوزناوان اوس۔ ہرگاہ درویش سٕندِ
پانٕھ بہٕ تہٕ یتھ قصس طوطہ لمتِک دپہٕ ہا تہٕ فقرکہ ہا
تیٛلہ گژھ ہا یہ حاجی بابہٕ کتاب مُکن تستھ مروزنی
کیٛتھ بوزناون والی تہٕ بوزن والی چھِ۔ پرٛھان رز
لٕٹوی کانٛہہ قصہ یا دلیل زٕ چھِ آسہ اما پوز بدٕ مز
گژھ نہٕ آسنہٕ قصہ یوت زیوٗٹھ آسہ تیٛوت گژھن
بوزن والی تیتھ مشتاق گژھن۔
درویش اوس قسم ہُ دِتھ وَنان زٕ اتھ دلیلہ
کنٛہ بہٕ پرژھ باسگنےٛ زٕ پوٗتس پیٛتھ ژٕ ژٕ ژٕ رہن دوہن
مُکمن ژھنڈہ تہٕ تمہ پتہٕ تہٕ ہتھو اڈہن وَنتھ۔

## ٤٦

# حاجی بابہٕ مِیرزا ہاوٕ تہٕ زبدہ کُن

تہٕ تس پتہٕ مجتہد س سیٛتہٕ زان گژھنہٕ
آخر بوٗز میرزا ابوالقاسم قمی صاحبن میانہٕ
پیرلہ تہٕ زہد مدیح شعرا ہرنہٕ۔ اکہ دوہ یہ تس
کعبہ شریفچ زیارت کرنہٕ اوس نیرُن تمہ سوٗز مےٛ
ناد۔ بہٕ گاہرُدس زٕ تقوی تہٕ میون علم تہٕ بجرُ یُس
فقط پتےٛ یوت اوسُم زٕ شریعتچ زانہٕ ہا پیٛچھےٛ پیٛٹھو
پیٛٹھی کیتھہٕ کیٛنہہ) مُکلیود۔ یانی سہ مےٛ امتحان کرِ
تانی گژھیم ڈٕژھ۔ مےٛ کرٕ کام زٕ ہنو دوری مسلہ کیٛنہہ
تہٕ جان جان کیتھہٕ کرِیم ژٕ تس۔ تمہ آسہ یمہ زٕ:
(۱) یُس نہٕ نبی کریم ؐ سٕندِس پاٛغمبر آسنس تہٕ حضرت علی کرم
سٕندِس امام آسنس پژھ آسہ، سہ چھُ کافر تہٕ تس
گژھ گردن دنی۔
(۲) نبی کریم ؐ سٕندِ دوہ پتہٕ ورائے (رحم تہٕ صرف شیعہ
گژھن ساری جہنمس۔
(۳) ....... لعنت سوزٕنی چھےٛ واجب یُس

...... پتہٕ پکہٕ سہٕ چھُ جہنمی۔

(۴) ساری نصاران، یہود تہٕ باقی اہلِ کتابن ہٕنزٕ جمأژ چھے نجس تہٕ ناپاک۔

(۵) شراب چٕوٚن تہٕ سورٕ ماز کھیوٚن چھُ حرام۔

(۶) کافر، سور تہٕ ہوٚن چھہ عین نجس۔

(۷) نماز، روزٕ، زکات، حج تہٕ مالک پانژیُم حصہ صدقہٕ دیُن چھُ پرٛیتھ اکس واجب۔

(۸) نماز پرنہٕ برونہہ کھ چھُ وضوٗ کرُن واجب۔ اما یوٚز آب گژھہ اتھ لیٚنڈ پیٹھ برابر کھسہٕ وٹس تانی ترٛاونہٕ یُن۔ کھونہٕ وٹ تہٕ گژھہ چھلُن۔ بیکیا زٕ کھوٚر وٹ تہٕ چھُ سورُے وضوٗ تس منز یوان۔ یُس سُنی مسلمانن ہٕندِس پاٹھو اتھ خلاف کرِ سہٕ چھُ کافر تہٕ بےدین۔

یمن عالمانہٕ کتھن اوسُس بٕ ییمہ تہٕ زٕ زور کنہ ہرا ونہٕ پرژھان زٕ تانی ژاو درویش۔ امِس بوٚڈُم پننہ کور آسنک ہرصافی تہٕ دوٚپمس زٕ بہٕ چھُس مذہب چھین داریہن کتھن منز بیزار۔

درویش۔ کیاہ ژٕ چھُکھ مینو چھُھ تن ووٚنہ تہٕ ییرٕ دُمر منز زٕ بے ہنٛد چھہ تہٕ گمہ دوٚر لاگنہٕ وراۓ چھینہ کانہہ کامہ اندان؟ ژٕ ژھٕنڈتھ درویش منظر شنز تہٕ میانہٕ تیمہ کتھہ منژ اوسو پیچھے؟

حاجی۔ تیمہ کتھہ کیتہ مشنم۔ تیمنے کتھن ہٕنٛد برکتہ کھیم چوب تہٕ ییمن ہنٛد میچھر وونہٕ تہٕ چھمنہ

ژلان۔ تمہ پتہٕ شلقہ سیٹھو چھُ یاد ووٚترٕ ژلان مگر ییتہٕ ما چھے تہٕ ژھ کتھ۔ ہرگاہ ییتہٕ شوٹھس مکایل ووٚژھ گیہ، تمہ پتہٕ شلقچ چھینہٕ کیٚنژھے ییتہٕ حضرت کرٕ تم سنگسار۔ ژٕ چھے ہمہ شما برابرے مگر بٕ ما لگہ اتھ۔ درویش ماٹھیا اووہ زٕ ونم کیاہ چھُکھم ونان۔

درویش۔ ہرگاہ نہٕ ژٕ پننہ مگر سیٹھو مجتہد صاحبس تہٕ تاڑتھ ہیکہ، تیلہ نہٕ چھکھ ژٕ حاجی تہٕ نہ اصفہانی۔ ژھعرتہٕ لاگنہ۔ ہے بٕ ژھنگہ ہیو روزن، گوب کڈتھ لبن کن وچھن دہ داغ دیُن، گونرٕ ژھ کاسنہ تہٕ یوٚہے احمقاہ ہیو بوزنہٕ یُن۔ یُس یی چھے ژٕ ہے کرُن ہییہ چھے نہٕ ژٕ ہے کامہ کینہہ۔ پانس چھم پرژے خبر تہٕ یی اوسُس کران تہٕ۔

حاجی۔ پرژھن کتھن چھُ خود صاحبے قائمی امیانی کنز چھُ پیٹھ گوہ کھینہٕ کھوتہٕ کال کھینہٕ وراۓ شونگن جان؟

خاد، بہٕ دراس تیح پاٹھو ہتھ ژوٚمر آوتھ تہٕ اچھہ زوٚن گنے تھوٚتھ مجتہد صاحبس سماجہنہٕ۔ اتھ مصیبتکس عالمس منز اوس ننہ قم شہرس منز ترٛژھ پرہ شکلاہ گمژٕ زٕ خالے آسہ ہے کانسہ زاہدس ترٛژھ شکل واءٕ داءٕ وتہٕ پکان پییہ مے درویش ہنٛدِس بحرس پیٹھ شیخ سعدی ہنزٕ وٚنی منز کتھ ژٕ بِس

تہٕ یہٕ کتھ اُس مےٚ یانس برابر یوان زِ "کمہٕ تانی بزرگن

پرٛژھوو اکس پرہیزگارس زِ فلانی عابدس متعلق کیا

خیال چھُ تُہند، تس چھُ لُکھ بڑٕ بد ونان۔" پرہیزگار

وۄنُس در جواب زِ نیبرِ کنہِ چھُنہٕ مےٚ تس منز

کانہہ عیب بوزنہٕ یوان تہٕ اندرِ ہٕ حال چھِم نہٕ علمیتھ

کینہہ۔

ہرکہ را جامہ پارسا بینی

پارسادان و نیک مرد انگار

ورندانی کہ در نہادش چیست

محتسب را درون خانہ چہ کار؟"

بیٚیہ تہٕ ییٚیم کینہہ کینہہ کتھ سعدی صابن ونٕمتس تہٕ دوٚہم

ییمہ بوزناوٕن مجتہد صائب موقس پیٹھ۔ خاص کٔرتھ

ییٚیم یہٕ کتھ ونٕمتس: "اِفْعَلُ بِیْ مَا اَنْتَ اَھْلُہٗ

وَلَا تَفْعَلُ بِیْ مَا اَنَا اَھْلُہٗ۔ بیت

گر کُشی ور جُرم بخشی روی و سر بر آستانم

بندہ را فرمان نہ باشد ہرچہ فرمائی برآنم

آغہٕ صائب اوس پیشین نماز پٔرتھ پھیکو بیٹھ

دُچھنہِ کھوٚورِ سلام پھران زِ یُہ ووتُس مقتدی

تہٕ مُرید اسی ییتہٕ کنہِ، لورِن ہندی یا کھوٚزن ژٕنگتھ

تہٕ مُدے گنڈتھ پیرس کُن وُچھان۔ یانی اوراد بیتر

پٔرتھ موکلیوو، تانی گوس مُلہ صائبا ہ اکھ پرٛنتھ

کُن تہٕ وونُنس میون۔ آغہٕ صائبُن موو مےٚ اکھ سۄچ

اشارٕ زِ "بہیہ"۔ چونکہ کس دامانس کوٚرمس میوٹھ

تہٕ بیوٚ لٹھُس پتھر۔ اتی چھُم دپان: "حاجی صائب!

مُبارک اسُن چون یورُن۔ لۄڈ شرف تہٕ سیٹھا یز چھو

چانس یور ینس۔ اسہِ چھِ چانی بڈٕ تاریف بوزمژٕ

ڈٕلو میٹھ پہن بہوِ۔"

بڈٕ رُوزِ رۄزمژٕ سیٹھاہ نیرمی ہیو ہاو

ووتُس یہ کوٚٹھی کھوٚر کھشہٕ آغہٕ صائبُس نش۔ اتھ

زِ بھوم چھنہٕ نرین منز تہٕ کھوٚر بھوم پتہ کُن پھرتھ

..... بچھن تل ژور۔

مجتہد:۔ اسہِ چھُم بوزمُت زِ تہٕ چھکھ ایمان دار تہٕ

پرہیزگار ہیوٚ۔ چون قول تہٕ چانی عمل چھےٚ ہشی

زِ نِتھ چھی نیٚبیاں زِ ریاہ کرن والین ہندی یا نِشی چھکھ

نہٕ نیبرِ کنہِ مومن تہٕ اندرِ کنہِ مُنافق۔

حاج:۔ اللّٰہ تعالیٰ پوشہٕ ناوِن تُہند سایہ آغہٕ

صائب! یہٕ حق چھُس تُہند تلہٕ ییچ گرد

تہٕ تُہند بر ہیچھ ک موٗنان اکھ۔

مجتہد۔ (گوہ بر سوٗ نبرٕ اوِتھ) یوز چھکھ ونان۔

اللّٰہ تعالیٰ ہن چھےٚ زمےٚ رحیم وتھ ہاوِمژ۔

زِ تُم شہرک چھکھ مُجاوِر بنیومُت۔ اسہِ ووت

پانس سیٹھا کال دُنیہس لاہ کرِ مِتس۔

ژٕ اوٚ نمکھ اوٚسے ناد دِتھ زِ خبر چھا یہٕ ما

سکہٕ چانی کانہہ خدمت کٔرِتھ۔ تعاونو

و تحابو۔ اکھا اکس کرٕ مدتھ تہٕ مہر و محبتہٕ؛

حدیث شریفس منز چھُ امت زِ "من یتقی

یہھدِ مَن لا یَبصُر و من یسعد لیَمن
مَن لا یَسعَد" گاشدار کرِن اُنس
اکھ روٹ تہٕ بخشنہٕ بوڈ ہین بد بختس اکار بکار
ییمہ کتھ بوزِتھ گوٚ سے جور تہٕ تہٕ نیہ سے
سعدی صابنہٕ کینہہ کتھ چھکھ تہٕ سیتی بوز نووُم
پنُن حال تیتھ پاٹھو ژٕ واٹھ کرِتھ تہٕ ٹھیکی ٹھیکی
زِ ییم اَتہٕ بہتھ اُسو تمو ہیوٚت سے شہید شِنز نظر
وُچھن۔

مجتہد۔ یہ بوزِتھ چھُ اَسہ ژران فکر زِ خودایہ یمنز
یاری سیتو ہیوٚ تنے ژٕ سُہ دوہ نی زیکھ
واتُن ییمہ دوہ یہ ژٕ ٹے حل مُشکل سپدی۔
پادشاہ چھُ حضن موصوفہ منز زیارت کرنہٕ پیٚنہٕ
وول۔ تس چھے میانی سیٹھا پَژٕ بہتھ
ژٕ ٹھو یقین زِ ژٕ ٹے مو کلاونس منز ٹھونہٕ
پٔے کینہہ تہٕ پر۔

حاجی۔ حضرت یہ ناپکار تہٕ عابدار انسان کیا ہیکہ
تُہندِس اکھ پتا یتس وَنتھ۔ سے ہوس
مُلہ ناکار انسانس ہیچھ تُہند یہ یحسان کرُن
چھُ تُہندُے بجر تہٕ ٹھرُر نتہٕ زَن گُجا بہٕ تہٕ کُجا
تُہند یہ مہربانی۔

مجتہد۔ (میانہ اَمہ ٹھنہٕ چھیتہ سیتو ژالس منز یتھ)
یہ چھُ صافے ننان زِ ژٕ چھکھ سانہٕ وے منز۔
اَلمُومِنُونَ اِخوَۃٌ" پاک مومن چھِ اکھ

اکس سمکھنہٕ سیتی پرزناونہٕ یوان۔ اکھتے چھ
دپان زِ انگریزن منز تہٕ چھے پادریو ناوچ کو یہ
تانی جماتھ یم ساسس لُکس منز پننہٕ جماتہ ہُندس
نفرس پرزناوتھ چھ ہیکان۔
بوزن والی چھ لا اِلٰہَ اِلا اللہ تہٕ لا حَولَ ولا پرِتھ
پرِکو سانین ییمن کتھن تاوِیز کران۔
مجتہد۔ حاجی صاب! قلندراہ اکھ تہٕ چھے ژٕ ٹے
سیتھ یس درویش کرِتھ چھ وَنان۔ بوزُم
توٚہی چھو پانہٕ وانی زانی کار تہٕ بسہ چھُم سفرس
منز تہٕ ژٕ ٹے سیتو سیتو اوسُمت۔ یہ چھا پوٚز؟
حاجی۔ حضرت! یہ کیاہ کرُ عرض تُہندِس خدمتس
منز (دُل میٚلے وونمس) اَہن حضن، سُہ بچار چھُ
بُڈ مسکین تہٕ پھانگر۔ سے ڈِیس پانس سیتو
روزنس جائے۔ یتھے چھُنم خدمتھ دِژٕ ہتا
تہٕ کرُم پرتہٕ توٚ سے چھُس تتھ کنُ نظر کرِتھ تتھ
خیال تھوان۔
مُجتہد صابن رَٹ ولنچہ شارچ لوٚ تمہ اکس
منز تہٕ مُریدن توٚر فِکرِ زِ آغا صابس چھُ کیاہ تام
فرماوُن۔ ساری روٚد کن داپرِتھ۔ آغا صاب لوٚگ
وَننہٕ زِ: "ساری چھ ییم پانس درویش ناو کران
اَدِ یا نور علی شاہی یا نعمت اللٰہی، ذہبی، نقشبندی
یا اُویسی سِلسِلکی اُستن۔ ییم چھ ساری کافر تہٕ مور تد
ییمن سانہٕ نے گرِشہ گردن ین دِنہٕ۔ یس اکس یمنز

پژھہ آسہ سہ گژھہ قتل کرُن، زندۍ زالُن تہ تس
گژھہ گردن ژٹُن۔ یمو منز چھہ اُڈۍ دپان: روزہ
ؤری چھےٚ غذا بچت کرنہٕ موکھہٕ، نماز پرٛتی چھےٚ
موند زنانن ہنز کام تہٕ حج کرُن چھُ دُنی ہنٛدۍ جنت
وچھنہٕ خاطرٕ۔ صرف چھُ دل بجاہ اَننۍ یوت وتن
ہنز کام" اُڈۍ چھہ دپان زِ ؎

طاعت آن نیست کہ بر خاک نہی پیشانی
صدق پیش آر کہ اخلاص بہ پیشانی نیست

اکھ چھُ ونان زِ ؎

"گر کسی از سجدہ ہا رہبر شدی
ونگِ ہر رزّاز پیغمبر شدی

بیاکھ چھُ دپان ؎

فسق من و زہد تو فلک راچہ تفاوت
آنجا کہ بصر نیست چہ خوبی وچہ زشتی

لہٰذا اکہٕ کِنہ یم حُسن تہ قبیح سانین عملن منز چھہ تم چھہ
اورے پیپنہٕ۔ اَصلی چھچھی نہ آسہ تام زِ حُسن تہ
قبیح کیاہ گو۔

موختصر چھےٚ یمن درویشن ہنز کتھ بنوُن بنوُن
مگر معنہ مُطلب چھُکھ گنہٕ۔ اَصلی چھنہٕ یمن قوراَنس
پیپٹھ، نہ حدیثن تہ نہ سنت محمدیس پیٹھ پژھ دپان
چھہ" قوران مجید گو نیکیاہ بد یاہ، حدیث بیتر
چھہ لاگتھ تھونہٕ آمتو تہ دلۍ کتب تانی وزے میتۍ۔
پرانین اجدادن ہنز وتہ پیٹھ پکنہٕ تلہٕ کیاہ نیر؟

بیاکھ جماتھ چھےٚ یمن منز فقط "یا ھو یا من ھو
یا من لیس الا ھو" پرٛہ پرٛہ تہنہ پاٹھو کلہ
ژِرنادان تِموہٕ وتہ چھیران آسان زِ وونہ سندر
پاٹھو چھکہ آسان اُسس پوس کھوتمت۔ یم شوپٹھ
چھہ اَتھ "ذکر" ونان۔ بیٚیہ تہ چھےٚ بیاکھ جماتھ۔ تم
چھہ دپان۔" اُسہ گۍ حقیقت زانن والیو منز تہ
سارِوے کھوتہ چھہ اُسی تھزر زِ۔ اُسہ پتہ پتہ یکن
والۍ گۍ طریقت زانن والۍ تہ باقی گۍ شریعت
پالن والۍ۔ حقیقت چھہ دپان نبی کریمسن پژھ
کرٛنی۔ طریقت گیہ آنحضرتن ہنز عمل تہ شریعت
گوتہنہ کلام۔ ساڈی کام گیہ محمدؐ زانن، اُسہ چھنہٕ
تہندس کلامس تہ تہنز عملہ سیٹھو کانہہ لین دین
اُسو گۍ باطن زانن والۍ۔ عملہ یا کلامس پتہ پتہ
پکُن گیہ ظاہرس تقلیدہ کرُن والین تہ کنجہ پتہ دورٕن
والین ہنز کام" آمہ جماتہٕ ہنسد وہتھن بہتن چھہ
شورن، بدماشن، جاہلن، تہ لفنگن سیٹھو زلان۔
موقوال مع ہنوین سیٹھو چھنہٕ یم قطعی زلان" یاعبی
ناوچ چھکھ بیاکھ جماتھا۔ تم چھہ دپان۔" اُسو چھہ
واجب الوجود س سیٹھو میلتھیان زِ سون وجود گو
وحدت الوجود"۔ ہنہو کیتہ تبراہ تہ چھکھ باوتھ
تھوٚمۍ میتۍ۔ مثال کرٛتھ "لیس فی جبتی سوی اللہ"
تہ "انا الحق" بیتر۔ خرقہ تہ جشد چھہ نالی لاکان
تہٕ خودا یہ سندین نعمژن چھہ ذکرٕ دتھ دپان زِ:

"اَسہِ چھُہ دُنی یُتھس لاہ کۆرمُت" مستی، عشق، گیُون
زٕژُن، کُنیر، واصِل باللہ تہٕ فنافی اللہ، پیٚشھے پیٚشھے
پریشانی ہینٛز کتھ تہٕ بکواس چھِ کران آسان۔ نہ چھکھ
ییمَن کتھن ہنٛز پانٕس خبر آسان تہٕ نہ چھُ بییَس کانٛہہ
فکرِ تران زِ ییمَن کیاہ معنہِ مطلب چھُ۔ تہٕ زانن نہٕ حرام
حلال، پاک، ناپاک، نجس تہٕ مکروہ کیاہ گو۔ لعنتِ
خودا پیٚییہِ نکھ۔ یہِ کینٛژھا اُسَس تَل واتِتھ تہٕ چھِ
نیشنگاوان۔ یہِ زیٚو پیٚٹھ پیٚتھ تہٕ چھُ دوران۔
یہود، نصاران، آتش پرست تہٕ انگریز چھِ یمن
نش ہشی کتھ۔ نہ زانن مذہب نہ دین۔ اللہ
تعالیٰ کرِ نکھ ذلیل بے دینن۔ یہندی کنو تاؤ نہٕ زٕ
چھُ وۆنمُت ؎

نہ در آئین مسلمان ونہ درکیش کشیشم
حیرتی می برم از خود کہ من آخر بہ چہ کیشم

نے چھُس بہٕ کافر نے چھُس مسلمان
اٰخر بہٕ چھُس کیاہ عقلے چھِ راوان

وُچھان چھُہن ناسہ رومی[۲] ملہ کیاہ چھُ کُکلِہ ہندکٕ
پاٹھو کۆکۆ کرِ کرِ پننہِ مثنوی کتابہ منٛز بکواس
کران تہٕ کم کم افراط چھُ دوران۔ تیتھو کتابہ منٛز
چھُن وۆنمُت ؎

ہر کرا خلقش نکو نیکش شمر
خواہ از نسلِ علی رضؓ خواہ از عمر رضؓ

۲ مولانا جلال الدین رومی۔

یُہندِ سہ عطار[۱] یُس تہٕ شریعتچ خبر پیٚچھے، سہ
چھُہ فقط وحدت، کثرت، ریاضت، محنت،
دیدارِ الٰہی، سلوک تہٕ طے مکان چہ کتھ کران
خاطر تو تہٕ اُس یہ کانٛہہ کتھا مگر یتہٕ چھُ پانس اَد
خوداہ تہٕ بُتان، گداہ تہٕ، آب تہٕ، نار تہٕ، زمین
تہٕ زمان تہٕ، رُح تہٕ گٕو ٹھج، بیٚییہ تہٕ پانس کُنٛی مقام
الا سے بلا سے بُتان۔ یمہِ بجایہِ چھِ ساری پانٕ
پانس پانے حقیقت زانن والی، صوفی، کاٹھو،
عاقل، وَتہٕ ہاوک تہٕ رہبر وَنان۔ وَنٛن کیاہ چھُ
ییمن رہبرن! ییمن وَتہٕ ہاوکن! ییمن پتہٕ پتہٕ پکن
والین تہٕ یہنٛزٕ وَتھ ژھانٛڈن والین! اِذا کان
الغراب دلیل قوم سیہدیہم بوادی
الہالکینا۔ ییٚلہِ کُنہ جماعت کاو وَتہٕ ہاوک بنہ سہ
ہاوِ تیتھہ موتہٕ چی وَتھ۔ ذوالنون مصری، حسن
بصری، حبیب عجمی، معروف کرخی، شبلی بغدادی
منصور حلاج تہٕ اویس قرنی ہیتھ یُس حرس
تہٕ بھنگ چینہ وولاہ کُنہ چھُ تس پیٚز......"
اَتہٕ ییم رہِ پیٚتھ اُسو تیمو سار دیے...... تہٕ
بہٕ ملعون تہٕ رلیوس تیمن سیتی تہٕ گوس لعنتس
گرفتار۔

ییٚلہِ مجتہد صاب یمہ کتھ وَنتھ موکلیو
ساری چھِ پننہِ پننہِ جایہ کریمانہٕ کڈان زٕ آغا صاب

۱ مولانا جلال الدین رومی

کوتاہ زانن وول چھُ تہٕ خبر کاژاہ چھُس۔ اُمِ سُند

طور طریقہٕ تہٕ پرٛتھ تہٕ پرٛتھ وُچھتھ چھ راوان یِتھی

چھ مے کنہ تہٕ تٔمی تاریو وُچھان زِ یِمو کتھو سیٖتؠ

کوتاہ اثر گومت۔ بہٕ تہٕ رۄدُس بہٕ اکھ راوتش

تہٕ تاجب کرنس منز یِمن پٮ۪تھ کیٚنہہ تہٕ رنگن گرٛی

تہٕ آنہٕ آنہٕ کرنس منز رۄدُس تیتھہٕ پاٹھی بڑو نہہ

بڑو نہہ زِ ساری چھِم آفرین تہٕ شاباش کران۔

مجتہد صاب چھُنہٕ مُریدن ہندِس کریمانہٕ

کڈنس پیٹھ وِنہٕ آنی گنہٕ تہٕ تِمی ہیٚتھ تم رقم بد رد

صوفیین ہندِ ناوٕ وننہٕ زِ ہرگاہ بہٕ یانہٕ صوفی آسہٕ ہا

پننہٕ اکھ کرٕہس کتھ مگر بہٕ چھُس پننہٕ زاہد

ورتاو تہٕ رُت ترٛ نیرنس پیٹھ اندریوٗ اندری وِچھان۔

تہٕ تیوت خوش گوس زِ مے گو پانس مغالطہٕ زِ ظاہر

ما چھُسے بہٕ زاہد۔

پانس سیٖتؠ چھُس سوچان: ہرگاہ یِ چھُ

زاہد تھیکن، تیٚلہٕ کیاہ کتھے چھے یہ؟ تیٚلہٕ

چھُس بہٕ زاہد آسِتھے، یِمہٕ یوکن کو خاطرٕ یِمہ

تکلیف تہٕ کیاہ زِ ژالہٕ ظالمن ہُند ظُلم تہٕ یِمہ ہیچ

نس تہٕ تھکہٕ تھوک؟ گوم کتھ زِ بلاین دار

خاہ مخہٕ ہس پیٹھ سینہٕ؟

پننہٕ جایہٕ کورُم ہیرِل ورتاونک فیصلہ

تہٕ دژاس ڈیرس پیٹھ۔ یِیلہٕ ڈیرس پیٹھ مہٕ درویش رفیق

ترٛبے یِ اتی آسو، بہٕ کیٚنہہ ہا مجتہدن درویشن تہٕ

خاص کرِتھ تِمن ووٚنمُت اوس تہٕ بوزنوومُت سوٗے

نہٕ دوٗہمس۔ "مے چھُ یوان بوزنہٕ زِ بڑہ جان گژھہ

ہرگاہ ژٕ یِمن شکہ کانہہ مہ کُہ ییٚتہ ڈنگے بڑاو

تکیا زِ یِمن چھے سارنے ژٕیے کُن اَچھ۔ موقہ یِتھے

چھُ مے فِکرِ ترٛان زِ یِم مانگدِ نہٕ ژٕ مے کاڈر۔"

درویش تیز یوو تہٕ چھُ دپان "ہہ یِمن ناوٕ ن

نبہٕ ترٛٹھ پیٚیہ! یِم حرامزادٕ کرٕ ہمن ہیانہٕ خونہٕ سیٖتؠ

ٹھولاک۔ مے ہوس نوتوان مُرکس مادنہٕ سیٖتؠ کیا

تنا بیہ یِمن حاصل؟ اُدِ سہ نہ چھُہ طریقتی خبر

نہ شریعتچی۔ نہ چھُس صوفی نہ دین دار۔ یِہُندمے

دِل رچھنہٕ موکہٕ اوسُس پاٹھان وقتن پنن شہ

کلہٕ سجدس منز والان یُس تہٕ زانہہ تہٕ مہ پیٹھ ژُمن

زانہٕ ہا۔ یوت گرٕہتہ تہٕ چھُنا یِمن میون ییٚتہ رۄزن خوش

یوان؟ خاہ، بہٕ دژاس، رۄزن یِمے ییٚتہ جہنمس

منز۔ ووہنی ہرگاہ مے تہٕ زانہہ بُتھ چھوٗل تیٚلہٕ بیہ

لعنت یِمن وِسان چھُم، سوہے وُسن شوٗتھن"

تو بیہ نیشہٕ کیاہ کھٔٹہ، درویش سُند ژٕ لیچ

نیت وُچھتھ گوم نہ یِتھے کیٚنہہ تہٕ۔ درویشس

ووٚلتھ تہٕ ریشمی رزاہ گنڈن مُلس، کمرس ترٛاولن

بڑگھ ژراہ اکھ الاثر، تسبیح تہٕ جت امتس اکہٕ

پوسیتین تہٕ کشن تھون چھٔکس پیٹھ تہٕ دانہٕ دار

ڈنڈاہ اکھ امتس کیتھ رٹتھ دژاو نمبر۔ اکھ بجس

وٕ ژھصتھ ہیتھ ترٛوونس بٔ گنٛ زوٗن۔ یوٗدوے

اُمسن پھارِس اوسنہٕ سورُے دُنیاہ ژھُنڈِتھ ژاونہٕ
غاصِٕ وۄ یۄ زٕنگو وراٗے بیٚیہ کینٛہہ تہٕ پنُن' آما پوٚز
نیرِنہٕ وِزِ دژاو تِمو کُنُو اَسان اَسان تہٕ خوشحال
پاٚٹھۍ زِندٕ سارِ دُنیہک حال اُمو شُنُدُنے اوس
یُتھے یہ بَلاے دَفاہ گَیہ آشنا چھُس کرٛان تہٕ
اَنٛدرۍ کِنۍ چھِنُس دپان: " گژھہ حضرت علیٰ کرُٛ نے
رفاقت۔ گژھہ چاٗنۍ کھوٚرِ مہٕ روٗزِن زانِہ تہٕ نوٚ
کھوٚر بانہٕ نیش خاٗلی۔ سیٹھا چون مہٕ گژھن نوٚ یوٚ
نوٚ یوٚ دلیلو نیش زانِہ ژھوٚرِ یِتھ ژٕ طرفاتَن دِتھ
تیژھ عاشاہ تہٕ اَراماہ کرِکھ یُتھنہٕ عاشک سامانہٕ
اُسِتھ تہٕ پوٚنسہ والین نصیبہٕ چھِہ آسان "

## ۴۔ حاجی بابن یِتھ کتھ سر گژھن

زٕ درویش کوٗرِ سہ پھاٗنگرٕ تہٕ تشنٛد استانہٕ منزٕ نیرٕن
استانہٕ منزٕ موکلن پلے سپدنک اوس
وۄنی مٲے حرف مجتہد صاحبُن وعد بُس اکھ بجاو تہٕ
تتھ آمِد وعدٕ سیٹھا گوم ہمنا دریر ہیوٚ تہٕ دوٚیُم یہ وعدٕ
پوٗک کرِنہٕ موکھ پَزِ مٲے تس کینٛہہ ڈالیاہ واٗلیاہ
نِشِہ تکیاز پیٚٹھو وانہٕ وراٗے ایرانس منزٕ کانٛہہ کاٗم
انٛدنۍ چھِہ مُشکِلے۔ لِہاذا کرِتھ ہیُز مٲے بروٚنٛہہ ڈالہٕ
منزٕ تبدیل کرٕنۍ۔ یِہے گژھہ تام پوٚنسہ اَسہِ گُذران
کرنہ موکھ یِتھ کِنۍ بَدِ ہیکو تہٕ رٕچھ کرِی کرِو

اُسہ ہم پوٚنسہ کو تجس اَکِس منزٕ ییرٕ ژٕل دوٚبرادِتھ تھوٚو متو۔
پٔنِنہٕ جایہ کوٚرُم فیصلہٕ زٕ جان پہن نمازِ راداہ
ہیمہٕ تمۍ تہٕ اَکھے دوٚنم تہٕ کستام نمازِ راد اکھ مٲے
ووٚنہٕ موکھ اَنُن تکیاز مٲے دوٚپ زٕ نمازِ راد سیٹھا آسہٕ
بٕ وِزِ وِزِ مجتہد صاحبس ژٕتس ہیوان۔
بٕ گوس اَکھ دوہ تس کُن یِیتھن ہم پوٚنسہ
دوٚبرادِتھ تھاوِ متو اَسہِ۔ اوٚتَن واتِتھ گوس رٕوزِتھ
توٚہہ تہٕ سوٚچو پانے زٕ مٲے کیاہ آسہِ گومُت۔ ییلہٕ مٲے
وُچھو جاے پٔننی جایہ تہٕ پوٚنسہ نہٕ کُنی۔ حاٗلتھ، نادِ دِیہ مدد یاہ
ژکھ تہٕ نار زَن آم یکہٕ وٕٹھ دوہ تلیتھ۔
شوٗش کھوٚتُم یوٚر۔ اَمہ پتہٕ چھُس کلہٕ ٹھاسِتھ
بٔڑ بٔڑ کرِکھ دوان تہٕ وَنان: " ہیا، قلندر خرٕ! ہتا
صوٗفی ہونہٕ! بجِھ اٲنِتھ کرٕتھم بیرونی ناد۔ گژھہ ژٕ ٹے
دوہہے تاونے تاوَن! گژھہ ژٕ ہر ہمیشہ وٕنہٕ وُنہٕ بچھُن
بٕ بیہنو تھس خاکس پیٹھ، گژھہ ژٕ ٹے نہٕ گنہٕ تہٕ
اَکِہ کھوٚر لگُن!"
اَمہ پتہٕ ہیوٚتُم بٔڑ بٔڑ وَدُن، تکیاز بٕ اوس
کھوٗژان زِ قمُم شہرکۍ ناکھ کرٕن نہٕ مٲے کانٛہہ مُرُوت
تہٕ شوٗبھِ مَر فاقہٕ دی دی۔ نا وُنہٕ میٲنۍ چھِہ اکھ
بُڈ بیماری۔ یوٚت انسان اَکہ پتہٕ رونہٕ تیوٚت چھُس
یہ اَتھ کھسان۔ بٕ ہیوٚتُم تس فِکرن قرار اوُن۔ گوٚڈنِچ
ہیوٚم ژینیہ ہند تمِس حالس منزٕ مرُن یاد، نہٕ تہٕ
چھُس وُچھان کِتھ پاٚٹھۍ گوس واہ اَنہٕ کُن تہٕ ...

یتھ آستانس منز چھینہ۔ یوت دأرتھ اوسُم یہ
تاوَن ژوُر ہُند پشہ۔ تیوت دم پھٹھ تہ نادو میہ
گوس زہرگاہ زہر آسہ ہیم برابر کھیمہ ہا۔

اُتھی منز ژاو بڈ مولویاہ اکھ ییس مجتہد صابُن
نِش بہہِتھ مےٚ درویشن نِشہ عیسہ روزنُس بیچھنا نصیحتھ
کران اوس۔ ییتھے یہ دُچھُم بہ آس مُنزراونہ تہ تمہ
حالہ بوزنو وُم پننی حال زِ اُمس یہ گو کیا ہتانی۔

بہ چھس اُمس وَنان۔ "حضرت! توٚہیہ حقن
اُمسو پوٚژے وَنان تس درویشس نِش عیسہ
روزُن۔ سہ حضرت ژوٚل مےٚ ساری پونسہ ہیتھ تہ یتھر
پوونس۔ دوس لأگتھ ولسنم پوس۔ وونی ونتم حقن
کتھ تاونس لگہ بہ کیاہ کرہ تہ کوت گژھہ؟"

یہ ووٚنُم اور۔ "کینہہ چھنہ فکرٕ، ژہ ہیٚے
غم۔ خداہ چھُ بوڈ سبب ساز۔ ہرگاہ خدایس
یہی منظور آسہ زِ تُہ گژھکھ وُمرِ شُکس لدے روزُن
تیلہ کیاہ انہ تیتھ چانہ سیتی۔ بلاے ژھن پونسن۔
راوی زِ راوی۔ آخر زوٚ تہ بچوکھ۔ جان چھے جہان۔
زوٚ کھوتہ تہ چھا کانہہ ٹوٚٹھ چیز دُنیہس منز؟"

مےٚ دوٚپ س۔ "ہیتہ حقن، وَنان کیاہ چھکھ تہ
یہ؟ ژھور زوٚتہ خوتہ سک پان کتھ لگہ؟ اوٚر پان
آسنہ سیتی پینہ مےٚ تم پونسہ وایس؟"

آخر چھس بہ اُمس زار پار کران زِ مجتہد
صابس کرِو زِ یہ کتھ صفو رُد کرِتھ کُنن یتھ تمن
فکرِ تہ زِ میانی ڈالی نہ وانتس کیاہ وکانہ گو۔

مولوی صاب دراو تہ یہ کام کرنس پیٹھ کوڈون
وعدہ۔ اُمی دوہہ بہ واتس شاہی فراش ہسند دُس
قم شہرس منز پادشاہ سُند پینچ ششیچھو۔ یہ فراش
دوس تو سے نشہ نشر کرِنہ، معو کھ برونٹھے آمت۔

آنگنچ پوشہ دار، تھونکھ شیشرہ ہیرتھ،
آنگن کوٚرکھ ڈوٚرتھ کرتھ صاف، قمواہ ترآوکھ
تیلہ۔ تہ پادشاہ سُند س خاص کمٹھس تروٚوکھ فرش۔
مولوین ہنز اکھ جماعت کرِکھ پادشاہس سُنز پیر تہ
استقبال کرنہ معو کھ تیار۔ مو حصر تھو وکھ یہ
پادشاہس چھیہ تہ زِ یہ سان استقبال کرنس
کینہہ تہ پیہ۔

مےٚ ہیوٚر پانس سیتی فکراہ کرنی زِ "آخر یہ کیاہ
مےٚ۔ واریاہ کالہ پیٹھ آسہ نہ طہارنچ خبرے
کینہہ تہ بیتہ اُسہ نہ خبر زِ مےٚ کوتاہ جرم دسکھ
کھولمت تتہ۔ بیلہ مےٚ آخر پننین خطہن تہ ژراو
کوٚر مےٚ بیوٚٹھ پننہ جایہ زِ پادشاہس ہے تسلی گژھہ
تہ سہ گژھہ چھس صرف شوٹھس کلہ ژٹی تھے۔ بیارہ
چھس بیتہ سوچان زِ ہ

من کیم تا کہ بیایم بہ شماری باری

بہ تہ چھسہ کنہ گو نژ منز پادشاہس برونٹھ کنہ زِ
تس پیٹھ میون خیال۔ تسُند س عظمتس، بجرس تہ
تسنز ہیمژ تہ نچھ چھا میون خون کنہ مجرمس؟

ـ۵ آنچه در هیچ حسابی نه بوُد، خونِ من است"
سیتی اوسُس مجتہد صابنہٕ شفائُرشہ تہٕ ڈکھ رٕٹنس
پیٹھ تہٕ پٕژھ کٔرِتھ۔

پادشاہ سُند فراش اوس مےٚ پرٛژن یار تہٕ یِم
تس نفرٕ سیتی آسہ تمہٕ منز ذرٛاسے مےٚ کینژہ زٕنی زانٔنی
کار۔ یوٚدوے پرٛانہ دٕونمت چھُ زِ ــ

ہر کرا پادشاہ ببیند از دُور
کشش از خیل خانہ نہ نواز د[۱]

اما پوٚز تہٕ کرِتھ تہٕ رٕوزِم یمن سیتی یارژ یہ کینژھاہ
ظاہرا تہٕ منز نیرِتھ مےٚ پتہٕ تتہٕ سپدمت اوس تہٕ
بوز نووُس یمہٕ سورُے۔ یوٚدوے مےٚ پانس سیتی
ڈینہس لاہ کرنک فاصلہ کوٚرمت اوس، اما پوٚز ہیٚنز
زیٚو آیم ڈینیہچ کنہ باتھ بوزنٕی پسند ہے۔ دوٚپہم:
"رسالہ افسر آوُرٕ منس سیتی جنگ کرِتھ وایس
تہٕ پادشہس کرٛ آنِن سیٹھا ڈالہ۔ ییٚنہ بوٚہ دوٚری
تہٕ طاقتھ آسِتھ معہ کیٚہ آسن گرجستانچہ کنیزٕ تہٕ تتکو
غلام رٕٹمتٕ آسی ہیتو تہٕ تمے کرِن پادشہس ڈالہ
بدلہ پیش۔ پادشہن کرٕ تنشرہ یہ ڈالی قوٚبوٗل تہٕ پادشہن
تہٕ دوٚلتس خلعتھ مگر ہتھ شرطس پیٹھ زِ وُنی کہ پتہٕ
ژاوِسہٕ شراب چوٚن۔ ییتہٕ بوزِم زِ پادشہس ییلہ
کنن گوٚو زِ زینیہ ہنٛدس مامِلس منز چھُ مےٚ تہٕ تقصیر

تہٕ حکیم صابن اُس زوُ بچاونہٕ معہ کیٚہ پادشہس
رٕڈ بٕڈ پے ڈالیاہ تہٕ نٕمرٕ مگر پادشہن اوس زینبہ
ہنٛد ہمٹہ گیوٚن بوزنہٕ تہٕ تسُند نژُن وُچھنہٕ نسِہ ہمیشہ
کرٕ خاطرا آتھ چھٕلنہٕ کِنہ حکیمس نچاین والہٕ ریہ نش
کوڈمت۔ تمہ پتہٕ تہٕ اوسنہٕ پادشہس خشم ہموٚت
یوٚت تانی تہٕ ادٕ رسالہ افسر گرجستانٕچ کنیزا اکہ ڈالی
ہیتھ آس یمہ سہ حال پرٛزنہٕ ناوِن والین ہندِ کر
کِنہ طاوس کنیزِ پتہٕ لعلکی پاٹھو معہ لالہ تہٕ نیٚرِ نیٚرِ
کرٕونی اُس۔ اکھُے دیان انسان سُندِ پُشتہٕ منز چھنہٕ
زانہہ تہٕ ترٛٹھ رِژ گوٚچھا پاچِھ گاہِژ تہٕ نہ چھے نبہٕ منز
زانہہ ترٛٹھ شکیل رٕونا ہ نیبرٕ درٛاہیٚژ۔ پادشاہ
سُندِس فراش سُند کو وٕہنہ کِنہ آسہ تس اچھ منز اکھ
سوٚنب، تہٕ ٹھکرٕ اوسُس زرٕ زرٕ تختہ سرٕ وٕگِس
ہیوٚ یُس قم استانہٕ کس باعث منز اوس (اما پوٚز تیلیٚ
ییٚسنہٕ تمہ سرٕ وگل پکہِ ہا) آخرس وٚوتھ زِ "پادشہس
ہرگاہ شرارتھ چھٹہٕ تہٕ سُہ چھٹس فقط روٚپیٚ سیتی۔"

پوٚتسن ہنٛد ناو بوٚزِتھ ہیوٚم درویش بیٚنیہ
ژہتس تہٕ چھُسس لیکہٕ ژاران زِ "گرٛنٛھہ قلندرٕ
ژِ نہٕ زانہہ تہٕ بال بچھِ لگِن۔ پوٚتسنے آسہٕ ہنتھ
ژوٚرٕ نیمہتو، ییٚکیاہ وُنی کین معہ کلہ ہیم پان۔ "غارٕ
مےٚ گوٚو دِل خمہ ہتی ییٚلہ یہ دوٚپتھم زِ "یوٚت ژیے
بوزنہٕ لوان چھُے، تیوٚت چھُنہٕ چون مامِلہ مُشکل کینژہ"
یہ بوٚزِتھ ہیوٚٹھس صبر کس وٕگوس پیٹھ، وٕہتھن

---

۱ یُس پادشاہ ناراض گژھہ تس کشش دِیہ جاے۔

تِلِ رٔٹِھم انتظارچ جِگر "الصَّبرُ مِفتاحُ الفَرج"[1]
تہٕ "مَن صبرَ ظَفَر"[2]. یِمے اوراد پَران پَران پُشرووُم
پان تقدیرس زِ وُچھو کیاہ بَنہٕ.

بیکُر دوہ یِہ ووت پادشاہ تہٕ شہرہٕ نیبر کوٗرُن اَمِس
نیمس منز قرار. ہرگاہ بہٕ تِتھی استقبالچ دلیل
بوز ناوِنہٕ بیٚہِم تِمہ سیٚتی توٗ کلہ دِووُے. زیارتس
پیٚنہٕ کِس ثوابس ووٗ میدوار گژھنہٕ معۆکھ ژھوٗرِ ڈدو
پادشاہن تہٕ استقبالُک قیصہ.

قُم شہرکین پیرَن سیٚتی آو بادشاہ بڑٕ ہتی پاٹھو
پیش تکیاز اَندرِ کنو اوس رتمن سیٚنی کھوژان. اُوسہ
رکتو ہاوُن میرزا ابوالقاسم مجتہد صأبُن سیٚنی یِژھ تہٕ پژھ
پانہٕ گوٚ تِس سمکھنہٕ نیکان نیکان تہٕ بیٚہنوٗوُن پانس نکھہ.
اَمہِ قسمُک یِژھ چھ پژھ سیٚتھی کم پیٚرن کرنہٕ آمُت.

زیارت کین دوہن اوس پادشاہ شہرس پیٚتھری پھیران
فقیرَن خاص کرِتھ سادات اوس کھلہ دِلہ خَیرات
دِوان. پادشاہس یِم نفر سیٚتی آمِتی تِم تہٕ "الناس
الناسُ علیٰ دینِ مُلوکِہم"[3] نظرِ تل اَنِتھ زِدہ تہٕ پرہیز
گأری ورتاوان تہٕ تِہنز یہ ریاکأری وُچھِتھ اوس
بہٕ اَندرِ کنی پانسے سیٚتی خوش گژھان. سرکأرِ

مُلازم آسنہٕ کین دوہن اوسُم لوٗزمت زِ پادشاہ چھُ
اَندرِ کنی صوٗفی تہٕ اہلِ حال تہٕ نیبرِ کنی چھُ شرعیتس
پیٹھ نیکان تہٕ بَیہ چھُ اہلِ قال منز. بیدِ یِن بندگو منز
اوسُم اَکھاہ وَنہٕ یُس تہٕ یِزِ دس کھوتہٕ کیشہہ تہٕ کم
اوس نظرِ آمہِ دوہ یِہ وُچھم تِس تہٕ نیبرِ کنی ایمانداری
ہِنز کھ جامہ نالی.

زیارت کرنہٕ کہ دوہ یِہ کوٗڈ مے تہٕ پان نوٚن یِتھنہٕ
مجتہد صأبس مے سیٚتی کرامت وعدِ مشتق گژھ.
پیٚشِنس باگی آو بادشاہ نیکان نیکان تہٕ مولُل لباس
تہٕ لعل و جواہر لاگنہٕ وَراٗے تہٕ اوٗ نقشدار لوٗر اَتھس کیٚتھ ہیتھ
بُزرگن تہٕ پیٚرَن سیٚتی سیٚتی آستانس منز. سادُی یے عالمس منز
وَرٕ دو گِرہ معہ چِھ پنیم تسبیح اَکھ اوسُس اَتھس منز تہٕ بس
یہ تسبیح اوس نیپہ کرُنہٕ بے سُلاخ معہ ہیچ یِس یِہ کمی تام
بُرین پیٹھ اوسُس ڈالی اوٗنی مرزہٕ ہرگنہ تہٕ اوسنہٕ اَتھ منز
تراوان اَتھ.

مجتہد صأب اوس تہٕ قدم پتھ روٗزِتھ بادشاہ پیٚنِس
پرژھِتھ غأرس بڑٕ اوسِ ساں جواب دِوان. تہٕ پادشاہ تہٕ اوس
اَمِہ سیٚتی اَندرِ کنی پھولان تہٕ مجتہد صأبنس جوابس وارِ کِن ژھوان.
اَتھ جائِ اوس میانہٕ کُنہٕ کر برکنہ پَکُن. تِمھے
پادشاہ میانِس کُنِس نکھہ ووت، اَمہ ساتہٕ اوس نہٕ اَمِس
اَندرِ ہکر کھینی. مے زون وَرخ غنیمتھ تہٕ بیٚیس کھوژن
تہٕ ژھس فریاد کران زِ "اے کمزورن رچھت والہ!
اے دُنیہس یأری کرن والہ پادشاہہٕ!
حضِ معصومہ رضہٕ ہِنز پاسہ کرِ توٚمہ مسکینہ پیٚٹھ رحم"

---

١. صبر چھے عأش و آرامچ کوٗنز. ٢. صبر کرنہٕ سیٚتی
لبہ انسان فتح ٣. لُکھ چھِ پادشاہ سٕندِ یسے
دینس تہٕ طور طریقس پیٹھ نیکان.

پادشاہ ووٗلھ مجتہد صابٕ بٔس کُن: "یہ گوٗنہہ چھُم؟ تہٕنٛد پچھا کانٛہہ؟"

مجتہد صائب ووٗلھ درجواب: "یہ حضرت چھُ یوٗ چھپنہٕ آمُت۔ یہ چھُم بُنیٛ تھے زِ یِتھین موقعن پیٛٹھ چھِ یِتھ آستانس منٛز چھپن والی یِنٛس پادشاہس ہٕنٛز داد و بیداد گوٗش کران۔ اللہ تعالیٰ تھوٗن پادشاہ سٕنٛد سایہ کمزورن تہٕ مِسکینن پیٛٹھ ہمیشہ موجوٗد۔"

اَمہ پتہٕ پھیُر پادشاہن مٕنٛ کُن بُتھ تہٕ پٕرٛژھُن کُس سہ چھُک ژٕ؟ تہٕ کیاز چھُکھ یور چھپنہٕ آمُت؟

مٕنٛ دوٗپُس: "میون پان تھہِ وَنٛدتھ! بہٕ نابکار اوسُس رِسالہٕ اَفسر سٕنٛد نٲیب۔ مٕنٛ چھُ حاجت بابہٕ ناو دُشمنو لاچار ہانٛژھ تہٕ نیتھ آس یِتھ مُصیبتس منٛز ہینہٕ۔"

ہنٛاہ دَم دِتھ ووٗلھ: "ہعل! تۆہۍ کم فِکر! تھیکھ! اژِہے گو کھِ حاجت بابہٕ؟" اَمہ پتہٕ ووٗنُن مجتہد صابس کُن:

پادشاہ۔ چاہے رِسالہٕ اَفسر آسن یا تٔمۍ سٕنٛد نٲیب یا بییہٕ کانٛہہ ہوٗن، یِمو اَگہ اتھ کوٗر، تِمو کوٗر سوال چھُ زِ یِمو چھُ پادشاہ سٕنٛدِس جاداس نار دِیتمُت۔ حضرت آغہٕ صائب! تُہۍ چھِکھ دِیتمُت کیٛنہہ رٕکھیِس تہٕ؟

آغہٕ صائب۔ نہ حضرت، تُہٕنٛدِ سرُک قسم تۄہۍ چھِو برحق فرماوان۔ مگر یِیلہ زَن کانٛہہ مرد سٕنٛد تہٕ زنانہٕ ہُنٛد ژٕنٛدٕ آسہ تیٛلہ چھُ یِتھین عاملن تہٕ تناوُن منٛز دوہ شوٗنی دِین ہُنٛد بوزُن پیوان تہٕ لگہ کنٛھن کٔمۍ پہَن کن تھوٗنہٕ یوان۔

پادشاہ۔ مگر حضرت آغہ صائب، مٕنٛ وٕنی تۄ یِتھ عاملس منٛز کیا چھیوٕ وَنان یِتھ منٛز پادشاہس سٕتی تناز آسہ؟ پادشاہ ہٕنٛز کٔنیز اَگہ اَرِ ماریٚہ۔ اَدنا اِنسان تہٕ ہیٚے آسہ، تَس تہٕ چھُ پیوان ماونہ دِینُن۔ یوت گو رٕوس بےدین خُلکھ اَگہ، تِتہٕ تہٕ چھینہٕ تِم یِتھین موقعن پیٛٹھ اَچھ توان۔ مٕنٛ وٕنی تۄ حکیم صائبنہٕ منٛز ژٕہہ ینہٕ مہ کھ یا رِسالہ افسر سٕنٛد نٲیب ہٕنٛز پینہو شٹھو وَلھ یِژٕ کرٕنہٕ خاطرٕ کیاز تٔمۍ اَدو اُسی یِنٛن مال اَتھہ منٛز یِتھے یِلہ؟

مجتہد صائب۔ یہ حضرت چھُ پوٗز زِ پرٛیتھ اَکِس چھُ ماونہ دِینُن تہٕ پنٕنۍ غار رٕتھ بجاہ اَنُن چھُ واجب۔ اَما پوٗز گنہگار عفو کرُن چھُ بوٚڈ ثواب۔ پوٚز دوے یِتھین موقعن پیٛٹھ آکھ ہورِتس پیٛزِ پاٹھۍ لذت چھِنہٕ مگر یُس سہٕ لذت عفو کرنس منٛز چھیٚ سہ چھینہٕ انتقام ہینس منٛز ہرگز تہٕ۔ حدیث شریف چھُ زِ "بیٛیِن ہٕنٛدِ کھوٗتہٕ چھُ قیدنیٛ پیٛٹھ عفو کرنس زیادہ ثواب۔" اگر پادشاہ قبلۂ عالم یِمس مِسکین گنہگارس عفو کرُن، تِمس ثوابس گژھو دوہ میدوار یوت بنہٕ اَتھ وٕہ رٕوسی مارنس یا نصاران ہٕنٛز قبرٕ ژالنس یا کانٛہہ

صوفیس سنگسار کرنس منز چھُ۔

پادشاہ پھیوٚر مےٚ کُن تہٕ دوپنم: "نیرِ سہ
گرٛٲٹھ (مجتہد صاحبس اَتھہٕ پھیٚکِس پیٚٹھ تھوٚوِتھ)
گرٛٲٹھ یِیمِس صاحبس کرٕ دُعایہ خداراہ۔ تہٕ اُتھے
نہٕ وُنی کہ پتہٕ دُنیہک کانٛہ وُچھِن۔ نیر گرٛٲٹھ ہیٚتھ
بیٚنِتھ وَتھ یِتھہٕ دوہ نِ ہیاب اَچھ چھاوِنی شکل تہٕ
وُچھِن!"

## ۴۸

# حاجی بابن اصفہان گژھُن

### تہٕ توٚر واتِتھ تَس سوال مُرُن

پادشاہس اُسُن یہ وَنِنچ ضرورت تِچھ تکیابن
پوت نظر دِنہٕ وَراے تہٕ قم شہرٕ منز نیرُن تہٕ قم
شہرکِس مجتہد صاحبس اجازتھ نہٕ ہیٚنُک افسوس
کھیٚنہٕ وَراے دراس بہٕ مشہدٕ کِس اصفہان
کُن۔ زٕ ترٛیٚے روہ پتہٕ یِمو ستہٕ بہٕ اصفہان واتہٕ ہا
آسم چھنہٕ دس۔ پتھ روز وَتہٕ جاے، اَدٕ شاہ عباس
پتہٕ ہمت ستہٕ چھےٚ ایرانس منز تیٚتھ ہر یہ رز
کانٛسہ تہٕ وَتہٕ یکہٕ نِس مسافرس چھنہٕ کُنہٕ کرٛس
منز اَتھ آرام کرنچ ضرورت چھےٚ پیوان۔ جوانی
اَسِتھ تہٕ ادشمنہٕ دوہ نِ دُنیاہ بساوتُک کانٛہ طماہ
مےٚ اَسو دُنیہکو دوہ نِ ستھا تسلی کانٛہ متہٕ اگر
بہٕ قم شہرس منز روزٕ ہا، مجتہد صاحبنہٕ وعظ خانقاہ

کنہٕ اوشم وُمر تیلہٕ زوہ یدگری منز پتھر تہٕ زو کیہٕ
زمُن تہٕ اَنِس نیر ہیٚنہٕ تتھ زو کہٕ تہٕ پتھر وراے
کانٛہ پھل۔ خداراہ۔ وُنہٕ اوشم وُمر منز بادان بوڈٕ تہٕ
دُنیہک ہیٚوٚر بیہن ژھٔنڈِتھ تراوِتھ تہٕ اوس
نہٕ وُنہٕ ہیا اُس دوہ ہیرٕ ن منز گر ژھینہٕ پوت۔
مےٚ توٚر ییکہٕ زٕ یِمن چھٔنُن چھاوُن لگنُک اصلی
وجہ چھُ یی زٕ مےٚ مشرٕ وِژھن سوال موج تہٕ تِمن خُدمتھ
کرنُک تھوٚوُم نہٕ کانٛہ خیالاہ۔

یاوِنی پانسے ستہٕ چھس وَنان: "پھر پیٚٹھ
چھےٚ پانہٕ! کوتاہ نابکار تہٕ کوہ پوت وژاکھ، یِمن
دوہ ہیٚن سرکاری نوکر اوشس تہٕ نیچو ستہٕ اوشم
اماس کھوٚتمت تِمن دوہ ہیٚن پیوم تہٕ مہ بچوراصفہان
نادُو زانہٕ تہٕ زیٚتِس، دوہ نِ ییٚلہٕ دوہ گیہٕ آم تہٕ عاش
وآرامکو دوہ ژھعہ پیم، دوہ نِ پیوم سوال موج یاد:
پنِنس اُوِن صاحبن پنیم کتھاہ اَکھ زیٚتِس زٕ سہ

گنج قارونت ار بود بہ جہان

نہ توان دوستی خرید بدان

دپان چھُس "مالِس ماجہ ہیٚکہٕ تہٕ آسیا کانٛہ یار دوس
یی سوچان سوچان گوم حالاہ پانس۔ آخر چھُس دِلہ
منزی وَنان۔ "خدار، دوہ نِ تہٕ ہیاونس مالِس ماجہ
تہٕ فکرِ زٕ تِمن تہٕ چھُ کانٛہ گوٚبُر۔ پیٚٹھے بہٕ گژھہٕ واتہٕ
تِمن نِشہٕ پانسے زٕ بہٕ ما چھُس کُہ پوت۔ "اما پوز زِنہٕ
گستاخی دِلہٕ کین کُنن منز اوشم پران سہ

وقتی نیامدی کہ بیائی بکارِ دل
در روزِ مرگ آمدی اے غمگسارِ دل

ژِ کیتہ اوسکھ مےٚ یِیمہٕ وِزِ کوٚ پھِچھمُک ژٕے
مرن وِختن مےٚ وۄ تُتھ ژۄنیھٕ کنُ ژٕے

طہرانہٕ منٛز نیرِتھ ژینبہ ہیٚوٚ افسوس کھیٚنہ وِزِ یُس خیالاہ مےٚ دِلس گیوٚو، سُے پیوم ژہٕ تس۔

یُہُے قاضی بالکُل ٹھوٚنگ یُس اصفہانَس نیٚکھ واتنکُ نِشانہٕ چھُ، مےٚ نظرِ گوٚ، مےٚ ہیٚرژن دِلس دُبرارے گژھنہٕ۔ قدمہ پتہٕ قدمہ چھُم بیقرأری زیادان تہٕ دِیان چھُس: "اما گرِ کی کتھ تِنا حالس منٛز آسن؟ تس مرِ دیادمی اوس صاحبس آسیا تِنا زندگی ہِنٛد دستار وُنہ وۄ ڈی کنہ تس آسکھ موتک کفن وُلمُت؟ سُہ ہمسایہ وانہٕ وول بقال (یَسٛندِس وانس منٛز مےٚ ہاٚلس پوٚنسہ ژوٚرِ نیٚتھ تیمَن ہارن تِکہ تارِس گٔنٛز ووٚ) زانہٕ نعوداہ تیٚشِند زندگی ہُنٛدوان آسیا وُنہ یِلے کنہ دِتھ آسہ۔ کاروان سرایہٕ ہُنٛد سُہ ڈیٚڈ وان (یُس ریچپور مےٚ تِرکمانن ہُنٛز وۄ سہ دِژہ سہ ہِنٛز راٹُن منٛز کھوٚژ ناوِ یوٚو) خبر تیٚشِنز وُمرِ ہُنٛد بر آسیا وُنہ وٚتھے کنہ سُتہ آسہ ملک الموتن دِتھ ٹھوٚومُت؟"

ییٚمے پیٚمے رایہٕ چھُم وۄ تھان یِوان تام شہرکہ منارہٕ نظرِ گاٚم۔ پنٛنہ پاک دٔرطیٚنج میٛنرٛ وُ چھیٚتہ گوس سینٛہ خوش تہٕ یتھ شُکرانس منٛز زِ ہیٚتس وختس سفرس منٛز آسِتھ تہٕ چھُم وُنہ پنٛن وطن ٹوٚکھ، پرم نماز دُکانہٕ جوراہ تہٕ کوٚرُم شجدہٕ شُکر۔ آمہ پتہٕ تھوٚومکنہ جوراہ اکھ اکس ہیٚوٚ تہٕ کوٚرُم حضرت امام رضا صاحبس کُن نیت زِ: "یا حضرت امام رضا! ہرگاہ توہیہ جنابن ووٚنِو زِ بہٕ کیشاہ واتہٕ وار، پاٹھو گرٛکین باٚژن منٛز، بہٕ چھُس نیت کران زِ اکھ کھٕٹ کرن تھٔشرِ وٚتہ منٛز قُربان بیٚیہ کھیاوٚ اکھ پنٛنِس یاردوس تہٕ اُشناو ریٚشتہ دارن لاوٚ دیگ اکھ"۔

وانٛجہ چھُم دُبرارے گژھان تہٕ اندی پُتہ کیہو علاقو منٛز چھُس نیٚنہ ٹھ برونٛہ پکان۔ بیپارِ پیٚپارِ پکان اوسُس تیپارِ تیپارِ اوسُم تمہ جایہٕ ہُنٛد ژھٕن ورخ ژہٕ تیٚس پیوان۔ یِی کران کران ووٚتُس بہٕ مالی سٛندِس وانس برونٛہ کنہ چہ شرطہ پیٚٹھ کاروان سرایہٕ ہِنٛدِس برٛس نیٚکھ۔

مالی سٛندِس وانس وُچھُم بیا لوٚدِتھ تہٕ وانہٕ وول گوم نہٕ نظرِ کیتھہ تہٕ۔ مےٚ زٕن گیہ امہ پیٚتھ یِتھے ژینگ ہش تہٕ ژرونٛہ کُن پکنہٕ ژرونٛہ چھُس سوچان زِ "اما یہ کیاہ تِنا قصبہ چھُ؟ آخر پیوم یاد زِ "از چھُ شب جمعہ۔ ظاہر چھُ بابہ صاحبس نِجرِس منٛز اہلیج ہیداینچہ کرِ ہُرِ شِنہ سُہ ما آسہ از تخت پولاد مل گذارِس پیٹھ معہ ردن فاتحہ پرنہٕ گومُت"۔

کاروان سرایہٕ ہُنٛد برِ اوس یِلے تہٕ اتہ چھُس اندرِ تی وُچھان یہ پتہٕ وُچھان اوسُس آمُت سوداگارن ہُنٛدی بار گیٚچھِ چھُس ہیپارِ بیپارِ کو

مائرہ ہے وہراُدِتھ وُچھان۔ مُسافرن تہٕ وٕنٛنہٕ وٲلین

ہٕنٛدِ کرٕ ٹریو تہٕ وٕنٛنہٕ اُمسہ ژھہ پاٹھی کوٚنجن منٛز نظر

گژھان۔ باقی تِکھ اُمسہ رنگ برنٛگی پلو لاگِتھ اکھ

اُرکس سیٖتۍ کٔھنٛن لگِمتۍ تہٕ ہتہٕ وٕس اکھ خیاہ ٹلمت

اُڈٕ اُمسہ تماشہ وُچھان۔ اُڈٕ اُمسہ ٹھٕس ڈرہ

کھائلِتھ تہٕ غمہ ہٕتۍ بانسے سیٖتۍ پیٚنہ کار بار کٔرِت حساب

بوزان تہٕ تٔنٛنہ پاپوش کھورن لاگِتھ اکھ اُرکس

سیٖتۍ لیف اُلیف تھوٚرِنہٕ وٕرائے اٚنگنکہ کنہٕ فرشہ

پیٚیٹھ دوان تہٕ دوران۔ مےٚ ہیوٚت پیٚٹھ لہہ کچہار کٔ

یار ڈٕیڈی وان ژھانٛڈن۔ سُہ گوم نہٕ کُنہٕ تہٕ نظرِ مےٚ

گو شنکھ زِ ظٲہر مآچھ تسنٛد زندگی ہٕنٛز سرِ ہنٛد

برٕبنٛدے گومُت۔ ہٕنٛگہٕ تہٕ منٛگہ بیٚیم ہور کُن نظر

تہٕ یہٕ وُچھم جچیراہ ٹروٚنٛتھ کنہٕ رٕنٛتھ چلمہ میو نٹک تھوان

اُمس بچارس وُچھم کلہٕ پیٚیکین منٛز وٕلہٕتمُت

تہٕ اُمی سنٛد کھہ برٕتلہٕ اوس صاف نشان زٕوار یہن

درِیٚیٚمی ہنٛد بار چھس اٚتہٕ بار۔

مےٚ دوپہٕ: "او، یوٚہے چھُ علی محمد! بےٚ

اُموٚ ہٕنٛز یہٕ نش ساسس نستن منٛز وٕنہٕ گٔنڈن۔ میٚیے

چھنےٚ کیٚنٛہ لٔکہٕ آمہٕ نستہ تلہٕ کنہٕ چہ گونٛزِتھ یا نہٕ شیرِ مٔتسہ۔

بہٕ چھُس پیٚنٛجہ کنہٕ اُمس سلام کران تہٕ کیٚتھ باتھ

تہٕ اما پوز یہٕ وُچھم سرِ تہٕ منٛز یِنہٕ گژھن وٲلین مسافرن

سیٖتۍ کٔھنٛن منٛز نیٚتھ مس تہٕ جچیرِ سیٖتۍ نیٚتھ آور

زِ زٕن یمو وٕرائے باقی دُنیا کنہٕ اوسے نہٕ۔ کلہٕ تہٕ تُلن

تھوٚوٚ۔ مےٚ دوپُس: "علی ہیچا! مےٚ چھکھسہ پرٕنہٕ زانان؟"

اُمی تُل کلہٕ تھوٚوٚ تہٕ ہیچھ پاٹھۍ کانٛہہ کیٚنٛہ منٛز ہیوٚرکُن چھُ

وُچھان تِتھے پاٹھۍ چھُم ہٕچھس نظراہ کٔرِتھ دِوان۔

"لالا! تہٕ شرابے چھنےٚ لُکہٕ ٹٕکٹ مہکُت دٕنیاہ اکھ

ہٕمہ بَر چھُ لگہ اٚڈان تہٕ ہیٚمہ بَر چھہ نیران۔ سُہ کُس

زانہٕ تِمن ٹِکٹس آو تہٕ کُس ووٚت۔ وٕنہٕ نی وٕنتھم بہٕ کیا زِ

پرٕزٕناو تھہ؟ علی محمد بٕڈیوو تہٕ اُچھن ہٕنٛد گاش تہٕ

سُہ تیوو ووٚنی۔"

حاجی بابہٕ: دوپہٕ چھےٚ ہمسہ تو تہٕ آسہٕ ہٕنٛز سُہ حاجی بابہٕ

سُہ ناسُہ لُکہٕ ٹٕکٹ حاجی بابہٕ پرٕنہٕ ناوان یِیٚمو وادیاہ

لٔکہٕ ژٕ یمس چھےٚ کوسُت تہٕ بیٚیہ چھنےٚ گونٛزِتھ

تہٕ شیرِ مٔتسہ۔

علی محمد: لا الٰہ الا اللہ! یہٕ کیاہ چھکھہ تہٕ وَنان؟ بوٚڈ

تاجباہ چھُ! پرٕزٕنو پاٹھۍ چھکھہ ژٕ حاجی بابہٕ؟

گوہرا! کوتاہ لول اوس چون آسُت۔ آخر تہٕ

آکھ ژٕ بٔڈ جبان گوٚ ژٕ ہیکہ دِتھ۔ شکر

خداتعالیٰ ہس کُن۔ مرنہٕ برٕ مالِس چاٹس

کربلائی حسینس کیاہ یِیہ ژٕ وُچھتھ اچھن

گاش ہیو۔

حاجی بابہٕ: کیاہ؟ بابہٕ کیتہٕ چھُ؟ تس کیا زِ چھہ وان

بنٛد؟ یہٕ کیاہ چھکھہ وَنان زِ سُہ چھُ مرنہٕ سرٕ؟

علی محمد: حاجیا! چون مول سُہ مرٕ دیا دم نائٕ وٕزبچور

مہہ کلیوو پٔتیٚم کلہٕ کاٚسِتھ۔ نیر گژھ، وٕخ ہیٚکر

خدایہ۔ دۄہ پتہٕ مہ گرٕ بُتھ وُچھہس تہٕ دُعایہ

خاطرٕ پییس۔ سہٕ بچور چھُ وُنی کینہہ موتن تلنی

ژالان۔ بادیان تہٕ دُنیاہ کینہہ۔ آخرس چھُ سارنی

یُہے پیالہ چَوُن۔ پنٕژاہ ورٕی واتم یتھ

سرایہ برٕ دوان تہٕ مُشراوان۔ سےٚ وۄنی باسان

زِ میانہٕ عُمرِ ہندۍ سارۍ برٕ ہٮ۪تن بند

گژھنہٕ۔ دروازن منز کوٚنہ سپہے دۄہ ہے تہٕ

دۄہ ہے اچھہٕ لاگنہٕ سپتی نوان تہٕ صفا شین ہشہ

گژھان، سے وُچھتہٕ کوتاہ وانٕس چھُس

دۄہ ہہ کھۄتہٕ دۄہ ہہ چھم کھےٚ لگان ہ

ما کاروانیان، و جہان کاروانسرا

در کاروانسرا نہ کند کاروان، سرا

اُمہِ پتہٕ بُڈزم اُٹھے کتھ تہٕ دوریوس گرٕ کُن۔

گرٕ کس برس پیٹھ وُچھم پیر جوراہ۔ دپان

چھُس "تخیر! وُچھ سہٕ کمن پیٹھ پیٚیہ سے پوٚنے

نظر۔ یم چھِ پانس شوبہس کیتہٕ کہ وانکۍ راتہٕ مغل

فقط کیاہ چھ مرنس خوش۔ بس یئیہے شیچھ ہَین

اور یور۔ یتہٕ کانہہ مرِ تتہٕ کیاہ چھ حاجت آسان"

یمن سپتھ متہٕ کرِتہٕ کھیچھے تہٕ ژاس سیٹھو دُے

کٹھس منز۔ اَتہٕ وُچھم بڈا اکھ وتھر بس

پیٹھ پیومت تہٕ بڈ جماتھ اُمس آلہٕ کرِ نڈل کرتھ

اَندۍ اَندۍ بیہتھ۔ یہ اوس میون مول۔

اَتہٕ پرزٕ نووس نہٕ بہ کانسہ تہٕ۔ اَمہِ ساتہٕ

اوس پرِتھ کانہہ بیمارس خبر اُترٕ ہیٚنہٕ سیٹھو دُے

اَژان تہٕ اَدےٚ تہٕ کونہٕ کانسہ اُکس میون شکوہ

حکیم اوس بیمارس اَکہِ اَندٕ نکہہ بیہتھ تہٕ بیٚیکہِ اَندٕ

اوس بیاکھ مُردیادم شخصا، ظاہر میون پرون

اوخس صاب، بیمارس تسلی دوان تہٕ وَنان "حسن

کربلائی صاب! غم مہ ہے۔ انشاءاللہ چھِ ژٕ نے

وُکٕنہِ یتھ دُنیہس منز آب و دانہٕ تلمُن۔ ظاہر ماکرکھ

نیٚچوِ سند دیدار۔ خبر چھا نی زِ پکھے ما آسہ

حاجِ بابہٕ کُنہ جایہ۔ خاطر، تو تہٕ چھُ جان ہرگاہ تہٕ

وصیتھ کرِہے تھوکھ۔ زیادٕ جان گوٚ زِ ژٕ کرُن

ینہٕ طرفہٕ کانہہ وکیل مُقرر۔ چھُنا صلاح یم وُنی

یتیمن بیہتھ چھ، یمہِ وے منز کرٕ ہَن کانہہ وکیل؟"

میانی مالی ترٛوو وۄشاہ تہٕ چھُ وَنان۔ "واہے

افسوس! حاجِ بابہٕ گوم تتھ پاٹھو ژالتھ زِ تس،

دُبارٕ وُچھنیچ چھُنہٕ کانہہ تہٕ وۄمیداہ لبنہٕ یوان۔

بُڈزم زِ وۄنی چھُس مالس ماجہ ہُند ناو بوزنس

تہٕ ہیتک گژھان۔ میانی وراثت ہیکہٕ نہٕ تس

ترٛاوتھ۔"

سےٚ کوٚ کیاہ ہتانی یہ بوزتھ تہٕ یمہ کتھ اُمی ژنز

ژن گیم ترٛاوتھ۔ وۄنی آم نہٕ زیادٕ کالس بےٚ شونچھ

لاگنس واراہ کینہہ تہٕ۔ پانس اکھ اختیاراہ روزِ نہٕ

وَرائےٚ ژٕ جمع کرٕ تیکھ پنٕرتھ زِ۔ "بابا! حاجِ بابہٕ

ہا چھُے یکیاہ۔ چون دُعایہ خاطرٕ ہینہٕ موکھ چھس

چانِہِ بٲڈِن پتھ کرنہٕ آمٕت ۔ اَچھ مُژرٲوِتھ باباہ
بٕہ ہا چھُسے چون گوٚبُر"
زاہہٕ کوٚرتھ کرِتھ بیوٚٹھُس وٕہترنس نِش
تہٕ چھُس بابس اَتھن مۆنہٕ کران ۔ گوٚبرا سے ہاوتہٕ
مۆنہٕ کِتھ تروٗوُم اَچھو کِنہ اوٚش تہٕ وَداں وَداں گٲم
ہِکو تہٕ۔

ریٛم اَتہٕ بہِتھ اُسو، تم اُسو بٲئی یا نِسے پیٛتو
زَن راوان ۔ اَڈہِن گو میانہٕ پننہٕ سیٚتو اِکھٕ ہیٚو،
اَڈہِن اوسنہٕ میون پُن ہمتھ وَسان تہٕ اَڈِجِ وُچھم
ہیٚے جُبٕگہٕ ہوی رٲوٕرِتھ گٔمتو۔

بابن یِس تہٕ اَچھ مُژراوِنس سوٗنب تہٕ طاقتھ
اوس، ہیٚوٗت مےٚ پتھٕ کیٚنژن زٕہمن مُلاے
گُنڈٕرِتھ تُبہتِھس کُن وُچھُن زَن تہٕ مےٚ وار پرزناوان
اوس ۔ اَمہِ پتہٕ تِلن اَتھہٕ ژھوٚد تہٕ چھُ دِیان "الحمد
للہ! یُوت تام تہٕ پنُن نیچو وُچھُم، توٗت تام موٗدُسنہٕ
بس یوٗہے چھُ میون وکیل" مےٚ کُن بُتھ کرِتھ چھُم
وَنان "گوٚبرا! ژٕ ٔےکِتھ یٲٹھو اوٚنتھ پیٚتس
کالَس مےٚ نِش دوٗر روزُنس تابہٕ شلہٕ پٲٹھ کوتہٕ
آیو کھ؟ بابہٕ اوس بٔیتہٕ تہٕ خبر کیا وَنُن ؟ وَنُن
یِژھان اَما پوز کیٚنژھا داد سیٚتو کمزور گژھنہٕ
کِنہ تہٕ کیٚنژھاہ میانہٕ پننہٕ خوش گژھنہٕ کِنہ زُدُس
نہٕ کیتھہ تہٕ طاقتھ کتھ کرنس تہٕ گو بےٚ حس ہیٚو.
اوٚھن صابن پرزنوٗوس تہٕ چھُم دِیان "ھاچیا!"

یُتھنہٕ اَتھٕ وَتہٕ لاگِہس۔ ہُناہ دِس پھیرنہٕ ہیٚوٕتہٕ
چھسے اَمِس وصیت کرنِے" جوانا اَکھ یُس مےٚ
دُشمن پٲٹھٕ نظرِ وُچھان اوس، بیوٚٹھ وَنِنہٕ "اَمن چھُن
بٲیہ حصن گوٚڈہ وُچھُن زٕ یوٗہے چھا حاجؔ بابہٕ کینہٕ"
مےٚ بوٗز یِتہٕ زٕ یہ جوان اوس میانِس ماَلِس گوٚڈنچہٕ
زنانہٕ ہِندِ طرفہٕ ہُنہر تہٕ یہ اوس وراثت تریٚچ وُمید
ہیتھ آمُت ۔ مےٚ وُچھتھ اوشُس ظاہر وِتہٕ فکر
تورمُت زٕ یہ ہا کڈِ ہم ہمسرو گتہٕ گلہٕ مَنز یوٗرِ ۔ باقی نفر
ییٚم اَتہٕ اُسو رٕتم تہٕ اُسو اَکھٕ تہِ اَتھو وِتہٕ ہیٚنز پیٚٹھ جماہ
گٔمتو۔

نیٚبرِ کِنہ اُسو سٲری میانِس حاجؔ بابہٕ اَمنِس
پیٚٹھ شکن گٔمتو ۔ اَتہٕ نے اوٚھن صاب بہِتھ آسہ ہیٚے
سٲری دَپہ ہنتم زٕ یہ چھُ خیر کُس چھُ ہنگا تہٕ باژی گکاہ"
اَمہ اَچھن گچھ تھٕ چھنینہٕ آمٕت۔ مگر اوٚھن صاب بیٚہ
پھوٗرزناوتھٕ کِنہ رٲوِ دِتہٕ ہمن اتھہٕ کرنس تہٕ وار۔

اُتھی منز ژایہ میانی موج تہٕ تِکھے زٕوٗل میانہٕ
ریٛنج ششِ پچھہ بُوزِتھ آسنہٕ اندر محل خانس منز روزنس
تابے تہٕ نرٕ وِہراوِتھ آیہ مَردو مَنزٕ مےٚ نِش دوران
دوران زٕ "کتہٕ چھُم گوٚبُر پٲنُن؟ کتہٕ چھُم حاجؔ جانانہٕ
پنُن؟ ہتا ماجہِ ہشِند پوتُر گاشا! کتیو چھکھ؟"
مےٚ پیٚٹھ نظرِ پیوان پیوانے ترٲوِن ہم نرٕ زٕ گردنہٕ
منز اَلاوزٕ تہٕ روٚٹنس نالہٕ مَتہٕ تہٕ چھُم رُتمہ رُتمہ کیتھ اُنی وُنہ
ماے محبتہ تہٕ لولہٕ باگران پھیرنہٕ ماجن وراٹھے بیٚیہ کانہہ تہٕ نکہٕ ترن۔

حکیمن کوٚر بابس جیسہ اننہٕ موکھ شربتھا تیار تہٕ چھُس
اُتھس منز ترٲوِنی ہیوٚن۔ یانی ووٚنی بیمارس چینہٕ موکھ زیر دٕژکھ
تانی آیہ تس پھٕٹہ۔ اتہٕ وٕتھۍ ساری زٕ تانی بٔرُوٕ رٕژھا قرار۔ ووٚنہٕ دھکھچ
روٗزیہ شربتھ پیالس منز۔

اَمہ پتہٕ ہیوٚتھکھ بیمار بیٚیہ وُزناوُن۔ یہ اوس شہلیومُت۔
مرٕ دیادم ییر صاحبن وَنیو تس ڈیٚکھ کیٚوت زٕ: "ووٚنہٕ تس
وٕصیتھ کر" تہٕ کوتاہ کریو تس ہنٛز کنہٕ شاندٕ بیٚچھ کلہٕ تھوٚوِ
تھلس۔ اماپوز کام اُس ازدس گامٕژ۔

اَمہ پتہٕ وُٹھکھ تس اُس روے قبلہ پھِرِتھ، آبہ لوٹہ
تھووہس شاندس بیٚچھ، کھوٚرِ بیٚچھ کرِہس برابر، تہٕ پوٚر
سارِ وٕے: اِنّا لِلّٰہِ وَاِنّا اِلَیْہِ رَاجِعُوْن۔

اوٚت تام سیٚد یہ سورُے واریاہ۔ اَمہ پتہٕ یِیم اتہٕ اشناوٕ
ہیتھ بٕنیتھ جماہ اُسی تموٚ تُل ودان ودان شور محشر۔ یمن دوٚن ییرن
ہُندہ بٕ وَنان اوس ووٚتمُے منز پیٚشس بیٚچھ کھسِتھ تہٕ تکن
اکس مُسلمان سنٛدِ مرنس خبردار کرنہٕ موکھ ہیٚتِ تموٚ کرِتھ دِتھ
تہٕ بیٚچھِ بٕڑ بٕڑ قرآن مجید کی آیہ پرنہٕ۔

اَمہ پتہٕ چھ ساری زٕلیتھ میلتھ ودان تہٕ پان
مٔتھان۔ زنانو تہٕ تُل اَندرٕ سَخ ہے۔ رُت تہٕ خولقی آسنہٕ
رکنو اوس پرٕ یتھ اکس میون مول خوش کران۔ میانہ
ماجہ، یوٚسہ دراصل ناماوار ودن گرٕ تہٕ تازی رٔٹن دٕچینہٕ
اُس، تمہ تُل تمن ہنٛزن کارٕ باجین زنانن سیتی تیتھ شورٕ
محشر زٕ کاٗنسہ تہٕ بُدِس اُمیر سنٛدِس مرنس پیٚٹھ آسہ نہٕ
تیتھ کُنہِ کاس دوٚ تھمُت۔

یہ ڈیٚکی زِتہٕ اتہٕ لٕوُوے اسنہٕ کینہٕ تہٕ گرس منز تہٕ سادٕر واریاہ

ارشنہٕ کنہ چھُس بُہ تہٕ ووٚنی تیوٚت ودان زٕ اتہٕ روٗد
سارِ نۍ پھرُن۔ اَندرٕ کنہ اوسُم ژہتس پیوان یِنُن
کارِ کرتوت زٕ کیتھہٕ پاٹھۍ مُشرووُم یِنُن گرٕ تہٕ گرِکی باژ
اَتی اوسُس اَمی جیتہٕ پان زٕٹان تیتھہٕ پاٹھۍ یتھہٕ تکن
میٚلے کُن وٕچھتھ ودُن ییہٕ ہے۔

کوٚنہِ نجس اکِس منز بیہتھ چھُس وزٕہم واریاہ
پننہ ودُن باکہ بٔیِن ہیٚنزن۔ تلی کرٕ یکن سیتی زلاوان۔
اتھی منز آم اوخن صاٗبا اَکھ بڑ ونیٚچھ کُن تہٕ چھُم ونان:
" نالس وال ترٕتھ یتھہٕ سارِ نۍ فکر ترٕ زٕ مول چھے
موٚدمُت۔ اماپوز خبردار چھے یتھہٕ سورُے نال ژٕھکھ
تہٕ بیٚیِہ ییہٕ بشور تہٕ بطور پاٹھۍ زٕٹہِ ہن"۔

مے دوٚپُس: "یہ توا ہیچ کام کرٕ تہٕ زٕ پانے"۔
نالہٕ تلکِس واٹس وولنم ترِتھ، نالی پلوٗن ہنٛز کیٚر تہٕ
تار ترٲوِ نم اَلانہٕ تہٕ ڈیٚکھِ ووٚ جنم کلہٕ بیٚچھ، کھوٚرِ بانہٕ نیوٚنم کھوٚچ دغیرہ
تہٕ دوٚپنم۔ "مَل گُذارِس تانی یکوز ووٚنڈِ نوٗنے تہٕ نَنہ
وورُسے"۔

ماجہ ہنٛز حالتھ اُس سیٹھاہ خراب تہٕ تمہ اوس
پانس حالِ بد کوٚرمُت۔ کرِ ہنز یوٚژ ووٚنڈِ دیتھ اُس مُس
کڈان تہٕ مجتہ ییٚتھ دی دی فقط پننِس خاندارس
حسنا! حسنا" کرِ کرِ آلو دوان تہٕ اوسُن
گوٗک گرِ نکھس تلمُت۔

اَتھی منز گے ہمسایہ، وَتہٕ بکہ ووٚنی تکھ، پننہ
کیٚو ووٚنی پر تہٕ اشناوٕ رشتہ وساری جماہ۔ اَڈی آے

قرآن پوزنہ تہٕ اڈی قرآن پرنہٕ، تیار تھم اُسی قرآن پرٕن
یا پوزٕن سنت زانان۔ اڈی اُسی دلاسہ دینہٕ آمتی تہٕ
پریتھ کانہہ اوس پننہٕ پننہٕ طریقہٕ تازٕ دارٕن دل
تسلیاہ دوان۔

میون دل رٕچھنہ موکھ تہٕ مےٚ تہٕ دلاسہ دینہٕ خاطر
کرٕ مےٚ پننہ ژرٕ اوخن صاحبن اُتھس تھپھ تہٕ پانس
سیتھ بیہنا ویلہ چشم تسلی دی دی ونان۔

"حاجیا! اژ ٹیے موڈے مول۔ ووہ نی کیاہ بنہ اتھ
یُس موڈ تہٕ شہ موڈ۔ اُسہ چھُنا مرُن۔ خداہ پرتہٕ خوداہ
کُن زٕ پننہ دوہ گڈٕن عائشہ سان، اولاد کرٕن
پاد تہٕ اُخرس موڈ۔ اتھ کیاہ کرو دوہ نی؟ دوہ نی
چھکھ تشند بدلہ دُنیہس منز ٹہے۔ ٹہے چھکھ تمہ
کینکہ کلکیتک ہیٹول۔ ژٕ ٹیے نیرنے سالہ بدی پھلو۔
ہرگاہ گوڈ ہو کھیتھ پیوتر، توتہ کیشاہ فکر چھےٚ ٹیے
پزی غم ہینہ بدلہ خوش روزُن۔ یہ چون مول یتھ
دُنیہس منز۔ روزِتھ اکس بیپس ہس کاسی کاسی
گُذران کرہے، تہٕ اگر ووہ نی شہ ہیتھ دُنیہس منز
حورن تہٕ قصورن منز شو تہڑ ہو کا فوری مزاہ سان
شراب طہور چوان روز، ژٕ ونتم ٹیے شو بیا وڈُن؟
مانوہے ٹیے پزی یتھ بیہڑ وڈُن زٕ ہرگاہ ژٕ مرِکھ
تیلہ کیاہ بنہ ہے۔ بیہ نیر کیاہ زن ودنہ تلہ؟ تمہ
پتہ آن ژٕ باقی کیتھ تہٕ نظر تل تہٕ ژٕ ہےٚ پانس سیتھ
مام ٹیے پزی ناخوش روزُن۔ مثال کرو، چون مول

آسہ ہے کاُفر، مگر اوس مُسلمان۔ شہ ہیکہ ہے تُرکی تہٕ اُسِتھ مگر
اوس تاجکی، سُنی تہٕ ہیکہ ہا اُسِتھ مگر اوس شیعہ۔ نصارا لتہٕ
ہیکہ ہے اُسِتھ مگر اوس محمدی۔ مرنہٕ ورٕ اوسُس کلمہٕ شہادت
کھسان، "اَمہِ کھوتہٕ ونتم کیاہ ایمان بنہِ ہیس"۔

پرٛژھے پژھ ونہٕ تھم داریاہ کینژھ تہٕ وعظ و نصیحتھ کرِتھ
ووٗتھ تہٕ دزاو۔ یہ روٗدُس پننسے وُنس سیتھ۔ اُتھی اوٗنکھ
شرانہٕ گوٗر تہٕ توبوٗت تہٕ یتھ وارٕتھ۔ دوٗیمہ "پالکہ منز ما نمون؟"
مےٚ ترووٕ یمنے میہ بیتھ پاٹھ خوش کرِتھ تہٕ تتھ پاٹھ نی تنس۔
اوخن صاحبن تہٕ باقیو ڈیت میتس صاف پاک آبہٕ سیتھ شران
تہٕ اتھ آبس رلوو کھ مُشکو فور تہٕ سیتھ۔ اَمہِ پتہٕ دوٗلہس کفن یتھ
کربلاہچہ میژ سیتھ قرآنکی آیہ لیکھتھ اُسہ تہٕ اخر نیوکھ اوراد پران
پران مل گندارس کُن۔

توبوٗدس نکھہ ڈینہ موکھ لکہ عرصاتھ سیتھ سیتھ آسہ کنہ اوس
نان زہیون مول چھ سارنی ٹوٹھ اوسُت۔ ووہ یرپتہ اُسو ثوابس
وہ میدوار گنڑھینہ موکھ توبوٗدس منز منز تھپہ من تہٕ کران۔ ملگذارس
پیٹھ واتنس ہانی گے بڈ ٹکھ جماہ — یہ تہٕ اوسُس توبوٗدس پتہ پتہ تمن
سیتھ سیتھ پکان یم سانی اُستاد بنتھ زنگہ منز۔ زنگ زھینتھ اُسی۔
مےٚ اجازتھ ہیتھ پوٗرکھ میتس جنازہ تہٕ وو لکھ قبرہ منز
اَمہِ پتہٕ کوٗرہس عربی زبانی منز پانہٕ باندٕ ز :

يا عبدَ اللهِ وابنَ عبدِ اللهِ ! إذا جاءكَ
المَلَكانِ المُقرّبانِ وليسئلونكَ من ربّكَ
قُلِ اللهُ ربّي ومحمّدٌ نبيّي وعليٌّ إمامي والكعبةُ
قبلتي والقرآنُ كتابي واللهُ حقٌّ والنبيُّ حقٌّ والكعبةُ
حقٌّ والقرآنُ حقٌّ والصراطُ حقٌّ والجنّةُ حقٌّ والنارُ

حَقٌ وَالقَبْرُ حَقٌ وسؤال المنکر والنکیر حقٌ
وَالبرزخ حقٌ والثواب حقٌ والعقاب حقٌ۔

یہ دُنِتھ پوٚرہَس فاتِح تہٕ پوٚرِن قبر۔ آباہ وابہٕ پھکِتھ
دزاے ساری میت مُشند گرِکُن تہٕ مَل گُذارس بیہِتھ رُود
فقط اوتہن صابی یوت قرآن پرنہٕ۔

گرِ وأتِتھ بییلہِ مےٚ پننیٚ یوت پان وأرِث دِر
وُچھ، زِ بٹھِل ہا وِنہٕ مٕہ کِھ ژراو نووُم کُھٹِن
جوریِہن وتھرِن۔ اَکھ زنانہٕ کُھٹس تہٕ بیٚیہ مرد، کُھٹِس،
جنازٕ پکناوَن والین تہٕ پرٕتھ اُکس یُس یوان گژھان
رُود، دِتُم بتہٕ۔ دِتہٕ یعہ سہٕ نیاز کرِ نیٚچ نیت اُسِم کرِمٕژ
سۆہ ییم زٕ ہتس۔ کَھٹ تہٕ پیٚہ لاو تہٕ خرچِہ ووُم۔ ژٕ ترٚیہ پیٚیر
اُنِم کرایہ پیٹھ۔ اَکھ اوس گری قرآن پران تہٕ زٕ سونزِ اَم
قبرِ پیٹھ لوکٹس سایبانس تل قرآن پرنہٕ مٕہ کِھ۔ ژٕتیو
پیٹھ ستن دۄہن تانی پرٕتھ پُھٹہٕ رواج چھُ، تِتھ پُھٹھ
تھووُم تازی دأری چلہ وِنی۔ یتہٕ مہ دۄہ بہٕ آے کینژھہ
مُرید یاد پھِر ییر تہٕ پوٚرُکھ ختم شریف۔ اَمی دۄہ بہٕ دِتھم
نالس ترٚوپ تہٕ ییم زوریم بتہٕ کھیاونی۔ اَدٕ ییوٚ پرٕ
پرٕتھ اَکی اَکھ ماوِنہٕ قرآن سیپارٕ سیپارٕ۔ اَمہٕ پتہٕ
دزایہ میانی موج کینژھہ زنہٕ ہیتھ قبرِ پیٹھ تہٕ حلو
ژۄچہ بأگرِتھ تہٕ ووٚنِ نٔاو رُوٚناو کرِتھ آیہ واپس۔

کینژھہ کالا گژھتھ نیٚکھ اُسی گرِ کو حمامس منٛز،
اَتہٕ مُرشدہ یمو ماٚنز تہٕ میٚے کوس مَس۔ ماتمدأری موٚکلیہ
تہٕ بہٕ ہیوٚتنس مالی سِندین کارِبارَن سام ہینس کُن
تہٕ پینہٕ گژھن والین ہِندِس تھوٚنس کُن لگُن۔

# ۴۹
# حأجی بابس مأل سِنز ورأثتھ اَتھہٕ ینہٕ

## تہٕ تُسُند شکن گژھن

ییلہِ میون مول وصیتھ کرِتھ ورأے مۆد، شرحن
رۆدُس بہٕ یوت تُسُند وأرِث درتہٕ ییم دَندن کھرن
دِتھ تُسندِس مالَس زاگان اُسی، تِم گیٚے رِتھ تام
ہۆوری تہٕ دزاے زھرِ وِے اَتھو۔ دِلِک نار ژھیو
راوِرنہٕ مٕہ کِھ چھِ تِم مےٚ لیکہٕ چَھکان زِ: "کولہیٚ تاوٚن
زَد، خبیث، بے دین، لامذہب، دربدری، کوہ توٚت،
گرا آسان بأزی گارَن سیتی تہٕ گرا دریشن سیتی وتہٕ وتہٕ
حال حأران۔ اَوٚے تہٕ لوگُس نٔ کُنہِ اَتھہِ کھور۔"
ہُتہٕ اوسنہٕ میٚے اَصفہانس منٛز روزُنس
دِلے کرَان تہٕ نہٕ اوسُم اَتہٕ روزُنے، میٚے تھوٚو نہٕ
پہنٛزِن کھتَن ہوٚنی مُشند یوت کَن۔ میٚے دوٚپ
اُوری چھِ دوران مگر آخر وُچھنکھ بہٕ لحاظ کینژھہ۔
تہٕ ژارِ مُتھ اُکس لیکہٕ داہ لیکہٕ تِمہٕ یمہٕ میٚے تِتھ
زٕ پیٹھِس سفرِس منٛز قلندرن تہٕ تفتیشی پکہٕ
والین سیتی دۄہ تھٕنہٕ بہینہٕ کنی ہیٚچھرِ نٕ آسہٕ تہٕ یمن
ہنٛز نہٕ پہندین اجدادن تہٕ خبر آسہٕ ہے۔
ییلہِ موج تہٕ بہٕ تازی دأری نہٕ ماتم کرِتھ فارغ
سیدی، اُسہٕ ہیٚژ بیٚنہٕ پأٹھو دۄنی کَتھ باتھ کرِنی تہٕ

دۆیمِس:

بۍ۔ دۆپمٕژ ہے موجی! وُچھی آسہٕ ماجہ پچہ ترٕن

ماگرٕ ھ کانٛہہ چیز ژٲوِر یا ژھایہٕ روزٕن پانہٕ وٲنی

تٔلۍ مۍ وَنِتہٕ تَس بابہٕ چَنٛہتہ کآرٕ سُنٛد کآرٕ بارٕ

کوٚت بیپھڑ اوس دوتمٕت۔ وُچھی ژٕ یٕسۍ اٚکھ

تَس اَنٛزٕس مَنٛز بَس تہٕ ژٕ یٕسۍ چھےٚ تَسُنٛدِی مَرٕن

ہُنٛز خبر۔ لہاذا کرِتھ آسی ژٕ یٕسۍ تَسُنٛد

کآرٕ بارٕ چَتہٕ پٔورٕ خبر۔

موج۔ (بانٛبرِتھ) گوٚبرا! مۍ کیتہٕ باگٔیہ خبر!

بۍ۔ (بیتاب گژِھتھ) ناسۍ، وُچھی ژٕ یٕسۍ چھےٚ

خبرٕ ہٕنٛز حَن چھُ وآرِث دَرِیسۍ پیوٚن موٚدٕ

سُنٛد قرض نِکھ والُن۔ مۍ گژِھ نُن تَس

کنٛیُتھ تہٕ کوتاہ قرض اوس۔ بیپھڑِ وُچھتھ

پانٕۍ کفن دَفن کرٕنس کوتاہ لوٚگ ژُ نِی کینہ

چھُس بہٕ مادر زاد پَتٕ شُنٛد چھیوٚم۔ مۍ چھُنہٕ

کھنٛڈ ہار تہٕ چینٛدس۔ ژھرٕ وِے اَتھو وَنتم کیاہ۔

کرٕ؟ تکن مَنٛز نٕے چھُنہٕ اِنسان ژھرٕ وِے

اَتھو کلہٕ ہیکان تھوٚدٕ تُلِتھ۔ اٰخر گژِھ اکِس

بیٚیِس نِش ہنٛز کوٚنکھ برابر تھوٚونہٕ معہ کھ

چینٛدس یوٚتیسہٕ آسنٕے، نَتہٕ ہے میون تہٕ بابہٕ

سُنٛد ناو گژِھ گژِھ۔ دُشمَن دِن پاہ تہٕ رَم

نٕے دِن وَتہٕ پَکنہٕ۔ ظاہر گژِھ بابہٕ آسَن دوٚحے

اوسمٕت آسُن نَتہٕ زَن یِیہٕ زعہ وِتہٕ تہٕ جماتھ

تَسُنٛد مَرنہٕ کہ دوہہ تَس رٕتھ چَنہٕ موکھ پَیارٕ ن

اُمس تہٕ یم پتہٕ مۍ وُچھتھ ژٲلی، سعہ جماتھ

ہاریہ ہے مَنٛگہ تہٕ مَنٛگہ تہٕ گژِھ ہَن اَنٛدی

اَنٛدی تَس لاٚرِتھ۔ تٔلۍ دوہ لہٕ موج، یِکھ مۍ

ہادمول جنتی کمتین اوس نَقد پوٚنسہ تھوٚوان،

تہٕ کمَن کمَن نِش چھُس وِگاٚسے باقی ییٚنہ

وَنتمی کیتھس اٚکس آسہٕ تمی حاداد یتھ کُن ترٚود

تہٕ یتھ کُن کیاہ کیاہ چیز رٔوٚدُس؟

موج۔ ہتا خوداے میانیا! یہٕ کہو چھکھ ژہٕ وَنان؟

ژٕ یٕسۍ اوسۍ مول بچور مُفلس تہٕ سفید پوش

ژٕ کیاہ وَنان نقد کیتہٕ چھُس تہٕ کوتاہ چھُس؟

بچور زوٗجان تُر ژٕھتھ اوس کُہَتانی ہمہ چھُ ژھنہٕ

سوٚنب زیٚنان۔ او، زانٛہہ کآلی ہے وانس

پیپھڑ خریدارٕن ہُنٛد ژٲوِر یہن یُن گژِھن روز

ہیٚس، تمہ دوہہ قَرِش ہے نابٕ چھُلس

سُبتھ وُچھ ہاو۔ نَتہٕ اُسہ دوہ ہے ژھہ چھِ تہٕ

چھُہہ کھیٚسۍ کھیٚسۍ گُذران کران۔ اَسہ اوس

گُروس چیٚسۍ چیٚسۍ تہٕ گنٛڈ ژٕیٚڑ کھیٚسۍ کھیٚسۍ جیر

وۄتھمُت۔ ژٕ چھُہم نَقد روہ بیہٕ ژھانٛڈان!

یتھِس حالَس مَنٛز ییٚلہٕ یہٕ اَسہٕ یٕڈ برابری آس

تمہ کیتہٕ گٔیہ روہ بیہٕ پاٚد؟ ژٕ یٕسۍ اوسۍ کیاہ

ہاٚلس؟ یہٕ اوسُس تہٕ چھےٚ نظرِ تٔلۍ، اَکھ چھُس تہٕ

کَرمَن، بیٚیہ چھُس دان، بیٚیہ چھُس یہ گرو بیھٕ؟

یہ چھُ تہٕ چھُ تِتھی چھُ۔ بێیہ وُنتَم بێیہ کیاہ چھُس؟

دٕوٚ پیٚچھےٚ ہا گوٚبرا اُڈٕ اٰہم وُختَس ییہہ ژٕ ژھٹہ

دوہہ نی تالہٕ پنٕنس ہاے وانَس ییہہ۔ یوٗتھے

خودا صاحبن چھوٗن اَتھہٕ پێیہ پھرٕوۍ تہٕ

وۍری یہ کس وۍری یس روزی اَتھہٕ چلہٕ وُن، تہٕ

زانہہ روزکھیہ بہتھ۔

بٕ ۔ اَہنی یہ چھُ ہاے دٔرا زٕ پنٕنہٕ ہن وۍری ین کام

کیب کرِتھ روز ہٕ بابس کھنڈ ورنی تہٕ پیٚچھ

کُن۔ یہ کس وێیہ عقلہٕ۔ مےٚ چھُ صلاح ییوان

بٕ گژھہ وُچھن تاکس۔

موج۔ (پریشان گژھتھ) وُچھن وول کُس موکھ

اَنہٕ ہن ژٕ؟ اَدٕ تہٕ کرِتھ ییہ تن، مےٚ کیا؟

وُچھن وول چھُن تمہٕ ورز گرٕ اَنان ییلہ

کانہہ چیز ژوٗر آسکھ نیمُت یا رووُمُت

آسہِ۔ ژٕ پانہٕ چھکھ مےٚ ژوٗر زانان؟ دوہ نی گوٚ

ہرِ کاہ ژےٚ ونِس مُنہٕ شکُھ چھےٚ زٕ بہ چھُس

ژوٗر، سہ چھےٚ ژےٚ تیلہٕ پنٕنےٚ بدنیت اَسُن ونہٕ

نادان۔ گژھتہٕ تالہٕ سند ہس یارس تس اوخُن

صاحبس پرٕژھتہٕ۔ تس چھےٚ سارٕے خبر بُستہٕ

وَنی یہ یہ مےٚ وۍنمے۔

بٕ ۔ اَہنی پوٚز ہےٚ چھکھ وَنان ژٕ۔ اَصلی ہےٚ

آسہِ اوخُن صاحبس سارٕے خبر تکیاز بابس

اوس سارٕے سےٚ اَنِدٕ مُنٕنس آسان۔ ہرگاہ

بابس نقد رٕنگو کینہہ چھُ یا نہٕ چھُ، تہٕ آسہِ

تس خبر تہٕ ظاہر تھوٚوہٕ سہ مےٚ نِش کھٹِتھ۔

بٕ دِراس سیوٗدٕے اوخُن صابس نِش۔ ژٕ ژاہ

شرٕ ہن بڑو نیتھ کنہ وُچھم یہ تِتھے پانہٕ کو نجس منز بہتھ

بہتھ پانہٕ ژٕ وۍری بڑو نیتھ وُچھمُت اوسُم۔ یتھے بٕ

وُچھنس تِتھے دِتُن شرٕ ہن رو خصتھ تہٕ دٕوٚ پنکھ

"گژھ ہاے چس منگو قدمن برکتھ، یوٗت یوٗت ژٕ اتان

چھُ تتہٕ تتہٕ چھُس شادی پانس بڑو نیہہ بڑو نیہہ دوان

آسان"۔

بٕ ۔ اوخُن صاب! تلہٕ حقن مہ آس نخنڈ کران خوداہٕ

سنٕدِ پاسہٕ۔ سوہ کرِتھ قدمن برکتھ ہا مےٚ شونٹھس

ہےٚ گونج پھیرو تھے۔ مےٚ اُمس راے زٕ ہرگاہ

تقدیرن مےٚ مول تھێچھ دِتھ نیوٗ، تس بدلہٕ

ما آسہِ ن تو تہٕ مےٚ کرِ کانہہ وراثت تھوٚوہٕ ژٕ تھ

مےٚ وُگ منشہ مێیم۔ مگر شونٹھس چھُ تا وٕنے ناوُن

بوزہٕ یوان۔ ژوٗ یاری چھم شکےٚ ژِکس پاسان

تێشتھ نیتھنہٕ واٹھے ہیکہ دِتھ۔ ظاہر ما گوس ژٕ نێلہٕ

تہٕ بٕ ما روز ہٕ ہتھ ونِس لایق تہٕ۔

اوخُن صاب۔ (اسمانس کُن اَتھہٕ ژٕ نبر کڈِتھ)

اِنَّ اللّٰہَ یَفْعَلُ مَا یُرِیْدُ۔ یُعِزُّ مَنْ

یَّشَاءُ وَیُذِلُّ مَنْ یَّشَاءُ بِغَیْرِ حِسَاب۔

اَہنسہ گوٚبرا، دُنیا چھُے یی۔ یوٗت تام یہ انسان

ییتھ دُنیہس لاہ کرِ توٗت تام زان ژٕ یی روز

سۄیدان۔ بہتر چھُ گُنہٕ چیزُک نٕ ژھۄپہٕ تھاوُن یتھ
انسان فکرِ دۄس رٕوِ۔

بٔ۔ اوخن صاب! تُہۍ کرِ پیٚٹھ چھِہم اکھ درویشی
منز ژامت؟ از چھِہم صوفیین ہُنٛد اَنٛدرٕ بول
بوش کران۔ یِمن دوہَن مے تٕ پننہِ بدنصیبی
دُنٛیہٕ اُس آمُت تٕ تمہِ شہرس منز کُڈم ژَلُن
بٔ تٕ کیاہ اوسُس تیمن دوہَن تیٚتھے پریشٲنی وَنان۔
مگر تمہٕ نِش چھُسے بٔ وۄنی چھیوٗرمُت۔

اَمہِ پتہٕ وۄنُن۔ زٕ بٔ کمہِ معہ کہ چھُسے آمُت تٕ سیٚخ
عاجزی کرٕ مُس زِ مے وَنِتہٕ مٲلی ہُنٛد کاروبارُک حال
کیٚتھہٕ تٕ کیاہ اوس۔

اوخن صاٸبن کوٚر ژاپہ ٹھکاہ تٕ بُڈس کاوِ کٲلہٕ
ہُنٛد ہاتھ وٕتُن گوٚڈ دُعا اَمہِ پتہٕ کھیٚن قسم پوشہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ چھُم
عاٸن تٕ ناٸن تی وَنان یہ ماجہ اوسُم وۄتھمُت۔ اوخن
صاٸبنہٕ وَنِنہٕ کِنو اوسہٕ مٲلِس میاٸنِس نقد پونسا تُہۍ کا
کھیس تٕ نہٕ اُہن کانہہ وراثیتھے پتھ کُن ترٲومٕژ یہ
مے بِنو اُچھو وُچھ تٕ تمہِ مےٚ خبر اُس۔ بُس تی
اوسُس گل ٹھیلہٕ پتھ کُن ترٲومُت۔

مے کرٕ یہ بوزِتھ گوڈٕ زٕ ھو یہ۔ تمہِ پتہٕ چھُس
بٔ زورٕ زورٕ اُہس وَنان: "مے چھےٚ پننِس مٲلی ہنٛز خبر
شہ کوتاہ بزرگ اوس۔ زانہہ تٕ چھُنہٕ تمی پوشہ سۄدس
پیٚٹھ دِیتمُت۔ مے چھےٚ لعہ کیا پیٚٹھ اَتھ خبر: اکہ
دوہ ہہ آدمیوں گوڈ نٕتیک آغہ، عثمان آغہ بابس نِش
تٕ منٛجہ نِس رقہ پیہ وۄنہ زُہم تٕ دۄ پنس بٔ دِچھے سیٹھا
سۄد۔ بابن دِژِس نہٕ ہرگز تٕ سۄدس پیٹھ تٕ بوزِنووُن
قرآنِ مجیدُک آیہ کریم۔ "وَحَرَّمَ الرِّبٰوا" تٕ سۄد
ووٗد موگنس نہٕ کہیں۔ وۄنی گو تمہِ پتہٕ ما آسہ ہے
سۄدُر بنیومُت تیمہٕ چھُمنہٕ خبر۔ مگر مے چھُ یہ بہتھ زِ
میون مول اوس اکھ پاک مُسلمان تٕ ناپاک کیٚو نِش
اوس مُنزہ تٕ پاک۔"

مسجدِ منز دراس نیبر تٕ ژھکھ ہۄت وۄتُس پننہِ
گوڈنچہ کاٸم کُسب گرٕنچہ بیٹھکہ (یاں زٕ مٲلی ہُنٛدِس
وانس) پیٚٹھ۔ منز اوسُم ووتھمُت زِ "کرٕ ہے تٕ کرٕ
کیاہ؟ وۄنی ہیکہ نہٕ بٔ اصفہانس منز روزِتھ تھے
لعنتھ ییتھ اصفہانس تٕ اصفہان کین۔ مے
چھُنہٕ ییمہِ وٲرٲے وۄنی چارٕ سے کانہہ زِ پتِن دِش
نداش کینہہ گرٕ تِھ واپس دارُل خلافس منز۔ تکیاز
کانہہ بیکار تٕ تھاٸنگ ہرگاہ کُنہٕ جایہ وِٹیہ، شہ وٹیہ
تیٚتھ۔ مگر پیاری چھُم دِلس بہتھ زِ میاٸنِس مٲلِس چھےٚ
ضرور کرِتھ نقد روپیہ آسمٕژ۔ یہ خیال چھُمنہٕ ہرگز
تٕ دِلہٕ منز نیران۔ سیٚخ زنہٕ آس تٕ کیتھہٕ تٕ چھُنہٕ اگ
باگاہ پیوان۔ دۄیُم چھُنا صلاح گرِتھ قاٸجنس نِش؛
پی سوچان سوچان ووتُس کاروان سرایہ چھِ ڈیڈ پیٹھ؛
اتہِ کرٕ نم تمی مزِ دیادِ ڈیڈ وانن سلام تٕ مٲلی ہُنٛدِس
مَرنس پیٚٹھ دِل تسلیاہ دِنہٕ پتہٕ کوٚرُن دُعا یہ خاطرٕ:
"وۄنی تھوی سُنے خُدا زِنٛدٕ تٕ عمر کرِ سُنے برکتھ۔" مے

دوٚپُس۔" علی بَبا! ژٕ تہٕ چھُکھ لاگان نادان۔ ژٕ کیا چھُکھ
وَنان؟ ژٕ کٔتھ کرٕ چھُکھ مے کرٕ زیٚچھٕ وُمرٕ تہٕ صحت
منگان؟ میٚے وونی دوہ ژھوٚرٕ ہانٛنے، تی اوس
جان۔ میانہٕ حقہٕ اوس موٚتھے رُت۔ بٔ کٔتھ کیشؔ
چھُہَم کانٛچھان، تِمہ سینٛز زیٚٹھِم مُصیبتہٕ تہٕ تاوٕنس
گژھِہم ہُرِ ہرٕ" اَمہ پتہٕ ترٛٲوُم دوہ شاز: "ہاے
افسوس! ہاے افسوس! کیاہ وَنے وانٛنج چھِم پھٔٹمٕژ
تہٕ جِگرس چھِہم، یٖہہ گنٛڈٕ ہرٕ:

یہ بُڈٕ مٔہ منِتھٕ گو ہارٲن تہٕ چھُم دپان: "ژٕ کیاہ
چھُکھ وَنان؟ مٲرِس اَسی نے مغفرتھ، شہ گنٛذرِ پیٚتھٕ
ژٕہے یوت روٗدُ ہٕس، یِتھٕ کُن وارِث در۔ جوانی تہٕ
چھے۔ خوداے پرٕ ژھُنے، اوٗد دوٗر تہٕ عقلہٕ شکلہٕ تہٕ چھُکھ
جان۔ ووہ نی کیاہ گو ژھُے آسُن۔ یتھ گو ژتِے ہٕسہ
چھے ہونگہٕ پوان، اَدٕ تتھ کیاہ کرے بہٕ؟ ژتے چھُنے
ہوومُت، گژھتہٕ تییلہٕ ژٕ ھنتہ کو لہٕ دوہ ھٕ۔"

بٔ۔ اَہَنسہ یہ چھُہٕ پوٗز زِ بٔے یوت چھُس وارِث در
مگر سہ وراثت وَنتَم چھُے کتہٕ؟ سارِ پنُّہٕ مٔنز چھُہٕ
کُل ٹھیرِ بٔتھنو پرانی لیفہٕ ژُٹ، کھوس تہٕ لوٚٹھ
کھنٛڈٕ اَکھ۔ یہ وَنتَم لگِہم کتھ یہ؟ لعنتہٕ یتھِس
مرِنس تہٕ مرن وارِس۔

علی محمد۔ روہ پیٚہ تنٛسٕنز کوٗت گیہٕ؟ ہاجیا! تنٛسٕنز پیٚن زرِہ
کیاہ گوٚ؟ چون مول، جنتھے اسی نِس، یتھ شہ
دِل مُرٕزتہٕ خریدارن صابن اوس منھان تتھے
اوس پوٗنسہ خرچاونس کیٚشُت کوٗنڈ۔ اوٗنگجوٗ مٔنز
اوسُس تہٕ آبہٕ قسطرٕ تہٕ بٔنرٕ تہٕ ژٕلان۔ یہ چھُنے
سارِنے خبر زِ شہ اوس جماہ کرِنس کُن لوٚگمُت
تہٕ تُس اوس سیٹھاہ پوٗنسہ پٔس اَنداز۔ پٔنچھ کم پونٛسہ
چھُنے خبر زِ کانٛہہ دوہ اوسنہٕ شہ پتِمہ دوہ ہٕ تہٕ
شہ بچتھ کرِ ہیے۔ تِمہ روہ پیٚہ کتہٕ چھے؟

بٔ۔ ووہ نی یییلہٕ چون پوٗز مانوٚ، ہُتھ کیاہ وَنوٕ زِ گرٕ
چھُہٕ کھوٗٹ پونٛسہ تہٕ نقد موجود۔ موزج چھُم پان
مٲلِس اوسُے تہٕ کہیں" اوٗخُن صاٗب چھِہ تتھ
شہادتھ دِوان۔ اَدٕ سہ غاٗیبچ تہٕ جھٕمیہ عبرتہٕ
نہ چھُس وُچھن وول زِ تِمہٕ ہیم پوٗز چھاکِنہٕ
اَپُز۔ ہرگاہ پوٗزُے مانوٚ، تییلہٕ گیہ کوٗت تِمہ زرٕ پیٚہ؟
دوٗپمے ہٕسہ! گژھِتھ نا بٔ قاٗضنس نِش؟

علی محمد۔ قاٗضنس نِش؟ کرٕ خُدا یہ خوداے۔ اللہ تعالٰی
میرٕ لاگی نے تور۔ تِمہ کھو تہٕ چھُے بہتر یٖتھوٗ وُے
جہنمس گژھن مگر تور نہٕ۔ تور گژھُن چھُنے
پٔزٕ ژھے ہش کٔتھا زِ یہ آسِہے نہٕ یتھ سرِ یہ مٔنز تہٕ
اُچھوٗ مٔنز یکھ ژٕ تہٕ کڑکہ بٔرتس ٹھُک ٹھُک۔
اَدٕ سہ شہ کُس بوزِ چون پتِیہ؟ شرحہ بٔیس
حاکِمس گرٕ گرٕ یا صحتہٕ چھُکھ دپان زِ تتہٕ کرٕ فریاد
مگر یہ ما چھے خبر زِ اَتھ کوتاہ تگی تتہٕ؟ قاٗضو
چھُہٕ کٔتھ روہ پے ہیوان تہٕ ژٕ تجہو پونٛڈو کم چھُنہٕ
پیٹھٕ وانٛنی زٕٹانے۔ تِمہ پتہٕ دِیہو تُس ما چھُہٕ پکان

کینہہ یا تسند حکم ما چھ چلان، حرام رژھ ہے؛ سونگ چھس یتھ طاہ ہرگاہ نہ قرآن شریفس سعہ نہ رکھ دیتھ آسہ ہنس نہ اتھہ تہ ہرشہ ادو ہے نہ تتھ۔ بیڈ یمو چانس مالی مشدین پوشس تھیچ چھے ونہ چھ، چانی کنہ دینہ یہ پوشہ تم ہا گوہ مشدِ ونہ نہ ژے وانس؟ تمہ چھے رایہ۔ حاکمس دن نہ تہ ژے دنے۔ مرکہ تے کھوٹ پوشہ تہ دنے نہ۔ ئیڈ منز کھالنے وانس تہ دن قانس مگر ژے دنے نہ۔

ئۍ۔ ادہ سہ یتھ کیاہ کرہ بہ؟ فال کڈن والہ مشدِ یا وچھن والی مشدِ سیتہ پیا کانہہ فائدِ؟

علی محمد۔ یم ورش چھ توہ کینہہ۔ ینہ پیٹھ یتھ سرا تہ منز وو تم تنہ پیٹھ چھس یمن ہند کیشا کیا بوزان۔ واریاہن سوداگرن روو ییتہ پوشہ ادہ اسے آکھ تہ پہنزی دسی۔ فقط کیشا سہ لوگنہ سہ مال اکھ یس ترکمانو لوٹ نیو۔ نجات! نجات! دیان چھس کہ سہ بلاے آیہ تمہ دوہ ہے ژسہ۔ بدلے تماشاہ گو تمہ دوہ سہ۔ ادہ پوتاون زدو گورس بدنام ز ژسے تہ اسے ترکمانن سیتو اٹ، زیادہ جیٹ چھے یہ تمو جیشو مشراونو چون ناوہ سیتھ برۍ تہ ادہ وۍتھ سہ شورِ محشر۔ یہ اس خدایہ بشِ مہربانی ز علی محمد اوس اڈہ اھن نتہ یمہ تسنز کنہ بوزتھ یس مے بنجھس اکھ رنگ بوان

اوس تہ اکھ گرژھان، ہرگاہ تس تہ بوزنہ پیہ ہے میانی سارے ٹھکل گرژھہ ہے وزتھ۔

موہصر سند مشخص ز علی محمد اوس اد اصفہان ہنس کتانی نادار وچھن والس میانس مالی مشدِ وراثت نشہ کڈنہ موہ کھ تہ سونہ تس عیبن گرہ۔ دوپن "یہ وچھن وول چھ تشتہ نہ ہرگاہ سعہ نہ رژھ کنہ جایہ زمینس تل وہ گنہ یا کاشان کس تتھ مشہور کپریس منز تہ ژوہ آسہ، یہ کڈسی اچھ ٹینہ منز نون۔"

# ۵۰

## حاجی بابن مالی مشدِ پوشہ لیبنہ موکھ

چال کتانی تہ وچھن والی مشدِ قصہ بیگہ دوہ سہ ژاو صبح نماز پتہ یہن شخصا اکھ میانس کنٹس منز۔ یہ وچھ تھے زون مے یہ گرژھہ وچھن وول آسن۔ یہ وچھم کوب تہ کلہ وچھمس بڈ بوڈے۔ اچھو کنز اوسس نار نیران تہ یمہ اچھ آسس ژٹھ تیز تہ بیمار خ ز مے زون بس اکی نظرِ سیتو وانہ یہ میانس تہ گنڈھس۔ کنگو اسیس کلس تہ اکھ اوسن ژھوٹے دستار انددِ اندرِ وولمت متین ہندِ پاٹھو اوسس چھیکین تام مس الوندِ ریش اوسس گوون تہ آمہ سیتو اوس روب دار باسان۔ پینتہ پتہ پینتہ اوس اچھ پھران تہ تہ زانہ خودایہ اوسہ ام کھتھ کران کنہ عاذتھ اوسس۔ آمہ ہیہ تہ

اوس باسان زِ یہ شوٗبہٕ چھِنہٕ اِنسان ذاتہٕ اَندرٕ ظاہر چھُ نسلِ جِن یا نسلِ شیطان۔

سوال پرٛژھی پرٛژھتھ تِل میٚہ اَمہِ گیوڈ۔ سارٕی ہِندی قصہٕ تہٕ خاص کٔرِتھ اصفہانُک واتنہٕ پتہٕ یِتہٕ کینژھا میٚہ تِھی ہیٚندٕ تہٕ پرٛژھنم سوٗرُے تہٕ زونُن زِ مِیانِس مٲلِس کُس اوس اصلی یار تہٕ میٚہ کٔمِس بیٚہِتھ چھُ شکھ۔ مونچھر بیٚہِتھ پانٹھو اکھ حکیم اکِس بیمارس کُنڈُر دوہ زِ وچھتھ سارٕی پرٛژھہ غار کران چھُہ، تیتھے پانٹھو کاہ ہیرٛشہ اَمہِ سارٕی کٔنہ تہٕ سوٗرُے کینہہ پرٛژھنم۔

مِیانہِ یِمہ سارٕی کتھہٕ دِلس منٛز کھٔنٛتھ بہتھ تِمہ جایہ ہُنٛد پرٛژھان یِتیٚن میون مول زیادٕ وختس بیہان کران اوس۔ اَمہ وِزِ اُمِس میٚہ موج حمام کرٕنہٕ گامِرٕ۔ میٚہ ژون یہ اَندر محل خانس منٛز تہٕ اَمہِ رٔتہٕ وچھو کھٔنٛتکہٕ ورائے سارے جایہ۔ دوٚپنم: زرٛژھہ کھٔنٛجہٕ ترٛاو میٚہ کُن زونہِ یِتھ بہٕ پننہِ جایہ سام ہیمہ تہٕ مطلبس واتہٕ۔" پوٚزٕ پیٚنٛدہٕ ہٕنٛزِ ہینٛتن رود یہ اَندر تہٕ تیٚتھے نمبر ژراو، دوٚپنم: "تہٕ اَکھ پنٛنہِ سارٕی یار دوس تہٕ اَشناو رٔشناو سعہ نمبر آوِتھ، اَتہِ یِمہ بہٕ تہٕ وچھو خُد وایس کیاہ آسہٕ کران۔"

اَمہ اصلِ قصک شکھ کرٕنہٕ ورائے وُنہِ مٲجہ زِ مٲلی ہیٚنٛدین یارن دوستن سونز ازیتی بیٚتہٕ کھیمنہٕ معہ کٔتھ ناد تہٕ پانہٕ اَتہٕ ناوٕ اوخن صاحب، ڈیڈہ وان مٲلی ہِنزِ گوڈنیچہ زنانہٕ ہِنٛدی اَشناو، پنٛن ماسو تہٕ رٔتم سارٕی ناد دِتھ یمو سون گرٕ پیوان گژھان اوس۔

کانٛہہ تہٕ رُود نہٕ باز تہٕ سارٕی پیٚیہ وٲتِتھ۔ یِمن چناہ کٔرِتھ تِمہ کتھہٕ تہٕ دوٚپمکھ: "میٚہ چھُہ وچھُن وُل اونمُت یُتھ میٚہ تہٕ آخر نیٚنہٕ زِ مِیانِس مٲلِس کاژاہ ہار آسہٕ تہٕ کتہٕ چھُن ٹھٕوُمُت تہٕ تیٚچ تہٕ ہیہ تہٕ پانس خبر چھو۔" یہ وُنِتھ ترٛاوُم یِمن سارِنے ہُنٛدِس نظرا زِ خبر چھا کٲنٛسہِ ہِنٛدِس ہُنٛدِس بیٚہِتھ مارِیم ژرٛہ علامتھا بوزنہٕ یِمہ سیٚتھ دادِس دواہ بنیم۔ مگر یہ کتہٕ؟ سارٕی وچھم زنتہٕ میٚہ اَتھہٕ رٔوٹ کرٕنہٕ معہ کٔتھ شُمارٕ ہِنٛدی پانٹھو بیٚغرض پانٹھو بیٚہِتھ۔

غارٕ، تیز نِگاہ درویش صاحبس (اَمِس وچھُن وُلِس اوس یہی ناو) آو ژانٛٹھا اَکھ تہٕ دَج اَکِس منٛز کمتانی چیز وِیزٕ ہیٚہِتھ تہٕ ژاو کُٹھِس منٛز۔ زنانو ترٛو وُہُنٛدِس پردٕ تہٕ درویش یار لوگ پننہٕ کامہِ کُن۔

گوڈنیتھے ترٛاوِن سارِنے نظراہ مگر اوخن صاحبنِس ہُنٛدِس کُن وچھُن ژٕرو بیٚہ کالس۔ اوخن صاحبن ہیٚچ تہٕ تیٚنٛز یہ نظر زرٕ وٕچھے تہٕ وُٹھوے تہٕ لوٚگ پرٛن "لا الہ الا اللہ! اللّٰہم وقنی شرّ من لا

---

لہ طہران چہ تہٕ فلاٹ ہِنٛزِ کتابہٕ منٛز چھُ "درویش اَنیز نِگاہ" لفظہٕ پتہٕ لیکھتھ "اَنیک اسم اد"۔ ۲ہ پروردگارا! میٚہ رٔچھ پرٛیتھ کٲنٛسہِ ہُنٛد شرٕ نشہِ تہٕ بہٕ چھُسے نہٕ ژٕ میٚہ ورائے کٲنٛسہِ کھوژان۔

یخافُ منکِ " تہٕ دِتُن پانس اَنٛدی اَنٛدی پھِیرِ کھۄرِ پھیکھ پیٚیٛٹھو تہٕ ڈولُن اَتھ۔ زٕنتہٕ شیطانس اوس ژٕ لہ راوان ۄکن ژۄل یہ وُچھتھ اُسُن نیرِتھ۔ مگر اوٚمن صاٛبس گوٚوٚ اَکی سِندِ تہٕ اَسہٕ سیٚٹھاہ پرواے تہٕ بیوٗٹھ پننہٕ جاے۔

دَرویشن اوٚن اَمہٕ پَتہٕ پنُن ژاٛٹھ بۄرٛنیٛٹھ کٕنِ تہٕ کوٚڈُن ژرامو کٕنٛڈورٕ اَکھ دَرِ مٔنٛز نیبر۔ اَتھ کٕنٛڈورس اَسِو یَتیمہ سُنٛد مال ژٔورِ رٔنس پیٚٹھ آیہٕ کریم کھٔنیتھ: مثلَن زِ " اَلسَّارِقُ وَالسَّارِقَۃُ فَاقْطَعُوا اَیْدِیَہُمَا "[1] — " فَلَا تَقْرَبُوا مَالَ الْیَتِیْمِ "[2]۔ پانہٕ کوٚرُن نہٕ کلاما زیادٕ کینٛہہ۔ فقط وونُن: " اِنَّ اللّٰہَ عَالِمُ الْغَیْبِ وَالشَّہَادَۃِ وَیَعْلَمُ مَا فِی الصُّدُوْرِ وَیَعْلَمُ خَائِنَۃَ الْاَعْیُنِ "[3] اَمہٕ پَتہٕ تھوٚوُن کٕنٛڈورٕ پتھرَ تہٕ چھُ کیا ہتانی پران۔

اَمہٕ پَتہٕ چھُ اَتہٕ لکن کُن وَنان: " یہ کٕنٛڈورٕ نیو اَسہٕ خاص تنتھ جایہٕ پیٚٹھ یٚیتین کربلائی حسن شٕنٛز رہٕ بیہ اَدِ یا اَسہٕ مٔرِ چھےٚ یا وُنی کینٛہہ چھےٚ۔"

اُڈی چھِ بداعتقادی سان تہٕ اُڈی پوٗرٕ پٔژھ سان اُمس کُن وُچھان۔ پوٗشو لوٗراہ اَکھ یَتھ اَنٛدرٕ اَنٛدی شکلہٕ

بناوِتھ آمہٕ، اُژھن اَتھس کینٛہہ تہٕ چھُ کٕنٛڈورس ٹاس لایان۔ اَمہٕ پَتہٕ ژٔن ژھٕژھن اَتھ کٕنٛڈورس جیٛٹھو تہٕ اَتھ سیٚٹھاہ نژٕ ناوِتھ چھُ دِیان۔ " وُچھو دوٚنی کوٹ گژھہٕ یہ کٕنٛڈورٕ۔ کانٛہہ چیز تہٕ ہیکینہٕ یمِس روکِتھ کٔرِتھ تہٕ نہٕ ہیکیس کانٛہہ اَکھا دٔرِتھ بنٛد کٔرِتھ۔ اِنشاء اللّٰہ پکہٕ یہ تمہ دایہ سِنٛدِ دَرِ تہٕ سیٚٹھاہ زور زور پلسنے برۄنٛہہ برۄنٛہہ۔ کٕنٛڈورا! وۄتھ نیرٕ مال کڈ نوٚن تہٕ ژٔورِ کرن نُنِٛجلن تہٕ خارٕ۔"

اُسو وُچھو اُمس سیٚٹھاہ یَتھ یہ اَنٛدر محل خانس مٔنٛز کٕنٛڈورٕ چلاو۔ دَروازس کوٚر ٹھک ٹھک تہٕ مشورٕ کٔرِتھ پَتہٕ مُژرووُکھ اَنٛدری بَر۔ اَتہٕ اُمس زنانہٕ کھیٚنیا اَکھ اَنٛدر پرٕ بیہتھ۔ اَڈِ ین اوس تُنٛجس پردٕ تہٕ اَڈِ ین بُتھو یُلے۔ یمہ وُچھیہ ساریٚے کٕنٛڈورٕ کِس معجزس پیٚاران۔

دَرویشن کوٚر زنانن گرٕ پٔٹھ زِ خبردار! یُتھ یَنہٕ ہیٚانس کٕنٛڈورس تُنٛجس یتو۔ ہیٚانس یمِس وَنہٕ ہاوِکس ہیٚکِہ نہٕ کانٛہہ تہٕ وَتھ بنٛد کٔرِتھ۔" اَتھ مٔنٛز چلوٗن یہ کٕنٛڈورٕ کوٚ بٔختس اَکِس کُن یَتھ پیٚٹھ کنہٕ اَمہٕ کُنٛجہ داٗرٕ ژٔٹھ اُس۔

صرف ژٔٹ اَکھ زنانہٕ، ماجہ میانہٕ، کٕنٛڈورس کٔژ لسہٕ وٕتھ۔ تیز نگاہ صاٛبن تراوٕ اُمس قہرچ نظر تہٕ کُنی گگرائے کٔرنَس زِ " ہتہٕ بی ژٔئے چھیہ اَنیوٚ؟ ژٕ چھکھ نہٕ وُچھان اُسہٕ کینٛہہ پاٗٹھو چھِ وُنی کینٛہہ خودا ہتہٕ چہ کامہٕ کران؟ گٔنہہ یُژٕھتَن یا مٕتہٕ یُژٕھتَن

[1] ژوٗرس تہٕ ژورِ بایہ دوشونی ژٔٹ اَتھ [2] یتیم سِنٛدِس مالس کُن مہٕ یکو نیٛجتہٕ [3] پژٕ پاٛٹھو چھُ اللّٰہ تعالیٰ ہے حالکُ تہٕ غائبُک عِلم۔ سُہ چھُ دِلن ہٕنٛز پھٕقیف تہٕ تسٕنز چھےٚ خیانتھ کرن والین ہٕنٛز خبر۔

یِہمہٕ رکنہٕ نہٕ رٕکھمِن نےٚ تہٕ توتہٕ اکہٕ لٹہٕ اوسُس وُچھمُت
خٕتۍ، اوس عُثمان آغہٕ گرٕدن زیٚچھرٲوِتھ پۆرٕدٕ ژ
حکیم باپہٕ ہُنٛد بُتھ وُچھنہٕ موکھ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹھ
کران۔ اَما پوز حکیم باسے تہٕ اُسنہٕ کانٛہہ چیٖز
سعدِ یِہ ہِسٕ سٕہَل بُتھ وُچھنہٕ۔ بُرقہٕ تُلِتھ چھُس
سعدتہٕ تحٕرٕ تہٕ وژَن کرِتھ کرِتھ بُتھہ یٲتھۍ تنبہٕ لاوان
زِ ہرگاہ کانٛسہ کُنہٕ کھعدتہٕ تہٕ دِل دوٗر آسہٕ ہے شہٕ تہٕ
کُملہٕ ہے۔ بہٕ چھُس دوٗر بیٚہِتھۍ تماشاہ وُچھان تہٕ
بٕشُو تٕکھٕ یٲتھۍ تطلفاہ تُلان مگر اَنٛدرٕ کِنہٕ چھُس تہٕ
سوچان ہرگاہ عُثمان آغس سعدِ ہٕنٛدِ بِن تمن ہیٚنزِ من
پوٚنٛڈن ہٕنٛز خبر گٔژھ آسہٕ تہٕ دِیہٕ تِمے ہیٚزراہ اشرفی
رٕٹھ مستعہ کرِنگ مہٕر، تِمہٕ ورِکِس تاوَن ژھینہٕ پانس
خار۔ مستہٕ ہیوٚ تلھٕ یرُن۔ قسم ہاوِتھ چھُسو۔

وَنان زِ ہیٚنہٕ کِنہٕ سیٚٹھا ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ کرِتھ تہٕ
گرٕدن زیٚچھرٲوِتھ زیٚچھرٲوِتھ اوس نہٕ عثمان آغَن
حکیم باپہٕ ہُنٛد اَکھ موے وال تہٕ ہیٚوٗ کمُت وُچھمت
تہٕ بیٚیہِ چھُسو قسم کھیٚتھ وَنان زِ سعدِ وُچھنہٕ تہٕ گوس
نہٕ غش وَش تہٕ رٕکھیں۔ یُتھے تمہٕ وُچھ زِ یِس مے
تِمہٕ تاو تُلمُت چھُ، سعد نہٕ چھُس مصرٕچ زُلیخا تہٕ نہٕ ہاکھتیچ
لٲل، تِتھۍ نیوٚ نِس بہٕ لوٗب کُن تہٕ چھُم دَپان "ہیا
حاجیا! پیٚوِ یا ژٕ سے میٚوٗ نُد۔ مے سِتہٕ تِیا یِہ فنٛد بازی
شکلہٕ ژھٕنتہٕ بلاسے، توتہٕ گرٕتھ یِہ جوان آسِنہٕ تہٕ بیٚیہ
گرٕٹھس نہٕ ٹھتھس یِہمہٕ وۄنتہٕ گیٚنہٕ آسنہٕ؟"

مے ہیٚنز ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ کرِنۍ تہٕ پینہٕ دِیہٕ صفائی
تھیکُتھ چھُس دَپان۔" اکہٕ وَختہٕ اُس یِہ قاچار
پادشاہ سٕنٛدِ محل خانہٕ چھین زنانن ہٕنٛزن اُچھن ہُنٛد
نگاہ۔ زنانن چھا جوانی تہٕ حُسنس کُن وُچھان۔ زنانہٕ
گژھ پیٚنُن سبتار اَوٗر آسُن۔ بیٚیہِ چھُم سورُے زٕخ تہٕ
طالع، جوانی کیاہ کرِ؟"

دوٚیِم۔ "اَہنسَہ، زخ تہٕ تقدیر گو پوٚزُے
مگر نہٕ بنہٕ اَکھ زانہہ تریشتے تہٕ نہٕ سٕید بُڈٕ زانہہ نو پر
جوان۔"

مے ژا یِہ نِنھٕ زِ یِہ گوژھِنہٕ وہنی ٹاپہٕ داپِس
منگنہٕ مگر بیٚیلہٕ اُمِس فکر توٗر زِ متعہ کرُن واجبہ زنانہٕ
شکل ژھانٛڈنۍ گیہ ہوٗنۍ سٕنٛدِ چیٖنٛد منز شراکھ ژھاپنۍ
تہٕ یِوسہٕ زنانہٕ اُکِس بیٚیِس نِش گانٛٹس دوپُن گاٹھ کار
شوٗنگنس بیٚسِتھ راضۍ آسہٕ، سفر کرِتھ گژھا آسِنو
تہٕ یوت تام نہٕ سعدِ نیمرٕ ژٕٹ ہِش آسہٕ گمژ توت
تام ما کرِ پیٚٹھو کار، تمہٕ کھیٚیِہ کتھے۔ اُمی اُسہ دَپان
زِ عثمان آغہٕ نِیہٕ پانہٕ سٕنٛدِ یٲتھۍ جیٚب دِتھ بینس
پشکارس مگر تِتھ بدٕل وۄتھ شہٕ بٕڈہٕ گوبی رسان تہٕ دماغ
دار یٲتھۍ ہینہٕ کعہ لیہٕ کُن۔ "بیٚیلہٕ ژٕ سے دِلس گژھی مے
نِش گژھِیُن تیلہٕ" تہٕ دراو پانہٕ کاروان سرایہٕ کُن۔

## ٥٦

# نادان پیرِ سُنٛد لیٚنٛگ گماہ

### تہٕ اُسٕنٛز پریشانی

ییٚلہِ یہٕ نادان پیٖر سُنٛد پیٚوٚد بنیوس میٚے
تورٕ فِکرِ زِ اُمِس چھِنہٕ پوٚشہٕ سعٕ نیٖراوٕنچ یاٗژ بیچار
اُمِس چھُہ ہٕ لیٚنٛگ تہٕ مرحٕنہ ، راتس دوہس
اوسُس فقط یوٗہے غم زِ ظہرانُک گوٗژھس دربٲری
پیرٕ بنُن ۔ اَمہِ خٲطرٕ اوسُنہٕ کانٛہہ تہٕ فنٛد فریب
وَرتاونہٕ رٕنشہ یِتھ روزان ۔ بَجہِ مُشند اوس اِجابتھ
تہٕ کران تہٕ شاہ مدرسس منٛز اوس سَبَق تہٕ پرٕ نادان
ٹُکِن منٛز اوس یانے فِتنہٕ تُلان یُتھ پانے تمِن فاۓ صلہٕ
تہٕ کرِہے ۔ پادشاہ سُنٛد ٹُکِن سمکھِنہٕ کِہ دوہ یہٕ ، خاص
کرِتھ نوروزکِہ دوہ یہٕ اوس مجلسہِ منٛز سارِنے
پیرَن تہٕ عالِمَن بیچھ کِنہٕ بہان تہٕ پریتھ کانٛسہ
ہنٛدِ کھوتہٕ اوس بڑٕ ہٕنٛٹہ کِتھ کران ، گرِیزان تہٕ
رٕڈ بڑ دُعا تہٕ دوہ یہٕ خٲر کران۔

یی کرِہ کرِے اوسُن ٹُکِن منٛز رٕت ظعون یاد
کوٗرُت اَما پوٗز یمَن اُمہِ سُنٛدین اَنٛدرمَن ہٕنٛز خبر
اُمِس تِمَن اوسنہٕ گاسہ کیچہ یوت تہٕ فِکرِ کھسان
میاٗنی یہٕ کِتھ اِثبات سپدِنہٕ تہٕ پانہٕ میاٗنی حالتھ
تبدیل سپدِنہٕ کِنہ سُپدِ قصا اَکھ۔

وَنٛدہٕ اوس ڈرامُت تہٕ رِتہٕ کول اوس اَژان۔
ایران کِہ جنوبہٕ کِہ طرفہٕ خاص کرِتھ لار تہٕ فارس

عَلاقہٕ بیچھ واٗنہٕ خُشکی تہٕ دراگ وو ہٕ تھنٛج شیٚچھو
شمال کِہ طرفہٕ تہٕ اوس دراگ وو ہٕ تھنٛگ تھون تھون
پادشاہن اوس دربٲری پیٖرَس روٗد پیٚنہٕ خاطرٕ دوہ یہٕ
خٲر کرنُک حُکم دیتمُت تہٕ دربٲری پیٖر اوس تِمنٛہ
نِیہٕ تہٕ کھینہٕ آمُت ۔

نادان پیرَس آو رُت موقاہ اَتھہ تہٕ پننہٕ
دیپنہ اَری تہٕ ندہٕ ہُک غاٗرتھ ہاونہٕ معہ کِہ ووٗتھ
تُہ دربٲری پیٖرَن سیتھ برابری کرنہٕ ۔ ٹُکِن ہنٛدِس
پیٹھِس بیچھ آو شرارتس لاینہٕ تہٕ ہیٚوتن فساد تُلُن
شیٚدوسادِ ٹُکِن ہٕنٛز جماعتھ بیچھ دراو ماٗدانس
اَکِس منٛز تہٕ پرِن نِماز ۔ اَما پوٗز خودا صاحبس اوسنہٕ
منظور ، خُشکی گَیہِ بڈٲنے تہٕ کمیا گَیہِس نہٕ کینٛہہ۔
پادشاہن دیُت حُکُم زِ ظہرانُک پریتھ کانٛہہ اِنسان
گژھِ نادان پیرَس سیتھ بارانٕچ نِماز پرنہٕ ماٗدانس
منٛز گژھُن ۔ نادان پیرِ اوسنہٕ یہٕ حُکُم بوٗزِتھ ویٚشرا
گُنہ تہٕ دراو نصاران ، یہوٗدی تہٕ آتش پرستن
ہٕنٛز جماعتھ بیچھ سیتھ تہٕ پرِکھ نِماز۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ
دراونہٕ اَکھ کانٛہہ ترٕس

چنان آسمان بر زمین شد بخیل
کہ لب تر نہ کردند زرع و نخیل
بخوشید سرچشمہای قدیم
نماند آب جز آب چشم یتیم
نہ باران فرود آمدی ز آسمان
نہ برمی شدی بانگ فریاد خوان

موخصر اکہ دوہ ہیہ ہیٚلہ ساروے دوہ ہیو کھوتہٕ
ہواہ خوش شکل اوس، گیہ تکہ جماتھا اکھ امہ سنٛدی سے
ہاپس دنس ہیچھ آمس دروازس بروٚنٛہہ کنہٕ جماہ
نادانہٕ پیر دوٚتھ تہٕ چھکھ دیان" اسے طہرآن کیو لوکو!
توٚہۍ چھیوٚ وچھان نہ سہ

حقیقت پاکشید است از میانہ
محبت بر طرف شد از زمانہ
زبس کردند مردم روسیاہی
بدل شد باغضب لطف الٰہی
بہ میخانہ چنان روی نیاز است
کہ خشت فرش او مہر نماز است
ز مسجد نعرہ مستان علم زد
موذن بانگ از انجا بر قدم زد

مےٚ ؤنی توٚہۍ یتہ بلایہ چھا، نشہ پاٹھۍ فسق و فجور کرنہٕ
وراٸے، کافرن ہنٛدۍ عبادت خانہٕ شہرس تہٕ بیرس
آسنہٕ وراٸے، نکہ والین ہنٛد کاروبار تہٕ نصاراین
ہنٛدۍ شراب خانہ چلہٕ ونی روزنہٕ وراٸے بیٚیہ کینٛہہ
سبب؟ یمو ملعونو کرٕ اسلامچ سارے برادری
تنگ۔ یمہ دارالخلافکۍ درواز تہٕ کوچہ تانی کرٕ اکھ پلیٖٹھ۔
طہرانکۍ محلہ تہٕ کوچہ چھہ شرابس ہنٛز بوچھ بنہ مزہ
تہٕ لکھ چھہ اتیکۍ پاٹھۍ شراب چوان۔ قوموا، انتشروا
الدّنان۔ مومنو! ؤتھو، توٚہۍ چھیوٚ بس اکھ کام کرٕنی
ؤتھو نیرو اسہ تہٕ کرو مجاہدن تہٕ غازین ہنٛدۍ
پاٹھۍ جہاد۔ یُس یُس مےٚ سیٚتۍ ییہ، تمہ بسم اللّٰہ
اُسہ نیرو تہٕ یمہ شرابہ مُچہ پھٹراوو بدکارن ہنٛد
توٚہکۍ پاٹھۍ۔ منافقن ہنٛدۍ تیٚہکۍ پاٹھۍ پھکو شراب
وتُن۔ انشاء اللّٰہ الرحمٰن اتھ عملہ پٮ۪ٹھ ثواب چھُ
دیوٚ پروردگار کریم تمہ ثوابہ کہ برکتہ اسہ یمہ بلایہ
تلہ آزاد کرِ۔"

یہ بوزتھ گوٚ لکن خوٚن گرم۔ زن لج تمن
خونس گرٕ یکھ۔ نادان پیر چھُ بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ، یہ۔
چھِس پتہٕ پتہٕ تہٕ اسہ پتہٕ چھہ سایہ بدی بیکل
تہٕ دور ییہ اسہ ازتنی محلس کُن۔

ارمنیوو، زیٚبارو یتھے مسلمانن ہنٛد لکہ
عرصاتھا تہٕ سیتھ یوان وچھ، تمن ڈیچ غنا چیر
اڈ یہ کہ اندرۍ کنو برس ہنکل تہٕ روٗدۍ ژوٗر۔
اڈۍ ژالی تہٕ اڈم روٗدی ہے بشگہ گرٕ ہیتھ پننی
جایہ وچھنہٕ زِ آیا یہ کیاہ قصہ چھُ۔ تہشر یہ جاٸی
گیہ جل جلے دوٗر۔ واتان واتانے کوٗر اسہ تمن
کنہ روٗد تہٕ چھکھ تیغ لیکہ ژاران۔ تمن گیہ درا
زِ اسہ چھہ تمن کھش کرنہٕ آمتی۔

نادانہٕ پیر سیٚدیو یہندہ زٕ ٹھین ہنٛدین
گرٕن۔ دوٚن جماد وچھنہٕ وراٸے یُس یُس بر
بنتھ آس سہ سہ ژُھنن پھٹراوتھ یوٚت یوٚت
دوت، تتہ ژاد اندر۔ یم نُنگر امس سیٚتۍ سیٚتۍ اسی
تمن یانی کُنہ جایہ شراب بوتلاہ یا شراب مٹاہ بوزنہٕ

یتھ اسہ دیوان خانس بیٹھ آسی آتہ اوسُکھ وزیرِ اعظم، دربارِ پیرِس پتہ بیٹھتہ پولیسہ افسر اوس پیٹھ نوٚر اتھس منز رٹِتھ وولِنی۔

اسہ روٚدو دروٚسی نِکھ ابستادہ۔ وزیرِ اعظمن کوٚر بُتھ نادان پیرس کُن تہ ژھٔس دِیان۔ "اوخدا! ژٕ چھکھ خدایہ پیشہ تہ امیر المومنین کرم پیشہ ژٕ ییہ کیاہ فساد اُتھ ژٕ؟ ژٕ ما چھکھ پاگل گومُت؟ حیاٚی کینہ چھا پادشاہ موٚمُت؟ وَن یہ کیاہ قصہ چھُ؟"

دربارِ پیر ووٚنُس۔ "جان گو! بہٕ کیاہ موٚدمُت اوس یہ ژٕ سیٔ ہرد وتھ امر معروف تہ نہی منکر ورنادُن پانس پیٹھ منٛزٕ؟"

پولیسہ افسر ووٚنُھ پولیسہ والین کُن زٕ "نی وکھ یم زنفر پادشاہ قبلۂ عالمس نِش۔ تم چھ پیٹھن بیاران۔"

اوٚڈے زوٚ ہیتہ نیکھ اسہ اکہ لوکٕٹہ اندر گٹہ کُٹھِس کینہ تہ واتناوِکھ خلوکہ حیایہ اُکھس۔

پادشاہ اوس دروٚسی نِش بیٹھ خشمہ ہوٚت گونٛڈھن وُٹھنیاہ وُٹھنیاہ دِوان۔ نادانن پیرس وُچھ ہیر لوٚن سارِی سے عار کھ پھٹان۔ کھوربانہ گنڈِتھ روٚدی اسہ دوشوے تلاوُس نِش ووٚدنی۔ دربارِ پیر، پولیسہ افسر تہ ارمنین ہُند زٕیٹھ تہ اسہ امہ وز اور واتِتھ۔

پولیسہ افسرن تھاوٚو بتھر تہ، نمسوو بوٚن کُن: "میون پان تہ یہ وٚنٛدِتھ! نادان پیرتہ تمِس ہُند منٛش چھ حاضر پادشاہ قبلۂ عالم!"

ہیبتناک کٔرِتھ لٲیِتھ ووٚنُھ پادشاہ نادان پیرس کُن۔ "اوخدا! یہ کرہ بیٹھ پٕچھِ ژٕ یمہ ملکُچ حکومت حوالہ کٔرمژ؟ ژٕ کمی دِتے یہ دٔگہ مار کرنک حکم؟ یا غمبری ہُند دعویٰ چھکھ کران؟ پادشاہی ہیتک چھکھ طماہ؟ وَنو ہیا کمینا! کُس گوہ چھے کھیوٚن؟"

بچارِس روٚ سیاہ نادان پیرس، یُس پٔریٹھ جایہ کینہ آسہ ژٕلان نیرِتھ، زوٚل میتر نیرِتھ گتھو بدلہ۔ فقط کٔرن ییٚہ پھسرا ریاہ ہش تہ ہیچہ کیہ زبانی ژٕایس دِنٛد بُرنو کینہ "بے دین، شراب، گوناہ ثواب، روٚد تہ خراب" ہیوی لفظ نیرِتھ تہ گوس پتیمُ شاہ پتھ کُن تہ ژٕرہ تھیم بٕڈنتھ کُن۔

پادشاہ ووٚنُھ دربارِ پیرس کُن: "کیاہ خُن چھُ بکان یہ؟ مے چھنہ فکری تران؟ امہ کیٚہ خاطرچھُ یہ گوہ کھیومُت؟"

دربارِ پیرن کوٚرُس عرض: "تکن ہند رژر خاطر۔ یہ چھُ دنان زٕ شراب خوری کینہ چھنہ روٚد پیوان۔"

پادشاہ ووٚنُھس "تیلہ گژھنہ ویلاتین منز اوٚبرے کھسُن۔ گونا نصیف تکھ ژٕھنوکھ

اُمو ماریتھ ژیتھ باقے نصیف ژکن ہند فاطر رٔد۔
بیئیہ۔" اَمہِ پتہٕ کورُن بییہ نادان پیرُس کُن ژھیتھ
تہٕ ژھس دیان۔" نادانا! ژےٚ چھےٚ واللہ، ییہ
ژھسنا کینہ ہُرو؟ یہ وَنتم مےٚ برونٹھہٕ کنہٕ بچارہ
ریتھ میانی تہلکہ پھکہ بُز ناوُنی تہٕ ہیمن دگہ مارکرُن
کیاہ مقصد چھُ ستھاون آخر؟ ژےٚ ما اَسیتھ بنگہ
چیمژ؟ چرس ما اوسُتھ چومُت؟ دیہاغس ما اَسے
خوشکی ودژھمژ؟ شاہ کوتہٕ ژھکھ کھالان، مےٚ
وَن جواب! راتھ ما اوسُتھ خاب وُچھمُت؟ ژےٚ۔
ما اوسے ہلکارہ ہیؤنی ژوپ ہیؤ تمُت؟ اَمہِ پتہٕ
چھُ بڑبڑ وَنان۔" ایران کس پزیتھ کاُنسہ انسانس
روزن خبر، اَدِیُس آسہِ تہٕ سہ، مُسلمان اُسو تن یا کافر
زِ تمن چھُ بییھٹھ کنہٕ کانہہ پادشاہا تہٕ تم چھ کاُنسہ
پادشاہ سنٛدِس سایس تل روزتھ زندگی گذاران۔ فرا!
ییمس خرس تل یہ دستار چھینبدر کلہِ بیٹھ تہٕ والہ
والہ کڈمُن ریش۔ اَتھ زِ پھرُس پیتھ کُن تہٕ لنٛٹھ کنہٕ
کھالُن خرس تہٕ کڈُن کوچہ بازرو منٛز یہ اَڈی اَڈی۔ تمہ
پتہٕ کڈُن ییمہِ شہرٕ منٛزٕ نیبر۔" مےٚ کُن ہاوِتھ تہٕ
دوٚ پنس۔" بن سیتھ ہیتھ یہ مُنٛش اُمو شُند تہٕ
لدمن جہنمس۔"
یہ ژھس خدایس کُن شکر کران زِ اُمس
پیئیہ نہٕ زینیٹ ژتس۔ زیادہ شُکر کوٚرُم ییمہ موکھہ
زِ پادشاہ سنٛدِس اَتھ حکمس بیٹھ پیئٕ حرفہٕ حرفہٕ عمل
نہٕ زن اوسُنہ اوٚت تام ناُنہہ تہٕ ییتھ پاٚٹھ
پادشاہ سنٛدِس حکمس ۔۔ تا عمل شیدان نادان
پیرس یہ گُذریو، تمہ بنیش اوسُس بہٕ جنتی۔
حکمہِ موجوب تُلکھ اُمس خرس کلہ بیٹھ
دستار۔ والہ والہ کوڈ ہس ریش۔ اَتھ زِ پھرکھ
ہس پیتھ کُن۔ لنٛٹھ کنہٕ کھوناکھ خرس تہٕ پتہٕ
مُنٛش ہیتھ، ییُس تس پتہٕ نیٛنہِ دورُے پہٕ وونے
نوٚنے دوران اوس، کُڈھکھ اُسہ شہرکہ دروازِ
نیبر۔ زِ نتہٕ لایکھ اُسہ جہنمس منٛز۔ اَمی ساتہٕ
موجی بہ جنبش آمد و برخاست کوہ کوہ
ابری ببارش آمد و بگریست زار زار
طہرانک شہر زن اوسُس رووس منٛز پھاپہٕ وُن
تہٕ ووُلُن روٗد۔ زِنتہٕ یہ خشکی تہٕ سختی اُسی
دوون گمہ نہٕ کاُرن ہندیو وُتہٕ دہلاے گرٛھنس
تہٕ یہ اسمان ازمنی بن ہُند انتقام بے ایمان
نادان پیرس ہیٛنہِ مہ کھ پیاران اوس۔

## ۵۸

# حاجی بابس حمامس منٛز بدلے چھپاگرژھن

نہٕ تسُند فند فتنہٕ بلا یہ منٛز موکلُن
ییلہ یہ تہٕ پیرصاب کُنی ژٔنی رُودیو، یہ
وُنھس اُمس۔" آغہٕ صاب! یہ یَقبال تہٕ ہیولم
تہٕ ہُندی یَقبالہٕ وُچھُن۔ ہرگاہ مےٚ خبر آسہ ہے

مجتہد صابنہٕ سُفارشہٕ ہِنٛز چِٹھ کیتھے، پائُغمبر تیمِ وۄنہٕ ہیم، تمہٕ پتہٕ تیمہٕ ہانہٕ بۄچون گرٕ تہٕ ژٕ تیمِ تہٕ ہُر ہی تہٕ میانہٕ یِنہٕ سیتھو یِزُتھ۔ چاہے رۄد پیٚپیہٕ تن یا مۄتہٕ پیٚپیہٕ تن، مسلمان پاک اُسو تن یا اَرمنی نجس اُسو تن، اَرمنی پاک اُسو تن یا مسلمان نجس اُسو تن چاہے طہران شراب خانو سیتو تُکی یو سیتو یا گرجو سیتی بَرِتھ اُسو تن، لُکہ مَس اُسو تن یا مۄتہٕ اُسو تن، بے دین اُسو تن یا دیندار، آخر مِتے وَنتہٕ ژٕ تیمِ کیاہ تو تہٕ؟ ژٕ تیمِ کوٚ سہٕ جیٚٹھ ژھینہٕ ہِنٛز چھکہ دُنیہک کام؟ ژٕ چھکہ جنتک تہٕ جہنمک موکل؟ چاہے لُکہ شۄ تنگو تن جہنمس منٛز اَکھ اَکس پیٚٹھ یا پہٕ ژھہ لاؤ تہٕ شال زیٚوِ اَدو تن بچہٕ جنتس منٛز، ژٕ وَنتم ژٕ تیمِ کیا ہیوّن ڈیٚن تو تہٕ؟ ہتا، بلہٕ بیگہ! ژٕ تیمِ رُہو تہٕ کہیں نہٕ۔ گرٕ ژھیتہٕ ووٚنی جہنمس، مے کیتھک گو زٕ یہٕ ہیمہٕ چھیانی یا ٹھو دیٚنک حکم سینس پیٚٹھ؟ ژٕ نران تہٕ کار زان۔"

اَتھ پریشانی تہٕ غمہٕ کِس حالتس منٛز ژٕ نم نہٕ ووٚنی اُمس بیٚپیہ ڈٕکرو والیٚز جانہٕ دہ شوٚرے چھہ اُسو دِل مۄلاوِل تہٕ غمہٕ ہیتو نکھہ نکھہ پکان۔ آخر بیٚٹھو اَکس جایہ تہٕ چھہ پانہٕ وانی مشوراہ تہٕ سوچاہ کران۔ شہر منٛز ہبر کٹہٕ پِنہٕ کنہِ اوسنہٕ بچارِس نادانس پہٕ طوفان تیمنہٕ بۄ ونیٚھ

واپس طہران گژھنس بُچھے سُہان۔ دہ شوٚرے چھہ اُسی پنٛنہٕ جاداد کُک سوچان۔ سُہ اوس پنٛنس گرِس تہٕ مال وجادادس وۄدان تہٕ یِہ اوسُس پننین پلون تہٕ قاطر پیٚنز فِکرِ۔ آخر کوٚر ہشخص زٕ یہٕ گژھہ شہر تہٕ سارِی نیرِ تہٕ پتہٕ یہٕ کینژھا تہٕ سپدِمُت آسِہ، تیمچ شیٚچھو ہیتھ پھیر واپس۔

دِگرِس باگی دوتس بہٕ شہر۔ کانٛسہٕ پان ہاوِنہٕ وَرائے دوتسُ نادان پیر پِیٚندِس گرِس نِش۔ اَتہٕ چھُس وُچھان زٕ نادانن پیٚندِ مکانکو برنگ پُلِیسہٕ والین ہیٚندِ دُسو پہرِس، دارِ بر پھُٹرِ اَدِتھ ہاوِتو تہٕ مکانک منٛز کوٹ تانی پیٚنتر پیٚنتو کرِتھ تراوِمُت۔ اَتہٕ یِس گوہ ڈ وُچھم نیران سُہ اوس سُے پادشاہ سُندِ نفرُ میانِس قاطرس کھسِتھ ظاہر میانین پرانین زچن تہٕ نادان سِندین نوین پلون ہُشہ بوچھاہ اَکھ ترۄ نہٕ کنزالۄندِ ترادِتھ پکان۔ بیمہ سیتی گوس نہٕ اُمس نکھہ تہٕ شاہ تہٕ کھوٚلم نہٕ۔ دپیٚم بلاے ژٕ ہیٚنس، میون پان اُمی پیٚندِس اَکِس منٛز آسِنہٕ کھوتہٕ چھُم اُمِس اَتھ میانہٕ پیمے زچہٕ اَشعالن ہیٚاری یاری چھُس دوہٕ نی پھیران، نقوان تہٕ چھیکرِس ژاس پننس دُشمن، درباری پیر پیٚندِس مکانس نکھہ حمامس منٛز۔ اَتہٕ وُچھم نہٕ کانٛسہٕ تہٕ پانس کنٛ ظوون۔ پلو گُڈِم تہٕ ژاس اَندر گرم سرانہٕ گُٹھِس منٛز تہٕ سرنیوس فِکرن منٛز۔

یانس سیتھ پچھس فکراہ کران زِ "پانہٕ اگر
بنیہ کیاہ ژٕھے ووٚنی؟ کہہ پاٹھو چھُ یہ اسمان
منٛز گنڈان تہٕ آخر کٔرتھ وَتہٕ ڈیلاے. شاشو تہٕ
بنیوس. بادشاہ دزام عاشر پیترٕ تہٕ کورنس موطل.
ژھانجیم مالی سٕنز وراثت، تہٕ تیتھ تہٕ تارہم اتھ بیٹھو
گُذارہ وول بنیہٕ ماوجہہ وولتم شکسن نال. مجتہد
صاحبن یرٛتھوس تھوو تلن، تمو بیہنووس خاکس
پیٹھ، نادان پیرن ہیچھنووس علمہ بدل ٹھگی تہٕ بدما
بہٕ دزاوس رحمت ژھانڈنہٕ، اور لاریم زحمت. شہر
منز تہٕ گدکھ تہٕ پیٹھ کھیو کھ سورے مال تہٕ جاداد میانی
پاٹھو تہٕ آسیا کانہہ حمام کس یتھ کوٚنجس منز بیچھ
بنیہ بدنصیبی پیٹھ وَدان؟ اما مے ہیو تہٕ آسیا سنا
کانہہ بلایہ منز گیر؟" یی چھُس سوچان تہٕ دِیان
پچھس "ووٚنی ہے موتھے پیہہ ہیم، یی اوس جان."

امہ ساتہٕ گوم تہٕ حمامس منز کانہہ تہٕ خریدار اہ
نظر تہٕ حمام اوس خالی. ہٮ٘ت گہ تہٕ منگہ گو بڑ بڑ پکن
تہٕ بڑ جیہ تہ ژیہ سان ژاو شخصاہ اکھ حمامس منز
ژاونگو کاشس تل آم بوزنہٕ ژتہٕ یہ درباری پیر.
اوس اما پوز نوکرن ہنڈ بُتھ روزنہٕ رکنہ آمنہٕ ونس
تل گیتہٕ.

یہ ژاو شیو دُسے خزانس منز. امہ پتہٕ گوم
اکھ شعہ شعہ تہ غرغر کنن، یہ اس یتھے آپس
سیتو گنڈ پنچ ہش آدازاہ انسان آوازاہ زن اسنہ
یہ. مے دوپ: "ظاہرا آسیہ کوہ لگش، یتھو غرغر
نستہ کنہ بیچھ پاٹھو آب کھالن تہٕ ژا کھر کرنی
شرہے." یہ غرغر چ آواز بیہلہ زیادہ تیز پیہ
منز روزنہٕ آب وتاپے تہٕ نٛو مرووم کلہ خزانس
کُن زٕ آخر کران کیاہ چھُ یہ. اتہٕ ڈچھم درباری
پیر سنز لاش آیس منز پیران. ظاہر امس حمامچ
گرمی کلس کھسرہٕ تہٕ امس شاہ بند گومت تہٕ
پھومت.

یہ خوفناک تماشہ وچھتھ ژاو مے ہاگتھ.
دیان چھُس "پانہٕ! ہرگاہ امس بڈ پچھم مرن
مے کلس کھالن (تہٕ اتھ کرن ساری پژھ)
ہموس، بہ کیاہ کرہ؟ نادانس تہٕ امس لیہہ
پانہٕ وانی عداوت داریاہ چھے، تیچ چھے ساری
خبر، نادان ششد منش اسہ کنو لگہ بے چھیپہ
تہٕ ساری دپن یہ چھُ مورمت. بہ چھُس خزانہ کس
پاروس پیٹھ یی سوچان زِ اور ژاے تانی درباری
پیر سنز نظر تہمہ تہٕ توٚلی دجاہ مسہ. درباری
پیر منز ژ انژ مژ وو ہم تہمہ تہٕ توٚلی ژچ پھیکس
پیٹھ ھتوتھ ژانی ہم اتھ زِ کرتھس منز تہٕ نیوہا
پتو لاگتہٕ کس کنھس منز. یتھے بہ بتھر بیٹھس
پکو ہیرش ہیر پیٹھ ہمن تانی مے ساری پانس
مالش کرنی. بڈ تہ حملہ سان چھُس بہ پانس
سیتو فکراہ کران تہٕ دوپم ظاہر ما لبہ بہ یتھے پاٹھو

قتلیچہ ہانز تلہ نجات تہٕ دِچ اُکھ مٔز آسنہٕ یِوَن رٔت۔ نارِس وۄدھ لٲگِتھ چھُس دِیان۔ پکھ پانا اوونی یہ بنیس تہٕ تہٕ۔ یہٕ تہٕ لاگہِ وونی دربارٕچ پیر وُچھو کوٚت دِاتہ کنھ تہٕ کتہٕ ہیو۔

حامس مٔنز اوس لوکٕٹ زونگاہ اَکھ دُزان تہٕ شستہٕ سوٚت سوٚتے۔ مےٚ دوٚپ اُکھو پرانہِ مٔنز روٗزن پم اَتہ پکان چھُس بٕ تہٕ۔ ہُتہٕ اوسُس بٕ قد کنہ، تھرزرہ کنہ، جُستہٕ کنہ، پوچھیر کنہ تہٕ جزر تہٕ ریشہ کنہ دربارٕچ پیرِس ہیوٗ۔ اَمہ کنہ آس بٕ حامس تہٕ نوکرن دربارٕچ پیرے بوزنہٕ۔ نادان پیرس سیتی تسند گرٕ اَڈُنہ نیر تہٕ، کنہ اُس مے تسند وۄتھینہ بہینچ پیش ہیٚن تات گمٕرشہِ تس ہیو لٲگِتھ تگہ ہیم حامہ پیٹھ تستہٕ گرٕ تانی پان وُ اُستادو۔ حرف اوس میانہ خاطرٕ محل خانس مٔنز اَڈُن مشکل کتھ تکیاز تتھ اٲسم نہ دِتہٕ مٔنز خبر تہٕ بیٚیہ اٲسم نہٕ پتہٕ یتھ زِ تور اُڈٕنتھ کیٚتھ اوس دربارٕچ پیر تسند طور طریقہٕ روزان۔ اَمہ پتہٕ بٕ زمت اوسُم زِ محل خانس مٔنز اوس نہٕ تس پننین کوٚلین سیتی مشراہ کینہہ تہٕ دِپن دلاز اٲسہ نادان پیرس خوش کرنہٕ معہ کھ تسند قصہ، تسند زنانہٕ مٔنز تس سیتی کٔھوسہ کٔھس تہٕ تیتھی پانہٕ وائنی رش آسنکُ سورے حال باوان تہٕ اٲسم خبر زِ دربارٕچ پیر اوس کلامہ کیٚہ کران لیکہ وانٕل تہٕ اوس، اَسان تہٕ اوس کیٚہ پہن تہٕ

بیٚیہ اوس بتھو نگرٕ تہٕ مید کلامی تہٕ بے کرہے تہٕ کاگلہ سانے کرہے۔ فارسی زبان بولن وٲلی پنہ زانہٕ۔ تیتھ پاکھو اوس لفظ ہیتہٕ مٔنز کنان تہٕ فقط قافہ تو ہیو تہٕ ہانہٕ گٔیلہ لایان۔

پلہٕ لاگہِ وزنہ مُشر ووم اُس تہٕ نہ کرم کتھے یوٚت پلم تیوٚت تھوٚوم پان زانگو کاشتہ زِ پتھ تسندی پاکھو گوٚڈام جیٚپہ تہٕ گیٚہ زِ یاعہ دام۔

حامس رفتھ منتھ ہینہٕ وِزِ گو نوکرس اَکس مےٚ پیٹھ شکہ مگرٕ گرٕس کتھ میٚلہ میون جُست وُچھن، تس زِ دِل شکہ۔

مرحوم ہشندس مکانہٕ کس بُرس تَل ووتھس تہٕ شیدی پاکھو بر پیٹھ بوٚن۔ یوٚدوے مکانس مٔنز اَڈٕتھ تہٕ خبر کینہہ اٲسہ تہٕ کیاہ چھُم گژھن اَمایوٚ زِ محلہ خانک، ریش سفید موہیتو دِزاو پنتہٕ عادتہٕ موجوب بُتھہ تہٕ چھُم بُزونہہ بُزونہہ پکان یوٚت تام تمو پتہٕ کاش اَننہٕ معہ کھ آلو کوٚرتہٕ زاو پانہٕ اَندرٕ امی ساتہٕ آیہ جوان دایہ جوراہ اَکھ اَکس سندِ خانہٕ دُوان دُوان زِنگ ہیتھ۔

مکانہٕ کس بُدرس کھٔس وُچھم سارے یسے کاش تہٕ یہ وُچھم زنانو سیتی بُرہٕتھ۔ مےٚ زون زِ یہ گرژتھ آسُن پر پانہٕ ہشند کُٹھ۔ مےٚ زایہ نیٚتھ زِ یمہ دایہ گرژتھم زِ اَوُرٕ ژ زنہ۔ مےٚ ہیوٚت وار وار پکُن۔ تقدیرُن کار زِ یمن دوہن اُس پیرس

تہٕ پیر بابہٕ دایہ ہینٛدِس بیٚچھ یاگہٕ دانٛوٕ دُرمٕٹھ۔ میانہٕ
وادٕ وایہٕ پکنہٕ کیٛنٛہ ژُیِن دایہ زٕ ظاہر چھیٚنہٕ پیٚر صاحب
پیر بابہٕ ہینٛدِس کٕھٹِس منٛز گرٛٹھن یٕتھاُوٕ۔ تمہٕ بیٚنٛوٕ
پٕلہٕ پچہ ضعیف کوٕ بٕھرِ اُکسَس منٛز۔

وُنہِ ادِس مٕے دایہ نِش مِہ کلِس مُشکل اوٚس
تانی اُس یہ مٕے بٕرۆتھ بٕرۆنٛٹھ یکسان تہٕ تمہٕ کیٛنٛہ
پٕتیس زٕ سیاسی، مُتس بیٚچھ نظرٕ۔ وُنہِ ادِس
اُمِس اکھ کوٕ بٕھرِ منٛز گاش ہیٚتھ اُتٕن مٕے سیٚتھ
مٕے دوٚپ؛ مٕے گرٛٹھ ڈُٹھ تہٕ بہٕ گرٛٹھ ماہٕ۔ اُمِس
ہیٚتوٕ تم ژٕ ونٛگ اکھ منٛزٕ تہٕ ہوٚمس اکھ سیٚتھ اشارٕ
زٕ گرٛٹھ تہٕ وُزٕ ہم امہٕ فنٛد تس نِش نکھٕچھ۔ ہرگاہ
جوانی ہینٛدِ پن دوٚہِن ہینٛدِکہٕ یا کٕھچھٕ لاپرواہ آسہٕ ہا
ظاہر ماکرٕہا اُمِس سیٚتھٕ تی یہٕ زیٚنٛبہ سیٚتھ کریوم
مگر سعہ کیتہٕ اُس مٕے بیٚہمہٕ تہٕ خوفٕ سیٚتھ بانَس منٛز بٕکھتہٕ
روزمرٕ زٕ بہٕ کرٕہا حرکتھ۔ کوتاہ خوش گوس بٕییلہ
یہ دایہ دراییٚم بہٕ روٚدُس کُن زٕوٕن۔ یانی گرٛٹھان
گرٛٹھان آمہٕ مٕے کُن بٕھر کرٕ زٕن مٕے خزانہٕ لوٚب
پھرِیکھاہ تر ووٚم تہٕ پٕرٕھے چھیمنہٕ لوان بہٕ پٕھسا
زیٚنِس بیٚچھ کینہٕ ہوہس منٛز۔ مٕے دوٚپ، شکر خدایا
کُن زٕ نصیف یا بٕھر مہ کلیہ و پریشانی دراُسے۔
اُتھ خوشی منٛز پیوم خیال زٕ ہرگاہ نہٕ یٕیِمہٕ یدکُن
بسزٕ گوم، بہٕ کیاہ کرٕ، بہٕ ہیٚتوٕ تنس بگڑن تہٕ ڈٕژھم
بٕھر بٕھر۔

## ۵۸

# اکھ ماملاہ اکھ یُس خطرناک اوس

## بوزنہٕ یوان تہٕ غائب سانی گنٛدریو

دایہ نِش مقصد ڈٕھیمٕچے کوٚرُم بٕرٛ اَنٛدری کینٛہ
بنٛد تہٕ ژونٛگ تھوٚوُم کوٚٹھِس اُکسَس منٛز زٕ ہرگاہ
کانٛہہ یِیہ بٕرٛ کھٕرِ یِیہ کینٛہ شاہ پتاہ ہیٚنہٕ ییہ تہٕ،
بٕرٕ زٕ ناویم نہٕ کینٛہہ۔

امہٕ پتہٕ چھُس سوچان زٕ "چھُنا صلاح ووٚنی
یِتھ بٕییہٕ نالہٕ وٕشِن۔ گوہ ڈٕ دٕہہ مرحوم ہینٛدِ پن چینٛدن
ژھانٛڈ تہٕ وُچھ یہ کاکنہ بوٚکچہ کیاہ چھِ دیوٕ کانٛہہ
رُستہٕ چیزاہ نیرِ" ڈیٚچھُن چینٛدِس منٛز آسہٕ چیٚچھ
جوراہ، تسبیح اکھ تہٕ مُہر۔ کھوفِس چینٛدِس منٛز
اوس قلمدانہٕ، لوکُٹ اُنہٕ تہٕ کنگوٕ اکھ تہٕ بٕییہ بغلہ
منٛز دراییہ چینٛد گنٛدہٕ تہٕ بٹوٕ اکھ۔

گوہ ڈٕ مٕیچھے مُتر رووٚم تبٹوٕ۔ امہٕ منٛز دراییہ دٕ
رٔپیہ تہٕ پانٛژھ سعہ تہٕ ہینٛدکہ پونڈ۔ گرٕ اُسیس
ولایتی تہٕ سعنہٕ پنٛن۔ قلمدانس آسہٕ چونہٕ جُرہتہٕ مُہ لالے
اوس باسان۔ اکھ منٛز اوس قلمتراش، قلمس خطرانیچ
ہٕٹ۔ لوکُٹ قاشوٕ اکھ تہٕ قلم اکھ۔ ییمن سارِنے
چیزن کیاہ کوٚرُم قبضہٕ کیا زٕ جنازٕ تسے کاتبہٕ کڈن آسہٕ
حسابہٕ یان کڈن چھیٚتھٕ تہٕ کانٛہہ پرٕگی روز۔ بٕییہ تھوٚوُم
پم چیز چینٛدن منٛز بیٚنہٕ بیٚنہٕ جایہ۔ امہٕ پتہٕ تجیم تمہٕ

چیٹھ۔ اَکھ ہ مُژرٲوُم تہٕ اَتھ اوس لیکھتھ:

"ہیانہٕ یارٕ! ہیانہٕ مہربانہٕ! [ اَمہٕ تلہٕ اوس
نتان زِ یانسے برابر گژھ تانی اٰسن یہٕ چیٹھ
ییٚچھہٕ شا ہتھ یانگ پیرصاب اٰسہٕ چھُو
توہہ یانس خبر زِ مےٚ چھُنہٕ حسبہٕ نسبہٕ کنہ
تُہنٛد درجہ بوڈ تہٕ ہتھ ۄدا سنس منز کانہہ
شک۔ شرٕ چھِ کِنہ یِیہٕ چھُسوٚ تہٕ توہہ زٕ انان
رسولُ اللہؐ سُنٛد جانشین تہٕ بیٚیہ معقول
تہٕ منقول عِلمُک آگرُ تہٕ ہمیشہ چھُس
خدا تعالیٰ ہس آسان منگان زِ اسہ دیون
پوشہٕ ناوُن یِخلاص تہٕ یہٕ اَتھ داس رٔوزِن
اَسہ موجود۔ پننہ یہٕ ماے محبتھ تہٕ چھُہ نِش
واتناونہٕ پَتہٕ چھُم عرض زِ اصفہانکی شے
گرٕ کاٗنٛی خربز ( یمنہٕ وُنی کیتھ سہل سہل
بنانہٕ چھہ ) چھُس تُہنٛدِس خدمتس منز
ڈالی سوزان۔ ہرگاہ اَپُز دنوو تیلہٕ زن اَسہ
تُہنٛدُے ریش خونہٕ بُرتھ وُچھمُت زِ حکیم
تہٕ حاکم دوشونی ہنٛد حکمہٕ چھُس شراب
چوان۔ وُیان چھُم ہرگاہ نہٕ شراب چَیہ تیلہٕ
نہٕ ییہ چانہٕ دُسیہ کاٗفرن ہنٛد ہیول گانیچ کام
تہٕ نہٕ ہیکہ بدکارن تہٕ بدماشن سزا ہے دِتھ

؎ آری شترمست کشد بارِ گران را
دوٚنیٹھ یوٚت مس آسہ تیوٚت ہیکہ بوٚر تُلتھ
مےٚ چھُنے دوہ میٖد یُس اَمہ خاطرٕ دِیو توہہ مےٚ
شرعُک فتویٰ لیکھتھ زِ توہہ تہٕ چھِوے خبر تہٕ مےٚ
تہٕ چھےٚ خبر زِ مہ

اگر حکم شرع آب خوردن خطاست
وگر خون بہ فتویٰ بریزی رواست
اگر شرع فتوی دہد بر ہلاک
الا تا نداری ز کشتنش باک"

بے شک یٲگھ اٰسی یہٕ چیٹھ یمہٕ افسرن سوزمژ
تکیا زِ مےٚ اوس ژھوٚٹ کلامہ کران زنگن گری تہٕ
زانہٕ ہے، ژوٚن بیہن شراب چوان تہٕ رستمنو داب دنان
موقہٕ وُچھتھ اٰس تسندِ تگان تہٕ کرنہٕ۔ مےٚ دوٚپ
"نعارہ" اٰسن یہٕ چیٹھ، مےٚ تگہٕ یانے اَتھ ہرتر تُلن"
دوشونی وُچھہ ہیو بیاکھ چیٹھ کیاہ چھُے۔ یتہٕ مژرٲوُم
تہٕ اَتھ اوس لیکھتھ:

"ہیانہٕ آغہٕ! ہیانہٕ بزرگہ! تُہنٛز ذات مبارک
چھےٚ اِسلامُک تھم، لیکن اَتھ روٹ کرن واجینیٚو
تہٕ دینِ اسلامس زِندٕ تھاوُن واجبی چھُے، اَسی دِن
یِمہٕ کُتھ نِش خبردار زِ بڈٕ مشکلی سان اسی پیدٕ تُہنٛد
جاگیر، کیٛن لیکن نِش ہیتھ رٕوٕ پیہٕ تہٕ پنشراہ کھار
جنس وصول۔ حسین علی اوس نہٕ مالیہ دِوانی دیو
لٹہٕ کورمس شلق اَمایز تو تہٕ معہ ٹیو ونہٕ۔ آخر گوس
مجبور تہٕ مالیہ بدلہٕ ژوٚلسس داند ہور ہیتھ۔ یوٚتام
نہٕ اکہ اکہ ساری مالیہ دِن۔ توٚتام روزِنہٕ تمن چوب

ونِس تہٕ تم سیٚکیٚنٛجس لدٕنس پتھ۔ یَس اَکھ
تُوہی پنُن رسید سۆزِد اَتس اَتھہ سۆزنہٕ بہٕ
رقم پیٚیہِ ہیٚتھ تُہنٛدِس خدمتس منٛز۔ اَدٕ کیاہ"
تٔلہ کیٚنہ اُس اَتھ چِٹھ عبدالکریم سٕنٛز معہر۔
دِیان چھُس قیسمتن کرُن یارہا۔ ظاہر چھُم
زِ کھیہ وُنی۔ عبدالکریم تہٕ تسنٛد کامہِ ناوِ پٲٹھ
زِ تمیسے بھُون۔ یُتھ پیٚہ رقم پیٚیہِ ہیٚتھ تس ہیٚتھ زُو"
یہٕ چِٹھ بھوئم یوٚرُن تہٕ رٔژھا فکراہ کٔرتھ لیوٚکھُم
گوڈٕ بلیٖتہٕ اَفسرس چِٹھ یہٕ جواب:
"میانہٕ ناٹھہ یارہٕ! چانی رٔژ تہٕ میٹھ چِٹھ
والیٚتہٕ چانہِ مطلبہٕ نِش بیٚیہِ اَسہِ خبردار۔ یٚیلہ
ایمانہٕ پیٚچ علم زِ تمیہ ہوس زورا وار پادر سیٚہ پینٛدس
اَتھس منٛز آسہِ تہٕ ہر ہمیشہ تھرٕ چھے
روزان، یٔمی وَنیتہٕ سہ کُس چیز چھُ تہٕ اَسہِ
چون زُو اوٚر تہٕ دوٚر روزنہٕ خاطر، فتوی ہیکو
دِتھ تہٕ سہ کُس چیز چھُ یُس نہٕ زِ کھیتھ
تہٕ چیتھ ہیکہِ؟

شراب ناب بہ فتوائی من حنیفا لک
تو می بنوش و بہل خون دل خورد کفار

خربزٕ ڈالی چانی وٲتِھ۔ خدا تھاوی نے آباد۔
یِمن خربزن پیٚٹھ یِم بٲتھ جوراہ زٕتس
بوزِتہٕ سے
خربزاہ چھے کٲلین نی زیٚچھ اَکھ رٕژ نعمتھا
دُنیہس منٛز خربزٕ، چھے جنتُچ اکھ نعمتھا

یتھ کنین بیٚین اندر بے جوڑ چھِنہٕ حضرت نبیؐ
چھُے تِتھے کُنہٕ جونہٕ خربزٕ جوڑ روٗس اکھ نعمتھا
خاص، خدا دی سنے زیاد زیادٕ پیزتھ۔ اٲخرس
پیٹھ چھُم وَنُن زِ بیٚگاہ سُہتن چھِ میٚتر تھ تہٕ
سیرتھ کرٕ اَکھ بِکار۔ یہٕ چِٹھ دٲتی تمے کرِتھ
سہ کرُ زین بہتر سیٚتھ مٔے نِش واتنہٕ تکیاز
مٔے چھُ شہر نیبرٕ اَکس جایہ گژھُنک
یراد کوٚرمُت، تور پھیرتھ سوزنے بہٕ واپس
اَدٕ کیاہ، بٔیہ کیاہ لیکھے وہ نی آمہ زیادٕ"
اَتھ چِٹھ ترٲوِم مرحوم شُرٕ معہرتہٕ پانس سیٚتی کوٚرُم
مشخص زِ بیٚگاہ گژھس پانے یہٕ چِٹھ ہیتھ۔
ہُتھ بٔیس چِٹھ لیوٚکھُم یہ جواب:
"میانہٕ موتبر عبدالکریم! خدا تھاوی نے
وارٕ! چانی چِٹھ واتہٕ تہٕ حال سُید مولوم
میانی یہٕ چِٹھ زِ تمیہ نِش واتناوُن دِوال چھُے
میون یار تہٕ میون واقف، حاجی بابہ بیگ
صاحب۔ رقم پیٚیہ ہیتھ یُس زِ تمیہ نِش چھُ سہ
کرِ تِمس حوالہٕ۔ باقی حالن پیٹھ سوزنے
بہٕ بٔیہ کُنہ ساتہٕ زِ تمیہ وکھر چِٹھ۔ اَدا یوٚز
پنہٕ تانی دِگ مار تہٕ چوب دِنہٕ نشہ پتھ روزتھ
والسلام"
یِمہ چِٹھ لیکھنہٕ پتہٕ چھُس بہٕ زٕ لنس موقہ ژھانڈمُن
زِ یانی وار، یِہم تانی تھوٚد گ تتھ پٲٹھ تِچھنہٕ کاکُن

ہاپُتھ گژھِہم۔

نیچیف راتھ اوس وٲژمُت تہٕ سارِی اوسو
مُژنیٚتِھ۔ بہٕ چھُس زاگتھ ژلنہٕ مہ کیٛہ پچھم
پھیچھرِن لگیمتیٚن اٲسنہٕ منز گو وارٕ وارٕ برمُژرُن۔ مےٚ
ہیٚنژن وانجہ دٔیرارٕسے گژھیہ تہٕ دِیان چھُس۔ "پچھتا
پاپا! کہنہ پٲٹھۍ رٹہٕ نوو تہ پان تھاوتھ اندارس اکھ۔"
بہٕ چھُس موتبر اوسو لگہٕ سیتو تہٕ بلایہ تُن دارِتھ
پیاران زِ کس تام زنانہٕ ہنٛز چھیسرارٕسے گیہم کنٕ
اما پوز مےٚ اسو ہیٚنہ ڈٕلی متو۔ مےٚ توٚرِ فکری سہ
کیاہ اوس وِدران۔ مےٚ لاگ نیٚتھہ تہٕ کھالم کھر ووکھ
زنانہٕ کنہ واتناوس زِ "کوٗھس چھُنہٕ ہیکتھ۔"

بیٚٹھِ کیو اثر کالا گو تہٕ مےٚ گو پننہ جایہ تسلی
زِ سارِی چھ خفتہ تہٕ وونی چھُمنہ پرواے، مےٚ
مُژرو لو تہٕ لو تہٕ برتہٕ تراوم کھنی بٹھ تہٕ چھُس
پوت نظر دِنہٕ ورائے تتھ پٲٹھۍ ژلان زنانہٕ اندر
اسم پتہٕ۔ کو تجو کنو، لنبو لنبو تہٕ نالہٕ اندرِ اندرِ
ییٚکہ یکو وو تُس سیٹھا دوٗر تہٕ رونہ والین تہٕ بیٚیہ
نہٕ مےٚ پیٹھ نظر کیٚنہ۔ اکھو منز آو نیک نیٚک کاش
تہٕ بازرہیٚتن یلہ گژھنہ۔ بہٕ کھوٚ تس اکس جند
گرُو وانس پیٹھ تہٕ درباری پیرِس تس دِیُس رخ لاگتھ
اوسم سہ بدلووم ہیٚتھنہٕ کانہہ پرزناوم۔ اد کیاہ، گوڈٕ
کورم بی، اما پوز مہ پلی چیز تھووم اندرِہی کنہ نالی۔
امہ پتہٕ گوس بہٕ سیٚودٕ سے پلیسہ افسرس نش گو

تہٕ تسنٛدِس اکس نیرا انی موہ ہینوس اکہ ونم چھکھو
تہٕ دوٗ پمتس۔ "درباری پیر صاب چھ یتہ چیٚتھ جواب
پیاران۔ جَل یہ جواب ہیٚتھ۔ تس چھ مجبوری کامہ خاطر
نیبر گژھُن۔"

تقدیرس اوس رُت کرُن زِ پلیسہ افسر اوس
دُبہٕ اتی۔ تمو سوٗز شیٚچھو زِ جواب لیکھنس لگہ دوہ،
اما پوز چیٹھو وچھتھے سوزُن کرہ۔ بیٚلہ یہ گرو چھُم تہٕ امہ
ہنٛدِس گرتھ تہٕ ژرِتھ پلے سامانس پیٹھ نظر پیٚیم
دِیان چھُس، یہ چھ تیٚتھ تقدیا ایک گراہ یُس یہ
مے شوبی، مےٚ سیٚود ساد گرےٚ آبہ ہے ہ مےٚ
لگہ ہے۔ اکھے ہیمرود مےٚ ساد گر تمن شکن
مگر تتھ منز آیم نہٕ یتہ مصلحتہ بوزنہٕ۔ پانہ سیتو
چھُس سوچان زِ: "اَر یا ڈریاہ بنییہ، گراہ چھُ نیہ یہ
کرُن، اما پوز خسر؟ رونہٕ وُن نہٕ۔ لکہ ہنٛد مال
گوٚ وختہ کارِ لکہ ہنٛدے۔" مےٚ دوپ ہر گاہ بہٕ
جوابس پیارہ وُن رودُس، خبر چھا شنمتھ ماییم
کیٚنہہ، دُمر ہٕنٛدِ شکس ژلنہٕ کہ میٚنہ خیالہ
لوم گرِس جنبچ تہٕ اچھ بیٚٹھہ منز دراس شہرہ نیبر۔
پوت نظر دِنہٕ ورائے چھُس ژلان تہٕ وو تس
کرج وٕنیتھ ہنٛدِس بچھس پیٹھ۔ یہ اوسم کنہ
گومتے زِ درباری پیر صابُن جاگیر چھُ ہمدان شہرکنہ
لہذا کرتھ دراس تمی دِنہٕ۔ آخر بیٚٹھِ دم سنبولم
تہٕ پھیریکھ تراوتھ بیوٹھس جایہ اکس، پننس اکہ

حالس پیٹھ، دُنیہکس زنگس پیٹھ پننہِ ووہ ستاڈ لیہ تہ
اسمان کس اتھ وژنس پیٹھ نظراہ کرِتھ ہیوٚتھ مے
یُتھ ہا ہیتھ زمے ہہرِ ذوو پوٚت پھیرِرن تہ پننِس
اعمالن ہُند سزا تُلنہ موکھ پانئے پانِ پنُن حوٚکومتس
حوالہ کرُن۔ دِیان چھُس۔" ژورس چھا لسٹ یا ہشنگ
آسان ؟ یئے چھُس وار، تہ کارِ ژوٚر۔ ہرگاہ شوٚکھٹس
رٹن تو فرِ گنٛڈن گو میانہ خاطرِ سہل عذاب۔ مگر یِترِ
پیرِ مے سوچُن زِ آخرکُس چھُ مے یِم کار کرناوان ؟ ماوٚ
ہے تہ یہ چھُ سوٗرُے تقدیرُک کار۔ یِیلہِ تقدیرس
مے یمہ گنٛڈ، باشہ کرناوان چھُ، مے کیا راہ کھوٚت ؟
دربارٕ پیر اوٚن تقدیرنے تہ موٚرن میانِ اُچھن
بُزوٗتھ کنہ۔ تقدیرنے وولُس بُتس بدل نکھہ تہ تسُند
بدل زٕ نی را ونوونس تہ۔ یہ کوٚرُم تہ کوٚرُم جائے ووٚنی
ہرگاہ بہ ادلہ بدل کیتھہ کرہا، تہ گیوو تیٚلہ تقدیرس
ادلہ بدلہ کرُن۔ لہٰذا کرِتھ چھُ یہ پوش شاخ تہ ہہ روٚہ پیہ
ہیتھ میون مال۔ تِہنٛد ناو یمہ چیٚٹ لیکھِم، تیمہ تہ
لیکھم پرِنے۔ اَلمقدر دِ کھائن۔ یہ تقدیرس آسہ
تہ چھُ ضرور کرِتھ دٕ رٕتھ یِوان۔ لہٰذا چھُنہ مے
تقصیرے ؟"

یہ سوٚ چیتھ دریو مے دل۔ کھوٚتُس گرُس تہ
دراس زِ یُتھ یینہ والہ گامہ منٛز کرٕ معلوم زِ دربارٕی پیر
سُنٛد جائے گیرُک گام یُتھ عبدالکریم موتبر چھُ، چھا
نی زِ یچھے کنہ تہ۔ زنِتہ تقدیر میانہ کامہ ہینہ گوٚس ترٕتھ
سفر لیتھ اوس ہوان۔ زن چھیر میانی ناوِ پایِہ ژیوٚن
آسہ۔ بہ چھُس یوٚہے اکھ فرشتگاہ ہیوٚ پکان، تہ
ووتُس گامس اکس منٛز۔ یہ گام اوس تمِے دربارٕی
پیرِ سُنٛد تہ عبدالکریم موتبر اوس آتیٚک مہ قدم تہ
تہ پیر تہ۔ مے دوپ: "نہ! تہ چھُم یِیتِک پیرِ کیوٚہ
ہیچھو مے اُم سِنٛدِ ناوِ سِیتی چھُپے، سہ چھُنہِ اُمس
لایق کینہہ۔ سہ پیٚیہ وو نی بدلاوٕنی تہ تمہ پتہ ووٚنی
اُمس لایق جان القاب و لقاب لیکھنہ۔" گرِ پیٹھ
وٚڈ وتھُس بعون تہ دربارٕی پیر سُنٛدے قلم، دِلہ دوات
تہ کاگذ کوٚڈُم چھنٛدِ منٛز تہ پتہ چھیٹھ اکس پیرس
شو یہ ہے لیکھنہ تہ ژہ لیچھم۔ چیٹھ لیکھتھ دراس
تہ چھُس پکان یتیمہ رایہ زِ ہرگاہ روہ پیہ ہیتھ لاریوم
یوٚت پلیم تیوٚت چل و آنناو پنُن پان کنہ ژھوچھ
ویٚتہ کنہ کنہ نی زِ یکھہ سرحد کس علاقس منٛز۔

## ۵۹

# حاج بابن سُنٛزٕ پیرٕ زینہ پکُن

### تہ نادان پیر سُنٛز دلیل

اُمس گرُس پیٹھ کھسیتھ چھُس تیوت پھٹان
زبان اَم خدا بندہ شہنشاہ ڈُمٹس[1] یوت
بوزنہ۔ یِیلہ بہ دربارٕی پیر سُنٛد گام سعید آباد
ووتُس بہ چھُس اتہ کوچہ منٛز بٕڈشاہنہ تہ حیہ تہ
زیٚہ سان پکان۔ گرِ یسہ آسے دوران مے ژچھنہ تہ

[1] تبریزس نکھہ خدا بندہ بادشاہ سُنٛدٕ مقبرُک ڈُمٹھ۔

سلامہ کرِہ کرِہ رۄدی بڈٕ ادبٕ سان دوہ دنی۔

بٕ وۄنہٕ تس گرٕ بیہتھ بوٗن۔ گرٕ روٗتمٕ کموتانی تہٕ چھُس پرٛژھان۔ "پیر عبدالکریم چھا ستا ییتی؟"

کینٛہہ نفرٕ گئے ہُیارٕ یپارٕ دوران تہٕ دوان تہٕ اوٗنکھ پانس سیتی۔

سلاماہ بٔڈ دِیکھ کرِنٕ پتہٕ پلہ ناوٕ مس چیٛھٹو تہٕ دوٗپمس۔ "بٕ چھُس چھُس دربارٕ پیر صابنہٕ تمہٕ کامہ موکھ آمُت، ییٚتیٚ تعوہہٕ خبر چھیوٕ۔"

عبدالکریم وُچھم مرداہ ییٚمس نظرٕ بڈٕ شرٛتی آیم بوزنہٕ تہٕ یہ نظرٕ تسٕنٕ اُسنہٕ مےٚ قطعن ونہٕ دِنی۔ مےٚ ہیٚشرٛن دٔبرارٕ گژھتھ۔ اما پوٗز چیٛھٹو وُچھتھ دوٗپنم: "ژٕ چشمن بیہڑ حضرت! روہ پیٚرٕ نیو۔ مگر رژھا بیہیو تہٕ ارامہ کرِو۔"

اُچھن اُمہٕ ہشرٛن کھوژنہٕ موجوب یوٗر ژھینہ مےٚ اُمس سیتی دربار کینٛہہ تہٕ زیٹھرٕ اوٗن مگر۔ اُمس شکھ نہٕ گژھنہٕ موکھ دوٗپُم زٕ میو رژھا، تریشاہ تہٕ ضمانت دوہ لسیاہ چموس دیوٚہٕ تہٕ مرد پھیرٕ کھینہٕ کہہ ہیتہٕ اُمہٕ ہشرٛن اُچھن ہندٕ ناربٕ ٹہٕ بچہٕ۔

ییٚلہٕ مےٚ گوڈٕ نیٚک خبر برخاش اُسس ہُنرٕ تردو، عبدالکریم دوٗپتھم: "مےٚ نہٕ حخص چھیوٕ تعٕہی زانٕہہ تہٕ پیر صابنہٕ گرٕ نظر گمیتی۔ بٕ زانکھ تہندی ساری۔"

مےٚ سندورِیان تہٕ دوٗپمس۔ "بٕ نہٕ حخص چھُس پیر صابُن نفر۔ بٕ چھُس حخص پلپہٕ افسر صابُن نفر۔ تس چھُہ پیر صابس سیتی کیا ہتانی حساب تہٕ تویٚ سوٗز ہُس بٕ یور۔"

یہ جواب بوٗزتھ ژوٗل تس شکھ مگر خدا نوٗدراون تس گرِس تہٕ پوشہ ناوی تس سہ زین تہٕ گوٗند ہیٚتر، سہ آم وختس بیہتھ بکار تہٕ تسندی کنٕ بیہتھس زیادٕ پرٛژھ۔

ییٚلہٕ روہ پیٚہٕ ہیٚتھ چندس ژٕ ووٗدم، دژاس کیاہ پانس عائشہ سان تہٕ اُکھتھ چھُس پکان ظہرٕ۔ الخ

ونہٕ مگر اڈٕ ونہٕ پھرٕوم گرٕ پوٚت تہٕ دژاس کرمان شاہ چیٚرٕ ونہٕ تہٕ دوٗپھُم تور واتھ اد ییٚتھو قیمتس دِہٕ تھوٕ ژھنن پہٕ گرٕ تہٕ زین کینٛہتھ تہٕ دارالسلام بغداس کُن کڈٕ دٕ نیٚتھ تتہٕ بہ سلامت روز مزٕ سان۔"

پانژھ شیٚے فرسنگ ژٕ ہنتھ وُچھُم دورٕ اُکس جایہ شخصا اکھ بڈٕ لے خیمہ تہٕ۔ کلس اُکس گکہٕ تہٕ کھوٕرت کھوٕرباتہٕ تہٕ بنبقس دٔجاہ گنڈتھ اوس تیز تیز پکان تہٕ گیوان۔ بٕ گوس اُمس لکھ پتھٕ مےٚ باسیوو زنتہٕ یہ مےٚ کتہٕ تام وُچھمُت اوس اُمہٕ سُند تھٕرزٕر، بڈٕی بڈٕی شانہٕ تہٕ نیٚک کمر آم ونہٕ۔ ہرگاہ تہٕ یہ گیوان آسہٕ ہے، تیٚلہٕ اوس یہ ضرورٕ

کرِتھ نادان ہیر۔ اَما پوز اَمی ہِنز گۄڈٕ کنہِ کٲم ہیٚہ

تٔسند ظوٗن تِکیا زِ تِتھس ہیوٗس موتبر موہنوی ہُند

دٔسی اَمِس پٔرتھ کٲم ہیٚنز مُشکلے باسان۔ خار۔ اَمی

ہِندِ مٔنزے پرٕنٕ ناوٕنہٕ بروٗنٹھے آو یہِ شخص مٔنزے

ژٕنٕ۔

مٔے ٹھہرِو گرٕ تہٕ چھُس سوچان زِ: "آیا گرٕ ہا

بٕ اَمِس نِش تہٕ کرِس خار پاٹھ کنہٕ ہٕ؟ ہرگاہ خار

پاٹھ کرٕنٕ وراے دِراس تہٕ سہٕ گو ظُلم۔ ہرگاہ خار

پاٹھ کرِس سہٕ گو پانٕی پانے پانس وۄنہ مزٕ تُلن۔

مگر پیارِ ہرگاہ اَمِس خار پاٹھ کرنے پانہٕ لوتہٕ پاٹھی

دراس تہٕ اَمی پرزٕ نوٗدُس، مٔے اَمی تن ژھانڈو

لوگمُت۔ یہِ کرِہ تِتھ دُشمن داری تہٕ دِنہٕ میون

سورُے بے پتاہ۔"

شام اوس تیار وانُس تہٕ اَسہِ اوس دۄہ نی

دۄہ شۄنی گِنہِ نِتہٕ کُنہِ گامس منز اَژُن۔ گرٕ اوس سِنح

تھوٗکمُت تہٕ تِمہِ کنہِ ہیٚکہِ ہاتہٕ ژٕلِتھ تہٕ۔ مٔے دوپ

"خیرُ الاُمورِ اوسطہا۔ جان گوٗ منزٕ ہے دِتھ رٹِتھ۔

اٚڈ دِتہٕ ژٕلُن چھُنہٕ جان۔ بٕ رٹہٕ ییٚسر دِتھ۔ ہرگاہ بٕ

اَمی پرزٕ نوٗدُس تسلہٕ کرِس بٕ تہٕ خار پاٹھ، نتہٕ چھُ

جان اَمِس نِش لوبے روزُن تہٕ پانس دَد گژھنی۔"

گرِس کرِم زیٖر تہٕ وۄتُس اَمِس نکھہٕ۔ اَمِس پٔتیہ

مٔے کُن نظر تہٕ چھُم ہیٚر بوٚن دُچھان تہٕ ظاہر

پرٕنٕ ناوٕنے کرنے چھُم دیان۔" ہتہٕ حضن! آغہٕ صاحبا

خۄدایہ سِندِ خاطرٕ کرِہ تو مٔے رحم کینہہ، مٔے چھُنہٕ

کانہہ تہٕ سایہ تھوٚوہِ وراے۔"

اَمی سُند یہِ سوال بوٗزِتھ روٗد نہٕ مٔے تابے

تہٕ بٕ ٹھہریس نہٕ بِتیہِ مادنہٕ کینہہ۔ مٔے ژٕدل ٹھاہ

ٹھاہ کران اَسُن ہیٚرِتھ۔ میانِس اَسنس اوسنہٕ

اَمی سِندِس اَتھ سوالس سیٚتھی واٹھے کینہہ تو کنہِ

زَن گو یہِ حیران ہیوٗ۔ پتہٕ اَدِ ییٚلہِ مٔے یوٚر سلام

کرُس، اَمِس ژٕدل شکہٕ تہٕ پرٕنٕ نوٗدنُس۔ زٕ تِتہٕ

سٲری غم ژٕلِس رتھے پاٹھی آم دوران دوران

بروٗنٹھ کُن تہٕ چھُم دیان۔ "حاجی جانا! ہا میانہٕ

ماٹھیا! میانہٕ گاشا! تہٕ وۄتھکھا اَسمانہٕ کنہٕ زٕ مینہ

منز چھوٗ لکھ؟ یہِ کیاہ جودگری پاہش کرِتھ تُسے؟

یہِ کُنیتھ گرٕ؟ اَما یہِ کیتھ سنا زین بیتر؟ چھنہٕ یا

ہٕری ما چھُے تہٕ بیا؟ کائنہ پوشیہ واجنہٕ ماشوقہٕ ہنز

وراثت ماتہٕ رے؟ تلاشے وُنہٕ یہِ کیاہ قصہ چھُ؟"

اَمی سِنز یمہِ کتھہٕ بوٗزِتھ چھُنہٕ اَسنے دران

دوپنم: "حاجیا! چُون سہ سہ سرپوشت قاطر کناری

بنیوو عربی گرٕ تہٕ تسند سہ زچہ بلنہٕ کتھا پاٹھی بنیوو

یتھہٕ گرِتھ تہٕ ژٕرِتھ زین تہٕ یتھہٕ مولُل سامانہٕ؟ اَو

بتِیہٕ وُنہِ تم گرٕچ ما چھے کینہہ خبراہ۔ ژٕ تسے چھے پانٕ غمزٕ

صاحبہٕ ریش مبارکچ ذرے، مٔے سنے بوز ناوکھ

سورُے قصہ؟"

مٔے دوپ "ہرگاہ نہٕ بٕ اَمِس پوز پوٗرٕ سورُے

وَنہٕ اُمِس گرٕزہِ راے زِنٕہ چھُ اُمی شنید کورٕ مال و جاداوس قبضہٕ کورمُت۔" مے دوٚپُس۔ "پنٕزٕ پاٹھۍ مان حقہ ژٕ مےٚ چھےٚ جود گرٕ دیی کرٕمژٕ۔ بہٕ حقس بوزنادٕ تھہٕ ژٕ پوٚز پوٚز سورُے اما پوٚز تھہ کرٕ دی زِ پرٕژھ تہٕ پینہٕ دِلس شکھ گرٕژھی بہٕ کیاہ چھےٚ اپُز وَنان تکیاز یہ چھُ قصہ رتھےٚ۔ یہ چھُ بوڈ نا جیا تہٕ، اَسۍ لایق تہٕ عقلہٕ بدوٚن تہٕ تہٕ اپرٕس لایق تہٕ۔"

دوشبے دتاے اسی گامس کُن تہٕ راتھ کڈٕ تہٕ مۄکھ ژاے اَتہٕ اکِس کاروان سرایہٕ منز۔ یتھہٕ جیہ تہٕ بہٕ اوسُس تمہٕ تلہٕ اوسُس بہٕ بوڈ مۄ ہیبتٕ بوزنہٕ یوان۔ اوے تہٕ ڈراو گامک مۄ قدم جھتہ تہٕ کرٕن جان خدمتھا بجاآری۔

نادانٕ پیر بوزنو دم سورُے قصہ پنُن دربار پیرس شکس پینہٕ تلہٕ پیلہٕ تمی میانۍ تخ بہٕ اری وُچھ گرٕژھان سہٕ گو سیٹھا خوش۔ اَکھہٕ اکِس سیٹھہ کرٕ رائس کتھا باتھا تہٕ اَو بڑٕ لُطف تکیاز یتھیہ شیرٕ پریشانی ہنٕد حال بوزتھ چھُنا انسان پنٕنس دِلس تسلی گرٕژھا خاطرٕ مےٚ توٚرٕ فکرٕ زِ نادانٕ پیر اوسنہٕ تہٕ یہٕ بہٕ سہٕ زانان اوسُس۔

بہٕ دوٚپھُس اُمِس۔ "جانہٕ یخلاصہ تہٕ سیزر کنہٕ چھُ صاف نیان زِ تہٕ چھکھنہٕ دِلہٕ کنہٕ تہٕ یہٕ ژٕ نیٚبرٕ کنہٕ چھکھ بوزنہٕ یوان۔ متفقدی جانۍ وُچھتھ کتس بیہیہ زِ ژٕ چھکھ دراصل تلہٕ بڈٕ سیزر پرٕژھک

مۄ ہنواہ۔"

دوٚپنم۔ "جاجیا! شکس یُن چھےٚ بڑٕ ناکار چیز اَکھہٕ۔ مےٚ چھی وُمرِ منز بڑٕ ہیوٚد بعون وُچھمتۍ۔ مےٚ زانتہٕ یوٚ مےٚ کیژٕ ٹیک ٹینڈ راہ، ہگہٕ ہیوٚر تہٕ ہگے بعون۔ اما پوٚز دِیان چھُنا۔ تتھہٕ کیٚسرٕ بیچھٕ گرٕژھہِ شگون یتھ تلہٕ یوٚنۍ آسہ۔ اَتھہٕ بیچھٕ کرٕم نہٕ زانہٕ تہٕ عمل۔" مےٚ دوٚپُس۔ "نہٕ حقہ ژےٚ چھےٚ خودا عطا بنٕ دِرٕ پے، ژٕ نے بوزناوکھ مےٚ پنُن حال۔ آخر وُنِ کیتھہ پاٹھۍ نیبرٕ۔ یتھیہ چھُسنہٕ زانان زِ ژےٚ چھےٚ مےٚ پیٹھ پرٕژھہ تہٕ مےٚ نِش کھٹکھنہٕ کانہہ کتھ۔"

دوٚپُن۔ "میون قصہ نہٕ چھےٚ نوٚو قصاہ۔ کمِس تہٕ چھُ تی یہ پرٕپیتھ اکِس آیہٕ اُنس گدران چھُ۔ کالہٕ آسان شاہ تہٕ بیگاہ گداہ۔ مگر حیون وَنُن مابینہٕ پھرٕ لہاذا بوز میون قصہ۔

"بہٕ چھُس ہمدان شہرُک روزن وول۔ میون بابہٕ صاحب اوس تتہٕ بوڈ پیر۔ شرح کین مسلن پیٹھ اوس زُو دِوان۔ اما پوٚز یانہٕ اوس تمن مییٹھ عمل کرنہٕ نِش تیوت پیٹھ روزان زِ عالمن ہنٕز اکھ بڑٕ جماعتھ گیہ تس پھیرٕ تھہ تہٕ تسندی فتوی ہیتھکھ پھیراونہٕ بابہٕ صاحبس اوس شیعہ مذہب وَرتاونس تہٕ سُنی مذہبس بدرٕدٕ وَنتس منز بڑٕ کمال۔ دِیان میانۍ اَکی بڈی باین چھےٚ ژاتہٕ ہالس خرز شرٕہن تربیت دِوان دِوان، تمن سُنی لُکن سیٹھ تہٕ حسد تھونہٕ مۄ کھٕ ترٕ تھہ

اَکھ تاٗلیماہ دِژٕ مژ یِعہ سہٕ قیامٕژ تانۍ موجوٗد روزِ۔ یان
زیٖلہٕ کاٗنسہٕ شژِس ژاہٕ ہالَس مَنٛز نیٚبر نیرنک حاجتھ
سنٛج چار اوس اَنان، تَس اوس نیٚبر گژھنہٕ خاطرٕ اجازتھ
منگنہٕ وِزِ اوٚن صاٮ۪بس برٛونٛہہ ٹاکُن پیٚیوان یہ وَنُن
آسان زِ "لعنت ........" یہ چھُ پیٚچھ ژیٚے
تسنٛدِ رِژٕ کامہِ ہُنٛد نتیجہ زِ ازچھ ژٕ تہٕ بٕ
یا پٕتیمہ کانٛہہ ایرانۍ نہٕ کہیں نے تہٕ تۄ تہٕ اَکہِ لُکہٕ دوہ ہَس
..... بدرُد تہٕ ناسزاہ وَنان"
مےٚ دوپُس "اَمہِ حصٕ اوٚت تانۍ گو پوٚرزِ ژیٚے
لعنت ..... فارسس۔ ایرانَن چھُ ... لعنت زِ سوٗنٛس
حق"

اَمہِ پٮ۪تہٕ چھُ وَنان "میانۍ ڈٲلیُس یہ مذہبی
عداوتھا گروہ، یہ روُدُ نہٕ صرف سُنیٚن لُکن سیٖتۍ یوت"
ہَم سانہِ مذہبہٕ نیٚبر چھ، یان زِ یہوٗدی، نصارٰی،
آتش پرست تہٕ بوٗتھ پرست بیٚتر، ہمَن سارنٕے سیٖتۍ
آومُت ہُوے عداوتھ وَرتاونہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ بنیوو تس
یہ کارہٕ ہاٗلہ لبنہٕ تہٕ پوٚنسہ وٹنہٕ موکھ اَکھ بوٚڈ وسیلہ
مگر پٮ۪تہٕ بنیوو تس یہ فطرت چھے۔ تسنٛدی مُرید چھ وُنہِ
تہٕ یہ عداوتھ تھوٚن فرض تہٕ واجب زانان۔ ہمَن
چھُ یٮ۪مہ کنہِ ہُنٛد سنٛج اعتقاد زِ ہرگاہ کانٛہہ ....
..... لعنت سوزان آسہ، تِمہ وِزِ گژھنہٕ تس سلام
کرُن یچھنہ سہٕ تمہ کامہِ ہنٛد ثواب تہٕ اَتھ چھلہٕ مگر
ہرگاہ کانٛہہ نبی کرِہ عشق پیٚٹھ درۄد آسہ پران تس

ہرگاہ سلام کرِہ تہٕ، تتھ چھُنہٕ کینٛہہ، اَسۍ سارۍ خاص
کرٛتھ بٕ، بڈٮ۪اٮ۪ے پیٚچھے پیٚچھے اعتقاد تہٕ پٕژھے
پٕژھے کٮ۪تھ ہیچھمہ تس نِشہِ تہٕ یم اعتقاد دوہ پیدا
ہتھ یاگژھ اَسہٕ مَنٛز لُکھ اَسہِ اَسہ گھرس ڈاس
کرن والیو تہٕ ایمانس سنگ دِنہٕ والیو مَنٛز زانان۔

"یہ بوٗزِتھ گژھان کھٮ۪تہٕ ژٕ میانِس اوٚترکس
فساد تُلنس پیٚٹھ ہاٮ۪رتن گژھُن۔ یہ چھِنہٕ مےٚ نِش
کیٚنٛہہ کانٛہہ یہ اوترُک فساد۔ مےٚ چھُے لوکچارس
مَنٛز تہٕ بوٗزُ اَکھ فساد تُلمُت۔ بوٗزُ تہٕ چھُے بوزنس
لایق۔

"بغدادکی بادشہٕ ہَن اوس پٮ۪نُن موتبر اَکھ
ہمدان سوٗزمُت۔ یہ موتبر اوس دوہے سانہٕ ہرکنٛہہ یکان
تہٕ بادشاہ شُنٛدِس دیوان خانس پیٚٹھ گژھان۔
مےٚ بیو ہٲلی بٮ۪ژٕ تاٗلیمہ پیٚٹھ عمل کرنک خیال ژٕ
جماعا اَرم تہٕ ہمَن کوٚرُم تقریراہ تہٕ بوٗز مکھ چھکھ
زِ ترکی لُکن پیٚٹھ اَسہ فکرِ تارُن اَسہٕ کوتاہ حسد تہٕ
عداوتھ چھ ........ تہٕ اَسہ پٕژن یم سُنی مذہب
چھ اَپُزُتہٕ پیٚٹھ شیعہ مذہب چھ
پُزتہٕ پیٚٹھ آہنہ۔ یہ اُس تہٕ اَسہ خبراہ کیشہ
زِ یہ موتبر کُس چھُ۔ کانٛہہ نیزِ تہٕ دوٚل شخص چھاکنہٕ تہٕ
تیجتہ اُس یہ خبراہ اَتراہ کہیں۔ مےٚ اُس فقط یتھٕ
خبر زِ یہ سلیمان افندی (اَمس موتبرس اوس یی
ناو) اوس شیعن ہنٛد دُشمن تہٕ ڈاڈہٕ سُنی۔ اَکہ دفہ

ییٚلہٕ یہٕ سانہٕ بٔرہٕ کِنۍ یِکان اوس، اَسہِ چھوٗکھ اُمِس
مِہتٔرٕ تہٕ کرٕس شانٛگرٕ تہٕ کرٕنۍ کہٕ دی دی چھِس وَنان
"لعنت ........" یِم اُمِس سیٚتۍ اُسۍ
رٕتمن کھوٚت خشم تہٕ ہیٚوٗتُکھ اَسہِ لایُن۔ اَسہِ کوٚر یمَن
کنہٕ رۄکھ سلیمان افندیَس آوٕ دستار ہور لاینہٕ۔ رِیشِس
چھِچھِس لٔچھہٕ کہٕ تہٕ نالی یلوٚن ژٕرادیس تٔرِ بچہٕ کرِتھ
بیٚیہٕ کھوٚوُس یہٕ لٔبکہٕ ژٔارِ ژٔارِ تہٕ ناسزا وُنی
وُنی کیٚنٛہہ تہٕ باقے۔

"یِژھہ بدلہٕ کی چھُ آخر بازخاس ووٚہٕ نانی
یہٕ موتبر گو ناری نار۔ اُمی کوٚر اَمی سانہٕ نفرٕ اکھ
طہران سوزُن تہٕ پانہٕ بغداد واپس گژھن مُشخص
ہمدان شہرُک حاکم وِیسر یوو تہٕ تسٕند دِل تسلی دِنہٕ
سِہ کِہ کوٚرُن تس اُمو حوالہ کرنس تہٕ اَسہِ آنٛہ ہاوُنس
پیٚٹھ تس سیٚتۍ وعدٕ۔

"بہٕ اوسُس مالی سِٹھ نِس چلنس پیٹھ نژان تہٕ
یہٕ بٕڈٕ کام میانہٕ دُسہٕ پَنس پیٹھ اوسُس بٔڈٕ خوشی
مِتے تھوٚوتہٕ ہتھ کنٛہہ کنے۔ مگر حاکم اوس سیٚتۍ
کھوژان زِ مِتے گژھہ تہٕ کٔدِتھ ژھینو۔ سُہ اوس
اِنسانہٕ تمہِ قِسمُک یَس نِش حضرت علی کرم سٕند محبتھ
تہٕ ..... سٕند بجہ غرض تھوُن بے معنی کتھا اُس۔
نہٕ اوس حضرت علی صاحبسے سارنے ہیوٚر زانان تہٕ
نہٕ ..... غازی ووٚہٕ دُر۔ تمی کوٚرُس بہٕ لمہٕ تہٕ پاٹھو
موتبر سٕندیٚن نفرن حوالہ۔

"ییٚلہٕ بہٕ سُلیمان افندیس نِش نیوٚہس
یہٕ تاوِ منز گرُن کران چھُ تی چھُس کران۔ چوب پینٛگ
اوسُم یہٕ ظلم ناہ کینٛہہ تہٕ چھُس تمہٕ تہٕ اکہِ بیے اکہِ بیے
لبکہٕ چھِکان تہٕ بدرد وَنان۔

"ترکی اُسۍ پننہٕ جایہ سوچان زِ یمہٕ بےعزتی
رٕتمن گمراہ اُس، سوٚد ہیٚتھ ہیٚن تمِیُک بدلہٕ اَسہِ۔ تِم
اُسۍ خداییس تھوٚو دیکھو دِیکھو منگان زِ اُسۍ
گژھو کنہٕ پاٹھۍ رٕتمن تل نِکھنی۔ پنہٕنی کنز کرِ یوو تمن
سخ زار پارہٕ تہٕ مافی تہٕ ہیٚتراٚیکھ، رٕتم کتھہٕ مانہٕ ہٕن
مالی سٕند بجر تہٕ پوٚکنہٕ ہٕدونٹھ کینٛہہ۔ اَدٕ مذہبی حسدس
تہٕ عداوتس کام ہیٚتھ کٔڈٕ تمو اَسہِ اُمرکھ چوب
دی دی۔ مٕتے اُس رائے زِ میانی بیے دِلس خرابیت
چھُ عداوت مگر اَمہِ ساتہٕ تو تارُم فکرِ زِ میانہٕ کھوٚنہٕ تہٕ
تہٕ چھُ لکھ ڈاڈٕ۔ خاکر، ترکن آو پننہٕ دِلُک مال
بجاہ تہٕ کیتیٚن ورین ہندیس مِتے مذہبی غارتُک
نار وژھان اوس، سُہ گوم ژھیتہٕ۔

"ییٚلہٕ مِتے ریش ہیٚوُتُن پھُٹن بہٕ دراس
اصفہان کُن میٚتھ تہٕ علِمس منز کانٛہہ کمالاہ کرِ تہٕ
پننہٕ علمُک بجر تہٕ تھزر ورتاوِ۔ تی سپد تہٕ اکھے
یِم یِم چیز علمہٕ ژٕنگو ہیٚچھن اوسُس پٔرھان رٕتم تہٕ
ہیٚچھم۔ مگر ناما وار سپدنہٕ مِعہ کِہ اوسمنہٕ کانٛہہ موقاہ
بدس یوان۔ اَخر آم یہ موقہ تہٕ۔ بوزِتھ پاٹھو یہٕ

"شاہ صفی یُس پانہٕ اَدٕ زِندیق اوس، تمو

اوس وۆنہ پرٕ مذہبہٕ کین ٹکن خاص کٕرتھ انگریزن
تجارت تہٕ لین دین ہُر راوُنہٕ کرٕ ہیتہٕ۔ اصفہانس منز
روزنس اجازتھ دِیتمٕژ سیتی اوسکھ، اگرچہ بناونس
پادریو آنمنس، گرٕ دایمنس، یہ زن قطعی شرحس خلاف
چھُ تہٕ یختیار تھوومُت۔ انگریزن ہُند بوڑ پادری،
یُس تم "پوپ" چھِ وَنان چھُ حضرت عیسیٰ سُنٛد
دین ژیٹھی پاٹھو زنہٕ پادری وہراونس بیٚہ ریتھ پاٹھو
سانہٕ دینکی زِٹھہ محمد صابُن اسلام وہراوان چھُ۔
اُمی توٚیہ اوس صفوی پادشاہن بڑٕ چالاکی ورتاوِتھ
اصفہانس منز کینٛہہ تکیہ تہٕ یبادتھ خانہٕ بناونس
اجازتھ ہیتومُت یِیتھ تِتھ ٹُنْدر نفر تِمن منز روزان
کران آسن۔ بینہتہ تہٕ اسہٕ، تِم مگر تِم اسہٕ ساری
دُچارہ گمِتی فقط اوس اکھ یبادتھ خانہٕ سرسوبُت
بہٕ لوگُس اَتھ سیرِ سیرِ والنس پیٚٹھ۔

اکھ یبادتھ خانس منز اسہٕ زٕ پادری روزان
یِمن منز اوس اکھ پادری سیٹھا دُنیا دیدُت تہٕ
نیٖبر ژراو۔ بڑٕ زیرک، گٹُل تہٕ چالاکھ۔ شیطانس
تہٕ اوس اَتھ بیٚیٹھ بازیہ تاران۔ قد کنہ اوس تھود
تان اسس زاولہ، دِل اوسُس دۆر، تیوٚ ننگلکی
پاٹھو آسس اُچھ نیٚتان تہٕ کتھ کرنہٕ وزِ زن آسہ
کنن گراے گژھان۔ یِتھ جایہ اوس سانین عالمن تِتھ
لگان تہٕ تِمن اوس نُنٛمی پاٹھو وَنان زِ "تہُند پیغمبر
چھُ (نعوذ باللہ) اپزیور تہٕ مکار اوسمُت۔" دوٚنی

اوسنہٕ کنہتی یانہٕ کران۔ کتاب اکھ تہٕ آسن
لیکھِتھ چھپاوِمژ تہٕ تتھ منز آسن پننہٕ غلط تہٕ
اپز کتھہٕ حضرتی تہٕ پیٚنز ہاوِمژ۔ سانی اکی مجتہدن اوس
اَتھ کتابہ رد کرنہٕ مۆکھہ جواب لیکھمُت، مگر تِمو
اوس اَتھ جوابس منز بحار مجلسی سُنٛد کتابہ ہُندی
پاٹھو ینہٕ تس لیکھنی پیٚنز ہے، تی لیکھمُت۔ امہ جوابہ
سیتی اوس ایتراض کرن والین منز بیٚیہ کھتھن دَرہم
گژھان۔ یِمن دوٚن منز بہٕ اصفہانس منز اوسُس
تیٚیتہ جایہ اسہٕ امی کتابہ منز کتھاہ چلان۔ مےٚ
کوّر اعلان زِ فلانی دوہہ پیٚیہ انگریز پادرین نوشا
مدرسس منز تہٕ کرُن مےٚ سیتی بحث۔ دوٚشوے ترُاو
پننہ دعوی تہٕ پننہٕ دلیلہ منز مارکس، یُس ہارِ کرِ
زِ ینن والی سُنٛد دین پانس پیٚٹھ قوّبول۔ اسلام کیو
اسہٕ عالمو کوّر پانہٕ وانی یِتھ کتھہ پیٚٹھ اَتھ واس
زِ کُنہ نتہ کُنہ پاٹھو ژھنون یہ کوّنڈ اسہٕ پانس نِش
گُڈتھ۔ اسہ ساروے گوّنڈ اسلام پیٚوٚنز دین
ثابت کرِتھ ہاونس پیٚٹھ کمر۔

مےٚ چھُنہٕ تیتھ لکہ عرصاہ تھی زانہہ دُچھمُت
یِتھ امہ دوہہ اوُچھم۔ اسلامچ فتح کاپچھن والین
ہُنٛد لکہ عرصا تھا اکھ اوس مدرسہ چین دوٚشن تہٕ پَتہ
پیٚٹھ باہتہ بیاران۔ دستار اسہٕ دستارن تہٕ بُتھ جھُکن
سیتی لگان، تہٕ اوس گرٕ بار لگتن ہُنٛد۔ پادری آد
کُن زوّنے تہٕ بیلہ تِمی اَتہ لگتن ہُنٛد جوشس وُچھ

پیٹھ تہٕ شٔفدرِ شام چھمنہٕ گٔنہٕ۔ از چھمنہٕ خوٗدایس
باز تہٕ تعہٕ ہوٗس آغس روٗس کانٕہہ تہٕ بنیہ۔
سفیرس کینٛہہ توٗرمنہٕ فکری۔ تہٕ کیاہ چھکھ یژھان
وَنُن۔ کتھہٕ تلہٕ چھُ نتان زِ اَسُن گژھک
اصفہانُک۔ اَما پُوز چانہٕ وَدنہٕ رونہٕ تلہٕ چھُ
باسان زِ یا تہٕ چھےٚ ژٕکُو فند کوٗرمُت نتہٕ چھےٚ
لوٗٹ کوٗرمُت۔ تاجباہ چھُ اَبہٕ چھُس بیتہٕ دوٗر
پیٹھ یور ترُکن خشند کرُنہٕ آمُت نہٕ زِ تم بہٕہن
اَسہٕ خشند کرنہٕ۔

اَمہٕ پتہٕ بوز نوٗوُم اَندٕ پیٹھ اَنتھس تام پنُن
قصہٕ۔ گوڈٕ پیٹھے کرِہس میانِ کتھہٕ خوش۔ میانہٕ نیتھر
کرُنچ دلیل بوٗزِتھ آس بڈٕ ہٕز۔ شکرلِلّٰہ ہیشند ناوٕ
یُس مہرلبکھنو مُت اوسُم تہٕ یمہٕ کتھہٕ اَسہٕ دوہ یو
باژٕو پانہٕ وانِی کرمِژٕ آسہٕ تہٕ بوٗزِتھ دِتنو اَسان
اَسان دَب زِ مٕژے دوٗپ خبر غش گوٗژھسہٕ گژھن
میوٗن ترُکن ہُند (یم میانِ زٕنٕز چھ تہٕ تہٕندی کتھہٕ داند) نقل
ٹُلی ٹُلی تہٕ تیمَن لاگی لاگی وُچھنہٕ سیتہٕ آس لُطف
تہٕ چھُم دپان: "شابش چھےٚ! اصفہان کِ دوستادا
شابش۔ خدا اتھاوی نے وار۔ خدایس تھی چھتھ
کاما کرمِژٕ۔ یہ گیہ قیامت کرِنی۔ کمال چھُتھ کوٗرمُت
اوٗر کیٛا چھُتھکھ کوٗرمُت۔ بہٕ تہٕ ہے چانہٕ جایہ آسہٕ ہا
اَمہٕ کھوتہٕ زبرتگہٕ ہمنہٕ یمَن داندن سیتہٕ وُترُن۔
ییٚلہٕ مٕژے پننِس شہر ہاجین ہُندٕ بوتہٕ ڈالنک تہٕ رُسوا
کرنُک، منافقن ہنز منافقت کرنُک، شکرلِلّٰہ ہُند
وِیہہ ہیٚچھ شورنکُٹ تہٕ تسند بن اُستادن ہُند مٕژے
سیتہٕ پامہٕ پام تہٕ ہرکرنکُٹ تہٕ اصفہانی اَسیہٕ کینہو میانی
آیہ تہٕ حدیث دارِ دارِ دِنُک قصہٕ بوز نووُ مٕژے سیتہ
ہمدردی وَرتاو پہٕ مادحنہٕ ترٛاوُن سُہ اَسَن کھنگالہٕ تہٕ
چھُس اَسان اَسان تیتھ پاٹھی نیلہٕ گژھان زِ مٕژے
دوٗپ پھٹس مارگ۔ اُسو اُسو ہیتن فرشس پیٹھ
ڈُلہٕ گینہ دِتی۔

بہٕ دوٗپ تھس: "جناب سفیر صاب! توٗہی مترہٕ
حقن اُسو توٗ نوٗت۔ ہناہ کرِو توٗ میانِس حالس
پیٹھ وَدُناہ تہٕ تکیاز راتھ اوسُس کینہہ بکس وُتھرِنس
پیٹھ شونگِتھ تہٕ اَز ما پیٚیم گُنہٕ توٗنہ دَرس منز شونگُن۔
رات اوسُس تس گرِس کھسِتھ یس سوہ نہٕ ہُند زین
اوس، از چھُمنہٕ' آغہٕ صاب! لوٗنگ خر تہٕ کھسُن
کیٛتُت۔ سُہ میون آسُن، سُہ مال تہٕ جاداد، تمہٕ شکیل
دایہ، تم گرُی، تم نوکر، سُہ حمام، تم شاہانہٕ قہوہٕ
چینی پیالہٕ تہٕ اُزیُک میون پرشکس تہٕ کوہٕ ڈال
اُنی توٗ نظرِتل۔ یتھ پیٹھ توٗہی اَسان چھو تمہٕ سیتہٕ
کیاہ وَنو کیا چھُم گدران۔ ہنہٕ ہنہٕ چھُنم دٕیہہ گنڈِ مٕژٕ
تہٕ گژھہ منا گنڈنی۔ اُندری اُندری چھُس وَدان۔ وَژنا
گومنا تتھ لایق ہ

دیروز چنان عالمم جان افروزی

امروز چنین عالمم اندوه سوزی.

افسوس کہ در دفتر عمرم ایام

آنرا روزی نویسد، این را روزی

میرزا فیروز۔ (اُسان اُسانے) تأجب چھُ، یمن احمق ریشن داندن کیتھہٕ پٲٹھۍ بیہنۍ چھٲنٛ پنُن شُرٕ چانیو پموٗ نکوٗنے آسہٕ ہٕ مالہٕ خراب ژھنمت کرِتھ، یمن آسہٕ ہنے وُنہ تہٕ چھٲنٛ ٹرٕ تہٕ ٹرتھ بیہان۔ خاٮ٘ر، مےٚ وَنِہ مےٚ کیاز چھکھ وون اَتھ منز زنگہٕ ویٹھان؟ بہٕ کیاہ مول یا بوے چھُسہٕ چون زِ حلیہٕ کین سوداگارن ہُنٛد گرٕ چھتھ بیہہ، تمن سیتھ چانہٕ موکھ ژُرِنہٕ؟ نہ چھُس مُفتی یا قاضی زِ چون حق ہیمکھ۔

بٕہ۔ نہ حضرت، توٚہۍ چھِو ایران کِس پادشاہ سُنٛد سفیر۔ کیاہ توٚہۍ ہیکنا وونا مےٚ حق دِیاوناوِتھ یا میون حق مانہٕ راونا وِتھ۔ مےٚ ہُکمتس بیٚیا تیٚھنز حاکِمی منز یہ تاوِ نک دوہ وُچھن؟ توٚہۍ شو بیا مےٚ یتہٕ کنہٕ ژندا کڈِتھ گرٕ منز ڈکہٕ دِتھ نیٚکڈِتھ ژھنن؟

میرزا فیروز۔ یِژھان کیاہ چھکھ ژٕ؟ چون غرض چھا بیٚیہ تس زنانہٕ سیتھ نیتھر کرُن تہٕ موتس ناد دیُن؟ خسر کیاہ تتھ کیٚمنا بکس دُختر نِس بیٚمہ بیٹھ پگاہ انسان ہنز لاش وون بتھ؟ نہ ستہ یہ مہ کرٕ۔ بوز یور کٔن۔ بٕہ کرٕے نصیحتھ یہ ژٕ کی زِ چھ بور کڈ نالہٕ منز تہٕ بن بیٚیہ ایرانی۔

بٕہ تہٕ ژٕ منز او ٹھینہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ کام کڈ بٕہ چانہٕ خاطرٕ۔ چون قصہٕ آم بڈٕ پسند۔ چھکھ تہٕ بڈٕ چالاک تہٕ نیٚسٹھ۔ یتہٕ نٲنۍ زِ زُ دُنیہس منز چھےٚ قہوٕ چینہٕ وراے، تموک چینہٕ وراے کیٚمنا بکس وُختر نِس بیٚیہ شونگنہٕ وراے وُیٹھن گرُن سوار گٔھسنہٕ وراے تہٕ سیٹھا کامہٕ کرٕ نہٕ موکھ موجود۔ فلحال بیٚیہ ژٕ ییٚتھ تہٕ روز میانٛن نفرن سیتھ۔ مگر ستےٚ بوز ناوٕ زٕ بیٚیہ اکہٕ لٹہٕ پننۍ کتھ یُتھ بٕہ بیٚیہ یڈ بٔرتھ اُسناہ کرٕ۔

شُکر گُذٲری کرِنہٕ موکھ ووٚتھس تہٕ کورُس دامنس میوٚتھ۔ یہ سوچان سوچان زِ ظاہر روٗز میانہٕ حاکمہٕ پٲٹھۍ میانۍ کام ووٚنی خبر کیتس کالس اَنٛد واتٕہ ڈراس کُنھہ منز نیبر۔

## ۴۷

# سفیر سُنٛد حاجی بابس اطمینان دیُن

## تہٕ حاجی بابن تس خوٗشامدا کرٕنۍ

گوو نماتن اَکی چھُ ووٚنمت۔

چہ باشد احتیاج ای مرد تمیز
سواری سخت و تُند و تیز مہمیز
کزآن کاریکہ کرّہ لنگ شبرنگ
کند آن کار را با اُشتری لنگ

دِل موٚکلاو، دُل مُلکس منٛز تہٕ یوٚہے نادوہ مید
ہیوٚ آسنہٕ کنہ بیوم پریشانی دوٗر کرنہٕ معہ کِھ پننِس عقلہ
سیٖتہٕ نوٚ مشوٗر کرُن۔

سوچان چھُس۔ "یوٚ دوٚے مال وجاداد اُچھ
گوٚ، اَما پوٚز اُچھ روٚٹ کرن وولاہ تہٕ بنیوو۔ دوٚنی
چھُ بہتر اُمہِ شہرٕ چھٚپن جاے نیامتھ تہٕ اُمہ
شُندٕ آسُن غنیمتھ زانُن۔ یتھ نہٕ آسنہٕ گٹہ منٛز گدٕ
دُنیہکس یتھ گدٕرس طلسماتس کُن وُچھ ہاوم شُے
پروردگار کرٕ ہم ضوٚر دوٗر کریتھ ہیدایتہٕ کیہ ژانگہ سیٖتہ
یتھ گٹہ ظلمہ منٛز۔

مےٚ کوٚر غاصلہ زِ سفیرس کر دلبرِ یاہ تہٕ خوش
آسُن تھوان یُس تہٕ چھُم دوہ ہہ کھوتہٕ دوہ ہہ دوہنی
ماے محبتھ باگراوِتھ مےٚ دِل رچھان تہٕ خوش تھوان
پننِس سرکاری تہٕ باقے اور یورپین کامن منٛز ہیوٗت
تمۍ کھُلہ ڈلہ پاٹھۍ مےٚ سیٖتہ مشورٕ تہٕ کرُن۔

اُمہِ کِھ زِ مےٚ اوس اوٚت تام پنُن ڈرخ پنٕنی
قسمتہ موٗجوٗب کوٚڈمُت تہٕ بیین سیٖتہ اوسُمنہٕ کانہہ
ہیوٚن وُین، بہٕ اوسُس دُنیہا تہٕ دُنیہکین لکن ہندِ
کامہ کارٕ نشہ بےخبر۔ ترکو دراُمے زانہٕ ہن تہٕ بیٚیہ
کانہہ قوم یا جماعتھ۔ چینگ، ہندوستانک، افغان
تاتار، کرد تہٕ عربن ہُند اوسُم فقط ناو بوزمُت
تہٕ بس۔ افریقہک تہٕ اوسُم پیٚٹھے موٗلی خیال ہیوٚ تمن
نوکرن تہٕ داین ہندِ کنہ یم ساہبن گرن منٛز کام کوٚٹ
کران چھ۔ روٗس چھُ ایرانس منٛز ساریٚنے ویوٚد تہٕ نامی
اَما پوٚز فرانسیچ تہٕ ولاتیچ اُسم پیٚٹھے کتھا مشکنن
گاہمش۔ یانی یم ژنگہ ژنگہ جاٗتہٕ قدم اُسم استانبولس
منٛز نظرِ گژھان، تہٕ اوسُس داوان اَما پوٚز یمن سیٖتہ
زلنس میلنس اُسہ نہٕ فرصتھے۔

سفیرِ شہرَن مجلسن منٛز اُژ نہٕ نیرنہٕ، کنہ بدلیوم
بہٕ تلہٕ پیٚچھ۔ مےٚ ہیٚژ تمہ کتھ بوزنہٕ یمہ نہٕ بہٕ زانہہ
بوزانے اوسُس۔ تمہ کتھ ہیٚژ نم فکرِ تمہ نہٕ یمہ نہٕ
مےٚ زانہہ فکرِی ترٕ ہن۔ کتھن کنہِس تام واتُن
تہٕ عاملن تچھ کرُن تہٕ ہیٚو چھُم۔ سفیرن یانی زوٗن
زِ کوٚٹ چھُ کارٕ ندٕ تہٕ ہُشار سہ گوٚ بڈٕ خوشس تہٕ
مینوونس بہٕ ہیرِ بوج۔

اکہِ دوہہ آو شُبحس ڈاکہ وول تہٕ چیٚٹھ پرٕتھ
کریتھ اوٚنمس بہٕ فلوکہ پاٹھۍ نادِتھ تہٕ بہہنووُنس
اَمہِ پتہٕ چھُم دپان۔ "حاجیا! بہٕ چھُس یژھان ژےٚ
سیٖتہ کتھ کرٕنی۔ مُلازِم چھِی مےٚ واریاہ اَما پوٚز یہ گوٚ
ژےٚ تہٕ مےٚ پانہٕ وانی، ساری چھِ خبر۔ ایرانی اَسیتھ
تہٕ کیشرن کامن منٛز بیٚین ہند کھوتہٕ ہُشار آسنہٕ
پتہٕ تہٕ چھِ سرکاری کامن منٛز ناٹہٕ دانہٕدے تہٕ خبر چھکھنہٕ
کُنیچ۔ تمہٕ کنہ لوٗن تہٕ کھُنڈٕہار تہٕ۔ یوٚ دوٚے کانہہ کام
مےٚ چھُسکھ تھوان۔ اندٕ واتناوہٕ کھوتہٕ چھِ تیتھ
لانیچ اُنان زِ کہیں ہہ برژھ۔ پرٕزٕ گوٚ یہٕ زِ ژھکھنہٕ
نِتمن ہیوٚ کینہہ۔ مےٚ چھکھ تجربہٕ وول تہٕ نارٕ دراو

سۄن لبنہٕ پوان۔ ژٕ ہےٚ نِش ہیٚکہِ اِنسان وۄمید
تھوٚوِتھ زِ ژٕ ہےٚ تِگی اُکِس بیٚیِس اَتھٕ ہیٚتھ تارِنی تہٕ
اَڈُن جَن خبر گرٛژھنہٕ ورائے تِگی وَس کڈِنی۔ لہٰذا
کرٕتھ چھُ چۄن آسُن میانہٕ خاطرٕ اَکھُے ممٕلکہٕ
خاطرٕ بڈٕ ضروٗروٗری۔ ہرگاہ ژٕ ہےٚ سرکارٕ ہِ مُلازمتھ
کرنس دِل کران آسی تیٚلہِ کرٕ بہٕ چانہٕ معہ کھہٕ تہٕ تیٚمہٕ
رکنٕ انشاءاللہ ایرانٕکی قومٕس شان تھٔزراو کھہٕ تہٕ اَسہٕ
تہٕ وۄ گٔژھن چانِس آسنس پیٚیہِ ٹھ شانہٕ۔"

ہٕ۔ حضرت سفیر صاحب! بہٕ حضن چھُس تُہُندٕ
تابیاٗدار نوکراہ اَکھ۔ تُہُندی ہیٚ فرماوِنس
تابیا۔ یِم چھِو حضرت میانی کَن، کرِ دیمِن تِھیِہ
تہٕ رٔنیو میٚے بازرٕس منٛز کِنہِ۔ تِم ہہِ چھُہ اختیار
تُہُندِس خدمتس منٛز رۄزِتھ بہٕ میانہٕ دُسو
بیہٕ تیتھ کرٕ نہٕ زانہہ واے۔

میرزا فیروز۔ حاجیا! خیر ژٕ ہےٚ ما آسیتھ لُکن نِش
بوٗزمُت زِ بہٕ چھُس کیٚنہہ گیوٚن واجنہٕ، نژن
واجنہٕ، بازیگر تہٕ بادشاہ سٕنٛد محل خانہٕ یارِ او
معہ کھہٕ ریشم تہٕ باقے ساز و سامانہٕ ہُنکی ہینہ معہ کھہٕ
یور آمُت۔ مگر بہٕ گۄو کوچہ بھِشیُر تہٕ بازیگری
نَتہٕ چھا۔ بہٕ ہیٚو اِنسان اَمہٕ کامہٕ معہ کھہٕ سوزٕن
پانہٕ بڈس پادشاہس (پروردگار زِ چھنس
چشم زخمہٕ نِش) چھےٚ پننہٕ کاٹھِیارٕ تہٕ عقلہٕ کنو
خبر زِ کُس نفر کوٚت گژھہ کمہٕ معہ کھہٕ سوزٕن تُہُندٕ بہٕ
یور سوزٕن چھےٚ بڈٕ کتھ اَکھ۔ وۄنی بوزیو بہٕ
تیتھ تھوکُن۔

"اَزٕ کیٚنہہ رٕتھ برونٛہہ آو بوناپارٹ سٕنٛد طرفہٕ
یُس فرانسک پادشاہ چھُ سفیراہ اَکھ ہدیہ
تہٕ ڈالہِ تہٕ بندگی ہٕنٛز چیٖز ہیٚتھ تہٕ ووٚت
طہرانس منٛز۔ سفیرن ہۄو پننس پادشاہ سٕنٛد
طرفہٕ کاغذاہ اَکھ یُس ہیٚے موٗ خطاب ناماہ ہیٚو
زِ۔" میون گُف چھُ میانِس پادشاہ سٕنٛد
گُف تہٕ مےٚ چھُ پٔریتھ کانٛہہ کام کرنس اختیار"
یہٕ شخص چھُ پانس بوٚڈ موٚہ ہیٚنیوٗ تہٕ ساریے
انگریزن ذلیل زانان۔ بیٚیِن ہُنٛد ناو چھُ
تِمہٕ نفرژ تہٕ حقارتہٕ سان ہیوان زِ زِنہٕ تُسے
(بوناپارٹ) یوت دُنیہس منٛز پادشاہ چھُ
باقے چھِ فقیر۔ پننِس پادشاہ سٕنٛز ذیوٗ اوس
دَپان زِ روٗسس نِش گرجستان، ٹفلیس
بادکوبہ، دربندتہٕ باقے اُندی یکو علاقیہٕ
پٔرانہٕ وَقتہٕ پیٹھ ایرانکو علاقہٕ چھِ اُسیتھ دِمو
ایرانس واپس تہٕ ہندُستان تہٕ رٔٹمو انگریزن
نِش تہٕ دِمو تۄہی۔
اَسہٕ اوس کنن گومُت زِ فرانس چھےٚ جاپاہ
کوہستام ییٚتہِ جان جان چیز، جان کپرٕ تہٕ
زرباف چھُ بنان۔ اَما یوٗز بہٕ کیٚنژھاہ سفیرن
بوزٕ ناوی تیتھ اَسنہٕ خیراہ اَتراو کیٚنہہ۔ پامتٕ

دوہَن قہوٕ (کافی) تہٕ ہائٕنز سٕنٛز درو گیبہٕ دٕپان

اُسو" اَتھ چھُ سَبَب فرانسُکس تہٕ مِصرس

پانہٕ وٲنی جنگ آسنُک" صفوی خاندانُک

شہزادٕ اَکھ تہٕ اوس وَنان زِ "میٛ چھُ بوزمُت

فرانسُکس پادشاہ لوئی سٕنٛدِ طرفہٕ اوس

گُستام مرحوم سُلطان حسین شہید پادشاہ

سٕنٛدِس دربارس منٛز آمُت"۔ اَما پوز یہِ بونا پارٹ

کُس تہٕ کیاہ چھُ اوسمُت تہٕ کیتھٕ پاٹھۍ گوٚو

پادشاہ بٔنِتھ یہِ چھُنہٕ ایرانس منٛز کٲنٛسہِ تہٕ

فِکرِ تران۔ ارمنی تاجرا اَکھ یُس وارِہَن

جاین چھُ پھیوٗرمُت ہوٗرمُت اوس دٕپان

زِ "اَمِنسہٕ پیٛٹھ پاٹھۍ چھُ یُتھ اِنسان

موجوٗد مگر چھُ بڈٕ تیز تہٕ پٔریٖتھ اَکِس

سیٹھا لرٲے ہٕکی منیوان۔" اَوَے کوٗر سٲنۍ

پادشاہَن تَسٕنٛد سُفیر دربارس منٛز قبوٗل۔

اَما پوز یمہٕ چیٛژ سُہ ہیتھ آمُت اوس تِمَن

ہُنٛد پوٗرٕ اَپُز اوسنہٕ تَمان کیٛنٛہہ۔ لوٚکٕچ کیو

بٔڈۍ وزیر سٲنۍ چھِ پرٕژھو کامیوٗنِش بےخبَر

تِمَن چھُنہٕ فِکری تران کیٛنٛہہ۔ اللہ تعالیٰ

پوشِہ ناوٕن سٲنِس پادشاہَس، یوٚد وَے

دُنیہس مُنوّر کرٕن وٲلِس تَسٕنٛدِس دِلس

رِنِش کانٛہہ چیز ژھایہِ چھُنہٕ، اَما پوز تَس

تہٕ اُسنہٕ اَتھ خبراہ کیٛنٛہہ۔ خاجہ عابدار منی

یُس مارسیلیا شہرس منٛز ژٕ ژھہن دوہَن جیل

اوسکھ لوٗدمُت زِ فرانسُکس منٛز چھُکھ ہمارٕ

ہیتھ ژامُت تہٕ یٔمِہ بیاکھ ارمنی پادرِ یُس

کینٛژن وَرین پٔتھ تَسٕنٛدِس تکرس منٛز چلیس

اوس ژامُت اُسو دوہ شوٗرے یٔتیتھ اَما پوز کانٛہہ

اَکھاہ اوسنہٕ تیٛتھ یُس اَسہِ شیٛچھ وَنہٕ ہیٛے

زِ بونا پارٹ چھا یٔژھان اَسہِ تارِنٛی رٕکنہٕ پیٛٹھ

پاٹھۍ کانٛہہ فائیداہ واتناوُن۔

خاگر۔ زِیادٕ کالس روٗدی یہِ شکس منٛز اُسو

تِکیا زِ انگریز تاجر یم ہندُستان تہٕ ایرانس

منٛز کاروبار کران چھِ تہٕ بوٗشہرکس سمندری

گاٹھس پیٛٹھ تہٕ چھکھ دُکان ہیٛتھ، پانی

سفیر سٕنٛدِ یورِینہٕ رِنِشہ خبردار گے، تِموٚ سوٚز

تیٛتھٕ اُمنُن کار تٕنٛد نفراَکھ شیٛچھ ہیتھ تہٕ

تِلکُھ بڈٕ ہیٛے تہٕ کٔریکہٕ تادیتھ پٔھنہٕ یہِ سفیر

قبوٗل کٔری دون۔ اَسہِ توٗر خِکرٕ زِ یِمَن ہوٗنِن

چھےٚ پانہٕ وٲنی کیاہ ہتانی تناز دار اَدٕچ منٛز

باگ تہٕ یہِ شوٗرُن پٔہُنٛد چھُنہٕ یلہِ کیٛنٛہہ۔

پادشاہ سون اوس دٕپان۔ "قسم چھُم پٔننہٕ

ٹوٚپہٕ ہٕنٛدِ وُستک، زِ سوٗرے چھُم بوٗد تہٕ تھوٗد

تہٕ آسنہٕ کُنہِ شیٛو دِگرٕھان۔ وُچھو تَوَ، یہِ

یٔتیتھ تختس پیٛٹھ بِہِتھ پٔریتھ چیز

رِنِش بےخبَر، اَدٕ یم تاوَن زٕد چھِ مشرق مغرب

جنوب تہٕ شمالہٕ پیٹھٕ ہدٕ یہ تہٕ ڈالہٕ ہیتھ میانین
پادن پیٹھ کرٕنہٕ دوان تہٕ پانہٕ وأنی ژٕ ونش
کیٚژ میٚے اِجازتھ تہٕ ہیوان۔

یمہ ساتہٕ بہٕ طہرانس منز اوسُس تمہ روز
اُسی انگریز سفیرس بیاران تہٕ اُزٕ کی یم کاغذ
چھی تسٕندی ... استقبالکو کاغذ تہٕ خاص
کرٕتھ چھے یمن منز اکھ یقرار نامہ کنہ لیکھتھ
یُس شہ اسہ سیتہ کرُن یژھان چھُ۔ اما پوز
میأنی راے زانٕنہٕ برونہہ اوسہٕ پادشاہ
اکھ کامہ منز کھور یژھان تراوُن۔ استانبولس
منز پریتھ قومکو تہٕ مذہبکی سفیر موجود آسنہٕ
کنہ آو سانٕس پادشاہس پننہٕ ارسوچہٕ تہٕ در
عقلہٕ کنہ بےیورسوزٕن مُناسب بوزنہٕ تہٕ یتھ
میٚے تہٕ پلہٕ تیوٚت کاسہٕ بہٕ تہٕ فرانسک تہٕ ولایتک
ایرانس منز شک تہٕ تہندٕ قول و فعلک پوز
اپز ننیو راوٕ۔

اَدٕ شہ، ووٚنی وُچھتہٕ ژٕ بہٕ چھُس کُن ژٕون
تہٕ یہ کأم چھے بنٕنہٕ ہن نفرن ہنز۔ انگریز
چھ یٚیتہٕ سیٹھاہ۔ وُنی چھنہٕ آسان اکھ کنہ
کرٕتھ موکلیومُت ژٕ بیاکھ چھُ تیار آسان اُس
دہراوٕتھ۔ تس پتہٕ بیاکھ تہٕ تس پتہ بیاکھ انسان
چھُ دیان زن چھُ سورٕ گمہ چھ منز ہیتہٕ اُمت۔
تہٕ ووٚنیمے گوڈٕ ے زٕ ڈلایہٕ من ہندٕ دُسو
چھُنہٕ میٚے کانہہ فائدٕ واتان۔ آوے پیٹھ ژٕ نے
پیٹھ نظرٕ تہٕ جائی کنہ چھُس ووٚمید وار زِتہ
روزٕتھ۔ ژٕ میٚے ووٚنی یمن نیچس کاغذن
سیتہ کٔنہہ باتھ لاگنہٕ۔ تُرکی زبان تہٕ چھے
ژٕ ےمے تکٲنی۔ سون مطلب نیر تمی سیتی۔
پننہٕ مُبارک دستخط سیتہ لیوکھمُت اکھ کاغذ
دِمے یمہ موجوب ژٕ کأم ہیکہ کرٕنی۔ اما پوز
کأم کرٕنہٕ برونہہ بیہہ ژٕ کُنہ جایہ تہٕ وار
پأٹھی سوچتھ کرٕتھ ہیٚیر پننہٕ جایہ سام
زٕ کیتھ پأٹھی کرکھ شور تہٕ کمہ تالہٕ وسکھ"
اَمہ پتہٕ آیندک اطمینان دِتھ تہٕ ووٚمید
وأرِ یاہ پأٹھی کرٕتھ دِیتُن رخصت۔

## ۵
# حاجی بابُن نوٚن ہیوٚن نیرُن
## تہٕ تسٕندٕ سفیرس فائدٕ واتناوُن

سُفیرس نش روٚزٕتھ شہ کاغذ تہٕ دراس
بل گنڈارس اُکس کُن۔ اَتہٕ پوٚرم یہ ژٕندان ہنز کھتھ
ورائے تہٕ اوسن یہ کاغذ رأچھ موکھ لوبہٕ منز
شبأ لیتھ تھوان۔ اَمہ موکھ زٕ اَتی بیہٕتھ منیوت
میٚے بأژن موہنٕدین منز دخل دِیُن چھیمنہٕ اکھ کاغذ
منز لیکھتھ موچھ موچھ کنہ مُشید کیشنہ تہٕ گمرٕ
اکھ اوس لیکھتھ:

(۱) بہلہ پایہ کر سفیر! چانِس ہمتس چھے یہ کام منٛز وار پاٹھۍ کڈتھ ییتھ کنہِ ترٛ ز انگریزن ہندِس ملکس کوتاہ بوڈ چھُ۔ بادشاہ نادِک چھا تہٕ ہمت کانٛہہ کینہ کیہنہ؟ اگر چھُک کانٛہہ تسند دارالخلافہ کتیٚ چھُ؟

(۲) انگریزن ہندِس ملکس منٛز کوتیاہ قبیلہ چھہ روزان؟ تِم چھا شہرس منٛز یسان کنہ ژھیمن منٛز؟ تہندۍ زِ بھو تہٕ بڈۍ محہ منیو کم چھِ؟

(۳) فرانسس کِس حقس منٛز کرِو زِ وار پاٹھۍ پرژھم گارِتہٕ دریافت کرِو زِ فرانسس تہٕ چھا انگریزنِ ہند علاقہ کینہ بیٚیہ کہ ملک چھُ تہٕ بدل قوم چھُ؟ یہ بوناپارٹ نادِک کاٗفریش یا فنس فرانسک بادشاہ چھُ ونان، کُس چھُ تہٕ کیاہ چھُ؟

(۴) انگلستان کِس حقس منٛز کرِو زِ الگ پاٹھۍ تحقیقات تہٕ وچھو زِ اتہٕ کیو لکھ یہ سہ ناماوار یاہ پُرس تہٕ منٛز اکہ تیج بناونس منٛز یاد کرمژ چھے، کمہ قسمہ کۍ لکھ چھ تہٕ کیتھہ قوما چھہ رٕٹم؟ یہ زن اسہ بوزان چھہ زِ تِم چھہ اکس زدس منٛز روزان، ریتہ کول تہٕ ونہ کڈنہ محہ کھ چھا کھنہ الگ الگ جایہ کیتھہ تہٕ بیٚیہ چھہ زِ یا سٹر گاڈ کھیوان' یہ چھا پوٚز کینہ؟ ہرگاہ یہ پوٚز اوس تیلہ یہتھ پاٹھۍ ہیکہ یہ بنتھ زِ کانٛہہ آسہ زدس منٛز روزان تہٕ اُتی کرِ ہندوستان فتح؟ یِم مسلہٕ اتھ رٕاونہٕ پتہٕ کڈِو زِ ییتھ کنہِ ییوا سہ وونی کین اَیرانس منٛز سارِنے جانٛمن بیہتھ چھے بڈ جسہ سان ترٛ تہٕ جان پاٹھۍ تارِو زِ پانس فکر زِ ولایتس تہٕ لنڈنس کیاہ واتھ چھُ یا نہ واتی؟ آیا لنڈن چھا انگلستانک اکھ حصہ کنہ انگلستانے چھُ لنڈنک حصہ؟

(۵) بیٚیہ ژھہ پرٛتھہ سان کڈِو زِ ییتھ کنہِ ترٛ زِ یہ ہندوستانی "کمپنی" ییتھ بیہتھ بیٚیہ مغرٕ مادی تہٕ ذل چھُ دِنہٕ یوان، اکھ کیاہ واتھ چھُ ولایتس سیتی؟ آیا یہ کمپنی چھا یہ زن شووۍ چھے، کانٛہہ بڈ زنانہٕ کنہ اڈین ہندوینہ موجوب چھے وار یاہ ہیچہ؟ بیٚیہ چھا یہ پوٚز زِ تبتہ کِس لامہ ہندۍ پاٹھۍ چھے یہ ہمیشہ زندے تہٕ مری تہٕ زانہٕ کنہ مران چھے؟ ییتھے پاٹھۍ کرِو زِ انگریزن ہنٛزِ فائر حوالکو متعلق بیہتھ تہٕ پوٚر پاٹھۍ تحقیقات زِ کرٕتھ تہٕ کمہ قسمچ حوالکو متعلق چھکھ؟

(۶) یقینہ سان تہٕ قطعی پاٹھۍ کرِو زِ نو دنیاہک (امریکہک) حال معلوم یتھنہ موٕ یہ والسن یوت پھیرہ گرٕ ھی تہٕ اکھ ییتھ روزکھ!

(۷) چھیکرس لیکھو زِ انگریزن ہندِس ملکس

پیٹھ تواریخ (کتاب) تہٕ بیٚنہٕ جایہ سۆچتھ کٔرِتھ
تہٕ وارٕ تحقیق کٔرِتھ دِنہٕ ہاوِتھ تمہ رٕژٕ وَتہٕ تہٕ
تم طریقہٕ یمو کیتھ یِم گُمراہ انگریز اسلام چہ سیٚز
وَتہٕ پیٹھٕ ین تہٕ جبٹھکہٕ تہٕ سورٕ ہاز کھیٚون ترٲوٕن۔

یہ کاغذ پٔرِتھ چھُس سوچان تہٕ وارٕ یہس
وَختس فِکراہ کٔرِتھ پیوم ژٕ تتس زٕ یِز تہٕ دول آسنہٕ
کینہ دفہٕ یِن۔ یِم مٔتے ترُکن ہندِ یِس نیٚبر مین مُلکن
ہندِ ہِو مامِلہٕ اَنٕزراونکیس وزیرٕ سٕندِ ین مُنشِس
سیٚتھ زان گٲمژ۔ دۆپُم چھُنا صلاح ژٕ قبٕرش گٔژھِتھ
ہیمہٕ تس کنہٕ۔ یہ اٲسِم خبر زِ سُہ کُنہِ تھۆوِ خانس
منز چھُ اژان تہٕ کرٕ چھُ اَژان۔ یۆدوے ژٕ کٔنِتھ
کرِنہٕ آسہٕ تہٕ تس خوش کران اَما یوٗز قہوٕ پیالس
تہٕ تمٲکِ چِلمہ اَکِس ناد دِتھ اوس تس ہیس
وۄتھن تہٕ آدٕ نَنہٕ تس نِش سورُے۔

سفیر یوز نوٗوم یہ چال۔ تمہ نوٗژ یہ بوٗزِتھ
تہٕ مٔتے دٔیے گرٕ چھینہٕ کِہیں زَن تہٕ یہ حیس تسُو
یوٗنہٕ چھم دِیان۔" دِیوٕ مٔتے نا یِمی ہا کرُونز؟ وَنان
اوسے نا اَوٕ تَفرٕ ہا چھُکھ؟ وُچھتہٕ ووڈنی ووجیل
ما چھُس سیٚ خبر؟ چھامتے تِکان اِنسان پٔرزٕ ناوُن
رکنہٕ یہٕ؟ یہ زانتھ زٕ ہا چُت کتین چھُ ھوُل ترٲوان؟
یان زٕ رٕند معہ منشو کھتہٕ یاٹھو یِیہ ابدس۔ یہ چھُ
کسب۔ بوٗزِتھ؟ بہ نٔے آسہ ہیے زٕ کتہٕ لبہٕ ہٕن
یہ مُنشو یِس سارِی خبر چھیٚے تہٕ سورُے زانِہ؟

یہ نٔے بہٕ یور ییمہٕ ہا پادشاہ قبلہ عالمہ سٕند حکمہٕ
تہٕ کتہٕ واتہٕ ہا یور؟

اَمہ پتہٕ دۆپنم: "ہرگاہ حاجتھ پیوے تس
پوشہٕ ٹوٗنک دِنک، وزیس یُتھ زَن اگو سُہ کُنہِ کیتھ
بند گوٚسے تیٚلہٕ یِیہ آگر پیٹھ، یان زٕ پنُس آغش
یٔژ ژھعتھ۔ پوشہٕ چھُے مُشکلکُشا۔ اَمہ سیٚتی چھی
سارِی مُشکل دوٗر گژھان۔"

وَختس پیٹھٕ ووتُس بہٕ قہوٕ وانس منٛز
یہ دوستہ گوم اَتہٕ نظرِ تہٕ بڈٕ نرمی تہٕ حیسہٕ سان
بیوٗٹھُس اَمِس برونٛہہ کنہٕ تہٕ اَنہٕ نوُوم قہوٕ۔ وَنِتھ
وُچھنہٕ معہ کھجہ کٔڈ اَمی جیٚبہٕ منٛز گرٕ۔ مٔتے آو چیتھہٕ تہٕ
اَمی جیتہٕ لوگُس یٔژ ژھنہٕ۔

بہٕ: یہ گرٕ چھا خصن انگریزو بناوِمژ؟
مُنش: آہنسہ! دُنیہس منٛز چھیٚنہٕ کُنہِ جایہ یِمہ
کھعتہٕ رٕژ گرٕ بنان۔
بہٕ۔ بدلے قوما خصن چھہ یِم انگریز۔
مُنش۔ آہنسہ چھہ تہٕ مگر سوٗد کیاہ یہندِ ین آسنس
یِم چھہ پلیٹھ تہٕ مکرِ۔
بہٕ۔ (جیٚبہ تس کُن پلہٕ ناگ دِتھ) تلہٕ خصن ژیے
چھیے خوداہ صابنہٕ قدرے، مٔتے وَنتہٕ خصن
کینژھا پہنٛد۔ یمن چھا خصن بوٚڈ مُلکھا کانہہ
رکتہٕ رکھیس نہٕ؟ پادشاہ یہنٛد کتہٕ خصن آسان؟
مُنش۔ وَنان کہو چھُکھ تہٕ یار؟ دِیان بوٚڈ مُلکس؟

دوٚیمہ: یہ کُس ہیوٚن گوٚ نادان پیر؟ سُہ کتہٕ پٲٹھۍ
یہ طاقت؟ سُہ چھُ گوٚڈہ کھیوان۔ یہ گرٕ چھُ سائنس
اَفسر سُند۔ یُس اکھا یہ وَنان چھُ زِ یہ گرٕ چھُ میون سُہ
چھُ اَیہ زیور تہٕ کذاب۔ اَدٕ سُہ نادان پیر اُسی تَن
یا دانا؟ پیر یا پیٚنہ کانٛہہ خر؟

اَکھ ہُنز دزاو نادانہٕ پیر گرٕ نیرِ تہٕ، اَتہٕ وُچھُن
پُلیسہ وول۔ اَمِس گیہ عقلہٕ نقل شیشتنہ کار، اوسُس
یہ سُے پُلیسہ وول ییمہ یہ نادانہٕ پیر پانہٕ ظھرانس ہُنز
خرس اوس کھولمُت۔

نادانس اوس دربارہٕ پیر قبائیٚن دستار وہ ڈ
تہٕ تشند چھہٕ غم نالی، توٚرِس فِکر زِ شوبھ ہا لوگ زِ اَلَس
ہیرِ وٚن تُلُن مگر گنیتھ۔ پُلیسہ وٲلۍ تُل شور۔ اُکھو
ہسہ ہے لوکو، رٕٹو وٚن سُہ رلوگ ہسہ، کرِی وونس
تھیچھ، یٚتھۍ تراوِ وِوٚن۔ بختن کرٕ یاری، یوٚہے
چھُو درباری پیر سُند قاتِل۔ یوٚہے چھُو سائنس
اَفسر سُند گرُہ ژور، خودایس نیٚبس پتھ چھُو یوٚہے
ہے، یُتھۍ نشہ تراوِ ووٚن۔"

پُلیسہ وول دوٚدھ گرٕ ہیچھ بوٚن تہٕ ہنی کینہہ
نفر ہیتھ اوٚنکھ نادانہٕ پیر زار پارہٕ کرٕتھ۔ نزی گرمی
سان قسم ہادی ہادی تہٕ لیسکہ ژارہٕ ژارہٕ آتنہ وآتنہ
تہٕ کرٕہَس تھیچھ۔

موٚخصر یہ کینژھا پُلیسہ وٲلۍ تہٕ نادانہٕ پیرن
پانہٕ وٲنی دپِتھ نووتہ بوز نووُس ناوٕ وَن سوٚرِے تہٕ
اَخرس اوٚسکھ ٹالی ہینڈ تہٕ یارن دوستن ہینڈ
زارہٕ پارہٕ پتہٕ تہٕ نادانہٕ پیر ہتیٚرِ گنڈ کرٕتھ ظھرانہ
نیومُت۔

یہ قصہ بوٗزِتھ ژھیوٚن ہم جِگر تہٕ وٲرِیٛع زن آیم
گملاونہٕ۔ تہٕ آسہٕ پتہٕ کانٛسہ تہٕ گومُت یہ امہ ساتہٕ مےٚ گوٚ
یم چیز نادانہٕ پیر پانس سیتۍ ہیتھ گو تم اُکھا گژھن
پیٚٹھ گوٚنڈ تم اندری ناو۔ اَماپوٚز پتہٕ چھُس پتہٕ سوچان
زِ آخر ییٚنہٕ بلاے مےٚ کلنس پیٚٹھ ترٛاوِ اُس، سوہ
پیٚنہ نادانس بچیاوِس پیترٛاوِنی۔ ییہ پاٹھۍ یُہ موٚدٕ
ہنز کلہ ہیر نہٕ چھُ ہیتھ گژھان نہ صداہ تھے پاٹھۍ
رٛوٗد میون کار ورِ رٕنِیسے تُل تہٕ کانٛسہ رۄزِ نہٕ کنس کُن
خبر۔ سوچان چھُس زِ بتار چھُم کھسہ وُن پیٚٹھ بوز
چھُم مدےٚ پھٹے گرٛان تہٕ بچاوِس نادانس چھُ ستارٕ
لوسانےٚ۔ شکنس چھُ ولنہٕ آمت بشکس تے آسہٕ ہیس
گوڈٕ گیاوِ زِ بدلاو ہے مےٚ سیتۍ پلوے تہٕ سُہ گرٕ یس
نہٕ بہٕ دِنس پیٚٹھ اَضراوِ سے گیاوِ نہ ہے۔ بچور
آدمیا نہٕ بدلہٕ بلاہ ہُنز ولنہٕ تہٕ چھُ وِہ نی میون
مُصیبت پیترٛاوان۔ مےٚ دوپ زِ ووہ نی چھینہ میون
ایرانس ہُنز روزٕن عقل۔ مےٚ پیٚہ گوڈِ نکی پاٹھۍ پیٚنہ
اَکہ لٹہٕ ایران تراوِنُک خیال۔ یوٚدوے کھٕن گراہ
بیترٛاوِ شمنہٕ اَماپوٚز کینژھہ نقد بونسہ ییمہٕ سیتۍ ایران
رُکس بنس پیٚٹھ ہیکہ ہا داتھ اَسم چندس۔ موٚخصر
دوٚپُم وہ لیٚہ سُہ خودا چھُ بوڈ۔ یہ قسمتس لیکھتھ

آسہ تہٕ واتہٕ ۔ وۄنۍ کتھ چھےٚ کھوژنے پان پیشرو دوٚم
پروردگارس تہٕ دٕراس پانس ۔

## ٦١

# حاجۍ بابنۍ حمامچ تہٕ دربٲرۍ پیر

## سنٛز دلیل بوزِو

اوخن صابس بخارس یِمہ سفر شُہتھ آیہ
تمہ سیتۍ گوو دِلس سخ تغیر ۔ مے گٔڈۍ تیٚنٛدۍ
پلو تہٕ کورُم مشخص سوداگرن ہندی پاٹھۍ پیشاکھ
لاگن کرمان شاہ گژھن والہ قافلک تہٕ کوٗرُم
تریٚتہٕ سۄ چھُم نیرنس تیار ۔ چھونے خرتہٕ بٕ چند
چھون سوار تشند سمیاے اسی جان جورِیاہ تہٕ رلیوس
بٕ تہٕ قافلس سیتۍ ۔

ستہٕ دوٚہہ واتۍ اسی کرمان شاہ تہٕ اتہٕ لوگس
بٕ بغداد گژھن وول قافلہ ژھانڈنہٕ ۔ کٔرٕن ہندی
زنگو اوس وتہٕ خطرہٕ تہٕ یوت تام نہٕ قافلہ سمہ ہاتوت
تام اوس پیارُن ۔ وۄنہٕ لگہ ہن قافلہ سمنس کیتو دوہ ۔ "
اتہٕ گوو کینہٕ زیارت کرن والین ہنٛز اکھ جماعت چھےٚ
لاش اکھ تہٕ مِلہ کھاشو کینہہ سیتۍ تِمہ کربلا کن
دراہش تہٕ تِمن چھےٚ اکھ دوہ گومت دٕراتِس ۔ مے
سوچ زہرکاہ بہ ہمتھ کرہٕ تہٕ نٕدرِ زِدرِ یکہ بٕ ہیکہ
رتھ وتی زٕ تحقہ ۔

ہتہٕ اوسم رژھ کھوتہٕ ۔ ژھ ہم ہرانی تہٕ
اَوِ کہنہ اوسُس نہٕ ورخ ھنایہ کرُن یِژھان ۔ اَتھن
منز تھچم ڈنٛڈ ہنا تہٕ کمبرس ۹۵ اشرفی گنٛڈتھ دٕراس
دوان دوان کرمان شاہ منز تہٕ دِتم وۄہ کھلی پڈرا
پڈراہ ۔

ترییمہ دوہہ پوہے دگرن باگی ییلہ سخ
تھو کمت تہٕ ژھیو نمت اوسُس ، آم دوٚرِ دِہ میٛو
بوزنہٕ ۔ مے زون زِ یہ گژھہ قافلہ آسن بٕ گوس بارُو
بیگارس راۓ چھ کرن والین نِش یتھ وتہٕ ہاوکی شُند
نیب لبہٕ ۔ اَتہٕ وُچھم لوکٹ سفید خیما دِتھ تہٕ اکھ نِکہ
گوم زانیاناہ اکھ تہٕ ڈولی نظر تہٕ پیمن اندی پکی وُچھم
زنانہٕ کینہہ تہٕ بِہتھ ۔ ننان اوس زِ کانہہ بوڑ مومنہ
چھُ زیارت کرنہٕ دٕرامُت ۔

تناز وراۓ سید وتہٕ ہاوکس سیتۍ گرۍ کراۓ
ہُند فاصلہٕ ۔ اَمہ وِز آم تس سیتۍ زان کرنی بے معنی
بوزنہٕ ۔ اما پوز گوہ بہ تہٕ تھزر ہاوُن چھُم آمتے تیٚتھ
رودُس نہٕ یتہ شہ پیو ہاوُنے ۔

نمدس اکس منز وُچھم کیا ہتام زیوٹھ زیوٹھ
وٲلتھ ۔ دوٚہہ پہم تہٕ چھےٚ لاش اکھ کربلا واتناونۍ
امہ پتہٕ چھُم وتہٕ ہاوک سارنے وتہٕ ہاوکین ہندی
پاٹھۍ زیچھ زیچھ کتھ کرِہ کرِہ ونان "ظاہر چھُکھ
وۄہ پرملکُک ۔ از تام چھُکھنا لاش ڈیٹھمژ ؟ یہ
چھُ توٹھ پیچزاہ اکھ تاچہ جایہ واتناوُن ۔ یہ لاش کیشاہ
گژھہ گوڈٕ کربلا یہ گژھہ سیٛود جنتس !"

مےٚ دوٚپُس: "مےٚ گژھہِ مأفی دِنۍ۔ بہٕ چھُس نا پرجابہٕ ہیٚتھ سند اوٚسے چھمنہٕ زان۔ یہِ وٚنۍ توٚہۍ یہِ کینژ لاش چھےٚ؟"

وتہٕ ہاوُک: "یہِ ہسہ چھےٚ دربارٕکس پیٖر صأبنہٕ لاش۔ ژٕ چھُکھ ناخبر۔ تِہندِ مرنچ زِ سہ کیتھ پأٹھۍ موٚد حمامس منٛز تہٕ تِہندِ شیطان کیتھ پأٹھۍ ژاو تس گرٕ۔ تتہٕ پیٚٹھ کمہٕ فِنٛدِ نیوٚن پُلیسہٕ افسرس برٕ پیٚٹھٕ گر۔ تُلہِتھ تہٕ ژوٚل نٔیِن کامہٕ؟ امہٕ پتہٕ چھُم اَتھہ یِکوان دِیان۔" اوہو! ژٕ کتہٕ سہ ادسہم ازتام

ہمہٕ کیتھ بوٚزِتھ گیہ مےٚ وہ وٕسِتھ۔ آمابوٚز مےٚ لاگیتھ کُلیس ڈوٚل۔ اُمہ وتہٕ ہاوُکی بوزنو وُسس بہٕ تیتھ پأٹھۍ یہِ دلیل زِ یوٚدوے امہٕ فِتنک گوٚڈ تہٕ اَنٛدرس منٛزس بیٚٹھ اوسُس آمابوٚز ہاونہٕ موکھ کُڈۍ مےٚ تہٕ رکریمان تہٕ پننہٕ جابہٕ آم اَنٛدرۍ کنہٕ لُطفاہ اَکھ۔

دوٚپُن: "بوز بہٕ یہِ دِنے تہٕ چھُے پوٚز تکیاز بہٕ اوسسے پانہٕ تتہٕ۔ دِیان اُسوز پیٖر صأب گوٚ دِگرٕ نمازہٕ پتہٕ پننۍ موہانٛدۍ ہاہ ہیتھ حمام۔ توٚرٕ آو چھیپرِتھ گرٕ تہٕ ژاو فلوٚکھ کُنٛڑس اکِس منٛز تہٕ بیٚوٕتھ دارٕ برٕ ترٕتھ بیرِتھ۔

خبر ژےٚ چھیہ معلوٗم آیرانس منٛز چھہ اَڈۍ حمام ہمیشس بأگی زنانہٕ حمام تہٕ بیٚیِس بیتہٕ مردانہٕ حمام آسان۔ پیٖر صأبنۍ آشنہٕ گیہ بیٚتیہ دوہ ہیہ حمامچ گرٕ

بوٚزِتھ داین سیٖتھ تِتھۍ حمامس منٛز یَتھ کالہٕ تِہندِ خانہٕ دار ژامُت اوس۔ امہ ساتہٕ تھوٚوُکھ تِہندِ بجر نظر تَل اُنِتھ فقط تس نِرِنۍ موکھ حمام یلہٕ تہٕ کأشنہ فرد بشرس اوسنہٕ توٚر اَژنس اجازتھ۔ وُنہٕ اُس اَنہٕ گٔمٕژ ہش۔ پیٖر بایہٕ ہاہ ہیرِ ژوو آبہٕ خزانس منٛز وسُن زِ اتہٕ آیس مازہ بنہٕ اکس تھٔنچ۔

اُمِس ژٕ گنی کَرِتھ نیرِتھ تہٕ گوس غأیلہٕ۔ دایو تُل ہیُے تہٕ وُ چھُنے کرنے تُلِتھ کَرِکہٕ دمۍ دمۍ حمام نکھس کأشنہ اکہٕ کوٚرنہٕ خزانس منٛز وسنس چِھگ۔

چھیکرس آیہ بُڈاہ اَکھ تہٕ تمہٕ وُچھ پانہٕ اوسا نہٕ موسانہٕ وُژنہ خزانس منٛز۔ آبس منٛز وُچھ تمہٕ لاش اَکھ پیران۔ پتہ ژٕ چھکھ نیرِتھ تہٕ تُلُن شور۔ اُمہ شوٚرٕ کرِنکو سیتھ آیہ پیٖر بایے حمامس منٛز۔ یانۍ تس پیٖر صأبنہٕ لاشہ پیٚٹھ نظر پیٚیہ تانۍ گو تس بیٚیہ غأیلہ۔ دایو تہٕ تُل ہیُے۔ اَکھ چھےٚ وَنان۔" بہٕ زِ زِ چھُس آغہٕ صأبس ہیوٚ۔ آمابوٚز سہ چھُنہٕ پانہٕ تکیاز مےٚ وُچھ پننہو اَچھو حمام کرِتھ یوان، دھتھرنہٕ ترِدِ وُمس پانہٕ تہٕ اَکھتے بیٚیِس ملی نیٚندِ تہٕ کھرۍ وُکھ تانۍ بوٚزِم تِہندِ کرٕ۔ تہٕ کیتھ پأٹھۍ بنہٕ کانہہ آسہ دھتھرنس منٛز شوٚنگِتھ۔ کھرۍ وُکھ تہٕ ژاو تہٕ تمہٕ پتہٕ آسہ سے حمامس منٛز آبس پھوٚٹمُت!"

یہِ بوٚزِتھ راوہٕ ہوسہٕ تہٕ مأری تہٕ نیوو زِ تمہ دایہ اوسنہٕ پیٖر صأب وُچھمُت تمہ اوس پیٖر صأبُن

شیطان وُچھمت پیر بابس چھیٚپ بیٚیہ ہیسہ تہٕ اوٚنگجہ
سپنۍ ہاوتھ چھےٚ دیان۔ "پتھ چھم خاندار۔ سُہ چھُم
راتھ یُس ژبجِس زٕل دیتمُت تمہٕ تلہٕ چھُ صاف
ننان سُہ چھُ۔" داے بیاکھ وَنہِ ہس:
"اہن حقن، اکھےٚ یُس تمہ سہ اکہ طرفہٕ رشی
کھٔنزوٚس تمہٕ تلہٕ تہٕ چھُ ننان زٕ پیر صٲبس چھُ"
یم نشانہٕ آسے برابر تہٕ دوٚتھ اتہٕ شور محشر۔
دیان پیر بابہٕ نےٚ رٕٹہٕ رٕٹھ کرِہن سعہ ما مارٕ ہےٚ پانہٕ
داے وَنہٕ ہس: "آخر تمی ہےٚ ژٕ دوگ پانہٕ میانہٕ
اَتھہٕ روٗٹ۔ میےٚ رٕتھی کوٗرن دروازہٕ بند تہٕ پانہٕ بوٗزم
نیٚندرِ منز تیٚنہ دی کھرکھ۔ اَدٕ یٔ گٕنڈھ کرٕ تہٕ درمہٕ نظر
تتہٕ کیاہ دلیل چھےٚ تہٕ تمہ جَل جلےٚ شیٚچھ سپتھ:"
بیاکھ داے وَنہِ ہس: "مون زن ژٕ گٕنڈھکھ
گرٕ تہٕ وچھہن سُہ چھُ تتھ پتھ کٔنہہ چھےٚ یہ لاش؟"
بیاکھ وَنہِ ہس درجواب۔ "یہ آسہ تمی شُند
شیطان تکیاز زٕ روٗح مادہ بین اکی سے بدنس منز باءخر
بدن ما چھُ نالی ہُند پلوٗ زٕ ہر روز بدلاوون۔"
بیٚیہ اکہ دوٚپ۔ "بدلے جٕٹاہ چھُ یہ۔ یہ چھےٚ
ترٕ ہے کنتھا زنتہٕ کانسہ زٕ گرٕ آسن روزنہٕ معہ کھ
اکھ ریتہٕ کالس تہٕ بیاکھ وندس گیٚمت۔"
اتھ منز بیٚیہ بیٚیہ خریدار واٹتھ تہٕ پریتھ کانہہ
چھُ کتھا کتھا کران۔ پیر بابہٕ چھُنہٕ ونس تھکھےٚ
گرٕھان تہٕ تانی آیہ داے ہورٕ خبر ہسپتھ زٕ "پیر

صٲب چھُنہٕ وتھرنس منز کُہنی۔"
کنھہ گٕنہہ نیبر۔ زنانہٕ بیٚیلہٕ تہٕ حمام منز نیبر
دراےیہ مردن لوکہٕ اندر اژنس چارسے۔ زنتہٕ اَتھ زنانہٕ
حمامس وُنہٕ کانہہ پرہ گی اَس رٕوٕز ہش۔ مرد تہٕ زنانہٕ
پکہٕ وٕٹہٕ رٕلیتھ تلکھ سُہ شور زٕ کتھ اوس ذرہٕ پیوان۔
چھیکرس تیٚم پیر صٲبنیو اشناو رٔشتناوٕ پیر
صٲبنہ لاش تہٕ نیٚیکھ۔ سراو دیان کٔرتھ کفن دٲلتھ
تہٕ مشکوفوٕر چھٕکیتھ کوٗرکھ مشخص تہٕ کربلاہ منز دفن
کرنہٕ۔
پیر بابہٕ تہٕ کوٗر شیخ زورٕز "یہ تہٕ گٕنڈھ سپتھ
تہٕ ہیتکھ میےٚ گٔہ کرایہ پیٚٹھ۔ یہ خیمہ یُس ژٕ وُچھان
چھٕکھ چھُ تیٚنہ ندُرے تہٕ ہتھ بیٚیس خیمس منز چھےٚ پیر
صٲبنہ لاش۔ یمن لکن پٔنہٕ معہ رٕٹہ کربلا اسۍ سوزٕنی
تمو زون موقہٕ غنیمت زٕ پیر صٲب آسےٚ ہاوس عالمس
سپتھ پکنہٕ کینہ وتھ کھن کھم تہٕ پتکاہ عالمنےٚ سپتی۔"
وَتہٕ ہاوکی سیندی یم یتھم لفظ بوٗزتھ ترسیوس
بیتیتھ زٕ میےٚ دوٚپ ڈرام زٕ وٗ تہٕ رٕلیوس مابہٕ تہٕ پیٚمے
معہ رٕون سپتھ پتکاہ پیر صٲبس سپتو ووہ تھنہٕ معہ کھ
دیان چھُس پیٚٹھو بلاپہ یہ پتھ پتھ روزان اوشس
سوے آیم زنگتن دٲلنہٕ۔ پیر صٲبنیو نفرو منز ہرگاہ
کانسہ وَنہٕ کوٗڈس شوٗکھس چھُنہٕ زٕندے روزُن۔
یہ دوٚتھس وَتہٕ ہاوکیس کرُن: "اَدٕ سہ یہ وَنتم بیٚیلہٕ
پیر صٲبنہ لاش نیبر کڈکھ یتہٕ کیاہ سپد؟" یہ پرژھمس

اَوٚ موکھ پُتھہ مےٚ ننہٕ ہاوٕ۔ بیاکھ تِمَن نالہِ ہندِ ین پلونٕ
کیٚا گیوٚو یِم مےٚ حمام کِس کوٚنجِس اَکِس منٛز تھاوِتھ
اَسی۔

تِمو دوٚپ ہم: "امیرالمومنین سٕندِ پیرِ مبارکٕکی دُرٕ پے
چھےٚ نہٕ مےٚ صحیح یاد مےٚ چھےٚ پژٕہ خبر زِ دوٚہ نہٕ زٕ
اَسی دوٚہ کنۍ تھ کران۔ اَکھ اوس وَنان: "حمامس منٛز
آبس چھٹنہٕ پتہٕ وُچھکھ پیر صاحب پننِس محل خانس
منٛز؟" بیاکھ اوس دَپان: "تِمہ دوہ پگاہ ہیوٚتُن
پُلیسہ اَفسرس پتہٕ کھٕتہٕ تہٕ رُت گرٕ کھٕسُن کیٚتُھ تہٕ دُرا
خبر کورکُن تہٕ پُلیسہ اَفسرس دِتُن پننہٕ اَتھہٕ شرابٕ چَنٛنس
پیٚٹھ فتویٰ لیکھِتھ۔" مختصر بوز ساری اَسی کتھا
کتھا کران تہٕ یِمَن کتھن اوس پانہٕ وٲنۍ تیوٚت پھیر
زِ مےٚ اوس نہٕ صاف کیٚنٛہہ تہٕ نَنان۔ اوٚتہٕ کتھ چھےٚ
بوزنس لایق زِ پیر صاٲبنین نوکرن منٛز شہادژ رکھ
دزاو پیر صاٲبن زٕنٛدٕ چھیہ حمام منٛز نیبرٕ تہٕ مورد چھیہ
تسٕندِ رودُ حمامس منٛز۔ اَمیُک بیاکھ کتھ اَکھ تہٕ نیٚنیہ
یِیِمہٕ سیتی تِکن شکھ ژٕولٕ۔ حمام کِس کوٚنجِس اَکِس
منٛز وُچھکھ پیرٕ اَدٕ پلوٗ کٕرِتھ تام۔ انداز ن دوٚپ ونکھ زِ یِم
پلوٗ چھہ فسادی نادان پیر سٕندِس موٚہنیوٚ حاجی بابن؛
یِہ تِمَن دوہ شوٗنی مایس لِتتھ۔ ہمارہ دے دوٚپ
حاجی بابے چھُ خوٗن زِ تہٕ لگی تس ژِ دوہ پانٕژ اَدٕ پور ژھاٚ
اَڈی اَسی دَپان زِ نادان پیر تہٕ چھنہٕ اَتھ کامہ تیار،
کینٛہہ تہٕ تسٕندٕ اَتھہٕ تہٕ چھُ اَتھ منٛز ضرور ذرکر تھ۔ مختصر
بہ چھکھ تِمَن دوہ نوینی زٕ تھنہٕ موکھ نفر سوزی میتہٕ ہات!
لگہٕ نا اَتھاوٕ، تِمو منٛز مےٚ اَتھ۔ یناہ تہٕ بیم سہ زیٚمہ
مورد سارٕ نیچہ کامہ تھٕلہٕ موکلہٕ ہا اَکی ساتہٕ۔"

بہٕ وٕنہٕ پانہٕ رَکھیس۔ یانٛےٚ تِری نو کھکرِ مےٚ کیٚژھ
آسہ گومُت یہ بوزِتھ۔ بہٕ چھسے نہٕ تِمو مردو منٛز یِم بلاین
بُتھہ گرٕتھن۔ بہٕ اوسُس ہمیشہ خطرُ وُچھتھ دوٚرٕ پے
روزان۔ اَمیُک پتھ بلایہ کیٚاہ کرِ ہا پتھ نِش یانٛےٚ اوسُس
پکان پکان آمُت؟ نہ اوسُم پتھ ژلنس وار تہٕ نہ
دٕرہ کرنس سوٚنب طاقتھ۔ آخر کرِم فکراہ زِ
"وُنہٕ چھُ جان برونٛہہ کنہٕ قدم دِیُن دلو سرحدس
پیٹھ واتہٕ تہٕ یِمہ بلایہ منٛز موکلہٕ۔" پانس سیتی
کوٚرُم فیصلہ زبان ۂلہٕ چھِ غنس اَکِس تہٕ وُچھو
کیٚاہ بنہٕ تہٕ بیارٕ تسٕندِ پاٹھو اَسی تہٕ یِس بلایہٕ
ژھو پانٛژ کلہٕ آسہ کوڈمُت۔

## ٦٣

# حاجی بابن رٹہٕ یِن تہٕ موکلُن

پگاہ دزاو قافلہ۔ زانہٕ پانہٕ اوس برونٛہہ برونٛہہ
تِتھہ پتہٕ اَسی موردی پکہٕ ناوُن واٲلی دوٚ نیٚنٛٹھ تہٕ سارنیٚ
پتہٕ اَسی گرُو تہٕ باقی تِکھ تِمَن کھیتھ۔ بہٕ اوسُس
وتہٕ اَکِس سیتو سیتو ژٕور ژٕور پکان۔ یِمہ مےٚ
کانٛسہ شکل تہٕ نکری۔ شکری لگیتھ اِنسانس
کُن نظر آس پیوان زِ اَمِس کُن چھُنہٕ کانٛہہ اَتھاو اَچھ

تہٕ تلان مۆے اوس تسُند زشک گرٕہان تہٕ حسرتھا اوسُس کران۔
زیاست اوسُس یِتھ کھوژان زِ پیٚیرٕ بایہٕ پم
نظر سیٚتۍ اَمۍ تموٚ منٛز گرٕہِنہٕ کانٛسہِ مۆے پیٚٹھ نظر
پیٚنہِ۔ ہرگاہ تموٚ منٛز کانٛہہ پوٚت نظر دوان اوس
مۆے اُس گرٕہان وَہ وٕسِتھ تہٕ جل اوسُس کلہٕ ہورکُن
پھران۔

گوڈنیک دوہ ژرام جان یأٹھۍ۔ راتس
شونٛگنس بارو بیگارہٕ ٹھونٛکِس خیمس منز سامانس
پیٚٹھ۔ بیاکھ دوہ تہٕ اوس نہٕ ناکارٕ کینٛہہ۔ وارٕ وارٕ
ہیوٚتمس دِل دٕرُن تہٕ چھُس وۄنۍ اُکس ہیٚیس سیٚتۍ
کنہہ باتھ تہٕ کران تہٕ روپوش روزُن ترٛووُم۔

گوڈٕنِچہِ یِس سیٚتۍ مۆے زان گیہٕ سُہ اوس
اَکھ آرمتی یادری۔ تہٕ چھُس دیان زِ اَمِس وۄنۍ تہٕ
کوتاہ بخت پوٚدٕ چھکھ زِ اَکس مسلمانس سیٚتۍ گیہٕ
زان زِ تام پوٚک گژھام مۆے نکھ۔ یہِ وُچھم اوخناہ
اکھ یُس ناداں پیٚیرِ سنٛدِ گرٕ مۆے نیٚتھ کرنس پیٚٹھ
اوس سخ زور کران۔ یہِ وُچھتھ گوم پیٚتیم شاہ تھ
کُن تہٕ بروٚنٹھِمۍ بروٚنٹھ کُن۔ ہرگاہ پیٚیر صاحُبن
روح تہٕ وُچھ ہُن یوت گابرہانہٕ۔ مۆے پھیرٕ جل جل
کلہٕ بیٚیتھ کُن۔ اَمہِ تہٕ وُچھُسن یہِ نکھہ وآژ مرنہٕ بلا یہٕ تہٕ پچ
سیٚتۍ دۄے اَہ پوز پھیر یتھ کورنم۔ تِمۍ رلیوس وۄنۍ تہٕ
حادِس سیٚتۍ تہٕ ہُنہٕ یادری ترٛووُم اُتی تِکیازِ تس
سیٚتۍ یکٕ جۍ ژرا و منو بے۔

ترٛیٚیمہِ دوہہٕ اوس اَسہ بالہٕ کہٕ تمہِ کلہٕ منٛزۍ نیرُن
ییٚچ وُتھ کرٕدٕ وبنٛد اُس گرٕہش۔ سارٕ نے ژایہٕ میانہٕ
کھوتہٕ زیادٕ پننۍ پننۍ فکرہ۔ مۆے سوٗج ہرگاہ یہٕ اَمہٕ
کلہٕ منٛز نیرہا یہٕ واتہٕ ہا سیٚتۍ وُن بنس پیٚٹھ۔ دوہہٕ نی گوٚ
کانٛہہ دوہ گتاہ تہٕ اگر دربیش آو مۆے تکہٕ تیلہٕ پانے
ترٛکُن زایہٕ پارٕ کرُن۔

سُہ تاوُن دوہ مشہم نہٕ ژانٛہہ۔ اَمہِ دوہ یہٕ اوس
سورے قافلہٕ فوجاہ ہیوٚ لُننہٕ پیٚان۔ یِس ہتھیارٕ
ژٕنگی کانٛہہ چیز اہ پانس نِش موجود اوس تمۍ اوس
سُہ نیبر کوڈمُت۔ مۆے بوٗز سُہ دوہ تہٕ تس ییٚمہِ دوہ یہٕ
عثمان آغس سیٚتۍ سفرس منٛز ترٕکھانو اَسہ پیٚٹھ حملہٕ
کرِیوو۔ اَز تہٕ وُچھُم قافلس منٛز سٔے تراس تہٕ بیم
یہٕ گیہٕ پننہٕ جایہٕ کنِتھ وُختن اوسُس نہٕ یہٕ کانٛہہ اَنٛداز
تہٕ سیہہ پھیر یاوُن ژولاہ بنووُمت۔

نقیب، دیتہٕ ہاوک تہٕ پیٚیر صاحبہٕ بنٛز اُشنا وبیتر
دٕراے بروٚنٹھ بروٚنٹھ تہٕ باقے قافلہٕ ژرا وشیر یتھ
تہٕ پیٚیر یتھ یمن یتہٕ پتہٕ۔ مۆے اُسو دِل ڈٕنچہٕ روزنہٕ
موکھ واریاہ وجوہات۔ فقط اَمہِ پننۍ پانٛچ کلہٕ دگ
یاس زِ پان کنِتھ یاٹھ بنچم نتہٕ اوسم دَرٕ موکھ
اشرفین ہنٛد جان وُشنیر ٹھلس۔

قافلہٕ چھُ ژھوہ تہٕ دَم کرِتھ یکان۔ رفیق
ہنٛد منٛزٕ وراے چھِنہٕ بیٚیہ کانٛہہ ہنٛدٕ ہا گژھان۔
تہٕ چھُس پانس سیٚتۍ سوچان زِ یمہٕ نمتھ اشرفی

کنھہ کامہ لاگہٕ بغداد واتتھ زٕ ہَشنگہ تہٕ منگہٕ آو
وَتہٕ ہاوُک جان خولہٕ خط نَفراہ اَکھ پانس سیتۍ
ہیتھ تہٕ اَونگجہ سیتۍ مےٚ کُن ہاوِتھ چھُس دِیان۔
"یوٚہے چھےٚ"

تہٕ زانہٕ خمہ دِہہے مےٚ کیاہ گوسےٚ دوٚپ بقائے وۍ تۄ
از مۄدُس۔

اُمس وَتہٕ ہاوکس سیتۍ دُچھُم سُہ عبدالکریمس
ہنھ اشرفی ہیتھ ژوٚلمُت اوسُس۔ دوٚپُم "افسوس!
از روٚٹہس، اَز چھُرٕ ژھُم تہٕ۔"

وَتہٕ ہاوُک چھُم پرٛژھان۔ "ہے! ژہٕ اَکھ سارِنے
پوٚتُس۔ ژٕ دِتے ما بوٗزُتھ کلب علی خان ژوٚر کمہٕ وَتہٕ
چھُ درامُت ہا؟"

یہ بوٗزِتھ کھوٚژُم وُاَنِج ہنا بوٚڈ۔ تہٕ اُمس دِتُم
بانٛبرِ ہیوٚت اَونکھرِ ہیوٚ نکھرِ جواب۔ اَما پوٚز اَچھو چھُم
عبدالکریمس کُن تہٕ سُہ وُچھُم مےٚ کُن وُچھان۔ مےٚ
گوٚ دِلس تلکھ پیٹھ۔ تیشۍ زِ تیز تہٕ ہیبتناک نظرٕ
سیتۍ ژٕ لم کوٚٹھو نیرِتھ تہٕ بُتھس ڈوٚلُم رنگ۔ یہ
چھُ وعدہٕ نیوٗر پانٛژھ پرٕ زٕ ناوہٕ مۄہ کِہ مےٚ ہیٚرِ بون
تَل ٹارِ بو نظراہ کران تہٕ بہٕ تہٕ چھُس اُمس دول دِنہٕ
مۄہ کِہ ژھٕرِ ٹھ تہٕ پیچھ دِوان۔ مگر چھیکرس پرٕ زٕ نو وُنس
تہٕ ژٕ رِ جس کرِتھ نیرِتھ۔ "ہے! اَہنسہ مےٚ پےٚ چھُ
اُمی ہیے مےٚ اَتھہٕ پیٹھو تار تہٕ فنٛد کرِتھ ژوٚلُم
ہنھ اشرفی ہیتھ۔ یوٚہے ہَسہ چھُ۔"

اَمہ پتہٕ چھُ لگن کُن وَنان: "یوٚہے ہَسہ چھُم
ژوٚر۔ توٚہی کُنھہ چھوٚن کلب علی خان ژوٚر ژھانڈان
تہٕ چھُ تیشنٛد کھمہ تہٕ۔ یہ گوٚ تس بب۔ تلہٕ سہٕ ننٛح پشنٛد
تہٕ امیرالمومنین سنٛد پاسہٕ رٹُو تون تہٕ ژٕرٕ ٹو تون۔
اُمی ہیے مےٚ پھش پھیشُر۔"

بہٕ چھُس منٛز مہمان تہٕ مےٚ ہیوٚت سارِنی ہیے
یب۔ میون یہ چانگہٕ لاگُن ما کھسہٕ ہا بوٚڈ زِ نادان
پیر سُنٛد سےٚ اوخُن یُس مےٚ رٕژھ کھنٛڈ اَمہ برونٛہہ
وُچھمت اوس پیو کیاری تانی واتتھ تہٕ چھُم ناہ ہیتھ
آلواہ کران۔ اَمہ سیتۍ بیٹھ تمُن وارے پرٛژھ تہٕ
سارِنے ہیوٚ ٹھ دِلس زِ پیر صابُن نتۄ نرچھس
ہیے تہٕ سارِ ےحالا یاٗنی چھےٚ میانی دُسی آہرش۔ اَتہٕ
دوٚلتھ میانس پیٹھ سُہ شور زِ پینتس کھنٛڈس گےٚ
سارِنے کرُدی لوکٹر مشنٛد تہٕ سارِی چھ مےٚ کُن اَچھ
ہاراوِتھ وُچھان۔

آخر روٚٹہس تہٕ پھیشرٕ ہم پتہٕ کنو گلین رژگنڈ
تہٕ ہیوٚت ہس پیر صابنہ آشنہٕ کُن نیشُہ زِ بُنُن رُت
ستارِ آم دستگیری کرنس برونٛہہ۔ دوٚرِ گیہ کُن گرِتھ
تہٕ گرُو سوارن ہشرٕ جماتھ اَکھ وَژھ بالہٕ پیٹھو
گلیس کُن۔ پروردگار کرُن کرُدن ہالُس مغفرت!
ہیے آیے گرٛہزان تہٕ دوران۔ قافلہٕ والین گیہ چھلہٕ
چھانگہٕ۔ سُہ کتہٕ روٚدٕ رمُن جگرِ تہٕ جوٚرِتھ کرُدن بُتھ
لگنس؟ اَکہٕ اَکہٕ ژٕرٕلی۔ مرکبانو ژھُن پنُن پان تہٕ

پنٕنۍ گرٕنز نیاز نِش مۄکھ سورٕے بار وبیگار، منٛز ماداش

ترٛاوِنہٕ تہٕ ژٔلی. ووٚنِتھ وانہو دٔرٕ ووٚنتوٚ پیٚچھ لاشہ

ہیارٕ ہیارٕ دارِتھ تہٕ کَڈِکھ دوٚ. پانہٕ زٕ چھم پنٕنیو

اَچھو زٕ پیر صابنہٕ لاش وٕژدہ ڈلوان ڈلوان کوٚلہ

اَکِس منٛز زٕنتہٕ حمام کِس آبہٕ خزانس منٛز چھٹِن اوسُس

کھےٚ زٕ دوہ نٕ ہیژن کوٚلہ منٛز ژھانٛٹھ وانِچہٕ مۄختصر

ئُتھ سارِنٕے ژٔلہ لار.

پتہ رۄدُس بہٕ. بہٕ اوسُس وُنہٕ پنٕنِس حالس

منٛز. پنٕنیو ہے مرٕچہ زورو ہٕرٛووُم زٕین گنشہٕ.

گرٕدو چھم زانٛپانس کُن مدٕے گنڈِتھ وِچھان. خدُا

نخوداِیس کُن کیٚتھہٕ پاٹھی ہیوٗ نم پنٕنیو. بختن زٕ پیوٚمُت

حالس وانناویوس تم وچھم پانہٕ دوہ نٕ تِژھی حالس

منٛز. پیر بابہٕ یِم نفر سیتۍ آسی تِم اُس پنٕنِس کُنہ

مۄکلِنہٕ مۄکھ شیخ جِگھان تہٕ یان ژٔٹان اما پوز یِژھن

جاین کُس چھُ کانٛسہ ہُنٛد بوزان بیٚیہ تہٕ گرٕد. گرٕد

چھُنہٕ بوزانی کانٛسہ ہُنٛد زارِ پارٕ. زٕ وُنی سوبوکت

یَلہٕ ژٕراوِس پیٚچھ ہارہ نہ دِنہٕ کرٕ ہیتہٕ کٔڈی ہیکہ صارِنیے

اَکہ اَکہ یَلوٚ تہٕ تقاضِہ کھ نشنگے. یہ اوسُم قسمت رٔٹ

زٕ بَنٛشہ یَیوٚ نالی اَسنہٕ کیٚنو بچوس نِشنگہ گرٕ شفنہٕ

نِشس تہٕ گرٕتہٕ. بچوم. ظاہر کیٚنو تٔرووہس زِنگہٕ تلی آمہ

مۄکھ زٕ شوپھہٕ تہٕ شوپھہٕ ہُنٛد گرٕ پوہے پٕنہٕ کھنٛڈورنی

تہٕ. بہٕ رۄدُس دوہ نٕ گنٕے زوٚن. نہ آسم کانٛسہ ہُنٛد

پاٹھی فکرٕے زٕ مال گوم اَتھہٕ تہٕ نہ غمے زٕ لاشو نِش

چھوٚلم اَتھہٕ. واوکی پاٹھی اوسُس یَلہٕ تہٕ پانٕز پنٛدکہ

پاٹھی آزاد. وَتہٕ ہاوُس پنٛدِس گرٕس لٔژم جستجو

تہٕ تِن وائِجد دراس بژوٚ نیٚتھ کنٕ کیٚوان کیٚوان زٕ :

بلایا وٕژدہ کلہ پیٚچھ حاجی بابس

مبارک شویہ کرنٕے حاجی بابس

## ۶۴

# حاجی بابُن بغداد واتُن تہٕ

## تسُنٛد عُثمان آغس سُتۍ مُلاقات

پیر صابنہٕ شُری باژ، نوکر تہٕ داسے نی گرٕدو

رٔٹِتھ تہٕ بہٕ چھُس پانس پنٕنِس مٔنزلس کُن دوان

سےٚ منٛتہٕ باد تہٕ کانٛسہ تہٕ پنٕنہٕ زٕنٛد آسنک حال زٕنتہٕ بہٕ

اوسے پٕنہٕ. مُلکن ژٕوَر چھُس بچہٕ وَتہٕ ڈٕلِتھ وَتھ

مانٛڈان تہٕ پکان.

قافلہٕ منٛز یِم ژٔلی ہیتۍ آسی تہٕنٛز چھہٕ کھاہ

اَکھ وُچھم اَدرٕ پور دَوان. تِمن بچارین اوس پرٛیتھ

کانٛسہ کم یا زیادٕ تاوَن پیوٚمُت تُرٕے اوس کانٛسہ

مالہ دادٕ تہٕ کانٛسہ پنٕنیو نفر ژھانٛڈنہٕ پوٚت پھیرِتھ

آمُت. اَتہٕ اوسُس بیٚٹھ غمہ رۄس تہٕ آزاد. فرنگ

جوراہ ژٔلِتھ پیٚیلہ پھرٕکھ ہیوٗ. تٔرووُم تہٕ پان وُچھم

کُن زٕہن تہٕ یَلہٕ، ہنٛداہ ہیٚژم پنٕنِس حالس سام

ہش. اَتہٕ آمنہٕ یٔیمہٕ وَرائے کیٚنہٕ تہٕ بوزنہٕ زٕ قسمت

اوسُم رٔٹ تہٕ تِمی کرٕ نم یاری.

پأنی پانس سیتھ چھُس سوچان۔" وُنی کین پٔیلہ
زِ جان چھم چھُنا صلاح زِ کانہہ نُداہ ژھانڈ پانس
کٔیث۔ قافلس تہٕ بیہ یہ سورُے مُصیبت بیانی
آسائیشہ موکھ ژالُن۔ اِذَا اَرَادَ اللّٰہُ شَیئاً ھَیَّاَ
أسبابہٗ۔ خُدا یس پٔیلہ کانہہ کأم چھُنے آسان
انجام انُن تیتھ چھُ ساماں تہٕ تنتھی پأدٕ کران۔ ٩٥
اشرفی پانس نِش أسِتھ تہٕ دُنیاہ یوٚت پٔیلہ اُسِتھ
دُنیاہ کیاہ ہیکہ بٕہ کٔرِتھ؟ نادان بیر گوٚنڈ گٔژھ
تو پھہ تہٕ مےٚ کیاہ؟ بیرضا اٚمہِ شرح بأژنی کرُدہ
رٔٹِتھ۔ مےٚ کتیٚک گوٚ؟ تھود پانا ٹوٚپی اجی میٚنگہ
پانس تہٕ ویٚچھو۔

معہ خصر دوتسُ پٔنتہ رِتہٕ یقبالہ کہ بَرکتہ بغداس
منز تہٕ غأر زانہٕ سِندی پأٹھی ژاس شہرس اندر۔ بغداس
منز چھُے واریاہ سر تہٕ روزنہٕ موکھ اما پوز مےٚ تروو
گرُی ہے بیٚہھ یوٚت خوش کریس توٚت ننی متم۔ تمی
نیس بأنی دَتہٕ ہاوکی واتنووُس اکس نجہ سراپہ ہنٔدِس
برس بیٚہھ یتہِ باسان اوس زِ ایران کی قافلہ وأٹی
زٔنانتر آستی پڑاو ژادان۔ برس بیٚہھ وأتی تھِے کرٕ گرُی
پٔنی یاردوس وُچھتہ ہنہ پونشہ۔ ہرگاہ یِتھ نصیبہ
آسُن وُنو، تیٚلہِ اوسُس بٕہ تہٕ نصیبہ دولے پانی سرایہ
ہنٔدِس آنگنس منز پٔننی شہرکی کینہہ نفر وُچھم۔ مے
گیہ راسے زِ یم یہ زِ نادن نہٕ مےٚ اما پوز تہٕ کتہ؟
اَتھ گوٚ سأری ہے ولِتہ۔

نیچھے بٕہ وُچھہس اَتہ یم زیارتس گژھن والین
تہٕ بٔیٹھ قافلس پیاران اُسم تم آے تیتھے ووتلیتھ
تہٕ یتہ ژھہ غأر کرُی کرُی تلہم گیوٚر۔ بٕہ تہٕ چھُس مار پنے
ژھوٚنڈ ژھوٚنی جواب دِوان۔ اٰخرژووُم گرانی زِ
پانی گژھہ پننس مالکس نِش تہٕ پانہٕ دراس بیٚیس
طرفس کُن یُتھ جھالہ نِشہ دوٗر روزِتھ پریشانی ہندِ
خاب وُچھنہٕ نشہ بچہ۔

یحتیاط معہ کہ کرِم گوٚو بیتھے کأم زِ پانس
بدلأم چھیِتھ۔ رومی ٹوٚپہ بدلہِ دِتم سوہ رخ جولنا ہیوٚ
کلس تہٕ چھوٚنہِ جایہ اُجم کھٔلہِ ڈٔلہ پُھریا ہش
نالی۔ شالہ بدلہ گنٔڈم زیٚٹھ تنکھا اکھ ٹیلس تیٚ گوس
اُری پأٹھی تریکیاہ اکھ بٔنتھ۔ ووہ ژلہِ ژنگہ سیلر کھوٚرن
لاگُن تہٕ گوٚ میتہٕ مُشد کینہہ تکیاز سوہ رخ کھعہ رباہٕ
لاگنہٕ ورأے ترکی چھُ خرس برابر گتنز رنہٕ پوان۔
امہ پتہٕ ژایم عثمان آغس تہٕ تسندس عیالس
سمکھنچ فکر یُتھ تہندِ دُسمہ کُنہ بال بچھ لگہ۔
بٕہ دراس سیتو دُے بستہٕ کنن والین ہندِس
بازرس کُن یُس عثمانن آغنہِ کاروبارُک گڈ اوس۔
اکہ وٚنہِ روز تکین دوہن یُس نیب نِشانہٕ تمی مےٚ پننہ
مکانُک دیتمت اوس سُہ آم برابر تیوٚت زِ یہ ژھنے
ہیکہ ہا تور وأتِتھ۔
خُدایِن کوٚر سہل زِ تکلیفہ ورأے دوتُس
اکس بدٔیس بستہٕ وانس نِش تہٕ چھُس وانہٕ وأرس

پرژھان: "ہتہ حسن! ییتہ اوس عثمان آغاہ آسان بغداد کس تہ سُے اوس بخاراچہ بستہ ملی ہینہ گومُت۔ تیشنز ما آسہ وتہ ہہ کینہہ خبراہ؟" اوری چھم دانہ چہ کونہ منز زانہ دُنی آواز ہش کنن گژھان: "تلہ سہ نبی چھ سپنہ پاسہ ونتم ژکُس چھکھ۔ تلہ سہ کھس ہیور بہ گوس عثمان آغہ۔"

بہ رووس ہیو ییلہ وُچھم زِ یہ بُڈ اوس پانہ سُے۔ اکھ اکس سمکھنس پیٹھ کور دوشوے تاجُباہ تہ بوزنووم پنُن سورُے حال۔ اَمہ تہ بوزنوو پنُن حال تہ چھُم دِوان:

"طہرانہ پیٹھ گیاہ سہ دراوس بہ استانبول کُن۔ ارض روُمہ پیٹھ ایروان تام اَس وَتھ بشد تہ تمہ کنہ دوپم زِ بغداد گژھنے چھُ جان۔ ادہ کیاہ آسہ بہ یور ییژ کال گژھتھ پننس وطنس منز۔ یور واتتھ وُچھم ییچہ بوڈ گومُت تہ تمہِ اوس میانہ مرنچ شیچھ بوزتھ تعزیہ رُٹمُت۔ میانی وراثت اَسن بارگاہ منز تہ ماجہ تہ بیٹہ یہ واتہ ہیس تہ اوسکھ دِتمُت۔ اما یوز رُت مسلمان آسنہ کنہ تھر یود نہ مے وُچھتھ تہ مالی شنز حق ادائی مشراوُن تہ کینہہ تہ۔ آشینہ چھم زندے کور چھم واتہ ہرتہ پانہ تہ چھُس مزہ منز۔"

اَمہ پتہ چھُم بدلے نظراہ کرتھ پرژھان: "ہتا حاجہ! یہ ونتم طہرانچ سہ متعہ واجینہ کوسا اَسِ؟ سہ کیاہ زِ پشراو ہیتھن تہ تے مے؟ بہ چھُسے تمہ ژینہ درِیے ہاوان یُس اَسہ اکہ وَنہِ کھیومُت چھُ نہِ تہِ تم پانز شہد دوہ مے تس سیتھ کُدنہ رتم بییم تُرکمانن ہندین جیلس منز وری واد کڈنہ کھتہ تہ کیہ پیٹھ ژمے یژ ہیہ ییننس یہ اُنس یارس سیتھ یہ سہ سونوک گژھن۔

قسم ہاوِتھ چھُس بہ اَمس جواب دِوان زِ مے اوس مطبل ژِ گو ژھکھ تس تمہ تا واہ تلُن پتھ ژمے پنُن وَرخ اَسان تہ گژھدان نیرہی۔ تس لعنتی زنانہ ہنند ادسم بوزمُت زِ بادشاہ سنزہ خاص شہ نگن واجنو منز چھُے آسیمز۔ تُرِے دوپ مے دراتھیمز اُسیتھ تہ چھُے تو تہ بادشاہ گریچ نشاناہ تہ تو تہ ہیکہ تس نش درِ ہاوِتھ ییمہ پننہ وُہر وونتن منز گژھ آسہ۔"

عثمان آغہ ووتھم: "ژِ کیاہ چھکھ وونتن منز مے پام دِوان۔ بہ چھُسے خدایس پیٹھ وَنان یوسہ شکل تہ شباہت تمن وونتن اَس تمہ کنہ اَسی تم اَمس نش ملکھ تہ تم اَسی مشکہ ژھیٹہ تہ راوان۔ ہاے مے یہ دونیھے آسہ ہیے رووچھمُت تو تہ روز ہیم دِلس سیتھ ہش۔ سہ آدمی خاد راتس تہ ٹہل گننس اَسیم کنہ پیٹھ منتھ تھووِتھ دِوان۔" کوتاہ بختہ بوڈ چھکھ زِ بہ آیہ سے باگنہ۔ بہ اُسس بادشاہس وال وال ریش کڈان۔" ہتہ اَسہم پریشہ وزچیایہ لایان تہ ریشہ موٹھا موٹھا کڈان۔" اَمہ پتہ چھ عثمان آغہ بتھس پشاہ دِتھ دِوان۔ "مے چھُے وُنہ چیاتن ہنز

آواز کنن گژھان۔"

ٲخرس چھُس بہٕ اُمِس قسم تہٕ قٲیہ ران کرٕتھ بہناوان

زِ" مےٚ اوسُے نہٕ چون دِل خوش تھاوُن ورٲے بیٚیہ کانٛہہ

معنہٕ مطلب۔" اَمہٕ پتہٕ چھُم سیٚٹھا جگر دوٚر لٲگتھ

وُنان۔" اَدٕ سہٕ وُنی یوٚت تان زِ بغداد س منٛز چھکھ

توٚت تانی چھُکھ میون پوٚژھ۔ وۄنہِ تہٕ پکھ اَتھ گرٕ

تہٕ بیہہ تٔتی۔" یہٕ تہٕ اوٚسُس خدایس یی مَنظوٗر۔

— اوت تام اَسی واریاہن مٛنز کتھا باتھا کران

تہٕ دۄن وژن یوت قٲیہ تہٕ اوسنہٕ حیٲتھ۔ اَتہٕ بیہہ

دَرٲے اَسی اَمی سندِس نیچوی سٕندِس وانس پیٹھ

یُس نِکھے اوس۔ نیچوس اوسُس سُلیمان ناو۔

اوس قدٕ زِ ہوٚٹ، موٚٹ، کوٚب تہٕ وۄسیٹھ یڈاہ کرتھ

ذٕرٕ ذٕرٕ اوس مٲلی سُند بیول۔ مٲلِس سٕندِ حیاتہِ زان کرناونہٕ

موکھہٕ تہٕ ٹوٗنز کرتھے زِ" یہ گوٚو حاجی بابہٕ" کوٚرنم یُزتھا

جان تہٕ اَمہٕ منٛزٕ جٕجیرٕ تہٕ اُوتھ پلہٕ ناوُن مےٚ کُن۔

یہ دُچھتھ چھُس سوچان زِ ییٚتھین شیٚدی ساد

تہٕ ریتِھ انسانن منٛز روزِتھ نیرِم آرام سانیٚ دۄہ

دۄہ بغدادس منٛز۔ اَما پوٚز کیٚنژھا یِمن تھیکنہٕ موکھہٕ

زِ یہٕ نا چھُسنہٕ دِل تُلنس پیٹھ تہٕ ہیٚ چھُسکھ دِیان۔

" مےٚ چھُو ہیتھ تومان نقد پانس نِش۔ تِمتہ رقمُس

وُنی توٚ کیاہ ہیکہ بہٕ کرٕتھ۔ بہٕ کیاہ سہٕ چھُس وُنی پیٚمہ

رفتارٕ زندگی نِش سخ تنگ آمُت۔ وُنی چھُس

یژھان اَتھہٕ کھُنہِ گوٚو تھُم کُنہِ لگُن۔ انسانن ہٕندی

پانٛژھ گژھم زٕ چیہ ہتھ منٛز کانٛہہ سبیلاہ بنیم۔ یُتھ پتہٕ

آرامہٕ سان وُمر کڈٕ ہا۔ میون یوٚت یہ رقم نہٕ اَسیتھ

تہٕ گےٚ یُتھ دُنیہِ ہُنس منٛز کانٛہہ تیاہ بنِتھ۔"

میانہٕ اتھہٕ کتھ کوٚر دۄشو یوٚتائید تہٕ عُثمان

آغس ایران گژھتھ تہٕ ایرانن سیٚتھ وۄنہِ بہنہ

کنہِ منٛزٕ منٛز کتھ کران ٹُکہ ہناہ تہٕ اوس وَنانیٚ۔

چھُم دِیان۔" یہ گوٚو پوٚزُے۔ پرانہٕ حجہٕ وۄنمُتے:

"قطرٕ قطرے چھےٚ سمان ٲخر سمندر چھُس بنان۔"

## ٦٥

# حاجی بابُن حوقہٕ مُلی مِنٛز تہٕ آغہ

سِنٛزِ کورِ ہندِس دِلس منٛز تشند بلی

محبتُک وُزناوُن

عُثمان آغن مکانہٕ اوس بچہ سرٕکہِ نِکھہٕ اَکِس

تنگ کوچس اَکِس منٛز۔ دروازس اَنٛدٕ دُنیے اوس

ژھوٚٹ انباراہ اَکھ تہٕ تتہٕ ژھوٚٹ خانس پیٹھ

اَسی اَکھتہ کُن بیٲر بچہ کینٛہہ مٲیاو مٲیاو کران، تہٕ

بیٲکھ کُن اَسی ہوٚ: بچہ کُنہ تام چی چی کران۔ اتھ نِک

براوس ییمن دۄن دہرٕ باجن منٛز باگ آنگُن اوس

لوٚکٹے تہٕ کُنٛھی اَسی مکیہ ہٕنی شکرٕی۔ نہٕ صفائیاہ تہٕ نہٕ کانٛہہ

پانٛکیاہ۔ مےٚ اوس کُل ٹھیرٕ ٹھنٛشو ژادر اَکھ تہٕ اوٚمکھ

توٚکمن ہبرٕ پیٹھ اوٚت تام وانس کانٛہہ تکلیف

ژادر تھوٚم بدٕس کُنٛھس منٛز کوٚمس اَکِس منٛزٕ تہٕ

بیٚتیس کٲبُخس منز وُچھم عُثمان آغُن وتھرُن۔

میأنی پھیرِ ہِنزِ قدم گٔر اَژٕنہٕ موکھٕ روٗزُن بتاہ وتاہ جان۔ محلہ خانہٕ منز ووت زِنٛنہٕ کٔنہ نٕوٕتاہ، پولاوا تہٕ تِتھٕ سیٚٹھاہ کھٔز رتہٕ گنٛڈ کیٚنٛہہ۔ یہٕ اوس تَس زنانہٕ کور تہٕ کُنی دایہ رٲنمُت یمِن نہٕ بٕ ژیرا سینہٕ کنہٕ نٕہ دٕنہٕ سمکھیومُت اوسُس تہٕ نہٕ اوسمکھ ایحترام رٔچھنہٕ موکھٕ وٕنہٕ خاڑ پاپھے کوٗرمُت۔

بُخارایُک دوستاہ اکھ تہٕ اوسُن سایہ اوٗنمُت نصیف رائِٹانی اُمس تجارٕ تِیچ کتھا باتھا چلان۔ غازٕ نزان اسینہٕ موکھٕ روٗدُس بٕ ژھوہ یہٕ کرُن بیٚتھ، اَماپوز بانَس اوسُم تجارتھ کرنکی ظٲہرن اوٕ موکھٕ اوسُس کُن دأرِتھ پہٕتھر کتھ بوزان۔

پہٕتھر ساریے اُوی چہ زأوی چہ کتھٕ چھُس کُن دأرِتھ بوزان۔ کانٛہہ ہے پہٕتھرٕن کتھن کُن دِیہ ہا دیہ ہا زُن اُس قیامت آہِٹ تِکیاز یمو اُس استانبولہ بیچھ شیٚشچھ بوزہِرٕ زٕبستن چھُ موٗل ووٗتھمُت۔

اَخر آیہٕ پیٚتھرِ منز مصلحت بوزنہٕ زٕ بٕ اُڈرا ونہٕ بوٗنسہٕ بستہٕ کارس منز۔ جان گژھ میانہٕ خاطرٕ یہی زٕ بہٕ ہیمہٕ حوقہٕ مُلی۔ اکھ نہٕ چھُ تِمن موٗل وُسان بیٚیہ نہٕ ژاوَن لکہ تموک خوٗن۔

یہٕ بوزِتھ چھُس بٕ پُرٕچھو سنڈ نیرنہٕ پٔتہٕ یمن کتھن بینہٕ جایہ سام ہیوان تہٕ سزیوس فقط اکھ تماکی جِجیٖر مُلی ہینہٕ کِس قھس۔ راتی راتس اوسُس یہی سوچان زٕ اُکس تہٕ مانس پیٚن ہیٚسے داریاہ حوقہٕ تہٕ پیٚچھ حوقہٕ منز آسہ کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ وٕتھٕ یوانہٕ یمِنے ظٲہرٕن منز گوس مَس تہٕ چھُس اَندرِ ہی تھٕدین گرُین کھسان۔ یم باغ بٕ اَندرِ کنہٕ بناوان اوسُس تِمن کُن نظر کٔرِتھ آیہ مے شیخ سعدی ہِنز کیٚشن زٕ دِس منز روزٕن وائس سوداگارٕ ہِنز کتھ مخولہ پٔٹھا بوزنہٕ۔ یہٕ اوسُس سوچان زٕ "ازمیرکٕ انجیر سوز وِلایتھ تہٕ تتہٕ پیٚچھ اَنہٕ انگریزی ٹوپہ مصرس منز کُننہٕ موکھٕ؛ مصرس منز یمہٕ روٗ پیٚہ بٕدَس یتھِم رٔتہٕ سوزٕ افریقا تہٕ تتہٕ ہیمکھ غلام مُلی تہٕ کیٚنہٕ اتھٕ دِزہٕ گٕ موٗلہ یمنس منز۔ یمنہٕ پیٚچھ گژھ مکہ شریف تہٕ تتہٕ پیٚچھ گژھ واپس یمن۔ یمنہٕ پیٚچھ نٕمہٕ قہوٕ چاسے ایران تہٕ ایرانس منز کرٕ تجارت۔ تجارتہٕ کہٕ نفعا کنہٕ ہرم مرتبہٕ تہٕ اَنہٕ کانٛہہ ہِٹُز جایاہ بٕدِس تہٕ یوٗت تام نہٕ وزیر اعظم تہٕ ایرانُک گوڈنیُک شخص بنہٕ توٗت تام روزنہٕ پٔتھٕ"۔

اَخر کوٗرُم یمنے خیالن پیٚچھ دٔرِ پرٕتہٕ نفرس اُکس سیٚتی یُس لرستان تہٕ بختیارکین وٕنن منز ریوان گژھان اوس، کوٗرُم مشخص زٕ سہٕ آسہ ہیلِبُ گُلین ہِنزِ لکر مٔے کٔرٕ اَنان۔ اَسہ کوٗر پانہٕ وٲنی فاصلہٕ زٕ سہٕ دِیہ مے پیٚتِس رقمس نٔو چہ لکر بغداد واتنٲوِتھ تہٕ اَتہٕ پیٚچھ گنڈٕ تاوٕ بٕ پانہٕ یہ مال استانبول نینہٕ موکھٕ پارٕس۔

۱؎ عشقہ پیچان قسمُک اکھ گُل

اُمِس سِتّھ یِہ کتھ باتھ کرِتھ چھُس بہٕ ووٚنی تلر
پراران۔ اُتھ منٛز دڑاو مےٚ نتیُک دانہٕ ہیوٚ یُس اتہٕ بغداد
منٛز سارنے وُچھم نیران۔ شہمتیتنہٕ کارٕ دڑام یہٕ پھیچھر
منٛز بُچھِس یِیمہٕ کنہ ریشہٕ لب اکھ گیٛیم کھوچھ کار۔

راتس دوٚہس چھُمنہٕ قراراہ کینٛہہ تہٕ۔ ڈگہٕ سِتّھ
چھُس کرٛہکہٕ کرٛیچھ کران تہٕ پننِس تقدیرِس سِتّھ
جنٛگان تہٕ وَنان۔ "ہتا ناوَن زد پھیچھر اجابہٕ قحط
اوسہٕ زِ ٹھکہٕ شکر اوسُے بُچھہے میچھ نیرُن تہٕ میانٛس
اکِس بیٚیِس بُچھتہٕ وُچھنَس ہڑ روزُن؟" امہٕ پتہٕ
چھُس ووٚنہ شاتہٕ اُوِتھ سوچان زِ "ووٚنی کیٛاہ کرہٕ؟
پوٚزُے چھُ پرانیو کاٹلیو ووٚنمُت"۔ یہٕ انسان یرٛتھان
چھُ ہرگاہ فی بامل ییہِ ہاتیٛلہٕ بنہٕ ہا سارِنے کتہٕ پھلین
اَلمھاس" تہٕ سیٚھے پاٹھو ہرگاہ پرٛیتھ کانٛسہ پانٛس
نام پھیچھر نیرُن آسہ ہا، تیٛلہٕ آسہ ہا نہٕ بغدادس منٛز اکھ
زوٚن تہٕ بدشکل"۔

یوٚت کرِتھ تہٕ اوسُس حمداہ پران۔ تکیازِ یوٚدوے
عثمان آغنس یہٕ پھیچھر بدطور پاٹھو دڑامُت اوسس تہٕ
بُچھس میچھ اوسُس نہٕ تو تہٕ اوس سہٕ یچھ بُچھ۔ دِل ریچھنہٕ
کنہٕ اوسُم ٹھچھ کران تہٕ دِیان۔ "یمہ بلایہٕ ژٕلے ازتام
وُچھنہٕ پیٛمژ چھے تمن نِش چھے یہٕ پھیچھر مہلام تہٕ
تہٕ ووٚہس برابر ہرگاہ اکہٕ طرفہٕ، ژٕلے بُچھ خراب
گوٚمے تو تہٕ چھے بیٛکہٕ طرفہ اوٚر۔ ژٕلے چھُتھنا وُچھمُت
زِ فیروزہٕ یوٚت موٚلُل چیزا سیٛتھ اکہٕ طرفہٕ، کوتاہ شوٚبدار

رنگ چھُس آسان مگر بیٚیِسہ طرفہٕ چھُ یوان مار یوت
موٚمولی بوزنہٕ تہٕ تو تہٕ چھُ موٚہللے آسان۔ ژٕ آسن
تکن اوٚرِ ہیوٚ طرف ہاوان تہٕ ہہ طرف آستہٕ ژوٚرِ ہوان"
مےٚ توٚر فکرِ زِ بانہٕ بدشکل آسنہٕ کنہ چھُنہ کانٛسہ
ہُند شکیل آسُن زِروان ریٚتھے پاٹھو یچھ پاٹھو بدکاٗ
چھنہٕ ریہن تکن ہُند بُچھ ہکان وُچھتھ یا یچھ
پاٹھو سرڑکہٕ بیچھکہ ہاوٚنی شکاریہٕ ہاوٚنس وُچھتھ ووٚتھان
ریچھ۔

خار، امی رِتہٕ خولہٕ خطِ گوس بہٕ عُثمان آغنہٕ
کورِ دِلارامہٕ ٹوٚٹھ۔ دِلارامہٕ مشیوت مےٚ اُچھ ناٹہٕ تہٕ
نخرٕ ہاوِ ہاوِ محبتھ ورتاوُن تہٕ چھُم موج ہیچھ
یوٚسہٕ زخمَن ملِداونَس منٛز ووٚہ ستاد اُس، یلاج کران
تا جیچھ کتھ چھے یہٕ زِ پھیچھر نیرنک تہٕ دِلارامہٕ سِتّھ
محبتھ گژھنکُ ووٚہ اوس اکےٚ۔ یہٕ پانژن ووٚہن
ہُند میثُل اوس ووٚہ یہٕ کھوتہٕ ووٚہ ہا تیز انے۔ یوٚت
پھیچھر بڈان اوس تیوٚت اوس عشق تہٕ گنان۔ یرٛزر
گوٚ یی زِ مےٚ گنہٕ یہٕ نہٕ قطعی تشنز ماے تکیازِ اغم
ینٛز یہٕ کوٚر اُس مالِس سِتّھ زَن ژوٚ ننِس زِ اڈ۔
گوٚ ڈرچھی کنہٕ یانی اُمِس بیچھ نظر پیٚیم تہٕ آیم
بڈہٕ ووٚ ٹنشاہ ہِش بوزنہٕ تہٕ یتہٕ ییٛلہٕ ییٛلہٕ وُچھان
اوسن مےٚ اوس ووٚنہ ٹھ بروٚنہ ٹھ کُن یوان تہٕ
فوق الدین یزدی سندی یم پاٹھہ اسیم ژٕہ تس

اي عزيزان ز لب و لنج شتر فيض بريد

خاصه وقتي كه بود مست اداي اشتر

گر زند فيل به پهناي شكم طعنه به خرس

ميكند ناز به خر از قد و بالا اشتر

بودش جاي زمين لگه خور بالا تر

جاي خر داشتي از حضرت عيسي اشتر

اي خوش آن دم كه شود مست نوا خواني من

گويم از ذوق كه جان وقف لبت يا اشتر

ڇپڇپرن ووت كمالس تہ تنهن سيتہ ووت دِلارام
هُند عشق تہ ياں ز اَكھ كھرشہ كوند كينهہ. مٹے
يِيمہ ساتہ سفرس نيرنگ وُرخ نہ ديك ووت ديان
چھنانہ والعشق داء و دواوہ السفر (عشق
چھے بيمارى تہ اَمِچ علاج سفر) بہٕ گوس خوش
تُلي چہ لدم بارس تہ وَتہ هُند سامانہ كورُم تيار تہ يِيمہ
ساتہ منحوس تار كھ بنچھ كُن تہ رُت ستارہ يانس
بَرَوُنهھ گِنزِ اسمانس پیٹھ نظر گوم، بہٕ دراس سفرس.

دِلارام بچارٕ گیہ ميانہ فراقہ سيتہ سخ بيقرار.
يانٕ تس ميانہ تحقيق ورم وسنس كُن نظر اٗس
ميوان سعہ اٗس ہترني دمہ ش ترادان. زن تہ ميون
پھپھُر تس بچار هُند كُن دأدى كوٹھ اوس يِس
سيتہ واتھ تھُوی بچھے سعہ مٹے لأريتھ گرتھ هنس
منز كامياب سپدہا. اما پوز افسوس زِ سہ واتھ چھُٹ
جل چلے.

نہ زخم من نيكفرجام ماند

نہ عشق دلارام ناكام ماند

## ٦٦

# حاجي بابن كاروبار كرنہ موكھ

## استانبول گژهن

ريتہ كالہ كيوٚ رِتھو دمہ هوٚ منز دراس اَكہ دوہہ
بغداد كہ استانبول درواز كِنز ميٚر.

لیفہ يلو تہ دوُم گُرہ سنديس بأرس پیٹھ وُرأوٕ
بڈٕ گعہ بر سان بيوٚ تھُس اَكھ پیٹھ كوٹھ ڈٕ نٹھتہ
قافلك رہنمہ حمداہ پوزي بوزي ادسُس بہ تہ بينن پان
موتبر سوداگارن منز مجبر هس اٗسان.

عثمان آغس ورأے اٗسہ مٹے سيتي كينهہ نستہ
كنن وألى تہ بتيہ كينهہ زَني آيہ انكو. مسأفي سعہ
طهرانگ بيپرصائب آستيج كنھ اٗس ووہ فہ بيہ انسے منز
يلو و ڈلو كِنز اوسُس بغدادى لبنہ يوان تہ تُبے كِنز
اوسُس بغدادى نكھ تہ دسان. ايہ اٗني علامتھ
اٗسمنہ كاتھہ يانس منز.

هرگاہ بہٕ وَتہ هُند بيہمہ ويرهناونہ زِ ژورن
كھوژن، قافلہ والين هُند يانہ وأني ژوني تہ مسأفر
هُند كريكہ ناد بيتر تمہ سيتہ ومہ نچہ كلہ دودُے. لہاذا
كرتھ وَنہ بہٕ تفصيلہ سان حرف پیٹھ يوت زِ
استانبول ووچھيتھ كيتہ اثر گو مٹے دِلس.

بہٕ چھُس آیاُنٛ تہٕ ییمہٕ چھُس اِصفہانَس منٛز چھےٚ یتھ پٔرتھ زٕ سہ

اصفہان نے آسہ ہے یتھ دُنیہس
شوٗب وَنتم آسہٕ کیا یتھ دُنیہس

ہرگاہ مےٚ برونٛہہ کٔنہ کانٛہہ وَنہٕ ہا زِ روٗمُک دارُالخلافہ چھُ ایران کہٕ دارالخلافہٕ کھوتہٕ جان تس اوسُس ونٛد چھانان یُتھےٚ استانبول ہیوٚ بوٚڈ تہٕ بارٕشہر وُچھم جایِہ نٕے یوت گوسہٕ کینٛژھا گوم دِلَس اِتھےٚ تہٕ تہٕ کینٛژھا وٚپرٕشیوم تہٕ مَنَس . تکیا زِ مےٚ وُچھ سہ

سواد او بمثل چون پرند مینا رنگ
ہوای او بصفت چون نسیم جان پرور
بخاصیت ہمہ سنگش عقیق واولو خیز
بمنقبت ہمہ خاکش عبیر غالیہ بز
صبا سرشتہ بخاکش طراوت طوبی
ہوا نہفتہ در آبش حلاوت کوثر

مےٚ اُس خبر زِ اصفہانچ مسجدِ شاہ چھےٚ ماریہے دُنیہس منٛز ، تہٕ کھوتہٕ زِ مُشید ، اَتہٕ وٕ چھم تہٕ چھےٚ ہتہٕ بٔڈ مُشید تہٕ یمےٚ وٕ چھم اَکھ اَکِس کھوتہٕ رٕژٕ تہٕ زبر ۔ اِصفہانَس منٛز اوس فقط اَکھ اُنہٕ[1] خانہٕ استانبول وُچھم سمندرٕ آسنہٕ کِنہِ سورٕے اُنہٕ خانےٚ ۔ اگر اصفہانس منٛز صرف اَکھ ہشت بہشت[2] چھُ استانبول وُچھم جایہ جایہ جنتھےٚ جنتھ ۔ مےٚ اُس راے زِ اصفہان چھُ سارِوٕے شہرَو کھوتہٕ بوٚڈ مگر مےٚ وُچھ استانبولک

پرٛیتھ کانٛہہ محلہٕ اصفہانَس موٗجب تہٕ پرٛیتھ محلس منٛز گوم اَکھ اَکھ بال نظرِ تہٕ پرٛیتھ بالَس پیٹھ وٕچھم بجہ بجہ لرٕ نیبٕ نیبٕ کرٕ وِنہٕ یمن کُن وُچھتھ اُچھن ٹھکراُسہ لگان سہ

عمارت ہاش ہر یک دلربائی
خراج کشور و خرج سرائی
گرفتہ جای در آغوش کہسار
عماراتش ہمہ ہمدوش کہسار
بدریا روی دارد پشت بر کوہ
زہر کوہیش ویران کوہ اندوہ
گل اندامی چنین نبود بعالم
کہ باشد پشت و رویش بہتر از ہم
بناہائی کہ باشد رو بدریا
قوی گردیدہ ز آنہا پشت دنیا

سوچان چھُس : ہرگاہ اصفہان اوٚڈ دُنیا چھُ استانبول چھُ پوٗرٕ دُنیا ۔ اصفہانکو پاٹھو چھُنہٕ چھَنہ وٕہے خوشِک تہٕ کثیف تہٕ کینٛہہ لَدٕ بالَن منٛز وٕلنہٕ آمٕتٕ کپرٕٛن وٕیتھ بھٹِین پیٹھ چھکھ بنوومٕت یہٕ شہر یانٛی اُیِچ زٕ ژھاے تہٕ اَمِچ خوٗبصورتی ہُنٛد عکس وٕیتھ پیٹھ ہیوان چھُ تمہٕ وِزِ چھُ دہٕ گُنہٕ شکیل

---

[1] صفوی بادشاہن ہُنٛد بنوومٕت اَکھ روبہٕ خانہٕ ۔
[2] اَکِس شوٗبہٕ دار باغَس ناو ۔

یاسان۔ اَکھ چھُ پانٕ لوٗبہٕ وُن شہراہ پیٚٹھ
چھُکھ شٔرِتھ تہٕ ہیٚرِتھ تھوٚومُت۔ پرٛیتھ قسمچ تہٕ
پرٛیتھ رنٛگٕچ ناوٕ چھےٚ ہیٚرِ لبہٕ ن تہٕ۔ لبہٕ ہٕ ہیٚشوٗر
کران۔ دُچھنٕ کھوٗورٕی تہٕ ژٕوپٲرٕی اور یور تران تہٕ
ییران۔ اُبی جہازن چھہ زیادٕ تر مازندران کین وُنٕ
ہندی گٔملی لنگر ترٛاوِتھ مۄکلایتھ آمٕتۍ تہٕ بڈٕہن
اُبی جہازن ہندی کھٔم چھہ نَبس سیٚتی گاڈ کھیوان
بُزِتھ ۔

ز زورقہا کہ ہر جانب روانہ است
بدریا بیشتر از شہر خانہ است
دریں اندیشہ حیران است دراک
بنا بر آب و سر رفتہ با فلاک

دیان چھُس: "پروردگارا! ییٚمہ جنتُک
ژٕ میٚ اَسہ وعدٕ کوٚرمُت چھُکھ سُہ چھُ یوٗہے۔ ہرگاہ
حضرت آدم ییٚتھ جنتس ژامُت آسہ ہے، زانہہ تہٕ
نیرہا نہٕ ییٚمہ منٛز۔" اَما پوٚز یمیٚ ژیٚتس ییوم زیٚتھ
ہیوٗ شوٗبہٕ دار مُلک چھُ تمن انسانن ہندِس اَتھس
منٛز یِہند ریش آتیک ژھعوٗ ڈوٗنس تہٕ لگہٕ میٚ
دوٚپ "کوتاہ یَژ یمن فخر کرُن زٕ توتہٕ روزٕ میٚ ہیوٗ
نفر یمن منٛز۔ یمن نِش چھُس بٔ مرداہ تہٕ اَسی
ایرٲنی چھہ یمن نِش انسان۔ گنٛدٕ مُشک چھُ رۄہنہٕ
پھکس نِش مُشکدار۔ روزٕ ہیچ جاے چھےٚ رژٕ اَما پوٚز
روزن والی چھس نہٕ رَتی۔ اَخر کوٚرم یہ وٲنِتھ پانس

تسلیاہ زٕ "یہ قوم اَتھ دُنیاہس منٛز روزنہٕ کیتھ
پاٹھو وۄہ یِتھ پگاہ تتھ دُنیاہس منٛز تہٕ پتھ مُلکہ
روزن والی اَسیتہٕ کیاہ سَنا جواب دِنی پگاہ پیش
پروردگار؟"

مۄہ حصرَ یہ میٚ اَتہٕ وُچھ تہٕ پننہٕ عقلہٕ فکر
توٗر ہرگاہ بٔ تہٕ وَننہٕ ییمہ تہٕ یہ کینژھاہ اَندیکو
وُچھم تہٕ بٔ وہرٕ ھناوٕ خوداہ زانہٕ ۔

کتہِن کڈِتھکھ یہ ووٗنٹھ لانکمے روس
کشٹم کہ جہنمہ منٛز معہ کلیتھ کھوٗتس

گاٹھ پیٹھ استانبول شہرس تانی ناوِ تہٕ رووٚس
اَتہٕ" وائلڈینز سَریہ" منٛز یِوسہٕ زن ایرانین مالی
سُند مال اوس۔ ییٚلہٕ میٚ وانن تہٕ کوچن منٛز ماس
تہٕ جیرن پیٹھ نظر پییہ، اَتہٕ کین اشرافن یان زٕ
افندین تہٕ پاشہن ہُند دبدبہ تہٕ شان، تہندی مۄہنوی
گرٕی، تہنز بگہٕ تہٕ تہندے تہٕ زٔنے وُچھ، میٚ ووٚنتھ
ایرٲنی آسنک چھوکھ تہٕ پانس سیتی چھُس لوٚہ تہٕ
لوہ تہٕ دیان" کتہٕ پِم تہٕ کتہٕ اَمی! ہرگاہ یہ جاے بِہشتھ
چھےٚ تیلہٕ کتہٕ چھُ ایران مُجرمن ہُنز؟ یہ چھےٚ جنتچ جاے
تہٕ ایران چھُ جہنم۔ یہ چھُ پاکی ہُند گرٕ۔ سُہ چھُ
وَدٕ نُک گرٕ۔ ییٚتہٕ چھُ جایہ جایہ یَژھ تہٕ گنٛج، تَتہٕ چھُ
ژٕوپٲرٕی ذٕلتھ تہٕ مصیبتھ۔ ییٚتہٕ چھےٚ سانٛظنت
تہٕ صفائی۔ تَتہٕ چھےٚ مسکینی تہٕ مُکریر۔ ییٚتہٕ چھےٚ
وُچھنس لایق جایہ تَتہٕ چھہ شوٗدٕ ٹگی یہ۔ ییٚتہٕ چھہ

گنڈ باشہ تتہ چھُ ناتھ۔ یتیہ چھ عائش تہٕ عثمتھ تتہ چھےٚ باکہ تہٕ فاقہٕ بتیہ چھُ ژھہ بارٕ کیوٗن تتہ وُدن۔ تُرکن ہنٛز عائش وارہٕ چھ تہ ایرانہن ہنٛز وُدِچ زندگی نظرِ تل اُنتھ کوٗم پننہٕ ملکچ بد قسمتی بیچھ اکھ فِکرِ دُنا۔

خاٗر، عثمان آغنس سیتی رُٹھم سٕرتہ منٛز کُتھ اکھ کرایہٕ بیچھ تہٕ حال بیترِ ترٛووِ اُتی۔ دوٗن دوہن تاوم جمہ قہٕ پچھ اکس بیچھ وہراوتھ تہٕ رٕتی نوٗموٗنہ آسنہٕ کنہ ووتھم سیٹھاہ تہٕ نفاہ تہٕ زیوٗنم جان۔ یوٗدوے وٕنتھ اُیسم کافی پیان کلہٕ دوداہ تہٕ اوسم تیتھے وُچھان۔ پراٹہ زچہ بدلاوہم۔ رُمالاہ ھٔوم چندس۔ کھورن لوگم جمہ راہہ تہٕ کوٗرم اَرکہ پاٹھی سرٛاناہ تہٕ۔ پننہٕ جِسمس لاگم کھرٛ بہیچ توٗنتھو۔ کاشرِ شاٗلہ سوم تماٗلی گوتھرٕ۔ زردِ رنگہٕ لوگم کھورن بوٗٹھ۔ یہ نظرِ اوسم گژھان تہٕ اوسم مُلی ہیٛتس دِل کران۔ مُلی ہینک تہٕ کینہٕ بُک مزاہ اوسُس وُچھان تہٕ سوچان اوسُس زِ دُنی یہس منٛز چھےٚ یِیٛزی پاٹھی ترتھہ زِندگیاہ تہٕ موجوٗد یمہ سیٛتہٕ لگہار چھےٚ۔ اتہٕ آسہٕ وچھنس تہٕ پھیرنس تھورنس لایق بیشمار جایہ اماپوٚز ہادتہٕ موکھ اوسُس نہٕ زیاستر قہوہٕ خانس اکس منٛز گژھان۔ اُمنس منٛز جِیراہ رٔٹتھ تہٕ قہوہٕ پیالہٕ اَتھس کینہہ ہیتھ اوسُس شُرینیاہ تہٕ لیکھ منٛز گیوٗتہٕ ہنا کران تہٕ قہوہٕ چوان تہٕ بیٚٹھے کنہ اوسُس پننہٕ گژھن والین ہُنٛد تماشہ تہٕ وُچھان۔

دِیان یُس سرٛہن ٹوٗپہ دِژمژ آسہ تس چھےٚ زٕ تہٕ ٹھران۔ تمہٕ کنہ یوٗت پلہٕ ہیم تیوٗت اوسُس ایرانہن نِش لوٗب روزان تہٕ تُرکن منٛز وُوہتھان بیہان۔ اما پوٚز پننہٕ فِطرتہٕ تہٕ خصلژ کنہ نوٗرتُچھ چھ کرن والین رگاڑہ آیرانہن جُل فِکرِ زِ بٕکُس تہٕ کیاہ چھُس۔ اَمہ کنہ اوسُس تمن سیٛتی نرمی ورتاوان مگر نہٕ اوس میٛتے تمن سیٛتی ہیوٗن ڈیُن نہٕ تمنے میٛتے سیٛتی کانہہ لین دین۔ تمتہٕ اُسی پانس تہٕ بہٕ تہٕ اوسُس پانس۔ کینژن جاین اوس میٛتے نیٛبرِ مہ خیٛژ کینہ پٕنٛن پان بغداد ک اکھ موتبر سوداگار جتلاوُمُت تہٕ نیٛبرِ مہ خیٛژ ورائے چھُنتہٕ بتیہ کانہہ چیز تُرکن دوکھ دِنس لایق۔ کم کلامہ کرُنس۔ گوبہرٕ رٹنس تہٕ وارہٕ وارہٕ قدم تُلنس کوٗر میٛتے تمن تیتھ نقل زِ بٔڈٕ جل تہٕ سہل پاٹھی بنیوس بہٕ تہٕ بشالِہٕ اندرٕ کُن تُرک۔ سلام کرنہٕ بدلہٕ اوسُس وَنان۔ "صباح لر اخشام لر۔ وقت شریف لر تہٕ خیر اولسون۔"

بسم اللہ بدلہٕ اوسُس وَنان" بیورک۔" کلہٕ نوٗمراوِتھ تاٗظیم کرنہٕ بدلہٕ اوسُس اَتھہٕ سیٛتی سلام کران۔ ریش نہٕ کاسنہٕ بدلہٕ اوسُس مَس کاسان تہٕ مَس نہٕ کاسنہٕ بدلہٕ اوسُس ریش کاسان۔ بُتھ ہیوٗتم پھیرِ پھیرِ چھلُن تہٕ نماز اوسُس طہارتہٕ وَرائے تہٕ گُلی گنڈِتھ پران۔

موختصر کوٗرُم یہندِس پرٛیتھ طور طریقس جان پاٹھی نقل۔ منٛزی منٛز بہ اوسُس پننِس

کلامس منز قاری سان " ماشاء اللہ، انشاء اللہ
تہ واللہ باللہ " تہ ژانان. تسبیح اوسُس نہ ژانہہ تہ
اَتھ منز ترآوان. اَمہ کنی گوس قہوٕ والس منز کنہ
ٹوٹھ. قہوٕ بناوُن وول اوس پانہٕ پننہ اَتھہ مے
کیُت قہوٕ بناوان تہ مے اوس " میانہ پادشاہا
میانہ آغا " کرِتھ پیالس منز بھران. پتھے کنی
اوسُس نیبر مہر حیثیژ کنی پتھ موتبر موہنیو بنیومت
ژہرگاہ قہوٕ والس منز گژھن، سلاح سامانس، ہونس
تہ تمام کس ہیتھ کیتھ ووہ تھان اُس (تہ امہ وِزِ مے
اُسنہ ژتہ ہیتہ کانہہ کتھ ووہ تھان تہ) مے اُسی
فاصلی بناوان تہ یہ اوسُس "نہ" یا "او" وننہ کہ
اکہ لفظ سیتی پنُن فاصلہ دِوان.

## ٦٠

## حاجی بابُن پہ پابہٕ اکس سیتی نیتھر کرُن

گوبہ ژٕ تُس تہٕ کھوژن تہ پتہ تس جل ٹھنہ دِژن
وقتاہ اکہ کوٹھم پتھے پاٹھو پوت تام قہوٕ
وانہٕ منز نیبرتھ گر گژھنچ وتہ پیٹھ پوتُس پتھ
ترین شُبُن وچھم بڈا اکھ مے سیتی زان کرِنہٕ موکھ
مے زاگہ تہ دار کنی اتھ سیتی اشار ہاوان.
گوڈنکہ شبہ دِیت مے دول. دوے مہ شبہ
کوژم تاجبا تہ رودُس ہیو تہ تریمہ شبہ کورمے
تہ پننہ جایہ سر کھر. ژوریمہ شبہ کورم فاصلہ ژ

ہرگاہ از نظر گژھم از پُرژھس وُچھ کیاژ چھیم ژانُن
یہ سوچان ژ کارس میانس ہنہ وسحہ تہ ژنخ تہ
چھُم یاری کران، سادِ پے دوہ ہو کھوتہ رُت پوشاکھ
ناٗلی لاگتھ پیلہ یہ قہوٕ وانہٕ منز دراس واروار چھس بجہ کن
پکان. کوچہ کس موڈس پیٹھ واتتھ ٹھُکھتھ بہ قہوٕ والین
نظر دِژلس، اتہ کھوت وروسی پوٹھاہ اکھ تھتھ امہ کین
بُتھ تشکیل زنانہ اکہ لوے پوش اکہ کوڈھ پننس سیتی
پھشاہ دِتھ تہ پتہ تتھ ہیو ٹھاکہ دِتھ مے کُن تہ امہ پتہ
دولُن جل جل یہ وروسی پوٹھ بون، مے رود اُسُس
وہراوتھ، اچھ چھم ہنجر پتھس کُن ژ یہ کیا تسانہ تانی آیہ
بڈ تہ امہ تل یہ پوشس تہ تھوونم ....
اتھس منز. یہ ووتھس بُجہ." ژےمے چھے خوداہ پنہ
ژرہے. یہ کیاہ قصہ؟ یہ ما چھ پری ین ہند یا جِنہ کو ژ
یہ کہہ سہ تسنا جاے چھے؟ پوشہ بتھ یہ زنانہ کھوتہ
اُس؟ تہ پوش مے کُن داریتھ دِیُن کیاہ گو؟
بڈ. ژ احمق چھکھہ، ژ بیعقل چھکھہ کینہ کیاہ
چھکھہ؟ بیمہ ہیمہ تہ ریشہ چھکھ پیتہ پاٹھو
دراو مہینو لبنہ پوان مگر ژنتہ دُنیہا منز کینہ
چھے لارِومت. ژےمے چھے ناخبرے ہرگاہ کانہہ
زنانہ کانسہ مردس بادم پوش لایہ تہ کیاہ گو؟
یہ. خبر چھم. تہ گو ژ سہ چھے تس مردس ونان
اکھ بادم گوژ چھم پرژ، ہیم تہ بادم گژھ
ہیم برابر. اما پوز یمہ ریشہ کہ بر کتہ چھس
پتہ ژانان ژ کیتہ سانہ چھ یم اشار ہیوو ژ

تہٕ زالان۔ بادم گوٗجی کھسنہٕ ترٛونہٕ چھُہ تہنٛد دِل
ژُلان گوٚمُت۔

بڑ۔ ژٕ منسہ کھور ماٹھیا۔ نہ چھِے اسہ مشوٗر زالُن
واجِنِیےٚ تہٕ نہ دِل ژُلُن واجِنِیےٚ۔ ہرگاہ اسہ
ڈکہ دِکھہ، زاٗنی زِ یانے چھکہ پننِس نخشس کھوتہٕ
لایان۔ نتہٕ چھُکھنہٕ ژھاے وچھتہٕ کھیکہ کھرِتھ
اصلی چھکہ ژھایہِ نے کھوژان۔

بٹہٕ۔ خاٗر۔ وۄنی یِیِلہٕ یِی چھُہ تہٕ یِمی صحی۔ یہ وُنتم
یہ زنانہٕ یِمہٕ وۄنی وُچھم یہ کوس چھےٚ تہٕ مےٚ
کیاہ پزہٕ وۄنی کرُن؟

بڑ۔ وُتاوٕلی مہ کر۔ وۄنی کینہ بڈہٕ تکیا زِ وۄنی کینہ
نہ چھُہ موقہٕ نہ وۄرخ۔ یِگاہ بٹینِس باگی یِزہٕ مےٚ
ژھانڈتہٕ ایوٗب مل گُزارِس بیچھ۔ بہ آسے
تُتۍ گوۄڈنیچ قبر نکھہ گردنہٕ وۄنہٕ زُل شال
وٕلِتھ پیاران۔ وۄنی کینہ نیرتہٕ

یہ وۄنِتھ دراو سۄ تہٕ بہٕ تہٕ دراس پننِس ڈیرس
بیچھ۔ بہٕ سنیوس اتھ قصس نِش یا ٹھو۔ دوٚیمہ
پایہ چاٗلی ہنٛدِس کارگام یِلہِ اما پوز کھوژان اوسُس
زِ یہ پایہ چاٗلی ما آسہ تس رسنہٕ بشر سختی تہٕ حسدُک
نتیجہ۔ مےٚ یوٗ زنیبہ ہنٛد گدرُن، مریمُن تہٕ یوسفہٕ
سُنٛد قصہ تہٕ دِلارامہٕ ہنٛد محبتہٕ تہٕ مےٚ بُتھس پیچھُر
نیرنُک قصہ ژھتس۔ گوۄڈٕ زن سوتیوم ہیوٗ عشقہٕ نا
مگر خوان جاہلی کتہٕ روزہٕ ہتاب، دوٚیمہ وۄنہِ لیسہ بوزہٕ

یہ بنھس تہٕ تہٕ سہ دل بدریا زنم ورنخت بصحرا فگنم
(مےٚ کٔڈ پلنو تے لاے وۄنہٕ بٹھ ذری باو وہے)
دراس دوٚیمہ دوہہٕ ہ وعدہٕ مطوب ماٹہٕ شایہ بیچھ
اتہٕ وُچھم بڈہٕ دوہہٕ زُل شالہٕ وٕلِتھ قبرِ نکھہ پراران۔
وُنہٕ ڈٕلِتھ استانہ بولکس رہتیس فضِنھس منز لِج تُرہٕ
کلیمن تل عشقچ مجلساتہٕ بیچھو اسو ماے تہٕ محبتچ
کتھہٕ کرنہٕ۔

بِچ ہیتو مےٚ گوۄڈٕ وعدہٕ پوٗر کرنس تہٕ میانِس
استقامتس تاریف کرٕنی۔ امہ پتہٕ چھُم تمہ عشقہٕ
وُنہٕ ہندِس بیکھتک تہٕ خوفہٕ روٗس آسنس پیچھ قسم
تہٕ قُران ہاوان یِمہ سہ مےٚ در پیش اُس۔ تو پتہٕ بیچھ
ہجر آسنہٕ کِہ سببہ اُس واینہٕ تہٕ چھےٚ ہو رچ یور چ
کتھہٕ کران تہٕ دوٚیمم" مےٚ چھُہ مطلب فقط ژےٚ
خدمتھ کرُنس۔ مےٚ چھکہ پننِس نیچوِ سُند کھوتہٕ
ژوٚمٹ" امی سٕنزن یمن کتھن منز آسنہٕ پننیٚ سِند خالی
گژھنہٕ ورایہ، پتہٕ گالنہٕ ورایہ تہٕ تمُوک
دزنہٕ ورایہ بلبہٕ کیتھہٕ بوزنہٕ۔ مےٚ دوپُس
"اوت تام گوجانے۔ وۄنی کرتہٕ مطلبچ کتھا۔ تس
خوتو نہٕ ہنٛد وُنتم کینشہ ژھا۔"

یمہٕ وۄچھ وٕلہو کتھہٕ تہٕ یُس طوطی لُبکھا تمہ
بوزنو وُس تہٕ کسَ تگہ وَنُن۔ بہٕ وُنو ژھوٚڑا وِتھ دوٚپ،
"یوسہ زنانہٕ ژےٚ وُچھتھن بہٕ چھےٚ تس
داے۔ سوہ چھےٚ حلب کس اکس دیارہٕ وائیس
خوجے سوداگارہٕ سنز کوٗر۔ تس چھِ امِس کور وراے

زِ نیچوی تہٕ ۔ پانس کٲنٛس پیٚٹھ زٕ ترٛیٚن ریٚتہٕ کھوٚدی میتس
ادٕ پیٖرٕ تس میٚون پیٚٹھ تیوٚت ہرتھ تیٚنٕ ترٛیٚن آے۔
تس پَتہٕ بیٚہِتھ پیٚٹھ وارِث دار نیچوی تسٕنٛد ی کار بار
کرنہٕ تہٕ اَز چھ رٕتم یتہ شہرس مَنٛز بُڈھ بابا زی۔
میانہٕ اَمِس آغہٕ بابہٕ پیٚس شکرلب ناو چھُ کوٗر کھ
جوانی منٛز ے یوٚہے شراہ سداہ ؤری شہ اَکس پیٖرس
سیٚتۍ نیچِتھر۔ اَمِس پیٖرس اوس عاقل اَکہٕ نیچتھر
ورٲے اوسنہٕ بیاکھ نیچِتھر کران۔ شہ اوس زانان تہ
زٕ زنانہٕ گرِس منٛز آسنہٕ کُو گرِس زُزر زانُن تہٕ گرِدٲمِس
کیٚت وہند مزر۔ شہ اوس ڈَند ڈگہ ورٲے تہٕ تفریقہٕ
روٗس سعہ کھ تہٕ آرامہٕ سان دوہ کڈان یِژھان توٚے
کوٗرن لعہ کچھ زنانہٕ سیٚتۍ نیچتھر یُتھ پننہٕ حسابہٕ پننِس
اَتھس تَل تھوٚوتھ تس رچھ کرِ۔ پیٚزی پاٹھی اوس
بخت بوٚڈ تہٕ نصیبہٕ وول زِ میانی آغہٕ باے آیس باگنہٕ
تیکیاز زنانہٕ اَسِس اوج نہٕ زاوج، اَسہٕ وٲنی تہٕ پرٕ
خصلتہٕ ہنٛز۔ تس ہش ژٕ تہٕ شریف زنانہٕ آسہٕ نہٕ در
دُنیا۔ اَما پوز اَکس چیزس منٛز ایوو نہٕ ہمتھ دوہن
باژن ستار تہٕ تُوے اَکھسہٕ ہشر یا نِہ وانی تہٕ تمی جتہٕ موٗد
تہٕ پیٖر صاب۔ شکرلب اَس بوٚرُک میٚثن دوہ دِس سیٚتۍ
زنُن یژھان تہٕ پیٖر صاب اوس ژامنہٕ سیٚتۍ یژھان۔
پانژن ؤری ین رَوز بتہٕ کھسنہٕ وِز پٕریتھ سات رتھن
اَتھو بیٚہِتھ ہر۔ ادٕ پیٚٹھ زٕ ترٛیٚن ریٚتہٕ برونٛہہ کھیون
زنانہٕ ہِند زِ دہ، بوٚرُک ژامنہٕ سیٚتۍ تہٕ موٗد۔ خوداہ ؤلی نس۔

پننہٕ رحمتہٕ سیٚتۍ۔ پیٖر صابنہٕ جاداد کُک ژوٗرِیُم حصہ
توٗر میانہٕ آغہٕ بابہٕ سارِ منٛزیا زر مکانہٕ، دارِ، گرٕ بیٚتھ
تہٕ بیٚیہ ییٚہ گرِس آسُن گژھہ تہٕ توٗرِس سورُے۔ یہ زُن
شرحہٕ موجوب شکرلبہٕ تُرن گوٗژھہ نہٕ نیوُن۔ دوہ ذٕ نیٚمہ
جُدٲنی تہٕ یٚمہ شکلہٕ تہٕ یُتھ آسُن اَسنہٕ کینہٕ تہٕ حاروز بیاکھ
کرنہٕ ورٲے۔ یتہ وٲنسہٕ منٛز چھے میانی آغہٕ باے
بیٚیِن زنانن ہِند کھۄتہٕ سیٹھا گاٹُج تہٕ ہُشیار۔ نوٗ ووٗن
ژھانڈنس منٛز چھے بڈ چیسہ ییکان تہٕ دبان چھے ژوٗن
کرن نہٕ نقاہ ژھانڈنہٕ یا ھیکنہٕ موکھ۔ اَدے چھے
ژوٗن ژھانڈان۔

یٚمہ شہرکس جان قہوہ وانس برونٛہہ کنہٕ سون
مکانہٕ آسنہٕ کِنہ ژوٗدی اَسہ اور ینہٕ گژھن والین خریدار
نظر یِہ گو ہُمہ یٚمہ تہٕ روریاہ تہٕ ٹھٹھہٕ ورٲے ؤنُن
زِ تیمو منٛز آدنہٕ اَسہ ژیٚے ورٲے کانہہ اَکھاہ شوبہ دار
تہٕ بہلہٕ پایُک بوزنہٕ۔ تمہٕ قہوہ وانکُ مالکھ چھے میٚٹے
بوسے تہٕ میٚٹے نِش چھُ شہ ییوان گژھان۔ اَسہ پرٕژھ
تس چون تہٕ تسٕنٛد جوابہٕ سیٚتۍ گیہٕ آغہٕ باے سیٹھا خوش
تہٕ اَسہ گنیٚہ یہ جاگٲنی راے۔ ادٕ کیاہ یٚہے چھے دلیل
دوہنی ونتہٕ یانے تہٕ یانے سنتہٕ اَتھ چھمیہ ژٕ خدمتھا
کرٕمژ کینہٕ نہٕ!

یٚمہٕ آیہٕ ہیچہ گوڈٕ یہ کتھ تجبیہ تمہٕ تلہ اوسُمنہٕ کانہٕ
زِ چھیکرس واتہٕ کتھ اوٚت بیٚہتھ۔ یہ بوزتھ گوس تیوٚت
خوش زِ نہٕ کانہہ یاسہٕ کوٚتہٕ بیٚہِتھ آزاد گژھہ۔ دوٚیم

ٹھوٹھ وَرائے تہٕ کیٚنہہ ژوٗرِ مۄرِ ٹھوٗنہٕ وَرائے
پلوٗشلوٗ بدلاونہٕ روٗس، سرٛکَن تہٕ کوٗچَن منٛز
پھیرُنہٕ ٹھورٕ، لانٛگہ مینہٕ روٗس ڈٕفرٕن منٛز اژنہٕ وَرائے
شرٛاکھ کڈنہٕ تہٕ چھوکھ لگنہ روٗس بنیس آسائیشہٕ منٛز
تہٕ آسن واجینۍ زٕنٛدگیاہ۔ بخٕتس پننس چھُس مَرحبا
کران زٕ آیس منٛز پیٚیہِ کرٕنٛڈ۔

زٕ چھُم سیٹھا تے یقبال بٔرۄنٛہہ برٛونٛہہ
تیوٚت گوٚس خوش زٕ بجہ وۄنٛم خبر کیاہ اوسُک
یورُ تہٕ لوٚرُک اور۔ تسٕ کوٗرُم وعدٕ زِ جانہٕ آغٕ بابہٕ
روزٕ قبرِ منٛدیس بٔٹھس تانی سیٹھ سیٹھا تہٕ ژٕ تہٕ کرٕتھ
یہِتھ شوبہ تہٕ تیٚتھ راحت"۔

بٔڈ وُزھم "اۍ بیا لگھ کتھ چھے۔ آغٕ بابہٕ چھُے
مےٚ باند باند کوٚرمُت زِ کام اندنہٕ برٛونٛہہ گژھہ بہٕ
چانِس پرٛیتھ جیرِس اُترٕ منٛزۍ یاں زٕ چون حسب نسب جانٕنہ
حُتیٚتھ، آسُن بیترِ کیٚتھ تہٕ کیاہ چھُ تہٕ سوٗسے دوٚپہم شیرٕ کرُن۔
ہکیا زٕ تسٕنٛدی بٔے باندو چھہ ساری آسُن وأرِ تہٕ
بہلہ پاہکی۔ ہرگاہ تِم بوزن زٕ تہنٛزِ بیٚنہ کوٗر پننہ
کھوٗتہٕ لۄکس سیٹھا نیچھرٕ تِم وُچھن تہٕ اۍ بار بار
تسٕ بٔچھس کُن تہٕ تہٕ اَکھتے ماوقھن تِم تسٕ تہٕ تسٕنٛدیس
رینس مار تہٕ تہٕ"

یوٗدوے یمَن کتھن اوسنہٕ مےٚ برٛونٛہہ بیٚہہ
جواب سوٗچیتھ تھوٗومُت اما یوٗزٕ بَختیچ یاری سیٹھا
آسنہٕ کیٚنہٕ تہٕ دان یلہ آسنہٕ کیٚنہٕ کیاہ ترٕدُدم زٕ یوٗ

ہُنٛد گُریلہِ تہٕ دوٗپمس۔ "ژٕ کیاہ چھکھ پرٛژھان
مےٚ حسب نسب۔ دُنیہس منٛز چھُسی نہٕ کانٛہہ شُہ
یُس نہٕ حاجت بابس زانہٕ۔ یمنہٕ کہِ اندٕ بیہِتھ عراقس
آنٛجھس تانی تہٕ عمان سمنٛدرٕ کہِ اَکہٕ آنٛجہٕ بیہِتھ فیچیاق
دُدٕ وَنہٕ یِس بیٚیس انٛدس تانی چھُس ناماوار"۔

بٔڈ۔ زبرگو۔ اَدٕ حضن بابہٕ صاب کُس چھُے؟
بٔڈ۔ بابہٕ صاب؟ بابہٕ صاب اوسُم آسن وول۔
پۄرٕ اکھ وہابی قبیلہ اَکھتے زیادے ما آسن
تیٚتھنٛز کاژ تلی دژا میتو۔ کمن کمن چھہ تمۍ ریش
کھنٛز مُت تہٕ دنٛد چھأنۍ میتو۔

اَمہ پتہٕ ہنا دَم دِتھ کوٗرُم اُنٛدرِ کیٚنہٕ قبیلہ
کرٕون تیار تہٕ دوٗپمس۔ "ہرگاہ ژٕ میأنۍ ذاتھ تہٕ
میون حسب نسب چھکھ زانٕنہٕ یژھان، ژٕ وُچھ
ہےٚ، بہٕ چھُسے دپان جأنۍ آغٕ بابے اُسوتن یا
تسٕنٛدی بأے باندو یا بیٚنیہ کانٛہہ، تھرٕ ذاتھ تہٕ جِسس
منٛز واتنۍ تہٕ تِم میأنِس تلہٕ پٔتس تہٕ۔ میانین رگن
تہٕ رُمن رُمن منٛز چھُ پاک عربی خوٗن دُدٕ دَو کران۔
میأنۍ جد چھہ اُسی میتو عربہٕ کہِ نجد علاقہٕ منٛز کیٚنہٕ
منصوٗری خاندانہٕ منٛز۔ شاہ اسمٰعیل صفوی یادشہن
اُنہٕ نادی اُسو تہٕ کڈتھ تہٕ بسناوِن ایران کِس
اکِس ریتس علاقس منٛز۔ اَدٕ تیٚنہٕ چھہ تیتو لسان
بسان۔ میون بیٚتیُم عبدالستار بن خضر بن مادیان اوس
قریش قبیلکہٕ بنی قحطان قومہ منٛز۔ کُنہٕ واسطہٕ ورأے

چھُ میون سِلسِلہٕ بنی ہاشم قبیلس سیٚتؠ تہٕ سیٚد
شیوٗدُے نبوٗت چہ ذُریٔژ سیٚتؠ رلان۔ مےٚ چھُ رٚحہ بوزا اِسلام
منٛز چھُم سارِوٕے کھوتہٕ برکتہٕ وول خوٗن رگن منٛز تہٕ ذاتہٕ
رٚکنۍ چھُس پرانہٕ کھٕہ تہٕ پرانہٕ ذاتہٕ سیٚتؠ رٚلِتھ۔

بڈٕ۔ ماشاءاللہ! حسبہٕ کِنۍ چھکھ سیٚد تہٕ نسبہٕ
کِنۍ شہزادٕ۔ بس یی چھُ کافی۔ ہرگاہ ژٕ یہ
چھکھ آغہٕ باسے تہٕ چھِے یی ژھانڈان دۄن
اگر آسن تہٕ گیٚتھٕ آسی تیٚلہٕ کیاہ چھِے ژٕ تسٕے
موٗلہٕ وٗن؟

بٕ۔ آسن تہٕ وَنے۔ وُچھہ بی نقد پونسہٕ اَتھس منٛز
نہٕ آسُن چھُنہٕ کانٛہہ عٲب۔ کَس با پارِس چھِے
نقد روپیہ موجوٗد آسان؟ پرٛیتھ جاے
چھہ میانۍ شریک میون مال لیٚن دیٚنہٕ مۄکھہ
واتناوِتھ مٔے نفاہ ہیتھ پونسہٕ دوان۔
ریشم، کمخاب تہٕ مخمل چھُس خراسان اندر
سوزان تہٕ تتھ بدلہٕ چھُس بخارا چھ بستہٕ
اَنہٕ ناوان۔ میانۍ گماشتہٕ چھہ میانین ہارن
مشہد منٛز سنجاب تہٕ سمور تہٕ کشمیر منٛز شال
تہٕ ہندوستانہٕ منٛز لال مُلی ہیوان۔ ہندرٕ خانس
منٛز چھِے میانِس سیٚتھر کیپرکیس مالس مُکھتس
سیٚتؠ اَدلہٕ بدلی سپدان۔ بصرٕ ہس منٛز یُس
ہندوستانُک مال حلب چھُم سوزمُت، تتھ
مالس بدلہٕ چھم شال تہٕ کنہٕ بستہٕ ہیٚنۍ۔ مےٚ چھُ

اگر ژٕ میون آسُن تہٕ میانۍ حشمتھ یتھ چھکھ ژھان
زانہٕ نہٕ ژٕ بوزتہٕ بڈ بوڈ داوانہٕ اکھ یتھ ڈاری
ڈاری چھہ۔ یم ڈاری چھہ فصلہٕ سیٚتؠ بَرتھ تہٕ
فصلس چھہ سارِوٕے ہیٚلۍ تہٕ پرٛیتھ ہیٚلس
چھہ پھلو دراہو۔ ہرگاہ یمن گرٛینہٕ ہیی میانۍ
حشمتھ یتھ تہٕ تگی پانے بوزنی۔ آغہٕ بابہٕ وٕنی ژٕ تس
چھِے تِتھس نفرس پیٚٹھ نظر پیٚمژ یُس
اگر پنُن آسُن تہٕ پننہٕ حشمتھ یتھ جماہ کرتھ کُن
وُچھتھ گرٛزھن تشنہٕ بانٛدو باسے، تشنہٕ گرٛی گرٛ
تہٕ تشنہٕ اشناو رشتہٕ ناو سارِی حاران۔

بڈٕ۔ اَدٕ سہ دشہٕ نی بوز سےٚ مورُے چھوٗن۔ دُنیاہس
منٛز چھُ فقط مہر و محبتہ بوت روزِوٗن۔
از راتھ کیٚتھ پیاری نہٕ ژٕ گمہٕ ڈنکہٕ پہر کوچس
منٛز۔ بٕ کُڈ پانے کانٛہہ وَتھا ژٕ سےٚ شکر لیہٕ
شمکھنس تہٕ تس ہرگاہ پانس مرضی اُس
ژٕ سےٚ سیٚتؠ رلنس تیٚلہٕ کَس کیاہ کرِ۔ یوٗدوے
میون یہ وَنُن وُیدٕ سے پہن چھُم گرٛزھان اما یوٗ
ماجہ برابر آسنہٕ کِنۍ کرے نصیحتھ اکھ تہٕ
ژٕ تہٕ مانی نہٕ گوٚ تہٕ میون آسنہٕ کِنۍ۔ بۄرک سیٚشن
اُمی زِس دوہ دِس سیٚتؠ منگان۔ پیچھتہٕ ژٕ امہٕ
سیٚتؠ منگہمس۔ باقے ہیٚنزِ نہٕ کانٛہہ غم۔ آغہٕ
باسے چھِے بڈٕ زرم طبیٔ حتیٚ۔ اللہ تعالا یوٗزِن
زِکھ گرٛزھنے بیدار تہٕ ستارٕ اُسنے رُت"۔

تہٕ ژُنِتھ دِژٲیہ تٔمۍ ہتھو پٮ۪س زٕ اشرفی اَتھس منٛز۔
سہٕ دِژٲیہ سۆتۍ سۆتۍ یۆرِ ہتُلان تہٕ یہٕ نۆو دُس
سروٕ گُلبن تل سوچاہ کران۔

## ٦٨

# حاج بابُن شکر لُبہٕ سمکھُن

### تہٕ نیتھرُک سنٛز کۆن

زیادٕ وَقتس روٗدُس نہٕ گُلبن تل کینہہ۔ اٲخر
اٲسم وہٕنۍ فرضی کاماہ کرٕنۍ۔ یاپنس اٲسم وہٕنۍ
بجرٕ ہاوٕنہٕ معہ کُھ ملوان ہنٛز، زِنٛد روزنہٕ خٲطرٕ تمین
ہنٛزٕ تہٕ سار کھوتہٕ زیادٕ تمس تار کھسنہٕ معہ کھ حمام
گرٔڈھتھ بسمہٕ تہٕ یاپنس پھلوٕ یہ منٛتھنٛج صنوٗرٕ وٗرتھ۔
وٕتہٕ چھس یاٲنۍ یاپنس یانے تٲریف کران تہٕ وَنان۔
"حاجیا! زٕ زٕ کیا با چُھکھ تٲلِس ہیوٗ۔ ازکیا تٔمۍ
بودلس تہٕ کٲلس منٛز فرق کڈٕنۍ۔ ہا وَنُن کیاہ چھُ
چاٲنس منصوری خاندانُک سیّد آسنس۔ شوٗبان ہیا
چھےٚ ہٲشمی نسب تہٕ قُریشی حسب وَنُن"۔

پنٕنس رٕتس نختس تہٕ یقبالس پیٹھ وشاراہ
کران کران وۄتُس شہرٕ منٛز۔ اَتہٕ چھُس وُچھان عثمان آغہٕ
پنٕنس کُھٹہٕ کس کوٗنجس اَکس منٛز کاربار کرِ تَفتیچ
روہ پیہ گنٛزِ رِنس منٛز مس۔ بٲکس کوٗنجس منٛز آسہ
میانہٕ جگجیر دُعا کران۔ دِماغس منٛز یُس وہٕنۍ ہتھرٕ
اوٗسُم آمت تتھ کُن نظر کرٕتھ گوم یہ اتھ کام کرنس پیٹھ
دِلس سیٹھا تیز تہٕ یہ زانِتھ کوٗرمُت اوسُم تی کوٗرُم
یانٕ زٕ تیز کھمام رُوٗمُم زانِتہ نعرہ وہ عثمان آغُن شوٗبکا میوٗزٕ یہ
کھمام رُٹُن کٕنہٕ نہٕ۔ اما پوٚز یُتھے مٔنۍ دوٗپُس۔ "میوٗن
یہ سوٗرُے مال رٔٹ بٔند تہٕ مٔے دِ پنٕنس اشرفی
وہٕ زِمہ یِسہ گوٚ ہٲرِتھ۔

عثمان آغہ ووٗتھُم۔ "یہ کیا سہٕ چھُکھم گوٗبراوٗ
وَنان؟ یہِ پیٚش ہارِ کنہٕ چھےٚ ژٕنے بکار؟ تہٕ کیا زٕ
باتیر یوٗمُت ہیوٗ؟ خار ہے چھا؟ ژٕ ما چُھکھ موٗت
گوٗمُت کنہٕ زارٕ پیٹھ چُھکھ ہارِتھ آمُت؟"

مٔے دوٗپُس۔ "نہ چھُس موٗت گوٗمُت تہٕ نہ زانہٕ
پیٹھے ہارِتھ آمُت۔ دِماغ تہٕ چھُمہٕ ڈوٗلمُت کینہہ
پَریتھ کانہہ چھُم عقلہٕ تہٕ گاٹٕ جارِس مرحبا
کران۔ گوڈٕ دِ ژٕ مٔے پنٕنس اشرفی پتہٕ وَنے
یہٕ دلیل کیاہ چھےٚ۔"

میانہٕ مانگ ہوٗل اوسُس نظرِ تلے تہٕ وۄزُم
دِنس منٛز تہٕ آسنہٕ کانہہ گاٹٕ بوزنہٕ اَوٕ کنہٕ کوٗدٕ طم
لوٗت یاٲلٹھ حاجتھ تہٕ یہٕ تہٕ دٕراس جَل جَلے تس
روہٕ حصتھ ہینہٕ وٕرائے تہٕ یُتھرو وُم خوداۍ بس۔
یان ہیرٕتھ دٕراس حمام کُن تہٕ شرانا وانا کرِتھ
دٕراس تور خوٚجاہ ہیوٗ۔

پیمہ کامہ معہ کلاونہٕ پتہٕ ہیوٗتُن سمکھنُک
وَخ واتُن۔ بڈٕ بیقراری سان اما پوز وارٕ وارٕ
دٕراس تتھ جایہ کُن۔ اَتہٕ دیٚچھم بڈٕ پیاران۔

صبسہ سان اوٚر یوٚر نظراہ گُذراہ دِتھ ٹھُکس بہٕ تمہ
اَکہ ژٔرٕ بَرٕ کِنۍ اندر۔

مکانہٕ آم بٔڈ پسند تکیاز ووہ نۍ اوسنس یہ
بہٕ پنٕن مال زانان۔ بہٕ ژاس وٕلی وٕلی اندر تکیاز بٔڈٕ
پشار مَرنٕ پتہ اوسنہٕ نیبرٕ تمُ بَر ہٕر شراونہٕ آمُت
ہِجر پکنووُس بہٕ تتھٕ پأٹھۍ صبسہ تہٕ ہوشہٕرسان زنتہٕ
بٔڈٕ زندٕے اوس۔ لمہ کٹہٕ بَرٕ کِنۍ اندر اژنہٕ پتہٕ کھوٚت
اَسۍ آنگنچہ رنچہ ہیرٕ کِنۍ ہیوٚر تہٕ ہیرٕ ڈولٕن نقش دار
پردہ اکھ ہیوٚرکُن تہٕ نیوٚنُس کھورٕبانہٕ کنہٕ ٹانکس
وٕٹس منز۔ اَتھ وٕٹس اوس قندیل دزان تہٕ زنانہٕ
کھورٕبانہٕ کُنہ تام تہٕ گأم اَتہ نظرٕ۔ اوٚتتام اوسُس
بہٕ ژوٚرو بَرٕ کِنۍ ژامُت۔ ہِجِہ بیہنووُس اَتی تہٕ
پانہٕ ژایہ مأ لکینہ شیچھ ونہ۔ مےٚ گیہ کنن آواز اَہ ہش
تہٕ یہ اَس یمنے کھورٕبانہٕ واجِنن منز آواز۔ پنجر
پُتہٕ کِنۍ آسم واریاہ اَچھ مُدٕے گنڈتھ وُچھان
تہٕ تمہ تہٕ آسہ تمے کھورٕبانہٕ واجِنیے۔ چھیکرس
مُشر رووُک وٕڑہ کِہ کوٚ نچک بَرٕ تہٕ چھُم بٔڈ اَتھ سیتھ
اندر اژن ہاوان۔

یوٚت یوٚت بہٕ بَروٚنہہ کُن ہیوٚتمس پکُن تیوٚت
تیوٚت چھُم دِیہٕ لیج دُبرائے تیزان۔ عناصِرٕ ہوٚم ڈنچہ
تہٕ نالی ہند بچہ شاک اوٚر یوٚر شِرِتھ کرِتھ ژاس بٔڈ
گگہ ہرسان کُٹھس منز۔ اَتہ وُچھُم بس اَکھ شمادٕن ژا.
کُٹھاہ وُچھُم شیرِتھ تہٕ بیرِتھ۔ ژٕت وُتھرٕ ناہ
اوسُس تہٕ اوٚدتھ۔ جایہ جایہ گأم مخملی خان پوش
نظرِ تہٕ ژوہ پأرِ وُچھُم ریشمی پَردٕ اَلأنِدی۔ ماشوق
پنٕن وُچھُم ہیرِ بونٕ تمہ پردٕ کوٚرشت تہٕ حرف آسہ
تشیرٕ کرٕ تہیٕ ہرنہٕ اَچھ بوزنہٕ یوان۔

پنجرس نیکھ کوٚ نچس اَکس منزٕ بیہتھ ہوٚو تم اَکھ
سپزٕ "پیٹھرٕ بہہ"۔ مےٚ دوٚپُس۔ "پیٹھرٕ کھوٚت تہٕ کیٛہہ
ژٕت آسہ میانہٕ خاطرٕ نوکرٕ پنٕدی پأٹھۍ روز بہٕ
بروٚنٹھ کِنہ تہٕ ۔

گنڈ ہوٚل تہٕ ژٕ بیہکھ پادشاہ پنٕدی پأٹھۍ
بٔڈ کُدامہ سان کوٚڈُم کھورٕبانہٕ کھوٚرٕ منز
تہٕ اَدبہٕ سان بیوٚٹھس ژانہٕ کوٚٹھ کرِتھ تس بروٚنٹھ
کِنہ۔ بہٕ چھُس اَمس بروٚنٹھ کِنہ تمہ ناز تہٕ نخرٕ تہٕ
سعہ نیرٕ می تہٕ ٹینٹھ تہٕ یتھ ہاوان زِوٚنہ تہٕ یانٕ
ژتس چھُم یوان اُسناہ چھُس کران۔

یژ کال بیہتھ اکھ اَکس بروٚنٹھ کِنہ تہٕ
پچھ اَدب رٕچھِنس تہٕ رسم تہٕ رواجک بیہتھ کتھا کتھا
کران پیأنی ماشوقن ہوو پنہٕ دایہ عاشقن اَتھ سیتہٕ نیبر
نیرُن تہٕ واوِج تُلنہ کِہ ہتہ تُلُن بُتھ بیہتھ پردٕ تھوٚو

تو گُفتی گشت طالع آفتابی
کہ شد از طلعتش روشن در و بام
بخود گفتم شگفتی را ندیدم
بتابد آفتاب اندر دل شام
دو زلفش تا سراپا از سر دوش
ہمہ چین و شکنج و حلقہ و دام

نہ ہرگز چون رخش فردوس خرّم

نہ ہرگز چون قدش شمشاد بدرام

ندیدم ماہ را از سرو گردون

ندیدم سرو را از سیم اندام

نگہ دلدوز تر از تیر رستم

مژہ برگشتہ تر از خنجر سام

دہانش غنچہ را ماند ولیکن

نباشد چون دہانش غنچہ بسّام

بزلفش ہرچہ درگیتیست چنبر

بچشمش ہرچہ در آفاق اسقام

دران یکشہر زندہ دل بزندان

درین یک ملک تقوی کار بدنام

دراصل اوس تُشند بُتھ بیٹھ پردہ تُلمُن یہ

خوش خبر ز وۄنی چھنہ اَسہ یانہ دٲپی کانٛہہ وۄنہ پراز عامی

بیٹھ پۄزا کرن دٲلی سِندی پٲٹھو یُس پتہ تلس

نمان چھُ دۄھس بہٕ تہٕ تَس ترونِتھ کتہٕ سجدس یِنُن

ماے محبتہ تہٕ لول ہاوِنہٕ مۄکھ چھُس بہٕ اَمِس بڈ

تکن گری تہٕ چالاکی سان تیتھ پٲٹھو بلایہ لگان ز

کانٛہہ شکھاہ رۄز نہٕ میانِس عاشق آسنس فرزَ

اما پۄز وارِیہو وجوہا تو رکھنہ رۄزِ نہٕ بڈ ہٕشنر تہٕ موند

تِسنز یادآوری تہٕ تمنا کرنہٕ رۄس تہٕ واتہٕ ہیٚس

تہٕ تی کرُن۔ چھیکرس بنو نس پنُنو مۄختہ کھوتہٕ

تہٕ مۄلہٕ کتھو سیتھو یہٕ خاص پنُن سِرہ بوج تہٕ یار۔

دِیان چھِم:

" بہٕ چھُس خراب حال گٲمژ تہٕ دِلس چھُنہٕ قرار

کینہہ تہٕ۔ واہی کیاہ وَنے۔ خبر کہنز اُچھ لگم زیتھ

حالس واتہٕ ہس۔ حال خٲران گیُس۔ ژتےٚ نِش کیاہ

ھکو وۄنی ژوَر۔ میانِس تَس جنت کار خاندارِ ہنز

وراثت تہٕ میون داج یُس پزر پٲٹھو بڈ بوڈ رقم چھُ

واتان تہٕ چھِتہ چھُنے مے لکہ جماعتا اَکھ تیتھ پٲٹھو

اَگاہ گٲمژ زِ بہٕ ماگتھ مرژ۔ اُستادن زنتہٕ مے

بیٹھ کانٛہہ حق چھُ تم رچھ ساری مے پننے مال

زانان۔ بٲسے تیتھ تی کران یتھ منز تمن پنُن فائدہ بوزِنہٕ

یِوان چھُ۔ ہرگاہ رۄن ژھانڈنہٕ چھِم نیران تیتھ پٲٹھو

رچھ یَتہٕ بیٹھ شِن تراوان تہٕ بیٲل لاگان زِ چھنہ

جِنِس ہر اَنہٕ ہیٚن وشکہ ٹوکر ادلہ بدل۔ مے چھُ دۄہے

تُسند اَکھ نیچُو قاصد۔ سُہ چھُ دِیان زِ ہرگاہ مۄہتس

تُسند کانٛہہ اُستاد تِہنز زنانہٕ پنُن پلو بیٹھ تراو

شرح مۄجوب چھُنے مۄ زنانہٕ تَس حقہٕ شفقی پٲٹھو

کھسان۔ رِہنز تُسند بیا کھ اَکھ اُستاد چھُم مدہے

دُراُمت تہٕ سُہ چھُم وَنان زِ " ژےٚ کھسی نہٕ جادادِ

منز رِہیس "۔ تہٕ سُہ چھُم یَژھان مُقدمہ کرُن یتھ خصر

چھُس یمہ وِزے دۄ لابو رکنہ سیٹھا تنگ۔ تہٕ دِل

مۄلوٲل گمژ۔ دِیان چھُس وۄ شفاہ کَڈ ہاہ تہٕ اراداہ

کرِنہٕ مۄکھ چھُس بھیسہ بھیسہ کران۔ اَمہ وۄنہ مزِ

تلہ مۄکلنہٕ مۄکھ آیم فقط اَکے وَتھ بوزِنہٕ، ز

ژٕوُن کرٕ۔ اَدٕ خوٚ داین سوٗز کھ زٕ میانہٕ خاطرٕ ظاہر
آسی ہٕ وۅنی میون یہ حال بوٗزِتھ دِلس منٛز کانہہ
شکھ وُکھ رۄزِ مُت۔"

اَمہٕ پتہٕ چھُم ونان۔" نیٚتھر وُک چھُ سورُے تیٚار
کرِتھ۔ ہرگاہ ژٕ لے مرضی چھےٚ تیٚلہِ چھُ اَپارِ مس
کُٹھس منٛز۔ قاضی تیار آسی بِہتھ ہٕ میانہٕ طرفہٕ کرِ
وکیس نکاح مکمل۔"

یُوت جلد یہ مامِلہِ اندٕ نس ہیٚچھ اوسُس ہٕ بہ
تیٚارٕ ہے۔ وائنیچ چھُم تیٚتھ یٲٹھو دُبارٕ ے گرزٕ ھان
زنتہٕ اسمانس تہٕ زمینس منٛز بانگ اَلوٗند اوسُس
اماپوز حیس ہوش تہٕ عناصیر ڈلنہٕ ورأے رۄٗدُس
یہٕ اُمس موقعہ وُچھتھ کھُنکھ تٲوِیزِ کران تہٕ پنٛن
مارے محبتھ بٲ گران۔

یہ اَس پژھ بیتاب زٕ بہٕ سوٗزنس یکدم اُمس
قاضیس نِش۔ قاضی اوس یانس سیٖتی منشاکھ
تہٕ اوٚسمت یِتھ تہٕ میانہٕ طرفہٕ وکیل روزٕ ہے۔ اُمی
کوٚرٕ قبالاہ چیٚند منٛز بیٚتھ منٛز شکر لیہ ہیٚندِ سار
داجک تہٕ جاداد ک تفصیل لیکھِتھ اوس۔ اَمہ پتہٕ
چھُم پرٕژھان۔" وَن سہ دُنی کیٚن کوتاہ مہرٕ دِکھ زٕ
یتیمس دِدِ حأیہ تہٕ پتہٕ کوتاہ دِمُس؟"

مے دِیُت جناہ دمِ ہیوٚ تہٕ عایشہ بیچرِ یُس
جواب دِیُتمُت اوسُم تمہٕ کھوتہٕ زِٹ جواباتو گمنہٕ کینہہ
تہٕ دوپمس" وُچھو حضٕ! تجارت بیٚیِن چھےٚ سرمایہٕ نقد
پوٗنسے یوت آسان۔ مال تہٕ چھُکھ آسان تہٕ تتھ منٛز
تہٕ چھُ نَسکھے آسان۔ بڑٕ وۅستادٕ لِہ کٲم ہیٚچھ تہٕ
بانبرٕ تہٕ وَراٚے چھُسس ونان۔" یہٕ تہٕ حضرت دِمہٕ پنٛن
مال اگر سعہ تہٕ یہی کرٕ؟"

قاضی وۅٚتھُم۔" یہ گیہٕ ہمنا زٕ رے پنُن سحاوتھ۔
نہ منتہٕ ہیٚیتو افراطسے کٲم تہٕ نہ منتہٕ ورتاوِ ہے توکمی۔
لَا افراط دلا تفرِیط۔ اَمہ گرزٕھ نقدٕ ہے کینٛہ ژھا
آسُن۔ اَدٕ خصن تہٕ تہٕ یہ کوتاہ مال چھُ اِیتا نبولس منٛز۔
زٕ تہٕ ما آسکھ پتہٕ دوٗر ہیٚچھ کے پوٗنسہ ہیٚچھ یور
کاروبار کرنہٕ آمُت۔ یہی وۅٚتی زٕ تسے دُنی کیٚن نقدٕ
یا جنسہٕ زٕ نکو چھےٚ تہٕ اگر اُمس دِدِ حأیہ ہیٚندِ س قبالس
منٛز لیکھنا وُکھ تتے وُچھ سیٚٹھاہ۔"

مے دوپُس۔" اَدٕ خصن، تیٚلہِ وُچھ یہ۔ زٕ رٕ ژھا
کرِو قرار۔" اَمہ پتہٕ چھُس یأنی یانس سیٖتی حساب
کرِن وٲلی ہٕندِ یٲٹھو زنتہٕ فکراہ کران۔ اَتی دوپُمس
"لیکھِو حضرت ہٕتھ اشرفی نقدٕ تہٕ ہیٚترٕاہ اشرفی
جنس۔"

یہ بوٗزِتھ کوٚر زنانہٕ تہٕ قاضی یانہٕ ہے واَی صلاح
مشورٕ۔ قاضی گوٚ تس تیٚچھ پیٚتھ ہیٚچھتہٕ زٕ ھو وُٹِتھ کلام
کرنہٕ پتہٕ اَد کٲم اندٕ ہیچ خبرٕ ہیٚچھ۔ اَمہ پتہٕ ترٕ اوٚکھ
دۅشو ہے دَرِن ہِندِ رضہاموجوب قبالس مہرٕ
ایجاب وقبول سیٚد وکیلن ہِند دُسو تہٕ شرح ہشوجوب
آسے نکاح پرٕنہٕ۔ اَمہ پتہٕ اَد اَسہ اور یود مبارکھاو بارکھا

تہٖ کرٕنہٕ۔

نِکاح پرٕنِچ ہارٕ تہٖ موہ ہنٛزن ینامہٕ بیتر دِنَس وُچھِنہٕ کیٚنہہ تہٖ یِتھ برونٛہہ تہٖ پننین بَچَن منٛز وأرتھ عُثمان آغنٛس کھرِوکھ بوزِتھ بدلہٕ کیٚشاہ ژامن ذی یِیز یِتھ تُرکی پنٛدر یاٹھو تہٖ روبہٕ دار بُزرگہٕ پنٛدٕ اندرٕ ہے بڑٕ ویقار سان بطخ تیرِن ہنٛز لیفہٕ منٛز تہٖ وَصَلَ یَصِلُ وَصلاً فَھُوَ واصِلُ وَذالِکَ موصُول۔

الف در دو شاخ الف لام شد

کلیدی بقفل زر خام شد

## ۶۹

## حاجَ یابُن جَوقہٕ کٔنِتھ لوٗڈ موٗہشیوٗن

تہٖ ناماواُدمی کیٚنہہ بانٛدٕ یہ منٛز ہینہٕ ییُن کٔے کال گژھتھ نٔیوم زٕ کوٹھ چھُ سنٛخ بلایہ منٛز پھسیوٗمُت۔ چیٚنکی اکی داہِن چھےٚ عَقلہٕ ہنٛز کیتھ وٕذٕ ہٕرٕ زٕ" ہرگاہ جوقہ نگتھو وایخ تہٖ اُسُک مَرنے یوت آسہٕ ہا کھیٚوٗن چوٗن تیٚلہٕ آسہٕ ہے نہٕ کھینَس چینَس برابر بٔنیہ کانہہ رژٕ کأم تہٖ یہٕ یِتھ کانٛہہ آسہٕ ہا یِتھ وزٕ کھیوانٕے۔ مگر میٚاذ َس تہٖ ہضمیتھ کیٚن سارِنے اوزارن اکھتے سارٕنے وستہٕ خانَن تہٖ چھےٚ کأم کار آسان کرٕنی تہٖ تِم تہٖ چھِہ آمہٕ کِس حُسن و قبحَس منٛز شریک"۔

یِی چھُ زنانہٕ کرنَس تہٖ۔ ہرگاہ زنانہٕ کرٕنی نالہٕ مَتھ تہٖ موہنہٕ میٚٹھی یأتی کرٕن آسہٕ ہے تیٚلہٕ کیٚشاہ اوسُس دِنُن تیٚتھ۔ مگر اُشناوَن ہُنٛد ہشرٕ پٔنٛدٕ پرُن آسنہٕ تہٖ بٔنیہ بٔنیہ کیٚتھ تہٖ چھےٚ آسان یِمن نیٚبھرٕ کیٚس پھرٕ ؤژ یا پھیٚشرِ پننِس سیٚتھ واتھ چھُ آسان۔ امی تیٚلہٕ چھُ نیبھرٕ وِک رُت یا یچھ آشن نَنان۔

نِکاح کرٕنہٕ یتہٕ کیٚنہہ دوہ گژھ ہتھ چھےٚ پننی مرٕد یا دمی آشنیٚن پننین اُشناوَن ہٕنٛدر حسد چہٕ کیٚنہہ چہٕ تہٖ خاص کرِتھ تِمن ہنٛز پنٛنہٕ نِفہا موہ کھ فِتنہٕ فساد ژلن واجبن تہٖ شُرن حرکتن ہنٛز تِمہٕ تِمہٕ ہٹہٕ تہٖ لٕٹ روٗس کیٚتھ بوز ناوان زٕ میٚے دوٚپ یہٕ چھُس زنٛج اُلیس منٛز وٕلہٕ آمُت۔ تَس آیہٕ یِتھ منٛز مصلحتہٕ بوزنہٕ زٕ نیبھرٕ وِک یہٕ قِصہ بٔنیہ اَسہٕ بڑٕ بوز شوٗژ سان تَسٕندِ بابَن نِش ویٚرِتھ ناوٗن تہٖ دوٚپُن۔ "یوٗدوے آسہٕ یہ نیبھرٕ شرحہٕ موجوب گوٗرمُت چھُ اَمایوٗز تہنٛز مرضی تہٖ گژھہ آسُن۔ تہنٛزٕ کٔتھن چھُ آخرگو بہٕ تہٖ بٔنیہ چھُ آسَن واُلی تہٖ یوٗت وٕ تیٚوٗت یزٕ اَسہٕ تِمن سیٚتی رٕژھرٕ تھ یکُن تہٖ تِم راضی تھٔوٕنی۔" دُنیا دوٗر ذأرِتھ کرٕن شوٗوے زٕ بغدادٕکیٚس اکِس آسَن وأرِس خوجہ سوداگارس سیٚتی چھُم نیبھرٕ کرُن تہٖ سیٚتی کرٕن یہ کیٚتھ بأیس اکِس تہٖ کٔنن تہٖ بوٗزنُس سوٗرے ہیٚر نوٚو بہٕ کیٚن نٹن بیٚہہ یہ کیٚتھ کھالہٕ موہ کھ کوٗرُن سال دِیُن تہٖ مُشخص یِتھ پننین کیٚو وہ یرن

ہاوِہاز یہ نیتھر چھُنہٕ ہلی کینٛہہ تہٕ۔

بہٕ گوس اَمہ سیٖٹھو بٔڈ خوش تیکیازِ شے دوٚپ
بہٕ یِمہ پانہٕ اَمہ کِنی آسن دول بوزنہٕ۔ مےٚ ہیٚوت
گرٕ موٚہنوین نِش زٕنگہٕ ژٕنگہٕ ٹھرزٕ رٹُن۔ گرٕ چھ چھیہ
کرِم صاف تہٕ نوٚ۔ قہوٕ پیالہ تہٕ سموار تہٕ پنکٹ
تہٕ شیشہ کامہ واجنہٕ رکابہٕ ہیرٕ ٹھم ملی۔ یمو منٛز کیٚنژٕن
زٕ ترٕ مےٚ رکابہٕ پننہٕ موکھ تہٕ تیار یمن موخت
جڑٕنووم۔ بڈہٕ سِیٖندِس کھورِ پانس منٛز کھورِ تراوِنہٕ
پیٚتہٕ دوٚپُم تسٕند چھ غم تہٕ لاگہٕ نالِہ۔ تمس مرحومٕ سُند
پوشاک اوس وُچھنس لایق۔ پوستینس تہٕ چوغس
ہُند اوسُس صوٚندھا اکھ برِتھ تہٕ تسٕند موٚنڈ ہُند
دٔنیہ کِنی اوسُس یہ سورُے ورانتس منٛز تورمُت۔
سالہ بٔروٚنٹھ تھووُم مکانس شیرِتھ تہٕ پیرِتھ۔ بٔذاتی
نایِد کوٚٹ آسنہٕ کِنی چھس ہیٚ تہٕ زٕ سے پانس کوٚرُم تمہ
سیٖتی اوسُس پٔرزی پاٹھو بوٚڈ موہرنسوٚ بوزنہٕ
یِوان۔

ریتہٕ وٕنوو زٕ سالہ بٔروٚنٹھ گوس زنانہٕ ہندین
بایِن سٕمکھنہٕ۔ یُتھ دوٚے اَندرِ کِنی باہر یُس مےٚ
اوسُس اَماپوٚز بڈہٕ سیٖندین سازو ساماں وائلس گژھس
کھسِتھ پیٚیِلہ مےٚ تہندِ موہرٕنوکُو چھنو کھورو
رٹنہٕ آے تہٕ سیٖٹھا نیرِمی سان روٚدُم اَندرِ پٔکو
ووہ دِنی، بہٕ چھسنہٕ ویژان گنہٕ۔ گۆو شیرِ یہنہٕ بوزِتھ
چھس ویچھان زِ یہ تہٕ چھ پین سوار وُچھِتھ [illegible] ژٕراوان

گرُس کھسِتھ پانس پیٚتہٕ پیٚتہٕ رکہٕ جِماتھا پکنس
پیٚٹھ چھُس اَندرِ اَندرِ پھولان تہٕ کانہہ تہٕ چھُنہٕ
پانس برابر فِکرِ کھسان سے مختاد اَہِ منٛز نے گڈھکھ ہس
مرداہ چھُ یہ گر بدولت برسی مست نگردی مردی
زیادہ منٛز اوسُم یِوان تمہ وُچھتھ یِم
بغداد چھ وَتہٕ منٛز پننہٕ شہرکو وَتہٕ باج اُسِم روٚدِ یہوہ
پیٚیِلہ تمن اوسُس مکدی شکرٕ زِ چھ، ژھیٚنہٕ منٛز تمہ
ٹوپہ تہٕ جبہ رائو روٚس جھتر کھورن وُچھان
تہٕ ترٕکن ہند آیہٕ اُسِم پننس زاوی بس پیٚشمی
پوشاکس کُن نظر یِوان دٔیان اوسُس زٕ ظاہِر چھ
یم مےٚ پرزٕنتھ کرِتھ موکھ سمکھنہٕ آمتو۔ یہ چھُنہٕ خبر
تم ایشیا مےٚ پرزِ نادان کِنہ تہٕ اَماپوٚز پانی تم مےٚ وُچھان
اُسی بہٕ اوسُس بٔجتھ ہور کُن پھران تہٕ پننےٚ دستارس
چوغس تہٕ اچکنس تہٕ زادر پیٚتہٕ بٔروٚنٹھ وُچھان۔
آشنہٕ ہندین بایِن سمکھنہٕ تلہ دٕراو تمہ کھوتہٕ جانی
ترٕ یہ بہٕ سوچان اوسُس۔ زانہٕ خودا میون تمہ ہُند
اُشناو بنِتھ پیٚٹھ کیازِ گیہ تم خوش تہٕ شانہٕ وٕچھکہ
پانہٕ کارو بار وائلی آسنہٕ کِنی کرِکھ فقط لین دین
تہٕ نفاہ نقصانس پیٚٹھ کتھا باتھا۔ مےٚ تہٕ
ہیٚوت پنُن پان یمنے منٛز گژھنہٕ تہٕ ہہنو مکھہ زِ بہٕ تہٕ
چھُس آسن دول۔ اَماپوٚز یتھ کُن اُسِم پوٚرٕ چھس
زِ یمہ ساتہٕ یِم بغداد، بصرہ، عربستان تہٕ ہندستان کہ
ماہِچ پانتہٕ کین چیزن منٛز کتھ باتھ کران اُسی بہٕ

اوسُس عادَتھ موجوب فقط آنہٕ آنہٕ کران تہٕ زیادٕ اوسُس نہٕ کُنھِ ہُن اَنٛزِ منٛزِ کرٛھان تہٕ سَنان یتھِنہٕ خبر نہٕ آسنہٕ کنِہ وٕزٕھ گژھِہم تہٕ پییم رَب لدِنہٕ۔

اورٕ یور سمکھِنہٕ جیو ہمو کا مِیو پیتہٕ اُسس وۄنی بیاکھ کٲم باقی۔ سۄہ اُس یہٕ زِ عثمان آغنس پننہٕ نصیبہٕ دارِ ہنٛزِ شٲنٛچھو ونہِ تہٕ تس سالس پرٛژھُن۔ ڈُل مُلس منٛزِ چھُس زِ پرٛژھسہٕ کِنہٕ نہٕ۔ کھوژان اوسُس زِ وُزِھ گژھِنہٕ گژھِنہٕ۔ یوٗدوے عثمان آغنٕ بچور ژھوپ اِنسانہٕ اوس آما پوٗز تس بیٹھ تہٕ اُسمنہٕ پرٛژھ تہٕ دِیِم۔" وُنی کیٛن چھُم جان تس نِش نوٗبے روزُن پیٛت تام بہٕ پننہٕ جایہ بیٹھ کھورٕ دٕرراوِتہٕ بیمہٕ تہٕ کھوژنہٕ وُراُسے ہیٛر کٲم پیٹھ کرنہٕ۔

۱۱

# حاجی بابن پھرزٕ تہٕ بجرٕ ھیکُن

تُمُنز بلا یہٕ منٛز ہُنِنہٕ چُھن تہٕ شِکولبہٕ سیٛتی ژھو کِنہٕ سال ڈیُت بڑٕ حیہٕ تہٕ زِ یہٕ سان تہٕ آمہٕ تلہٕ ننیوٗ میون بجرٕ تہٕ آسُن سارِنے۔ ساروے کامیوٗ تلہٕ اطمینان سان مۄکلیتھ چھُس دوشفاکدیتھ عاش و آرام کران تہٕ اُکھتے اُسی گکھ وۄنی میانہٕ گرٕ خرچُک تہٕ کھین چینُک پننہٕ پننہٕ جایہ پھِران تہٕ آما پوٗز زمانہٕ ہیندِس پیٹھس بیٹھ میون یہٕ آپیر تہٕ ھیکُن اوس مٮ۪ے اَندریٕ رکنو

شیخ پاٹھو دِل موٗلول تہٕ دوہ کُہ زد کرٕ تھ۔ مٮ۪ے توٗر فکر زِ یہ عائشہٕ ہُجہ وونمُت اوس، بورک دوہ دِیاژ اپنے پاژ چھینہٕ ہشر نہٕ آسنُک وجہ۔ اُمہ وُراُسے تہٕ چھنے وار یاہ کُنھ ہمن بیٹھ اَسہ دوہن باژن۔ وُژیمیہ کیشرٕ لَبٕہ دِیِم پاٹھی پاتس سیٛتی زِ "سۄہ بڑٕ کوتاہ حلیم شریف تہٕ کلینگ وول چھُ اوسمُت یَس سارِ وُمرِ فقط اکی سے کُنھ بیٹھ زنانہٕ سیٛتی ہشر چھینہٕ روُد مُت۔ آما پوٗز میانہٕ پرٛیِتھ کُنھ اُسی زِ اَڈٕ سپدان تہٕ آسہ دوٕ شوبہٕ منٛز اوس پرٛیِتھ کانٛہہ پننِس اَڈِس بیٹھ شیشُکِ نی مکہٕ ہش روزان۔"

خاطرٕ مٮ۪ے اوس دِل یرٛژھان زِ دولت اَکھ پننہٕ سیٛتی ژٕ راوِ نہٕ اَکھ منٛزِ کانٛہہ تہٕ عاش تہٕ عشقچ رنٛگ کٲم دِیِم پننین شہرٕ یا جین نِش گرٛنٛھتھ ھیکہ یمن ہُنٛ بجرٕ تہٕ آسُن تہٕ سیٛتی وُچھ عثمان آغُہ مُشِد تہٕ بہٕ وُچھتھ راوُن۔

یہٕ زانٛتھ زِ پرٛیِتھ کانٛہہ چیز چھُم دارِ وَتہٕ بیتاب دِلن ڈولسُن تہٕ پنُن سیٹھاہ مۄکُل پوشاکھ ٹالی لاگِتھ کھوٗتُس بڑٕ سیٛنہٕ سِ اَکس رہِ تس گرٛس تہٕ دژاس پننہٕ مۄہ ہنوٕ ہیتھ گر بارٕ وقتہٕ تیتھ وااُلدِ پننہٕ کاروان سَرِیہٕ کُن یِتھ منٛز جوقہٕ کِنہٕ وول پننیتھ گوٕ ڈُنکہ دوہ ہیٛ ژامُت اوسُس۔ برٛاندرٕ اُژنہٕ وِزٕ پرٛزٕ نوٗوُس نہٕ کانٛہہ۔ خریدار آسنہٕ کِہ بژا اُنٛژ کوٗ ہم بڑٕ ترٕ کو۔ بہٕ چھُسکھ عثمان آغُن

نیب پرٛژھان۔ میانہ زٕغرِ وٕہرو سریہ ہیندِس
زنگن منز اپرأنی نماز راد تہٕ بہ بیوٚٹھس اتھو
پیٹھ۔ سیٹھاہ نفیس جٔچر بوٚرکھ تموکاہ، تہٕ
اٲنکھ مے برونٹھ کن۔ اتھی منز بیوٚ عثمان آغہٕ
وٲتتھ۔ امہ پرٕنہ نوٚوسنہٕ بہ کینہہ تہٕ۔ نماز رادکس
کونجس اکس پیٹھ بیوٚٹھ ادبہ سان۔ یہیلہ وٕنی
کتھا باتھا ہیش کرٕنی تہٕ یہ چھُ اچھن موٚرن دوان
تہٕ مے کن وچھتھ راوان ہیوٚ۔ امہ پتہٕ روٚدس
نہ پانس اتھہ تہٕ ژٕ جس کرٕ یکہ ہش نیبرٕ ٹھ زٕ:
"پاٚغمبرِ خدایس پتہ ہسہ چھکھ ژٕ وارٕ کارٕ حاجٕ
بابہٕ تس ورأے پھکھے نہٕ ژٕ بہتیہ کاتھہ" تہٕ ہیوٚتن
یہ وٕنتھ اشُن۔

ہیتھاے کتھا باتھا کرِتھ چھُسن بہ یہ پنُن
سورُے حال تہٕ تمن پننہِ ہُنٛ اشرفین ہندِ فائدٕ ک
قصہٕ تہٕ بوز ناوان۔ اما پوٚز پننہِ گانٛٹھارٕ تہٕ ورتاوِ کنہ
باسیوو نہٕ تس یہ میون قصہٕ پچھروٗژ۔ یانی میانہِ
شہرِ باجیو زون زِ اکھ بُڈِس دستارس تل تہٕ اکھ
معہ للس چوعنس منز چھُ حاجٕ بابہٕ ونِتھ تہٕ یم معہ قرٕ تہٕ
معہ ہنوی بیسترِ چھ اُمہ سندی، تمن لوگ حسد چھ
تہٕ رشکچ زِگہ دٕرسہ۔ ہیٚش دمہ فی تمو دشمن داری
تہٕ حسد ورتاون تہٕ کاتھہ تہٕ آب وتاباہ روٗد کھنہٕ اچھن منٛز۔
مے زون زِ جانا بڈٕ غلط کوٚرتھ یور آکھ مگر
دمہ فی تہٕ اوسُس بہٕ تہٕ کار کرِتھ گوٚمت۔ دپیوم کنہٕ

پاٹھو ژٕ لہا امہ دمہ لابہ منز مگر اندیوم نہٕ۔
اکھاہ چھُے وَنان۔ " لوٚ ہے چھاسہ سُہ ناوِد
کوٚٹ حاجٕ بابہٕ پیشند کلہ ونان چھ۔ ہہ ژٕ تے امس
مالِس جہنم۔ امس کران ماچہ پتھیو تتھیو۔"
بیاکھاہ ووٚتھ۔ "ہیا اصفہانی ٹھگا!
جان ہا کوٚرتھ۔ ژیہ ہا توٚ گے ژٕ تن ہندِس
ریشتس چھرن۔ اسہ تہٕ تگہ جانس ریشس مھتر
کرن۔ نہ وچھو دستار کیاہ چھُن بڈ بوٚڈتے وٕتھمت
کھلیو مر یو کیاہ چھس بیزار نزنگن تہٕ زیٹھہ زیٹھے کیاہ
چھن جٔچرا اسس تل ژٕ تہمرِ۔ مالی دولت آسنس نہٕ یم
چھن خابس منز تہٕ وچھمتو۔"
یہی وٕنی دونی کدٕ ہی تمو شہر باجو ہے لیکو سیتھ
تواریخی تہٕ شیخ بدرو بوز ناوی بوز ناوی تلکھ روایتہ ہیے۔ یہ
ووٚتھس تہٕ پننہ بجر کتھ متہ اتھ پیمن روپہ کھین
لعہ تہٕ پاٹھو کھوٚتس گرس تہٕ اتھی کرٕیکہ نادس منز ذرا
نیبر۔

نیٚبر کتہٕ ژارِم پمت لیکہ پوشہ۔ امہ پتہٕ یہیلہ
ہمنا جیبہ تہٕ کاہ ہیو بھیوٚرس۔ پانی پانس چھس دپان: "جان ہا
گوٚ ے پانا، کوٚر ہیا ژٕ تے پتھیو تتھیو۔ زن نہٕ بتیہ
کاتھہ کام اسے یورتے پکھہ۔ جان کیاہ کوٚر ہے
ژٕ تے شوٚبہ ہی۔ کولہ ژٕ تے گژھی اچھ کدٕنی پرا تھتہ۔
حسنہ ناوِدنے مرن مبادٕت نے کوٚر ہے۔ اکھتے
کوٚر ہے کمے نہ"

سگ فربہ نہ پنجۂ گرگان
باسلامت یقین بدان نرہد
شہری خام از کف گردان
پیش از دزدی وکتک بجہد

"ژٕ کرٕ بتہٕ کٲہہ انسان؟ ہے افسوس! ہے افسوس!
کران گژھ ژٕ پژھے غلطی تہٕ کھوان گژھ
لیکہ تہٕ ٹھوکہٕ، دوہ سیدٕ کہ تہٕ عقل ییی حسرٕ کیاہ
چاٮ۪نس اَتھہ ریشس یُس زَن ژھرِی اَلہ اَلوند چھُے؟
اَتھ وَنِہٕ ریش؟ یہ چھُ یوٗہے خضر کھڑاہ ہیوٚہ
کیٛاہ ہتام۔ ژٕ چھکھ ناتس گاٹلی ہشُر کتھ بوزٕ مژٕ
زٕ "پھاسہ کوٗتہٕ ہے بیچھ چھُ کٲہہ انسان سُند ٹھرٕ
وُچھن یُژھان۔" لیکن چھا کٲنسہ ہُند بجرٕ خوش
یوان!"

یمی وُنان تہٕ ورٕژھنان ووتس گرٕ تہٕ بیٹھیوس
محل خانس منز، ییتھ ہنا اَمہ شاستی ہیُر تلخی تہٕ ژوکر
مشُم۔ مگر اور اَژنس منز تہٕ کوٗرُم غلط۔ چھوہ نہٕ
کھوہ تہٕ ہُرییہ ہے تلخی۔ مےٚ وُچھو پتھے وُژھ شکر
لب تیتھ پاٹھو ٹھوٗد زٕ نتہٕ چھن اوشس پٮ۪کس
ژامُت تہٕ چھم دَپان۔" ہیے خواجہ صاب! دوہ لہسہ مےٚ
دِمہٕ یُس باقی چھُے۔ مےٚ چھُ پُو سوٗنی ژٕ اَمہ کرٕ
مےٚ سعہ بےٚ مرٕگی زٕ دوٗیم شہر باجین ہنزٕ ساری
ژارکھر گڈ اُمی سیے تہٕ سورُے زہر چھانٹہٕ اُمی سیے
پیچھ۔ اَچھ وَچھم تہٕ مُژرووُم کیاہ اَس۔ اَدِ یہ
بُچھ آم تہٕ دوٗنمس۔ تالہ پیچھ کھوہ نیچھس
تانی کیاہ دوٗلمس لیکن تہٕ ناسِہٕ ہِنہ ہُند خلُتھ تہٕ
دوٗپمس۔" تمن تہٕ مالِس دلس قبرٕ تہٕ چاٮ۪نس
مالِس خرٕ دلس تہٕ کلہ ہیرٕ....." گوٗژھ وُچھن
زٕ نرم طبیٚ پیٹھ حاجی بابہٕ کیتھ پاٹھی اوس دِلک
نارٕ ژھٹہٕ مو کھ مازندرآن وَن کس یادرٕ سیہ سنُدرٕ
کھوہ تہٕ تہٕ خشمہ موٗت تہٕ ہیبناک بنیومُت۔

شکر لب گیہ گوڈ ہے بُتہٕ گہہ ہش تہٕ اَمہ
پتہٕ کھوٗژ تہٕ روٗز زنانن منز ژوٗر۔ ییلہ بہٕ پننہ
تیرٕ خالی گرِتھ موکلیوس، بڑو نیچھ بڑو نیچھ عاشہ
ہیچھ تہٕ پتہٕ پتہٕ پننہ۔ آدم کھاو دایہ کھیچیا ہیچھ
آیہ شکر لب مےٚ کُن ووتلیتھ تہٕ وہرووُن اَمن
بہٕ چھُس دَپان تمہ اَسہ پینتہٕ منز کوہ سہ بلاے
دراییہ۔ اَمہ سیتو آو عاشس تہٕ زیوٗ گنڈ مژرنہٕ
تہٕ عاشن یہ ورٕژھنو تمہ سیتو گیہ داین ہمہ تہٕ
تہٕ مژرٕ تمو تہٕ اَمن تہٕ موچھر ژوٗمرووہس تہٕ حاجہٕ
دَجیت کھوہ تہٕ تہٕ کوٗرہس گژھ۔ یمہ رانٹیہ گیہ
کوٹھس تیتھ پاٹھو اَگادِ تہٕ تُمے ہے ملکھ زٕ بہٕ
دریوہ سیے پتہٕ آتہٕ۔ یہ تناز زیٹھیوو یوٗت زِ کُٹھس
منز روٗزنہٕ جایی۔ مےٚ لوٗگنہ اَتہٕ نیرنس چارٕ
کینہہ تکیاز یاتہٕ موہیہ ہِن ہم تتہٕ یایہٕ۔

تعہ یہ تہٕ آسہ دفسکو توٗرمُت زیمہ پوشہٕ
ٹوٗری موی اَمن کتھ تہٕ موٗدرٕ کلامہ کرن واجنہٕ دایہ آسنہٕ

بنتھین تیمن پوشید موختہ دانہ خوٗرن ہٕنٛز یمن ہُنٛد
وعدٕ قرآن مجیدس منٛز چھُہ کرنہٕ آمُت۔
سیٹھاہ پریشٲنی سان تہٕ دِل مولوال کٔرتھ
کٲر نومرادو تہٕ غمہٕ ہوٚت ژاس بٔیس کُنٹھ،
منٛز تہٕ سورُے ٹھیر لٔھیا نونگوم اکھ فقط اکہ
کٔنتھ سیتی تہٕ آس ذلتس تہٕ شکستس منٛز وٕلنہٕ
تہٕ پننی عملہٕ ہنٛز نحوست آیہ زٕنگن وٕٹھنہٕ۔ دوٚیم
ہرگاہ وونی بٔنیہ اَیزس کام ہیٚنٛزم، مامِلہٕ گٔژھ
خراب تہٕ کوٹھس گالنٕ مُلہ موٗنجے۔

یٲنی پانس سیتی چھُس دپان: "وہ، ایز آسہ
ہیم نہٕ وونمُت وُنی کینٛہ آسہٕ ہا خوش تہٕ سوکھ سان
بِہہہتھ۔ مےٚ نے ایز آسہ ہا وونمُت، یہ زنانہٕ میانی
ہیٚنے امہٕ کھوتہٕ تہٕ شورہا، مےٚ کیاہ کرہا؟ اَمہ پوٚز
وونی کوہ سہ ترٹھ ژھینہ پانس کوٹھ پھیو ایز سیتی
وٕلنہٕ یاٹھو۔ یہ ایز تہٕ چھُم ہشری ژٕ رٹھتھ اشٹامس
پیٹھ لیکھتھ دِیُتمُت۔ لٔکن نش گوس ایہ زیور
تہٕ ٹھگ یتھ پانہٕ لیکھتھ چھُم دِیُتمُت پننہٕ دستخط
سیتی۔

۱۶

## حاجی بابنی مکارٕل نشی گرٕھو

تہٕ تسُنٛد شکر لبنہٕ خلاہ دیُن تہٕ دُنیہ چہ تس یلہ گژھنہ
راتس دوٚدُس تہٕ سیتی تہٕ صُبحس بانگہ تام

وٕٹھمنہٕ اُچھ تہٕ صُبحس آسہ ہیم یوہے گٲنٛٹس دار
کھنٛڈس نیٚندرِ زوال ہش کُمرِ زِ موہ منوین ہٕنٛدہ
کرٕنٛکہ ناد سیتی گوس ہُشار تہٕ تٔمس ٹُھک ٹھک
کران آسی وَنان: "وٕٹھو حضرت! آشنہ ہٕنٛدی
بٲے چھیو کینٛہہ نفر ہیتھ سمکھنہ آمتی۔"
یہ بوزتھ ژایم گوڈٕ تھر تھر تہٕ ژھٹہ زکانہہ
طاقتھا رودمتہٕ۔ امہٕ پتہٕ زن پننی اپز بروٚنٛہہ
کُن یتھ مےٚ سیتی کنتھہ لوٚگ کرنہٕ۔ گوڈٕ رُس خیال تہٕ اکھ
اکی سٕنٛدِ کھوتہٕ بتر بدرایہ ہیشم دِلس گٔنٛڈ تہٕ مشہد
منٛز یُس تلہٕ یتی تٔلق پیوٚمُت اوسُم سُہ اوسمنہٕ موشمُت
تہٕ بٔنیہ اکہ لٹہٕ آم تلہٕ پتھ کشُن ہیوٚ۔ آخر چھُس
دپان: "ہا وۄہ لہ سہ وُچھیو کیاہ بنیہ۔ آخر چھا شکہ لب
میانی زنانے کنہ بٔنیہ چھےٚ کینٛہہ۔ موٗن زن تیوٚت
چھُسنہٕ بہٕ آسَن دول یوٚت مےٚ تس وونمُت چھہ
مےٚ یاژ کرا ژوٗر، ساسہ بدو لُکو چھُہ از تام یی کوٚرمُت
تہٕ مےٚ تہٕ زن کوٚر یتھے پاٹھی خاندر۔ وونی کیاہ زن
گو؟ امہٕ پتہٕ دوٚپکھ: آنو مےٚ جپسر تہٕ قہوہ"
موہ منو پوٚتل میون وُتھرن تہٕ ہُم نفریم مےٚ
سمکھنہٕ آسی آمتی ژاے اکہ اکہ کٹھس منٛز تہٕ بیٹھی
مسندس پیٹھ۔ اکھ جمائتس منٛز آسی میانہٕ زنانہٕ ہٕنٛدی
زٕ بٲے، بٔیتر، پیٚتر بوے تہٕ بٔنیہ بیاکھ دید دوٗر
نفراہ یُسنہٕ زانہہ مےٚ نظر گومُت اوس۔ موہ منوی رتہ
رودی بروٚنٛٹھ کنہٕ ہسفہٕ گٔنٛڈتھ وونی تہٕ یمن منٛز

اَسہِ نفر جوراہ ویراتھ ہوی گوژہ تہ وچھتھ تہِ اَتھس
کیہتہ دٕرس ہیتھ۔ یمے اَسہِ اَچھ پھٹہِ پھٹہِ
خشمہ ہینتھ مُدے گنڈتھ مےٚ زاگہ۔
ینہِ رُکھ جکھیوم سیٹھا تھمن بیہناو نَس زِ تہندِ تشریف اَنِنہ
سیتہِ گوس بہٕ بڈ خوش تہ ینہ بے گوناہی سِرزٕر
تہ پَرزٕر تہ نشہ راوِیوم، اَما پوز میانین زٕچھن کنھن
دِیُت یمو مختصرأکی سے کنھہ منز جواب۔

تھوکرٕ نادانہ یتہ، مطلب سخت زانِنہ موکھ
پھیورُس زِ ژھس ہرس کُن تہ دوٚ یمس۔ انشاءاللہ
دوہمید چھِم زِ خدا مہ کرِن کانہہ دوہ گتہ آسہِ نہٕ اُمت
خارِے چھا؟ یوت صبحاے چھُو یوٚر ییتھ مےٚ
یِزتھ بخشمُت تہ مےٚ لایق ہرگاہ کانہہ حُکم چھُ۔ فرمٲوِو۔
بہٕ چھُس خدمتھ کرنہ موکھ تیار۔

زٕیٹھ ہُنر۔ ( زٕرٕ ہا قرار کرِتھ سوچینہ یتہ)
ھاجیا! مےٚ کُن وچھ ژٕ یے ما چھتھ اَسہِ چیارِ تہ
دانہ نہٕ اَنی رِتھ؟ جاٲنی کیٛنہ چھا اَسہِ احمق کینہ خر؟
رُکینہ ژٕ یے چھکے اَسہِ ریشس تھچھ تہ ھنزرتہ میارٕ
خوش کرِی تیار ہوکر کتھ اَسہِ نوکر؟

بہٕ۔ یہ کیاہ حضن چھو توہہ فرماوان؟ لاالٰہ خدا بابہٕ
بہٕ کُس حضن چھُس تہ میون کیاہ طاقتھ چھُ
بہٕ حضن چھُس تہندِ بوزار کھوٚر اَکھ۔

لو گُٹھ ہُنر۔ دیان چھکھ بہٕ کُس چھُس! مُسہ غریبہ؟
زن نہٕ کہیں زانکھ، یُس نہٕ کہیں زانہ تہٕ کہیں؟
آسہِ تس کنہ تکہ پانس سیتہ تکہ جماتھا اَکھ
وَرفتار کرِنی؟ تاجیاہ چھُ ژٕ یے ہیوٚ مُسہ
غریباہ یہ بغداد بیٹھ یور تہ بیہیہ اَسہِ
پٔنزہِ سندی پاتھی نرٕ ناوِنہ۔

بہٕ۔ استغفراللہ! توہہ کیاہ حضن چھو یہ فرماوان؟
اَتھ خر کورُمت کیاہ چھُ مےٚ؟ تلہ حضن خوداہ
سِندِ پاسہ وٲنو یوٚ زٕرے مےٚ کیاہ چھُ کورُمت۔

بِیتر۔ ( ریش پنُن موچھ منز رٹتھ) ژٕ یے ہیوٚ ٹھگ
نہٕ رفتبائے تہ آسیا کانہہ یُس لکُن اَتھ بیٹھ
تارِتھ تہ تہمن سیتہ جالسازی ورتاوِتھ دیکھ
کیاہ حضن خارِے چھا؟" یورِ پکی نہٕ یہ ٹھگ
تہ نہ شربی اَسہِ یہ چالاکی۔ بوزِتھ؟

بہٕ۔ چھُ خدایا! اَمن حضن تے چھُ کیاہ کورُمت
تلہ حضن میانی دٕرے چھکے ژٕ تُس مےٚ وَنتہ۔

زٕیٹھ ہُنر۔ ژٕ یے چھیہ خیال زِ اَسہِ نہانگ زِ
ناوِد کوٹ پچھ یور تہ ییتہ کرٕ ہن ٹھگ
خاندانیچ کور نیتھر تہ امی فند ٹھگو کتھ ژٕ اَسہِ
کوڈن منتھ؟ تیا؟

بیاکھ ہُنر۔ ژٕ یے چھیہ خبر زِ ژٕ یے ہیوٚ دربدری تہ
خری بیشہ انسان کر اَسہِ ہوون سیتہ برابری
تیا؟

بِیتر۔ ( ڈنسہِ کران کران) ہانسہ، حاج بابہ یمہ
چھُ بوڈ بابہ باپاری۔ ریشم تہ سِلک چھُ بُخارا

پیٹھ یور اَنناوان۔ توٚہۍ یہٕ کٔشیٖرِ پیٹھ چھہ

اُمی سٕندی شال تیار وانِنس۔ چیٖنَس تہٕ ہِنٛدوستان

کیو سَمنٛدرَو مَنٛز چھہ اُمی سٕندی جہاز پکان

آسان۔ توٚہۍ کیاہ چھِو اُمِس وَنان، یہٕ آشیا

جَدال؟

پیتٕرِ بوے۔ (مخولہٕ کران کران) ہتہٕ حفص یہٕ آشیا

نادِ کوٚٹ۔ استغفر اللہ! یہ حفص چھُ گرِتھ

تہٕ زٔرِتھ قریش زادٕ۔ زٕرِتھ ہے تہٕ تیٚلہ ماآسہ

بنیٖ ہاشمہٕ تہٕ منصوٗری خاندانہٕ منٛز تہٕ۔ شہ

کُس واتہٕ اُمی سٕندِس حسب نسبَس؟

بٕہٕ۔ ہتہٕ حفص یمہٕ کٔتھ کیاہ چھِو توٚہۍ کران؟

مےٚ کوٚنہٕ ترٛان فکرِ؟

اَمایوٚز یانی مےٚ فکرِ توٚر زیٛپ چھُ تیار گرِتھ

کڈِنس، مےٚ دوٚپمکھ: ہرگاہ توٚہۍ یہٕ رِژھان چھِو

مےٚ مارِن، وٕرِلو کرِو وُمر اَکی ساتہٕ کھٔش۔ یہ کیاز

چھوٚم پینٛتہٕ پینٛتہٕ مُسلہٕ والان؟

شہ دِیراٹھ ہیو اِنسان یُس خشمہٕ ہوٚت

مےٚ وُچھان اوس، اوس اوٚت تام زھوٕ یہٕ گرِتھ

اُمی ہٕژ راوزیو تہٕ چھُم ہیمناخ آوازِ منٛز وَنان:

"ہتو بےٚ شرما تہٕ بے حیٛا! یو کُنہٕ وُچھہ بہٕ

دِنے صاف صاف بروٛنٛہہ کنہٕ زِ ژٕ چھکھہٕ تمو حٕبیٖتو

منٛز یِم زِنٛد ہٕ گرِ ژھن تراوِنی۔ ہرگاہ نہٕ ژٕ وِنی یٔمی وِز

نیٖتھ وُک خیال دِماغہٕ منٛز کڈِکھنہٕ تہٕ زنانہٕ خلاہ دِکھنہٕ

تہٕ یٔمہٕ مکانُک تہٕ یٔیتِکہٕ جایداد کُمام بنتُک کیٚوٚم

مغزَو منٛز کڈِکھنہٕ، یاد تھاوِ ژٕ تارٕلگی نہٕ اُمِس

ژٕ ہٕس منٛز کڈِنے یِم (گونٛشٕ ہلُن کُن ہاوان) جوان

تہٕ کھژُ تہٕ زِنٛدٕ ہے والِنے مُسلہٕ تہٕ زَن رُننے ژٕرٕ کلہٕ

ژٕ رٕٹھتہٕ۔"

بٕہٕ: مےٚ یہ وَنُن اوس تہٕ ووٚن مےٚ۔ یتھ چھِو

توٚہۍ ہینُن بختیار۔

اَمہٕ پتہٕ وَہرِوو سارِوے اُمِس تہٕ نہٕ وُچھکھ

اوٚسانہٕ موٚسا، تہٕ رِچھم لِکہٕ آیراوان تہٕ سعہ فِقنِیحتہٕ

کران یتھنہٕ کانہہ شُمارٕے چھُ۔

ییٚلہٕ نہٕ یِمو مےٚ کٔتھ کرِنس وارِے تھوٚد مےٚ

دوٚپ بہٕ تہٕ چھنٲوِ روبہٕ داباہ۔ بہٕ وو تھٕس اُمِس

گونٛشٕ ہلُس کُن۔" دوٚپ یمے ہٕسہ بَبا! ژٕ وَنتم ژٕ

کُس چھکھ یور میانِس گرِس منٛز۔ یتھ مےٚ یوٚہے

ہوٚناہ ہیو زانان؟ یِم چھہ میانہٕ آشنہٕ ہِنٛدی

بٲے باندَو، اَدٕ آسے تہٕ میانِین جشنَن پیٹھ آسے

گرٕ چھکھ ہُن، یہ خوش کرِ یتھ تہٕ کرِن۔ ژٕ وَنتم

ژٕ ہے چھکھ تہٕ ژٕ کُس چھکھ؟ نہ چھکھ بوے نہ

بٔیترٕ۔ نہ چھُم جانہٕ کور سیتھ نیتھر کورُمُت تہٕ نہ جانہٕ

بٔینہٕ سیتی۔ ژٕ ہے بلی ہیگاہ منٛز یو گو کھ یادِ ژٕ وَنتم

ژٕ کتہٕ آکھ؟"

یہ دیدہٕ دوٚر تہٕ اُمی سٕندی موٲلی چھہ مےٚ خشمہٕ

ہتو سیہہ سٕندی یٲٹھو وچھان تہٕ دوٚپنم دِیٕژ چھکھ

یَڑھان زانُن بہٕ کُس چھُس ؟ پڑٕنٕہ پھٕٹ، یمو بہٕ
یور چھُہس اوٚنمُت۔ بہٕ چھُس پادشاہ سُنٛد مُلاُزم۔"

مےٚ توٚر فِکرِ زِ یہ چھُ تھانہٕ دار تہٕ بڑٕہ مشنگہ دوٚرہ
چھُ۔ بہٕ ہیوس پایَس تہٕ چھُس اُمس بڑٕ نرمی سان
تہٕ اَسان اَسان دِپان۔ "ہرگاہ توٚہۍ زٕ چھِنہٕ یڑھان
پِچھو، اَتھ چھُنا شرحک گنڈ، تمہ موٚجوٗب دِیو مےٚ
فُرصَتھ یُتھ بہٕ تہٕ شرحہٕ کیس ہاؤمس نِش گژھہ تہٕ
ژھینن تہٕ سپد شرحہ موجوٗبے۔ وُچھو حفض اسو چھ
آخر مُسلمان، شرحس تہٕ قرآنس پیٹھ یَڑھ یَڑھ
تھون وألی۔ میانۍ کہنہ چھو، توٚہۍ تہٕ قرآنِ مجیدس
بروٚنٹھ کنہٕ کلہٕ نوٚمراون والیو منز۔ "تیِلہ وَنۍ تو حفض
مےٚ، توہیہ کتہٕ حفض چھُو خبر زِ میانۍ زنانہٕ کیاہ چھےٚ
تعمیچ سیٹھاہ تہٕ سعہ تہٕ چھےٚ ژھین یَڑھان ؟ بہٕ لوگُس
نہٕ تَس نیستھرس پتہٕ کینٛہہ۔ سوے اُس مےٚ اکادِگاہ حُرتہٕ
مےٚ کتہٕ اُس تَسنٛدِ گرِچ پناہ۔ تمی اوٚنس بہٕ یور نتہٕ
کتہٕ اُس مےٚ خبر تَسنٛدِ مال وجاداد چ یا تَسنٛدِ
مکانچ۔ یہ حفض تقدیر آسان۔ اَتھ اوس قِسمتس
یہی لیکھتھ حضرت۔ وونۍ گو تہ ہنے تقدیر تہٕ
قِسمتس پڑھ آسہ، تیلہ لجہ نو تھُنٛد مُسلمانی۔
زیٹھ ہار۔ شکر لبہ ہنٛد روزی نےٚ ژٕتےٚ دِلس
یقین تَس چھُکھ سانہٕ کھعہ تہٕ زیادٕ کھران
اَمہ پتہٕ ووٚتھ اَتہٕ شور ز۔" اَہنسہ ہےٚ انخوداپہ
سُنٛد یا سہ دألی تون یہ بلایہ اَسہ کلہ پیٹھ تہٕ اَسہ
"تُلناوی تو اُمس نِش تھنچھ تہٕ یہ کرُو نون کنہٕ پأٹھو
دَفع؛ محل خانہٕ اَندرِ پیٹھ گیم یرشے کتھ کنن اَندر
کُن ترأوم نظر تہٕ، اَتہٕ گوم دایَن ہُنٛد فوجاہ اَکھ
نظرِ اونکھیر جونکھیر یوٚژ، ووٚڈ دتھ۔ عائشہٕ اَکھ
بڑونہہ بڑونہہ تہٕ شکر لب اَکھ مارنے زیٹھ۔ یمہ
ٹیچھ کتھ آسہ پہانٛد کوےٚ موٚدرِ اَسہ منز نیران تہٕ
زاگرنیتھ ماگنیتھ آسہ یمہ اوٚتن آمژ۔ سےٚ زون ز
وونۍ یہ یمتھ گرٕژھن اوس تہٕ گوس۔ اَتھ بلایہ
پوشنہٕ بہٕ۔ بہٕ نہٕ پرٕ مُلکک وہ پرجایہ منز تہٕ پرین
منز پیسنہٕ آمُت۔ نہ کانٛہہ یاراہ تہٕ نہ دأدی کوٹھاہ
آن مانہٕ ورأےٚ تہٕ ٹیٹھ پیالہ موٚدر زاگرنیتھ چینہ وراے
چھُنہٕ ووٚنی چارٕ کینٛہہ۔ بہٕ ووٚتھس تھود تہٕ
ووٚنمکھ۔" اَدِ سہ، ووٚنی یلہ یہی چھُ، یہی کرو
یلہ تہٕ یہ مےٚ سیٹھاہ چھےٚ روزُن یَڑھان مےٚ نہٕ نہ
چھےٚ اَمو سٕنز ےٚ منوٚرُورتھ تہٕ اَمو سُنٛد مائِچ تہٕ
جاداد چ تہٕ نہ کُنہٕ چیز چھے۔

### ھی طالقٌ طالقٌ طلقةٌ طالقٌ
### مرّةٌ ثانيةٌ طالقٌ ثلثةٌ"

اَمایوٗز یتہٕ دنو یہ تعہ ہنہ مےٚ سیٹھاہ کوٚروٗ یہ
چھِنہٕ مُسلمانی۔ ہرگاہ بہٕ انگریزن ہندس مُلکس
منز ہونے آسہ ہا یمہ کھعہ تہٕ کرٕہ مس تم رت سوٚراخ
مےٚ سیٹھاہ ان شاء اللہ یُس عذاب خودایس تہٕ
رسوٗلس انکار کرن والین ہنٛدِ خاطرِ چھُ سُے

عذاب سپدِ تمن پموٗ مےٚ بیٚہٕ ظُلم کوٚر۔ وَسَیَعۡلَمُ

الَّذِیۡنَ ظَلَمُوۡۤا اَیَّ مُنۡقَلَبٍ یَّنۡقَلِبُوۡنَ۔

اَمہ پتہٕ پیٚم یِم حدیث تہٕ آیہٕ کریم ژٕ پَرِس
اَسہِ، تم نِیم بیٚرِتھ۔ چھیکرس ژٕ ئم کٔتھ یہ وٕنِتھ

فَالَّذِیۡنَ کَفَرُوۡا قُطِّعَتۡ لَہُمۡ ثِیَابٌ مِّنۡ نَّارٍ
یُصَبُّ مِنۡ فَوۡقِ رُءُوۡسِہِمُ الۡحَمِیۡمُ یُصۡہَرُ
بِہٖ مَا فِیۡ بُطُوۡنِہِمۡ وَ الۡجُلُوۡدُ وَ لَہُمۡ مَّقَامِعُ
مِنۡ حَدِیۡدٍ کُلَّمَاۤ اَرَادُوۡۤا اَنۡ یَّخۡرُجُوۡا مِنۡہَا
مِنۡ غَمٍّ اُعِیۡدُوۡا فِیۡہَا وَ ذُوۡقُوۡا عَذَابَ
الۡحَرِیۡقِ ۝

اَخر دوٚپھُس بھوٚد تہٕ دراس بڑٕ ژکھ سان
تہٕ خشمہ ہوٚت کُھٹ منز نبر۔ شکرِ لبہ ہندی یم پلوٗ ناکو
اَسہِ ژٕم کرٕدِم نالہ منز تہٕ دِتی مکھ داَرِتھ۔ پنٕن زچہ بوٚر
ہتھ مکھ واپس تہٕ نکھس لدِتھ دروازس کُن نیران
نیران چھسکہ دَپان "ہہ ژےٚ تہ ہہ زُکُن مأکی
پشرن قبرن بھوٚکہ۔ ہہ ژےٚ تُہنزن قبرن ہُنٛد
چھرنی۔" یہ وٕنِتھ دراس پانس۔

٤٧

## کوچس منز قصا اکھ سپدنہٕ سِتھ

### ہانچ پانس دِکُ غم لوتی

وارہٕ پہٕس وخنس رودُس کوچس منز تیز تیز
پکان تہٕ نبرے چھمنہٕ کوٚت چھُس گژھان۔ دِلس
منز اوسُم غمک بُتھ بار زِ موٚت گژھنس روز پہنہ
کانہہ تار۔ اَتھ منز گوم سمندر نظرِ تہٕ دپان چھُس
جان چھُ وونی پنٕن پان آبس پھاہٕ دُن۔

اَتھی منز گوٚ ہنگہ منگہ سہ جِٹھاہ بیٚمہ کنہِ مےٚ
پنٕن یراد ڈالُن پیوٚ۔ لوٚ دوٚرے یہ اوسنہ موٚکلی
قِصہ اُماپوٚز مےٚ گوٚ شیخ پاٹھی دلس ژِ نِتھ تہٕ پان
مارنہٕ نِش بچوس۔ مےٚ وُچھ ہوٚنی لڑائے اکھ یوسہٕ
استقبول کیت کوچن منز آسہٕ وٕنی چھےٚ آسان۔
ہوٚناہ اکھ اوس ہٹین ہوٚنین ہُنٛد محلہ منز اُڈرچ
اکھ ہیٚتھ آمُت یوسہٕ تِہنٛدہ بچارن ہٕنٛز حق اُس
اَتہٕ دوٚلتھ شورِ محشر۔ تمہ محلکو ساری ہوٚنی آے
دوٚ تلِتھ تہٕ کَرکھ اُمس اُڈرچ ننہٕ واپس ہوٚنس
پننس محلس تانی لار۔ پننس محلس منز واتِتھ کوٚر
اُمی ہوٚنی پننین ہوٚنی یارن آلو تہٕ آے تِم لاران
لاران ہمن ہوٚنین سیتھ ژوٚہنہ تہٕ اَتہٕ وٕتھ شیخ
ہوٚل ہالے تہٕ کَرِ یکہ ناد۔

یہ تماشہ وُچھتھ لوب مےٚ سبق تہٕ دپان
چھُس "بڑ نحہ دایہ! جانٛنی حیکمتھ کانٛہ ژاہ منزنی
چھےٚ۔ بشر بیشز کم عقلہ کتہ وٕنیہ جانٛنی بڑ تہٕ کھر
حیکمتھ۔ اُسہ کتہ اُوسہ طاقتھ جانٛس قدرتس
تہٕ جانٛس حیکمتس کُڈو کیٚٹھ

حلِ معمای حکمتت نتواند
آنکہ کند حل صد ہزار معما

ہۆنی لڑایہ ہێنز حیکمتہٕ ہٕنز وجہ کٲسِتھ غفلتچ نێندرٕ
تہٕ پیلانچ وتھان ووتھِتھ۔ یۆدوے یِہ سبق دِنہٕ وول ہاہون
رکہیس تہٕ چھُنہٕ۔ اما پوز سبق اَمی سُنٛد چھُ سیٹھا بوٚڈ
رکتھ پٲٹھۍ لبیم اَرٕی پٲٹھۍ سعدی یُس یہ
ژھانڈان اوسُس ؎

ہر رہی جوئی ہمان پیشت رسد
گفت پیغمبر کہ من جدّ و جد

سُبحان اللہ! عقلہٕ روٚس حیوان تہٕ چھُ گاٹلس
اِنسان سٕندی پٲٹھۍ پننہٕ کامہٕ ہنز دانا تہٕ عاقل
آسان۔"

حیکمتچ ہیمہٕ اَدی جہ زاوہہ جہ کتھ دۆنۍتھ
دراس پننس وفادار تہٕ جگری یار عثمان آغہ سُنٛد
گرٕ کُن یُس سُنی اَسِتھ تہٕ مے سیتۍ انسان سٕندی
پٲٹھۍ رٕت سلوٗخ کران اوس تہٕ شہر بوج آسنچ
نظری وُچھان اوسُم۔ عاذتہٕ موجوب کوٚرنم جان
یِزتھ تہٕ میانی داوہہ کانگر بوٗزتھ کوٚڈن جچیرِ گُنے
دام تہٕ دیہی تہٕ کھا اَکھ اَسہٕ منز تراوتھ تہٕ ووشا
کڈتھ چھُم دیان۔" ووٚلہٕ سہ، خدا چھُ کریم تہٕ کار
ساز۔ مے ہمسہ زانیو تمی ساتہٕ دوستا، یِمہٕ ساتہٕ
تہٕ کرّو فرسان وُچھومکھ ایرانین نش یوان زنجیر
کوسہ بلاے چھےٚ ترٛان۔ وُنہٕ چھکھ تہٕ خام تہٕ گنٛڈ دِ
ژٕ مے چھےٚ ناخبری زٕ اَکھ اَکس سُنٛد خوش نہ تہٕ پنچ
بیمار یا چھےٚ سعہ یتھنہٕ کانہہ یلاجی چھُ۔ اَدٕ سہ مے

وُنہٕ تہٕ سُہ نُلی چھ یا تموک کیٛنہٕ وول یُس دیہی دوہس
ہمساہ ہمساہ کرٕتھ تہٕ تھکِتھ تہٕ چھینتھ اَکھ نُلی چھ یا
تماکی پادٕ کینہٕ، سُہ ہیکیا حاجی بابس (یُس بچارس
نہ پانس زانہہ خانی تہٕ پیہ) تہٕتھس جیس تہٕ زیس
منز وُچھِتھ زروٕتھ؟ اوٕ ہرگاہ تہٕہنٛدِ کھمہٕ تہٕ یوٚتام
رژھاجان یہٕہن آسہہن یا تہٕہنٛدِس خرسنٛدِ کھمہٕ تہٕ ہناموٗل
یہٕہن گرٕ کھسن آسہہن۔" یہ زٕ رنجتھ زٕ تہٕ ما آسکھ
تہٕہنٛدِ کھمہٕ تہٕ بختہٕ بوڈ یہٕہن، یہٕہن تمہٕ برداش تہٕ
والہٕ ہمن گرژ وٚہ۔ اما پوز یِمہٕ حسیہ تہٕ زیہ سان تہٕ
یان تھپکِتھ ناوتھ آکھ، تمہٕ کینہٕ کیتہٕ پٲٹھۍ اوز ہکھ
زٕ تمن روسیہن نش بسفید بچھتھ؟ تہٕ زٕ کیاہ روز ہچھ
نہ تمن اَچھ منز ٹیرٕ تہٕ پانس ہیو کیاہ بناوہہ سنیٚ تہٕ؟
یزار چھُ یہ زٕ تمہٕ وہے منز اوسے اَکھاہ جایٲنس
تہٕہرس نیش گوٚمت تہٕ دوٚ یمت اوسنس۔" یہ چھےٚ تہٕ
بغداد ہ وغداد کینٛہہ، یہ چھےٚ کھرہ پیشہ، الفنگ
ناوِد کوٹاہ اَکھ۔ یُس نہ پیٚنٛد چھےٚ تہٕ نہ یبرن۔ یہ کتہٕ
داتہٕ زنانہٕ۔ سُہ کتہٕ چھُ بخارا تہٕ کشیر ہنٛد خوجے سوٗداگر
تم کتہٕ چھس ریشم تہٕ مخمل بری بری جہاز۔ یہ چھیٚنو
سورُے مبتلہٕ دوٚ نمُت۔" ہرگاہ تہٕ چھُ را اقتضا تکیہ
حاج بابنہٕ خشیتہٕ تہٕ استانبول کہ خوجہ سٕنٛدٕ
حیثیتہٕ نہٕ، مے نش آسہ ہکھ آمت تہٕ دمہ ہے تہٕ ہرگز
نہ یہ کام کرٕنہٕ۔ ووٚنی زٕ تہٕ نصیحتھ یتھنہٕ بادٕ بار
یرٕتھ غلطی کرکھ۔" یہ وٕنتھ لوٚگ بِبیہ تموک چینٕہ۔

مےٚ دوٚپُس۔" پوٚژُے ووٚنُتھ ژٕے۔ خارُ وونی
یہٕ گوٚ تہٕ تہٕ گوٚ۔ سوٗرُے موٗنمُ چھُون۔ اَما پوٚز یہِ وَنتم اَسہِ
چھِنا آخر مُسلمان ؟ شَرعَن ہےٚ چھےٚ عدالتھا
لگاوِتھ، یہِ وَنتم ژٕ مے چھُسچھ اَز تام یوٗزمُت زِ
زنانہٕ کیاہ دِیت مَردَس طلاق ؟ یا کانٕسہِ زنانہِ کیا
ژُھن ہِنُ رٕون گرِ زنتہٕ مُشد بر بیٚچھک ہُونا ہیچھ
گٔڈ بتہ کیٚ سہ زِ تس اوس راتھ سے شہ بکار تہٕ صُبحس
لگہِ ہیس یہٕ کُنہِ ؟ یتھہ جایہ چھِ اسلامبولٕ اسلامک
گٔڈ وَنان۔ یٔتہِ چھُ قاضی، مُفتی، شیخ الاسلام
یٔتہِ چھُ لکھن ہندِس دادس واتان۔ یِمَن ظُلم آسہِ
سپدمُت تِمَن سیٚتی چھُ یٔتہِ انصاف یوان کرنہٕ۔
آخر چھا یِم اسلامکو کارکُن یٔتہِ بہتھے تنخواہ
کھیوان ؟ ہِمَن چھا فقط تسبیح پھرنس، نماز
پرنس تہٕ روزٕ در روزٕ مَہ کیٚ حوالہ گوٚمُت تنخواہ
دِوان ؟ ظُلم دور کرُن چھُ یِہندِ فرض۔ میانہٕ کھوتہٕ
تہٕ آسیا کانٕسہِ بیٚیس ظُلم سپدمُت ؟

عُثمان آغہٕ۔ حاجیا ! تلہِ سہ کر خودایہ خودایہ، ژٕ نے
چھُکھنہِ خبر ژٕ، وَنان کیاہ چھُکھ ؟ ژٕ چھُکھ
یَژھان اسلامبول کین مقدس مشائخن ہِنز
اَکِس شیخہٕ سٕنز رٕ سوٗ چھےٚ راجنہِ معنڈ زنانہٕ تہٕ
تسندین آمن والین باین سیٚتی ژُونی تہٕ تِمَن
مُقدمہٕ کرُن ؟ ژٕ کیتہٕ چھُکھ ؟ ژٕ نے چھے نا
خبر یِس اِنسانس تہٕ کرٕ منز سعون آسہِ
تس چھُ مَرُن زور تہٕ آسان تہٕ یِس مَہ چھِ منز
پوٚنسہِ آسہِ تسی چھُ پوٚز تہٕ اَکھس منز آسان ؟
چاہے کُنہِ ہرگاہ قرآن مجید کی ساری سورہ، آیہ،
حدیث تہٕ کلام رسول تہٕ آسن تہٕ اَکھس منز آسی یہٕ
پوٚنسہٕ تہٕ اور آسی مدے آسن وول، تیلہِ زانٕفی ز
شہ وسہ یاسہ سنگو ہاٹھو نکھ تہٕ ژٕ نے چھکنے کیٚہ
ڈونگو ہاٹھو نبر۔

بہٕ۔ یا حضرت علی مُشکلکشا کرم ! تہی وا تومیا رِنس
دادس۔ یا حضرت امام رضاؑ ! تہی کرِو مےٚ
مسکینس اَتھہٕ روٚٹ۔ دوٚپُس ہسہ عُثمان آغہ
صاحب ! ہرگاہ تکھ بہتی خبیث چھ یہ ژٕ ونان
چھُکھ تیلہ کھیٚیہ مے کہتھے تہٕ بہٕ ہیمہ بیٚیہ
حمہ قہ کینہٕ۔ سوچان چھُس کیاہ کرٕ ؟ آنچھ
ہورکھ کینہٕ تہٕ ؟ ہا نہ سہ بہٕ کتہٕ ژاوکھ یوٚت
جل، بہٕ ہسہ گرٕ ژھے تِمَن گرٕ تہٕ تلہٕ کرٕ تکہ ناد
یِمھ مےٚ سیٚتی انصاف سپدِ۔

اَمہِ پتہٕ چھُس دِلس بیٚیھ بار آسنہٕ کہٕ سببہ
ربڑ بڑ وَدان تہٕ مَہ چھُو مہ چھُو ریش کھنزان۔
عُثمان آغہ لوٚگُم دِلاسہ دِنہٕ تہٕ دوٚپنم: "ہا حاجہ!
خودایس کُن کرُ شُکر۔ شہ وَرخ یادٕ ژٕ تس بیٚیلہ
ژٕ کمانو رٕٹھ نیوٚکھ۔ تمہِ نِش چھُکھنا اَز جنتس
منز ؟ یہ چھُ آسان انسانس تقدیرس لیکھتہٕ۔
تقدیرس بروٚنٹھ کتہٕ نے کار نوٚمراوو، چارٕ کیاہ

چھُہ؟ تمہٕ پتہٕ گژھہٕ خۄداے ہمیشہ بوٚڈ زانُن۔ سُہ چھُہ کریم۔

یہٕ ووٚتھنس" ہیوٚ عُثمان آغاہ صابُن اتلہٕ سہٕ

کرتہٕ ژھۄہ یہٕ: "خۄداے چھُہ بوٚڈ! خۄداے چھُہ

بوٚڈ" یمی ؤنی ؤنی کھیوٚتھس بہٕ ژٕسے۔ اٰخرٕ مان

کیاہ چھکھ ژٕ۔ خۄداے چھُہ بوٚڈ! تہٕ کیاہ گوٚو؟ مےٚ

کتہٕ چھےٚ یہٕ وہران۔ ہیانہٕ مذہبک بوٚڈ اصوٗل

چھُہ انصاف تہٕ عدالت۔ مےٚ کیازِ رٔٹُن یم ترٛکو

لُکھ پننہٕ بےٚ انصاٲفی کِنۍ تَل؟ تہٕ بٔیِیہ ماچھہ اَسو

ترُکن ہندِ پاٹھی! اٰخر چھُہ اَسہٕ دیناہ، وطناہ

زباناہ، قوماہ تہٕ حۆکومتہٕ اسہِ۔ چنگیز خان

تیمور تہٕ نادر شاہ چھِہ ساني قومہٕ منٛزٕ دراممتۍ یمو

ترُکن ماجہ ہِندِ دۄدٕ ژٕ ہتس پوچھٕ مت چھُہ۔ یہٕ ہیٚسے

گژھِ ہے پننِس سفیرس نش۔ ہرگاہ سُہ اِنسان

اوس، میانِس داَدس داتہٕ تہٕ زنانہٕ دیاوِ نادِم ایس

تہٕ اٰکھس تھٕٹھ گژھِتھ کریم حوالہ پتہٕ پچھہ یہٕ تہٕ مےٚ کُس

رنیہ تس اٰتھہٕ منٛزٕ۔"

میٛنگن منٛزٕ پیوٚ ہیے پیرِ آسِتھ تہٕ عُثمان

آغاہ سُندین جوابن کَن تھٕوٕنہٕ ورٲسے کیاہ ووٚتھس،

تہٕ نوی نوی خیال تہٕ باغ گنڈان دزاس ایران کِس،

شاہ بدلس پادشاہ سُندِس سفیرس سمکھنہٕ پتہٕ

کمہٕ تام خاص کامہِ موکھہ استانبول آمت اوس۔

## ۳

## دُشمن آنٛچ ہورٕ موکھ چاےٚ پابُن

یارژھانڈُن تہٕ میوزِ فیروز سُنٛز دلیل

سفیر سُندِ مکانک کوٚڈم پےٚ پتاہ۔ تس

اوسکھ کُتشمس نش مکانہٕ روزنہٕ موکھہ دٕیتمت یاد

منٛزٕ بیہتھ تُوٚت تام واتان واتان چھُس یہٕ فِکرِ سان

سوچان زِ کیاہ تہٕ کِتھہٕ پاٹھی باوٕ یہٕ سفیرس پنُن حال

یُتھ سُتہٕ گُملیہٕ تہٕ سنتھ گژھِ ہس۔

سفیر سُندِس براندس بیہتھ گاٹم بکوٲسو

پوٚنشہٕ نظر پیےٚ جٔتہٕ تہٕ اشارٕ کران۔ یم وچھِتھ آیم

ایرانس تہٕ تیتھہٕ مُلکس منٛزٕ فرق بوزنہٕ۔

ترُکی حیتھ آسنہٕ کِنۍ تہٕ زون رٕتمو میانہٕ زیٚو

تَلہٕ رٕ۔ بہٕ چھُس ایراٲنی تہٕ کوٚرُکھ بہٕ سفیرس نشس

رَننِس بیٹھ مےٚ سیٹھہ وعدٕ۔ مےٚ دوپ سفیر سُنٛد

گوٚرژھم نتُن زِ کیشُتھ تہٕ کیاہ چھُہ یُتھ تس آسِتو

کُنھہ بابتھ کرنس منٛزٕ سہولیتھ گژھِ ہم۔ تِمہٕ کِنۍ لاےِ چھم

نوکرس اکس سیٹھہ کُنھہ۔ تِمو بوزُنم تہٕ سورُے یہٕ

یہٕ زانُن اوسُس یِتھان۔ تِہُنٛد طوٗطی لمبکۍ ہر

تر اوس یہٕ ز: "سفیرس چھُہ میرزا فیروز ناو، شیرازُک

چھُہ روزن وول۔ سیٹھاہ تقدہ خاندانُک چھُہ اماپوٚز

زیادٕ رتہٕ خاندانُک چھُہنہٕ۔ موج گیس یِتمو سیے

وزیرِ اعظم سُنٛز بٔیِنہ یِسُند کِنو ازی کِس پادشاہس مُلکھ

بدس آو۔ میرزا فیروزن چھُ وزیرِ اعظمہ سِنز کوٗر سیتھ
نیتھر کوٚرمُت تہٕ تمہ کنہِ ووت بادشاہ سٕندِس
دربارس منز۔ کینہہ مصلحژن نظر تل تھوٚوتھ آدیہ واریاہن
نیٚبرِمین ملکن ہُند سفر کرنہٕ سوزنہٕ تہٕ تۄرے تہٕ بنووکھ
ییتینُک سفیر۔ چھُ گاٹُل اماپوز سخ تیز چھُ۔ جل چھُس
خشم کھسان تہٕ جل چھُ زُمان تہٕ۔ تیزی سان تھوٚود
وۄتھان تہٕ تیزی سانے چھُ پتھر تہٕ بہان
بکنس ٹکنس کیٚنژ چھُ بڈٕ تھلنگہ۔ لٔکن سیٹھاہ
وطیر جان مگر زادی جارٕ سان۔ بین گۄڈھن چھُس
سیٹھا۔ اطوار چھِس رٕتی۔ امہ وُن تہٕ جائی چھُ۔
خوٚلیق راو راونہٕ وزٕ پوٚدوے تلہ پیٚتھ شلوق کرنس تہٕ
چھُنہٕ واے کران اماپوز زیو چھُس میٹھ تہٕ دِل
تہٕ چھُ بیٚتین ہُند رچھان۔ کنہ بانتھ کرنہٕ وزٕ چھُ رودمُت
ہیوٚ آسنہٕ کنہِ جل تلکنس تل پوان۔ مگر دوستادلہ
کنہِ چھُس پان ڈٔلی ڈٔلی معہ کلاوُن تگان۔ یارن
دوستن سیتھ چھُ کُنہ وزٕ کھنڈ تہٕ نرم آسان
ھلوکی پاٹھی تہٕ کُنہ وزٕ دترکی پاٹھی ہیوٚ تہٕ مار کرُن
دول۔ گُنہ ساتہٕ چھُ تیشتھ لاگان زِ کانہہ اکھاہ
کیاہ واتیس نہٕ تہٕ کُنہ وزٕ تیشتھ زِ کانہہ تہٕ آسہٕ نہٕ تس
ہیوٚ۔ مگر یہ کرتھ تہٕ چھُ (عمدا دی تس زیٹھ ومر)
موٚہنیوا شہ پس بہ ہمیشہ دُکھ چھُ آسان۔ وعدٕ
پورٕ کرُن، رِیتہٕ خوٚش لقبُن، مجلس پارٕاوُن دول
کتھ زانن دول، زِندٕ دل، عاشہ موت رُت کلاہ دِل

تہٕ عیاش۔"

موٚخصر داتنہٕ ونس بٔہ امس سفیرس نِش
ایرانس ہندی پاٹھو چھُم کُنجس اکس منز شرومُت
تمہ کنہِ ہیوٚ کمنہٕ امی سُند تھوچر تہٕ بُجر پنٕتھ۔ مگر
پاک وصاف اوس۔ سینہٕ اوسُس کُشادٕ۔ تنگ پلونالی
آسنہٕ کنہِ اوس امی سُند پان ڈول دار لبنہٕ پوان۔
شکل اسمس رژٕ۔ پانٕژ سندی پاٹھو اسمس تونٹل تس۔
اچھ آسنس ونیچھ تہٕ نیٚتہ نیٚتہ گرونہٕ۔ وۄتھ تہٕ اسمس
اسمس اکھ اکی سند کھوتہٕ رٕتی۔ ریش اوسُس
سارٕ کھوتہٕ رُت تہٕ شوٚبہ دار۔ موٚخصر اوس ایرانچ
تہٕ ایرانین ہنٕز گوجر۔ تمن کُن نمتھ تہٕ سلام رٹنہٕ
پتہٕ چھُم پرژھان۔

سفیر۔ تُہ چھکھ ایرانی؟

بٔہ۔ آہن جناب۔

سفیر۔ پتھ کیاہ چھُے یہ تُرکی زِچہ زِپنا ہیوٚنالی؟
حمد خدا تعالیٰس کُن زِ دِنہٕ موٚدی تہٕ اسہ
ایرانی تہٕ دِنہٕ چھُنہٕ اسہ دُنیہس کنہِ مُشد چھُ
کینہہ۔ اسہ چھُے پننی پادشاہت۔ اسہ چھِ
قوم اکھ۔ مذہبہٕ والی۔

بٔہ۔ پورٕ جناب چھِو فرماوان۔ وُنی سرانہٕ گور گۆرٕ
میانی تھِم پلوٚنیشن یم لاگتھ کوٹھ ہیوٚنی سِنٕد
کھوتہٕ تہٕ بتر گوٚمُت چھُ۔ حضرت ینہٕ پیٚچھ
شوٚبتھ تہٕ کتن سیتھ لگ تنہ بنوٚ کھس خفائس

پیٹھ تہٕ شفدرِ شام چھمنہٕ گنہٕ۔ از چھُمنہٕ خوٗ ایس
بازہ تہٕ تمہٕ ہوس آغس روٗس کانہہ تہٕ بتہٕ۔
سفیرِ کینہہ توٗرُ منہٕ فکیہ۔ یٔہ کیاہ چھکھ پڑھان
دِنُن۔ کتھہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ اَسُن گژھک
اصفہانک۔ اَماپوٚز چانہٕ ودنہٕ روبہٕ تلہٕ چھُ
باسان زِ یا تہٕ چھُے تۆ کوٗ فند کورُمت نَتہٕ چھُھے
لوٗٹ کورُمت۔ تاجباہ چھُ ابٕ چھُس بیتہٕ دوٗر
پیٹھ یور تُ کنہ خنند کرِ نہٕ آمت نہٕ زِ تمہٕ ہن
اَسہٕ ضنند کرنہٕ۔

اَمہٕ پتہٕ بوز نوٗ دُم اَند پیٹھ اَنکھس تام پنُن
قصہٕ۔ گٔنہ ڈٔ پیٹھے کرِس میأنی کتھہ خوش۔ میانہٕ بیتھر
کرِ بیچ دلیل بوٗزِ تھ اس بٔڑ مزٕ۔ شکر لیہ ہنند ناو
یُس مہر لیکھنوٗمُت اوسُم تہٕ ییمہٕ کتھہٕ اَسہٕ دوہ یوٗ
بأزۆ پانہٕ وأنی کرِ مژ آسہٕ تہٕ بوٗزِ تھ دِتھو اَسان
اَسان ڈب زِ ہتے دوٚپ خبر غش گو ژھسنہٕ گرٕ ہن
میوٗن تُ کن ہنند ( یم میأنی خرچ تہٕ تِہندی کینہہ داند) نقل
تُلو تُلو تہٕ تیمن لأگی لأگی دُ چھنہٕ سیتو آس لُطف
تہٕ چھُم دپان: "شابش چھُے! اصفہانکہ ووستادا
شابش۔ خودا اتھا وی نے وار۔ خودا یس تھی چھُھتہ
کأما کرِ مژ۔ یہ گیہ قیامت کرِ دٕ۔ کمال چھُتہ کورُمت
اوٚرکیہ چھُتھکھ کورُمت۔ بہٕ تہٕ ہے چانہٕ جایہ آسہٕ ہا
امہ کھوتہ زبر تگہٕ ہیمنہ ہیمن دانڈن سیتو وترُن۔
ییٹسلہ مثے یَنیشن شہر باجین ہنند بُونہٕ ٹاکنک تہٕ رُسوا
کرِنک، منافقن ہنز منافقت کرِنک، شکر لیہ ہنند
ویٚسہٕ ہیٚسہ شور تمک تہٕ تِہندین اُستادن ہنند مثے
سیتو پامہٕ پام تہٕ ہرکرِ نک تہٕ اصفہانی اَسیٚنہ کینٛہو میأنی
آیہ تہٕ حدیث دأرِ دأرِ دِنک قصہٕ بوز نوٗ مثے سیتو
ہمدردی ورتاوِ نہٕ ماوجنہ تٔروٗن سُہ اَسن کھنگالہٕ تہٕ
چھُس اَسان اَسان تیتھہ پأٹھو ننیلہٕ گژھان زِ مثے
دوٚپ پھٹس مارگ۔ اَسو اَسو ہیتن فرشس پیٹھ
ڈٔلہٕ گژھ دِنی۔

بہٕ ووٚ تھسس: "جناب سفیر صاب! تو ہیو متہٕ
حض اَسو تو لوٗت۔ ہناہ کرِو تو میأنس حالس
پیٹھ ودُناہ تہٕ تکیاِ زِ راتھ اوسُس کیمنا بکس تھرنس
پیٹھ شونگمتھ تہٕ از ما بیٚیم گنہٕ تو اندرس منز شونگن
رات اوسُس تس گرِس کھیٚسمتھ یُس سوہ تہندین
اوس، از چھُنہٕ آغہٕ صاب! لوٗنگ خرٕ تہٕ کھٔشن
کینت۔ سُہ میون آشن، سُہ مال تہٕ جاداد، تمہٕ شکیل
دایہ، تم گرِ ہو، تِم نوکر، سُہ حمام، تم شاہانہٕ قہوٕ
چینہٕ پیالہٕ تہٕ اُزبک میون یہ شکس تہٕ کونڈل
اُنی تو نظرٕ تل۔ یتھہ پیٹھ تو ہیو اَسان چھُو تمہٕ سیتو
کیاہ ونو کیا چھُم گدران۔ ہنہٕ ہنہٕ چھنم بیتہ گنڈ ٹھر
تہٕ گژھمنا گنڈ ٹی۔ اَندرِ اَندری چھُس وزان۔ دزنا
گومناتتھ لایق ے

دیروز چنان عالمِ جان افروزی
امروز چنین عالمِ اندوہ سوزی

افسوس کہ در دفتر عمرم ایام

آنرا روزی نویسد، این را روزی

میرزا فیروز۔ (اسان اسانے) تاجب چھُ، یمن احمق ریشن داندن کیچہ سنا یاگھُو بیہتھ جایہ پتھ چانیو یمو نُلوٗنے آسہ ہا مالہ خراب ژھنمت کرِتھ، یمن آسہ ہنہٕ ونہٕ تہٕ جاینہ ٹرتہٕ ٹرتھ یہان۔ خٲر، مے ونہٕ مے کیاز چھکھ وونی اتھ منز زنگہ وہٹان؟ بہٕ کیاہ مول یا بوے چھُسہٕ چون زِ حلبہٕ کین سوداگارن نش گژھتھ یہمہٕ تمن سیتی جانہٕ معہ کھ ژھونہٕ؟ نہٕ چھُس مفتی یا قاضی زِ چون حق ہیمکھ۔

بٔہ۔ نہٕ حضرت، توٚہی چھِو ایران کس بادشاہ سُندی سفیر۔ کیاہ توٚہی ہیکناوونا مے حق دیاوناوِتھ یا میون حق مانہٕ راونٲوِتھ۔ مے بکسِتس ہیٚیا تہنز حاکمی منز یہ تاونک دوہ ڈچھُن؟ توہیہ شوبیا مے یتہٕ کنہٕ ژانڈ کڈِتھ گرِ منز ڈکہ دِتھ نیکڈِتھ ژھنُن؟

میرزا فیروز۔ یتھان کیاہ چھکھ ژہ؟ چون غرض چھا بٔتیہ تس زنانہٕ سیتی نیتھر کرُن تہٕ موتس ناد دین؟ تس کیاہ تتھ کہنی بکس ڈکھر نیس یمہ بیہہ پگاہ انسان تسنز لاش وچھ؟ نہ سہ یہ مہ کر۔ بوز یور کُن۔ بٔہ کرے نصیحتھ یہ ژٔ کی زچہ یور کڈ نالہٕ منز تہٕ بن بٔتیہ ایرانی۔

بٔہ تہٕ ژہ منتراوتھنہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ کام کڈہ بٔہ جانہٕ خاطرٕ چون قصہ آم بڈٕ پسند۔ چھکھ تہٕ بڈ چالاک تہٕ نیٚتھ۔ یتہٕ نافی زر زِ دُنیہس منز چھے قہوہ چینہٕ وراے، تموک چینہٕ ڈواے کہنہ بکس وتھر نیس بیہتھ شونگنہٕ وراے وُٹھین کرُن سوار کھسنہٕ وراے تہٕ سیٹھا کامہ کرنہٕ معہ کھ موجود۔ فلحال بیہہ ژٔ یتیتھ تہٕ روز میانین نفرن سیتی۔ مگر شے بوز ناوِ زِ بٔتیہ اکہ لٹہ پننس کنتھ یتھ بٔہ بٔتیہ یڈ برتھ اسناہ کرِ۔

شکر گُذاری کرنہٕ معہ کھ ووٚٹھس تہٕ کورس دامنس میوٚٹھ۔ یہ سوچان سوچان زِ ظاہر روٚز میانہٕ حالکہ یا گھُو میانی کام وونی خبر کیتس کالس اٲژ دراس کُنھٕ منز نیبر۔

## ۲۷

# سفیر سُند حاج باپس اطمینان دین

تہٕ حاج باپن تس خزمتھا کرُن

گوٚ نماتن اکی چھِ ووٚنمت سہ

چہ باشد احتیاج ای مرد تمیز

سواری سخت وتُند و تیز مہمیز

کز آن کاریکہ کرۂ لنگ شبرنگ

کند آن کار را با اشتر لنگ

دِل مۆلوکال، دُل مُلکس منز تہٕ یوٚہے نا وومید ہیو آسنہٕ کِنہٕ پیوم پریشانی دوٗر کرنہٕ مہ کھ پننی عقلہ سیتہٕ نوٚ منٕز مشورٕ کرُن۔

سوچان چھُس۔ "یوٚدوے مال وجاداد اُتھ گوٚ، اَما پوٚز اَتھہٕ روٚٹ کرن وولاہ تہٕ بنیوو۔ وونی چھُ بہتر اُمو شرٕنزے چھپِن جاے نیامتھ تہٕ اُمو شُرٕدُے آسُن فنیمتھ زانُن۔ یتیمو نہٕ آسنچ گہٕ منز کُدٕ اُکھ دُنیہکس ییتھ کُڈِس طلسماتس کُن وَتھ ہاوِم شُے پروردگار کرٕ ہم حنوٗ روٗر کرِتھ ہدایتہٕ کہ ژانگہ سیتہٕ یتیمہ گہٕ نٹہٕ ظلہ منز۔

مےٚ کوٗر غاصلہ زِ سفیرس کرٕ دلبریاہ تہٕ خوش آسُن تھوان یُس تہٕ چھُم دوہہ کھِہ تہٕ دوہہ دوہنی ماے محبتھ باگراوِتھ دِل رٔچھان تہٕ خوش تھوان پننین سرکاری تہٕ باقے اوٚر یورپین کامن منز ہیٚوت تمو کھُلہٕ ڈٔلہ پاٹھی مےٚ سیتہٕ مشورٕ تہٕ کرُن۔

اوٚ مہ کھ زِ مےٚ اوس اوٚت تام پنُن درخ پنٕنی قسمتہٕ موجوب کوٚڈمُت تہٕ بیٚین سیتہٕ اوسُمہٕ کانٛہہ ہیشوٚن دِیُن، بہٕ اوسُس دُنیہا تہٕ دُنیہکین لکن ہنٛد کام کار نِشہٕ بےخبر۔ نہٕ کوٚدراے زانہٕ ہمن تہٕ بیٚیہ کانٛہہ قوم یا جماعتھ۔ چینکُ، ہندُستانکُ، افغان تاتار، کُردٕ تہٕ عربن ہُنٛد اوسُم فقط ناوا بوزمُت تہٕ بس۔ افریقہہک تہٕ اوسُم ییتھےٚ موٗمولی خیالا ہیٚوتمن نوکرن تہٕ دٲین ہنٛدی کِنہٕ یم سانِہن گرن منز کام کوٚٹ کران چھِ۔ روٗس چھُ ایرانس منز سارِنے ویٚوٛدتہٕ نامی اَما پوٚز فرانسیچ تہٕ ولایتچ اَسم ییتھےٚ کَتھا مشکِنن گاہے منز۔ یانی یِم ژٕنگہ ژٕنگہ جاے تہٕ قوم اَسم اَسٕتانبولس منز نظر گژھان، تہٕ اوسُس داوان اَما پوٚز یِمن سیتہٕ زٕلنس میلنس اَسم نہٕ فرصتھے۔

سفیر شُرن مجلسن منز اَژنہٕ نیرنہٕ کِنہٕ بدلیوس بہٕ تلہٕ پیٹھ۔ مےٚ ہیٚیٚژ تِمہ کَتھ بوزنہٕ یِمہ ہٕنہٕ بہٕ زانٛہہ بوزانے اوسُس۔ تِمہ کَتھ ہیٚژُم فکرِ تہٕ یِمہ ہٕنہٕ مےٚ زانٛہہ فکری تہٕ ہمن۔ کَتھن کتھِس تام واتن تہٕ عاملن تجہ تجہ کرٕن نہٕ ہیٚو چھُم۔ سفیرن یانی زون زِ کوٚٹ چھُ کار ژد تہٕ ہُشارسہ گوٚ بدٕ خوشس تہٕ جنوونس بہٕ ہیر بوچ۔

اَکہ دوہہ آو جنبس ڈٲکہ وول تہٕ چِٹھ پٔرِتھ کرِتھ اوٚنس بہٕ قلوکہ پاٹھو نا دِتھ تہٕ بیہنووُنس۔ اَمہ پتہٕ چھُم دِیان۔ "حاجیا! بہٕ چھُس یژھان ژٕ مےٚ سیتہٕ کَتھ کرٕنی۔ مُلازِم چھی مےٚ واریاہ اَما پوٚز یہ گوو ژےٚ تہٕ مےٚ پانہٕ وٲنی، ساری چھ نفر۔ ایرٲنی اَسِتھ تہٕ کیشرن کامین منز بیٚین ہنٛد کھوہ تہٕ ہُشار آسنہٕ پتہٕ تہٕ چھِ سرکاری کامین منز ناہٕ وانٛدے تہٕ خبرہ چھکھنہٕ کُنیچ۔ تِمہ کِنہٕ لوٚن نہٕ کھُنٛڈ ہار تہٕ۔ یوٚدوے کانٛہہ کام مہٕ چھُسکھ تھوان۔ اندواتناوتہٕ کھوہ تہٕ چھ تیٚتھ لانٛج اَنان زِ کہیں مہ پژھ۔ پزٕ گوٚ یہ زِ ژٕ چھکھنہٕ نِمن ہیٚو کیٚنہہ۔ مےٚ چھکھ تجربہٕ وول تہٕ نارٕ دراو

سون لبنہٕ یوان۔ ژٕ تّے نِش ہیٚکہٕ اِنسان وۅمید
تھۆوِتھ زِ ژٕ تّے تگی اُکس بیٚیِس اَتھہٕ پیٚٹھ تارُنی تہٕ
اَڈۍ جَن خبر گژھنہٕ ورائے تگی وَس کڈُنی۔ لہٰذا
کٔرِتھ چھُ چون آمُن میانہٕ خاطرا اَکھ تے ملکہٕ
خاطرٕ بڈٕ خۆش وۅری۔ ہرگاہ ژٕ تّے مرکاریٚ ملاز متھ
کرنس دِل کران آسہ تیٚلہٕ کرٕ بہٕ چانہٕ معہ کھ تہٕ یٚمہٕ
رِکنو اِنشاءاللہ ایرانی قومس شان ہتھ زاو کھ تہٕ اَسہٕ
تہٕ ووہ گلن چانِس آسنس پیٚٹھ شانہٕ۔"

بہٕ۔ حضرت سفیر صاحب! بہٕ ہَنن چھس تُہُند
تابیاد ار نوکراہ اَکھ۔ تُہُندی سے فرماونس
تابیا۔ یِم چھِو حضرت میانی کَن، کرِو یمن ہتھ
تہٕ زیو مے بازرس منز کَنِنہٕ۔ تۄہہ چھُ اختیارٕ
تُہُندِس خدمتس منز روزِتھ بہٕ میانہٕ دسو
بیہ تیتھ کرٕ نہٕ زانہہ واے۔

میرزا فیروز۔ حاجیا! خبر ژٕ تّے ما آسیہ لُکن نِش
بوزمُت زِ بہٕ چھس کیٚنہہ گیوٚن واجنہٕ، زَنٔن
واجنہٕ، بازیگر تہٕ بادشاہ سُند محل خانہٕ یاراو
معہ کھ ریشم تہٕ باقے ساز وسامانہٕ منٛزہ ہینہ معہ کھو
یور آمُت۔ مگر بہٕ گمو کوچہ پھیٚر تہٕ بازیگر ی
ننتہٕ چھا بہٕ ہیٚکو اِنسان اَمہٕ کامہ معہ کھ سوزِ بہٕ
پانہٕ بڈس بادشاہس (پروردگار رٔچھنس
چشم زخمہٕ نِش) چھے پننہ کاٹھ جارٕ تہٕ عقلہٕ کنو
خبر زِ کُس نفر کوٚت گژھہ معہ کھ سوزُن، تُہُند بہٕ

یور سوزُن چھے بڈٕ کتھا اَکھ۔ ووہ نی بوزِ بہٕ ونے
تیتھ تھو کَن۔

"اَز کیٚنہہ رِیتھ برونٹھ آو بوناپارٹ سُند طرفہٕ
یُس فرانسُک بادشاہ چھُ سفیراہ اَکھ تہٕ بہٕ
تہٕ ڈالہٕ تہٕ بندگی منز پیٚٹھ ہیٚتھ تہٕ ووت
طہرانس منز۔ سفیرن ہیوٚو پننس بادشاہ سُند
طرفہٕ کاغذاہ اَکھ یوس مے موختانامہ ہیٚوہ
زِ۔" میون گُف چھُ میانس بادشاہ سُند
گُف تہٕ مے چھُ پزیتھ گاٹھہ قائم کرنس اختیارٕ"
یہٕ شخص چھُ پانس بوڈ مۄہ ہینیوٚ تہٕ سارِنے
انگریزن ذلیل زانان۔ بیٚیَن ہُند ناو چھُ
تمہٕ نفرژ تہٕ حقارتہٕ سان ہیوان زِ زنہٕ تسے
(بوناپارٹ) یوت دُنیہس منز بادشاہ چھُ
باقے چھِ فقیر۔ پننس بادشاہ سُند زیوٚ اوس
دَپان زِ روٗسس نِش گرجستان، ٹفلیس
بادکوبہ، دربندنہٕ باقے اَندی یکو علاقہٕ یم
پرانہٕ وَقتہٕ پیٚٹھ ایرانکہ علاقہٕ چھِ اُسیمتہٕ دِنہٕ
ایرانس واپس تہٕ ہندوستان تہٕ نِمو انگریزن
نِش تہٕ دِمو تہٕ ہی۔

اَسہٕ اوس کتھ گومُت زِ فرانس چھے جایا
کوٚ ستام یِیتہٕ جان جان چیز، جان کیٚرٕ تہٕ
زرباف چھُ بنان۔ اَما یوٚز یہٕ کینٛژہہ سفیرن
یوزِ ناوکر تیٚتھ اُسنہٕ خبراہ اَتراہ کیٚنہہ۔ یمس

دوہَن قہوٕ (کافی) تہٕ مائٕٹرِ سۭتۍ درو گییہ دۭپان
اُسو" اَکھ چھُ سبب فرانسس تہٕ مصرس
پانہٕ وأنۍ جنگ آسنُک" صفوی خاندانُک
شہزادٕ اَکھ تہٕ اوس وَنان زِ "میٔ چھُ بوزمُت
فرانسُک پادشاہ لوٗئی سۭند طرفہٕ اوس
گُستاخ مرحوم سُلطان حسین شہید پادشاہ
سۭندِس دربارس منز آمُت۔" آمابوٗز یہٕ بوناپارٹ
کُس تہٕ کیاہ چھُ اوسمُت تہٕ کیتھہٕ پأٹھۍ گوٗو سُہ
پادشاہ بنیتھ یہٕ چھُنہٕ ایرانس منز کأنسہ تہٕ
رٕژکھ تران۔ ارمنی تاجرا اَکھ یُس وارِہَن
جایَن چھُ پھیورمُت تھوٗرمُت اوس دپان
زِ "اہنسہ، یُنزٕ پأٹھۍ چھُ یُتھ اِنسان
موجوٗد مگر چھُ بڈ تیز تہٕ پریتھ اکس
سیتۍ لڑأے ہِکۍ ہیوان۔" اَدٕ یے کوٗر سأنۍ
پادشاہَن تس سُند سفیر دربارس منز قبوٗل۔
آمابوٗز یمہٕ پیچھٕ سُہ ہیتھہٕ آمُت اوس تمَن
ہُند پوٗزا اَپُز اوسنہٕ ننان کینہہ۔ لوکچ کیو
بڈۍ وزیر سأنۍ چھِ پرٛتھو کامہِ منٛش بےخبر
تمَن چھِنہٕ فِکرٕ ہی تران کینہہ۔ اللہ تعالیٰ
پوشہٕ ناوُن سأنِس پادشاہَس، یُس دِوسے
دُنیہس مُنوّر کرُن وألِس تس سُندِس دِلس
منٛش کانہہ چیز ژھایہ چھُنہٕ، آمابوٗز تمَن
تہٕ اُسنہٕ آنچ خبراہ کینہہ۔ خاجہ عابد ارمنی
یُس مارسیلیا شہرس منز ژٕ تچھن دوہَن خیل
اوسکھ لوٗدمُت زِ فرانسس منز چھِکھ ہمأری
ہیتھہ ژامُت تہٕ بییہ بیاکھ ارمنی پادری یُس
کینژٕن وریَن تھیندس تکریس منز چھِ لِس
اوس ژامُت اُسو دوہ شوٗرے ییٚتہ آمابوٗز کانہہ
اکھا اوسنہٕ تیٚتھ یُس اَسہ ستۍ چھو وَنہٕ ہیے
زِ بوناپارٹ چھا یژھان اَسہ تأرٕنۍ رِکنہٕ یرٕزکھ
پأٹھۍ کانہہ فائیدہ واتناوُن۔
خاطر۔ زیادٕ کالس روٗدی تہٕ شکس منز اُسو
نِکیا زِ انگریز تاجر یم ہندوستان تہٕ ایرانس
منز کاروبار کران چھِ تہٕ بوٗشہرکس سمندری
گاٹھس پیٹھ تہٕ چھِکھ دُکان ییٚتہ، یانی
سفیرسۭند یورپہٕ رٕنشہٕ خبردار گیہ، تمو سوٗز
تتھٕ ہُنٛز کارنٛد نفرا اَکھ یُس چھو ہیتھ تہٕ
مُلکہٕ بڈٕ ہے تہٕ کرٕ تکہٕ نادیتھ چھُنہٕ یہٕ سفیر
قبوٗل کرٕنۍ وأنۍ۔ اَسہ توٗژ فکرٕ زِ یمن ہونین
چھے پانہٕ وأنۍ کیا ہتأنۍ تنازٕ دارا آدٕچ منز
باگ تہٕ یہٕ شورُن یہُند چھُنہٕ پلہ کینہہ۔
پادشاہ سون اوس دَپان۔" قسم چھُم پننہٕ
ٹوپہٕ ہندِ وستک، زِ سورُے چھُم بوٗڈہٕ تھوٗد
تخ آسنہٕ کنہِ سِتو دِگرھان۔ دُچھو توٗ، بہٕ
ییٚتین تختس پیٹھ بہتھ پریتھ چیزس
منٛش بےخبر، اَدٕ یم تاوَن زٕد چھِ مشرق مغرب

جنوب تہٕ شمالہٕ پیٹھٕ ہدٕ یہٕ تہٕ ڈالہٕ ہیتھ میانین
پادن پیٹھ کرٕنہٕ دوان تہٕ پانہٕ وأنی ژھوٕ نس
کیُت میٲنۍ اِجازتھ تہٕ ہیوان۔

یُہُندٕ سایہٕ تہٕ بہٕ طہرانس منز۔ اوسُس تمہٕ روز
اُسۍ انگریز سفیرس پیاران تہٕ اَزکی یم کاغذ
چھی تسُندی استقبالکی کاغذ تہٕ خاص
کرِتھ چھےٚ یمن منز اَکہٕ یقرار نامہٕ کھیتھ لیکھتھ
یُس سہٕ اَسہٕ سیتۍ کرُن یژھان چھُ۔ اما پوز
میأنی راے زانُنہٕ بڑونہہ اوسہٕ پادشاہ
اَکھ کامہٕ منز کھوٚر یژھان تراوُن۔ اِتانبہ لیکھ
منز یٔزیتھ قومکی تہٕ مذہبکی سفیر موجود آسنہٕ
کنۍ آو سأنس پادشاہس پننہٕ اَرِ سوچنہٕ تہٕ در
عقلہٕ کنۍ بیٚ یور سوزُن مُناسب بوزنہٕ تہٕ پتہٕ
میٚ تہٕ پلہٕ تیوٚت کاسہٕ بہٕ تہٕ فرانسُک تہٕ ولایتُک
ایرانس منز شک تہٕ تہنٛد قول و فعلُک پوز
اَپُز نتہٕ راوٕ۔

اَدٕ سہٕ، وونی وُچھتہٕ ژٕ بہٕ چھُس کُن ووٚن
تہٕ یہٕ کأم چھےٚ ہنز مَن نفرن ہنز۔ انگریز
چھِ ییتہٕ سیٹھاہ۔ وُنہٕ چھُنہٕ آمان اَکھ کنہ
کرِتھ معلوم ژٕ بیاکھ چھُ تیار آسان اُس
دہراوِتھ۔ تس پتہٕ بیاکھ تہٕ تس پتہٕ بیاکھ انسان
چھُ دُیان زن چھُ سورُے گمہٕ منز ہیتھ اُمت۔
تہٕ وونیے گوڈٕ ے ژٕ طلأژمن ہنٛد دسو

چھُنہٕ میٚ کانہہ فائدٕ واتان۔ اَوَے بیٚ یم ژٕ میٚ
پیٹھ نظر تہٕ چأنی کنۍ چھُس وومید وار رتہٕ
روزِتھ۔ ژٕ ہیٚ وونی یمن ہنٛدس کاٹرن
سیتۍ کتھ باتھ لاگِنۍ۔ ترکی زبان تہٕ چھےٚ
ژٕ میٚ تگان نے۔ سون مطلب نیرِ تمی سیتۍ۔

پننہٕ مُبارک دستخطہٕ سیتۍ لیوٚکھمُت اَکھ کاغذ
دِمے یُہُندٕ موجوب ژٕ کأم ہیکہ کرِتھ۔ اما پوز
کأم کرنہٕ برونٛہہ بیٚہ ژٕ کُنہٕ جایہٕ تہٕ داہ
پأٹھۍ سوچتھ کرِتھ ہیٚز پننہٕ جایہٕ سام
ژٕ کیتھ پأٹھۍ کرِکھ شوّر روٕ تہٕ کمہٕ تالہٕ وسکھہ"
اَمہٕ پتہٕ آیندُک اطمیناہ دِتھ تہٕ وومید
وأرِ یاہ پاد کرِتھ دیتمَس رخصت۔

# ٧۵

# حاجی بابن نوّن ہیوّن نیرُن

## تہٕ تسٕند سفیرس فائدٕ واتناوُن

سفیرن نِش روٚٹمُت سہٕ کاغذ تہٕ دراس
بغل گنڈِتھ اَکس کُن۔ اَتہٕ پوٚرُم یہٕ زنٛدن ہُنٛز قصہ
وراے تہٕ اوسُن یہٕ کاغذ راچھ معہ کھ توٚہ پننہٕ
شباے لِتھ تھوان۔ اَدٕ معہ کھ ژٕ اَتی بیٹھ ہیوٚت
میٚ بدٕ ین معہ ہینوٚ ین منز دخل دِین چھمنہٕ اَکھ کاغذ
منز لیکھتھ معہ چھ معہ چھ کتھ مُشید کینٛہہ تہٕ گمرہٕ
اَکھ اوس لیکھتھ:

(۱) بہلہِ پایہِ کہ سفیر! چانِس ہمتس چھےٚ یہِ کأم
منٛڑِتھ دارِ پأٹھۍ کڈٕکھ یتھ کنہِ ترٛ زِ انگریزن
ہِنٛدِ مُلکُ کوتاہ بوٚڈ چھُ۔ بادشاہ ناوُک چھا
یہِ ژٕمن کانٛہہ کیٚنہہ کھیٚنہٕ پہٕ ؟ اگر چھُک کانٛہہ
تسُند دارُالخلافہ کیتہِ چھُ ؟

(۲) انگریزن ہِنٛدِس مُلکس منٛز کأنٛسہ قبیلہ
چھِ روزان ؟ تِم چھا شہرس منٛز یسان کِنہ
ژھیمن منٛز؟ تِہنٛدِ زِ رِتھ تہٕ بٔڑی معہینٛہ کم چھِ؟

(۳) فرانسس کِس حقس منٛز کرِیو دارِ پأٹھۍ پرٛژھ
گأرِ تہٕ دریاف کرِیو زِ فرانس تہٕ چھا انگریزنٛ
ہِنٛد علاقہ کیٚنہہ بٔٹھ کھ مُلکُ چھُ تہٕ بدل قوم
چھُ؟ یہِ بوناپارٹ ناوُک کأفریش پانس
فرانسُک پادشاہ چھُ وَنان، کُس چھُ تہٕ کیاہ
چھُ؟

(۴) اِنگلستان کِس حقس منٛز کرِیو زِ الگ پأٹھۍ
تحقیقات تہٕ وِچھِو زِ اَتہِ کیٚہ لُکو یوسہٕ
ناماوأریاہ پُرُس تہٕ شرا کہٕ تِنٛج بناوِنس منٛز
یأد کرِ ہرٛث چھےٚ، کمہِ قسمکۍ لُکھ چھِ تہٕ کیٚتھہ
قوٚت چھِ رٹم؟ یہِ زن اَسہِ بوزان چھِ زِ تِم
چھِ اَکِس زُوٕس منٛز روزان، رتہِ کول تہٕ
وَنٛدِ کٔڑِنہٕ معہیکھ ژھکھنہٕ الگ الگ جایہِ
کیٚنٛہہ تہٕ بٔنیہ چھِ زِ یاستر گاڈِ کھیوان
یہِ چھا پوٚز کیٚنہٕ پہٕ ؟ ہرگاہ یہِ پوٚز اوس تیٚلہِ
رٕتھ پأٹھۍ ہیکہِ یہِ بنِتھ زِ کانٛہہ آسہِ زُوس
منٛز روزان تہٕ اَتی کرِ ہِنٛدُستان فتح؟ یِم
مسلہٕ اَنٛز راوِنہٕ پتہٕ کڈِیو زِ یتھ کنہِ ییہٕ
وُنی کین آیرانس منٛز سارِنے چانٛٹِن بیہِتھ چھےٚ
بڑِ جیسہِ سان ترٛ تہٕ جان پأٹھۍ تأری زِ پانس
فِکرِ زِ دیلایتس تہٕ لنٛدنس کیاہ واٹھ چھُ پانہٕ
وأنی؟ آیا لنٛدن چھا انگلستانُک اَکھ حصہ
کِنہ انگلستانے چھُ لنٛدنُک حصہ؟

(۵) بیٚیٚر پٔتھ سان کڈِیو زِ یتھ کنہِ ترٛ زِ یہِ
ہِنٛدُستانی "کمپنی" یتھ بیٚہِتھ ییٚرِ منٛز مأدی
تہٕ دِل چھُ دِنہٕ یوان، اَکھ کیاہ واٹھ چھُ
دیلایتس سیتی؟ آیا یہِ کمپنی چھا یہِ زَن شۄو
چھےٚ، کانٛہہ بڑِ زنانہ کیٚنہ اَڈٕن ہندوٚنہٕ تۄجوب
چھےٚ واریاہ بچہِ؟ بٔنیہ چھا یہِ پوٚز زِ تمِس
لامہِ سنٛدی پأٹھۍ چھےٚ یہِ ہمیشہ زِنٛدٕ تہٕ
مرِی یہِ زانٛہہ کیٚنہ مران چھےٚ؟ یتھے پأٹھۍ
کرِیو زِ انگریزن ہنٛزِ فأیتر حوکو مژ بیٚہِتھ تہٕ
پوٚرِ پأٹھۍ تحقیقات زِ کرِتھ تہٕ کمہِ قسمچ
حوکومت چھکھ؟

(۶) یقیننہٕ سان تہٕ قطعی پأٹھۍ کرِیو زِ تۄ دُنیاہک
(امریکہک) حال مولوٗم یتھنہٕ معہ یہِ والس
یوت پھیرِ گرٛ ژھی تہٕ اَکھ یتھ روزکھ!

(۷) چھیکرس لیٚکھِو زِ انگریزن ہِنٛدِس مُلکس

پیٹھ تواریخ (کتاب) تہٕ بنیٖہ جایہ سوٗچتھ کرِتھ
تہٕ وارٕ تحقیق کرِتھ دِنہٕ آوِتھ رتھہ رژٕ وَتہٕ تہٕ
رتمہ طریقہٕ یمہٕ کِتھ یم گمراہ انگریز اسلام چہٕ سیٹھہٕ
وَتہٕ بیٖہ پیٹھ ین تہٕ جنگہٕ تہٕ سورہٕ از کھیٚوٗن تراوان۔

یہ کاغذ پرِتھ چھُس سوچان تہٕ وارٕ یہس
وَختس فِکراہ کرِتھ پیوم ژٕ تس زیٚیرٕ تہٕ دول آسنہٕ
کیٚن دوہن تس منٛز تُرکن ہندِس نیٚرسن مُلکن
ہندس عاملہٕ اُتھ راوٕنکس وزیرٕ سٕندِس مُنشس
سیٚتھ زان گٲمژ۔ دوٚپم چھُنا صلاح زٕ تیٚنس کٕرتھ
ہمہ تس کتھ۔ یہ اَسم خبر زٕ سہ کتھ قہوہٕ خانس
منٛز چھُ اژان تہٕ کرٕ چھُ اژان۔ یوٚدوے زٕ کتھ
کرنہٕ آسہٕ تہٕ تس خوش کران آپوز قہوہٕ پیالس
تہٕ تماکِ چِلمہٕ اکِس نار دِتھ اوس تس ہیٚس
وُٹھن تہٕ آدٕ ننہٕ تس نش سورُے۔

سفیر بوز نووُم یہ چال۔ تمۍ نوٗژ یہ بوزِتھ
تہٕ مے دِئے گژھنہٕ کِنہٕ زَن تہٕ یہ حیس تسہٕ
پیوٚ: چھُم دِیان۔ دپیوم نا یمہٕ کرتہٕ؟ وَنان
اوسے نا اَوّر نفر چھکہ؟ وُچھتہٕ دوشوٕ وِدوان
مانچھُس یہ خرٕ؟ چھا مے تِکان اِنسان پرزٕ ناوُن
رکنہٕ؟ یہ زانتھ زٕ ہیت کتین چھُ ٹھول تراوان۔
یان زٕ رند مہ پننٕو کِتھ ہیٹھو پیٚما اَبدس۔ یہ چھُ
کتب۔ بوز بتہٕ؟ بہٕ نے آسہ ہے زٕ کتہٕ لبہٕ ہن
یہٕ مُنشس یس ساری خبر چھے تہٕ سورُے زانہٕ؟

رژ نے یہ یوٚر یمہٕ پادشاہ قبلہ عالمہٕ سٕندِ حکم
تہٕ کُتہٕ واتہٕ یور؟

اَمہ پتہٕ دوٚپہم: "ہرگاہ حاجتھ پیوٚے تس
پوٚتسہ ٹوٗنک دِنک، دِزہس مُچھتہٕ زَن اگر سہ کُنہٕ کتھ
بنٛد گوٚسے تیٚلہٕ پتہٕ آگر بیٖہ پیٹھ یان زٕ پٕنٛس آغس،
پرژھتھ۔ پوٚتسہ چھے مُشکِلکُشا۔ اَمہ سیٚتہٕ چھی
ساری مُشکل دور گژھان۔"

وَختس بیٖہ پیٹھ دوتس یہ قہوہٕ والنس منٛز
یہ دوست گوم اَتہٕ نظرِ تہٕ بڈٕ نرمی تہٕ حیسہ سان
بیوٚٹھس اُمس برونٛتھ کُنہٕ تہٕ اَنہٕ نووُم قہوہٕ۔ وَرخ
وُچھنہٕ ہہ کھ کُڈ اُمی شینٛد منٛز گرِ سے آدرٕ چھتہٕ تہٕ
اُمی چھتہٕ لوگُس پرژھنہٕ۔

بہٕ: یہ گوٚ چھا حض انگریزو بناؤ منٛز؟

مُنش: آہنسہ! دُنیہس منٛز چھنہٕ کُنہٕ جایہ یتھہ
کھوتہٕ رژ گوٚ بنان۔

بہٕ: بدلے قوما حض چھِ یِم انگریز۔

مُنش: آہنسہ چھِ تہٕ مگر سوٗد کیاہ یہنٛدِ ین آسنس
یم چھِ پیٚپیٹھ تہٕ مکر کرٕ۔

بہٕ: (جنجیر تس کُن پِلہٕ ناوِتھ) تلہٕ حض ژٕ نے
چھے خوداہ صاحبنٕ قدرے، مے وَنتہٕ حض
کینژ ہا پہنٛد۔ یمن چھا حض بوڈ مُلکہا کانہٕ
کتہٕ کھیس تہٕ؟ پادشاہ یہنٛد کتہٕ حض آسان؟

مُنش: وَنان کھوچکھ زٕ یارہ؟ دیان بوڈ مُلکہٕ؟

دپسہ وارِیاہ مُلکھ، اَکھ بادشاہا چھا یمن۔ وارِیاہ بادشاہ چھکھ۔

ہؠ۔ مے حقن چھُ بُوزمُت ہرگاہ حۆکومتہ وارِیاہ تہ چھکھ اَما پُوز چھ اکوے قوم۔

مُنش۔ اَکھ قوم دنتکھ یا وارِیاہ قوم دنتکھ ہشی کتھا چھےٚ۔ چھ تہ پزی بٲٹھی سٟنی قوم تکیاز سٲری چھ ریش کاسان، سٲری چھ ژٹکھ ٹوپی وہو دِوان، سٲری چھ تنگ پلو نالی لاگان، سٲری چھ شراب چیوان، سٲری چھ سور ماز کھیوان تہ سارنی چھکھ سٲنس پٲغمبر صاحبنس ہیچھ پرتھ۔ اَما پُوز ینس الگ بادشاہس چھ جان تہ بیادٲری کران چھکھ وُچھان کانٛتیاہ شفیر چھ سٲنس بادشاہ سنِدس براندس ہیچھ ڈلکہ گژھنہ آمتۍ ہونین ہنٛد کھۄ تہ بہتر یم شوٹھ چھی ییتہ ہونیو کھۄ تہ ژٲری۔ مگر خۄداہ گژھ ہیٛنٛد نجاستہ تہ نفوٗ ستہ نِش رچھُن۔ اللہ تعالا دِیِن ہیٛنٛد ہیچھ آسنہ نِش نجات!

ہؠ۔ اَتی روز حقن خۄدایہ سنٛد پاسہ۔ یہ حقن بیکھے یہ۔ خۄدایس تِھی حقن چھکھ پزی پٲٹھو مرٛون تہ زانن ودل مۄ ہیتو مے کوٚڈ قلم تہ ہلہ وأر تہ سُتہ لوٗگ ریشس پھشاپھشا تہ گونرشہن وراہ وراہ

دِوان ژہ تس پادنہ تہ چھم خبردار کران دپان۔

مُنش: وہ نی کتھ اوسُے ژے پٛوت زیچھُن، اَدہ بوز۔ یم انگریز چھی سٲری اَکی قسمکہ تہ ہوی یان زہ ہیٛنٛد زرد ہوٗن گوکہ ینس شالس بوے۔ ہرگاہ قرآن پُوز چھ۔ (تہ اَسہ چھےٚ نبی صاحبنس فرماونس پرتھ) یمن چھ سارنے ہمیشہ عذابس منز روزُن تہ نار دزُن۔ بوز (اڈنگجن ہیچھ گنزراوِتھ) گوڈ چھی ہمسایہ سٲنی آسٛتی پاکی کافر (پانژن وقتن اَسی نکھ خۄدایہ سنٛز لعنت) یم کافر چھی جما تھا اَکھ ژھوٚپی تہ گدٲمی کھاو تہ بُرش شستر، تہ بانہ بچھ بیستر چھ اَسہ کینان۔ ژاینہ فاندانک چھکھ بادشاہا اَکھ ہیچھ حۆکومت کران تہ سون خزانہ خرچاونہ موکھ چھےٚ ینُن وکیلا اَکھ پور سوٗزمُت۔

اَمہ پتہ گے منوہس رۆ ہکی زندیق۔ تم چھی عٲین نجس تہ چھرا نجاستکی۔ رۆ تِھک مُلک چھ تیوٗت بوڈ زہ اکہ طرفہ چھ تحتہ خونیک آسنہ بہنو زہر پروسان تہ بیٚیہ طرفہ چھس گرمی کہنو جہنمک نار دزان۔ سون اصلی دشمن کیاہ چھُ یؠے۔ یمہ سا تہ ہیٛنٛد کانٛہہ نفر مادان چھس اَسی پانہ وٲنی چھی اَکھ اَکس مُبارکھ

نۄبتھ اُسو وَنان ژٕ سے خۄداہ یِمَن کارٕ نٕزین
وارٕ ژھۄون۔ نَرٕ نہٕ مادہ چھہٕ آتہٕ وارٕ وارٕ
حۄکومت کران۔ پرٛیتھ ساتہٕ بادشاہ دارٕ تس
منٛزٕ یوت چھہ یِم اَسہٕ سیٚتۍ پۄرٕ پأٹھۍ زانان۔
یِمَن پتہٕ چھِ پرٛوشیا ہکۍ رۄسیاہ کأفر
یِم یورپٕچ سفیر چھہ سوزان۔ زانہٕ خۄدا
تس کیاہ نہٕ چھہ یور سوزان۔ یکار کنٛتھ چھہ
اَسہٕ ہیٚنٛدنۍ شتھ۔ اَما پۄز کرٕو کیاہ ساہنہٕ
مُلکُک بختہٕ بۄڈٕ بَر چھےٚ رَتین، بَدن، پاکن
تہٕ ناپاکن ہٕنٛدِ خاطرٕ یلہٕ خۄداہ سٕنٛدٕ رحمتکۍ
پأٹھۍ یوسہٕ باغن تہٕ ژھوٚٹن پیٚھ ہمیشہ
چھےٚ وسان۔

اَمہٕ پتہٕ کۄہ ہٕنٛد وَنیٚہ۔ اُتی روز۔ مےٚ رد
سو چینہٕ۔ او، بوز۔ شمالہٕ کِنۍ چھِ ہایت
جورا بٔٹیہ یِم دُنیہکس کۄنٛجس اَکِس
منٛز چھہ روزان۔ یِمن چھِ ڈانمارک تہٕ
سویڈن وَنان۔ یِم چھہ لوکٕٹۍ قوم تہٕ انسانن
منٛز تہٕ چھِ نہٕ گژھنۍ ہیٚنہٕ یوان مگر تہٕ کرٕتھ
تہٕ چھہ یہند بادشاہ یۄرپس منٛز سارِوٕے
کھوتہٕ آزاد بادشاہا اکھ تہٕ جبرو تہٕ دول
تہٕ طاقتہٕ دول آسنہٕ کِنۍ چھُس ملکس
منٛز اکھ کیٛنہٕ دول تہٕ۔ سویڈنکو روزن اُلی
چھہ تِہندس بادشاہس یِمہ اکہ وزیرس
منٛز بادلن ہٕنٛدۍ پأٹھۍ جنٛگ چھہ لۄڈمُت، وٕچھۍ
وٕچھی بڈٕ وِیٹھان۔ یہ بادشاہ چھہ لڑاپہ گوٚر
اوسمُت۔ اُمس گۄڑٕ جنٛگاہ آسُن تہٕ یَس۔
اوٚہیتہٕ آسہٕ ہے تہٕ یَس سیٚتۍ آسہٕ ہے۔ نادوہ مید
تہٕ دِل موٚ لوٚل گژھتھ یہٕ سائنس ملکس منٛز
وأرتھ۔ اَسہٕ کیاہ روٚٹ ؤن حیوانہٕ سٕنٛدۍ پأٹھۍ
تہٕ لۄڈنیل۔ اَوَے چھےٚ اَسہٕ سویڈنٕچ رٕژھ کھنٛد
خبر نیتہ کیتہ زانہٕ ہیٚو اَسہٕ نِ یِتھ قوم تہٕ چھہ دُنیہس
منٛز موجود۔

بسیا کہ چھےٚ ہالینڈُک کأفر قوم۔ یِم چھہ بڈ لۄتہٕ
وأل تہٕ بخشادار تہٕ سانین ارمنی یَن ہٕندۍ پأٹھۍ کیاہ
چھُک فقط پننہٕ فائدُک غمہ تہٕ پوشنہ وٹنہٕ
ورأے نہٕ چھک کانہہ فکراہ تہٕ نہٕ کانہہ کافاہ۔ یِمن
اوس عادتھاہ زِ یِم اسہٕ یور سوزان شۄدہ تغیر
اکِس ہیتھ سُہ اَسہٕ ژھان، مھتٕنۍ تہٕ گاڈٕ کیتہٕ۔ گمہ بیتہٕ
بونا پارٹ ناوُک بادشاہ نۄن ڈراو، یِم کیاہ پیٚٹھ
ہاوس چھُنا ہیوہ ستمکھان۔ ہۄنز مسلہٕ ژٹنس
گژھن سورہ دٔنٛدے آسن۔ اَما پۄز بوناپارٹ چھُ
پیٚزہ پأٹھۍ تِمو بادشاہو منٛز یُس اَسہ نادرشاہ تہٕ سلیمان
بادشاہس سیٚتۍ گرٕنٛز ہیمون۔"

اَتھن ڈیٚٹ مےٚ اُمی شنیز کنٛتھ تکھ تہٕ اَمہٕ ناوک
زورٕ سے ہیٚن بوزنہٕ معہ کھ دۄ پمس:
بۄ: او، وٕچھ شخص، اَصلی کنٛتھ کیاہ ہیٚیی مےٚ

ووٚنۍ ژٕ تِس۔ یمہٕ اوسُس بہٕ پرژھن یژھان
تٕلہٕ حضن مےٚ بوزناوتہٕ اُمۍ سُند کینژھا۔ دپان حضن
یہ کافر چھُ بڑٕ بوہدور۔

مِنِش۔ ہتا یارہٕ وَنتے کیاہ؟ یہ نسہٕ اوسہٕ کہین
پوہہے موٚمولی سپاہ اوس۔ ووٚنۍ چھُ بوڈ
بادشاہ بنیومُت۔ اِنَّ اللّٰہَ یُعِزُّ مَنْ یَشَاءُ
وَیُذِلُّ مَنْ یَشَاءُ۔ انگریزن پیٹھ حُکم چلاوُنچ
چھنہٕ دلیلے مُسلہٕ چھکھ والان اَسہٕ تہٕ تِمن
ہٕ ٹھیچ۔ مِصر فتح کرِتھ معہ کتھ سوٗزن تور
فوج اما پوز تلوار دژایس نہٕ علی کرم سِنز
ذوالفقار تہٕ فاروق رضؓ سِند پس ڈرس ہش
پیچھے کرسے ین کیثرن بادشاہن گگرایاہش
تہٕ گامن منز دژایِن گرِیستن کرِن تانۍ چھک
چھیکرس پیوس کھورباتہٕ گُڈٕ ٹھنہٕ دورُسے
ژٕ لُن۔

بہٕ۔ اَدٕ حضن۔ بوٗزُم زہ انگلستان چھُ بیاکھ قوماہ
اَکھ۔ دپان بدٕلے قوماہ چھُ یہ۔ زِوس اَکس
منز چھ بسان تہٕ شراکہٕ بیچ بناوان۔

مِنِش۔ اَہَنسہ۔ یہ قوم ہے چھُ۔ یورپہٕ منز چھ تِمے
وارِیاہ کالہٕ پیٹھ سائنس بادشاہ سِند پس
دربارس منز ڈیکہٕ گہان تہٕ تھدٕ شانک سون
بادشاہ نہٕ چھکھ بڑٕ پرژھتھ کران۔ دُنیاہکس
منز واتہٕ کھنہٕ کانہہ مُلک سمندرۍ طاقتس منز

گرِ بناونس منز چھکھنہٕ جوڑُسے کُنہٕ۔

بہٕ۔ اَدٕ حضن۔ یہنزِ حوکو منز ہُند کیاہ چھُوتہ بہٕ
بوزمُت؟ پادشاہی ہتہٕ زراٗے چھا یمن ملکس
منز بیٚیہ کانہہ چیزاہ کنہٕ کہس نہٕ؟

مُنِش۔ اَہَنسہ، اَرٕج چھُکے مےٚ پوٗرٕ ہبر۔ اَما پوز ژٕ مے
تہٕ مےٚ کیاہ تگہ بوزُن یمو کتھو تلہٕ؟ یمن چھُ
پادشہا سُہ یُس یم اندریمۍ کنہٕ لہ گُٹ چھُ ژانن
تہٕ نیٚبریمۍ کنہٕ بڈٕ بوڈ۔ تس یہ کھینس چنس،
پادن تہٕ چند خرچس لگان چھُ تہٕ چھُس پننے
قوم دِوان۔ تاجدار پادشاہ سِندۍ پاٹھی چھس
اَندۍ اَندۍ روزان۔ اُدۍ جہ زاٗوۍ جہ کیتھ بوز
ناوان۔ تھدۍ القاب چھس دِوان پیٹھ پاٹھی
اُسہِ چھ پننس پادشاہس دِوان۔ اَما پوز ساریٚنس
ٹھینہٕ محلہٕ افسر سِند کھوتہٕ چھُنہٕ طاقتھا
زیادٕ کینہہ۔ وزیر سُند چھُنہٕ شواےٚ، موٚمولی
مُجرمَن ہیٚکینہٕ سُہ کُنہٕ تہٕ جُرمہ معہ کرِتھ ژٕ بدلاٗتھ
اَدٕ کرِ سہٕ شلکھ؟ یم چھ سانۍ حاکم یم مُجرمن
بیقرار کرناونہٕ معہ کتھ اُدلس شہرس چھ نوان
کَن ژٕ ٹھتہٕ تہٕ بیٚیہ چھکھ ینامہ تہٕ ژرَان تہٕ پیٹھ
چھیپہٕ روزان ژٕ تشرسے مِنتھ۔ اَمہ ورائے چھکھ
شفاخانہٕ ہوٚ مکانہٕ پونسہ متیو سیتی
بڑٕ ٹھ۔ شِتیہ ریتی چھ شتہٕ ڈ گرٕ ژھان
تہٕ زحضرن کنہٕ پیٹھ سوٚ منغرٕ عاونٕ بدٕن تہٕ

پانس ترٛاو دۆند دگاہ تُلان زِ سون وعظ خان
ہیٚکہِ نہٕ تہٕ وٕزِیس تہٕ کرِتھ۔ مےٚ چھم چھیٚنہٕ ہیٚنز
کانٛہہ کتھاہ کرٕنۍ نادتہٕ شورٕ محشر تُلنہٕ وراۓ
اَندان اد کانٛسہِ بٔڈِس مےٚ ہُنیوس اُسٕ تن
کلہٕ زٕٹنہٕ آمُت یا اَمیُت کانٛسہِ ہندِس
مالِس ٹیٚکس ہیٚوٚن یا کانٛہہ بدل موٗلوی کتھ
اُسٕ تن۔ وَنے کیاہ بابہ؟ پروردگارن چھےٚ
کینٛژن عقل دِژمژ تہٕ کینٛژن عُزرٕ۔ شُکر
خُدایس تہٕ رسولس کُن زِ یمن بےٚ شور تہٕ
بےٚ صفت انگریزن ہندی پاٹھی چھیٚنہٕ اُسۍ
موکٕرٕ تہٕ نجاستھ کھیٚنہٕ مےٚ کھ یادٕ گاہ ہیوٚ۔
صاف و پاک پاٹھی چھ اُسۍ قسطنطنیہ شہندِس
کسےٚ ہٕٹِس پیٚٹھ، مسندن ہُنز ڈاف ترٛاوتھ
کمہِ آرامہ سان قہواہ تہٕ تموکاہ چیوان۔"

ہَ۔ ہتہٕ حضرت، بدلے کتھ چھٕہم بوزناوان یِم
نہٕ مےٚ اِز تام بوز مرٕ ژے چھےٚ۔ یہِ کتہٕ بوزہا
یمہِ کتھہِ۔ ہرگاہ بوزہا تہٕ تُتہٕ یِ یہ ہیٚیم نہٕ
پزٕ، مثال کرِتھ یہِ کتھ زِ یوٚت بٕڈ ملکس
ہندوستانس چھ یمہِ ہندِس اکثر ہُنز تہٕ نشتھ
پیٚٹھ چھےٚ یمہِ ہُنز پرچہ کٔژ تام حکومت آسان۔
تہِ یہ چھُو نا یہِ پوزٕ مُت؟

منشی۔ یہِ تہٕ پاٹھی مےٚ پوزٕ مُت چھ، یِم انگریز چھِ
... نہٕ ژٕ، یہِ یہِ ہند ونکھ تہٕ آسہ پوز ہیٚنز
کُنہِ مَنتھ پیٚٹھ اُسو زِ یمنہٕ تاعُب کران۔ اما پوز
یہِ چھُنہٕ مےٚ پوزٕ مُت زِ یہِ ہنز ہرچہ کینٛہہ چھےٚ
ہندوستانس پیٚٹھ راج کران۔ ظاہر ما آسن؟
کمس چھےٚ خبر۔ زانہِ خُداہ۔ یمن مسٹن نِش
چھےٚ نہٕ یہِ عُزرٕ کانٛہہ کتھ۔

ہَ۔ (فِکراہ کرِتھ) بس ییتیٚ چھا حضرت انگریز کُنہِ
بٔلیہٕ تہٕ چھ کینٛہہ؟ تلہِ حضرت وَن حد دایہ پٔژ
دورے چھےٚ۔ تکیازِ دُنیہس منز کس ویٚژ
یہِ عقلہ زِ اکس قومس منز آسن ییتیٚن
قسمن ہندی لُکھ۔

منشی۔ (کم قلیل سوچاہ کرِتھ) اَمنسہ زِ ترٛٹشہ
قوم چھ بٔلیہ تہٕ یہندناو مےٚ مُشند اوس
گومت تکیازِ تم چھیٚنہٕ خاص کہیں مثلن سپین
پرتگال تہٕ اٹلی یِم پنٛنین سورن چھ کھیوان
تہٕ یہِ تلین ہُنز عبادت کران۔ اما پوز انگریز
چھیٚنہٕ یمن کُنہِ جایہ مُجرہس انان۔ سپین
چھ پوٚنسہ آسنہٕ کنہِ سائنس ملکس منز ناماو
پرتگالن چھ کینٛہہ یہودی آسہ پورسوزی میوٚ،
تہٕ اٹلی چھ ترییتھ دورِ یہِ درویشن تہٕ قلندرن
ہُنز مےٚ ٹھاہ سوزان یِم سائنس منز انسس
برزر چھ کران تہٕ یتہٕ چھ گرجہ بناوان تہٕ
گرٕوایان۔ اما پوز یہندن زِ کٔھس پادرین ہُند
قبضہ چھےٚ بوزنس لایق۔ روٗمس منز چھیٚنہٕ

شوٗلہٕ انگریزن ہُند خلیفہ تہٕ تِکن چھُ پننس
دِینَس کُن نادلایان۔ اُسہِ چھِس تو تہٕ اُتھ
پیٹھ تاران۔ تِکیازِ یِیتہِ سہٕ پننس دِینس منٛز
اَنان چھُ تِتھہٕ کھوتہٕ ژٕری چھہِ اُسہِ اسلامس
کُن اَنان۔ مگر رُتہٕ ہیداینہٕ بَنِنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ
یِمَن کافرن آسنہٕ موکھہٕ عذاب ژالُن۔

۸۔ بَس حَصَن وونی چھُم اکھ سوال بیٚیہ پرٛژھُن
نو دِنہک چھُو حَصَن تو ہہ بوزمُت کینژھہ
کینہٕ کہیں نہٕ؟ مے چھے حَصَن اُتھ پیٹھ
اورچہ یورچہ تیژ کینژھہ بوزمُت زِ یہ چھُس ہے
بنٛگہ ہیو گومُت۔ دپان چھِنہٕ حَصَن سہٕ چھُ
دُنیہکِس ایاٗرِمس اَندس پیٹھ۔ تور چھے
حَصَن زِ یسنہٕ ٹوٗدہِ تہٕ کینہٕ بدل کانہہ وتھ چھے
مُنٛش۔ اسہٕ نسہٕ چھے تہٕ تِمن سیتہِ تیوٗت لین دین
کینژھہ تہٕ تہٕ نہٕ چھے تہنٛز زیادہ خبرٕ کینژھہ
صرف چھے یمیٚہِ ہِنز خبر زِ تور چھہِ اُبی جہازن
منٛز گژھان تِکیازِ یِمیتہِ چھے گژھتا فی ناوٕ
تَہنٛز۔

اَمہِ پتہٕ چھہِ وومشاہ ژاٗمِوتہٕ وَنان: "ہتا یارٕ!
یہِ ہُند یہ نوٗ دُنیاہ تہٕ مانتن یہُند پرانہٕ دُنیہکو
پاٗٹھ کُفرستانہٕ۔ اَلکُفر مِلتہٗ واحِدتہٗ۔ اللہ
تعالا تھاوِ یِمن ہمیشہ تِتھ عذابس منٛز گرفتار۔"

۹۔ وَرٕتھ تعکلیوو تہٕ باسیوم سیٹھا تھوک
تہٕ عاجز تہٕ آو۔ مے تہٕ ژٹ کنژھے تہٕ بیہٕتھ بُلی اورچ
یورچ کَتھا باتھا کرِنہٕ۔ اَمہ پتہٕ آیہٕ نوو بیا اکھ قہوہ
تہٕ اکھ اَکِس بیٚیہ سمکھنک وعدہ ہیتھ دِژاسے
پانٕنس پانس۔

## ۷۶

# حاجی بابنی یورپُک تاریخ لیکھُن

## تہٕ تِسُند سفیرس سیتی واپس گژھُن

سیاسی دُنیہس منٛز اورٕ یورٕ پرژھ گاراہ کرنہٕ
پتہٕ گیاہ ووتُس یہ پوٗر پاٹھی خبردار گژھتہ سفیرس
نِش واپس سیٹھا خوش گو۔ پتِس کالس استانبولس
منٛز ادٕ سس تہِ تِس کالس اوسُم خبر اتہٕ سو تمبراوہ موکھ
اورٕ یور سوزان یتھہٕ تسُند گو تیوٗت مسالاہ جماہ پید
پیٚمہٕ کتھہٕ یوٗرپُک تاریخ مُکمل ہیکہ ہاگژھتہ تِکیازِ
پادشاہن تہٕ اوس پننس کاغذس منٛز تی فرمومت
یمہٕ پِنز خبر تہٕ خبردار کرِ وینہٕ کنژھہ مے سو تمبراو منٛز
آسہِ تِمن ہُند کورُم ترتیبہٕ سان مُسودا اکھ تیار
تہٕ دِتم شیر ژارموکھ سفیرس تہٕ تِمو کور اُتھ پادشاہ
سُند آیہٕ ژِہ واتھ۔ یوسہٕ کنژھ پادشاہس ژوک
تل واتہے تِمتہ دِیتن چھیش تہٕ یِیتِن نہٕ شوبہ ہاے
تیتن ہُر راوِنس ہُ زور کنژھ تہٕ چھووٗنی راونس تہٕ۔
اَمہ پتہٕ ییس چھنو رہتہ خصتہ تہٕ گیہٕ حان لوہ کٹ
کرتہٕ ہ ہُنا تیار۔ اُدقہ تہٕ نوو دِلدہٕ سو دِنہ بابہٕ تہٕ ناو

چھوُس وقایعِ فیروزی۔ اَمہِ پتہٕ چھُ ریشمی دٕجہ
اَکِس منٛز وٲلِتھ۔ سفیر ووٚنھ: " وۄنۍ کیاہ سۄ گوٚیہ
پادشاہس ڈالی دِنَس لایق چیز اہ تہٕ"
یِمہ کانہہ میرزا فیروزس منٛزٕ آسہِ تِمہ موکلاوِتھ
کرٕتھ ہیوٚوت تِمو ایران واپس گژھنک سفر کرُن
تہٕ مےٚ تہِ گوٚو اُن پانس سیٚتی نِنک تہٕ تِتہٕ سرکارٕ
مُلازمتھ دِیاوٕنٲونک وعدہٕ تہٕ دوٚپُن "تِتہٕ وَنکھ بہٕ
زِ یتھس انسان ہشِس یُس پوٚر بیچھ رژھہ رژھہ خبر
چھےٚ، چھےٚ آسہِ بڈٕ ضرور ورتھ، یُتھ یہ تہنٛدین
سفیرَن طہرانس منٛز مُقابلہٕ آسہِ لگان"
اَمہِ کھۄتہٕ کیاہ سۄ چھ پٮ۪کہٕ ہیم کرٕتھ تکیاز
وۄنۍ اوسُس ترٕکی تہٕ ترٕکن ہُنٛد شہر وُچھتھ
سیر گوٚمُت تہٕ شکرلب تہٕ اَکھ وزیر ژِ تَس میوان
تہٕ وٲراگ ووہ تھان۔ طہرانٕکس دربارٕکی پیرصاحبنٛ
کنھ اُس وۄنۍ پرانیمٕر۔ سُتہٕ اوس وۄنۍ گومُت
نادان پیرِ سُنٛد تہٕ اوسُم بوزمُت زِ سُہ اوسُکھ توبہ
گوٚنٛدمُت تہٕ دربارٕکی پیرصاحبنٛ آشنٛنہ یِمہ سۄ گردو
رٕٹِتھ اُس نیمٕر اُسنہ پتہٕ زانہہ تہٕ طہران وٲژمُت
تی اوس تَس سٕندِس عبدالکریمس تہٕ گوٚمُت۔ لہٰذا!
اوسنہٕ مےٚ ہٮ۪تھ تومان واپس دِنک کانہہ نیچھے
پُلیسہ افسرَن تہٕ اوس نادان پیر رٹِتھ نِنہٕ پتہٕ پننٛ
گرٕ نیٚمُت۔ لہٰذا کرٕتھ ہیکہ ہا بہٕ گژھتھ رۄس
طہرانس منٛز یان نوٚن گدٕ لِکھتھ۔ پننہٕ جایہ اوسُم ووہ زِ یتھ

زِ کانہہ کمہٕ لم نہٕ بےٚ یزتی تکیازِ کانہہ نتہٕ کانہہ لوٚدٕ
معہ منٛشی وۄہ تہِ ہی وۄنۍ میانہِ کنہٕ۔ مختصر آمنہ
توٚرٕ گژھِ حمنہٕ معہ کُہ کانہہ حیثا بوزنہٕ۔ تہٕ کرِتھ یانی
بوزی ہمّن بہٕ ژھِچُھس پادشاہ سُنٛد مُلازم بہٕ ہیکہ ہا
تقصیر اُسِتھ تہٕ بےتقصیر سٕندِ کہِ پاٚٹھی اَجی منٛگہ
ٹوٚپی ٹھوٚوتھ پرٕیتھ جایہ پھیر ٹھُورتھ۔
یمی سۄ چیتھ لوٚگُس بہٕ شفرکس بھشرس۔
آما پوز دوٚپُم تٕرونہم پاٚٹھی دِمہ ہا سرتہٕ منز روزن
دالین بِنین شہر باجین نظراہ گذراہ یُتھ تِمن
بِیِہ بنٛ ٹھرزٕ تہٕ بجر ٹھیکہ ہا۔ یہ اوسُس نہ آنیتھ
زِ تِمن چھےٚ میانۍ سفیرس سیٚتی کام کرنٕچ نٕچ بروٚنٹھے
خبر تہٕ تُوسے تہٕ اُدتمہٕ تِمن بہٕ فِکرنہ کھُنتُک تہنٛدہ بہاہ
شیماہ کینہہ۔ اَوسے لگر تِم مےٚ "آغا صاحب" "میرزہ
صاحب" "سرکار" تہٕ "جناب" کرِہ کرِہ وَننہٕ تہٕ ادب
تہٕ یزتھ رچھنہٕ معہ کُہ اُمیم وَنان "تُہنٛد سایہ
پوشن" "خداد نو ومر برکت" "اہن حضن!
تُشنہٕ۔ مہربانی تہٕ عنایت" "بس حضن یہ چھُ
تُہنٛدُے کرم"۔ یُس یِمہ کتھ بوزہا تَس بہاہ ہرگز تہ
زِ یِمہ کتھ چھ تِمے زِ ریتھ برو تہِم لکھ بوزِ
ناوانٕ تہٕ اکھےٚ یُس نہٕ تکہ مالیچ خبرے آسہ ہا
یہ دُچھتھ دِیہ ہا سُہ زِ زنتہٕ بےٚ چھُس یمن زو دِنہ
دول تہٕ زو نِنہ دول تہٕ۔ نیمرن وزنہٕ سمکھُس عثمان
ہرُس۔ تمو کرِ مےٚ سیٚتی تِمے پاٚٹھی [illegible]

شہ بۄ وُنہٕ استعفاہ تکس حسن نادِنس نیچوین سیتھ کران اوس۔ مارے محبتہٕ تہٕ لول باگراوِتھ چھم دِ پان۔" گرٛدھ سہ گوبُر گرٛدھ خوٗد ایس چھنکھ حوالہٕ۔ ژٕ تہٕ کٕمانن ہنٛد قیدی آستہٕ، ججٕگیر کینٛن دول سمداگر آستہٕ، شکہ لبہٕ ہنٛد رۄن آستہٕ یا پادشاہ سٕند دربارُک مُلازم، یہ آسکھ تہٕ تہٕ، سیون دوہ یہ خاطر چھےٚ سیٹھا۔"

تُرکی حۄکومتس روٗخصتھ ہیتھ تہٕ ایرانی لکہ جمانھا دون تُرین میلن روخصتھ کرٕ تہٕ سہ کیٛہ ییتہٕ ییتہٕ پکان پکان دٕراو سفیر کشتہٕ منٛز۔ سفر کوٗڈ اَسہ جان پانٛھی تہٕ ایروان تام آونہٕ کانہہ وُنس لایق ماملاہ دربیٚش تہٕ نہ بوٗز کانہہ ترٛٹھ خبراہ اَتراہ۔ اَتہٕ بوزٕ دٕہیچہ اور یورِچ خبر۔ اَما پوٗز رژھ آسنہٕ بہہنس لایق۔ مگر تبریزس منٛز بوزٕ عباس میرزا گورنرٕ ہندِس دیوان خانس بیہتھ کینہہ کتھ یمو منٛز فرانسُکس تہٕ ولایتکس سفیرس بابتھ وائی ٹھوس بہ ٹھوس وہینچ کتھ اہم اُس۔ فرانس کین ہنٛد غرض اوس انگریز ایرانہٕ منٛز کڈِتھ ژھننی۔

پہہنٛزن چالن بیہتھ تہٕ اَسی تکہ گراہ اَکھ کتھ وُنان تہٕ گراہ بیاکھ کتھ۔ ایرانکو اَسی ساری یِتھ بیہتھ حارتن گرٛدھان زِ۔ یم تاوَن زدکیاز چھ ییتہٕ دوٗرِ بیہتھ پوٗنسہ خرچاوِتھ طہرانس منٛز یِتھ اَکھ اَکس سیتو ژوان تہٕ دِپان کتھ باتہٕ ہنٛز

چھےٚ ییتہٕ پانٛٹھ اَسمٕز:

فرانسُک سفیر (ٹھیکیٛتھ) سون پادشاہ چھُ بوڈ تہٕ طاقتہٕ ودل پادشاہ۔ تس چھُ اَکہٕ آنٛتھ پیٚٹھ بیٚیس آنٛتھس تانی فوج۔

سون پادشاہ۔ جان گوٚ! تو تہٕ کیاہ اَسہ۔ کتِھا فرانس تہٕ کتِھا ایران۔

فرانسُک سفیر۔ مگر اَسی چھنا انگریزن ہندوستان ہیتھ ژٕلُن یِژھان۔ لہٰذا کرِتھ پزٕ اَکھ تعہد سائنس فوجس وتھ دِنی تہٕ بیٚیہ رژمن کھین چین دیُن۔

سون پادشاہ۔ اَہنسہ تۄہی چھو ہندوستان یِژھان انگریزن نش نیُن۔ تہٕ اَسہ کیاہ تمہ سیتی؟ اَسی نہٕ دِمو وتھے تہٕ نہٕ ہیمو تہنٛدِ فوجُک کھین چینے متھ۔

فرانسُک سفیر۔ تُہنٛد موکھ نمو روٗسن نِش گرجستان تہٕ تفلس تہٕ دِمونو تعہد یہ ایس تہٕ پیٚتھ کُنہ موکلیوٗ اَکی ساتہٕ روٗسہ کرِ نو منٛز۔

سون پادشاہ۔ او یہ کیاہ گیہ اَر کتھا پزٕ کر پانٛٹھی چھےٚ یہ کتھ۔ خاطر یتمہ ساتہٕ تۄہی یہ وعدِ پوٗرِ کرو تہٕ اَسی ینیو اَچھو وچھوٚ زِ قفقازُک منٛز کیاہ رۄدِتھ اَکھ روٗسی نفر تہٕ تمہ ساتہٕ دِمو تعہدُک جواب۔ تۄت تام ہیکوٚ نہٕ اَسی تہنٛدِس فوجس ایرانہٕ منٛز یکنس اجازت کینٛہہ دِتھ تہٕ نہٕ چھ

اُسی یِنِین پرانین یارن انگریزن سیتی کُٹ یِژهان
زِٹنی۔

بیٚیہ طرفہٕ اُسی انگریز ووناں:

انگریز۔ فرانس چھِ یٕتھ ایران پیٹھ وراٰے بیٚیہ کنہٕ کامہ
معہ کھہ آمت زِ اسہ دوین کرِ پانہٕ وانی نَوہ کر
تہٕ رِش پاٰدٕ۔ یٕتھنہٕ توہی تہِمن وَتھ دِیو۔

پادشاہ۔ کیاہ کرو! یہ چھُنا پُرژھی لاژے خلاف
گژھان۔

انگریز۔ حضرت، ساٰنی کنہِ یا روز فرانس یٕتیہ یا رودو
اُسی۔ زِ ہٕنند وہٕند وہَین نہٕ اکی سے کتھس منز۔

پادشاہ۔ توہی تہٕ روزِو تہٕ فرانسکی تہٕ روزِن۔ اُسی
کیاہ زِ کرو نہکس پٔہکس دُشمن داٰرِیاہ پاٰدٕ؟
اسہ چھِ ساری دوس۔

انگریز۔ اُسی حضرت کرو تِہے یہ مدتھ۔ اسِن وٕلی
بناووہٕ۔ اُسی دِم توتہِ یہ ہار۔

پادشاہ۔ کتھاہ کیاہ کرِتھ۔ تو یہ گیہ کتھ۔ ژون
کوتاہ رقم دیوٕ یتہٕ کیاہ سو چھو اُسی تہٕ۔

تمبرہ منزہ نیرنس تام اُس کتھ اوت تھے
تانی واٰژنہ۔ ہپاری اُسی طہرانس منز میانس سفیر صاحبس
سخ پاٰٹھی پیاران۔ تمہ کنہِ بیٹھو نہ اُسی زیادٕ کالس
شہرس اوس نِشِس تہٕ ڈراے۔

سُلطانیہ ہنس منز واتتھ گو دِرِ قافلا اکھ
نظر یُس نہ ایراٰنی قافلہٕ پاسان اوس۔ یٕیلہ اسہ اکھ
دوت تہٕ وُچھ زِ یم اُسی انگریز تہٕ فرانسک سفیر
جان ییر تہٕ سان پُرژھو لاژ یہ پیتہٕ اوسکھ یہ طہرانہ
منز کوڈ مت تہٕ یہ زَن بوز انگریز سفیرن اوس
باز زیو نمت۔

اسہ تووگ پانے بوزن زِ کتھ کتہ سپدے وُنی تہٕ
بیٹھو تہٕ پادشاہس چھنہٕ منز ہنز کرہنز کینہہ
سون سفیر اوس حاٰرتن گومت زِمیون بوزنے کمنے
کیاہ زِ کوڈکھ فرانسک سفیر طہرانہٕ منزہ۔ اما پوز یہ
اُس نفس سے زِ ہارن دیارن ہنز مودرِ تہٕ میچھ کتھ
سیتی چھُ مشکلس آسان بنیومت۔

یمن سمکھتھ گے اُسی بڈ خوش تکیاہ زِ اسہ
اسہ آو جان موقہ یہنددو اطوار تہٕ طور طریقہ ہٕنس چھنس
پیٚمتیک اسہ سپدٕ بوزمت اوس۔ اکہ دوہہ رُود کہ
اُسی یکہ وٕڈتہٕ ساٰنس سفیرس کرہِ کھ فرانسکس سفیرس
سیتی زان۔

مانو ہے تہٕ فرانسک سفیر گو ژٕتھ دِل پھیٹو
تہٕ بڈ شرمند گومت آسن، تکیاہ زِ سہ اوسکھ کڈتھ
ژھنمت۔ اما پوز تمتھ بدل گے اُسی حاٰران ییٚلہ
اسہ سہ وُچھ اسان تہٕ خوش پاٰٹھی۔ یُتھ حیاٰتی تہٕ
منھ آیہ قوماہ اوسنہٕ زانہہ تہٕ اسہ نظر گومت
یم اُسی نژان، گیوان تہٕ پانہٕ واٰنی مالا یاٰنی تہٕ کران
سانہٕ کھعو تہٕ اُکنے اُسی یم پانہٕ واٰنی اکھ کتھ
بکواسا کران۔ نہ اُسی لحاظے وچھان، نہ زِ چھر کوشر

نہ اَکِس بیٚیہ شُند ہدے زَنتہٕ سأری اَسۍ اَکی ہِدِکۍ
سائنس فرشس پیٹھ کِرٕکھ بٔڈ بے ادبی میچھ دار
بوٗٹو سیتۍ کوٗرُکھ سأری ہے پٔژ پار تہٕ گٔسۍ اوٚنچھ
تہٕ بینہٕ مٔکرۍ اُس وۄہراوِتھ اَسہِ پٮ۪ٹھ چیزن
پیٹھ اَسان تہٕ ٹھوکہٕ چھکان۔ یہِ شُرا اُتی میوٗنٛت
کھنڈ خبر آسہٕ کہنہٕ دِیومُت زِ وُچھہا یہِ شُر تہٕ سانہٕ
زبأنۍ ہا آسہِ کانٛہہ ہشُر تہٕ اوسنہٕ کہیں۔ یہٕ وۄنان
اَسۍ تمہ منٛز اوسُم نہٕ اَکھ حرف تہٕ فکرِ تُران۔
سیٹھا جِکھتہٕ تہٕ بینہٕ جایہ لیکھتہٕ تہٕ ژاتس ژھوٗتھ
توٗگُم بوزُن زِ ترٛین لفظن اَسۍ پھیرُ تہٕ پھیرُ
دِوان۔ اَکھ "سکری" بیاکھ "پادری" تہٕ ترٛیم
"آمپرور"۔

مگر یٔت کرِتھ تہٕ آے نہٕ یِم آسہِ ناکارٕ کیٚنٛہہ
بوزنہٕ۔ اَسۍ اَسۍ یمن سیتۍ سیٹھا رَلان، تہٕ پانہٕ
وأنۍ اوس عادتن منٛز تہٕ ہشر باسان۔ آسہِ بٔوٹھ
زِ یمِتھ پأٹھۍ خوش تہٕ خوشحال تہٕ چاٹ تہٕ گٔنڈِ
بادشہِ یموٗ سُلطانیہ ہَس منٛز کرِ تھٕتھ پأٹھۍ اَژن
جہنمس منٛز تہٕ۔

بٮ۪یکہٕ دۄہہ گٔے اَکھ اَکِس نِش ژھینہٕ تم
دزاے اَسان اَسان تہٕ گٔنڈِ بادشہِ کران زِ "پادشہن
کیاہ کوٗر آسہِ سیتۍ" تہٕ اَسۍ دزاے بیٚیہ منٛز کٔلہٕ
ژھنٛتِھ دِل موٗلوٗل تہٕ دَم پھٕٹۍ گژھتھ زِ "بادشاہ کیاہ
سا سوٗ لوٗک کرٕ آسہِ سیتۍ"۔

## ظہرانس منٛز انگریز سفیرن ہُند استقبال

پادشہن کوٚر میرزا فیروزس خدہِ رٔژ استقبال
نہٕ یۄد یہٕ پہٕ کیٚن اہم مسلن پیٹھ جواب بوزِتھ گۄبڈٕ
شاد۔ اَتھ منٛز کیاہ واتہٕ ہا نہٕ تس کانٛہہ اَکھاہ۔ پٔریٹھ
سوالس اوس جواب دِوان۔ نہٕ آسُس نہٕ زانٛنہٕ کہنہٕ
عناصِرے ڈلان تہٕ نہٕ اوس سوال مُشکل آسنہٕ کِنہٕ
ژھرٕ ژھرٕ ژھرپٕھٹے کران۔ پادشہس بڑونٛتھ کتہٕ یہٕ وۄنُن
زِ "مےٚ نخص چھینہٕ خبرے" چھُ بوٗڈ قبیح، اَدٕ یہٕ
لفظ ہیٚوٚت نہٕ تمۍ زیٚوٕ پیٹھے۔ پٔریٹھ کتھ اوس
تمہ یٚیرِ پٔرِتھ تہٕ دَرِ رِسان جواب دِوان زِ بوزُن
والۍ دِیہ ہن تی آسہ تہٕ تمہِ ڈٔلِتھ آسہ نہٕ کیٚنٛہہ۔
انگریزن ہُنٛز وۄرِژھ ناوِن تِتھ پأٹھۍ کتھ زِ کانٛہہ
دِیہ اوپ ژھوپ اوسہٕس تہنٛدی ہے مُلکس منٛز
کوٗرمت تہٕ تمۍ اوس پریٚچھیوٗمُت بڈیوٗمت۔

میرزا فیروزس سیتۍ سیتۍ آسہٕ کہنہٕ تہٕ یوٗرپس
پیٹھ مےٚ تہٕ زان تہٕ خبر اتر آسنہٕ کہنہٕ تہٕ بیٚیہ یوٗرپ
کتاب یمہ دٔیہٕ لیکھنہٕ کہنہٕ رٕوٗدُسنہٕ یہٕ تہٕ اَمہ یِزتہٕ نِش
خأکی کیٚنٛہہ۔ یوٚد دۄے مےٚ تہندی پأٹھۍ دید دورِ تہٕ
مزٕ ہیٚل لوگنہٕ، اَما پوٗز جواب دِنس منٛز کوٗر مےٚ اَتی
گار بو کنٛڈ پو کیٚنٛہہ۔ مگر نوکر تہٕ آغز پشدین جوابن منٛز
ہشُر تھوٗنہٕ معہ کِھ یوٚو مےٚ بڈہِ حِس تھوٗن چھُتنہٕ وِچھ

گژھہ ہا۔ یُزکہ پاٹھی ہیمَو دُنیاوُ چھمُت آسہ تہٕنٛزِ
کَنہٕ چھِنہٕ آسان کرامت تہٕ موجِزٕ۔ یمیٖ وِزِ چھُ
وُنَن وٲلی ووٗنمُت ۔

در دیارِ بی زبانان ہر کرا آید بگوش
گرچہٕ صوتِ خر بود آوازۂ خنیا گراست

انگریز سفیراوس اَسہٕ بْرونٛہہ کینٛہہ دوہ طہران
ووٗتمُت تہٕ یتھہٕ پاٹھۍ اَکس نجٕس تہٕ متوکرِس ہوٗتِس
ہارُون رَشید ہیوِس خلیفہٕ سٕندِ طَرفہٕ اِستقبال یُزِ
ہے کرُن، تیتھہٕ پاٹھۍ اوسُہس کورمُت۔ لیکن اوس تہٕ
وُچھِتھ سَخ گومُت تہٕ مسلہٕ اُسہ پھِسرٲرے کران زِ
"اَمِس نہٕکٕس پٔھکٕس یتھہٕ یُزتھ کرُن گویا نٔنِس پان
یتھہٕ دِنہٕ ہَس منز جہنمہ کِہ نارِ زالُن۔" تیٚسٕند طہرانس
اَتہٕ وِزِ اُسکھہ دانٛد قربان کرِتھ متۍ تہٕ وَتہٕ وَتہٕ اُمِس
پٔتِرِن چھُنٛج ہرِ سوار وِنِزِ خاص پادشاہ سٕندِ موہ کِھہ
یُس ترٲم وایہٕ نہٕ چھُ یوان سُہ اُسکھہ اُمی سٕندِ
موہ کِھہ تہٕ وٲتِتھ اَمِس یِزٕ تَس ہُریر کورمُت۔

اَمہٕ پتہٕ اُسکھہٕ اَمِس پْرٔتھۍ لازِمے کرِنِس منز
موہ سے والِس یوت ڈیٚکھر نیٖومُت تہٕ اَکس ناماور
اَفسرس اُسکھ تَس جاے زِ نہٕ موہ کِھہ مکانہٕ غصب
کَرِتھ نیوٗمُت تہٕ تتھ یُس سامانہٕ، فرش، وفروش
یا بانہٕ بیٚیِہٕ لگہ ہَن تِم اُسکھہ جبر کرِتھ ہمسایَن
ہِیتۍ متۍ تہٕ اَکھتۍ اُسکھہ اکۍ سٕند باغ تہٕ کان ہیتھ
اتھ مکانس سیٖتۍ رلوومُت۔ وزیر اعظمس اوس
حُکُم دوتمُت زِ یِتیس کالس انگریز سفیر طہرانس
منز روزِ تیتِس کالس یُس خرچ ہاوتَس سٕہ لرِ لگِہ
سُہ گژھہ چانی چیٚنٛدک لگُن۔ اَکھتۍ اُسکھ وزیر
اعظمس خلعتھ تہٕ تِھالکُن رقم برونٛہہ کنہٕ تھٲوٕمُت یُتھ
سُہ رقم یہٕ زن پٔتھٕمِن موقَن پیٚٹھ ضابطہٕ چھُ سفیرس
ہدیہ دِہن۔ شہزادن تہٕ امیرن وزیرن اوس حُکُم
سپُدمُت زِ تِم تہٕ گژھن پننۍ ہدیہٕ یہٕ تہٕ ڈالہٕ تَس نِنۍ
ینِنہٕ دستِ مبارکہٕ سیٖتۍ لیٚوٗکھ پادشاہن زِ "یہم
(انگریز سفیر) چھُ سانہٕ شاہ نہٕ ذاتِ پاکُک پْرٔتھو۔
یوٗدوے کافرے چھ اَما پوز پٔنٛنہ احترام کرُن چھُ
لازِم۔ مَن اَکرَمَھُم فَقَد اَکرَمَنِی وَ مَن
اَھانَھُم فَقَد اَھانَنِی۔ یُس تِمَن یُزتھ
کرِ تِمو کوٗر اَسہ یُزتھ تہٕ یُس تِمَن بے یُزتی کرِ
تِمو کرٕ اَسہ بے یُزتی۔"

خانٲر کافرن یوت بوش کھالُن تہٕ یُتھ یُزتھ
کرُن گیوہ اوت تانی حبانیے تہٕ یہٕ وُچھِتھ پْرٔتھِن
تِمَن ووہ تہٕ ڈٕلنہٕ اَما پوز پادشاہس برونٛہہ کنہٕ یِہم
رسم تہٕ یُس اَدب رٔچھُن لازِم اوس تتھ منز آیہٕ سَخ
مُشکل پیش۔ ہیہ ڈل تہٕ میٛنگہ دوہ آسنہٕ کِنہ موسے
نہٕ تِمو پادشاہس برونٛہہ کنہٕ پتھر بِہُن فاخلع نعلیک
رِش بے خبر آسنہٕ کِنہ ژاو سُہ ملعون پٔنٛنۍ موزکھ وُہانہٕ
ہیتھ دربارس منز۔ کوتاہ وَنیو ہَس زِ ووہ ڈٕ نوان
اُزن چھِنہٕ بے ادبی، ہرگز تہٕ موٗنُن نہٕ تہٕ ٹوپی ژھٔنُن زِ

"اُسہ چھہ انگریز" پلوٗن ہُند مسلہ چھُ پوٗد مسلہ ہمیشیک
تہٕ کوٗر ہمسن تاٮ۪ کپہد زِ اُسہ سوزدے شال تہٕ کلاہ یُتھ
اِنسان شکلہِ دربارس منز اَژکھ "تتہ تروونکھ اُسن
تہٕ ہو نتہٕکھے ییٚہ تہٕ دوٚپنکھ "بُہ ییٚلہ یمن پلوٗن منز
ہنٚس بادشہس نِش چھُس گژھان ، تتہٕ ہندِس
بادشہس نِش تہٕ گژھہ یمنے پلوٗن منز" مگر اوٚت تام
انگریزن ہندہ دربارس منز اژنکہ طور طریقہ تہٕ پلوٚ کیتھی تہٕ کیاہ آسہ
نِش ہیے خبر آسنہٕ کنہ اوس ممکن زِ روت چھہ نہ تہٕ
روت ٹوٗپی دِتھ گژھہ نہ اژنی تہٕ کاٮ۪نسہ روزٕ ہیٚیے نہ خبر، مےٚ
ہیوٚ ژھٕتس زِ اصفہانٕکس چہل ستونس منز چھہ شاہ
عباسٕنس بروٚنٕہ کنہ سفیرن ہندِ ہینکٕ تماشہ نقش
کرِتھ ۔ شاہ عباس چھُ کلس تاج دِتھ تہٕ سیٚٹھاہ موٗلُل
لباس نالی لاٮ۪گتھ تختس پیٹھ بہتھ ۔ مےٚ وُنی یہ کتھ
میرزا فیروزس ، تمی وُنی وزیرِ اعظمس تہٕ وزیرِ اعظمن وَنہٕ
ناوٕ یہ کتھ بادشہس نِش۔

نفر اَکھ سوٗزکھ اصفہانٕ تہٕ تتہٕ اَنہٕ ناوکھ تمہِ
نقاشی ہنز اَکھ شکل تہٕ ہاوکھ انگریز سفیرس زِ :۔
"ہتہ تُہہ رٔٹو ، وۄنہ پیٚٹھے پاٹھی اژیو زِ دربارس
منز ۔ تناز دیے ژھینوں"۔

یمو ملعونو یانی یہ شکل وُچھ تانی ترووُکھ شہ
اُسن زِ اَسہ دوٚپ پھٹھ ماتہ دوٚپکھ ۔ "توٚہہ اَسہ فکرٕ
توٚہہ چھوٕ اَسہ زبان پنٕنزی سندی پاٹھی ٹٕژن" ۔ مو خفر
لگ پلوٗن ہندِس مالس پیٹھ پزٕ حملہ دمل زِ بادشاہ

آوسخ تنگ تہٕ دوٚپن ۔ "ژھینو وُکھ ترٕ تھٕ - یمن وُنی
یمن پلوٗن منز خوش کرِ یتھ تہٕ تمن" ۔

بادشہس نِش سلام ہُند رسم وُولکھ پرٕتی پاٹھٕ
نِکھ اَکھتے تمہِ کھوٚتہٕ ہووا کھسی تھِے یہ زن اَکس
بے اَدب قومس نِش توقع تھوو ۔ اُسہ گیہ پننہ جایہ
حاٮ۪رانی زِ انگریز ہوی بدتمیز قوم کیتھہ پاٹھو روزِ چھہ
تیتھہ اَدب یُس شہ تمو ہاوُتھ دُیت ۔ کانہہ بے اَدبی
کرِ کھ نہ ۔ بادشاہ اوس موٗلُلہ کھوٚتہٕ موٗلُل لباس
لاٮ۪گتھ ، یتھ کنہٕ وُچھتھ انگریزن اَچھ ٹکرٕ لگان
اَسہ ، سُہ ہندِس تختس پیٹھ بہتھ ۔ یُس بادشہس
وُچھان اوس شہ اوس دپان ؎

مگر جمشید یا دارا است این شاہ
بدین جاہ و بدین جاہ و بدین جاہ
چنین شاہی کہ دیدہ بر سر تخت
بدین رخت و بدین رخت و بدین رخت
شکوہش باشد از نوشیروان بیش
بدین ریش و بدین ریش و بدین ریش
ز بخشش ملک نوشیروان خراب است
ز ریشش ریشۂ ایران درآب است

شاہ بڈی بادشاہ زاد اُسہ بادشہس ہیر بوٚن
ناٮ۪ی موجِتہٕ پھلیو تہٕ لالو کھوٚتہٕ تہٕ نیہ نیہ کران تہٕ
بادشہس اُسہ دِ ژھنو کھووری دوہ دنی روز تھہ ۔
ہنا دِ ر پہن اَسہ افلاطوٗن سندِ اندرے ترٕشے

وزیر یم سأرنی عقلہٕ تہٕ گاہٕ جارکی خزانہٕ ٲسی۔ شال، کُلاہ تہٕ چوغہٕ لاگِتھ زَن تہٕ لَعبہٕ سیٖتی شکلہٕ ہِندی پاٹھی مرِتھ تھاوی ہتۍ ٲسۍ نہٕ ہیساہ نہٕ حرکتھا یمن نِکھ ٲسی خوش لوٗکھ، شکیل تہٕ ملک صِفتھ غولام دوہدِنی تہٕ دوٗر ٲسی باسان یِمے عرش نِکھس تُلِمن وٲلی تہٕ جنتکی کُنز بردار ہیوی۔ بدنس سیٖتی کوٹ مرِتھ پوتو گوڈن سیٖتی سُوٗتھ تہٕ گوٗنزٕ ہیتھ ریش کاٹِتھ آسنہٕ کِنی ٲسی انگریز تاوَن زِدٕ شُتر مُرغ نیتہٕ لسٕہ ٹٕڈ واندر پنیدی پاٹھی منز باگ وہ دِنی روٗزِتھ اٲمہ ڈیکھتہٕ حیثرتہٕ فاطر لباسہ کِنی چھٹِتھ نیران۔ بادشاہ سُند حشمت اوسکھ ناری لگسان تہٕ نہ اوسکھ تسنز حیثتھ تہٕ شان ڈیشِتھ کانہہ روبے پیوان۔ اما پوز اطوار ٲمِسکھ زِر زِرٕ رسأنی ہیوی۔

ہرگاہ بہٕ لیکھنہٕ بیہہ زِ یمن تہٕ اَمہ کاگزٕ ہ فرق چھے اَندر مین تہٕ نیبر مین طور طریقن منز تیٖلہ چھے مے ہمیشہ قلم تہٕ ہلہ واَر پانس برونٹھ کنہ تھاوُنی۔ سأنی کیشہ کاڈی لکو کاٹچارس کام ہیتھ ونمنہٕ زِ: "یہ فرق چھے یہندِ ملکچہ آب و ہوا کِنی یُس دوہے رطوبتہٕ وول، بہلدَ تہٕ گوٗٹ چھُ آسان۔ اَخر تِمن دوہن قومن کِتہٕ آسہ ہیٖہ پانہ وأنی۔ یموٚ منز اکھ آبس منز ولنہٕ آسہٕ عمت تہٕ تابہٕ ریش تہٕ آسہ بر وچھان تہٕ بیاکھ آسہ صُبہ پیٹھٕ شام تانی تابہٕ کٕرٕ یہ منز وزان۔" اما پوز ہأ لموٚ کوٗرٕ سیٖدی سادٕ پاٹھو تہٕ عقلہٕ ویرٕ تُس لایق تأہیراہ تہٕ دوٗیکھ۔" اَصلی چھے یہ فرق سانہٕ دین دار تہٕ یہندِ بے دین آسنہٕ کِنی۔ یمن چھُنہٕ بُتھس ایمانک نوٗر ہے تہٕ یہندی دِل چھ مُلحد تہٕ زندیق آسنچہ گنہ سیٖتی سیاہ سپدی متی۔ تہٕ اَسہ چھُ، حمدُ خُداس کُن بُتھن پیٹھٕ ایمانک نوٗراہ تہٕ دِل سأنی چھ کُفرکہ تکبیر نِشہ پاک۔ ہرگاہ یہ سفیر تہٕ اَہنْدی باجہ سورُے انگریز قوم ہیتھ مُسلمان سپدَن، تیٖلہ وہ تھیکہ یہ نجاستک تہٕ تکبیرک وارِغ تہٕ دوہٕ جہنمکہ زٕکہ تلہ کلیتھ مغہ جنتہٕ کِس تھزرس پیٹھٕ اَسہ سیٖتی بیہن۔"

## ۶۸

## حاجِ باباس وزیر اعظمس سیٖتی سوٗتھ گڑھن

تہٕ تسُند وزیر اعظمہ سٕند گوٚڈ کام کرنی

یہ زَن مے برونٹھہ وُن، پریتھ کانہہ کام ٲس میانہٕ گوڑ گڑھان تہٕ نامادار سپدان؟ مے کِتھ اوشس بئے سأری پیہ اندزس منزس۔ یوٗرپہٕ کین حالاتن مُتعلق پُھیرِد آسنہٕ کِنی تھوٚوکھ مے تِمہ سار پیٚے کامہ منز یمہ ایرانس منز انگریزن سیٖتی واٹھ تھوان آسہ تہٕ اَمہ کِنی ہیتوٚت مے سرکأری جایہ منز تہٕ وزیر اعظمس نِش ین گڑھن۔

میرزا فیروز اوس آسن دول مونہیتواتس اوسنہٕ حاجتھے کانسہ کُن اَچھ داریتھ روز نسی طہران واتنہٕ پتے دِہَن پنجن کام تراوِتھ تہٕ بیوٹھ

مَزَس منز۔ یِتھٕ بوٗزُن زِ بہٕ چھُس کامہ کارَس منز سیٹھا
خوش گو۔ پرٛیتھ جایہ اوس میانہ رلہٕ وُن تہٕ ہیا نٹی آسنکہ تہٕ میون
پرٛیتھ کامہ اَکار بکار ہینکہٕ تأریف کران۔ تہٕ مےٚ تہٕ کرٕ ینتہٕ
طرفہٕ کوشش زِ دوہ نی گوٚژھہٕ یوٚہے اَپُز یور گژھُن
تہٕ ترٛاوھ نا ما واَریاہ گیٚیم زِ پرٛیتھ اَکھا دِشہ مُسلمان
اوس یا نامُسلمان اوس میون رٕژ پھران تہٕ مےٚ
سیٹھا ماے محبتھ وَرتاوان۔ زِ نخ، یُس وراٹے بہٕ
کینہہ تہٕ آندان چھُ، اوسُم کنٛتس تل وَنان زِ سہ

شاد مان باش کہ ناسازیِ ایّام گذشت

وزیرِ اعظم اوس بڈٕ مُدبر، شوقہٕ وول، کنٛتھ
کُتول، چالاک تہٕ حاضر جواب مہ منیتو۔ پادشاہس
نِش اوس تسُنز ن کنٛتھ بڈٕ یتیبار۔ پادشاہ سٕند
تختس بہنہ کہ دوہ ہنہ بیٹھے اوس شہ تہٕ وزیرِ اعظمی
ہندِس مسندس پیٹھ بہتھ خاص کیو عام لُکن
سیتو تیتھ پاٹھو پکان تہٕ لُکن واتان زِ اَفتا بکو
پاٹھو اوس تسُند آسُن بڈٕ لازم زانٕنہ یوان۔ انگریزن
ہٕنیزن کامَن الگ سنز ٹنز کرنہٕ موکھ اوس تس
لامحال کرُتھ دوہے تمن نِش کینہہ نتہٕ کینہہ
بوزُن یا یورے وَنُن پیوان۔ اَمہ کنہ تھوونس بٕے
انگریز سفارت خانس شیٚچھ پاٗغام تہٕ انُنہٕ موکھ
اَکھ اَکی سٕنز زبانی منز اوسُس شیٚچھ بیتر اور یور
نوان تہٕ انان تہٕ کنہٕ ساتہٕ اوسُس موقہٕ محل وُچھتھ
اَتھ بنُن تہٕ کینژہہ ہُر راوان تہٕ ہُمہ سٕند ہی تأریف

یٚمس نِش تہٕ یِمہ سٕندی ہمس نِش کران تہٕ منز ہی
اوسُس بہٕ دوہ شہ نی ہُند ہیور بنان۔

وزیرِ اعظمس پیٹھ وانیج بڈٕ بیماری آسنہٕ کنو
پیوو مےٚ تہٕ زٕشوے دین و ایمان بناوُن تہٕ اوسُس
کُنہ کُنہ ساتہٕ وزیرِ اعظمہ سٕند گوہٕ تہٕ پانس تہٕ فایدٕ
واتنہٕ موکھ انگریز سفیرس نِش ہُدی یہ تہٕ ڈالہٕ رٹان
اَماپوز ہُدی یہ تہٕ ڈالہٕ رٹنہٕ تہٕ دِنہٕ چھُ یتہٕ وَکھ آمتے اَمہ
رٕکنہٕ باسیہ تہٕ ہیاٗنی یہ کاٗم کاژہہ کیب مگر دوین ژھن
بچین کامین تھوونس بے مزس تہٕ تیمہ انز داو مےٚ
تیتھ رٕتی پاٹھو زِ بہتہٕ گومےٚ وزیرِ اعظم دُے تہٕ مہرباٚن
پانہٕ واٗنی اوس دوین مُلکن ماند کرُن یہ پادشا
سٕندِ طرفہٕ اوس وزیرِ اعظم تہٕ وزیرِ اعظمہ سٕند طرفہٕ
اوسُس بہٕ وکیل۔ یِتھین حالن منز بیاٗری آسنہٕ کنو
اوسُس بہٕ منز باگ (تس ہوٗنی سٕندی پاٹھو یُس
خاندرس منز اُڈی جن چھُ یتہٕ آسان) ہیور یور
کران۔ اَکہ راتھ لگ زیر تانی مجلس تہٕ نیوُس
بہٕ وزیرِ اعظمن پننس خاص خلوَکھ کُٹھس منز ناد
دِتھ یور تہٕ تسٕند پو خاص مُلازِم وراٹے کاژہہ
تہٕ اَژان اوس۔ وُنہ اوس روت پلہ وِنے منز
تہٕ کُن زوٗنے۔ اَتی چھُم کھلہ پاٹھی وَنان۔ "بٕکھ
سہ بروٗنہہ پہن حاجیا۔ زٕنٛے سیٹھا چھُم خاص
کھتاہ اَکھ کرٕنی۔"

اُمہ سٕند یتھ پاٹھو مہربان سپدُن وُچھتھ

گوس بہٕ حاجتن تہٕ حکمس باوتھ کنہٕ کلہٕ نوٚمراوتھ
ہیوٚتھس بہٕ ژانہٕ کوٚلہ کرتھ پیٹھ۔ اولہٕ دولہٕ تہٕ
ژھٹھ وڈھ کیتھ کرنہٕ دراے دوٚپہم: "حاجیا! مےٚ
کیاسہ چھےٚ نہٕ از دِل ڈینجہ تہٕ بہٕ چھسے بڑ دِل
موٚلوٚل۔ یہٕ انگریز سفیر چھُ اسہ تیمہ کامہ کرنہٕ ونان
ییمہ نہٕ اندنے زانہہ تہٕ تہٕ چھُ ونان یہ نہٕ اسہ
زانہہ بوز مُنٛے چھُ۔ دپان چھُ: "یہ بہٕ ونان چھس
ہرگاہ نہٕ تہٕ کرو تیٚلہ والہٕ بہٕ ییتہٕ پننہ علم تہٕ نیر
طہرانہٕ منز۔" ہیارہ چھُم پادشاہ گرِنز کران زن۔
"ہرگاہ سفیر اوزرد گژھہ دروے، بہٕ ژٹے
کلہٕ۔" تہٕ پادشاہ چھُنہ پانہٕ سفیرس کانہہ تہٕ کتھ
مانٛنس تیار۔ مےٚ ونتہٕ بہٕ کیاہ کرہ وونی۔ بہٕ آس
سخ ہینہٕ۔ اتھ کیاہ بنہٕ؟"

مےٚ دوٚپُس: "رشو سیٹھو اندنا کہیں۔" سیٹھی
ژاٗومس نظراہ تہٕ زنتہٕ اتھ کتھ بدل مانٛنے چھُ۔

وزیر اعظم دوٚپتھم: "تہٕ کتہٕ اندی رشو سیٹھو؟ یُس
کیٛشتہٕ رشو؟ پیٹھ چھُ یم انگریز ییتھو خر زیمن چھُنہ
خبرے رشو کیاہ گو۔ بوزیو رکن۔ یم اسہ تِن خرابہ
چھُنہ تحتہٕ سیٹھو کہیں۔ مگر اسہ تہٕ خرچ چھُنہ۔ سفیرن
کوٚر پننہ کنہ سخ باند باند زتہ نشنز کامہ گژھن اندنہٕ
مگر مےٚ تہٕ یوٚت تانی پلہ توٚت تانی ماژراوُن بہٕ ییتھے
ژہ گژھہ تہٕ کرتس سیٹھو کتھ باتھ۔ ژہ چھے تس
سیٹھو یار زاسہ پتھے۔ دپُس: "بہٕ چھسے وزیر اعظم

شُند دوس: "تہٕ تمہ پتہٕ ونس پانسے تہٕ یہ نہٕ مےٚ ننگہٕ
تہٕ نوٚریہ فکر کیاہ ونہٕ ہمس؟"

مےٚ نوٚمروو کلہ تہٕ دوٚپمس۔ "حضرت خُشمن
پیٹھ! یتھ پاٹھی حکم اسہ تی کرِ۔ دوہ میہ چھم نہٕ
دو سفید گرٛٹھی سے ییمہ بہٕ پھیرتھ۔" دوٚپھس تہٕ
دوہ میہ سیٹھ دراس سفیر شُند گر کُن۔

وونی کیاہ چھُم یہ ونُن زِ انگریز سفیر کیتھ
پاٹھی اوٚدم آٹھہ واٹنہ۔ دون لفظن منز و اتناوس
تتھہٕ پاٹھی کتھ زِ سہ پہ سینڈن پونڈن منز ٹھیلی
اکھ ہیتھ کیاہ دراس واپس۔ یہ ٹھیلی اُس وہ نہٕ
پیٹھی وانی تہٕ سفیر شُند گر کام اندنس تام روز تن
پرٛتھ پرتھ کاژاہ ٹھیلہ چلہٕ وینہٕ تہٕ سیٹھی کوٚرن مےٚ
سیٹھو ژیٹھہ تہٕ قطنی ذعدر انگریزی حوکومتچہ اوسچ
سیٹھ معول الحاصچ واٗچ نہٕ لاگہ ایرانی حوکومتکس اتھس
یتھہ ابدالآباد تانی حوکومت کرن والین ییمن وین
مُلکن دستی ہُند کانہہ نشاناہ موجود روز۔

وزیر اعظمن ژاو اشرفی ٹھیلہ نظراہ تہٕ بیاکھ
نظراہ تراوِن مےٚ تہٕ چھُم دپان۔ "آفرین حاجیا!
مرحبا چھےٚ! وونی کیاسہ گوکھ ژہ میون نفر اعزچھا
وونی اسہ ایرانس منز کانہہ کنہ کہیں نہٕ۔ نہ ژہ تہٕ
کتہٕ تھوٚکھ ژھوٚر۔ لیکھ وونی عرضی تہٕ بہٕ کرس دستخط۔
شُکر گژھ۔ اری کرتھ دوٚپھس بہٕ: "تُہُند یس
ییمس نو کرس یوٚت تام شاہ کھسان وسان روز،"

سۆ دِلہٕ تہٕ عقلہٕ کٲم ہیٚکہِ روزِتھ جنابَن ہُنٛز خدمَتھ
کران۔ تِہنٛد محبتِچ یوت چھُ مےٚ سیٹھاہ۔" یہ کتھ
وٲنِس تِمہ نیٚبرِ ہوسان تہٕ ظہار وَس زِ ہرگاہ ایرانٕکۍ شُرۍ
کتھ پڑتھ کرِن پیہِ مےٚ کھسُن ناتہٕ پیوٚو دوٚرے
تمہ اَتھ ہیٚمانہٕ کتھ پڑتھ آسہِ کرِتھ۔

اَما پوٚز کتھ مانی ژارنس ہُنٛز اوس سُہ ہیٚمانہٕ
کھوتہٕ وۄہ ستھاد۔ دوٚپنم: "کتھ مہ کر۔ بہٕ تہٕ اوسُس
اَکھ وَقتہٕ چیٚانی پانٛژھ ہور لیور تہٕ لیور ہور کران۔ بہٕ
چھُس ذانان یہ خدمتھ تہٕ مےٚ کران چھُکھ۔
ژ ہیٚ تراو یہ کٲم اَتھ ہُنٛز۔ یمن انگریزن تگی ژٕ تےٚ
جان ہِسلہٕ والُن۔ یتھ پانٛژھ ژٕ تےٚ چھی تہٕ گرِ ہیٚمانہٕ
طرفہٕ چھےٚ اجازتھ۔ پوٚنسہ تہٕ چھی یمن سیٹھاہ آسہ
کُن تہٕ چھِ سیٹھا مۄہ ختاج۔ دوٚہ نی کتھ چھےٚ ژٕ
کتھےٚ کرِنہٕ۔ ایرانکۍ تکہ چھِہ کھوکو پانٛژھ۔ یوٚت تام
نہ پیٚتھ دِموس نوٚوت تانی دِیہِ نہٕ فیصل۔ فیصلہٕ کھوتہٕ
ژُر گژھ اَتھ پیٚتھ آسُن۔ انگریز چھِ ؤنان زِ سون
غرض چھُ فقط پنٛنس مُلکس خدمتھ کرٕنۍ۔ "مگر آسہ
ایرانن نِش گوٚو یہ وُنُن بکواس۔ اُسہِ یہ سۆ خدمتھ
کرو ، اَدِ سۆ بہٕ کرٕ یا پادشاہ کرِہ تن۔ یکاہ گژھ آسہ
مَرِ کتھےٚ سۆ مُنٛشہ تہٕ حنایہ یکاہ پہِ بیا کہہ پادشاہ تہٕ پنُن
پان کھالہٕ مۄہ کتھ ژھینہِ سون سوٚدٕ سہ کوٚر تُھت۔
پنہٕ ناگ دِلتھ۔ یہ چھِ پوٚز زِ پادشاہس چھُ پنٛنہ ذاتہٕ خاطرہ
کانہہ حق واتان۔ وٲرِ تس سہ۔ آسہ کیاہ تتھ سٕنٛز

اَما پوٚز وزیرس تہٕ چھُ اَخر شقاہ واتان۔ سُہ کیٛاہ
دِ پٕٹِہٕ؟"

یہ بوٗزِتھ گیہٕ مےٚ ہیٚنگ خبردار تہٕ اَچھن ژٕ خم
غفلتچ ژھاپنس بۄنٛ ژٕ کِنہ آیم بڈ دکھاہ یہ تہٕ
بڈٕ بوٚوٹٕ فائداہ بوزِتھ۔ وزیرِ اعظمہ سُنٛز یہ کتھ زِ
"انگریزن تگی ژٕ تےٚ جان ہِسلہٕ والُن۔" چھم کنن منٛز
وُزان تہٕ اَمیک گیو گیس چھم سأری سے پھیران تہٕ
لوگُس انگریزن تالہٕ وسِتھ مۄہ کتھ فندتہٕ فریب ژھانڈنہٕ۔

## ٧٩

## حاجی بابن پنٛنس رۆخسَس کٲم میٚنز

تہٕ تَسٕنٛد نوٚو سُہ وزیرِ اعظمہ سُنٛد پیٚوٚدیشن
سیٹھا غم کھیتھ ذٲنی رۄدُم پنُن پان شہرس
منٛز وزیرِ اعظمہ سُنٛد خاص پیہ لوچ۔ انگریزن چھےٚ دیٚنہ
پہنوۄدم زِ یوٚت تام یہ بہٕ اَنٛدرس منٛز آسہ دیٛنگ
کٲم کار چَلی نہٕ۔ اَتھ چالاکی میٛانہٕ دِزاد جَل چھلے ترٕ
تہٕ دروشوے طرفو بنوُوس بہٕ خوشی سان منٛزیم۔

انگریزن ہُنٛد غرض اوس زورِ ذاتہٕ آسہ سیٹھی
رِژر ورتاوُن۔ اَمہ مۄہ کتھ اُسی تم بڈٕ قمہ کھیوان تہٕ مار
خرچاوان۔ سانٛس ذٲتس اُسی سانہٕ کھوتہٕ وأتتھ تہٕ یہ
دوٚد بٔلراونہٕ مۄہ کتھ اُسی ستھ پانٛژھ جۄنھان۔ ذانہٕ خوٚداہ
دوستی لایق کیٛاہ اوس تمن آسہ منٛز بوزِتھ لیوان (آسہ
اوسنہٕ پانس تہٕ لبنہٕ لیوان) یہ کرِتھ تہٕ زِساذٕ کیٛنٛز اُسی

بے دِین تہٕ نٕجس۔ خدا سٕے اوسنہٕ اَتھ سیتؠ دٕخلے
تہٕ نہ واتہٕ ہیؠ تِمہ سیتؠ کانہہ زٕکھے۔ سِہ اوس مطلب
یِہکھ زٕ تِم گرٕتھو پانَس سٕے محتاج زانہٕ یِتھ سِہ
تِمن سیتؠ واٹھ روزِہا۔ تکیازِ تِم اُسو سٕے رکتؠ مؤدر
رٕس میٖوٗنڈ تہٕ اَمہِ معہ کِہ یِوٗدوٗے تکلیف تہٕ بٕتیٖہ ہاتُلن شہ
گژھ ہاہ ہینہٕ چھٕتنیو۔

ظاہر آسہِ یہِ کتاب پَرَن والین ژٕتس زٕ یِتھمہ
بٕڑوٗنہہ چھہٕ آسہِ اَکِس حکیمہٕ سٕنٛد وٗنمت یُس پٕہنٛز
داریاہ دواہ بیترِ بناونہٕ وَرٲے تَرٛوٗنٛبُن تہٕ اوس عام
کرُن یَژھان مگر یِہ اوس وارٕ وارٕ مُشدِ ے گوٚمُت
تہٕ سائی طبیب اُسہ بٕتیٖہ پَرانین ہندی پاٹھو پرٕیتھ وَری
شرٛین کھیٚجوٚ کھیٚجوٚ بٕتیٖس ڈٕنیہَس سوزان۔ یِتھِس
سٕغیرِس سیتؠ اوس بیاکھ اَکھ حُکیماہ۔ اَسہ سیتؠ رٕژر
وَرتاونہٕ معہ کِہ آمُت۔ یِتہٕ لوٗگ ژٕرٛوٗنٛبنس رِواج
دِنہٕ معہ کِہ سٕخ جُکھنہٕ تہٕ اُمی سٕنٛدِس مَکانَس پیٚٹھ
ہیٚوٗتُن نکھن پیٚٹھ شُری ہیٚنی ہیٚنو زَنانَن ہٕنٛد سٕخ گرٕبار
لگُن۔ سِہ تیٚمی ہوٗل ہالے زٕ۔" ہسے مُسلمان زنانہٕ پَزیا
اَکِس نصاران سٕنٛدِس گرِس منز اٚژُن، کینٛہہ تہٕ اُسوٗن
یہٕ چھُ ناکارٕ تہٕ ناجائزٕ۔" وزیرِ اعظمَس نِش تہٕ کرُم اَمِچ
شِکوٗے تہٕ یِہ کاٰفرٕ اَمہِ کامہِ نِش پَتھ رٹنہٕ معہ کِہ پیو
تَس حکیمہٕ سٕنٛد گرٕ سیاہ اَکھ سوزُن۔ یِہ وُچھت پُھٹ
حکیمَس دِل تہٕ تہٕ بازرِ تہٕ۔

بٕ۔ حکیم صاحب! ژٕ کیاز چھکھ دِیان ہیوٗ؟ یہٕ تکلیف
تُلہٕتھ چھےٚ نہٕ ژٕ سے پانَس لاران کینٛہہ تہٕ توتہٕ دِیو۔
پیٚٹھٕ ماچھ نکھ جاٰیِنس اَتھ محنتَس قدراہ تہٕ
زانان۔

حکیم۔ ہسے افسوس، حاجیا! ژٕ سے چھےٚ نہٕ خبرٕ ے ژٕ
وَنان کیاہ چھکھ۔ یہٕ چھنہٕ زحمت یہٕ گیہٕ رحمت
یُس پٕہ کُل عالمَس واتنہٕ گژھ۔ ہرگاہ اَمہِ اٚنٛج
حکوٗمت یہٕ کام کَرنس یِتیٖہ ہٹاکھ کرٕ تیٚلہ
چھُ بیٚتھین انسانَن ہٕنٛد مَرنُک گوناہ تَسو
گرٛدَنہِ (حالانکہ اَمہِ مَرنہٕ نِش بچاوُن چھُ تَس
پننِس اَتھَس منز) کاٰتیاہ بے گوناہ چھِ بلی
بقضاہ مَران۔

بٕ۔ مُرِتَن کاٰتیاہ مَرَن۔ توتہٕ کیاہ آسہِ ہا چھینہٕ
تِہٕنٛدِ آسنہٕ سیتؠ سائنس چھنٛدَس کینٛہہ اتان
زٕ تِہٕنٛدِ مَرنہٕ معہ کِہ ژٕ ٹوٚ بان۔

حکیم۔ جاٰیِنس چھنٛدِس واتہٕ یہٕ زِ بیشہاہ ژٕ وَنکھ
تیٚنٛز دِمے بٕ مگر میون عِلاج کرُن گوٚ ژھینہٕ
خدایہ گژھُن۔

اَمہِ پتہٕ پیٚٹھ اُسو پانہٕ واٰنی فیصلہ کرنہٕ۔ حالس
زیٚچھر دِنہٕ معہ کِہ چھُس بٕ اُمِس اَمِچ معہ دٕ ہرتہٕ دنائیر
وِہرِژھ ناون مِثال کرٕتھ دوٚپمس زٕ وزیرِ اعظم چھُ اَتھ
کامہِ بڑٕ مخالفت گران۔ بوٚڈ مَرحلہ چھُ سٕے مانِ
راوُن۔ یانی وزیرِ اعظمَن موٚن تہٕ پہر وُہتہٕ تانی وُچھتہٕ
ژٕ جاٰیِنس مَکانَس گژھ رُج لگہٕ زَنانَن ہٕنٛز تہٕ یہٕ

ژٕ کرکھ تہٕ کینٛہہ ما کرِ کانٛہہ تیٚجھ.

حکیمن اُمس بیاکھ اکھ بدلے بیچارٕ یاہ شہ
اوس مُسلمان مورون شِکم چاک کران تہٕ تاپہٕ تانہٕ
ژٕٹان۔ یانی لاش اُمِس نظر گژھان تانی اوس تس
زِنٛدٕ بلا یہ لگان۔ بٕ اوسُس پانہٕ راوان ژٕ لکھ کونہٕ
سُتاچھہ اُمس پیٚنٛتھ پیٚنٛتھ کرِتھ ژاوان زِ۔" ہیو
یارٕ یہ کیاہ چھکہ لدٕ کام چھکھ ژٕ کران۔"

بٕ ۔ حکیم صاحب! تٔلہٕ سہ خودایہ سِنٛد پاسہٕ وَنٛتہٕ
مےٚ مُسلمانن شِکم چاک تہٕ تاپہٕ تانہٕ کرنہٕ تٔلہٕ کیاہ
فائدٕ چھےٚ ژٕ ہےٚ واتان؟

حکیم۔ بٕ کیاہ وَنےٚ ژٕ ہےٚ چاک نہٕ کرِنہٕ تہٕ نہٕ ژٕٹنہٕ
سیٚتھ کوتاہ فائدٕ چھُ اَز دس گژھان۔ تہِ
ہیکہٕ نہٕ بٕ وَنِتھ۔ ہر گاہ بٕ اَمہ کامہ نِش
اَتھہٕ پیٚتھ رٕ ژٕ تٕلہ چھٕلہٕ بٕ یِمہ دُنیہا نِش
تہِ اَتھہٕ تہٕ تِمہ دُنیہا نِش تہٕ تہٕ میانی ساے
مِحنتھ گژھہ کو لہ۔ پٔتیتھ مورن دس
یُس میانہٕ کاژٕ تِل پیہ دِمےٚ بٕ یوت رقم۔
مورِ یِمہ قسمک تہِ یُتھ آسہ تتھ سیٚتھ
چھُنہٕ مےٚ کینٛہہ، شہ مسلمان اُسن تن، یا
ارمنی، خواہ یہودی اُسن تن، مےٚ نِش
چھہ ساری ہیوی.

یہ کنتھ تھوم واریہ ژٕ پتس تہٕ یہ راُضی تھوونہٕ مو کھ
پیوم یُتھ جکھُن نہٕ رتھ یہ ٹھیلہ ہند گوبی ریٚتھ
ڈراو مےٚ تہٕ بُہٹا ہیکہ۔

سفیرن تہٕ اوس سانی حالتھ شیرنس تہٕ
اُسہ ماہرٕ ڈیارٕ وول بناونس سیٹھا خیال تہٕ
تس تہٕ وزیر اعظمس یہ یُس کنتھ باتھا پانہٕ وانی پیٚپیٚز
سو وَنتہٕ وَرائے چھُمنہٕ چارٕے کینٛہہ تہٕ اَکھتے وَنہٕ
بدلحاظ تہٕ بےشرم لاگتھ رُت موقہٕ ڈُچھتھ یم
باگتھ تہٕ ے

دلیر آمدی سعدیا در سخن
چو تیغت بدست است کاری بکن
بگوی آنچه دانی که حق گفته به
نه شهوت ستانی و نه عشوه ده
طمع بند و دفتر ز حکمت بشوی
طمع بگسل و هرچه خواهی بگوی

سفیر اوس دپان زِ "بٕ چھُس یِژھان
زمینک اَکھ پیچراہ اَکھ ایران کین لُکن ہاوُن تہٕ شہ
پیچز عام کرنس منز چھُم وومید زِ وزیر اعظم کریم اتھ
روٹ۔ تِمہ چیزٕک نوٗمونہٕ چھُم منگہٕ نوومت۔"
بٕ چھُس دپان ہرگاہ ہوٗہس منز تِمہ چیز چھ
زانی ہنز بوہی یا تہٕ آسہ ہیٚے، وزیر اعظم مازیچھ راوہ یچھ
پینٛٹنس ہیور ہو ہس منز تتھ مُشک مینہٕ موکھ تہٕ اوس شہ صُبحہ پیٚٹھ
شام تانی اَتھ چیزس دل دِنہٕ مو کھ مےٚ سیٚتھ تتِ کنتھ
کران تہٕ پتہٕ ژٕھان۔ "حاجیا! یہ کیاہ نا چیز! یمہ
اُمِرٕ آس جیر تہٕ روٗدُس نہٕ کینٛہہ تہٕ پانس تام۔ سےٚ

نِش اوسُن بوزُمُت زِ سفیرَن چھِ داریاو بُروس پانسِ سیتی تارِ دِتی تہٕ اَدے آسہ اُمِس اُچھ بُٹھِس کُن ذرٕ لجہ مژ تہٕ ساری جیس ہوش اُیس اُتھی کُن عام کرنہٕ کہٕ تمہ چیز کُن نومُونہٕ واتنس مُنز دِژھا ژھیٹھ لگنہٕ کنی لوگ۔ وزیرِ اعظم پانس سیتی سوچنہٕ زِ :-

"سفیرس پٮ۪ٹھ تمہ عام ہدیہٕ کہٕ چیز کھسہٕ تہٕ گوڈٕ میٚے خاص ہدیاہ دِنُن تموبُرسو مُنزٕ۔" اَدے اونُس اکہ دوہ ہیٚنہ نیٚنِنہ کر پو ہتھو ناد دِتھ تہٕ چھُم دپان "تلہٕ سَہ زٕ دِتہٕ مے خودایہ پٮ۪نہ پانسہ سُہ کُس چیز چھو پیوس نہٕ آسہ نِش چھُو۔ کینہہ چھُو، تو تُل چھُو دواہ چھُو، رُم ہیچہ نہ یم زٕ ہیوے دینہ خانس مُنزٕ آسن دِچھو مِتھو۔ یہ یہ عقلہٕ دِژ تہٕ چھُو اُسہ سورُسے۔ دودنی کیاز تہٕ ہیمو تمہ چیز مُحہ کیہہ سفیرس منتھٕ اُسی تہٕ بیچ نہٕ اَسہ ضرور وَچھے چھٕ بامے چھے جان اکھ خیالاہ آمُت تِمنہ مُنزٕ اکہ سفیرس پٮ۪نہ رِژر تہٕ چھُو بیٚیہ تُسہ ہِس بورٕ تہٕ۔ یہ وَدہٕ نی سفیرس سہ چیز عام کرٕ تہٕ کرِو تِن کام مے دِنُن یوٗدوے سہ نمبر آسہ۔ سے دوت۔ یہ چھینہٕ تِیز ژھتا کینہہ۔ وُچھِو سہ مُدو ہیوہ اَیس کُن زٕ چھیکہ ترِیوٕ زنگو۔ دوچھ تِہنز نگہ پان تہٕ کرِیہ تِمنہٕ تسِ کُنُن تہٕ نیت پلی تِیوت جل اَن مے بروٕ نیچ پٮ۪چھو۔" آمی ساتہٕ ڈراس تہٕ پٮ۪دٕر پٮ۪دٕر دوان ووتُن سفیرس نِش تہٕ پٮ۪چھُن پُہتھ۔ سفیرَن نزدیو پٮ۪نچ قُم رنیشہ کاسہ ہاتھ نیٚتھ ژھٹھاہ گرانہٕ

سہ اَسُن زِ پٮ۪ژھ کرُنو زیو داونُد بالہٕ اَپارٕ تہٕ ماآسکھ بوزُمُت۔ اکھ دوہ وَنُم "ہتا یارٕ! اکھا بُروس کھا تہٕ کُجا اُلو؟ بیٚیاکھ چھُم دپان" اُسو رُچھ دپان سعہ نیا منتقا دِمو تہٕ ہیٚیہ سعول پسوال روزِ تہٕ بٮ۪یہ آسہ مُنز چھُو۔" بیٚیے زُنی دوہم "اَمہ تِلہ چھُو نَنان زِ وزیرِ اعظم چھُو لکن یدٕ ژٕ بٹھہ پانس خلقہ ناگلی ترادان۔" اَکانو سفیر اوس ہیمن سارِ ہنے مُنزٕ رِند، پٮ۪شارٕ نہٕ ذرانے تہٕ کاکلہٕ سان وَو نقلکھ مے بُرسہٕ ہنڈلا اکھ دِیُن تہٕ سیتی دوہم۔" میشانہٕ طرفہٕ وُنی زِ وزیرِ اعظمس سیٹھا سلام تہٕ دِیی زِ یس" ایران کین لکن ہندرُت کاچھنس مُنز روزِ نہٕ بُہ ہرگز تہٕ پٮ۪تھ۔ مے چھیٚے وُمید زِ تو ہیوانو سہ چیز عام کرُن تہٕ سہ روزِ تُہند تحرک مے پٮ۪ٹھ احسان۔"

بڈٕ ہٹھینیکھ تہٕ سیٹھا شوقہٕ سان ووتُس بہٕ پھیر وزیرِ اعظمس نِش۔ یہ کام زِ گوڈٕ کوت داژ کینتہ تہٕ پٮ۪تہ رکھہٕ باگھو اَندیشہ، آیہ میانہٕ زیرکی تہٕ وو ہِستا دل ہنز لیل وانتہٕ تہٕ اَمہ سیتی نسُند وزیرِ اعظم مے پٮ۪ٹھ خاص کرِتھ مہربان تہٕ ہیمن بہٕ اُچھ مُنز پٮ۪ٹھ اوسُس تُم کھٮ۪تھ۔ ساری بوٹھ تہٕ وزیرِ اعظمن بنوو سُ بہٕ پنُن ہیرٕ۔ لوچ پنُن یار تہٕ پنُن دوس۔

